# کٲشُر ڈِکشنری

## جلد (۱)۔ ا۔ ب

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز۔ سری نگر

# کأشِر ڈکشنری

## جِلد (۱) ۔ ا ۔ ب




### ایڈیٹوریل بورڈ

پروفیسر ایس ۔ کے ۔ توشہ خانی (چیف ایڈیٹر)

پروفیسر جے ۔ لال ۔ کول　　پروفیسر محی الدین حاجنی

پروفیسر پی ۔ این پُشپ　　اختر محی الدین

جموں اینڈ کشمیر اکاڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز

# سٹاف

عبدالخالق ٹاک زینہ گیری (ایڈیٹر) • چمن لال چمن (اسسٹنٹ ایڈیٹر)

• محمد احمد اندرابی • روشل پونپر • بدری ناتھ شاستری • بشیر اختر



•

## پبلشر

سیکرٹری جموں اینڈ کشمیر اکاڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز

•

## نگران

محمد یوسف ٹینگ ۔ (ڈپٹی سیکرٹری. اکاڈمی)

•

اوفیسر انچارج پبلکیشن

معراج الدین

•

چھاپ خانہ ۔ ڈی لائیٹ پرنٹنگ پریس ۔ دہلی

تیداد ۔ ۲ ساس ، موٗل ۔

کتابت ۔ محمد یوسف مسکین ۔ ولی محمد میر

# برۄنٛہہ کتھ

کاشرِس چھُ سانہِ مُلکہٕ کِس اَہنِس منٛز بیٚین کیٚنٛژن ہنٛزن زبانن ستیٚ اکھ خاص رُتبہٕ دِنہٕ آمُت۔ یہِ چھےٚ سانٛز خاہش تہٕ تمنا زِ کٲشُر گژھِ پرٛتھ رنٛگہٕ بیٚیِن ریاستن ستیٚ برۄنٛہہ برۄنٛہہ آسُن۔ یہِ مقصد پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ آسہِ سیٹھا قدم تُلنہٕ تہٕ نٔوۍ نٔوۍ قدم تہٕ چھِ تُلنہٕ یِوان یِمو منٛز چھُ مُلکُک تمدُن تہٕ تہذیب قایِم تھوٚونہٕ باپتھ تمہِ بٔڈرن دِنہٕ موکھ تہٕ ریاستچن زبانن ترقی دِنہٕ پٔژھ ریاستس منٛز اکاڈمی بناوُن تہٕ اکھ بوڈ قدم۔ یتھ کالہِ چھےٚ بیٚیمہِ ریاستچن زبانن سۄہ سرکاری سرپرستی حاصل آسمٕژ یوسہٕ یمن برۄنٛہہ پکنہٕ باپتھ تہٕ برۄنٛہہ آسنہٕ خاطرٕ آسنۍ گژھہ۔

زبان چھےٚ سۄ شیٖشہ یتھ منٛز لُکن ہُنٛد تہذیب تمدُن پلان تہٕ پھولان چھُ۔ یُس پتہٕ زبو ہنٛس ستیٚ چھُ پرکھ کاشرِ مالی زاینکی پاٹھی پانے میلان۔ امہِ کِن لفظن پرانِن کھوٚونِن گژھہِ توجہ راچھ کرنہٕ۔ یتھ پٲنٛس ستیٚ ژھیٚن گژھہِ یا نۄوِس نشہِ بِن روزِ۔ لفظن ہنٛدۍ مانے گژھن صاف صاف سیٚود تہٕ شۄد پاٹھۍ وۄچھناونہٕ یِنۍ۔ امہِ باپتھ چھےٚ ڈِکشنری آسنۍ ضرورۍ۔ لفظہٕ کامِن آسنۍ چھےٚ کتھن دَتہٕ، جذباتن گیٚنٛڈہٕ کو جہ گژھان تہٕ ادبس چھُ دب لگان۔

مےٚ چھےٚ وۄمید زِ یمن یتھ یہِ ڈِکشنری بناونچ ذمہ داری چھےٚ تمو آسہِ پنُن فرض جان پاٹھۍ انٛد واتنوومُت تہٕ یہِ کٲشُر ڈِکشنری سپدِ کاشُر پرن والین سیٹھا مُفید ثابتھ۔


(سید میر قاسم)

پریزیڈنٹ

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز۔

# گوڈٕکتھ

ڈِکشنری بناوٕنۍ چھُ ساینس تہٕ ہنر تہِ۔ زبانۍ ہٕنٛدۍ بول (Vocabulary) یا لفظ، بلوٕتھ لفظ تہٕ محاورٕ ژھارٕنۍ تہٕ ژارٕنۍ، تہنٛز ترکیب، ترتیب تلفظ، آگُر، موٗل تہٕ بیوٚن بیوٚن سٕھٲ مانے مُشخص کرُن ہو کھٕ چھُ سٕھٲ ژھوٚنڈتہٕ زور پھوان دِین۔ خاصے آسہِ ترٛژھ کاژہ از کالہِ کرِ حسابہٕ موٗجوٗب مِعیٲری ڈِکشنری یِتھ ژٕ تجھوٚ یا پٮ۪نٛژٕ ہوٕ وٕری یوٗ کھوٚ تہٕ کم کال آسہِ لوٗگمُت۔ تہِ کرِتھ روزہٕ بس کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ برٕ یا پٮ۪یس پتھ۔ تکیازِ اکھ زِنٛدٕ زبان چھےٚ برٛوٚنٛہہ کُن برٛان برٛان بدلان تہِ گژھان تہٕ نوٕۍ نوٕۍ لفظ تہٕ عٔنٛدۍ شہِ رٹان گژھان۔ یِیمہِ برٛوٚنٛہہ تہٕ چھےٚ کیٚژھ پھِر کٲشرِ ڈِکشنری بناوٕنٕچ کام کانٛسہِ کانٛسہِ دٔقیہِ ؤقتہٕ اَتھس منٛز یِژ ہش سوٗنتہٕ پنٛڈتن یِمن ٹاٹھینٛیارٕ کٔنۍ سوٗنتۍ پنٛڈِتھ تہِ آسۍ دٕنان بناوِیوٚو باتن منٛز اکھ کٲشُر نِصاب اَرداہِمہِ صدی منٛز۔ اَتھ آسۍ کٲشرِ تہٕ فٲرسی لفظ مُقابلس منٛز دِتھ۔ یِیاکھا اکھ یُتھے فرہنگ چھُ کمی نام کٲشرِ س، فارسی عربی تہٕ سنسکرِتس منٛز بنوومُت۔ اَمِکۍ کیٛنٛہہ ورق چھِ سےٚ اَتھِ لگی متۍ۔ اَمہِ پتہٕ ہیٚژ آبہٕ بناوٕنۍ پنٛڈِتھ ایشور کوٗلن کٲشرِ س سنسکرِتس تہٕ بیٚیہِ ہیٚنٛدۍ یِس منٛز اکھ ڈِکشنری یا کشمیرِ سنسکرِت کوشہ۔ مگر تمن کرِ نہٕ دانٛسہِ ؤفٲئی تہٕ یہِ کام پوٗرٕ کرنہٕ برٛونٛہہ ژھٹے دِیُت تموٚ ۱۸۹۳ء س منٛز اَمانتھ۔ اَمہِ پتہٕ ہیوٚت یہِ کام کرُن بار سر جارج گرٛیرسن مہامہوپادھیاے پنٛڈِتھ مُکُنٛد رام شاستری سٕنٛزِ مدتہٕ سٕتۍ پانس پیٹھ۔ یہِ ڈِکشنری یوٗ سہٕ ژوٚن جِلدن منٛز چھےٚ سپٕز وارٕ وارٕ اَکہِ اَکہِ جِلدِ ۱۹۳۲ء س تام شایع۔ اَتھ چھُ انگریزی زبانۍ منٛز مانے دِتھ۔

کٲشرِ یاٹھی کٲشرِ ڈِکشنری بناونک سوال تُل گوڈٕ جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی ہٕنٛز کٲشرِ چ مشاورتی سب کمیٹی ۲۸ مئی ۱۹۵۹ء س منٛز۔ اَمہِ ؤقتہٕ آسۍ مرزا کمال اُلدین صاب اکاڈمی ہٕنٛدۍ سیکریٹری۔

اَمہِ سَب کمیٹی کوٚر اَکھ ریزلیوٗشَن پاس کرِتھ یہِ سفارِش زِ اکیڈمی گژھہِ کاشُر ڈِکشنری بناونٕچ منصوٗبہٕ بناوُن۔ اَتھ سِلسِلس منٛز کٔر اَمہِ سَب کمیٹی بیٚیہِ تہِ کیٚنٛہہ مُفَصَل سفارِش یِم لفظ سوٗمبراونہٕ باپتھ۔ چنانچہ شَن طرفن آے شٕنیٚہ گرٛانٹ بجویٹ اَمہِ کامہِ باپتھ سوزنہٕ۔ یہِ کام آیہِ شری اَختر محی الدینس نِگرانی اَندر کرناونہٕ مگر تِم گےٚ بیٚیس جایہِ تبدیل۔ سنہ ۱۹۶۶ءکس نومبرس منٛز آو اَکھ چیف ایڈیٹر مُقرر کرنہٕ یُس کاشرِس منٛز کاشرِ ڈِکشنری تہِ اُردو، کاشرِ ڈِکشنری بناونٕچ کام آیہِ منٛزٕ تھوونہٕ۔ کاشرِ ڈِکشنری بناونٕچ کام آیہِ جوٗن سنہ ۱۹۶۷ءس منٛز شروٗع کرنہٕ تہٕ گوڈنیُک جلد گو نومبر سنہ ۱۹۶۸ء منٛز تیار۔ اَتھ منٛز آسی تِم ساری لفظ آسنہٕ یِم سرجارٕج گریرسنٕہ ڈِکشنری منٛز درج آسی تہٕ یِم سٔروے یِروٕ آسی سوٗمبرتھ آمٕتی۔ مگر اَتھ سام ہینہٕ باپتھ آیہِ اَکھ ڈِکشنری رِویوٗنگ کمیٹی (Dictionary Reviewing Committee) مُقرر کرنہٕ۔ اَتھ آسی یِم پانٛژھ میمبر: میرزا غلام حسن بیگ عارِف، پروفیسر جے ایل کول، پروفیسر محی الدین حاجنی، پروفیسر پی این پُشپ تہٕ شری اَختر محی الدین۔ نومبر سنہ ۱۹۷۰ءس منٛز دیُت اَمہِ کمیٹی پنٕن رپورٹ۔ بیٚیمہِ موجوٗب کیٚنٛہہ لفظ فرضی نازیبا یا شاذ آسنہٕ کِنۍ رد کرنہٕ آے تہٕ ۱۰۲۶ نٔوی لفظ آے شامِل کرنہٕ باپتھ دِنہٕ۔ سنہ ۱۹۷۱ءس منٛز بناو تمہِ وقتکِ اکاڈمی ہِندِ پریزیڈنٹ جناب آنجہانی غلام محمد صادق صابن زِ ایڈیٹوریل بورڈ۔ اَکھ کاشری پاٹھی کاشرِ ڈِکشنری بناونہٕ باپتھ تہٕ بیاکھ اُردو کشمیری ڈِکشنری بناونہٕ باپتھ۔ گوڈنکِ بورڈٕکین میمبرن ہِندی ناو چھہ سرورقس پیٹھ دِتھ۔

کُنہِ زبانۍ ہٕنز گوڈنیچ سوٗ ڈِکشنری بناونۍ یتھ تِتھۍ زبانۍ منٛز وکھنے آسہِ گرٛمژ چھپنہٕ کیٚنٛہہ گنٛدنہٕ ہنا۔ توٚہالہِ یتھ زبانۍ منٛز کتابہٕ تہٕ آسَن بوٗزی تھے لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ عام تہٕ سرکاری لکھٕ پرٕ تہٕ آسہِ بیٚیہِ کُنہِ دوٚیمہِ زبانۍ منٛز کرنہٕ یِوان، تیٚمِچ تِتھۍ زبانۍ منٛز وکھنے کرنۍ چھےٚ ژٕرے پہن کرٕ ٹھ۔

کاشرِ زبان چھےٚ پرانۍ تہٕ نوٗنۍ لایق۔ وِنۍ کین بیٚیمہِ کِنۍ یہِ یتھ کالہِ سرپرستی نہٕ آسنہٕ کِنۍ چھےٚ یتھ گامٕژ۔ اَمکۍ سیٹھا پرانۍ پرانۍ لفظ چھہ گلی ہیٚتی تہٕ نہٕ گلان تہٕ۔ اَوٕ کِنۍ چھہ ضروٗری زِ یِم دوٚیمۍ لفظ یتھ کٔن موژ ہیٚتی چھہ تِمن بیٚیہِ رائج کرنہٕ۔ تِم ساری تہٕ یِم نٔوی لفظ بارسس چھہ آمٕتی تِہُندِ اَکھ راشَس بناوُن چھہ خاص اَہمیت تھوان۔ بیٚیمہِ ڈِکشنری ہُند یہِ گوڈنیُک جلد چھہ ا نہٕ ب گوڈٕ اَچھرن نام

محدود۔ یمہ جلدس منز چھ تم ساری لفظ یم سر جارج گرئیرسنہ سنز ڈکشنری منز تہ یم سروے یرو
آسی موجود۔ چیف ایڈیٹر سنز تقرری برونٹہ سومبراوِ تھاوی ہیتی۔ امہ ہر چھ تم ۱۰۲۶ لفظ تہ فیقرہ یم
ریوونگ کمیٹی پرزانتھ آسی دِتھمتی۔ شری عبدالخالق ٹاک سندی ۱۴۶ تہ شری بشیر اخترن
سیٹھا کتابن ژھونڈ دِتھ آنی ہتی ۲۵۴ تہ پروفیسر جے ایل کول سندی للہ واکو تہ نور نامہ منز
ژارتی منتی ۳۴ لفظ تہ محاورہ شامل۔ یمن نون لفظن ہند کوچ مسودہ کور شری بشیر اخترن تیار۔ تتی مہ
سارے کتابہ ہند مسودہ چھپے شری چمن لال چمن سنز کام۔ ہرتھ کانہہ شیر لفظ (Head word)
چھ گوڈہ حاشیس کُن دچھنہ طرفہ تھونہ آمت۔ امہ پتہ چھ تمکی محاورہ تہ ملوتھ لفظ (Compound
words) دِ کھنے سان تہ ضرورت تہ موجب مثالو سان تہ دِنہ آیتی۔

ڈکشنری ہنز اکھ گوڈنچ کام چھے لفظن ترتیب دِنی۔ کاشرس چھ واریاہن ہندستانی
زبانن ہند کھوتہ أری اچھر (vowels) کھوژری اچھر (consonants) ژری۔ لفظن ہنز
جاے مشخص کرنہ باپتھ چھ پیوان اکس اکس لفظہ ترو سبراو سط پاٹھی سنتھ سنتھ بھری دِنی
اگر تمن گوڈنکی تہ دویمی اچھر گتی تہ آسن۔ تو پتہ تہ چھ کنہ جایہ تیتھ لفظا یتھ پیوان زہ اکس یا دون صفن
کتابہ ہندن چھپے پیوان کرنہ کراو تہ پوت پھیر تھ نو ترتیب دِنی۔ کشرہ پھرچھ کانہہ اُدرا اچھر ژری
اچھرس سیتی بولنچ آسانی باپتھ یوان۔ اکھ چھ انگریزی پاٹھی گلایڈ (Glide) ونان۔ کانہہ چھ
یتھس لفظس پہ گلایڈ تھوان تہ کانہہ نہ۔ مثلن کانہہ چھ کرناو تہ کانہہ کرناو۔ کانہہ ڈلراو تہ کانہہ ڈلہ راو
ونان یا لیکھان۔ گلایڈ تھوتھ یِن یم لفظ اکس جایہ تہ تمہ روس بییس جایہ۔ یہ سارے ترتیب دِنچ
کام چھے شری چمن لال چمنن مثالہ نگرانی تل پور کرِمژ۔

لفظن سیتی سیتی چھ یہندی مول (Stem or base) تہ آگر (Etymologies) دِتھ۔
کنہ لفظک مول گو تمیک سہ روپ یتھ گردان یوان چھ کرنہ تہ آگر گو تمہ زبانی ہند لفظ یمہ
منز سہ درامت آسہ۔ مثلن آسی نیو اکھ لفظ "گور" اکھ گور گو شرین گاوکین کھسان چھ اکھ
چھ مول گاو۔ یہ چھ ننان ییلہ اکھ گردان کرو مثلن گور، گاری، گارس، گارین، گاریو بیتر۔

بیاکھ گور، پہ تنہٕ وَنان بیٚھ پنٕہ کھنڈٕ چھ بنان۔ اَمیُک سۄل چھُنہٕ گاز۔ اَمیُک سۄل چھُ "گوٗر" گردان کرنہٕ
وِزِ گژھِ اَتھ گور، گورس، گوٗرک، گوٗرن بیتر۔ گور لفظ چھُ بیٚھِ پاٹھۍ روزان۔ بیٚھِ پاٹھۍ ہیمو "سور"
اَکھ سور، گوپوشہٕ وُن، وفادار بیتر۔ اَمیُک سۄل چھُ "سار" گردان کرنہٕ عستی چھے اَتھ یہ شکل نیران مثلن
سور، سارٕ، سأرِس، سارِن بیتر۔ دوٚیم "سور" چھ اَکس حیوانس وَنان۔ اَتھ چھُنہٕ سۄل "سار"۔ اَتھ چھُ سۄل تہٕ
"سور" گردان کرنہٕ وِزِ چھُنہٕ یہ لفظ بدلان۔ مثلن سور، سورس، سورن، سورو۔ گوڈنکہ سور لفظُک آگُر چھُ
سنسکرت "سار"، دوٚیمہ "سور" لفظُک آگُر چھُ سنسکرت شوکر۔ پراکرت "سواکو"۔ یہ کام چھے بیٚژھ
کڑٕرٕ تٕھ زٕ اَکس اَکس لفظس بیٚٹھ چھ گنٹہٕ وادتہٕ کُتہٕ کُنہٕ پھِر دۄہہ واد راوان۔ خاصکرِتھ تِمن لفظن ہندٕ آگُر
ژھانڈنس بیٚٹھ یِم سنسکرتہٕ یا پراکرتہٕ سنٛزٕ آمتی چھِ۔ تِکیازِ ساسہ بدِ ہن وُری ین منٛز چھے ییمن سٕٹھاہن
لفظن ہنٛز ہیٚیت بدلے ہنٛز تہٕ ڈٕکھٕنٛز۔ آگُر وٕچھنچ کام چھے سیٚٹھا عۄہمن پانہٕ کرٕ ہنٛز۔ مگر یِم لفظ سنسکرتہٕ
یا پراکرتہٕ سنٛزٕ کاشرِس منٛز آمتی چھِ تِمن ہنٛدٕ آگُر ژھانڈنس تہٕ کڈنس سنٛز دیت شری بدری ناتھ
شاستری (کلن) سٹھاہ سوکُل مدد۔

لفظن ہنٛدی آگُر پیٚیہ سٹھا کتابہٕ وُچھنہٕ تہٕ ژھونڈنہٕ ڈری یا فِکر کرٕنی۔ ییمو منٛز چھے ییمہٕ
کتابہٕ خاص پاٹھۍ گنزرٕنہٕ لایق۔ آر۔ ایل۔ ٹرنر (R. L. Turner) ہنٛز
(Comparative Dictionary of the Indo-Aryan languages)۔

پلاٹس (Platts) ہنٛز (A Dictionary of Urdu Classical Hindi and English)۔

سر مانیر ولیمز (Sir Monier Williams) ہنٛز سنسکرت انگلش تہٕ
انگلش سنسکرت ڈکشنری، پنڈت ہرگووند داس ہنٛز پراکرت ڈکشنری تہٕ کاشی ناگری
پرچارنی سبھایہ ہنٛد ہندی شبد ساگر تہٕ کلہن ہنٛز راج ترنگنی۔

یِہ دوے گوڈنکی اَکھ زٕ پھری چھ اَتھ کتابہٕ منٛز پانہٕ دِتی ہتی مگر پورٕ پاٹھۍ ہو خوٚد شکل دِنہٕ باپتھ

چھےٚ ایڈیٹوریل بورڈکیو سارٕ وے ممبرو رٕژ رٕژ وُچھتھ شیرہٕژ تہٕ مُکمل کرٕمژ۔
چھاپنس لایق بناونہٕ باپتھ پرٕس کاپی ہ۔ش۔ر۔س۔ گوڈنکس مُسودس سعتہٕ مُقابلہٕ کرٕنس منزٕ تہٕ پروف
رٕژ رٕژ وِچھنس منز چھےٚ ڈکشنری سیکشنکیو سارٕ وے مُلازمو کوٚٹھ تہٕ کارٕ پلناوِتھ کام کرٕمژ۔
شری محمد احمد اندرابی آسی ژھوہنٹھ پیٹھے اکھ کامہٕ منزٕ اتھ رووٚٹ کران مگر پتیمس دِکس منزٕ دیتُت
شری روٚسل پوشپری، بشیر اختر تہٕ بدری ناتھ شاستری ین تہٕ سیٹھا مدد۔

پوٚتُس چھُس یہ یژھان کیٚتھ کُڈن والین یہِ وَنُن زِ چھُتی تہٕ کرٕ ہنی زارٕ نی چھےٚ اکھ
سیٹھا مُفید کام۔ بیٚیلہِ کیٚتھ کُڈ بِنجہِ ہنٛز کھوتہٕ آسہِ تمن ژُرٕ کی یا کھٹی کھپٹھ کڈٕ ہنج ینتھ۔ میٚے
چھےٚ ووہ مید زِ زانن وآلی دِنس داد تہٕ نہ زانن وآلی تُلن ییمہ ڈکشنری ہنٛدِ پوٗرٕ پوٗرٕ فایدٕ۔

ایس۔ کے۔ توشہ خانی
(چیف ایڈیٹر)

# زان

کأشرِ زبأنی ہنز ڈِکشنری بناونچ کأم چھے واریاہ کالہٕ پیٹھہٕ چلان روزمژ۔ واریاہو عألِمو تہٕ ودوانو کٔر وزِ وزِ کوشش یہِ کأم انٛد واتناونس۔ یہ کیٛنژھا تموٚ کوٚر تہٕ چھپنہٕ سورٕے مولوٗم مگر یہ کیٛنژھا قلمی نُسخن منٛز محفوظ چھ، تتھ وَنو لفظہٕ راش۔ یِمن لفظہٕ راشن منٛز چھ کأشرِ پیٹھہٕ بییہِ کُنہٕ زبأنی منٛز ترجمہ سیٛتی تہٕ ترجمہٕ چھہٕ عموٗمن سنسکرت، فارسی تہٕ انٛگریزی زبأنی منٛز۔

لفظہٕ راش بناوَن والین عألِمن منٛز چھہٕ مشہوٗر سمتی پنڈت، پنڈتِ ایشر کول، میر سیف الدین تارہ بلی، ایلمزی بیترِ۔ سمتی پنڈت سُنٛد نُسخہ چھ سارِوِی کھوتہٕ پرون یُس ۱۸۵۹ عیسوی منٛز تیار کرنہٕ آو۔

مگر کأشر ڈِکشنری بناونس منٛز یوس سارِوٕے کھوتہٕ بڈ کأم سپٕز سوٚ اَس سَر جارج گریئرسن سٕنز A DICTIONARY OF THE KASHMIRI LANGUAGE۔ اَمس پایہٕ بڈِس عألِمَس اوس پنڈت ایشر کولن مسودہٕ آیِتَن تہٕ اَمہِ علاوہ اوسُس تمہِ مہو پادھیاے، پنڈتِ مکنٛد رام شاستری اِمدادس۔ یہ ڈِکشنری چھاپ رایل ایشیاٹِک سوسایٹی ژٔرن جِلدن منٛز (گوڈنیک جِلد ۱۹۱۶، دوٚیِم جِلد ۱۹۲۴، ترٛیِم جِلد ۱۹۲۹ تہٕ ژوٗریِم جِلد ۱۹۳۲) اَتھ منٛز چھ کأشرین لفظن انٛگریزی پأٹھی مانے دِتھ۔

سارِنٕے زِنٛدٕ زبأنین ہنٛدی پأٹھی چھے کأشر زبان دوٚہہ پتہٕ دوٚہ آے لبان، پھولان تہٕ وُسعت پاوان۔ واریاہ لفظ چھہٕ نوٚی نوٚی یِوان تہٕ واریاہ چھہٕ گلی گلی گژھان۔ گریئرسن سٕنز ڈِکشنری اَس پرأنی گأمژ تہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛز نوٚ ڈِکشنری بناونک سپُد شدید احساس۔

جموٗں کشمیر کلچرل اکادمی ہنٛد کِن گٔنڈنہٕ پتہٕ کوٚر اَمہِ چِہ کأشرِ مشاورتی کمیٹی ۲۸ مے ۱۹۵۹ عیسوی منٛز اَکھ ریزولیوشن پاس یتھ منٛز نوٚ کأشر ڈِکشنری بناونچ مَنٛگ آیہ کرنہٕ۔ چنانچہ ۱۹۶۲ عیسوی منٛز آو کلچرل اکادمی

مَنٛز اَکھ لوکُٹ ڈِکشنری سیکشن قایِم کرنہٕ۔ اَمی سیکشنن کوٚر کام شوٗروٗ۔ گریرسن سٕنٛزِ ڈِکشنری مَنٛز شامِل لفظن ہُنٛد رسم خط آو بدلاونہٕ تہٕ اَمہِ علاوٕ آیہِ لفظہٕ شرحے کرنہٕ۔ مُختلِف علاقو پیٹھٕ آیہِ طائفہٕ وَرَن ہِنٛدی، جنگلی کُلین، بوٗٹین ہِنٛدی تہٕ علاقہٕ وار لفظ جمع کرنہٕ۔ 'الف' تہٕ 'ب' بابس تل آو لفظن ہُنٛد اَکھ فِرستہٕ بناونہٕ تہٕ یِم لفظ آے کاڈِتھ پیٹھ اَکہِ اَکہِ تارنہٕ۔

اَمہِ کامہٕ ہُنٛد ترٛاوٕ بیِنہٕ ۱۹۷۰ عیسوِیس مَنٛز کاشُر لفظہٕ راش ناوی کِتاب تیار سپٕنہٕ۔ اگرچہِ اَتھ کِتابہِ پیٹھ ڈِکشنری سٹاف کیو کارکُنو کافی میٚحنت کٔرمٕژ اَس مگر اَتھ مَنٛز آسہٕ کینٛہہ خامیہِ۔ یِم خامیہِ دوٗر کرنہٕ کو نیتہٕ آیہِ اَکھ ریویوِنگ کمیٹی بناونہٕ۔ اَمہِ کمیٹی دِیُت پنُن رپورٹ دسمبر ۱۹۷۰ عیسوی مَنٛز۔ یہِ رپورٹ نظرِ تل تھاوِتھ آو اَکھ ایڈیٹوریل بورڈ بناونہٕ۔

ایڈیٹوریل بورڈن دِژ ساری سے کامہٕ دُبارٕ نظر (وۄچھ پڑچھ خامیہِ آیہِ دوٗر کرنٕچ کوشش کرنہٕ۔ یہِ کیبٹرھ گوڈٕ کارکُن ہِنٛز تہٕ اَدٕ بورڈٕچ میٚحنژ ہُنٛد ماحصل چھُ، تہٕ چھُ توہہِ برۄنٛہہ کُنہٕ۔

زِنٛدٕ زبانین ہِنٛز ڈِکشنری چھِنہٕ ژانٛہہ تہٕ مکمل آسان۔ یوٚدوے بناون والی سیٹھا میٚحنت کٔرِتھ یِہ چھکلِتھ سوٗختہٕ مالہِ مَنٛز پرٛوٕنٛچ کوشش کرن مگر تاہم چھِ لفظ باقی روزان۔ کاشُر زبانی ہِنٛدِ خاطرٕ چھُ یہِ کام زیادٕے مُشکل تِکیازِ اَتھ چھِنہٕ سوٗختہٕ محض چھکرِتھ بلکہ لۆکھٕ بُزی تہٕ راو رٕٹھنہٕ۔ یِم سوٗرے لبُن تہٕ ٹیتھ جمع کرُن چھُ ہنا دُشوار۔ ...ہتھ قدیمہِ زبانی مَنٛز ہیکَن وُنہٕ تہٕ وارِیاہ لفظ آستھ یِم تِھین طرفاتن کُن ٹلی متی آسَن۔ یورنہٕ ساٗنی نظرٕ پچھتہٕ آسہٕ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ نٔوی نٔوی لفظ نٕرِوان تہٕ ممکِن چھُ یوٚتام اَسی یہِ کام اَنٛد واناوَو توتام آسَن بیبہِ خبر کاتیاہ لفظ یا تہٕ نٔوی آمتی یا نٕنٛیر بارسس آمتی۔ وُرنکیس تہٕ چھِ وارِیاہ لفظ آسہِ نشہٕ موجود یِمن ہِنٛز (AUTHENTICITY) حاصِل کرٕنی وقتہٕ چِھ ٹنٛگی کِنی مُمکِن آسان نہٕ۔ لہٰذا پیٚیہِ یِم لفظ دوٚیمہِ ایڈیشنہٕ خاطرٕ پتھ کُن تھاونی۔

کوشش چھےٚ آمٕژ کرنہٕ صِرف تِم لفظ شامِل کرٕنچ یِمن اَسی چلوٗنی وَنو۔ تِمن گو اَدبی، فنی تہٕ عوامی سبھتَرس پیٹھ استیمال سپدان لفظ۔ یہِ نظرِ تل تھاوِتھ چھِ اَمہِ گریرسن سٕنٛزِ ڈِکشنری مَنٛز ترٛاوِتھ تِم

لفظ ترٲوی منتہِ یم کلاسکی زبانن منز موجود آسنہٕ کنہِ صرف یہِ زٲنتھ شامِل آسی زِ تہنٛز لگن بکار یا یم تیلہٕ آسہٕ ... کیتہٕ ... تیکنہ چھنہٕ آمتہٕ باوۄ کۄد وِ چھوک تہی کینہہ تم لفظ یم ہرگاہ عام ورتنس چھنہٕ ردرِ تھ چھِ گاہے کنہٕ محاورس، مثالہٕ یا بٲتس سیتی یمو منز چھِ کینہہ تمی تہٕ یمو کیٛن پیٛٹھ اَمہِ محفوظ چھِ تھوومت

تہٕ اَز کل چھِ کُنہِ کُنہِ جایہِ یا کُنہِ خاص مطلبہٕ خٲطرٕ استعمال سپدان۔ مگر اَسہِ چھنہٕ یہ کُلی قاعدہ بنوومت، مثلاً یرِ ٹس منز شامِل لفظ "چشمِ شہلا" یا شوہرِ نیم منز لفظ "برِ دوش سمائی" لیکن نہٕ یتھ ڈکشنری منز جاے۔

طایفہٕ دارن ہندی لفظ یا بولہٕ لفظ تہٕ چھنہٕ یتھ منز شامِل۔ یوٚدوے یتھ کانٛہہ لفظ عوامی زبانی پیٹھہ یا ادبس منز آمُت چھُ سہ لفظ چھُ گاہے گاہے یتھ ڈکشنری منز موجود۔ اَسہِ چھنہٕ تم لفظ تہٕ محاورہٕ تہٕ یکایک شامِل کٔری متی یم مالایانی (Grammatical) منز داخل چھِ یتہٕ گژھہٕ نہٕ کُلی قاعدہٕ۔ تصور سپدان یکبارِ واریاہ لفظ چھِ تم ساری فی طبقن یا طرفو، منز مالایانی چھنہٕ مانہٕ یوان۔ کینہہ علاقٲئی لفظ تہٕ آسن یتھ منز آمتی۔ تمہ چھُ وجہ یہ زِ یمو کینٛژَو لفظو چھُ یمن یا اہمیت ہیٛتھ نش لبنہٕ۔ یمن جاین ہندی ناو تہٕ چھِ درج یمن کانٛہہ تواریخی اہمیت چھےٚ یا یمن لۄکہٕ ادبس سیتی وابستہ چھِ۔

لسانیاتی آگرُ (ETYMOLOGY)، چھنہٕ یمن لفظن ہُند دِنہٕ آمُت۔ یمن ہُند تہٕ کُنہِ طریقہٕ تۄبوت میسر سپُد۔ خیالی یا گٔری متی آگری چھنہٕ اَسہِ قبول کٔری متی۔

مثالہٕ چھےٚ چھرہ یمن لفظن ہنٛز وضاحت کرنہٕ خٲطرٕ دِنہٕ آمژٕ یم یوٚدوے مقبول کانٹیکسس منز موجود چھِ مگر عام ورتنس منز زیادٕ تر چھنہٕ۔ پرٛژھن جاین چھُ اَسہِ نظمہٕ ہنٛز، کتابہٕ ہُند (یتھ منز یہ لفظ شامِل آسہِ) یا محض اُدیبہٕ سُند (یمی یہ استعمال کوٚرمُت آسہِ) حوالہٕ دِتمُت۔

اَسہِ چھِ عموماً لفظن سیٛنی سیتی (یینہٕ ضرورت اوس) تلفظُچ تفاوت تہٕ دِژمُت مگر اَتھ تہٕ چھُ لفظن ہُند علاقٲئی تلفظ چھنہٕ اَسہِ شامِل کوٚرمُت۔ یتھ جایہِ شکوک سپدی پٲدٕ تتھ جایہِ چھُ اَسہِ سٹینڈرڈ تلفظ ہرِ ینگرِ چ بولی مانٛز مژ۔ کینہہ لفظ یمن سیتی تقدُس وابستہ چھُ چھِ آمتی تمے اَچھرو درج کرنہٕ یم اَچھر یتھ تم دوکیو زمانو پیٛٹھ کانٛہس منز آے۔ یمن منز چھِ اسمائے حسنیٰ تہٕ اسمائے محمدیؐ شامِل مگر باقی لفظ، بامے رتم

دۆیمو زبانو پیٹھ آیمتی چھِ، چھِ آمتی نَموٗ اَچھروٗ شامِل کرنہٕ یِم کاشرِ ہنٛزِ زبانی پلیٹھ کھسِتھ نَموٗ ژاوی۔

●

رَسمِ خط چھُ سُے اِستیمال آمُت کرنہٕ یُس حکوٗمتِ جموٗں کشمیرن قوٗبوٗل کوٗرمُت چھُ۔ یِمَو اَمہِ
علاوٕ اَس کینٛژن لَفظَن ہُنٛد اَچھرٕ وُوتُر سَنٛبالنیچ ضوٗروٗرَتھ۔ یہِ کام اَنجام دِنہٕ خاطرٕ آیہ اکاڈمی ہنٛزِ ڈکشنری
پروجیکٹ کین دوشوٕنی (کاشُر کاشُر تہٕ اُردوٗ کاشُر) ایڈیٹوریل بورڈن ہنٛز یکجا میٹنگ طلب کرنہٕ۔ یِمَن
میٹنگَن مَنٛز سپدی یِمتی فاصلہ روٗدِ سانی وَتہٕ ہاوُکھ (فاصلَن ہنٛدِ تفصیلہٕ خاطرٕ وُچھو صفہٕ ر )

●

لَفظَن ہنٛز ترتیب تہٕ اِندراج چھُ خاص طریقہٕ کرنہٕ آمُت۔ اَمہِ خاطرٕ چھُ وضاحتی نوٹ شامِل
وُچھو صفہٕ ش۔ کانٛہہ لَفظ یَتھ مُختلِف مانے چھِ چھُ مُختلِف نمبرَن تَل درج آمُت کرنہٕ۔ یُتھ پٲٹھ
مانے خاطرٕ یہِ بیوٗن لَفظ گنٛزرنہٕ یِیہِ۔ بیٛیہِ کُنہٕ اَکِسی لَفظَس مانیَن مُختلِف ژھایہِ چھِ تہٕ چھِ تِم مانے
اُتھی لَفظَس تَل مُختلِف نمبرَن تَل دِنہٕ آمتی۔

●

ضوٗروٗرتھ پیوٗو ژھوٹ اَچھر (ABBREVIATION) اِستعمال کرنُک۔ اَمہِ خاطرٕ یِم اَچھر اِستعمال
سپدۍمتۍ ہنٛز تفصیل چھےٚ ش صفس پیٹھ دِنہٕ آمٕژ۔

ایڈیٹوریل بورڈ
کاشُر۔ کاشُر ڈکشنری

●

# رٚسم خط

...یمہِ ڈِکشنری ہُند رٚسم خط چھُ سُے یُس جموں کشمیر ریاستس منظوٗر چھُ کوٗرمُت تہٕ گرُٹ ورناولس

اندر آسی تہٕ لیکھن واجِنۍ کُنہٕ گنڈِتھ ٹرینِنگ اندر لیکھان ۔ پرٛنہٕ کاتہِ اوس یہِ رسمِ خط پنٕنہِ پنٕنہِ مرضی موجوب استیمال کران ۔

اَمہِ باپتھ بُلاو چیف ایڈیٹرن گوڈٕ اَکھ اَدبی ہنز میٹنگ ۱۹۶۷ ہس اندر ۔ تو پتہٕ آیہِ بیاکھ میٹنگ ڈِکشنری ہِندِ ہِن دوٚن

ایڈیٹوریل بورڈن ہنزٕ ۲۷ نومبر تہٕ ۲ دسمبر ۱۹۷۱ ہس منز چیف ایڈیٹرس ہِندِس دفترس پیٹھ بُلاونہٕ ۔ یمہِ اندر رٚسمہِ کینٛہہ

کتھہِ تہِ یمن ہنز ذکر یوان کرنہٕ چھے:-

۱۔ اسماءِ حُسنیٰ تہٕ صِفاتِ محمدی اندر یِم نٲمہِ نمتہ تہٕ نٲمہِ نمتہ لفظ یوان چھِ تِم ین نہٕ تیتھے یا ٹھیٖ ہو بہو نِسنا لیکھس اندر عربی موجوب لیکھنہٕ ۔

۲۔ ث ، ص ، ح ، خ ، ذ ، ض ، ط ، ظ ، غ ، ف ، ق ، ین تمن سارنے لفظن اندر لیکھنہٕ یِم عربی یا فارسی پیٹھ آمتی آسن ۔ مثلن ، ثواب ، صاف ، حد ، خط ، ذلیل ، نظر ، غرض ، قلم بیتر ین نہٕ لیکھنس اندر بدلاونہٕ صرف ییتہٕ تلفظِ نلہِ آسہِ کاتہِ اوّر اچھر ( VOWEL ) بدلان ، تتہٕ پیہِ تیتھرے یا اَژ تبدیلی کرنہٕ ۔

(۳) "ع" اَچھر پیہِ اَرِ اَچھرِ چہ اَدلا بدلی سان لفظس گوڈٕ تہٕ پتہٕ لیکھنہٕ ۔ مثلن ۔ عمل ، عقل ، علم ، عاشق ، عارف ، عالم ، طالع ، شمع ، جمع ، نفع بیتر ۔ مگر ییتہٕ آخرس اندر اَمہِ برونٛہہ زیوٗٹھ اوّر اچھر ( VOWEL ) پیہِ تتہٕ پیہِ ترٛاونہٕ مثلن ۔ شورو ع ، بدل ، شورو تہٕ الوِداع ، بدل ، الودا ، بیتر ۔

(۴) یُس "ع" ۔ فارسی یا عربی لفظس منزس پیہِ تمہِ بدلہ پیہِ سہ اوّر اچھر ( VOWEL ) لیکھنہٕ یتھ منز تمیُک آواز کاشرِس منز بدلیمُت آسہِ ۔ مثلن ۔ تاشوق ، ماشوق ، جافر ، تاجب ، تاریف ، تالیم ، شائیر ، توقُق ، موملی ، شولہٕ ، جماتھ بیتر ۔

۵۔ عَرَبی تنوین (ـٌ ـٍ ـً) بَدَل پیٚیہِ ، اَن ، تھَونہٕ۔ مثلَن۔ فورَن ، جبرَن ، آنَن فانَن۔

۶۔ دست ، وقت ، سخت ، بیٚترِ ہِی لفظ ہیٚکو زِ لیٚکھِتھ یِتھہ مہٕ ت ، ورٲے تہٕ۔ مثلَن۔ دَس ، وَق ، سَخ ، بیٚترِ۔

۷۔ یِمَن لفظَن عربیس اَنٛدرٕ ' اَل ' یِوان چھُ۔ مثلَن ' ابنُ الوقت ' ، بالکُل ، بیٚترِ ، تِم ہِن یِتھہٕ پاٹھی لیٚکھنہٕ: اِبنُل وقت ، بِل کُل۔

۸۔ یِمَن فارسی یا عربی لفظَن گوڈٕ ' اح ' یِوان آسہِ تہٕ یِمَن کاٛشُر آواز ' ایٚیح ' تھٲوِتھ نیٚبرِ تِم ہِن ' ایٚح ' سیتی شورُو کرنہٕ۔ مثلَن۔ احسان ' تہٕ احترام ' ہِن لیٚکھنہٕ ' ایٚحسان ' تہٕ ایٚحترام ، مگر اَحَد ، احمد تہٕ احمق ہِی لفظ ہِن یِتھے کٔنہہ لیٚکھنہٕ تہٕ کیازِ یِمَن منٛز چھُنہٕ ' اح ' ' ایٚیح ' آواز دِوان۔

۹۔ تمام پاٹھی گژھہ بریاد تھٲوُن زِ کاٛشرِ لفظ ہِن کاٛشُر آواز موجوٗب لیٚکھنہٕ مثلَن ' پیدا ، میدان ، شاعر ، خواہش جُرأت بیٚترِ بدَل گژھہ لیٚکھُن پٲدٕ ، مٲدان ، شاعِر ، خاہش ، جُرتھ۔

۱۰۔ بیٚترِ کانٛہہ عربی لفظ ' اع ' سان شورُو آسہِ سپدان شہ پیٚیہِ ' اع ' اکھ دُکھانٛٹ (DIGRAPH) شرُوٗنٹ اَچھر مانٛنتھ۔ ' اع ' سیتی شورُو کرنہٕ مثلَن ' اعتبار ، اعتراض ' ہِن تِتھے پاٹھی لیٚکھنہٕ یِتھہٕ پاٹھی عربیس اَنٛدر چھہٕ۔

۱۱۔ کھٔے ، ژٔے ، مٔے ، ہِی لفظ ہِن یِتھے پاٹھی لیٚکھنہٕ۔




# عَلامأژ تہٕ ژھوٚٹرِنہٕ

| ہ ـــــــ بِروٚنہہ لوٚگ | ہ ـــــــ پوٚت لوٚگ |
| --- | --- |
| ؏ ۔ اَمِہ پَتہٕ مَشکوٗک | ؟ = اَمِہ برٛوٚنہہ مَشکوٗک |
| < ۔ آگُر ۔ ذٕچھنِہ لَفظہٕ مَنٛز دٕرامُت | < = آگُر ۔ کھوورِ لَفظہٕ مَنٛز دٕرامُت |
| انگ ۔ آنگریزی | س = سَنسکرٕت |
| ع ۔ عَربی | ف = فارسی |
| ہ ۔ ہِندی | ا = اُردوٗ |
| ل۔م ۔ لَفظی مانے | رم = مِثال |
| مُ ۔ مُقابلہٕ چھُس | م = ماد ، ن ۔ نَر |

[ اَمِہ ہَرچھِ بیٚیہٕ نہِ کینٛژن زبانٛن ہِنٛدی لَفظ یِتھٕی ہِنٛدی ناو پُورچھِ دِنہٕ آمتی ]

# تَشریح

کانٛہہ وِ عَلامتھ چھےٚ لَفظُک آگُر ہاوان ، یورکُن یہ کوو واہرٲوِتھ آسہِ تَتھیتھ چھُ تَمِہ لَفظُک آگُر دِتھ یُس کانٛہہ وِس کوٚنس نِشہِ لیکھتھ آسہِ ۔ مَثلن [ اٚچھ < س : اَکشِہ > یہ اکرِت : اَچ چھِہ ] گوژِ کاشُر لَفظ ' اٚچھ ' چھُ سَنسکرٕت ' اَکشِہ ' لَفظِ بیٚیتھ آمُت ۔ اَمی بیٚیتھ چھُ پراکرٕت ' اَچ چھِہ ' آمُت یُس کاشِرِس لَفظس سیٖتی میلان چھُ ۔
سَوالیہ نِشان چھُ ہاوان مَشکوٗکیتھ ۔ یہ چھُ مَشکوٗک کَتھِ گوڈٕ لیوان بیتھ یا اٚتھی : مِثال ' ؟ ' اَنتہٕ کال چھُ دٕرامُت اِنتِقال لَفظہٕ مَنٛزٕ ۔ اِنتِقال ' لَفظ مَنٛز چھُ اَنتہٕ کال دٕرامُت ۔

# اَچھرَن تہٕ لَفظَن ہٕنز ترتیب

یہ ترتیب چھےٚ ڈِکشنری ایسیسمینٹ کمیٹی (DICTIONARY ASSESSMENT COMMITTEE) ہٕنزِ رپورٹ نظرِ تل تھوٚوتھ ییٚس تمہِ جون ۲۱، ۱۹۶۵ عیسوی اَنٛدر دیُت تہٕ ایڈیٹوریل کمیٹی ہٕندِ فاصلہِ موٗجوٗب دِنہٕ آمٕژ۔ اَچھرَن ہٕنز ترتیب چھےٚ یتھہٕ پٲٹھۍ۔

## اَری اَچھر

ـَ ـآ ـٕ ـٲ ـِ ـی ـٟ ـُ ـٗ اوٗ

اوٚ او اوٗ ےٚ ے ےٚ ۍ ی اع

## زُری اَچھر

ا ب پ پھ ت تھ ٹ ٹھ ث ج چ چھ ح خ

د ڈ ذ ر ڑ ز ژ ژھ س ش ص ض ط ظ

ع غ ف ق ک کھ گ ل م ن و ہ ے

یمو منٛزِ چھُ 'اع' اَکھ دُکھانٹ کنِٛ اَچھر (DIGRAPH) مانٛنہٕ یوان۔ یہ چھ ایڈیٹوریل کمیٹیٖ ہٕنزِ سفارشہِ موٗجوٗب تِتھ جایہِ اِستیمال آمُت کرنہٕ یتہٕ کانٛہہ لَفظ عربی پیٹھہٕ آمُت آسہِ۔ اَتھ چھ ضرورتہٕ موٗجوٗب زٕ آوازٕ نیران۔ مثلن 'اعتبار'، 'اعتراض'، لَفظ یِہَن نتہٕ آوازِ موٗجوٗب 'ییتِبار' تہٕ 'ییتراض' لیکھنہٕ۔ بیاکھ آواز چھس نیران ییٚلہِ اعراب ہیوٚہ لفظ آسہِ۔ یہ اَچھر چھُ نوٚو تہٕ توٚکنی چھُ سارِنے اَرنٕ اَچھرَن پتہٕ دِنہٕ آمُت۔

عام پٲٹھۍ چھےٚ فارسی تہٕ اُردوٗ ڈِکشنرِین ہٕنز ترتیب اعراب زیر زبر بیترِ تراوِتھ

حۄرۄفِ تہجیو مۄجوٗب دِنہٕ یوان تگریو سیٚے اَسہٕ پیٚٹھٕ کنہٕ اَچھرَن ہنٛز ترتیب دِژتمہٕ مۄجوٗب چھیٚنہٕ
لفظن ہنٛز ترتیب تہٕ بدلان ۔ مثلن فارسی یا اُردو ڈِکشنری منٛز ییہٕ ’باد‘ لفظ گوڈٕ تہٕ ’بد‘ لفظ
پتہٕ ۔ مگر کاشُر ڈِکشنری اَندر ییہٕ ’بد‘ لفظ گوڈٕ تہٕ ’باد‘ لفظ پتہٕ ترکیاز ’بد‘ لفظس چھُ ’ب‘
تہٕ ’زبر‘ (ـَـ) تہٕ ’باد‘ لفظس چھُ ’ب‘ تہٕ ’ا‘ ۔ ایسیسمینٹ کمیٹی ASSESSMENT
(COMMITTEE) ہنٛزِ سُفارشہٕ مۄجوٗب ییہٕ زبر (ـَـ) گوڈٕ تہٕ ’ا‘ پتہٕ ۔ یتھے پاٹھی ’کرم‘ گوڈٕ تہٕ
’کٲم‘ (کام) یتھ ’ک‘، پتہٕ ’ر‘ چھُ ییہٕ سارِوے ’ک‘، تہٕ تِمہٕ پتہٕ سٔتی اَرلو اَچھرَو پتہٕ ۔

کینٛژَن لفظن چھُ ایڈیٹوریل کمیٹی ہنٛزِ سُفارشہٕ مۄجوٗب ’ھ‘ لگان ۔
ہم لفظ چھُ ’ب‘، لفظس آخرَس پیٚٹھ دِنہٕ آمتی ۔

# لَفظہٕ ہاوُک

# ا

"ا" تہٕ اعراب یکہٕ وٕرٹہٕ تھوٚوتھ چھ اُری اَچھرٕ لوان لیکھنہٕ یِیلہٕ تم کُنہٕ ہیٚیس اَچھرس سیتۍ آسن نہٕ میلتھ۔ مِ۔ اَ آ اٗ اٍ بیترٕ۔ لَنہٕ زُری اَچھرس یِیلہٕ یہٕ یِیتہٕ ییر اَتھ چھٕلے زیٹھ آواز نیران تہٕ یہ چھُ دِوان آ، اَچھرٕچ کٲم۔ رِم: کا، با، نا، زا، بیترٕ۔

**اب**:- (اَلِف بے)۔ اَچھرزان۔

**اب نہٕ زانُن**:- ن پرٛ آسُن۔ وۄمی آسُن کُلےَ زان نہٕ آسنۍ۔

**اَ**
زَبرِسان گوٚڈنیک اَچھُر۔ ۲) نکارُک برٛوٚنہہ لوٚگ رِم: اَکور، اَزدو، اَچھوو بیترٕ۔ ۳) ٹھاکھ کَرنٕچ آواز

**اَبَد**[۱] [موٗل: اَبد۔ س، اَربُد] داہ کروڑ، (۱۰،۰۰۰۰۰۰۰)۔ وارِگہ گڑنز اَندر سیٹھا۔ اَبدس برابر، نہٕ گو سیٹھا غنیمتھ۔ رِم: تہٕنز روپیہ لٕ گیہ اَبد

**اَبَد**[۲] [ن۔ موٗل: اَبد۔ ع، اَبد]۔ دفہے۔ پَتہٕ وَتھ۔ ہَرہمیشہٕ۔ اَنٛدٕ گوڈٕ یا اَنٛتہٕ روٚس وَق۔ اَزٕہین کال۔ اَبد لَفظ چھُ اَزَل لَفظس مُقابلہٕ۔

**اَبدی**۔ پوٚشہٕ وُن۔ ہَر ہمیشہٕ روزٕ وُن۔ اَندٕ وَنٛدٕ آسوُن۔

**اَبکھ**:- یہ چھُنہٕ اَلگ یِوان وَننہٕ یا لیکھنہٕ۔ کینٛژن ہِلہٕ مِش لَفظَن سِتھ لَگِتھ چھُ اَمیُک مانے:- ہیٚچھِنَے، اَناڑی، اَڈٕ ہیٚچھَل، اَزٲنۍ، نہٕ تَگَن وول، نا یہٕ کار بیترٕ بنان۔

**اَبکھ چھان**:- نہ زانَن وول چھان، نااَہَل چھان، ناقٲبِل چھان۔ کیٚہہ چھان۔ نہٕ تَگَن وول چھان۔

**اَبکھ چھانَس سبق روو**:- اَنہٕ ہیٚچھرس چھُ دَقتہٕ روزی سبَق مشان۔

**اَبکھ وارینی**:- نا یہٕ کار وارینی یا ہیٚنہ ناوٕل واجنہ اَناڑی وارینی۔ بٔنے باشِ وارینی۔ سۄ وارینی یوسہٕ پرٛسن واجنہٕ کھوٹ زٕدے کَرِ۔

**اَبَل** ۱۔ [ن۔ مؤل : اَبَل ۔ دس : اَ + بَلہ]

یس نہ بل آسہ ۔ یس نہ طاقتھ آسہ ۔ ہیکہ نہ روٗس ۔ کمزور ۔ نہ واتن وول ۔ ورگہ ناچیز۔

م : متے اَبلہ کاسی تن بوورز۔ (للہ واکھ)۔

**اَبَل وُن** ۔[ن۔ مؤل : اَبَل وُن دس : اَ + بَلہ یا س : اَ + بھلہ م : بھلہ پنجابی وَل ہونا]

(۱) کھسہ وُن دود ، ژکھ بیتر یوسہ نہ وُنہ پوٗرہ زور س پیٹھ آسہ تہ پتی ہیکہ گژھتھ۔ (ورگہ پاٹھی) کینہہ یا کانہہ کتھ یوسہ پوچھنہ آسہ گامژ ، یتھ وُنہ علاج آسہ ۔ م : وُنہ چھ مامِلہ اَبَل وُنے دپو بنبس کینہہ۔

(۲) کوٹ یس واتنس تیار آسہ ، یُس وُنہ آسہ نہ پوٗرہ بالغ گومُت ۔ (۳) بیمار دراو ۔ پوٗرہ بلہ نے۔

**اَبازُن** ۱۔[ن مؤل : ابازن دس : اَ + بھاجنہ]

بے بوش ۔ یُس نہ کُنہ لگہ ۔ بے ربط (ربط)۔ پھیور چِھور ۔ ناہ کار ۔ یس نہ بانہ آسہ۔

**اَباسہ وُن** ۱۔[ن مؤل : اَباسہ وَن دس : اَ + بھاس]

یہ نہ لبنہ ییہ ۔ یہ نہ بوزنہ ییہ ۔ یہ دِرہ نیٹھی ییہ نہ ۔ یہ باسنس تل ییہ نہ ۔ یہ کینہہ ژھا انہدری یلہ نیٹہری باسہ نہ۔

**اَباو**۱ ۔[ن مؤل : اباودس : اَ + بھاو]۔

نہ آسُن ۔ ونژھے ۔ کانہہ چیز بیتر نہ میلُن ۔ نہ بون ۔ کُنہ چیزک کال ۔

**اَباو**۲ [ن مؤل : اَباو دس : اَ + بھاو]۔

باو نہ کرُن ۔ مان نہ کرُن ۔ یہ کانسہ پنہ یا شوٗبہ تہ نہ کرُن ۔ ہنہ درنہ ۔ بے قدری ۔

**اَباووٗز** [ن مؤل : اَباوز دس : اَ + بھاجہ / بھا]

یہ نہ باوزہ ۔ یہ نہ روزہ ۔ یہ نہ پزہ ییہ ۔ یُتھ نیٹھ کھیپن ۔

**اَبُدوٗر** ۱۔ نہ بُدر رووُمت ۔ نہ بُدرآومژ ژوٹ یا ووٗر بیتر ۔ یہ نہ پاکہ بیتھ تارس یا تھوہ نگلن پیٹھ آسہ تھوٗومت ۔

**اَبُنزوٗر** [ن مؤل : اَبُنزر دس : اَ + بُجھ]

یہ نہ بُنزرمُت آسہ ۔ یہ باگرووُمت آسہ نہ ۔ یتھ نہ باگے آسہ گامژ ۔ شروٗد ۔

**اَباسی** ۱۔ (۱) اکہ پوشہ کُلیک ناو (۲) گوٹ وونزل ۔ آلی چہ نرگس سیتی میلہ وُن ۔

**اَباسی پوش** ۱۔ اَباسی کُلیک پوش ۔

**اَباسی رنگ** ۱۔ گوٹ وونزل رنگ ۔ آلی چہ نرگس سیتی میلہ وُن رنگ ۔

**اَباگور** ۱۔[ن مؤل : اَباگر دس : اَ + بھاگہ]۔

یہ نہ باگراوہ آسہ آمُت ۔ باگرنے ۔ باگے کرنے ۔ شروٗد ۔

**اَبہٕ زٕہتھ** ہن مؤل : اَبہٕ زہت [س : ابھِ+جت]
۱۔ گرٔ پیٹھ ہن ہُنڈ اَکھ یوگ ۔ ۲۔ مَنڈِ نہٕ پتہٕ
اَکھ گرٔ یتہٕ مَنڈِ نہٕ بڑوٗنہہ اَکھ گرٔ ۔ ۳۔ دیپان چھ
اَبہٕ زہتھ گوٚ سُہ ساتھ ییٚمہٕ پھرِ یہٕ کانہہ وَنہٕ تہٕ
بَنہٕ ۔ م : ساعتِ حَسَن ۔

**اَبمان** ۱۔ ن مؤل : اَبہٕ مان ۔ [س : ابھِ+مان
گمنڈ ۔ اَہنکار ۔ زھوکھ ۔ اَپز تیٚپہ ۔ اُچھن کھسُن ۔

**اَبہٕ ڈس** [ن ۔ مؤل : اَبہٕ ڈس ] ۔
۱۔ گاسَس نہٕ بُرزَس بنأومژ پھٹیج ، یہٕ چھے
منزٕ وَنہٕ اَمہٕ خاطرٕ یوان تھَونہٕ زِ یُس ٹُلہٕ تَس
پیہ شنگہٕ کرنہٕ ۔ ۲۔ سُہ چیز یُس تلہٕ کنہٕ زھوٗژ
آسہ تہٕ تہٕ آسہ نہٕ یہٕ لوزنہٕ ییہ ۔ کھٹبابہٕ ۔
۳۔ کھٹبابہٕ شُر ۔ تَس زنانہٕ ہنٛدِس پیٹھ وَنان یُس
پرٛسنیچ ملی ہوگ آسہ مگر پرٛییسہٕ نہٕ ۔ زنانہٕ
اَکھ اُکس پامہٕ پأٹھ وَنان ۔

**اَبہٕ ڈسَس لبہٕ وُنی** ۔ تتھ ہیٚہ ڈیار گالنی یتھ
نہٕ پتہٕ کینہہ حاصل ییہ ۔ کُنہٕ تتھِس چیزَس بیتر یتھ
زُوجان زٕٹن یہٕ پوٚتُس کھٹبابہٕ نیر ۔
فضول چیزَس پیٹھ ڈیار ضایہ کرنی ۔
م : بکرٕ مارِتھ اَکھن پھکھ ۔

**اَبسی اَبسی** [ مؤل : اَبسی اَبسی دپرٛاکرت : اب بھس
[س : ابھیاس ] ۔
۱۔ اَبسُن گوٚ وُٹھن نہٕ اَبسی اَبسی گوٚ وُٹھی وُٹھی قمچہ
پرٛتھ دِنی تہٕ کُنی گوٚ پیٚوٹھُس پیٹھ لاین ۔
۲۔ وَزِ وی وَزِ وی (دِنی) ۔ مارُن پیٹھ مار ۔ لایُن ہٕ لایُن ۔

**اَبہٕ ہونٛڈ** ۱۔ ن ۔ مؤل : اَبہٕ ہونڈ [م : اوریہ : مُنڈا] ۔
اَکِ قسمُک توٚلہٕ آٹیک ژوچہ وُڈر ۔

**اَبنی دزٕہے بَبنی دزٕہے** ۱۔ نحقے قسمہٕ قسمہٕ ۔ حیلہٕ بہانہٕ
تہٕ گوزٕ پرٛٹھ اَنٛدنہٕ باپتھ ہٕ کیا یہٕ کیا وُنیتھ
ٹال مٹول کرُن ۔

**اَبُز** ۱۔ ن ۔ مؤل : اَبُز ۔ [س : اَ+ بدھ ] ۔
یہٕ نہٕ بُزمت آسہ ۔ بُزنے ۔ بُز نہٕ وَرأے ۔
توٚنے ۔ نیٚولے ۔ نارَس ہاونے (مگأے چینہٕ بلتر)

**اَبوٗبکر رضٕ** ۔ ن ۔ مؤل : اَبوٗبکر [ع : اَبوٗ بکر ] ۔
پیغمبرِ اسلامٕ سنٛدیو زورو یارو منٛز گوڈنیک
یار ۔ یارِ غار ۔ اِسلأمی توأریخک گوڈنیک خلیفہٕ ۔

**اَبوٗد** ۱۔ ن ۔ مؤل : اَبوٗد [س : اَ+ بُدھ ] ۔
لبس یہ بود (عقل) آسہ نہٕ بیقل ۔ بوٗز روٗس ۔

**اَبوٗڈ** ۱۔ یہٕ نہٕ ہیٚکہ آسہ ۔ یہٕ لوکٕٹی بوڈ آسہ ۔ یتھ بیس
چیزَس بیتر ستی کانہہ سمبر آسہ نہٕ ۔ بےسوٚم ۔

**اَبوس** ۱۔ ۱۔ آلی چہٕ رنٛگس پیٹھ میلہٕ وُن اَکھ رنٛگ ۔
۲۔ اَکِ پوٚشاک نأویس اَمی رنٛگہٕ آسان چھہ ۔

**اَبوسے** ۔ پیٹھ بیترِ ہیوٚرکُن لاینہٕ وِزِ چھہ شُرِس وَنان
یا شُری وَنان 'اَبوسے'۔ کُنہ چیزَس اَبوسے
کَرُن گو ہیوٚرکُن بَرتھ دیُن۔ یہِ چھُ شُری لفظ۔

**اَبھِن** ۔ ن ۔ مۄل : اَبھِن (س : اَبھِنّہ ۔ ]۔
یتھ نہٕ بھِن (فرق، جُدٲے) آسہ۔

**اَبتَر** ۔ مۄل : اَبتَر (ع : اَبتَر (بتَر ۔ ]۔
وارے خراب ، بیٚیہِ ہِن یتھ گومُت۔ بیمارِ
مَنز یا کُنہ مُصیبتَس منز یتھ گَرٛھن کینہ نوٚزک
حالتس پیٹھ ووتمُت۔

**اَبتری**۔ وارے خرٲبی۔ وارے تباہی۔ اَدرِکھل۔
بیمارِ یا مُصیبتس مَنز یتھ گَرٛھن کینہ نوٚزک حالتھ۔

**اَب تہٕ ٹوٹھ بَب تہٕ ٹوٹھ** ۔ یہِ چھُ تمہٕ وِزِ وَننہٕ یوان
ییٚلہِ دۄیو مُتضاد کامیو مَنز یا چیزو مَنز اَکھ تہٕ
بیٚیِس بہتر ہیٚکہِ نہٕ اِنسان تراوُن یا دۄیو زَنو منز یمن
نہٕ اَکھ اَکِس سِیتی ہشر آسہ اَکِس تہٕ بیٚیِس ہیٚکہِ نہٕ
ناراضہٕ کرُن۔ ہتھ چیزَس تہٕ تھپھ نہٕ یتھ تہٕ۔ دۄیو
مَنز نہٕ اَکھ چیز تہٕ تراوُن، ہَتہِ گوٚژھم یہِ تہٕ گوٚژھم۔

**اَبجَد** ۔ ن ۔ مۄل : اَبجَد (ع : اَبجَد ۔ ]
(۱) عربی اَچھر (۲) عربی اَچھرن ہِند گَنزُر مول۔

**اَبجَد خان** : اَلِف بے پرَن وُن۔ یُس تالیم پرَن
باپتھ وُنہٕ گو ڈنگی اَچھر پرٛنی ہیٚچھان آسہ۔

(وَرگہ پاٹھی) یِیِمو وُنہٕ کُنہ کامہِ منز مہارتھ آسہِ
نہٕ پرٛاوٚمُت۔

**اَبدال** ۔ ن ۔ مۄل : اَبدال (ع : اَبدال ]۔
(۱) خُدا دوس ۔ وٕلی اللہ ۔
(۲) تصوُف کِس عالمس منز اَکھ مَنصب دار۔

**اَبدُل آباد** ۔ ہر ہمیشہ روزِ وُن ۔ پرٛتھ ساتہٕ پوشہٕ وُن۔
اَنٛدٕ وَنٛدٕ پوشہٕ وُن۔

**اَبرَق** ۔ ن ۔ مۄل : اَبرَق (ع : اَبرَق ]۔
اَڈبر۔ اَکہِ قسمچ وَسمتھ یوٚس کانہ منز نیران چھے
تہٕ یمیٚہ چَن دَتَن یا تختہٕ پٹین شیشہٕ لاٹھ ہیوٚ
وَرق چھِ ووتھان۔

**اَبرار** ۔ ن ۔ مۄل : اَبرار (ع : اَبرار ]۔
(۱) پرہیزگار، رٕژ لوکھ، عبادتھ گُذار۔
(۲) تصوف کِس عالمس منز اَکھ منصب دار۔

**اَبری** ۔ مۄل : اَبری (ف : اَبری (اَبر ۔ ]۔
اَکہِ قسمک رٔنگین کاکذ یُس کِتابن بیترِ کُل
دُترِس یا پیٹھ لاگنس لگان چھُ۔

**اَبریشم محکمہ** ۔ محکمۂ اَبریشم۔

**اَلبساوُن** ۔ ن ۔ مۄل : اَلباو (پراکرت، اَب کس۔
(س : اَبھس ۔ ]۔
اَبُن۔ پِنس یا رٕز بیترِ وَریا وُٹھِنی دِنی۔

**اَلساوُن (فِتنہٕ)** ۔ن ۔مؤل : اَلساو ۔
(پراکرت : اَب بھس (س : اَبھِبس ۔ ] ۔
فساد زہٕٹھراوُن ، کھری دار بناوُن ۔

**اَلسنٕ بوٗٹھ** ۔ اَلسنی بیٹھہِ ۔ سُہ ہیچہِ ژکُلیٚن اَلسنس
تِلہٕ کنہٕ چھُ آسان ۔

**اَلسنٕ تیٚج** ۔ اَلسنیچ ہیچہِ تیٚج ۔

**اَلسُن¹** ۔ن ۔مؤل : اَلسن (پراکرت : اَب بھس
(س : اَبھِبس ۔
اَلساوُن ۔ پَنس یارَس بیترِ وَریاوُٹھنی دِنی ۔

**اَلسُن²** ۔ن ۔مؤل : اَلسن (پراکرت : اَب بھس
(س : اَبھِبس ۔
اَلساونگ ییٚنڑر ۔ ڈوگُر بیٚہ ستی پن ، زر یا
زوو بیتیرِ اَلساوان چھ ۔

**اَلکھِتنکھ** ۔ (گُم بیترِ) یُس نہٕ وارِ خطہٕ آسہِ دِلامُت ۔

**اَبلق** ۔ن ۔مؤل : اَبلق (ع : اَبلق
عَربی پاٹھی چھُ اَتھ مانے ٹیٚنچہ ہور ۔ سُہ توٗرگ ۔
سَمدہِ یا مُشکی گُرِبس سفید ٹیٚنچہ آسن ۔ کاشری
پاٹھی چھ دُلکہٕ دوروِنس گُرِس وَنان ۔

**اَبلہٕ** ۔ مؤل : اَبل (ع : اَبلہٕ دیلہٕ
وُل ۔ مُٹ ۔ چرر ۔ فاتر ۔ احمق

**اَبیاس** ۔ن ۔مؤل ۔ ابھیاس (س : اَبھیاسہ
ہاٗل مشق ۔ وَرتن ۔ کینہہ پھِری پھِری کرُن یُتھ
تتہٕ پیٹھہ اَتھ یا مَن دَرِ ۔

**اَبیاگتھ** ۔ن ۔مؤل ۔ اَبیاگت (س : اَبھ + آگتہ ] ۔
پانے آمُت ۔ پَرژھنے آمُت پوٗت ۔ فقیر ۔
بیچھوُن ۔ بیچھُر ۔

**اَبیوٗن** ۔ن ۔مؤل : اَبھن (س : اَ + بھننہ ]
(۱) یِہ یا یُس نہٕ بیوٗن آسہِ ۔ یُس یا یِہ نہٕ
الگ آسہِ ۔ (۲) ہیٚتوے ۔ بیہ روٗس ۔ گٔے ۔

**اَپَر** ۔ن ۔مؤل : اَپَر ۔ (س : اَپَر ]
دُنیاٗدی کنتھو تھوٚدیا نیبر ۔ سَمساری نیبرتھ ۔
یُس نہٕ کینہہ پَر آسہِ ۔ وَرگِنزِ دے ۔ دِیہ شار اکھ ناو ۔

**اَپزر** ۔ پزر نہٕ آسُن ۔ اَپوٚز آسُن ۔ پزِس پیٹھ نہٕ
آسُن ۔ بد دیانتی ۔ عیب ، بے ایمانی ۔ بے اِنصافی

**اَپار** ۔ مؤل : اَپار (س : اَپار ]
بے اَنٛد ۔ یتھ نہٕ اَنٛد بوٗرے لبنہٕ ییہِ ۔ یہِ کینٛہ چھا
وار یا ہس علاقس پیٹھ پھلیتھ آسہِ ۔ ہُم : اَپار سَمسار

**اَپاژک** ۔ن ۔مؤل : اَپاژک (س : اَپیچ ]
نہٕ شرپن ۔ شرپنے ترُاوُن ۔ یڈ ژلنی ۔ زہر ۔ ہمی ۔

**اَپان** ۔ن ۔مؤل : اَپان (س : اَپانہ ] ۔
دِسہِ وُن شاہ ۔ ہم : پان اَپان
(کھیٚہ وُن تہٕ دِسہِ وُن شاہ) ۔

**اَپچوٗر** :- پٔنجرٕ نٕے - یہ نہٕ پٔنجراوُنہٕ آسہٕ آمُت - یتھ نہٕ
اَنٛد وٕٹھتھ پُچھ ٹیب آسہٕ دٕرشُت -

**اَپارِیُم** :- ن - مۄل : اَپار ——]
ہُمہٕ پاسک - ہُمہٕ اَنٛدک - تمہٕ طرفک یُس
نہٕ دٕرینٛٹھان آسہٕ - تمہٕ اَنٛدک یُس پانس ہُیتھ آسہٕ

**اَپترٕوک** :- ن - مۄل : اَپترک (س : اَپہٕ + تارکہ ]
سٲنٛگ ہاکھ - بےٚ ہنی یاد - دٔہیات - بکواس -
اوٗرک یور -

**اَپترٕوک مَپترٕوک** :- سٲنٛگ پانٛگ - یتھ نہٕ ہوٹ
بالوٗٹ آسہٕ - بےٚ ہنی یاد - بکواس بیتر -

**اَپراد** :- ن - مۄل : اَپراد (س : اَپہٕ رادھ ]-
پاپھ ، دوٗش ، گوناہ - اَتھر - قوصوٗر - جُرم -

**اَپزیارز** :- م - مۄل : اَپزیارز (س : اَ + اُپہ بد ]
اَپزٕیارِگی - پُز رنہٕ آسُن - بدنیتی - پُزس
پیٹھ نہٕ آسُن -

**اَپہٕ شَبد** :- ن - مۄل : اَپہٕ شبد (س : اَپہٕ + شَبد ]
کوٚ واکھ ، کوٚ کتھ ، لکھ ، وٕہو ، شاپھ -
اُٹھ زاڈ بیتر ، ناکارٕ شبد یا لفظ -

**اَپہٕ کار** :- ن - مۄل : اَپہٕ کار (س : اَپہٕ کار ]-
یور آسہٕ رُت کوٗرمُت تور کرت کرُن - ییٚمی جاۓ تی
آسہٕ کرٕ مژتس ستیٚ بدی ورتاونی - دُکھ
واتناوُن - دوٕکھ دِیُن - پٔنڈی کڈُن - ٹوپھ دِنی

**اَپہٕ کاری** :- مۄل : اَپہٕ کاری (س : اَپہٕ کاری ]
خامخاہ دُکھ واتناوُن وول -

**اَپہٕ مان** :- ن - مۄل : اَپہٕ مان (س : اَپہٕ + مانٛ ]
مان نہٕ کرُن - بےٚ عزتی کرٕنی (خاصکرتھ تس
یس عزتھ پزٕ کرُن) تیتھ ورتاو کرُن یتھ نہٕ شوبہٕ
دِکہٕ واہنی - بےٚ مۄدی - ہنہٕ دِرنہٕ -

**اَپہٕ مرتی** :- مۄل : اَپہٕ مرتیت (س : اَپہٕ مرتیٛہ ]
سہٕ یُس کُنہٕ حادی ثہٕ بیتر کِہنی یا وقتس پیٹھ
علاج نہٕ واتنہٕ کِنی بے وقت مرِ -

**اَپہٕ نایتھ** ، (اَپہٕ نائے یتھ) م - مۄل : اَپہٕ نایت
( ٥ : اَپنایت (س : آتمی یتا ]
پانہٕ نیار - پٔنُن زانُن - پٔنُن زان اُنتھ ورتاو کرُن -
پانہٕ ہنیار بوزُن -

**اَپہٕ ہوس** :- ن - مۄل : اَپہٕ ہاس (س : اَپہٕ ہاسہٕ ]
ٹسنہٕ ، ٹسولہٕ گرٹھن - اَسہٕ نس لایق گرٹھن -
بلی کینٛہہٕ شاوے پٔنی لوسہٕ نہٕ پتہٕ پزنیر - مثلن
کانٛسہٕ زنانہٕ ہندس پرٕسنس وسنس بیتر پیٹھ -

**اَپُتی** :- ن - مۄل : اَپُتر (س : اَ + پُتر ]
ژھیٹی - ناپاکھ - گنٛد - مُکری - اَپوٗ یُتر -
رم : کینٛہہٕ چھ سنان (شران) گرتھ پتہٕ ریلہٕ واکھ

**اَپُنز** :۔ [ن ۔ مۄل : اَپنز < س : اَ + اُپہ پدٕ ۔ م : اُپہ پدٕتے]
وُچھو، اپۄز۔

**اَپۄرو** :۔ [ن ۔ مۄل : اَپۄرو < س : اَپۄرو] ۔
یہ نہ پتھ کالہٕ آسہٕ۔ یہ نہ برٛونٹھہ زانہہ آسہ او سمٕت ۔ نوٚوُے ۔ یتھ نہ مثال آسہ ۔

**اَپۄر** :۔ [ن ۔ مۄل : اَپر ۔ < س : اَ + پٹھنہٕ]
(۱) یمی نہ پۄرمُت آسہ ۔ یُس اَنپرِ آسہ ۔
(۲) یہ پرنے آسہ ۔ م : اَپرِ اَچھر ——

**اَپرِ اَچھر** :۔ تم اَچھریم نہ پرٕ ہتی آسن ۔ ورگہ پرنے ہیچھن ۔ پرنے گرنے علم حاصل سپدٕ ون

**اَپۄز = اَپُز** :۔ [ن ۔ مۄل : اَپز ۔ < س : اَ + اُپد، م : اُپہ پدٕ تے ]
یہ نہ پۄز آسہ ۔ یتھ منز کینہہ ستھ آسہ نہ ۔ اَسَتھ ۔ غلط ۔ بنے بنی یاد ۔ یہ نہ شۄبہ ۔ یہ نہ ٹھیکھ آسہ ۔

**اَپۄز امپۄز** :۔ پۄز اَپُز ملوِتھ ۔ یتھ منز واریاہ پۄز نہ آسہ تہٕ کینژھا اَپۄز تہٕ آسہ، سۄرے آسہ نہ پۄز ۔ اَپہ تزٕوک مپہ تزٕوک ——

**اَپۄز باپار** :۔ سُہ باپار یُس نہ پُزرِس پیٹھ آسہ ۔ یتھ اَندر کھوٚٹہ کھٹاے آسہ ۔ بد دیانتی ہُنٛد باپار ۔ تیتھ کانٛہہ کاریتھ اَندر نہ پزر آسہ ۔

**اَپۄز پۄز** :۔ کینژھا پۄز تہٕ کینژھا اَپۄز ۔ اوڈا پزر تہٕ اوڈا نہ ۔ اوٚرک یوٚرک ملوِتھ راد ۔ تزٕتھ ۔

**اَپۄز مپۄز** :۔ سۄ کانٛہہ کتھ یا کام کاریتھ منز نہ ملیٖہ پزر آسہ ۔ اَپزٕ اپۄز باپار، ورتاو یا کار بیترِ ——

**اَپۄز وَنَن وول** ۔ یُس نہ پۄز آسہ وَنان ۔ یُس اپۄز وَنہٕ ۔ اَپز یوٚر ۔

**اَپۄز وَنُن** :۔ اَپۄز دپُن ۔ پۄز نہ وَنُن ۔ یہ غلط آسہِ تی وَنُن ۔

**اَپزِس گوٚڈ کَتہٕ** :۔ اَپزِس چھنہٕ گوٚڈ یا اَنٛد آسان ۔ اَپزِس چھُ نہ ہوٚٹ لوٚٹ آسان ۔

**اَپۄک** :۔ ن ۔ مۄل : اَپک < س : اَ + پکو ۔
یہ نہ پۄک آسہ، یہ نہ ٹھیکھ پاٹھی روٚدمُت آسہ ۔ یتھ نہ پۄر پاکھ آسہ لوٚگمُت ۔ یہ نہ شروٚپمُت آسہ —— دگرٕ یرسَن) ۔

**اَپۄر** :۔ [ن ۔ مۄل : اَپار < س : اَپرِ پارٕ ——]
ہورکُن ۔ کوٚلہٕ یا باگ ہورٕ کُنیک پاس ۔ بتھ کنیک کُٹھ یا اَئر بیترِ ۔

**اَپار** :۔ یتھ طرفس مقابلہٕ اَپارِ مہٕ طرفہٕ ۔ اَپارٕ مہٕ اَنٛدٕ ۔ اَپارٕ مس طرفس پیٹھ ۔

**اَپارِ کَنہٕ = اَپارِ** :- اَپارِ نکھہٕ تلہٕ۔

**اَپارِ کَنیٖتھ** :- یتھ اَپأری مس طرفس سیتۍ واٹھ آسہٕ۔ اَپأرِ ئم۔ دٔویمہٕ طرفُک۔ دٔویمہٕ پاسُک۔

**اَپارِ مُن دانہٕ تہٕ یپارِ گئے اَتھن ہٹھ۔**

یہ چھہٕ تَس وَنان یُس حدٕ نیٖرِتھ نوٗزُک لاگہٕ۔

**اَپارِ یپارِ** :- (۱) ہُمہٕ پاسہٕ تہٕ یُیمہٕ پاسہٕ، ہُمہٕ اَنٛدٕ تہٕ یُیمہٕ اَنٛدٕ۔ دٔنٛوٕشوٕے پاسو۔

م : اَپارِ یپارِ وُڈِھ ہوٗلی بانٛگے۔

(۲) ہتہٕ تہٕ تہٕ ہتہٕ تہٕ۔ سأری سے۔

م :- اَپارِ یپارِ گرٛزِھ لوٗتہ تھوٗن۔

**اَپارِ یپارِ کُنۍ وَنٕ گرٛزھنۍ** :- سارنٕے یکہٕ وٹہٕ ہشۍ تباہی گرٛزھنۍ۔ کُنۍ وَدل گرٛزھنۍ۔ کُنۍ باش گرٛزھنۍ۔

**اَپارِ یپور** :- ہُمہٕ طرفہٕ پیٹھٕ یتھ طرفس کُن یا تام، اَپأری مہٕ اَنٛد یا ہتھٕ پیٹھٕ یپأری مس اَنٛدس یا ہتھس تام۔ اَنٛدٕ وَنٛد۔

م : اَپارِ یپور خارٕ۔

**اَپأری** :- (۱) اَمہٕ طرفہٕ، اَمہٕ اَنٛدٕ، اَتھ طرفس۔

م :- (۱) لیٖجہٕ کرٕ اَپأری کوٗنٛڈ (۲) اَپأری ہیوٚتن نارٕ

(۲) تتھ جایہ یوٗسہٕ نہٕ نظرن تل آسہٕ تہٕ یپأری کانٛہہ آمُت آسہٕ۔ م : اَپأری (تہنٛدی کِنۍ) چھانگن آب۔

(۲) اَپأری (سأنۍ کِنۍ) چھےٚ حالس ژھوپہٕ۔

**اَپأری کِنۍ = اَپأری۔**

اَمہٕ طرفہٕ، ہُمہٕ اَنٛدٕ۔

**اَپأری یپأری** :- ہُمہٕ طرفہٕ تہٕ یُیمہٕ طرفہٕ۔ ہُمہٕ اَنٛدٕ تہٕ یُیمہٕ اَنٛدٕ۔ سارِوٕے طرفو۔ پرٛتھ اَنٛدٕ۔ ژٔوا پأری۔

**اَپأری یپأری کِنۍ** :- (۱) ہپأری ہپأری تہٕ یپأری یپأری۔ ہُمہٕ پاسہٕ تہٕ یُیمہٕ پاسہٕ۔ (۲) اَنٛدی پکھی۔

م :- اَپأری یپأری کِنۍ گرٛزِھ نظرا نظرا دِنۍ۔

**اَپورِ ترٛن** :- تار دیُن۔ کوٚلہٕ بالس یا دوٚیمہٕ دوٚیمہٕ ییٚمیس طرفس گرٛزھن۔ ییٚمیس کُھٹس یا لرٕ ترٛن۔

**اَپور یپور** :- ہُمہٕ طرف تہٕ یہٕ طرف۔ ہُمہٕ پاس تہٕ یہٕ پاس۔ اَپارِ ئم بوٗٹھ تہٕ یپأرِ ئم بوٗٹھ۔

**اَپوٗک** : ن۔ مؤل ؛ اَپاک (س : اَ + پکو (اَ + پچ ]۔ نیٚنٛش پوٗک۔ اَڈٕ پوٗک۔ پۄرٕ نہٕ پاکہٕ آمُت۔ یہ نہٕ پاکومُت آسہٕ۔ ٹھیٚکہٕ پاٹھۍ نہٕ رٔنٛمُت، نیٚوٗل۔ کوٚچ۔ م : اَپوٗک ہاکھ۔

**اَپہیر** :- ن۔ مؤل : اَپہیرِ دک : اَپ + ئیر (س : اَلپہٕ ] کم بانہٕ آسُن یا کم بانہٕ آسنٕچ حالتھ۔ اوٚپ آسُن۔ اوٚپ آسنٕچ حالتھ۔ وۄپن بانہٕ نہٕ آسنٕچ حالتھ۔ اَڈی گی۔

**اَپہیر گرُن** :- بُلی تھبکہٕ ناوُن - پَرزٕ بیٹھٕ واسٕرنگ، تماشہٕ کرُن - بُلی ژٕہنگُن -

**اَپٕرسَن** :- [م/ن بئول : اَپٕرسَن < س : اَپٕرسنّہٕ]
(۱) ناخوش - پَرسَن نہٕ آسُن - خوش پاٹھۍ نہٕ آسُن -
(۲) تَسلاہٕ یُن یا تَسلاہٕ نیپُدُن سیر نہٕ گَژھُن - ترٕپتھ نہٕ گَژھُن -

**اَپٕرٕ یے** :- [م - مئول : اَپٕرٕیے < س : اَ + پٕریہٕ -]
پٕرٕ یے نہٕ آسنی - ماے موحبتھ نہٕ آسُن - کھراٮ۪سنی -

**اَپٕرٕیژھ** :- [ن - مئول : اَپٕرٕژھ < س : اَ + پٕرچھ]
پرٕژھنے کرنے - اورے گرُن یا وَنُن - پاٗنی پانے ڈٕڈٕ - بَتہٕ ساٗلی -

**اَپَروُکھُٹ** :- [ن - مئول : اَپٕرکھُٹ < س : اَپٕرکٹ]
یُس نہٕ پَرٕوُکھُٹ آسہٕ - بیرٕ بایُس نہٕ نوٚن آسہٕ - یُسُند بجر گُپتھ آسہٕ -

**اَپریل** :- [ن - مئول : اپریل < انگ : اَپرل (APRIL)]
عیسوی ؤری یک ژوٗرِم رٮ۪تھ - کاشرِ پاٹھۍ اڈٕ ژِتھَرِ تہٕ اڈٕ وہیکھ رٮ۪تھ -

**اَپریشَن** :- [ن - مئول : اَپریشَن < انگ - اوپریشَن - (OPERATION)] کانہہ بیمأری ژٕلراونہٕ خاطرٕ ڈاکٹرسٕنٛد زٕری یہٕ اِنسأنی جسمس ژٕٹھ واتھ -

**اَپہرٕ لوٗر** :- [ن - مئول : اَپرٕٛیار < س : اَ + اُپر پَد + پوٗت لوٗگ ار/آر]
یُس نہٕ پٕری پوٗر آسہٕ - یُس اَپوٗز وَنہٕ - اَپُز وَنَن وول - یُس اَپُزٕ وَننٕچ ہال آسہٕ -

**اَپسرا** :- [م - مئول : اَپسرا < س : اَپسَرَس]
حوٗر ، اَژھ رَژھ -

**اَپھرٕ وَٹھ وَٕنٛنی** :- (ل . م) اَپھر وَٹھ چھُ اَکہٕ بالُک ناو۔ اَپھرٕ وَٹھ وَٕنٛنی گوٚ بَڈٕ بن کوٚہَن تہٕ جایَن ہُنٛد ناو ہیٚوُن - تہٕ دٕپتھ گوٚ ڈٕ بٕڈی کھرلایِنۍ - رادٕ وٕنٛنۍ -

**اَپھل** :- [م/ن - مئول : اَپھل - < س : اَ + پھل]
ہاٚشہٕ گاٚشرِ مکاٚے بیترٕ -

**اَپھُر** :- سیتھ ، ژھرٕ ٹھ - کُنہٕ چیزَس بیترٕ سیتۍ رٕتھ کٕنۍ گُنٛڈ گُنٛڈ کرُن - یمہٕ سیتۍ تتھ نوقصان سپدِ -

**اِپھرٕ لَد** :- سیٖژرلَد - یُس چیزَن بیترٕ سیتۍ سیتھ دِنہٕ نٕک عادتھ آسہٕ - اَرٕ ہٕرلَد ، کوٚنٛجٕہ لَد -

**اَپھوٗل** [۱] :- [ن - مئول : پھول - < س : اَ + پھُلّہٕ]
سُہ کُل یتھ نہٕ پوٚش آسَن دٕراہمتۍ - وُتھ پوشہٕ ٹوٚر - وٕرگہٕ سُہ اِنسان یٚمی نہٕ بہار آسہٕ وُچھمٕت - یُس نہٕ پھوٗلتھ آسہٕ -

**اَپھوٗل** [۲] :- [ن - مئول : اَپھل - < س : اَ + پھلہٕ]

پھلنے (پلوبیتر)، ناکی ژھننہٕ سیتی نہٕ
ژھیٹونُت۔ چھاوِتھ اورُے رٕوٗدُمت (پلوبیتر)۔

**اُپھرارِ تپھرارِ** :۔ [م/ن - مٗول: اُپھرارِ تپھرارِ -
(ع: اِفراط + تفریط] -
چھلہٕ چھانگر، ژھکرِتھ - ہدر بور لابنہٕ آمُت۔

**اُپھرانہٕ تپھرانہٕ، اُپھرایہٕ تپھرایہٕ** :۔
[مٗول: اُپھرانہٕ تپھرانہٕ (ع: اِفراط تفریط]
کنہٕ وَترِ یا مطلبس نہٕ لوگمُت۔ فومنوٗل خرچ۔

**اُپھرِ تپھرِ، اُپھرِ تھپھرِ** :۔
[(اُردو: اُفراتفری (ع: اِفراط + تفریط]
آمبھر بامبھر، بامبھر منٛبر - چھاراَستھ، وارِ پاٹھی نہٕ -

**اَتالیق** :۔ [مٗول: اَتالیق (ف/ترکی: اَتالیق]
کانٛسہٕ ہیچھناونہٕ باپتھ خاص پاٹھی لاگنہٕ آمُت ووستاد۔
ہرلِہ پاٹھی چھِ وَنان تس یُس کانٛسہ سبق پرِ -
یم: اَتالیق لاگُن - اَتالیق بیوٗن -

**اَتہٕ** :۔ [مٗول: اَتہٕ (پراکرت: اَتہٕ (س: اَتر]
اَتھ جایہٕ - اَتیتھ - تتھ جایہ یوسہ وَنہٕ آسہٕ -

**اَتہٕ برابر** :۔ اَتہٕ نس - اَتی نس - تَگ بَگ اَتھی جایہ -

**اَتہٕتھی، اَتیتھ** :۔ اَتہٕ نس، اَتی نس - تتھ نکھہ
تلہٕ چھہٕ جایہ یوسہ ہاوِتھ آسہٕ -

**اَرتیچ** - اَمہ جایہ ہٕنز - اَمہ طرفٕچ - اَمہ اَندٕچ -
وُچھو ' اَتیُک ' تر -

**اَتہٕ کُنۍ**۔ اَمہ طرفہٕ - اَمہ اَندٕ - اَپارٕ -

**اَترِ کُنۍ** - اَمی جایہ ہُنٛد - اَمی طرفُک -

**اَترِنُک** - اَتیُک - اَمہ جایہ ہُنٛد - اَتہٕ نُک -

**اَتے** - اَمی جایہ پیٹھہٕ - اَتھی جایہ (یوس جایہ
وَنہٕ آسہ) - یم: اَتے کُنۍ، اَتے پوت -

**اَتیُک** - اَمہ جایہ ہُنٛد - اَمہ طرفُک - اَمہ اَندُک -

**اَتِل کولوان (اَٹِل کولوان)** -
کولِہ پاز نیچ ہنگارٕ -

**اَتے، اَتےٚ** :۔ [(س: اَتہٕ + ایو]
(۱) اَتے وِزِ، اَتے موقعہٕ - یم: اَسہ اوس
بتہٕ کھینے نِ اَتے ہیو پورٕتھ واتِتھ -
(۲) اَتے موکھہٕ - اَتھی پیٹھہٕ - اَتے سببہٕ
یم: گاٗوَن تراوی تویڈ برنتھ گاہہٕ، اَتے
دِن ژوٚر ژوٚر دوہ -

**اَتیتھ** :۔ [م/ن - مٗول: اَتہت - (س: اَتہتہٕ]
لاچار تہٕ نادار - چٕنٛڈ چھوٚن - یُس نہٕ کینہٕ آسہٕ -
یُس نہٕ کانٛہہ دَس گاہ آسہٕ - گومُت گُذرٕیومُت -
ہیبن ہیٹھ پیومُت فقیر فقیر -

**اَتہٕ دُنٛڈ (اَتہٕ دوٚنٛڈ)** :۔ [مٗول: اَتہٕ دُنٛڈ (؟ک: ہتھ + دوٚنٛڈ
(س: شتھ + دَنت] -

اَکھ زَنڈُل کچھ ییُس جادٕ تیٖل زٕمینَس مَنٛز چھ آسان۔

**اَتہٕ گتھ**[1]: [ن۔ مۆل: اَتہٕ گت۔
دس: اِ + ک تہٕ + س: گتہَ دگم]
یُن گژھُن۔ زٕہتھ مرُن تہٕ مرِتھ زیوٚن۔ ہور تہٕ
یور دَوٕ دَو ہیتھ۔ یِنہٕ گژھہٕ۔

**اَتہٕ گتھ**[2]: [ن۔ مۆل: اَتہٕ گت۔
دس: اِ + ک تہٕ + س: گتہَ دگم]
وٲرِ وگژھِ وَنی، یہ چھ کورِ دِوان نقدِ تہٕ جِنس
تہٕ، جِنسَس مَنٛز چھ آسان نوٗن تہٕ ژوچہ۔
اکِ قسمُک سفرُک توشہٕ۔

**اَتُر**: راہ، دوٚش، وَشِف، غلطی۔
**اَتُر کرُن**۔ یہ نہٕ یزٕ تہٕ کرُن۔ غلطی کرٕنی۔
**اَتُر گژھُن**۔ وَشِف گژھُن۔ غلطی گژھٕنی۔

**اَتوٗل**: [ن۔ مۆل: اَتوٗل دس: اَ + تول دس: تُل]
نہٕ تولمُت۔ تولنَے۔ تولنَے کھوٚ ومُت۔
تولنہٕ ورٲے۔ وزٕن نہٕ کورمُت۔ ییتھ نہٕ وزٕن
ہیکہِ سپدِتھ۔ یہ نہٕ تولنہٕ ییِہ۔

**اَتوٗل بِتوٗل**۔ ییٚتھ یِتھنہٕ تولنَس اَنٛدر ییِہ۔
یہ نہٕ سیٚدِ سیٚدِ تولنہٕ ہیکی زٕ۔ سیٹھا۔ بےٚ حساب۔
گٔتل۔ کٲفی۔

**اَتِن، اَتہٕ نَس**۔ [مۆل: اَتہٕ دپراکرت: اَتہٕ دس: اَترم

اَتیتھ۔ اَتہٕ نتھ۔ اَتہٕ نَن۔ اَتھ جایہ۔ تتھ جایہ یِہہ ونہٕ آسہ
**اَتہٕ نَن**۔ اَتِین۔ اَتیتھ۔ اَتہٕ نتھ۔ اَتھ جایہ۔
تتھ جایہ یوٚس وٕنٛز آسہ۔

**اَتہٕ نُک**: امہٕ جایہ ہُنٛد۔ اَتہٕ نُنک۔
اَتہٕ نکُے، اَتہٕ نَنکُے۔ اَمی یوت جایہ ہُنٛد۔

**اَتراف**: [ن۔ مۆل: اَتراف دع: ؟ اِصراف]
فضول خرچ۔ ییتھ بڈٕ فٕیہ وُچھنَے خرچن دول
(یَس اَتھس زوٗد آسہ) یُس بوزِتھ شوٗزِتھ
آسہ نہٕ خرچاوان۔

**اَکھ**: [دس: اَترسَتھ]۔
تتھ یہ ونہٕ آسہ۔ تتھ یہ دٔرینشٹھان آسہ۔
یُس یہ چیز چھ تتھ۔

**اَکھ اَکھ تُجھِس سَتھ سَتھ چوٚب**۔
بیٚمِس یِژھ خصلتھ آسہِ تٔمِس تیٚیُھ پیش یوان۔
یہ چھ تیٚلِہ کٲنِہ وَنان ییٚلِہ تَس شکمَس لایِق
شوٗنٛڈ آسہ یا پننی غلطی کِنہٕ کانٛہہ بلاے
زِنگن ییہ وٕلنہٕ۔

**اَکھ بُرنہٕ پےٚمے ژٕرنہٕ**۔ ییٚتِہ ییُتھ ماحول آسہ
تتِہ چھ تتھے اَثر آسان۔

**اَکھ ژٕھن بلاے بیٚیہ ژٕھن چوٚنچہ**۔
(ل.م) بیٚیے ہِنٛدِس بانَس مَنٛز ژراوتہٕ ییے

تراوتہٕ سنٛز چوٚنچا۔ وَرگہٕ پاٹھی؛ پنٕہٕ نے پان سوٚرن
تہٕ بیٚیہِ سُند نہٕ خیال تھٲوُن۔ یہِ محاورٕ چھُ سالہٕ
پیٹھ دزامُت، بیٚیتہٕ پڑہتھ کانٛہہ پوٚژھ پانیوُ
پانیوُ آسہٕ گران۔ یہِ چھ وَنان تیٚلہٕ ییٚلہٕ کانٛسہٕ
پانہٕ سِے کُن یوت آسہٕ پَرواہ تہٕ بیٚیہِ سُند کُرہٕ نہٕ
رَژھ تہٕ خیال۔

**اَتھ شۆبہٕ زُو کوتا لۆبہٕ۔** یہِ چھ ہزلہٕ پاٹھی
وَنان تَس ییٚس نہٕ کانٛہہ شۆب آسہٕ۔ وَرگہٕ
اَموب بُڈ شۆب چھس۔

**اَتھروید۔** [ن۔ مۆل: اَتھرویدٕ < س: اَتھروویدٕ]
ژورِو ویدو منٛز اَکھ۔

**اَتھاہ،** [مۆل: اَتھا < س: اَستھاگھ]
سبتھاسوٚن۔ یتھ نہٕ اوٚشتھ وۆتھے آسہٕ۔

**اَتھٕ،** [ن۔ مۆل: اَتھہٕ < پراکرت، ہتھ < س: ہَستہٕ]
۱۔ پانٛژھ اوٚنگجہٕ کرتھ ژھٹہند برونٛٹھیم انٛگ ییٚمہٕ
سِتی کٲم کار بِہتر کرنہٕ چھُ یِوان۔ اِنسان سُند بۆنجہٕ
اوٚنگجو سان ماوٕ ییٚمہٕ سِتی کینہٕ رٹنہٕ چھ یِوان تہٕ کٲم
کوٚٹ کران چھ۔
۲۔ دٲخل۔ م: یتھ آندر چھ پلاسک تہٕ اَتھ۔
۳۔ طرف۔ اَند۔ م: دٔچھنہٕ اَتھ، کھوورٕ اَتھ۔
۴۔ کسب، ہنٛز۔ م: کٲشرین چکن دۆزن
چھُ جان اَتھ۔ سوٚنہٕ وازِس چھُ جان اَتھ۔
(۵) خط۔ م: سارِنے کارِبن چھُنہٕ جان اَتھ۔
(۶) تیٚتی تاسہٕ پیٚٹھ ہیٚتی اَکِس گنٛڈن با جِس اَتھس منٛز
آسن۔ (۷) اَکہٕ اَتھک اَتھ پۆنجہٕ۔

**اَتھس:** کیٚٹ، کٕتھ، پیٹھ، منٛز بیترِ ہاوَنہٕ
باپتھ اَتھ لفظک رٔپھ۔ م: اَتھس کیٚٹ ٹھلابہٕ
اَتھس کتھ کِتاب۔ اَتھس پیٹھ بتہٕ پھول، بیترِ۔

**اَتھس اَندر اَنُن۔** پننِس قبضس منٛز اَنُن۔
پانَس تل اَنُن۔ دٕستھ اَنُن۔ موچہٕ منٛز اَنُن۔
قوبو کرُن۔ وَش کرُن۔

**اَتھس اَندر تھَوُن۔** قبضس تل تھوُن، پننِس
اختیارَس تل تھوُن۔ پننِس قبضس یا
اختیارس اَندر اَنُن۔ موچہٕ منٛز تھوُن۔

**اَتھس پیٹھ:** (۱) اَتھ چھ جاپہٕ۔
م۱: اَتھس پیٹھ ڈٕکھبھ۔ م۲: اَتھس پیٹھ تھوس روپے
کٲم نیری (۲) اَتھس تام مُتھ اَتھ آسہٕ۔
م: اَتھس پیٹھ چھُ اَمیک دارٕ مدار۔ (۳) زِد تر زوترٕ
ڈٕلی ڈٕلی۔ جل جل۔ اَتھ پیٹھی۔ م: یُتھ سر داپنہٕ
کرُن اَتھس پیٹھ برازُن گژھنہٕ۔

**اَتھس پیٹھ اَتھ دِیُن۔** آ اکار کرُن۔ مانُن۔
کانٛہہ کٲم پۆرٕ کرنہٕ باپتھ قسم کرُن، داو دِیُن۔

**اَتھس (گوٚد) زوٚد آسُن** :- فضوٗل خرچ
آسُن ۔ پانٛسہٕ ٹوٗنٛک نہٕ بچاوِتھ تھوٗن۔ پانٛسہٕ
ٹوٗنٛک نہٕ موجوٗد روزُن ۔ دیارن ڈیرٕ ٹاس کرُن

**اَتھس سیٚتی اَتھ** ۔ (اَکھ اَکِس سیٚتی) اَتھہٕ ملوٗتھ،
سیٚتی سیٚتی۔

**اَتھس کیٚتھ** ۔ (۱) اَتھس مَنٛز ۔ اَتھس اَنٛدر۔
(۲) تیار: م: اَتھس کیٚتھ جواب آسُن۔

**اَتھس کیٚتھ تھوٗن** ۔ اَتھس مَنٛز تھوٗن ۔ اَتھس
مَنٛز رٹُن ۔ اَتھس اَنٛدر رٹُن ۔ اَتھس کیٚتھ تھوٗن
کانٛہہ ناشایان چیز، تہٕ گوٚرزیکہٕ تھوٗن۔

**اَتھس مَنٛز** ۔ اَتھس اَنٛدر ۔ ورگہٕ موچھِ مَنٛز

**اَتھس مَنٛز آسُن** ۔ قبضس اَنٛدر آسُن ،
یختیارس مَنٛز آسُن ۔ پانس تام آسُن۔

**اَتھس مَنٛز اونٛگجہٕ پانٛشرٕ تمہ نہٕ ہشے**۔
ساری چھِنہٕ ہوی ۔ پرٛتھ کانٛہہ انسان چھُنہٕ
ہِشے ۔ دوٚن چھِنہٕ ہِشی عادت آسان۔

**اَتھس مَنٛز نار ہیُون** ۔ سَخ مُشکل برداش کرُن۔
تژھ کانٛہہ سختی ژالنی یوسہٕ برداشتہٕ نہٕ بَرٕ آسہ۔
م: ژالُن چھے کوٚہس کرنہٕ اَٹے
ژالُن چھے مَنٛز اَتھس ہیُون نار

**اَتھَن پیٚٹھ تُلُن** ۔ سیٹھا جوشہٕ سان برٛونٛہہ
یُن ۔ سیٹھا عزتھ کرُن ۔ ہمکھن پیٚٹھ تُلُن، لٔلہٕ وُن۔
لول برُن ۔ (شرُس بیتر) لٔلہٕ مَتہٕ لاے کرُن۔

**اَتھَن پھٔکھ لارُن** :- (نافلکھ اولادس پیٚٹھ)
میہنتھ ضایہ گژھنی تہٕ حاصل نہٕ کیہنہٕ یُن۔
ناحقس اَتھ کرٕہنی گژھنی ۔ کرٕ تھ کرٕ اوتھ کیہنہٕ
نہٕ حاصل یُن ۔ کرٕ تھ کرٕ اوتھ کھولہٕ گژھُن۔

**اَتھَن پھوکھ دِوان بچُن** ۔ کُہنی تام کُہنی تام کُنہٕ
بَجہٕ بلایہ تَہٕ موکلُن۔

**اَتھو** :- (۱) دوٚیہ اَتھی ، اَکی اَتھہٕ نہٕ ۔ دوشوے
اَتھو لاگِتھ ۔ سیٹھا اَتھ لاگِتھ ۔ (۲) موجوٗدگی اَنٛدر۔
م: مالی ہِنٛدیو اَتھو گوژھ کورُن نیٚتھر بِنُن۔
(۳) کانٛسہِ ہِنٛدی کِنی ۔ م: میانیو اَتھو بڈٕ نوکھ۔

**اَتھو پیٚٹھی تُلتھ نیُن** ۔ سیٹھا محبت کرُن ۔ لٔلہٕ
مَتہٕ لاے کرُن (کرُنی)۔

**اَتھہٕ** ۔ نِش ۔ خوٗالہ ۔ م: کتاب چھےٚ مے اَتھہٕ۔
کانٛسہِ ہِنٛدی کِنی ۔ م: یہ کام گرُناوامی سے اَتھہٕ۔

**اَتھہٕ اَنُن** (۱) حاصل کرُن ۔ لبُن ۔ قبضس تَل اَنُن۔
پننس اَتھس مَنٛز اَنُن ۔ ورگہٕ ہارٹُن ۔ تَل
تھوٗن ۔ م: نوش پیایہ اَتھہٕ آیہ۔
(۲) حسابس اَنٛدر کانٛہہ گژھنہٕ برٛونٛہہ کُن نِنی۔

حاصِل یُن ۔ م : ۹ تہٕ ۵ ژھوداہ، ژھوداہ
تہٕ ژورے اَتھ آو اَکھ ۔

**اَتھہٕ آمُت** ۔ (۱) اَتھس مَنٛز آمُت ۔ لوٚبمُت ۔
ووٚتمُت ۔ حاصِل کوٚرمُت ۔
(۲) آتھنہِ واتھنہِ آمُت، رٕنہٕ کھوٚتمُت ۔

**اَتھہٕ آیِتَن** ۔ پانَس ڈٲکھ، تہٕ گوٚ پانَس تام،
بٔنیِس پیٹھ نہٕ ۔ آزاد پاٹھی ۔ کانٛسہٕ ہٕنٛدِ مدتہٕ
یا دَباوٕ بٔغیر ورٲے کانٛہہ کتھ اَنٛز راوٕنی ۔

**اَتھہٕ آوٚت** : اَتھس تَل ۔ بختیارس اَنٛدر ۔ پانَس تام ۔

**اَتھہٕ پاوُن**، حاصِل اَنُن ۔ وٕتنہٕ اَنُن ۔

**اَتھہٕ تسبیح بٔنٛیہٕ پھاسی** ۔ زَبٲنی زَبٲنی بَلایہ
لگُن تہٕ اَنٛدری اَنٛدری کھیٚہنَس آسُن ۔ اَنٛدرٕ
اَکھ تہٕ نیٚبر بیاکھ ۔ دِلہٕ اَکھ تہٕ وُٹھ بیاکھ ۔ یہ
چھ تِمہٕ ساتھ وَنان یِیِلہٕ کانٛہہ نیٚبرِ کنہِ رٲوِش یا
دَرویش لٲگِتھ کانٛسہٕ کھیٚہنَس یا زَکھ واتناوَنس
پیٹھ آسہٕ ۔ م ؛ گبہٕ بُتھ راہہ ہوٚن ۔

**اَتھہٕ پھوٚل** ۔ (۱) اَرگہٕ آہوتی ۔ گیوٚ کرِتھ اناج
دوژھ یوسہٕ ہَنہٕ چھِیے یوان ۔ خاصکر تہٕ یَتِم
آہوتہٕ ۔ (۲) (وَرگہٕ پاٹھی) کینہہٕ رٕت کرِتھ مٕژ موٚزور
یہٕ چھُ ہرلہٕ پاٹھی یوان وَنہٕ ۔ م : یہِتِس کانٛس
روٚچھِم تہٕ وَنی دیٖتِم بہٕ اَتھہٕ پھوٚل زَگرٕ مَنٛزٕ

ژھننَس گَنٛڈِتھ ۔

**اَتھہٕ تھوُن** ۔ (۱) حَوالہٕ کرُن ۔ کانٛسہٕ کینٛہہ پانَس نِشہٕ
تھوُنہٕ یا پَتھ دِیُن ۔ (۲) پنٕنِس اَتھس تَل رٹُن ۔
پانَس تَل رٹُن ۔

**اَتھہٕ دِیُن** ۔ (۱) اَتھس کینٛہہ دِیُن ۔ کانٛسہٕ نِش تھوُن،
حَوالہٕ کرُن ۔ م : رحیمہٕ دژمَس کوٚلیہِ اَتھہٕ ۔
(۲) کانٛسہٕ ہٕنٛدِ زٕری یِر سوزُن ۔ م : بابَس اَتھہٕ
دژمَس چِٹھی، بابَس اَتھہٕ دِتی مَس پلو دَلو ۔

**اَتھہٕ رٹُن** ۔ وَرگہٕ رٹُن ۔ پنٕنِس اَتھس تَل تھوُن،
پنٕنِس قبضَس مَنٛز تھوُن ۔ یِلہٕ نہٕ تراوُن ۔ پنٕنہٕ
دَتہٕ کینٛہہ تھوُن ۔

**اَتھہٕ روزُن** ۔ اَتھس تَل روزُن ۔ اَتھس مَنٛز
روزُن ۔ یِلہٕ نہٕ گژھُن ۔

**اَتھہٕ ژوٚٹ لگٕنی** ۔ زٕہنتھ ہیکُن ۔ زی بَنٕنی ۔
بَتہٕ زینٕنَس لایق گژھُن (کارِکَسبہٕ سیتی) ۔

**اَتھہٕ سار** ۔ (دٕتی یا ژوٚر) بٔنیے سٕند جاداد
وارِ وارِ پنٕنِس اَتھس مَنٛز اَنُن ۔ وارِ وارِ
کانٛہہ پَنٕنہٕ جاداد نِشہٕ لوٚژراوُن ۔ کانٛسہٕ
ہٕنٛدِس جادادَس اَتھہٕ مارُن ۔

**اَتھہٕ سوزُن** ۔ بٔنیِس دِنہٕ موکھ کینٛہہ کانٛسہٕ اَکھ
جایہٕ پیٹھہٕ بٔیِس جایہٕ ننہٕ یا پَتھ دِیُن ۔ کانٛسہٕ

ہێنٛدِ زٕری بہٕ واتناوُن۔

**اَتھہٕ کھیوٚن۔** اَتھ ستی کھیوٚن۔

**اَتھہٕ لگُن۔** (۱) رووُمت چیٖز لبُن۔ اَتھس منٛز یُن۔ وَٹھہٕ یُن۔ وَٹُن

(۲) کانٛسہٕ نِش ہیٚنہٕ یُن، کانٛسہٕ تَل لگُن۔

م: تَس چھُ بویا اَتھہٕ لوٚگمُت تہٕ دوٚہس راتس چھُس موٚہنوی کار کرناوان۔

**اَتھہٕ لارُن۔** (۱) کُنہِ راوِمتہِ چیٖزک کانٛہہ حصہٕ لبُن۔ (یتھہ پتھہ گُذارہ بیہہ کرِتہٕ) (۲) حاصِل سپدن، کرِتھ کرِ اوٚتھ پتہ کُنہِ موٚژن۔

**اَتھہٕ لوٚر، بٔلیہِ کھوس۔** ترٛٹہ حالتہ گژھنی۔ یتھہ لوٚر دِکھرتھ تہٕ باٮ۪ہ ژوٚرِ تھوٚوتہ ہیٚچھن بٔلیہ۔ تیتھہٕ ہتھر ہیوٚن ییتھہٕ یُتھ ہاوُن لایق روزی نہٕ۔ دپہ چھ وۄہو پاٹھی وَنان۔

**اَتھہٕ لوٚر گرٕنی۔** ژٕنٛجہ دِی دِی پھٕلی کرٕنی۔ اَتھہٕ ستی چوب دی دی اُڈی جہ پھٹراونہٕ۔

م: ژوٗرس کرٕ پُلسن اَتھہٕ لوٚر۔

**اَتھہٕ ہار اَندکار۔** اَکھ وۄہوٗ دُنیہ ساتہ پوان وَنہہ ییلہ کانٛسہٕ بدٕ بۄرھنہٕ ورِ بہٕ وۄن آسہٕ نہٕ گژھہ تہٕ دۄہے چُنہٕ چھوٚن نہٕ نیٚتھہ نوٚن روزُن) چھینہٕ سے ہیٚٹھہ کاڈِ ین گھشن۔ ٹلی نخوتھ آشن۔

**اَتھہٕ نیٚژن۔** ستی نیٚژن۔ ستی ٹلُن (وۄترٕ با پتھ)۔

**اَتھہٕ ہیوٚن۔** کُنہِ نیبرٕ بہٕ ورِ کینہہ ستی ٹلُن (وۄترٕ لگنہٕ باپتھ پانٛسہٕ ٹوٚنگ) چنٛدس اَندر ییٚژن۔

**اَتھہٕ یُن۔** (۱) اَتھس منٛز یُن۔ رووُمت چیٖز لبُن، کانٛسہٕ ہنٛدِس قبضس تَل یُن۔ زیٚنُن۔

(۲) حسابس اَندر کانٛہہ گڑٕ نہٕ برٕ وٕنہہ کُنہِ پکناونی۔

م: ستھہ ژاکہ اَڈوٕ، اَڈوٕ ہہٕ تہٕ اَڈ اَتھہٕ آیہ نہٕ۔

**اَتھہٕ اَندرٕ۔** اَتھہٕ منٛز۔

**اَتھہٕ اَندرٕ ہیوٚن۔** (۱) اَتھہٕ منٛز وسی ہیوٚن۔

(۲) اَتھہٕ منٛز ژلُن۔ قبضہٕ تَلہٕ نیرُن۔

**اَتھہٕ اَندرٕ تراوُن۔** اَتھہٕ منٛز ییلہ ژھٕلُن گژھنہٕ دِین۔ ورگہ ییلہ تراوُن۔ بنٛدٕ نہٕ تھوٚن۔ آزاد کرُن

**اَتھہٕ اَندرٕ ژلُن۔** اَتھہٕ منٛز غایب گژھُن۔ اَتھہٕ منٛز نیبرِ تھ گژھُن۔ باز اَتھہٕ گژھُن۔ اَستھ گژھُن نہٕ آشُن۔ قبضہٕ نہٕ روزُن۔ پننِس اَتھس تَل نہٕ روزُن۔

**اَتھہٕ اَندرٕ نیرُن۔** نیٖز کام یتھہٕ کانٛہہ اَتھہٕ ستی ہیٚکہ کرِتھ۔ اَتھہٕ ستی کرِتھ ہیٚکُن۔

**اَتھہٕ اوٚنگجہِ۔** اَتھہٕ اوٚنگجہِ، کھورٕ چہ نہٕ۔ یمہٕ اوٚنگجہِ ییلہ اَتھن آسان چھیٚنہٕ۔

**اَتھہٕ بَل**۔ (۱) اَتھہٕ ہیکتھ، کٲم کرٕنچ ہیکتھ۔
(۲) دِیارِ روز۔ آسنُک مَد۔

**اَتھہٕ بِشار گژھُن**۔ (۱) اَتھہٕ پھسُن۔
(۲) (وۄرگہ پٲٹھۍ) آوُر آسُن۔ موکُل نہٕ آسُن۔ کُنہِ کامہِ سٟتۍ لٔگتھ آسُن۔ (۳) پٲنسہِ ٹوٚنگ نہٕ روزُن۔ اَتھہٕ تَنگ گژھُن۔

**اَتھہٕ باجہ**۔ سُہ باجہٕ یُس اَتھہٕ سٟتۍ وایِنہٕ ییہِ، یُس نہٕ آسہٕ سٟتۍ وایُن پییہِ۔

**اَتھہٕ بلگے**۔ اَتھہٕ بأگرُن۔ اَتھہٕ سٟتۍ بأگرِتھ دِیُن، (تذکرِ وکرِ سٟتۍ شا)۔ اَنکہٕ وُنۍ کینہٕ اَتھو سٟتۍ ہیچہِ کرٕتھ دِنۍ۔

**اَتھہٕ باہہِ لگُن**۔ اَتھَن ہُند گمہٕ لارُن۔ کُنہِ اَدی لیس چیزَس اَتھہٕ لاگنہِ سٟتۍ ژھہ کھہٕ لگُن۔

**اَتھہٕ بأگرُن**۔ اَتھہٕ سٟتھ پٲٹھۍ اَتھو سٟتۍ بأگراوُن۔

**اَتھہٕ بَرکونہٕ یُن**۔ کُنہِ چیزٕ سٟتۍ اَتھَس کرٕپُس گژھُن۔

**اَتھہٕ بَرکھ**۔ (۱) اَتھَس بَرکھ لگُن۔ کانہہ گوٚب چیز بیتر پیٹھہٕ پینہٕ سٟتۍ اَتھَس دَباو پیوٚن نہٕ چوٹ لگُن۔ (۲) اَتھہٕ سٟتۍ بَرکُن، ٹھپٹراوُن۔

**اَتھہٕ ہیتھ گَن گژھُن**۔ (۱) (وارگہ پٲٹھۍ) مجبوٗری کِنۍ اَستھ نہٕ دِتھ ہیکُن۔ کانسہِ اَکِس اِنسانٕ وِزِ کینہہ دِنُس یا مدد بیترِ کرٕنُس نہٕ وۄتھنہِ یُن۔

م: میثانی وِزِ گاس اَتھہٕ ہیتھ گَن۔ (۲) مرضی اَستھ نہٕ کینہہ دِنُس سوٚمب نہٕ صوٗرتھ روزٕنۍ۔
(۳) کانسہِ پیٹھ نٔرتلنَس نہٕ وار روزُن۔

م: تمی تجوٗو پستول ژوٗرس مارنہٕ باپتھ تہٕ بیلہِ اَتہٕ پتہٕ نُے بوے وچھُن اَتھہٕ گاس ہیتھ گَن۔

**اَتھہٕ پٔٹھُن**۔ اَتھَس سنہ رگژھُن۔ کُنہِ کارَس منز اَتھہٕ دَرُن۔ اَتھو سٟتۍ کٲم ہیچھُن۔

**اَتھہٕ پَژھہ**۔ اَتھہٕ صاف آسنہٕ کِنۍ کانسہِ پیٹھ پَژھ، پرٔ تیتھ۔ کانسہِ پیٹھ پرٔ تیتھ۔

**اَتھہٕ پَچھر**۔ اَتھَس پَٹھُن۔ اَتھو سٟتۍ کٲم کرٕنہٕ کِنۍ کھسُن۔ اَتھہٕ تِکہٕ جان کٲم نیبرٕنۍ۔

**اَتھہٕ پَلزٕنۍ**۔ اَتھہٕ بِکار ییٔنۍ۔ کانسہِ ہُند وقتِ کٲری لِگارِیُن۔ (طنز پٲٹھۍ) کانسہِ ہُندِ اَتھہٕ خراب گژھُن۔ م: تَس پَلزٕ بیپہ پوٚتُس پتہٕ نیسیے نیہجوی پِنڈی اَتھہٕ۔

**اَتھہٕ پَن**۔ سُہ پَن یُس ووِری دورِ ہرِ کانِس پیٹھ کِنۍ گنڈِتھ آسان چھُہ۔

**اَتھہٕ پَنجہ**۔ اَتھہٕ وُلیٔن (اوٚنگجوٗسان عام پٲٹھۍ)۔

**اَتھہٕ پَنجہ جوڑ**۔ ز اَتھہٕ پَنجہ۔ دۄشوٚن اَتھَن ہُندی اَتھہٕ پَنجہ۔

**اَتھہٕ پوٚ**۔ زوٗرِ اَتھہٕ آسنۍ، زوٗرِ کُن آسُن۔

نۄتھس ژونگ آسُن ذران۔ اَتھ پھُر آسُن۔

**اَتھ پہا۔** اَتھ پیٹھی پہا۔ کمِہ کالہٕ بانھ وُذم۔
کمِہ کالس وُذمس پیٹھ۔

**اَتھ پیُن۔** ترلنس تتِس پیٹھ اَتھ ڈرراوُن۔ ژٕبہٕ
گرٕنی۔ ژالن بانہٕ پاڑ کرُن۔

**اَتھ پاو۔** اَتھ وَہراوتھ کُسہٕ ہنٛدِ اندٕ پیٹھ نیوُتھ
کس اندس تام گژھن زباچھرُک۔ اَکھ میٖتر۔ اَٹھ
سٹھ گز گٔژ وُچھنہٕ بانھ اَکھ اَتھ میٖتر۔

**اَتھ پاوُن۔** بیٚیِس سنٛز کامہٕ منٛز دخل دِیُن۔
دوٚیمہٕ سنٛزن کتھن منٛز زنگ ژٕھنُن —
(اَکھ پنجابی محاورٕ۔ کاشُرِ پاٹھی چھنہٕ بچھ گٔنی وَپان)

**اَتھ پھٹُرن** ۔ (۱) اَتھ چھلُن۔ اَتھ پاکھ کرُن۔
(۲) کُنہٕ پیٹھ اَتھ ڈرراوُن۔ کانٛہہ کاروارٕ پاٹھی
ہیٚچھُن یا ہیٚچھناوُن۔

**اَتھ پاز۔** اَتھو سٕتی آب داب پازُن۔ کانٛہہ ترٛ
چیز کُنہٕ بانہٕ منٛز اَتھو سٕتی کڈُن۔

**اَتھ پشُل** ۔ (۱) یَس اَتھ پشلی آسَن یَس اَتھ نرم
آسَن۔ (۲) نزاکژ کام ترانَن وول۔
(۳) کوٚژھ رٕژن وول۔ یَس کوٚژھ رٕژنہٕ
بانھ اَتھ پھتہٕ گٔنے آسہٕ۔

**اَتھ پشنجار** ۔ (۱) (کام کرنس منٛز) اَتھ نرم آسنی۔

اَتھ پشلی آسنی۔ (۲) اَتھ کامہٕ ہنٛد زاوی جار۔
(۳) کوٚژھ رٕژہٕ ہنٛج ہال۔

**اَتھ پلوَن۔** ترٛ ہنٛدِ زبھرِ یا تھزرٕ۔ یتھِس ترٛ واتہٕ
تیوٚت دوٗر۔

**اَتھ پلوَن کرٕنی۔** کانٛہہ چیز بیترٕ اَتھو پیٹھی پلناوی پلناوِتھ
برٛونٛہہ کُن پکناوُن۔ اَتھو پیٹھی رٕٹی رٕٹی کانٛہہ چیز
بیترٕ سارُن۔

**اَتھ پلوُن۔** کُنہٕ جایہٕ اَتھ واتناوُن۔ کانٛہہ چیز
تیوٚتے ہیوٚر یا دوٗر یوٚت نتہٕ اَتھ وانہٕ۔
م: دارٕ پیٹھ کُنہٕ دٕرِ تام چھُ اَتھ پلوُن یِوان۔

**اَتھ پور۔** بوڈٕ تہٕ اَتھ وۄتھ۔ آسَن وول یَس اَتھ
وۄتھ آسہٕ۔ کونٛڈ آسہٕ نہٕ۔

**اَتھ پوٚرٕ۔** اَتھ وَزھر۔ اَتھ ساوٕر۔ اَتھ پوٚرٕ
آسُن۔ اَتھ وۄتھ آسُن۔

**اَتھ پوٚٹھ۔** یَس پوٚٹھ اَتھ آسہٕ۔ اۄرکٲرِ گرٕ جان
نہٕ رٕت کٲرِ گر۔ زانَن وول کٲرِ گر۔

**اَتھ پوٚل۔** یَس اَتھ ڈیوٚل آسہٕ۔ یَس کمزور اَتھ
آسہٕ۔ یَس نہٕ اَتھَن زور آسہٕ۔ یَس نہٕ اَتھ دوٗر آسہٕ۔

**اَتھ پیٹھی۔** جلدٕ۔ جل جل۔ وُچھان وُچھان۔ دستی۔ وُلٕ وُلٕ۔

**اَتھ پیٹھی تارٕنی۔** وُچھان وُچھان تہٕ بیٚیِ شوٗنکی پاٹھی
ژٕھلرُن۔ دوکھہٕ دِیُن۔ بازی تارٕنی۔

**اَتھ پیٹھ تھوٗن۔** ڈوٗکھ کرُن۔ وَقتہٕ وَقتہٕ حاجتھ کڑُن۔ رَچھِن بٔڈرُن۔ سَرپرستی کرٕنۍ۔

**اَتھ پھوٗزِ بیاری (بڑاری) کھسو۔** وُچھان وُچھان کاتھہ چیٖز بڑونٛٹھ کَنہٕ غاب گژھُن۔ یُس چیٖز اَتھ تَلہٕ دڑاو سہ رٕود نہٕ ییٚنُن۔

**اَتھ پژون۔** (۱) یَس اَتھ پژیٖنی آسَن۔ یَس اَتھ سَفید تہٕ صاف آسَن۔ (۲) یُس کامہ کارَس منٛز بَددیانتی کرِ نہٕ۔ یَس اَتھ صاف آسہٕ۔

**اَتھ پیۆر۔** یَس صاف اَتھ آسہٕ۔ یَس منٛز اَتھ کام صاف آسہٕ۔ یَسٕند اَتھ تَلہٕ کام صاف نیر۔ اَتھ پژل۔

**اَتھ پیۆد۔** واقف ژور یُس آسہ منٛز چیٖز کڈی کڈی نیہٕ۔ پیٚے پُردٕ ژور۔

**اَتھ پیۆن۔** اَتھ منٛز وُسی پیۆن۔ اَتھ منٛز یلہٕ گژھُن۔ اَتھ تَلہٕ نیرتھ ژلُن۔ اَتھ تَلہٕ گژھُن۔ پانَس نِش نہٕ روزُن۔

**اَتھ پھٹنی۔** اَتھَن پھرٕاٹہٕ گژھنہٕ۔ (تیٚر ورِستی)۔

**اَتھ پھرٕنی۔** کانٛسہٕ ہٕنٛدی کَنی نوقصان واتُن۔ کانٛسہٕ ہٕنٛدِ دسی زَکھ واتُن۔

**اَتھ پھش۔** اَتھ سیٖتی پھش دیُن۔ اَتھ سیٖتی وِوِتھراو۔ اَتھ سیٖتی دوٗرُن۔ اَتھ لاگُن۔ اَتھ سیٖتی سارُن۔

**اَتھ پھلنی۔** کام کرٕی کرٕی اَتھ ژھیٚنی۔ کُنہٕ کامہ منٛز اَتھے یاتی ژھیٚنی تہٕ لارُن نہٕ کیٚنہہ۔

**اَتھ پھنٛڈ۔** اَتھ سیٖتی ژیٚھ (دیُن)۔ اَتھو سیٖتی لایہ لاے (کرٕنی)۔ دھوکہ بیٚن تہٕ مکر پیٹھ (واتُن)۔

**اَتھ پھنٛڈٕنی۔** (افراز ورٕتھے آسنہٕ کِنی) اَتھو سیٖتی مُشکِل کام کرٕنی۔ سہ کام کرٕنی ییٚمہ سیٖتی اَتھ ژھیٚنن۔

**اَتھ پھھور۔** (۱) اَتھ نہٕ نرم آسُن۔ اَتھَس کنٛڈی رُوی آسنی (۲) (ورگہٕ پاٹھی) سہ یَس ژورٕ ہٕنٛد عادتھ آسہٕ۔ سہ یَس ژورِکُن آسہٕ۔ یَس نیوٹھَس ژونگ آسہٕ دزان۔ یَس ژورٕ پو آسہٕ۔

**اَتھ پھہرہ یُر۔** اَتھ پھھور آسُن۔ ژورٕ پو۔ ژورِکُن آسُن۔ ژورٕ ہٕنٛد عادتھ آسُن۔ نیوٹھَس ژونگ دزان آسُن۔

**اَتھ پھالونی۔** کام کرٕ کرٕی اَتھ خراب گژھنی (کرٕنی) نہٕ لارُن نہٕ کیٚنہہ تہٕ۔ جلکھی جھکی نہٕ نہٕ کیٚنہہ حاصل یُن۔

**اَتھ پھرٕ شر۔** (۱) اَتھ پھہر آسُن۔ (۲) پانَس کیٖنٛت کونٛد آسُن (۳) اَتھ ڈُچھن آسُن (گریٖسی)

**اَتھ پھرٕ یٖش۔** (۱) اَتھ پھہرٕ۔ یَس اَتھ پھرٕی آسَن۔ (۲) کونٛد۔ مُچھ ژہَن وول۔ کونٛجوس۔ (۳) اَتھ ڈُچھن۔ یَس بٔنیٖس پیٹھ اَتھ وُتھی وُتھی گژھن۔

**اَتھ پھسراوُن۔** کُنہٕ مالَس منٛز ہٕنہٕ یُن۔ کُنہٕ اَکس

کامہ منٛز ہَنٛد گٔرھنہٕ سٟتی بِیا کہہ کٲم نہٕ کٔرِتھ ہیٚکُن یا تَمہِ باپتھ نہٕ موٗکل آسُن، تیٚتھ اَوٗر گٔرھن زِ کلہٕ پھرنس روزِنہٕ وار۔

**اَتھ پھلی۔** لۄکٹی تہٕ لاڈی اَتھ۔ ٹاچھِر سان یِوان وَنہٕ۔

**اَتھ پھِرُن۔** (۱) اَکِہ اَتھک چیٖز بیٚیِس اَتھس تارُن۔ (۲) واپس لاینہٕ وۄتھُن۔ پھیٖرِتھ اَتھ اَتھن۔

**اَتھ پھرٗون۔** اَتھ ہَن ڈالنی۔ مایہ سان اَتھ سٟتی سارُن۔ لولہٕ سان پھش پھش دِیُن۔

**اَتھ پھیٖرِتھ گٔژھنی۔** یِمَن بیٛٹھ دارِ کار آسہ تم پھیٖرِتھ گٔژھنی۔ یِیٚسی مَرتھ بیٚتر آسہ کوٗرمُت تِسی نہٕ اَچھَن مَنٛز روزُن۔ پَتہٕ نِہن نہٕ اَچھَن مَنٛز آب روزُن۔ مٟتھر شیٖتھر سیدٕنی۔

**اَتھ پھیٖرنی۔** (۱) اَتھن کوٗد گٔژھن (لَگنہٕ یا غش بیٚتر یِنہٕ سٟتی) اَتھن چوٗنکھر گٔژھُن۔ (۲) پَتہٕ نِہن نہٕ اَچھَن مَنٛز آب روزُن۔ مٟتھر شیٖتھر سیدٕنی۔ اَتھ پھیٖرِتھ گٔژھنی۔

**اَتھ پھیٖش** (۱) اَتھ سٟتی نہناوُن۔ اَتھ سٟتی پھش دِیُن۔ اَتھ سٟتی وۄتھراوُن۔ اَتھ سٟتی ڈٲوُن۔ (۲) اَتھک ماچھُن لیٚوتہٕ نیٚیُن۔ اَتھ سٟتی لیٚوِنہٕ دِنی۔

**اَتھ پھلیشنی۔** اَفسوس کھیوٗن۔ سخ پَشتاوُن۔

اَتھَن ژٕری ہیٚنی۔ اَتھ موٗرنی۔

**اَتھ پھرٗوست، اَتھ پھرٗوژ۔** (۱) یَسنٛد اَتھ رُت نیٚبر سُہ یُس بیٚیتھی کارس اَتھ لاگِہ تِتھو شوٗب پیہ۔ یَسنٛدِس اَتھس برکَتھ آسہ۔ (۲) یَسنٛدِس اَتھس شفا آسہ۔

**اَتھ پھرٗیٔژر۔** (۱) اَتھچ باگٕوٲنی۔ پھرٗیٔژری اَتھ آسنی، تِتھی اَتھ آسنی زِ بیٚیتھی کارس لاگِزِ تِتھی یِیہ شوٗب۔ (۲) اَتھن ہُنٛد شفا۔

**اَتھ پھیٚیار۔** (۱) اَتھ مُنٛزرِس دیٚہ دبیتر کڈُن۔ (۲) اَتھ سٟتی مَنی کڈٕنی۔

**اَتھ پھیٚشُر۔** (۱) اَتھ سٟتی گنٛزراونَس مَنٛز غَلطی۔ (۲) اَکِہ اَتھک چیٖز بیٚیتر دوٚیِمِس اَتھس نارُن۔ (دِکھلِنہٕ بیٚیتر وِزِ) اَتھ بدلُن۔

**اَتھ تنگ۔** اَتھ زھوٗر آسُن۔ اَتھس مَنٛز نہٕ کیٚنہہ آسُن۔ خرچس کیٚژت نہٕ کھُلہٕ ڈلہٕ پاٹھہ آسُن۔ چَنٛدہٕ چھوٗن آسُن۔ غریٖبی آسنی۔

**اَتھ ترُن۔** (۱) سَرد اَتھ۔ (۲) مایہ روٗس، چھوٗلمُت۔ ہوٗنٛدر۔ (۳) اَتھ شٔہل؟ (دِگرٕ یِرسن)

**اَتھ ترنیار، اَتھ ترنہٕر۔** (۱) ہٕنٛدریر۔ مایہ ہُنٛد آباو، چھوٗلمُت آسُن۔ (۲) اَتھن ہُنٛد شٔہجار (دِگرٕ یِرسن)۔ اَتھ شٔہل آسُن۔

**اَتھ تژھ**۔ صاف۔ چوکس مَنز بانہٕ بیتر ووہراونک پلو۔

**اَتھ تُلِتھ دِیُن**۔ (۱) بَے روک پاٹھی دِیُن۔ پیٹھہ کنہٕ دِیُن۔ (۲) کُنہٕ چیز کرِ ڈیر پیٹھہٕ کانسہ موٹھ کھنڈ تُلِتھ دِنی۔

**اَتھ تُلُن**۔ (۱) اَتھ تھود تھوُن۔ (۲) وژھ کرُن۔

(م) (۱) تُل سا اَجل جل اَتھ۔ (۳) کام شورُو کرنی۔

(۴) لایہ مار کرُن ہیُون۔ (۵) ؟ ٹھاکھ کرنہٕ باپتھ اَتھ ہیوُرکُن کرُن (اگریسن) (م): یتھے بتہٕ بڑونہہ کُن اوُنہکھ تیتھے تُل تموٚ ساری وے اَتھ۔

**اَتھ تول**۔ اَتھ سیتی وزن کرُن۔ اَتھ سیتی وزنک انداز لگاوُن۔ اَتھ سیتی در کرُن۔

**اَتھ تراوُن**۔ (۱) یلہٕ تراوُن۔ یلہٕ ژھنُن۔ آزاد کرُن، گژھنہٕ دِیُن (۲) کُنہٕ مامٕلس یا کامہٕ اَتھ ژھنُن، مَنز اژُن۔

**اَتھ تروٚش**۔ اَتھ ڈیچُن۔ ییس لاینہٕ باپتھ اَتھ وٚتھی وٚتھی گژھہ۔

**اَتھ ترو**۔ ییس اَتھ وُنہٕ آسہ۔ ییس اَتھ یلہٕ آسہ۔ (لوکن خاطرٕ اَتھ دِنہٕ باپتھ یا خرچ کرنہٕ باپتھ) بخشانیش دِنہٕ وِزیُس نہٕ پتھ بڑونہہ وُچھہ۔

**اَتھ تروٚشر**۔ اَتھ ڈیچھنیار۔ ژنڈ چار دِنُس پیٹھ تیار۔

**اَتھ تھر**۔ (۱) اَتھ ٹُنٹی۔ اَتھچ تھرتھر۔ راشہ۔ (۲) ہمتھ نہٕ آسنہٕ کِنی اَتھ ٹنُن۔

(۳) گُہناہ یا پاپھ کرنہٕ وِزِ اَتھن تھٕ اژنی۔

**اَتھ تھا ٹھُر**۔ ییس اَتھ تھا ٹھُران آسن۔ ییس اَتھ ٹنان آسن (چھارٕ آسنہٕ کِنی، خوف آسنہٕ کِنی)۔

**اَتھ تھا ٹھُرِ**۔ اَتھچ بانُبر۔

**اَتھ تھُر**۔ اَتھ سیتی بناوُن (کرالہٕ سنڈ ژریچہ پیٹھ کھارنہٕ روٚستے یا قالبہٕ وراَیی)۔ بانہٕ، پوتُل بیتر اَتھ سیتی پوت بناوُن۔

**اَتھ تھُرنی**۔ (ہر گراں) اَتھ گلہٕ ناژنی۔

**اَتھ تھُرُن، اَتھ تھُریر**۔ اَتھ سیتی میٹژو بانہٕ بیتر بناوُن تگُن ؟

**اَتھ ٹوکھ**۔ اَتھ دب۔ ٹینڈی دب۔ ٹینڈ پہٕ سیتی دباوُن۔

**اَتھ ٹونگرُن**۔ اَتھ چونگھرُن۔ اَتھس کوو گژھُن (تمبر بیتر سیتی)۔

**اَتھ ٹیوٚنڈ**۔ اَتھ چہٕ اونگجہ ہُنڈ بڑ ونٹھیُم حِصہ۔ اَتھچ اونگجہ ہُنڈ پیٹھیُم گنڈ یتھ پیٹھ نم آسان چھُ۔

**اَتھ ٹھیکُن**۔ (۱) اَتھس نہٕ نٹھ اژنی۔ اَتھ سیوٚد روزُن (زاوِج کام کرنس پیٹھ)۔

(۲) اَتھ دُرُن، اَتھ سیدُن (کینہہ ہیچھنہٕ باپتھ)

**اَتھ جُتھ**۔ اَتھس آمتی گنڈ وال۔

**اَتھ جُرٕل**۔ ییس اَتھس گنڈ وال آسن۔ ییس اَتھس والہٕ گنڈ آمہٕ آسہ۔

**اَتھ جوٗرِتھ۔** گُلۍ زٕ گنڈِتھ۔

**اَتھہِ چار۔** اَتھک دباو۔ اَتھک زور۔

**اَتھہِ چیپر۔** اَتھک سخ دباو۔ اَتھک چار۔ اَتھ سیتۍ زورٕ دبأوِتھ سرٕ نیہٕ کڈُن۔ اَتھ دبأوِتھ ترماوِ، شیپر بیتر کڈُن۔

**اَتھ چونکھرُن** ۱۔ تیٖر بیتر سیتۍ اَتھس کوو گرٕزھن۔ اَتھس وارے ییٚن۔ اَتھ کاوُرن۔ اَتھ ژٕٹن۔

**اَتھ چھکھ۔** اَتھ سیتۍ چھکُن، اَتھہِ سیتۍ پٕرتھ طرفٕ وٕہراوُن اَتھ سیتۍ بُرتھ دیٖن۔ (بیوٗل بیتر)

**اَتھ چھلُن۔** ۱ اَتھ بٕٹھرُن۔ اَتھ پانہٕ سیتۍ صاف کرُن۔ اَتھس پونۍ بیتر ترأوِتھ مل ماچھرٕ ٹلُن۔

۲ (دٕرگہ پاٹھۍ) وفٕ مید ترٲونۍ۔ برأنتھ نہٕ روزٕنۍ۔

**اَتھ چھانُن۔** برٕنہٕ یا شیپہٕ بیتر بدل اَتھ سیتۍ یوت چھانُن۔ ژھٹہٕ دنہٕ زالو منٛزۍ کڈُن (ژھوٹھ الگ کرنہٕ باپتھ)۔

**اَتھ چھکھ۔** اَتھہِ پیٹھ دٕزھمٕژ یا اَتھہِ سیتۍ دٕزمژ چھکھ۔

**اَتھ چھوٚل تہٕ میٛژ رٕٹ ژٕوٚل۔** مطلب، دٕراو ژٕ نہٕ کانٛہہ نہٕ بہٕ نہٕ کانٛہہ۔ م: کھیتہٕ چیتہٕ تہٕ گکو۔

**اَتھ چھوٚن۔** ۱ یُس ژھرۍ اَتھ آسن۔ یُس اَتھہِ چھنۍ آسن۔ یُس نہٕ اَتھن منٛز کینٛہہ آسہٕ۔ یُس نہٕ کینٛہہ آسہٕ۔ نٕدور، مفلس۔ داو لد۔

۲ خٲلۍ اَتھو، کینٛہہ اَنہٕ ورأے۔ م: اَتھہِ چھنۍ۔

**اَتھہِ چھونٛپ۔** ۱ اوٚنگجن تہٕ ہٕزس منٛز یِگ اَتھک پینٛٹھیشِم حصہٕ۔ ۲ اَتھ سیتۍ گلہٕ (کرُن)۔

**اَتھ چھومبہٕ۔** ۱ اَتھو سیتۍ مٲرُن (کٲسرٕ ٹلنہٕ باپتھ دانہٕ وانہٕ) ۲ اَتھو سیتۍ کانٛہہ ترٛیٹُن، دگُن۔

اَڈٕ مورگرُن۔ وٕرگہٕ اَتھو سیتۍ دٕنتھ ترٲوُن۔

**اَتھ چھونہٕ۔** اَتھہِ تنگی۔ ژھرۍ اَتھ آسنہٕ۔ اَتھن منٛزٕ پانٛسہٕ آسُن۔ اَتھ ژھوٚٹ آسُن۔

**اَتھ درُن۔** ۱ اَتھس ہال گژھنۍ۔ کامہٕ کارس منٛز اَتھ سبدُن۔ ہال کرتھ کانٛہہ کام ٹھیکھ کرٕنۍ تگنۍ۔ لیکھنس کرنس کیٛٹ اَتھ ٹھیکرُن۔

۲ کانٛسہٕ لأینس پیٹھ ہیُن۔

**اَتھہِ دگ۔** ۱ اَتھہِ سیتۍ دگُن۔ اَتھہِ سیتۍ ژیٹُن یا مانٛڈُن۔ ۲ اَتھس دادِ چ دگ۔ اَتھس دادِ سیتۍ نگُن۔

**اَتھ داروٗن۔** یُس منگنہٕ باپتھ اَتھ دارِنس ہال آسہٕ۔ یُس اَتھ آسہٕ داران۔ بیٚیمی منگنس پیٹھ آسہٕ تھووُمُت، بیچھوٗن۔

**اَتھ دارُن۔** کانٛہہ چیز رٹنہٕ باپتھ اَتھ کڈُن۔ ۲ منگُن، منگنس روزُن۔ بیچھُن۔

**اَتھ ڈٟروٗن۔** اَتھس ہال کرٕنۍ۔ تھپہٕ یا ژٕوٗر بیتر

پیٹھ تیار روزُن، ہلُن۔

**اَتھ دٕج** ۔ ذانہٕ سٕنٛز صفٲئی۔

**اَتھ دٕچھنِس** ۔ (۱) اَتھ دٕچھُن آسُن ۔ اَتھٕ تُلنس تیار آسُن۔ لایہِ لِنس پیٹھ تیار آسُن ۔ (۲) اَتھ ژوٗتریر (دگۍ یرسُن)۔

**اَتھ دٕچھُن** ۔ (۱) یُس بیٹھن پیٹھ اَتھ وُتھی وُتھی آسن گژھان ۔ (۲) اَتھ پھُر ۔ یُس اَتھ آسہِ ماران ۔ یُس اَتھ پو آسہِ (دگۍ یرسُن) ۔ (۳) اَتھ ژوتر اگریٖن

**اَتھ دِنَن** ۔ (۱) اَتھ سٕتی پلوس بیتر گرد کڈٕنی۔ (۲) اَتھ پیٹھ یا اَتھ مَنٛز کینٛہہ دِنتھ ترادمنچ کام۔

**اَتھ دِنُن** ۔ (۱) اَتھ زور ہلاونہٕ سٕتی ژٕچ گرد بیتر ہٹاونی۔ زورٕ سان ہلاوِتھ اَتھ صاف کرُن ۔ (۲) اَتھن ممبر ہوی پینٛتی ۔ اَتھ نہٕ نہٕ لاگُن۔

**اَتھ دوٗنی** ۔ اَتھو سٕتی دوٗنُن ۔ اَتھو سٕتی مَرزٕ اوی مرزٕ اوی تراوُن (چھمب، بیتر) اَتھو سٕتی صاف کرُن ، اَتھو سٕتی کٹہٕ لِس لایق یا پلون برنس لایق بناوُن۔

**اَتھ دوٗر** ۔ (۱) یُس ڈرِی تہٕ مضبوٗط اَتھ آسَن (۲) یُس کاری گر اَتھ آسہِ ۔ (۳) یُس لاینس پیٹھ اَتھ دٕریُمدت آسہِ ۔ اَتھ دٕچھُن ۔

**اَتھ دیُن** ۔ (۱) اَتھ سٕتی مدٕتھ کرُن ۔ ہلہٕ کرُن ۔ کانٛہہ گوب چیز بیتر تھوٚد تُلنس مَنٛز بیٚیس پلزُن ۔۔۔

اَتھ رووٹ کرُن ۔ (۲) اَتھ مارُن ۔ ژٕورِ پیتھ ژٕنُن ۔

**اَتھ ڈکھ** ۔ (۱) ڈکھراونہٕ باپتھ کانٛہہ چیز مثلن لٲر بیتر (۲) کُنہٕ چیزس اَتھک ڈوکھ (اَتھوٚن)۔

**اَتھ ڈکُن** ۔ (۱) اَتھ اوٚرِ یور گژھُن ۔ تھپھ نیرتھ گژھنی۔ (۲) کامہِ اَنٛدرٕ نہٕ اَتھ ڈٕنجہ روزُن ۔ اَتھ ڈٕنجہ نہٕ روزُنہ کُنی کام ہیچ کُنٛج گژھنی۔

**اَتھ ڈالُن** ۔ (۱) مایہِ سان پینٛٹھی کُنی اَتھ پھرناوُن ۔ پھشہ ہُن پھشہ ہُن دِنی ۔ (۲) اَتھ سٕتی شیرُن ۔ (۳) اَتھ پھروِتھ دود دگ ژٕلراوُن ۔ (۴) کام نہٕ وار پاٹھی کرنہٕ دِنی ۔ کامہِ مَنٛز وقتھ راوِرٕنی۔

**اَتھ ڈکھرُن** ۔ پینہٕ نِشہٕ بچنہٕ باپتھ اَتھ دیُن ۔ اَتھ سٕتی ڈوکھ دیُن۔

**اَتھ رٹُن** ۔ (۱) اَتھس تھپھ کرُنی ۔ اَتھ رووٹ کرُن ۔ مدٕتھ کرُن ۔ (۲) بچاوُن ، سرپرستی کرنی) (۳) کُنہٕ کامہِ نِشہٕ رُکاوُن ۔ ٹھاکھ کرُن ۔ (۴) اَتھ پیتھ تھوٚن ۔ (۵) (رہو کران یا نٹرُن وِزِ) اَکھ اَکس اَتھس تھپھ کٔرتھ روزُن ۔

**اَتھ رٕنٛد** ۔ چھانہٕ سُنٛد اَکھ اوزار ۔ یُس تھپھ کٔرتھ اَکھ رٕنٛدِ پیٹھ سٕتی زٕچھن ، پچھن تہٕ کرُن بیتر بَر چھ تُلان۔

**اَتھ رٕنگنی** ۔ (۱) اَتھن رنگ کرُن ۔ (۲) رنگہٕ سٕتی اَتھ

دۄہ زلاوُنی۔ (۳) کانٛہہ کام اَڈرُنی۔ (۴) پیٚچھ لگس، پیٹھ ڈرُن۔ (۵) کُنہِ ناکارٕ کامہٕ پیٹھ ڈرُن۔

**اَتھ راوُرُن۔** (۱) اَتھ کھوٚنٛڈ گژھن یا ژھینُن۔ (۲) کاری گرٕ اَتھ ہ روزُن۔ اَتھ ڈلُن (۳) اَتھ مَنٛزٕ راوُن، اَسِتھ راوُن۔

**اَتھ راوُن، اَتھ راوُرُن۔** (۱) اَتھ منٛزٕ ترٛاوِتھ ژھنُن۔ (۲) اَتھ کھوٚنٛڈ گژھن۔ (۳) ہوٚنرٕ راوُرنی کَسب راوُرُن۔

**اَتھ رٲچھ۔** وُتر ہنٛد سٟتی وول۔ تَس پِوان وَنہٕ یُس رٲچھ کرِہٕ باپتھ سفرَس پیٚٹھ منٛز سٟتی پِیہِ تُلنہٕ۔

**اَتھ رُو۔** اَتھ سٟتی ٹھل کرُنی۔ اَتھ سٟتی نہٕ ٹلی کرُنی۔ اَتھ سٟتی رُوُن۔ اَتھ سٟتی وُوُن ... (ڈکِل بیٚیتھ)۔

**اَتھ رُوزِتھ گژھنی۔** (۱) کانٛہہ کام بیٚیتھ کران کران اَتھ روٚٹھ گژھنی۔ (۲) باگران باگران اَتھ تھوُن۔ (۳) ترٛتھ حالتھ گژھنی زِ اَتھے وۄتھن نہٕ۔

**اَتھ روٗٹ۔** مدد، حاجتہٕ روز اکار بکارِ ین برٕ پرستہِ اَتھ پیٹھ تھوُن۔

**اَتھ روُن۔** ٹھٹھٕ۔ یُس اَتھ کھوٚنٛڈ زد آسہِ۔ اَتھو روٚس۔

**اَتھ زوٚل۔** یُس اَتھس زوٚد آسہِ۔ یُس پٔزٕنہٕ پیٚٹھی خرچاوان آسہِ۔ یُس نہٕ پانٛسہٕ روزِ۔

**اَتھ زہر۔** اَتھن ہنٛد زہر۔ اَتھک مُشک یا گمہٕ بیٚیتر بیٚیمہِ سٟتی کُنہِ کَس پھانٛپھلِنس پٹھ اَثر پییہ۔

**اَتھ زٹھرُن۔** اَتھ نیٚبر واہراوُن۔ بیٚیتے سند مال بے جا پاٹھی اَتھس منٛز انُن۔ (۳) لاینہٕ خاطرٕ اَتھ تُلُن۔ (۴) پٔزٕنہٕ پیٚٹھی بخشانٛے شہ کرٕنہٕ۔

**اَتھ زیٚرٕ۔** اَتھ سٟتی دگہٕ۔ اَتھ سٟتی کانٛہہ ہس یا ھیس دِیُن۔

**اَتھ زٕ۔** دۄشوَے اَتھ۔ زٕ اَتھ۔ م: اَتھ زٕ گژھن صاف آسنی۔

**اَتھ زِل۔** (۱) اَتھس لوگمُت کھہ۔ کَشنہٕ یا داد بیٚیتر سٟتی اَتھس لوگمُت زخم (۲) اَتھ سٟتی دِیتمُت کھہ۔

**اَتھ زوٚد۔** اَتھس گوڈ آسُن۔ پٔزٕنہٕ پیٚٹھی خرچُن۔ بنے حساب خرچُن۔ بزنہٕ پیٚٹھی خرچُن سببہٕ پوٚنسٕ تونکھ دِیٚتھ

**اَتھ زور۔** (۱) اَتھچ ہیکتھ۔ اَتھن ہنٛز ہیکتھ۔ (۲) آسنک زور، آسنک دگہٕ دگہٕ۔

**اَتھ زوٚل۔** (۱) اَتھ چِھن دوہ ن اوٚنگجن منٛز باگھ جاے۔ (۲) اَتھ سٟتی زوٚل دِنٕچ کام یا اوٚنگجو سٟتی سارُن۔

**اَتھ زیچھر۔** (۱) زیٚچھی اَتھ آسنی (۲) اَتھ واہراوُن (کیٚنہہ پانٛس کُن کرنہٕ باپتھ یا بیٚیس پیٹھو ولی کرنہٕ باپتھ)

۳. ہیٚتِس لابنہٕ یا ہتھ اَتھ زیٖھراوُن ۔ کھٔدٕ ڈٕلہٕ
پاٹھی خرچ پٔزِنہٕ ہیٚتھی خرچ ۔

**اَتھ زیوٗٹھ** ۔ ۱. یُس زیوٗٹھ اَتھ آسہٕ ۲. یُس اَتھ
دوٗنہ آسہٕ ۔ پٔزِنہٕ ہیٚتھی خرچن وول ۔ کھٔدٕ ڈٕلہٕ خرچن
وول ۔ یُس ہیٚتِس لابنہٕ خاطر تیار آسہٕ ۔ اَتھ دِژھن ۔
یُس ہیٚتِس پیٚٹھ اَتھ وُتھی وُتھی آسن گژھان ۔

**اَتھ ژٕپل** ۔ ۱. یُس اَتھن ژٕپی آسہٕ ہوان ۔ ۲. یُس
کانٛسہٕ کام کرنہٕ خاطرٕ اَتھ کڈٕ وُنے ژوٚپ ہیٚیہٕ ۔
یُس کانٛسہِ ہٕنٛزٕ کامہٕ گوڈٕ ہیٚتھے ٹھوٗنٛٹھ اَنہٕ ۔ یُس
نہٕ ہیٚتِس کام کرنس گوڈٕ ہیٚتھے اَتھ وَتھ دِیہٕ ۔

**اَتھ ژاپُن** ۔ ۱. اَتھس ژوٚپ ہیوٚن ۔ ۲. ورگہٕ
اَتھ موٗرٕنۍ ۔ ہٕژرٕ ژاہنۍ ۔ گٔلو موٗرٕنۍ ۔ اَنٛسٕ ۳.
کھیوٚن ۳. ۴. کانٛسہِ ہٕنٛزٕ کامہٕ مَنٛزٕ ٹھوٗنٛٹھ اَنٕنۍ ۔
کانٛسہٕ نہٕ کانٛہہ کام کرنس مَنٛزٕ اَتھ وَتھ دِنۍ (اگر یُن)

**اَتھ ژال** ۔ ۱. مَنٛزٕ اَتھک یا ماوِ ہٕنٛد سَنٛبر ۔
۲. تیوٗتا بوٚٹ مَنٛزٕ اَتھس وانہٕ ۔

**اَتھ ژالُن** ۔ کانٛسہِ ہٕنٛد زوٗرک تاب اَنُن ۔ کانٛسہِ
ہٕنٛد ترٕ وُشر برداشت کرُن ۔ کانٛسہِ ہٕنٛزٕ
پیٚٹھٕ وٕلی تَل ڈرُن ۔

**اَتھ ژانُن** ۔ ۱. کُنہِ کھرٕ ہِہ وٕنیہ مَنٛزٕ اَتھ ژھنُن ۔
۲. بیٚنیے سٕنٛزٕ کامہٕ مَنٛزٕ زنگ ژھنٕنۍ ۔ بیٚنیے ہٕنٛدِس
کامہٕ کارِس مَنٛزٕ دَخل دِیُن ۔ ۳. کانٛہہ چیز مَنٛزٕ
کڈُن ۔ خیانت کرٕنۍ ۔

**اَتھ ژٕٹھ** (لیکھِتھ دِیُن) لیکھِتھ دِیُن یتھ
نہٕ پوٚت پھیرنس یا یب گرنس وار آسہٕ ۔

**اَتھ ژٕنٛڈ** ۔ ۱. اَتھ سیٚتی ٹاس دِیُن ۔ اَتھ سیٚتی لایُن ۔
۲. اَتھس ٹاس یُن ۔ اَتھس ژٕنٛڈ یِنۍ ۔

**اَتھ ژوٗتُر** ۔ یُس کامہٕ کیٚژُت رُت اَتھ آسہٕ ۔ یُس اَتھ
ژوٗتُر ژوتُر ووٚنہ ۔ جان کاٗرِ گر ۔ ہُنَر مَنٛد ۔ کام
زانَن وول ۔

**اَتھ ژوٗترٕہر** ۔ کامہٕ کارِس کیٚژُت رُت اَتھ آسُن ۔
ژوٗتُر اَتھ آسُن ۔ ہُنَر مَنٛدی ۔ جان کاٗرِ گری ۔
اَئھچ پھرقی ۔

**اَتھ ژوٗٹ** [1] ۔ یُس اَتھ زھینُمُت آسہٕ ۔ یُس اَتھ
ژٹنہٕ آسہٕ آمُت ۔ ۲. یُس اوزار (سامانہٕ) نہٕ آسہٕ کُنہِ
کام ہیٚکہٕ نہٕ کرِتھ ۔ یُس اوزارن ہٕنٛز وژھ ہیٚیہٕ ۔

**اَتھ ژوٗٹ** [2] ۱. حرف اَتھ سیٚتی کرٕمٕژ ژوٗٹ (چکھ
بیٚلنہٕ بیٚتر سیٚتی نہٕ) ۲. پَکنہٕ اَتھ زیوٗنُمُت ۔ اَئھچ
زی ۔ مخنتچ کمٲے ۔

**اَتھ ژیٖٹھ** ۔ اَتھ سیٚتی ژیٹُن یا دوگ دِیُن (ہوٗلہٕ یا
زھوٚٹہٕ وٕرٲے) ، اَتھو سیٚتی ناٹھہٕ دِگُن یا ژیٹُن ۔
اَتھو سیٚتی مار دِیُن ۔

اَتھ ژہل ۔ اَتھ سیتی ژہلُن ۔ اَتھ سیتی ژہل دِتھ تھوُن ۔
اَتھ سیتی شُتُن دکینہٕ کِنہٕ بانس یا ٹھیکس بیترِ مَنٛز ۔
اَتھ ژھٹھ ۔ اَتھ سیتی ژھٹُن ۔ اَتھ سیتی ژھٹھ
کڈٕنی ، (شُپہٕ بیترِ سیتی نہٕ) ۔
اَتھ ژھرہر ۔ اَتھ چھوہ نہٕ ۔ نادٲری ۔ اَتھ نہٕ کینہہ
آسُن ۔ اَتھس مَنٛز نہٕ پونٛسہٕ ٹوٚنک آسُن ۔ وقتہٕ
وزِ نہٕ پونٛسہٕ آسُن ۔
اَتھ ژھل ۔ اَتھ یُنٛدر ۔ اَتھ جنٛدر ۔ اَتھچ کل
یا مشین ۔ تور یا قُلفُ بیترِ یتھ مَنٛز نہٕ باپتھ
ژھل آسہِ ، کُنٛز پیٚیس نہٕ لاگنہٕ ۔
اَتھ ژھر ۔ ڈیرِ نتھ تہٕ دوہ گنی کڑنٛڈ ۔
اَتھ ژھانٛڈ ۔ اَتھ سیتی سارِ نتھ وُچھُن ۔ اَتھ سیتی
وُچھُن ۔
اَتھ ژھنُن ۔ (۱) گُرتہٕ مَنٛز اَتھ والُن یا نژاوُن ۔
(۲) ورگہ ؛ پنٛہٕنِس اَتھس مَنٛز نیٚن ۔ پانس
تل اَنُن (۳) دخل دِیُن ۔ زنگ ژھنی ۔
اَتھ ژھوٗٹ ۔ (۱) یُس لوکٕٹ اَتھ آسن (۲) ورگہ :
کوٗنٛڈ ۔ کوٗنجوٗس ۔
اَتھ ژھوٗٹ تہٕ زیٚو ژیوٗٹھ ۔ (۱) یُس وَنہٕ سیٹھا
تہٕ کرِ کم ۔ یُس اَکھوٗ سوٗرت تہٕ گنتھو تیز آسہِ ۔ یُس
ضٕیہ کم تہٕ تھیکہٕ سیٹھا ۔ (۲) یُس لیکہ تھوٗکہٕ باژ

ثار تہٕ پوشہٕ نہٕ ۔
اَتھ ژھوٚر ۔ یُس ژھری اَتھ آسن ۔ نبِدور ۔
اَتھ چھوٚن ۔ یُس نہٕ وقتہٕ کاری ہاتھس نیر ۔ یُس
نہٕ اَتھس مَنٛز پونٛسہٕ ٹوٚنک آسہِ ۔
اَتھ ژھوچر ۔ اَتھ ژھوٚٹ آسُن ۔ کوٗنٛڈ آسُن ۔
ھوٚرنتھ نہٕ آسہِ کہنی کمہٕ خرچتھ ہکُن ۔
اَتھ سگ ۔ اَتھ سیتی سگ دیُن ۔ اَتھ سیتی کلین
بیترِ لونی دیُن دکینہٕ باپتھ بیترِ سیتی نہٕ) ۔
اَتھ سارُن ۔ (۱) اَتھ سیتی سوٗمبرِتھ اَنُن ۔ اَتھ سیتی اکہِ
جایہ تلتھ بیٚیس جایہ تراوُن ۔ اَتھ سیتی اکہِ جایہ
پیٹھ بیٚیس جایہ واتناوُن ۔ (۲) اَتھ سیتی سارِتھ
وُچھُن ۔ اَتھ پھرِ وِنہٕ سیتی وُچھُن ۔
اَتھ سار ۔ (۱) اَتھ لاکھ ۔ اَتھ سیتی سوٗمبرِتھ ۔ اَتھ سیتی
اکہِ جایہ تلتھ بیٚیس جایہ تراوُن ۔ (۲) اَتھ سیتی
سارِتھ وُچھُن ۔ اَتھ پھرِ وِنہٕ سیتی وُچھُن ۔
اَتھ سیتن ۔ (۱) اَتھی ۔ اَتھکہِ مدتہٕ سیتی ۔ اَتھکہِ زرِیہ ۔
(۲) اَتھ لاگتھ ۔ اَتھ لاگنہٕ سیتی ۔
اَتھ سیتی ۔ اَتھی ۔ اَتھ لاگتھ ۔ اَتھ لاگنہٕ سیتی ۔
اَتھ سوو ۔ (۱) آسن وول ۔ صوٚہرِ وول ۔ یُس اَتھس
مَنٛز پونٛسہٕ ٹوٚنک آسہِ ۔ (۲) یُس اَتھ ووٚتھ آسہِ ۔
یُس پانہٕ آسِتھ بُتھ بیٚین تہٕ دِوان آسہِ ۔

**اَتھہٕ سیٚنٛز** - (۱) اَتھس پٮ۪ نٮ۪نۍ آسُن - ورگہٕ : ییٚتھ اَتھس
پٮ۪ سوٚدا آسہِ - زِ تَس مَنٛز اَتھ بیٚ مَزٕگی جان
پٮ۪ زِنٕ تگُن - (۲) تیُٚتھ اَتھہٕ ییٚمہِ تٕلہٕ پٮ۪ سوٗنٛدر تہٕ
رزٕ کام نیرِ -

**اَتھہٕ سیٚنٛزر** - (ل . م) : اَتھہٕ سیٚنٛز آسُن - (۱) اَتھہٕ سیتی
کیٚنہہ سیٚود کرُن - اَتھہٕ سیتی کیٚنہہ سیٚنٛز راوُن -
(۲) (کامہِ مَنٛز) ورگہٕ پاٹھی سیدٕ تھ تہٕ کامیابی -
(۳) اَتھہٕ تٕلہٕ رزٕ کام نیرِنی ، ہونٕر مَنٛدی -

**اَتھہٕ سیٚون** - (۱) (ل . م) : یَس نٛدس اَتھس نٮ۪نۍ آسہِ
پٮ۪ ، تہٕ گوزِ اَتھہٕ سیتی زِ نہٕ مَتس آسہِ بس پٮ۪ سوٚاد -
(۲) ورگہٕ پاٹھی : یَس نٛزِ کامہِ کانٛہہ خاص صِفتا آسہِ پٮ۪ -
یَس نٛزِ کامہِ کانٛہہ خاص شوٗب آسہِ پٮ۪ -

**اَتھہٕ شَر** - اَزاَنٛس اَنٛدر غلطی گَژھنی - بے خبری اَنٛدر
اَتر گَژھُن -

**اَتھہٕ شَلکھ** - اَتھہٕ سیٚنٛزی لاگُن - کَنٛتھو سیتی یوت پٮ۪ اَتھو
سیتی سیٚنٛز راوُن - مُ : کَنٛتھہٕ شَلکھ -

**اَتھہٕ شہُل** - (۱) یَس نٛدِ اَتھہٕ شیٚہجار واتہٕ ، سوکھ
واتہٕ ، راحت واتہٕ (۲) یَس اَتھس شفا آسہِ -
(۳) یَس نٛدِ اَتھہٕ جاۓ نی پٮ۪ -

**اَتھہٕ شوٚد** - صاف اَتھہٕ وول - یَس نٛزِ کام صاف آسہِ -
**اَتھہٕ شوٚدر** - اَتھہٕ صاف آسُن - اَتھہٕ پاکھ ، پوٚتر آسُن -

اَتھہٕ کامہِ ہُنٛز صفاۓ -

**اَتھہٕ شیٚہجار** - شہُل اَتھہٕ آسُن - اَتھک شفا -
اَتھک ہُنٛزر - کامہِ بَرکتھ نیرِنی - ییٚتھ اَتھہٕ ژھسنٛزِ
سوٚ کام کھسنی (کُلو وونس یا موٚرہِ پٮ۪ آنٛچار بَرِنس
رُت پھل نیرُن -

**اَتھہٕ شیٚہلاوُن** - سختی ور زِ بلٕزُن ، راحت
واتناوُن ، سوکھ دیُن -

**اَتھہٕ شیٚہلُن** - (۱) اَتھک پھکھ (گاڈٕ واڈٕ
پٹھراونہٕ سیتی) م : ژھیہہ لاگ اَتھہٕ اَتھہٕ ژیٚے
چھے گاڈٕ پٹھر مَژ اَتھہٕ لارِ چھن اَتھہٕ شیٚہلُن - (۲) کامہِ
مَنٛز کانٛہہ بلٕزُن - کانٛسہہ ہُنٛد اَتھہٕ روٗٹ -

**اَتھہٕ شراکھ** - ماز نکراونٕچ شراکھ (اَتھہٕ مُقابلہٕ چھے
کھشہ شراکھ ییٚمہِ سیتی کھشی یوت کران چھ)

**اَتھہٕ صاف** - (۱) یَس صاف اَتھہٕ آسُن (۲) یُس
صاف کام کران آسہِ - یَس نٛزِ کامہِ پٮ۪ نوقص آسہِ -
یَس نٛزِ کام بے داغ آسہِ - (۳) یُس پٮ۪ ژور آسہِ ،
یَس پٮ۪ اَتھہٕ پو آسہِ -

**اَتھہٕ کڈُن** - (۱) اَتھہٕ کیٚنہہ مَنٛزٕ نیبر کڈُن - (۲) اَتھہٕ سیتی
کام پِلہٕ کرٕنی (خاص کُرتھ کانٛہہ زاوِج کام)
(۳) عَملہِ مَنٛز اَنُن ، وَرتاوس اَنٛدر اَنُن -

**اَتھہٕ کرٕنی** - (۱) ییٚلہٕ تراونی (۲) قبضہٕ اَنٛدر تراونی -

(۳) اُڈلیُوک کرُن۔ چھِپہٕ کرٕنی، چھوٚپہٕ کرٕنی (کانٛہہ بُرژ یا واکھ وینی)

**اَتھ کرُن** - (۱) بلہِ ترٛاوُن۔ اَتھ منٛز ترٛاوُن۔ گرٕھنہٕ دیُن۔ (۲) اَتھ ہاوُن، اَتھ تُلُن۔ اَتھو سٟتی لایہ لاے کرٕنی۔

**اَتھ کانہِر** - (۱) اَتھس مانٛژُن ہیٚوٚہ گومُت آسُن۔ (۲) بنے باش اَتھ آسُن، اَتھِچ بنے رٕلطی یا کوٚکور اَتھ آسُن (۳) اَتھس لانٛج آسُن۔ کام ہُروارج آسٕنی۔ اَتھک لوٚٹُن۔ کامہِ کینٛہہ نہٕ کینٛہہ کھرُن۔ (۴) ژوٚر، زار۔

**اَتھ کاٹیُر** - یُس اَتھن ہٕکتھ آسہِ نہٕ یُس نہٕ اَتھ نہٕ کام نیرِ۔ آلژی۔

**اَتھ کاوٕرنی** - اَتھن چوٚنکھُر گژھُن۔ اَتھن ٹوٚنگُر گژھُن۔ اَتھن کوٚو گژھُن۔

**اَتھ کاوٕرہ** - اَتھن ہُند چوٚنکھُر، اَتھ واے۔

**اَتھ کوٚن** - (۱) یُس نہٕ کام نہٕ صاف آسہِ۔ یُس نہٕ کامہِ نہٕ شوٚب نیرِ۔ یُس کامہِ کینٛہہ نتہ کینٛہہ پھش بیہہ۔ (۲) ژوٚر، ژٕٹل۔

**اَتھ کرٕہنی تہٕ بتھِ سفید** - جان بتھِ گوٚنہگار۔ م: گبہ بتھہ رامہ ہٕوُن۔

**اَتھ کرٕہنی گژھنی** - (۱) کارکرٕی کرٕی اَتھن ملےیوت

لارُن تہٕ وٕٹھ نہٕ کینٛہہ یُن۔ محیٚنتھ کرِتھ نہٕ مُجرا ہی۔ (۲) دیار ورناوُنی تہٕ لارُن تہٕ کینٛہہ۔

**اَتھ کھنڈرُن** - (ل۔م): اَتھ سٟتی کھنٛچ کرُن۔ ورگ: اَتھ سٟتی چھلہِ بھلہ کرٕنہ، نوقصان کرُن۔ کانٛہہ چیز کھوٚٹھ کرُن۔

**اَتھ کھور، اَتھ کھور** - اَتھ تہٕ کھور۔ ورگ: ژُرزنگ۔

**اَتھ کھور پھلنی** - اَتھ کھور ژھینٛتھ پیٚنی۔ کام کرٕنہ سٟتی اَتھ کھور تھکنی۔ سخ محیٚنتھ پیٚنی۔ ورگ: کام کرِتھ نہٕ وٕٹھ۔

**اَتھ کھور لگُن، اَتھ کھور لگنی** (۱) بال بچہِ لگُن (۲) ژُرزنگ بکار پینی۔

**اَتھ کھور مارٕنی** - سٹھا کوٚشش کرٕنی۔ پرٕتھ طرفہٕ کوٚشش کرٕنی۔

**اَتھ کھور نہٕ لگُن** - (۱) بال بچہ نہٕ لگُن (۲) کُنہ نہٕ بیٚنہہ آسُن۔ (۳) کُنہ نہٕ برابری پینی۔

**اَتھ کھور وٕہرٕنی** - (۱) کھُلہ ڈٕلہ وُٹھنہ بہتھ ہیکُن آرامس منٛز آسُن۔ (۲) رٕکاوٹ ورأے آسُن۔ (ورگ یاٹھی) یُہُند خوف آسہِ تمہٕ نٕل کرِتھ بنے بُھرک یاٹھی زندگی گذارٕنی۔

**اَتھ کھراو** - ژوٚرنگی سُند اَتھ بیٚہہ۔ اکہِ قسمُک کھراو یُس ژوٚرنگی پکنہٕ وِزِ اَتھو سٟتی

ڈکھراوان چھہ۔

**اَتھ کھیٚپاوُن۔** بٔیِس کینٛہہ دِنہٕ تٕس بیٚیِس ته بیٚیہِ مٔنگنیٚچ ہال کَرٕنۍ یا اَتھ پیٹھ ہلراوُن۔ کانٛہہ پلزَنہٕ سیٚتۍ تٕس اَتھ تیٚتھہٕ زَرولدناوُن یِتھہٕ سُہ گرگرِ پتے روزِ۔ کانٛسہ کُنٛج ژاپھ ژانہٕ یُتھ سُہ پتہٕ اَگادِ گژھہ۔

**اَتھ کھیٚیوُن۔** (۱) اَتھس ژوپ ہیٚیوُن۔ پَننہِ اَتھہٕ سیٚتۍ کھیٚیوُن (دگر برتَن)۔

**اَتھ کھیٚنۍ۔** اَفسوس کرُن۔

**اَتھ گژھُن۔** (۱) اَتھ اَندرٕ نیرُن۔ اَکِہ بِنٛدِ قبضہٕ مَنٛز نیرِتھ دوٚیمہِ بِنٛدِس اَتھس تَل لگُن۔ (۲) آزاد سپدُن یا گژھُن۔ وَقتس آسنے بَچہِ زیٚیوُن۔ ناٹھہٕ پیاو گژھُن۔

**اَتھ گنٛڈ۔** (۱) اَتھس گنٛڈ ہیٚوٚتمُت۔ (۲) اَتھس پیٹھ کھوٚتمُت پھٹُل ہیٚوٚہ۔ (۳) (اَرٕ سیٚتۍ گنٛڈ کَرنہٕ بدلہٕ) اَتھ سیٚتۍ پھٹیچہ ہُنٛد گول وُلتھ ملتھ رَٹُن۔

**اَتھ گاڈۍ۔** سوٚ گاڈۍ یۄسہٕ اَتھ سیٚتۍ چَلاوان چھہ۔ اَتھ ریڈھ۔ سوٚ گاڈۍ یِتھ مَنٛز باغوان ته وانٛل بیتٕر مٔل ته مٔیُر بیتٕر ساران چھہ۔

**اَتھ گاٹُر۔** (۱) یلہٕ گاٹُر۔ (۲) سوٚ یُس (زنانہ یا چار وانٛہِس) اُڈٕ بیوک آسہ گومُت، چھوٹہٕ گاٹُر۔ سوٚ یُس ناٹھہٕ پیاو آسہ گومُت۔ (۳) نہ یِہ نہ وۄنۍ پانٕس تام آسہ، یِتھ پیٹھ نہ کانٛہہ زور آسہ۔ یِتھ پیٹھ نہ کینٛہہ چلہِ۔ م: یِہ بوٚزِتھ تُن اَتھ گاٹُر کٔنھا۔

**اَتھ گومُت۔** (۱) اَتھ مَنٛز دٔرامُت۔ یلہٕ گومُت۔ پَننہٕ اَتھہٕ مَنٛز نیرِتھ بیٚیِس اَتھہٕ لوٚگمُت۔ (۲) باز نیرِتھ گومُت۔ اَتھ تلہٕ دٔرامُت۔ (۳) پانٕس تام نہ روٗدمُت۔ نافرمانبردار۔ نہ بوزن ہار۔

**اَتھ گرٹہٕ۔** سُہ گرٹہٕ یُس اَتھ سیٚتۍ چَلاوان چھہ (یِہان گرٹہٕ نہ)۔

**اَتھ لاگُن۔** (۱) کُنہِ سیٚتۍ یا کُنہِ پیٹھ اَتھ تھوٚوُن۔ اَتھ سیٚتۍ کُنہِ چھۄہ دِنۍ۔ (۲) کانٛہہ کام تُلنۍ۔ کانٛہہ کام کَرنۍ ہیٚنۍ (۳) اَتھ ژھُنُن۔ دَخل دِیُن۔ مَنٛز اَژُن۔

**اَتھ لوٗر۔** سوٚ لوٗر یۄسہٕ بیٚنۍ بُرتھ وۄدُر یِنہٕ مَنٛز چھہ تھاوان۔

**اَتھ لیٚوُن۔** اَتھس لیٚوٚنۍ دِنۍ۔ اَتھ ژھُن۔ کھیٚتھ کٔرِتھ پتہٕ مَنٛز یا یِتھ اوٚنگجن پھیٚش دِیُن۔

**اَتھ مٔشُن۔** کانٛسہ کٔنٛہ بیتٕر مٔشتھ گژھُن۔ بڑوٗنٛٹھمِ ہِشہٕ ہیوٚ کَرنہٕ رۄزٕنۍ۔

**اَچھِ مَلیُٛن۔** یَس ماے اَچھ آسَن۔ یَس اَچھَن مَل آسہِ
مَل کَنِنۍ اَچھ وول۔

**اَچھِ مَملُن، اَچھِ موٚملُن۔** اَچھ نِہتہِ سوٚتھ گَژھُن،
اَچھَس نِہتہِ سوٚتھ گَژھنہٕ سیٚتؠ تٔرُسی ہوی لَگنی۔

**اَچھ مَنٛزر، اَچھ میٛنٛزر۔** اَچھ موٚنٛڈ آسُن۔ اَچھ
سۄت وۄتھُن۔ اَچھ بے کار آسُن؛ اَچھَس
دوٗد آسُن یا اَچھ کھوٚٹھ آسُن۔

**اَچھِ مارُن۔** (١) اَچھ سیٚتؠ ٹاس دِیُن، لایُن۔
(٢) غَبَن کَرُن۔ ژوٚرِ ژھیٚپہِ کیٚنہٕ نیُن یا ڈٔل دِیُن۔
ناجایِز پاٹھی کیٚنہٕ پانَس کُن کَرُن۔ (٣) اَنہٕ گٹہِ
یا گھٹِتہ رۄزِتھ ہُتھی یار ہیتھ حملہٕ کَرُن: (گُریرِتُن)۔

**اَچھ مانٛڈ۔** اَچھ سیٚتؠ مانٛڈُن۔ اَچھ سیٚتؠ اَڈٕرُن۔
(اوٚٹ بیاکھ زِبن بیٚتر۔)

**اَچھ میٛٹھ۔** (١) سوٗزنی یَس اَچھ موٚدریر آسہِ۔
سۄیَنٛدِس اَچھَس میٚچھر آسہِ۔ سۄیَنٛدِس
چیزَس سوادِ پیہِ۔ میٛوٚٹھ تہٕ مزدار رَنُن واجنی۔

**اَچھ ہُہُن۔ اَچھ ہُتھ نیُن۔** اَچھ مَنٛز تھٔپہِ دِتھ
نیُن۔ اَچھ مَنٛز موٚرِتھ نیُن۔

**اَچھ موٚر۔** سو لورِ تِلِم یوس تِمچی کام دِوان چھے یا
چھانٛڈِ بَدَل چھ اَچھَس کیٚتھ نکھوان۔ اَچھَس کیٚتھ
ہیٛٹھِ ہر لورِ تِلِم۔ رَژھاز بیٛٹھ تہٕ ژاوِج کُلچ لاوُنٛڈ۔

**اَچھ موٚرَن (١)۔** (١) اَچھ سیٚتؠ زورِ پھٔش پھٔش دِتھ
مَکاپہِ وَچوٗنہٕ ہیمو بیٛترِ مَنٛز دانہٕ اَلگ کَرِنۍ،
اَچھ سیٚتؠ چھوٚلُن، تِچھِتھ دانہٕ اَلگ اَلگ کَرِنۍ۔
(٢) اَچھِ چ گُگھرِ سیٚتؠ اَناجہٕ پھٔلین دِل تُلُن۔

**اَچھ موٚرَن (٢)۔** (١) اَچھَس وُٹھنی دِنۍ۔ (٢) اَچھ سیٚتؠ
وُٹھنی دِنۍ (خاص کَرِتھ کیٚنہٕ اَچھ مَنٛز نہٕ باپتھ)۔

**اَچھ موٚرُن۔** (١) اَچھ مَلُن۔ اَفسوس کھیٚوُن لٔشاوُن
(٢) اَچھ وُٹھُن۔ اَچھَس وُٹھَن دِنۍ (٣) تِچھ آسنہٕ
کِنۍ اَچھَس زورِ پھٔش دِیُن۔

**اَچھ موچر۔** (١) اَچھ ویٛچھر۔ اَچھ پوچھر۔ موٚٹ اَچھ آسُن۔
(٢) اَچھکہٕ موچر۔ اَچھَس یوٗنا موٚٹ۔

**اَچھ موشُر۔** اَچھ مَنٛزر۔ اَچھ میٛنٛزر۔ اَچھ سوٚژر۔

**اَچھ میٛچھر۔** اَچھ میٛوٚٹھ آسُن، اَچھ سیٚتؠ میٛوٚٹھ کھیٚن
یا مزدار کھیٚن بَناوُن ہیٚکُن، جان رَسوے کَرِنۍ ہیٚکنی۔

**اَچھ میٛن، اَچھ میٛشُر۔** اَچھ سیٚتؠ مینُن۔ اَچھ سیٚتؠ
پاوِ پاوِ میٛشر ہیٚیوٗن۔

**اَچھ میٛل۔** جانی یار۔ سَخ یار۔ اَصل دوستی۔
پانہٕ وُنۍ کُنۍ آسُن۔

**اَچھ میٛوٚٹھ۔** (١) سُہ یُس اَچھَن موٚدریر آسہِ۔ سُہ یَنٛدِس
اَچھَس میٚچھر آسہِ۔ سُہ یَنٛدِس رَژ متس چیزَس
مزہ پیہِ۔ میٛوٚٹھ تہٕ مزدار رَنُن وول (٢) سُہ یُس

سونہٕ سندی گٔلۍ آسن ۔ یُس جان پاٹھۍ نہٕ اَوٕرج کٲم ہیٚکہِ کٔرِتھ ۔

**اَتھ نَم** ۔ اَتھچہِ اوٚنگجہٕ ہُند نَم ۔

**اَتھ نیٚرُن** ۔ پنٕنہٕ اَتھ کرُن ۔ پنٕنہٕ اَتھ کڈُن یا موکلاوُن ۔ کانٛہہ کٲم پنٕنہٕ اَتھ کڈنہٕ یِنۍ یا موکلاونہٕ یِنۍ ۔

**اَتھ نٮ۪شُر، اَتھ نٮ۪شُر** ۔ دانہِ کِس گوڈٕ رُوس منٛز بوٚن نٔمِتھ اَتھو سٟتۍ کیٚنٛہہ بیٚتر کڈِتھ نیُن ۔ اَتھ سٟتۍ دانس کیٚنٛہہ بیٚتر کڈُن تہٕ مُسُٹھ بناوُن ۔

**اَتھ وٕٹُن** ۔ (۱) اَتھ بنٛد کرُن ۔ (۲) اَتھ پتھ رٹُن، کُنہِ کامہِ منٛز بوٚنٛت ہیٚوٚن یا لوٗب روزُن ۔ (۳) اَتھ نہٕ ووٚتھ تھوُن ۔ دِیُن بنٛد کرُن ۔ پوٚنسہٕ بنٛد کرُن ۔ فضول خرچی نہٕ کرٕنۍ ۔

**اَتھ وَر** ۔ اَتھ وُٹھنۍ ۔ اَتھ سٟتۍ وُٹھُن ۔ اَتھ سٟتۍ وُٹھُن دِنۍ ۔

**اَتھ وَزھر** ۔ اَتھ ووٚتھ آسُن ۔ وَرگہِ فیاضی ۔

**اَتھ وَشِف** ۔ وُچھان وُچھان اَتھ سٟتۍ کانٛہہ اَتُر یا نقصان گژھُن ۔ اَلغایہ اَتھ شر ۔

**اَتھ وَہارُن** ۔ (۱) اَتھ مُژرُن (۲) اَتھ برٛونٛہہ کُن کڈُن ۔ نوٚنوٕ کامہِ پنٕنِس اَتھس منٛز نِنہٕ ۔ اَتھ زٕہٹراوُن ۔ پرٛتھ طرفہٕ دخل دِتھ پوٚت پلہٕ تیٚژت پانس تل کرُن ۔ کوٚژھ رٹُن ہیٚوٚن ۔

**اَتھ واس** ۔ (۱) اَتھ میٚل ۔ اَتھس منٛز اَتھ تھوُن ۔ (۲) گگنس پیٚٹھ نہر بنہٕ تہٕ نہرانہٕ سُند اَکھ اَکہِ سندِ بن اَتھن منٛز اَتھ دِنۍ ۔ (۳) اَکھ اَکۍ سندِ بن اَتھن تھپھ کرٕنۍ ۔ (زٔرنس تہٕ ہکٹ بیٚتر کرنس منٛز) (۴) سٔمت ۔ ہلتزار ۔ اِتفاق ۔

**اَتھ واس روزُن** ۔ (۱) اَتھ میٚل پوشُن ۔ پانہٕ وٕنۍ ہلتزار پوشُن ۔ اِکہِ وٹہِ روزُن ۔ پانٕنیار پوشُن ۔ دوٚستی یا میٚترت موٗجود روزُن ۔ (۲) بٲژن دوٚن نہٕ ژھین گژھُن، جُدٲیی نہٕ گژھنۍ ۔

**اَتھ واس کرُن** ۔ (۱) اَتھس منٛز اَتھ دِیُن ۔ (۲) اَتھ ملناوٕنۍ، باجِ ہیٚٹھ کرُن ۔ کُنہِ کامہِ پتھ سٔمت کرُن ۔ (۳) گگنس پیٚٹھ نہر بنہٕ نہرانہٕ سُند اَکھ اَکۍ سندِ بن اَتھن منٛز اَتھ دِنٕچ رٮ۪تھ پالٕنۍ ۔

**اَتھ واسر** ۔ دارِ ہنٛز یا دروازٕچ تھپھ ۔

**اَتھ والُن** ۔ کھیٚنہٕ بانَس منٛز اَتھ نژاوُن کھیٚنہٕ ہیٚوٚن ۔

**اَتھ وایُن** ۔ (۱) اَتھ چلاوُن (۲) اَتھ وُچھُن بنُن ۔ (۳) لڑٲے کرٕنۍ ۔ (۴) اَتھ سٟتۍ ناد چلاوٕنۍ (کھوٚر وورِ سٟتۍ نہٕ)

**اَتھ وٕتر** ۔ (ا ۔ م) : اَتھ وٕرق (۱) اَتھ چھیٚر ۔ (۲) دُسی تَر رسید ۔ حسابک لیکھِتھ یادداشت ۔

**اَتھ وُٹھی وُٹھی** ۔ اَتھ سٟتؠ پنٛس یا رَزِ وُٹھن دِنۍ۔ وَردیُن۔
**اَتھ وُٹھُن** ۔ کانٛسہٕ اَتھس وَردیُن۔ اَتھس یا
اَتھرِس وُٹھن دِنۍ۔ اَتھ یا ہوٚژ موٚرُن۔

**اَتھ وُژھ** ۔ اَتھ ژوٚتریر۔ کانٛہہ کام موٚکلاوُنَس
مَنٛز وٕلۍ اَتھ تُلُن۔ جَل جَل کام کوٚٹ موٚکلاونہٕ
خاطرٕ اَتھ تُلُن۔

**اَتھ وُژھٕ** ۔ اَتھ ژوٚتر۔ کُنہٕ کامہِ بیترِ مَنٛز جَل جَل
اَتھ تُلَن وول۔ جَل جَل موٚکلاوَن وول۔

**اَتھ وُشناوُن** ۔ (۱) اَتھس وُشنیر کَرُن۔ اَتھس
گرمی کَرٕنۍ۔ (۲) بٔنیِ ہِشرٕ دوہ کھ سٟتؠ شیٚہلتھ
بیٚٹھنۍ۔ م: اَکس دزان دارٕ نہٕ بیاکھ وُشناوان
اَتھ۔ (۳) فأیدٕ واتناوُن۔ راحت واتناوُن۔
(۴) کوٚژھ بلناوُن۔

**اَتھ ووٚتھ** ۔ یُس اَتھ ووٚتھ آسہِ۔ یُس نہٕ کوٚنٛڈ
آسہِ۔ فیاض۔

**اَتھ وۄھُر** ۔ اَتھ سٟتؠ وۄھُر کَرُن۔ اَتھ سٟتؠ
پھیشُر دیُن۔

**اَتھ وِلسرُن** ۔ اَتھس نہٕ سوٚر روزُن۔ اَتھس
نہٕ جیس روزُن۔ اَتھ مَنٛزٕ کٕ ڈسی پیٚتوٚن۔

**اَتھ ہٕجر** ۔ (۱) ہلی اَتھ آسنۍ۔ (۲) وَرگہٕ: سٟتۍز کام
نہٕ تگنۍ۔ کام غلط گژھنۍ۔ ہٕچ کام گژھنۍ۔

**اَتھ ہَن دِنۍ** ۔ (۱) ہَنا ہَنا اَتھ ژانُن۔ رَژھا رَژھا
ہیٚنہٕ ژلُن۔ وارٕ وارٕ اَتھ مارُن، پھرُن (۲) کانٛسہٕ
کیٚنہہ کھوٚد تُلنَس بیترِ مَنٛز مَدتھ کرُن۔

**اَتھ ہارُن** ۔ (زنارس مَنٛز) بازہارُن۔ بازِ نہٕ زیٚنُن۔

**اَتھ ہاوان گژھن** ۔ گژھنہٕ وِزِ ژھری اَتھ نٕنۍ تھوٚنۍ۔
کانٛہہ خاص کام اَندٕ واتناونے مرُن۔ کیٚنہہ وُٹھتھ
ییٚنہٕ روٚستے مرُن۔ اَفسوس کھیوان مرُن۔ ناکام،
نامُراد یا عٹھی مرُن۔

**اَتھ ہاوُن** ۔ (۱) اَتھ وُچھن واٚلِس بروٚنٛہہ کُنہٕ اَتھ
واہراوُن۔ (۲) بیٚنِس پَنُن طاقت ہاوُن،
زور ہاوُنۍ، ڈنٛڈ ہاوُنۍ۔ تنٛاس بیٚہناوُن۔
(۳) اَتھ مُژرِتھ ہاوُن زِ کہنۍ چھُم نہٕ تہٕ نادار چھُس۔
(۴) اَتھ مَنٛز کِہ تاہ پیٚتہٕ ہاونۍ۔

**اَتھ ہاوُن گوٚو اَتھ کھیاوُن** ۔ اَکِ لَٹہٕ کانٛسہٕ کیٚنہہ
دیُن گوٚتَس نہٕ گرٕ گرٕ مَنٛگُنک شیٚپر ژانُن تہٕ
ڈیٚتھ گوٚو کانٛسہ اَکِ لَٹہٕ پلزی زِ پیٚتہٕ چھُہ نہٕ سُہ
تھپچے تُلان۔

**اَتھ ہٕچ** ۔ سُہ یُس اَتھ ہلی آسن۔ سُہ یُس اَتھن
کوس آسہِ۔ سُہ یُس کامہِ کارَس لایق اَتھ
آسن نہٕ رٔوٕ دِمتۍ۔ یُس کامہِ لانٛج ییہ۔ یُس
کھ کار کرنَس کٕتر ژوٚتر آسہِ۔

**اَتھ ہٕنٛڑش** ۔ زاتُلؠ ثبوت کرنہٕ اَکھ لوکُٹ چھٹہٕ (کاغذ گرن تہٕ سوٗ تَرن بیتر سوٗ نہٕ روٗپیہٕ آسنی تُلنُس منٛز بکار پوان)

**اَتھ ہَشَر** ۔ (۱) ہوی اَتھ آسنہٕ ۔ اَتھن منٛز ہَشَر آسُن (۲) کیٚنٛژن ہُنٛد کامہِ کیٛت ہیٚتھوٚے اَتھ آسُن ۔ کیٚنٛژن ہُنٛز کام اَکھ اَکس سیٛتی زلنی (۳) وَقتہٕ وَقتہٕ کرُمژ کامہِ ہُنٛد سَمبہِ کامہِ بہٕ کھٕضہِ وَس آسنی (۴) ہیٚتھوٚے دسخط (دستخط) آسُن ۔

**اَتھ ہتُر** ۔ یُس اَتھس ہیٚتھ آسہِ ۔

**اَتھ یا پُن** ۔ (۱) اَتھہٕ زٕلُن (۲) کیٚنہہٕ کرُنُس پوشُن ۔ (۳) سوداجان یا ٹھی بٹُن ۔

**اَتھ یار** ۔ ہیٚتی کالک یار ہیتِس کالس اَتھس منٛز روٗپیے چھیٚنہٕ مطلبک یار ۔ نانی یار ۔

**اُتھک** ۔ یہِ اَتھس کیٚتھ آسہِ ۔ یہِ کانٛسہِ ہٕنٛدِ اُتھی کرنہٕ آمُت آسہِ ۔

**اُتھک مُل** ۔ (ل ۔ م) : اَتھس کھوٚتمُت مُلیُن یا گنٛڈِگی بیتر ۔ (۱) سیٚٹھا موٗلی کانٛہہ چیز تہٕ ییٚمکہِ اَتھ نیرنہٕ کانٛہہ تہٕ افسوٗس سپدُن ۔ (۲) پیٚننہٕ زی منٛز موٗلی کم کانٛہہ کیٚنہہٕ ۔
م : تٕرے بوڈ موٗ ہیٚنوٗ چھکھ تَس تہٕ گژھ اُتھک مٲلہٕ کیٚنہہٕ دِژُن یا سیٚٹھا سہل کام ۔

**اُتھک ماز** ۔ سُہ ماز یُس اُتھس آسہِ ۔ ورگہٕ : سرح زوجان ژٕنٛٹھہٕ زٕنوغمت پوٗنسہٕ ٹوٚنگ ۔

**اَتھی** ۔ اَتھ سیٛتی ۔

**اَتھی اَتھی** ۔ ژٕوٚتُر ژٕوٚتُر ۔ وُلہٕ وُلی ۔ جَل جَل ۔ بکدم ۔

**اَتھی اَتھی کرُن** ۔ (۱) ہلہٕ کرُن ۔ ژلیتھ کام کوٚٹ کرُن ۔ (۲) اَکہٕ وٕٹہٕ کام کار کرُن ۔ (۳) اَکی سیٛے کیٚتھ یتہٕ روزُن تہٕ تھیچہ نہٕ تُلنی ۔

**اَتھی اَتھی نیٚژُن** ۔ (۱) وُلی وُلی نیٚژُن ۔ جل جل نیٚژُن ۔ (گوٚب بور بیتر) (۲) اَتھ سٲر لاگنی ۔ اَتھ پیٚٹھہِ اَتھس پلنا وتھ نیٚژُن ۔

**اَتھوٚل** ۔ تھلنے ۔ لنچہ ثرٹہ نے ۔ باچھ کرنے (کل بیتر) ۔

**اَتھلہِ کوٚتھلہِ** ۔ بوٚ کھچہ کرتھ ، پھنٛڈُل کرتھ یا بوٚ کھچکھ یا ٹھی (اَتھو سیٛتی تھوٚد تُلُن ، ہیُن یا اَنُن) ۔
ورگہٕ : ہیتھ تھیتھ ۔

**اَتھ وَتھ** ۔ [م ۔ موٗل : اَتھ وَتھ < س : ہستہ + پتھ] وار نہٕ ہستار ۔

**اَتھ وَتھ ہیٚنہٕ** ۔ وار وہستارٕیٚن ۔ کرُن تُنگُن ۔ بوٚز منٛز اَژُن ۔

**اَٹل** ۔ [م/ن ۔ موٗل : اَٹل < س : اَٹل < پراکرت : ا + ٹل] اور یور نہٕ ڈلُون ۔ اَکی سیٛے جایہِ یا اَکی سیٛے

حالتَس منٛز روزُن۔ پَنٕنہِ ہَنہِ پَھیرِتھ گَژھُن۔

**اَٹُم بَم** ۔ ن ۔ مۄل ؛ اَٹُم بَم ۔ (انگ : ایٹم بوم ATOM BOMB) ۔ اکھ خطرناکھ تہٕ طاقتوَر بَمُک ناو یُس دوٚیمس ہٕڈس جنگس منٛز گوڈنکہِ پھِرِ استعمال آو کَرنہٕ۔

**اَٹمی طاقت** ۔ اٹمک قوٗتھ یَتھ سِتی کانٛہہ مشین بیترِ چلاوِتھ ہیٚکی زِ۔

**اَٹاھ ٹہس کھارُن** ۔ بڑے پیزتھ کَرُن ۔ وَکھ والُن۔

**اَٹہٕ، اَٹ** ۔ اُٹھ ، لفظک مۄل ۔ پھیٚوک ۔ نکھ۔

**اَٹہٕ** ۔ یہ چھُ کینٛژن مِلہٕ مِش لفظن گوڈ لگان۔

(۱) پھینٛکنُک ، م : اَٹہٕ رَز ۔ اَٹہٕ بور۔

(۲) نکھن پیٹھ بور سارنٕچ رَز ۔ م : بورس اَٹہٕ کَرنہٕ۔

(۳) پھینٛکہِ پیٹھچ وانٛکہ لَٹھ ، (دگرِ یرِسن) ۔

(۴) ڈیٖنچہ ہرنُک دزِ ہِہ رٹنہٕ باپتھ رَزِ تہٕ یِرِ ھنٛے دون رَزن چھ وَنان اَٹہٕ ہور۔

**اَٹس کھشُن** ۔ (۱) سوارِ باپتھ نکھس کھشُن۔

(۲) زِز ولُن۔ تھپھ گَژھنی ۔ اَگادِ گژھن ۔

م : گھوٗ رہنٛزی تام کھٹی اَٹس۔

(۳) بارِ ہیوٗن ۔ م : یہ کتھ گَژھِ اَتھ منٛز آسی اَٹس۔

**اَٹہٕ بار کھشُن** ۔ (۱) پھینٛکن پیٹھ کھشُن ۔ بور ہیوٗ کانٛسہِ ہنٛدین نکھن پیٹھ کھشُن ۔ پتی کنی سوارِ کھشُن ۔ (۲) کانٛسہِ ہنٛزِ سُندِ لُم لَدُن ۔ نکھس کھشُن ۔ اَگادِ گژھن ، (دگرِ یرِسن) ۔

**اَٹہٕ بار ہیٚوٗن** ۔ اَٹس پیٹھ پکناوُن ۔ نکھن پیٹھ تُلُن ۔ وَرگہٕ : مٹہٕ ہیٚوٗن ، ہیتراوُن۔

**اَٹہٕ بور** ۔ (۱) اَٹس کھوتمُت بور ۔ سُہ بور یا سامانہٕ بیترِ یُس پھینٛکس پیٹھ سارنہٕ یِیہِ۔

(۲) ؟ بیگاری ۔ م : اَٹہٕ بور کیتھ کُنی واتناوُ کاٹھ۔ (دِپر اتنہ)

**اَٹہٕ پوٚت** ۔ سُہ شُرِ یُس نکھس پیٹھ سوارِ ییہِ دِنہٕ ۔ اَکھ شُری گِنٛدُن ۔ م : اَٹہٕ پوٚت مٹہٕ پوٚت ما باہیٚے وو۔

**اَٹہٕ پوٚر** ۔ اَکھ شُرِ گِنٛدُن یَتھ منٛز شُرِ اَکھ اَکِس اَٹس کھسان چھ ۔ کھاسبن گِنٛدُن ۔

**اَٹہٕ رَز** ۱ ۔ سو رَز یَتھ سِتی پھینٛکن ہُنٛد بور گنٛڈنہٕ چھ یِوان ۔ سو رَز یَتھ سِتی بور پھینٛکن پیٹھ تُلنہٕ چھ یِوان۔

**اَٹہٕ رَز** ۲ ۔ یَن یا رَز بیترِ یَتھ ڈیٖنچہ ہور کنٛوٗ بوٚن اَلونٛد چھُ آسان ۔

**اَٹہٕ کَرُن** ۔ اَٹس کیتھ تُلُن ۔ ہمت سمت گَرُن

**اَٹہٕ کَرنہٕ** ۔ (۱) پھینٛکن پیٹھ بور چیٖر گنٛڈُن ۔ اَٹہٕ رَز چارنہٕ (۲) گوبہٕ کَرنہٕ ۔

اَٹہٕ کانہٕ رزٕ گرٕنی ۔ (ٹنگ) چرٕ ٹن ۔ چارُن ۔

اَٹہٕ گنڈ ۔ پھیکِس پٮ۪ٹھ رزٕ وسہتی بارٕس ہیوٚتمت گنڈٕ ۔

اُٹھ ۔ نکھ ۔ پھیوٚک ۔

اُٹھ دِنی ۔ اُٹھ دیُن ۔ کامہٕ ہلہٕ کرُن ۔ کانٛہہ کام بیتراٚنہٕ واتناوُنی ۔ کنہٕ کامہ کارس نکھ دیُن ۔ کانٛہہ کام پوٗرٕ کرٕنی ۔ کانٛہہ سخ کام بیتراوِنی ، وہ بتراوِنی ۔

اَٹہٕ سٹہٕ ۔ مۄل : اُٹھ سٹھ (س : اَشٹہٕ + شَشٹہٕ ۔
[illegible] ... گ بگ پاٹھی ۔

اَٹہٕ ٹیوٚر ۔ ٹیوٚر یا تُرگ یتھٕ اَٹہٕ کاسہٕ کھسہٕ ، یہ چھےٚ اَکھ بوٗٹی ۔ دپان چھ امہ سیٚتی چھُمس گتان تہٕ نرم روزان ۔

اُٹہٕ ہُری ۔ اَٹہٕ رزٕ ۔

الوٹ ۔ مۄل : اَلوٹ (س : اَ + تُرٹہٕ ]
نہ پھٹوُن ۔ یُس نہٕ پھٹِتھ ہیکہِ ۔ دوٚر ۔ دوٚہہ پوشہِ وُن ۔

اٹلس ۔ ن ۔ مۄل : اٹلس (انگ : ایٹلس ، (یونانی : ایٹلس ۔ نقشہٕ کتاب ۔
سو کتاب یتھ اَندر مُلکن ہندی نقشہٕ آسن ۔

اُٹھ ۱ ۔ ٹکہٕ (پانٛژ وانٛنگ ، رۄدگ بیترٕ) ۔

پال اُٹھ ۔ رٹہٕ ۔ ٹکہٕ ۔ ٹیپ ۔ (پانٛژ بیترٕ) ۔

رٕتہٕ اُٹھ ۔ رٕتہٕ ٹکہٕ ۔ ٹکوٚ ٹکوٚ رٹھ نیرُن ۔

روٗدٕ اُٹھ ۔ سپٹھا روٗد ، رزٕو رزٕو روٗد ۔

اُٹھ ۲ ۔ ڈیٚنجہ ہرٕنگ وٕرسہ ۔ رٕٹینج رز (سونہٕ سٕنٛز، روپہٕ سٕنٛز یا پٕنیچ) ۔

اَٹہٕ پھوٗل ، ہٹہٕ پھوٗل ۔ ینتزٕ ردٕ زنانہٕ نالی تروٗدمت پن ۔ یتھ گنڈِتھ سوٗنی پھوٗل یا ٹکھ ، یہ چھُ زنانن نیٚرُک نشانہٕ ۔

اَٹہٕ کانٛہہ ۔ اَٹن ہُند پن یہ سوٗم وٕٹھِتھ آسن ۔ اَٹن ہندِس پنٛس آمت کھر یا کون ۔

اَٹہٕ ہوٗر ۔ اَٹہٕ جوری ۔ ڈیٚنجہ ہُرٕ کنن دوٚن ہُندی یہ اُٹھ ۔ دوٚن اَٹن ہنٛز ٹلِم جالارٕ جوری ۔

اُٹھ ۳ ۔ ن ۔ مۄل : اَٹ (س : اَٹہٕ / (س ہٹہٕ ۔
اَکھ بڑٕ ڈنٛہہ لوگ [illegible] بازر چھُ ۔

اَٹس بہُن ۔ (۱) بازرس منٛز بہُن ۔ وُتہٕ پیٹھ بہُن ۔ (۲) گانہٕ دان تراوُن ۔ گانٛی ، پانٛتھیٚنی بٕنٛن ۔ گانہٕ کار کرُن ۔ بازٕری زنانہٕ بنُن ۔

اَٹہٕ منٛز بانہٕ کھار پھٹراوٕنی ۔ منٛز بازرس بانہٕ کھار پھٹراوٕنی ۔ تہٕ ڈیٚنجہ گوٚ کامٕنہٕ ہٕندِس سرِس فاش کرُن ۔

اَٹہٕ منٛز ۔ ژوٗٹ ۔ بازر ۔ منٛز بازر ۔

اَٹہٕ واز ۔ سہ واز یُس وٕستس پکنٕ (اُٹھ دِیہ یا

اَٹُس کیتھ ہاگرِ نہٕ باپتھ بَنہٕ سیُٹ سار) اَماگی وازِ۔

(۲) وٕہ موٗزوٗرِ واز۔

**اَٹہ ہار۔** بازَر۔ لوکہٕ جَمَر۔ سعہ جاے یتہٕ لوکھ

ژٕریتھ آسن آمتی۔

**اَٹھ علہٕ۔** اَکھ پوٗت لوٗگ، شلَن۔ وٲنس = واٹھسٹھ۔

رٕشس = رٕشَٹھ۔

**اَٹھوس۔** ن ــ موٗل : اَٹھاس < پراکرت : اَ + ٹھ چھ۔

م : ہ : ٹھوسنا۔ ] (۱) نہٕ ٹھکمٕت (کیٛل، کیج، تھَم بتر)

(۲) پَتھر نہٕ لوے مٕت، پَتھر نہٕ بَرِتھ ڈیٛتمٕت،

کُنہِ ہیٛٹھ باکُنہٕ سیٛتی نہٕ چھومٕت۔

**اَٹھووٗہ۔** < س : اَشٹاوِمشَتہٕ ۔ ٗہ ہتہٕ اَٹھ۔

اَٹھہ ہیٛتھ وُہ۔

**اَٹھوُوٗہِم۔** ن ۔ موٗل : اَٹھووٗہِم < س : اَشٹاوِمشَتہٕ تمہٕ ــ

رٕیٛنج یایس اَٹھووٗہس ہیٛٹھ وارِ یہِ یتوویس

پتے آسہِ وُن۔

**اَٹھکَل۔** م ۔ موٗل : اَٹھکَل < ہ : اَٹکَل < س : اَرتھہ +

کلَن ۔ (۱) اَنمان ۔ اَنداز (۲) کَل ۔ گاتگَل ــ

پریشانی، (شوپرٕنے) ــ

**اَٹھکاو۔** ن ۔ موٗل : اَٹھکاو < ہ : اَٹکاو ۔ ] ہیٹھ ۔

(۲) کاوُتھ ۔ رُٹھ ۔ سہ سہ ۔ دیر دیر (کُنہٕ کامہٕ کارس منز)

**اَثَر۔** ن ۔ موٗل : اَثر < ع : اَثَر ۔ (۱) نشانہٕ، علامتھ

نتیجہ (۲) تاثیر ۔ کانُہہ کتھ بیتر ترِتھ گرٕھنی۔

**اَثَر ترُن۔** (کُنہٕ چیزَس) تاثیر واتُن ۔ لاگ ترٕنی۔

**اَثَر گَرٕھن۔** (۱) کتہ ترٕنی ۔ دِلس پیٛٹھ اَثر گَرٕھن (کُنہٕ

کتھہ ہُند) (۲) رنگ رٹُن (۳) کارگر گَرٕھن (دَوا بیترِ)

**اَثاثہٕ۔** ن ــ موٗل : اَثاث < ع : اَثاثہ < ع : اَثّ ۔

وٕیٛشر ۔ پوٗژھ ۔ جاداد ۔ سمپتھ ۔

**اَثائُل بیت۔** ن ۔ موٗل : اَثائُل بیت < ع : اَثاث +

اُل + بیت ۔ ] گرِ ویٹھ ۔

**اَجَرٕ۱۔** ن ــ موٗل : اَجَر < ک : اَڈ + یر < س : اَردھ

+ پوٗت لوٗگ، یَر ۔ ] (۱) اوٗڈے آسُن ۔

پوٗر نہٕ آسُن (۲) اَڈِ لیٛچھ ۔ اَنگہٕ ہینہٕ ۔ اَر پرٕنہٕ آسُن۔

**اَجَرٕ۲۔** ن ۔ موٗل : اَجَر < ع : اَجر ۔ ] ۔

رٕژٕ تہٕ نیک کامہٕ ہٕنز مَزوٗری، جان کامہِ ہُند

پھَل نہٕ مَزٕ بیتر۔

**اَجَر زیٛنُن۔** ثواب زیٛنُن ۔ رٕژٕ کامہٕ ہُند مُزٕ لَبُن ۔

**اَجَر لَبُن۔** رٕژ تہٕ جان کامہٕ کَرِتھ رُٹ پھَل لَبُن ۔

**اَجَل۔** ن ۔ موٗل : اَجَل < ع ؛ اَجَل ۔ موتھ، یَم، کال ــ

**اَجَنٹ۔** موٗل : اَجَنٹ < انگ : ایجَنٹ (AGENT)

موختار ۔ گُماشتہٕ ۔ دٕلال ۔

**اَجَنٹی۔** اَجَنٹہٕ سُند پیشہِ، کامہٕ کار۔

**اَجنسی۔** م ۔ موٗل : اَجنسی < انگ : ایجَنسی (AGENCY) ــ

کُنہ فرمہ ہُند نمایندٕ ، دفتر یا دُکان۔

**اَجِٹیشن** ۔ م ۔ مؤل : اَجِٹیشن ﴿انگ : ایجیٹیشن (AGITATION) شورش ۔ گَھٹلی یا اَدارس خلاف تحریک۔

**اَجداد** ۔ ن ۔ مؤل ، اَجداد ﴿ع : اَجداد ۔ جد ، پرٲنؠ زِٹھو۔

**اَجلاف** ۔ مؤل : اَجلاف ﴿ع : اَجلاف ۔ کَم ذاتھ ۔ بوٗنؠ مِہ زاتھ ہشری۔

**اَجناس** ۔ مؤل ، اَجناس ﴿ع : اَجناس ۔ قسم وار جنس یا اَناج۔

**اَجنبی** ۔ مؤل : اَجنبی ﴿ع : اَجنبی ] غٲر زان ۔ اَناٗنی ۔ اَنزان ۔

**اَجنبیت** (ہیچھ) ۔ ووپرٲز۔

**اَجوہند ، اَجوٕن** ۔ ن ۔ مؤل : اَجوہند/اَجوٕن ﴿ہ ، اَجوان /اَجواین ﴿س یَوانی ] جاوِہند ، اکھ بوٹِہ ہُند ناو ، یہ چھےٚ بدہضمیہ دَوا۔

**اَجہل** ۔ مؤل : اَجہل ﴿ع : اَجہل ۔ سخ جاہِل ، اَرچِک ۔

**اَچانک ، اَچانکھ** ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ۔ بےٚ خبر پأٹھۍ۔

**اَچانکَن** ۔ وُچھو ، اَچانک ۔

**اَچھو** ۔ ن ۔ مؤل ، اَچاو ﴿س : اَ + چاہِتہ ۔ سُہ وۄڈھ یُس ژھونہٕ گاو دودٕ آسنہٕ چہنہٕ دِیتُمت ۔ چاوٕنے وۄڈھ ۔ اَچھو لفظک ماد لفظ چھُ اَچاو

ینیمیٹک مانے دود ہیٚنے گاو چھُ۔

**اَچکَن** ۔ ن ۔ مؤل ، اَچکَن ﴿ہ/اُ : اَچکن ] بند گلہٕ گرٕتھ اَکہِ قسمُک زیٚوٹھ کوٹھ۔

**اَچھا** ۔ مؤل : اَچھا ﴿س ، اَچھ ۔ ] (کُنہِ کتھہِ پیٹھ یقرار کرنہٕ وِزِ وَنان) اَدٕ کیا ، موٗن ، جان گوو ، ٹھیکھ چھُ۔

**اَچھ دار** ۔ م ۔ مؤل : اَچھ دار ﴿ پراکرت : ؟ اَچھ ﴿س : اَکشہِ +س : دارک ۔ ] (کور یا کٔنڑ نشِکلہِ بنوومت) شٔری سُند گنڈُن تماشہٕ ۔ ورگہٕ : سو یُس سہ سوٗنڈر آسہِ ۔ م : اَچھ دارٕ رِش زنانہٕ۔

**اَچھ دار پأٹھۍ** ۔ شُری با پار ۔ ناتجربہ کاری ہند کار دارِ دِہ پأٹھۍ۔

**اَچھر** ۔ ییہر ڈٲنگج لوکٹ اَٹ یوس پرٹیتس پیٹھ کھاران چھِ۔

**اَچھن ترٕے** ۔ بٹن ہُند اکھ بوڈ دۄہ ، یہ چھُ آسان وَہکہ زۄنہٕ پچھہِ ترٕیہ دۄہ۔

**اَچھیپٹھ ، اَچھیپٹھ** ۔ م/ن ۔ مؤل : اَچھپٹ ﴿س : اَکشہِ + ؟ اپرشیا + پوت لوگ : اِٹ ] اَندروزِ لَد ۔ یُس نہٕ بیٚیہ سُند خوش پیہ ۔ لَیکہٕ وُچھنہٕ نظر لگہٕ۔

**اَچھ پوش** [illegible]

اَکِہ قِسمُک سَفید (رَنگہ) پوش۔

**اَچھ وَل۔** ن۔ مۆل : اَچھ وَل <س : اَکشہ وَلہ ] کٲشِر مَنز اَکِہ جایہ ہُنٛد ناو۔ اَتھ چھ اَچھ بَل تہٕ وَنان۔ یہ چھ سیٹھا سوٗنٛدَر تہٕ موشوٗر علاقہٕ۔

**اَچھُر۔** ن۔ مۆل : اَچھر <س : اَکشَر ]۔ حَروٗف۔ لیکھنہٕ پَرنہٕ کِین نِشانَن ہُنٛد کانٛہہ کُن (اِکائی)۔

**اَچھر بوٗچھ۔** یُس وارِیاہ پَرِتھ تہٕ حَرُف مَشِتھ یُس لیکھنہٕ وِزِ لفظَس غَلط حَرف لیکھہِ۔ یُس لیکھان لیکھان اَچھر تراوِ۔

**اَچھر پَتہٕ اَچھر۔** حَرفہٕ حَرفہٕ۔

**اَچھوٗل۔** یہ تہٕ چھوٗلمُت آسہِ۔ چھلنہٕ۔ آلہٕ۔

**اَچھلِہ بُتھہِ۔** بُتھ اَتھ چھلنہٕ۔ اَتھہٕ بُتھ صاف کَرنہٕ۔ بُتھ چھلنہٕ برٛوٗنٛٹھہٕ۔

**اَچھون۔** ن۔ مۆل : اَچھان <پراکرت : اَ + چھنہ <س : اَ + سینہ۔ ] (۱) یہ تہٕ چھونمُت آسہِ۔ چھانہٕ نہٕ۔ چھانہٕ کورٕ آے۔ پَری تہٕ بینیر کَڈنہٕ۔ (۲) میوٕ بینیر والنہٕ باپتھ کُلس دِنہٕ دِنہٕ۔ کُلس میوٕ والنہٕ (لانٛزٕ وانٛزٕ سیتی)۔ م۔ اَچھانٛی۔

**اَچھووٗ^۱^۔** مۆل : اَچھاو۔ <پراکرت : اَ + چھاوَنہٕ <س : اَ + چھاوَنہٕ 6 چھَر کہ

یہ تہٕ چھوومُت آسہِ۔ یہ تہٕ پھالومُت آسہِ۔ یہ ور ناوَنہٕ آسہِ۔ یہ تہٕ گ۔۔۔ س آسہِ لَگمُت۔

نووِ (پَلو بیتر)۔

**اَچھووٗ^۲^۔** (پَتہٕ بیترِ) یِتھ چھاو آسہِ نہٕ آمُت۔ چھاو اَننہٕ، چھاو بِنہٕ۔ ٹھیکہ پاٹھۍ نہٕ روٗنمُت۔ دَمہٕ بِنہٕ۔

**اَحرام۔** ن۔ مۆل : اَحرام <ع : اَحرام۔ ] سَفید کَفنی۔ یوس حٲجی حج کِس موقس پیٹھ چھ گَنٛڈان۔

**اَحکام۔** ن۔ مۆل : اَحکام <ع : اَحکام "حُکم" لفظُک جمع۔ وارِیاہ حُکم۔

**اَحمَدی** [ مۆل : اَحمَدی <ع : اَحمَدی ] مُسلمانَن اَنٛدر اَکِہ مَذہبی فِرقُک ناو۔

**اَحمَق۔** مۆل : اَحمَق <ع : اَحمَق ] چور۔ مُڈ۔

**اَحمقانہٕ۔** سُہ باج یُس کانٛہہ کانٛسہِ بےعقل آسنہٕ کِنی ہیٚیہِ۔ چارٕ باج۔ سادٕ یا بیعقل آسنہٕ کِنی چیٚیٹھ۔

**اَحمقانہٕ۔** چار ہر۔ مُڈگی۔ بیعقلازی۔

**اَحمقُل اَرہَٹ۔** مُلہٕ چور۔ اِنتہائی اَحمَق۔

**اَحوال۔** (اَ وحال)۔ مۆل : اَحوال <ع : اَحوال، حال' لفظُک جمع۔ یانَس پیٹھ گُذرِتھ مُت یُس بیٚیس باوُنہٕ یِیہِ۔ یَتھ گُذرُن یُس کانٛسہِ وَننہٕ یِیہِ۔ حالات، واقات گُذرُن۔

اَخبار :- ن - مؤل ؛ اَخبار (ع : اَخبار - خبر لفظُک جمع]
وَقعہٕ وَقیعہٕ یُکن منٛز خبر واتناوٕنہٕ باپتھ کاغزٕ
پرچہ - نیوٗز پیپر ، پیپر -

اَخبار نوٗیس - خبر لیکھن وول - سُہ یُس اَخبار
دفترس منٛز خبر لیکھنس پیٹھ آسہٕ - اُڈیٹر -

اَخبار نوٗیسی - اَخبار لیکھنک پیشہٕ ، فن - اُڈیٹری -

اَخبارٕ ی - یتھ اَخبارس سیتی توٗلُق آسہٕ - اَخبارُک -
یہ اَخبارس لگان آسہٕ - م : اَخبارٕ ی کاگز بیترِ
(۲) اَخبارٕ ی خبرٕ -

اَخراجات، اَخراجاتھ - مؤل : اَخراجات (ع : اَخراجات -
خرچہٕ خورٕ ج - لاگتھ -

اَخلاق - ن - مؤل : اَخلاق (ع : اَخلاق - "خُلق"
لفظُک جمع ] وۄتھنک بیہنک تہٕ کتھ باتھ بیترِ
کرنک تمیٖز - رٕنی عادتھ -

اَخلاقی - یہٕ اَخلاقہٕ موجوب شوٗبہٕ - یتھ اَخلاقس سیتی
توٗلُق آسہٕ -

اَدب - ن - مؤل : اَدب (ع : اَدب - ] -
(۱) بڑٕ ووتھ بیٹھ - تمیٖزٕ دار وۄتھ بیٹھ - ووتھ
بیٹھ ہُنٛز پابنٛدی (۲) کأنٛسہٕ ہُنٛد پاس - کأنٛسہٕ ہُنٛد
لحاظ (خاص کرِتھ زٕٹھی سُنٛد) (۳) ہتھرِ پأکی لیکھ،
ساہِتیہ - لٹریچر -

اَدب دوست - اَدبس سیتی دِلچسپی تھاوَن وول ، یَس اَدبس سیتی لگاو آسہٕ -

اَدب نواز - اَدبس پلالہٕ کرَن وول -

اَدبیات (اَدبیاتھ) [مؤل : اَدبیات (ع : اَدبیات ] اَدب
لفظُک جمع - (۱) اَدبُک علم (۲) اَدبی کِتابہٕ ، رسالہٕ تہٕ اَدبی اَخبار
بیترِ - لٹریچر - اَدبی - اَدبُک - یتھ اَدبس سیتی توٗلُق
آسہٕ - م : از چھُ اَدبی بحث مُباحثہٕ -

اَدل بَدل - [ن مؤل ؛ اَدل بَدل (ع : بَدل ] اَکہٕ بَدل بیاکھ (۱) اورُک
یور - م ، پُلسس نِش چلیس نہٕ اَدل بَدل ونُن -

اَدل بَدل دِیُن - اَکس چیٖزس بدل بیاکھ چیٖز دِیُن -
چیٖزس بدلہٕ چیٖز دِیُن -

اَدل بَدل وَنُن - اَکہِ کتھِ بدلہٕ بیاکھ کتھ وَنٕنی - یہٕ نہٕ وَنُن
شوٗبہٕ تہٕ وَنُن - اورُک یور وَنُن -

اَدل وَدل - (۱) بیٖموٗدی - بتھس اَکہٕ رنٛگہٕ بیاکھ
رنٛگ گژھُن (۲) پریشانی - لوٗدراونی - وُنہٕ ویٚسنی -

اَدم - ن - مؤل : اَدم (س : اَدھمہ -]
نیٖوٗژ - ڈٔسی پایہ - کمینہٕ - کم ذاتھ - اَنہٕ ذاتھ -

اَدا[۱] - (س : اَدھ + آ - ]
اَھنٛوٗ - اَوا (یہ چھُنس یوان وَنٕنہٕ یُس زبانس منٛز
پانس کھٔسِتھ آسہٕ نہٕ) -

اَدا[۲] - ن/م - مؤل : اَدا (ع : اَدا - ]
(۱) ہورُن - نکھہ والُن (۲) کرِتھ ہاوُن ، پوٗرٕ کرِتھ
دِیُن (۳) کرنک طریقہٕ - (۴) سورُن موکلُن -
م : (۱) راتھ گیہ اَدا یا اَدا -

اَداکرُن - (۱) ہورُن (قرضہٕ بیترِ) (۲) کانٛہہ کام پوٗرٕ کرٕنی -

**اَدا۳** ۔ م ۔ سۆل : اَدا (ع) : اَدا۔
(۱) ناز نخرٕ ۔ اَنداز چال ۔ طریقہٕ ۔ م پَرٕتھ کانٛسہٕ
اداکارس چھےٚ پننی خاص اَدا آسان ۔ (۲) کانٛہہ
کٲم کرنُک طریقہٕ ۔

**اَدارٕ** ۔ ن ۔ مۆل : اَدارٕ (ع) : اَدارہ ۔ کُنہٕ خاص
مقصدٕ باپتھ قایِم کرنہٕ آمُت کانٛہہ دفتر، محکمہ
یا انجمن بیترِ ۔

**اَداکار** ۔ ن ۔ مۆل : اَداکار (ع) : ادا + ف، کار
پاٹھ چارٕن وول ۔ ایکٹرس، ڈرامہ ہَس یا فلمہ
بیترِ منٛز کانٛسہٕ کِردارُک پارٹ کرن وول ایکٹر۔

**اَداکٲری** ۔ ایکٹری ۔ ایکٹنگ ۔ ایکٹنگ کرنُک
فن ۔ اَداکار سُند پیشہٕ ۔

**اَدایگی** ۔ م ۔ مۆل : ادایگی (ع) : اَدا۔
یہ کینٛژھا ہوٗرُن آسہٕ ۔ نکھٕ ووٚتُن، ہوٗرُت ۔

**اَدِگٲری** ۔ م/ن ۔ مۆل : اَدِکاری (س : اَدھ کاری
(س : اَدھکارن ۔ یخٔتیارٕ وول ۔ اَفسر ۔ حاکم ۔

**اَدِ** ۔ مۆل : اَدِ ۔ (س : اَدھ ۔
(۱) پیتھ ۔ تٕہ پتہٕ ۔ تیلہٕ ۔ اَدِ موکھ ۔ اَدِ کینہٕ ۔
(۲) کینٛہہ پرٕ ژھنہٕ باپتھ گوڈٕ لفظ ، م ۔ اَدِ کوٗت
(۳) کینٛژن ہلہ مِش لفظن ہُند آلنکار یا ٹھی گوڈٕ
لفظ، اَدِ ۔ م ، اَدِ سٕے ، اَدِبا ، اَدِ بنی ، اَدِ ھَن

**اَدِ مہارا** ۔ تہٕ گو آہن سٕہ ، آہن با ، آہن حَض بیترِ

**اَدو** ۔ آہنو ۔ اَو ۔

**اَدے** ۔ آہنی اَو (یہ چھُ یوان تَس وَننہٕ یوس
نہٕ ژٕتلُس منٛز یانس گھستھ آسہٕ)

**اَداے** ۔ ییلہٕ کانٛہہ زٕنی دوٗر آسہٕ تیلہٕ چھ آواز
زٕیٹھراونہٕ باپتھ ' اَدے ' بدلہٕ اَدائے وَنان ۔

**اَدِسٕے** ۔ کُنہٕ کتھ بیترِ پیٹھ آلنکار کرنہٕ وِزِ اَدِ بہ سان وَنان ۔

**اَدِکتہٕ** ۔ بیٚیہٕ کتہٕ ۔ تیلہٕ کتہٕ ۔ تتہٕ نے تہٕ کتہٕ ۔

**اَدِ کتہٕ سنا** ۔ تمہٕ ساتہٕ یوان وَننہٕ ییلہٕ زور دِتھ آسہٕ
وَنُن ۔ " اَدِ کتہٕ " تتہٕ نے تہٕ کتہٕ ۔

**اَدِ کر (سنا)** ۔ تمہٕ ساتہٕ یوان وَننہٕ ییلہٕ زور دِتھ
یا واد کرِتھ " اَدِ کر " آسہٕ وَنُن " تہٕ ڈیٹھہٕ گو وٕنکس
نے تہٕ تیلہٕ کمہٕ ساتہٕ ، تیلہٕ کرِ یا تیلہٕ کمہٕ موقعہٕ ۔

**اَدِ کو** ۔ اَدِ کیتاز ۔ تمہٕ کنی نے تہٕ بٔییہ کمہٕ کنی ۔ پتہٕ کوٕ موکھ ۔

**اَدِ کاٹیا** ۔ تیتی نے تہٕ تیلہٕ کاٹیا ۔ تیلہٕ کرٕ ۔

**اَدِ کاٹیا سنا** ۔ تمہٕ ساتہٕ یوان وَننہٕ ییلہٕ زور دِتھ
یا واد کرِتھ آسہٕ وَنُن ' اَدِ کاٹیا ' یا ییتی نے
تہٕ تیلہٕ کیتی ۔

**اَدِ کیتی** ۔ اَدِ کاٹیا ۔ اَدِ کرٕ ۔

**اَدِ کیتھن** ۔ تہٕ نے تہٕ کوٗت کو ۔ تہٕ نے تہٕ کیتس ۔
کتھ مولس ۔

**اَدِکتیٖن سَنا۔** تمہِ ساتہٕ وَنان ییٚلہِ زور دِتھ آسہٕ وَنُن "اَدِکتیٖن"۔

**اَدِکُس۔** سُہ نَے تہٕ بییہٕ کُس۔ سُے۔ سُے یوت۔

**اَدِکُس تہٕ اَدِکَس۔** یہ چھ تمہِ ساتہٕ وَنان ییٚلہِ نہٕ نزدیکی رِشتہٕ دار تہٕ پانہٕ وانی اَکھ اَکس یلزَن یا رِشتہٕ مانَن۔ تہٕ ڈیٚتھ گوٚز ییٚلہِ نہٕ ہیم اَکھ اَکِس نِندی چھ تیٚلہِ کُس کُنہ چھُ۔

**اَدِکُس سَنا۔** بییہٕ تیا کانہہ۔ سُے تہٕ بییہٕ نہٕ کانہہ۔ سُے تہٕ بے۔

**اَدِکوٚت۔** بییہٕ کوٚت۔ یتھ کُن کوٚت۔ تیوٚتے تہٕ بے۔ تیوٚتے یوت۔

**اَدِکوٚت۔** تیٚلہِ کتھ جایہ۔ توٚت نَے تہٕ کوٚت۔ بییہٕ کور۔ توٚتے بییہٕ نہٕ کُن۔

**اَدِکوٚت کُن۔** تیٚلہِ کتھ طرفَس۔ تیٚلہ کور۔ تیٚلہِ کیاڑی۔ توٚری نہٕ بییہٕ کوٚت۔

**اَدِکوتا۔** یتھ کُن کوتا۔ تیٚلہِ کوتا۔ تیوٚتے یوتا۔ لوٚت نَے تہٕ تیٚلہِ کوٚت۔

**اَدِکوتا سَنا۔** تمہِ ساتہٕ وَنان ییٚلہِ زور دِتھ وَنُن آسہٕ 'اَدِکوتا'۔

**اَدِکور۔** تیٚلہِ کوٚت کُن۔ تیٚلہِ کمہِ طرفہٕ۔ تیٚلہِ کیاڑی، توٚری۔

**اَدِکورِ کنہٕ۔** تیٚلہِ کمہِ پاسہٕ۔ تیٚلہِ کمہِ طرفہٕ پیٹھہٕ۔ یتھ کُن کمہِ جایہ پیٹھہٕ۔ یتھ کیپاڑی۔ ورگہٕ: تمی جایہ پیٹھہٕ تیپاری۔

**اَدِکورکُن۔** تیٚلہِ کتھ طرفس۔ یتھ کوٚت کُن۔ توٚرنہٕ تہٕ کور۔

**اَدِکیا۔** (ویدِک س: اَدھ+س: کم ستا)

(۱) اَچھا۔ ٹھیکھ چھُ۔ پوٚز چھُ۔ موٚنم۔ جان گوٚو۔ تیٚلہِ کیا۔ یتھ کیا۔ تہٕ نَے نہٕ کیا۔ ہرزٕ پاٹھی گوٚ——تی تہٕ بے، اَوتی۔

**اَدِکیابا۔** آہن با۔ جان ہبا گوٚ۔ ٹھیکھ ہبا گوٚ۔ موٚنم ہبا۔ تی ہبا گرٕ (بابہ لفظک ژھوٚٹ) بابہ (بڑا کرت: بھا آ (س: بھراتر)۔

**اَدِکیا ہنی۔** آہن ہنی۔ جان ہبی گوٚ۔ ٹھیکھ ہبی گوٚ۔ رُت ہبی گوٚ۔ موٚنم ہبی۔ تی ہبی گرٕ۔

(ہنی۔ ہینی لفظک ژھوٚٹ، ہنی (س: بھگنی۔

**اَدِ کیتھ، اَدِکیتھ۔** تیٚلہِ کمہِ طریقہٕ۔ یتھ کیتھ کنی، اَگر نہٕ ییتھہٕ پاٹھی تیٚلہِ کیتھ پاٹھی۔ اَمہٕ رؤس چھنہٕ باسان بیا کھ وَتھ۔ ییتھے پاٹھی۔

**اَدِ کیتھ پاٹھی، (پاٹھن) وُچھو 'اَدِکیتھ'۔**

**اَدِکیتھ سَنا۔ اَدِکیتھ پاٹھی سَنا۔** ییٚلہِ "اَدِکیتھ" یا اَدِکیتھ پاٹھی' آسہٕ زور دِتھ وَنُن، ییٚلہِ چھُ یمن 'سَنا' تہٕ یتہٕ لگاونہٕ یوان۔ (سَنا= چھُ ممکن!

ہیکہِ ہُنھ ، مُ : س : سَن ) م : اَڈ کپتھ سَنا۔
اَڈ کپتھ ہیکہِ ہُنھ۔

**اُدوٗر** ۔ ن ۔ مۆل : اُدر ۔ <س : اُ + دَرڈھ۔
(۱) یہ دوٗر آسہ نہٕ ۔ (۲) کمزور ۔ ڈیول ۔ زیرِ سینٹو ۆسی پیومُت ۔ (۳) نہ دَرِ وُن ۔ نہ رُکہٕ وُن ۔ ہٹہ نہٕ گژھوُن (شین ، رٔود بیترِ) (۴) نہٕ پوشہ وُن ۔ یژکال نہٕ دَرِ وُن (مال بیترِ)۔

**اُدوٗرمال** ۔ ن ۔ مۆل : اُدوٗرمال <س : اُ + دَرڈھ + ع : مال ۔ سُہ مال (چار ووے ، میوٗ بیترِ) یُس نہٕ دَرِ وُن آسہ ۔ یُس شہ زندگی ہیٹھ وسا آسہِ نہٕ ۔ یہ کینٹژھا نہٕ ژُرس کاس روزِ۔

**اُدوٗہے** ۔ ن ۔ مۆل : اُدوہے <س : اُدوٗیہ۔
(۱) دُپی روٗس ، دوٗہیتہِ روٗس ۔ (۲) سُہ گیان یتھ منز سوٗرُے پیپہ کُنے مانیہٕ (مثلن ویدانت بیترِ)۔

**اُدوٗہیتھ** ۔ ن ۔ مۆل : اُدوہیت <س : اُدوٗیتہ۔
(۱) دُپی نہٕ آسنی ، بیِن نہٕ آسُن ۔ (۲) ویدانت ۔ سُہ شاستر یتھ مۆجوب سوٗرُے کُنے چھ ۔ ویدانتک سُہ نظریہِ یتھ مۆجوب دُیس روٗس بیلہ کینہہ چھُنہٕ۔

**اُدرکھ** ۔ ن ۔ مۆل : اُدرک ۔ (ہ : اُدرک <س : آردرکہ۔
اَہج شوٗنٹھ۔

**اُدرکھ موٗنٹھ** ۔ (۱) ہنیلہِ شوٗنٹھک ووٗر (۲) شوٗنٹھ کُلیک گنڈ رہیتہ مۆل۔

**اَدنا ٔ** (اَدناو) ۔ مۆل : ادنا <ع : اَدنا /ادنیٰ۔
نیوٗژر ۔ ۆسی پایہ ، کم ذاتھ ۔ نانگار ۔ وُچھوٗ اَدناو نہٕ۔

**اَدناو** ۔ مۆل : اَدناو <س : اُدھم + ناھم۔
نیوٗژر ۔ ۆسی پایہ ۔ کم ذاتھ ۔ نانگار۔

**اَدوٗل** ۔ [ن ۔ مۆل : اَدوٗل <س : اَردھ + پلہ ]
اوڈ پل ۔ زِ تولہ۔

**اَدووے** [ن ۔ مۆل : اَدوا ے <س : اَدھون + واہکہ مُ : گجراتی : اَدھوا یو ] سُہ دزال یا درمیانہٕ در یُس لۆکن اوٹ توٗمل بیترِ کنہٕ بابتھ وانناوان چھُ۔

**اَڈیاتم** [مۆل : ادیاتم <س : اَدھیاتم ] روٗحانیتھ۔

**اَڈیا ے** ۔ م ۔ مۆل : اَڈیا ے <س : اَدھیاے ]
اَدیا ۔ پوتھ ہُنداکھ حصہ ، کتابہ ہُنداکھ باب۔

**اَڈ** ۔ ن ۔ مۆل : اَڈ <پراکرت : اَڈڈھ <س : اَردھ۔
(۱) نصف ۔ اوٚڈ ۔ دوٚیو بابگو منزاکھ (۲) اکھ گنڈ۔

**اَڑ** ۔ ن ۔ مۆل : اَڑ <س : اَردھ ۔ ]
اکھ بڈوٗ نہہ لوٗگ ۔ اوڈ ۔ اَڈ۔

**اَڑاوم** ۔ ن ۔ مۆل : اَڑ آم <س : اَردھ + آمہ۔
پوٚرِ نہٕ پیپیومُت (میوٗ بیترِ) ۔ پوٚرِ نہٕ پاکومُت۔

(ٹھول، تیل بیترِ) اوڈے آمت۔

**اَڈِ بز۔** اوڈُے بُزمُت۔ پُوٗرِ پاٹھۍ نہٕ تۆدمُت۔

**اَڈِ بڑوٗک۔** (۱) پُوٗرِ نہٕ بڑوکمُت۔ اوڈُے ژوپمُت۔

(۲) اَڈِ ژلیٹ۔

**اَڈِ بڑوٗک مُڈ بڑوٗک۔** وارِ پاٹھۍ نہٕ بڑوٗکمُت۔ وارِ پاٹھۍ نہٕ ژوپمُت۔

**اَڈِ پچھوٗر۔** اوڈُے پچھرووُمُت۔ وارِ پچھراونۍ۔ تژوٗپ دِتھ پُوٗرِ پاٹھۍ اَندرکۍ بھُٹڑ اوٗتھ نہٕ کھوٗومُت۔

**اَڈِ پوٗپد** پُوٗرِ نہٕ پھپھیومُت۔ اوڈا پوٗپ تہٕ اوڈا نیوٗل۔

**اَڈِ پوٗک۔** وارِ نہٕ رٲنمُت۔ پُوٗرِ نہٕ پاکومُت۔

**اَڈِ پڑوٗن۔** کیٛہہ پڑیٚنہِ رسان۔ پُوٗرِ نہٕ پڑوٗن۔ پُوٗرِ نہٕ صاف۔

**اَڈِ پڑون۔** کم زیادٕ پڑون۔ نہ زیادٕ نۆو تہٕ نہٕ زیادٕ پڑون۔

**اَڈِ پھلِ گاشہٕ** (دوہتھن)۔ نِکہٕ نِکہٕ گاشہٕ۔ ستگر مالہِ بچھوپیۆن۔

**اَڈِ پھوٹ۔** (۱) اوڈُے پھوٹمُت۔ وارِ نہٕ دژامُت (میٛلِشِ مَنٛزِ ہیوٗل بیترِ) اَڈِ زوو۔ (۲) اوڈُے دژامُت۔ پُوٗرِ نہٕ دژامُت۔

واتھ نہٕ دژامُت (رَنٛزِ تلہٕ)، (۳) اوڈُے بوڈیومُت۔ پُوٗرِ نہٕ بوڈیومُت۔ بِلکُل تل نہٕ گومُت (آبس بیترِ) (۴) واتسہٕ واتنۍ۔ وا اَنسہٕ پیٚنۍ۔

**اَڈِ پھوٗل (۱)۔** (۱) پُوٗرِ نہٕ پھوٗلمُت (پوش بیترِ)۔ ژوٗرِ مَنٛزِ نہٕ وارِ دژامُت۔ (۲) پُوٗرِ پاٹھۍ نہٕ نوٗن دژامُت (گاش)۔ نِنِیگ نِنِیگ گاش۔

**اَڈِ پھوٗل (۲)۔** (۱) پُوٗرِ نہٕ پھالومُت۔ کم زیادٕ پھالومُت (پلو بیترِ ناٹلِ دھنۍ ژھنۍ) (۲) نہٕ نۆو تہٕ نہٕ پرانیومُت (پلو ہیتر) اَڈِ پھوو۔

**اَڈِ پھیوٗر۔** وارِ پھیارنۍ۔ اوڈُے پھیوٗرمُت (دنود ووہن) سوٗرے اَکہِ نہٕ کوٹھمُت۔ یتھ پھیارتھ اوڈرس یا ژٔری اَندرے آسہٕ روٗزمژ (شیرِ بیترِ)۔

**اَڈِ تۆو۔** یتھ پُوٗرِ تاو آسہِ نہٕ آمُت۔ یتھ نہٕ وارِ تاو آسہِ لوٚگمُت۔ یہ نہٕ وارِ تتیومُت آسہِ۔

**اَڈِ ترٛوٗش۔** یہ نہٕ پُوٗرِ ترٛوٗش آسہِ (۲) پُوٗرِ نہٕ ترٛکنس لایق۔ ترژھا ہیو یا ترٛکرٛ پُوٗرِ نہٕ ہوکھ ہوکھ اوڈُے ترٛکریومُت۔

**اَڈِ تھوٗل۔** پُوٗرِ نہٕ تھوٗلمُت۔ اوڈُے

تھولمُت ۔ یتھ نہ پۆرِ باچھ آسن کرِ مژِ ۔
یتھ اَجے لگنچہ آسن ہینہ آمژ ۔

**اَڈِچور** ۔ (۱) وارِ نہ چورمُت (اَڈدرِ پلو بیترِ)
پۆرِ مژ یتھ نہ کوڈُمت ۔ (۲) اۆڈُے رَس
کوڈمُت (۳) پۆرِ نہ چیس نہ آمُت (لیترِ
سپتو کوٹ بیترِ) اَڈی سے لیترِ وٲے مژ ۔

**اَڈِچھوت** ۔ (۱) پۆرِ نہ چھیتیومُت (مَس بیترِ) ۔
(۲) اۆڈ سفید تہ اۆڈ نہ ۔ ہور، (م) : ہورکاو
یا ہارگاو ۔

**اَڈِچھون** ۔ (۱) وارِ پاٹھی نہ چھونمُت ۔ اۆڈُے
چھونمُت ۔ پۆرِ نہ پری نہ کوڈمُت ۔
(۲) مُہ کُل یتھ نہ سورے میوٗ آسہ وولمُت ۔
(دِتِھ دِتھ یا لانتنز بیترِ سپتہِ) ۔

**اَڈِچھوو**[۱] ۔ یتھ پۆرِ چھاو آسہِ نہ آمُت ۔
یتھ وارِ دَم آسہ نہ دیتمُت ۔ اَڈِ لوک ۔

**اَڈِچھوو**[۲] ۔ اۆڈُے پھالومُت ۔ نالی ژھنی
ژھنی نہ پۆرِ رنیومُت یا ژھیونمُت (پلوبیترِ) ۔

**اَڈِخام** ۔ اَڈِپوپ ۔ وارِ نہ پھیومُت ۔ اَڈِ
لوک ۔ رَژھا کوچ ۔

**اَڈِدود** ۔ اۆڈُے دودمُت ۔ پۆرِ دزنے ۔
پۆرِ نہ سوری گومُت ۔ یہ چھُ ووٗہکو ۔ م : گوا اَڈِ دوٗد ۔

**اَڈِ دوٗگ** ۔ وارِ نہ دوگمُت ۔ پۆرِ پاٹھی نہ
دوگمُت ۔ اَڈِ ژوٹ ۔ اَڈِ پھٹ ۔

**اَڈِ دول** ۔ (۱) اَڈِ کاچھر ۔ اۆڈُے مُنمُت ۔
یتھ نہ پۆرِ دل آسن پیمتی ۔ (۲) اۆڈُے
ژوڈمُت ۔ اۆڈُے سوتر گوٚرمُت (کوٹ
تخنہ بیترِ تورِ وورِ سپتہِ) ۔

**اَڈِ دوٗدُر** ۔ کم زیادٕ دوٗدریومُت ۔ پۆرِ نہ
دوٗدریومُت ۔

**اَڈِ ڈوکھ** ۔ اَڈِ ڈونگ ۔ پۆرِ نہ وارل ڈوکھ ۔
یتھ پۆرِ ڈکھ آسہ نہ ۔

**اَڈِ ڈونگ** ۔ بٹے سوم ہٹھر یتھ پیٹھ نہ کانہہ
چینز وارِ پاٹھی ڈرتھ ہیکہِ ۔

**اَڈِ ڈیونگ** ۔ اَڈِ ڈنجہ ۔ بٹے سوم نہ یتھ پیٹھ نہ
چینز وارِ پاٹھی ڈرِ ۔ یتھ پیٹھ نہ چینز اکی ڈنجہ
رۆزتھ ہیکہِ ۔ یتھ پیٹھ چینزن پینک یا پھیرنک
خوف آسہِ ۔

**اَڈِ ڈلیونگ** ۔ اَڈِ ڈنگس پیٹھ ۔ یتھ تلہٕ سوتھر
جاے آسہ نہ ۔ یہ نہ ڈنجہ آسہِ ۔

**اَڈِ زمُت ، اَڈِ زموت** ۔ (۱) اۆڈُا ززریومُت ،
ہوکھتھ ہیومُت (کلی کوٹ ، پن بیترِ) ۔
(۲) زوکنہِ نہ پۆرِ ٹھیکھ (۳) اَڈِ مور (تمبرِ سپتی،

مار ہینہٕ سِتی بیترِ) (۴) وارِ نہٕ پاکہٕ آمُت۔ (سیٚٹھن بیترِ)۔ م: اولوچھ اَڈ زٕہتی رٔودی مِتی۔
(۵) پرنیومُت (پَلو بیترِ)۔ [گرٛیرسن]۔

اَڈزوم۔ (۱) وارِ نہٕ زوورنہٕ آمُت۔ وُزوو (وغیرہ بیترِ)۔ (۲) سہ شُر بیترِ یُس اَنگ ڈیلی ہوی آسن۔

اَڈزوو۔ (۱) پۄرِ نہٕ زامُت۔ اَوڈِ ے زامُت۔ وُزوو (دنہٕ دبیترِ)۔ (۲) وارِ نہٕ کھوٚتمُت، (ووٚومُت بیوٚل بیترِ) اَڈ پھوٚٹ۔ (۳) وارِ نہٕ زٕہتہٕ گومُت یا ژٕہن نہٕ وارِ ہیوٚتمُت۔

اَڈژوٚٹ۔ (۱) پۄرِ نہٕ ژوٚٹمُت (۲) جانہٕ مرگ، وأنس کَڈنے موٚمُت، لوکٹے موٚمُت۔ اَبہٕ مرتی گومُت۔ (۳) اَڈژوٚٹ چھُ ووٚہوتہٕ۔ م: اَڈ ژوٚٹ گژھی تَن۔

اَڈژوٚم۔ کم پہَن ژمیومُت، اَژمیٹھومُت۔ پۄرِ نہٕ ژمیومُت۔

اَڈژوپ۔ اَڈ بژوک۔ وارِ نہٕ ژوپمُت۔ اَوڈِ ے ژوپمُت۔ رَژھا ژٕ پیتھ تژوومُت۔

اَڈژور۔ وارِ نہٕ ژوومُت۔ ٹھیکہٕ پأٹھی ژارنے (تومُل بیترِ)۔

اَڈژوش (۱) ژھوکی پسان۔ رَژھا ژوک (۲) کھارِ (آب بیترِ)۔

اَڈژیوٹ۔ اَڈ دوٚگ۔ اَوڈِ ے ژیوٹمُت۔ پۄرِ نہٕ ژیوٹمُت۔ وارِ ژیٹنے۔ وارِ نہٕ دوٚگمُت۔

اَڈسیٖو۔ (۱) پۄرِ نہٕ سوٚنہٕ آمُت۔ وارِ نہٕ سیٖومُت۔ کانٛہہ پیٚنہٕ پانٛس منٛز اَوڈِ ے گژکہٕ نومُت۔
(۲) ٹھیکہٕ پأٹھی سوی نہٕ گومُت (جانوَر بیترِ)۔ وارِ نہٕ ہلہٕ وومُت۔ وارِ نہٕ وَتہٕ اوٚنمُت۔

اَڈسیٚون۔ اَوڈِ ے سیٚنیومُت۔ وارِ نہٕ گوٚلمُت (سیٚتھن بیترِ) (۲) یتھ اَوڈِ ے نوٚن آسہٕ تژوومُت۔ یتھ نہٕ پۄرِ نوٚن آسہٕ پۄرِ نوٚنہٕ دادِ بنے مزٕ گومُت (سیٚتھن بیترِ)۔

اَڈسیٚون، مَڈسیٚون۔ یتھ تیٚشتھ روٚنمُت۔ وارِ نہٕ روٚنمُت۔ بنے مزٕ۔

اَڈشہُل۔ (۱) اَوڈِ ے شیٚہلیومُت۔ یتھ نہٕ تَنزٕر پۄرِ آسہٕ دژامُت۔ سوکھہٕ وُشن۔
(۲) وَرگہٕ: سہ پوشاک (کٹھ بیترِ) یُس نہٕ مأرتھ وُنہٕ پۄرِ زوٚ آسہٕ دژامُت۔ وُچھو 'اَڈ شہُل تہٕ'

اَڈکاچھُر۔ اَڈ دوٚل۔ دوگہٕ بوٚچھ۔ اَڈ دوٚگ۔ وارِ نہٕ منٛنمُت، پۄرِ نہٕ دوگومُت۔ یتھ دوگہٕ کنٛڈ آسہٕ اَتی روٚزمژ۔

اَڈکامُر۔ نہٕ ہکن وول۔ لسہٕ آلٕژی۔ لیٚس کامیان کنٛسان کأم کرِ یا ووتھ بیٚہہ۔

**اَڈِ کوٗل** ۔ یَس کنتھ کِنۍ آسہِ ۔ یَس کنتھ کھجہِ آسہِ ۔ یَس نہٕ کنتھ صاف آسہِ گژھان ۔

**اَڈِ کور** ۔ ن ۔ موٗل : اَڈکار < پراکرت : اَڈڈھ + کڈڈھ < س : اردھ + کرشٹہٕ ۔ وارِ نہٕ کورمُت ۔ اوڈٕے گژکِہ نووُمت ۔

**اَڈِ کوس** ۔ ۱۔ وارِ نہٕ کوسمُت ۔ اوڈٕے کوسمُت ۔ اَکی طرفہٕ کوسُمت تہٕ اَکِہ طرفہٕ نہٕ (مس) ۔ ۲۔ اوڈٕے کھوٗر ڈولمُت ۔

**اَڈِ گوٗر** ۔ ] ــــــ < س : اَردھ + گھٹہٕ [ پوٗرِ نہٕ گوٗرمُت ۔ اوڈٕے بنووُمت ۔ اوڈٕے گوٗرمُت ۔ اَڈلیوٗکے بنووُمت ۔ (اَگھنٹہٕ ، ہچہٕ ساماںہٕ یا بانہٕ بیتر) پوٗرِ نہٕ شکلِ منز اوٗنمُت ۔

**اَڈِ گوٗر ، مڈِ گوٗر** ۔ ہوٗل کوٗل ۔ اوگُر تھوگُر ۔ یہِ نہٕ جان پاٹھی گرتھ آسہِ ۔

**اَڈِ گوٗس** ۔ ] < پراکرت : اَڈڈھ + گھسہٕ نہٕ ۔ [ اَڈِ گہہٕ ۔ مسکلہٕ سیتی وارِ نہٕ منزن پشلووُمت یا چمکووُمت ۔

**اَڈِ لابُر** ۔ اوڈٕ لابُر ہیوٚہ زٕہن ۔ سہٕ زٕہن یوسہٕ نہٕ بوٗرِ شِنٛز آسہِ ۔

**اَڈِ لیوٗک** ۔ ۱۔ اوڈٕے ۔ پوٗرِ نہٕ کوٗرمُت ۔ اَندٕ وانتاوٕنۍ ۔ نامکمل ۔ ۲۔ نہٕ ہیکن وول ۔ کمزور ۔ ۳۔ ناٹھ پیٹھاو ۔ وقتس آسنے پرٕشن ۔

**اَڈِ لیوٗک گژھُن** ۔ ۱۔ اَڈکھبو گژھُن ۔ کھوٹھ زد گژھُن ۔ کامہٕ کارس لایق نہٕ روزُن ۔ ۲۔ ناٹھ پیٹھاو گژھُن ۔ وقتس آسنہٕ برو نٹھے پرٕشن ۔ چھوٗٹہٕ گژھُن ۔ ڈمب اَتھ گژھُن ۔

**اَڈِ موٗنڈُر**[1] ۔ توٗن وِگرِ ۔ مایہِ ۔

**اَڈِ موٗنڈ بَتہٕ** ۔ پَنہٕ بَتہٕ ۔ نَرم بَتہٕ ۔

**اَڈِ موٗنڈُر**[2] ۔ وارِ نہٕ موٗنڈمُت ۔ یُتھ نہٕ وو کھلس یا کَنٛزس بیتر منز چھلنہٕ وِز وارِ پاٹھی لتھ آسہِ وِژمِژ دیٹھی پلوس بیتر) ۔

**اَڈِ مور** ۔ یُس لایہِ سیتی مرنہٕ آسہِ بیوٗمُت ۔ یُس لاٛیے لاٛیے موٗمُت ہیوٚہ آسہِ گومُت ۔

**اَڈِ نیٹھدر ، اَڈِ نلیٛنٛدر** ۔ تمہٕ ساتہٕ یمٕلہِ نہٕ پوٗرِ نیٛنٛدر آسہِ کرٕمِژ ۔

**اَڈِ ووٗن** ۔ پوٗرِ نہٕ ووٗنمُت ۔ اَڈلیوٗک ووٗنمُت ۔

**اَڈِ ووٗتھ** ۔ پوٗرِ نہٕ ووٗتھ ۔ اوڈٕے مُژرِتھ ۔ اوڈٕ ادِتھ (بند) تہٕ اوڈٕ ایلہٕ ۔

**اَڈِ وِژھون** ۔ ۱۔ پوٗرِ نہٕ وِژھنووُمت ۔ اوڈٕے وِژھنمُت (یژمب بیتر) ۲۔ پوٗرِ پاٹھی نہٕ سمجووُمت ۔ پوٗرِ وکھنیہٕ روٚس ۔

**اَڈِ ہوکھ** ۔ ۱۔ وارِ نہٕ ہوٚکھمُت ۔ اوڈٕے

ہو کھمُت (ڈری یاو، نالہٕ بیتر) ۲. ہیٚتھ نہٕ
سوٗرِ رَس ہو کھمُت آسہٕ (مِیوٗس بیتر)۔
۳. اَڈٕ زمُت (گُل، لَنٛڈ بیتر)۔

**اَڈٕہِن حِساب ہیٚون**۔ پیٚنٛتِھن حِساب ہیٚون۔

**اَڈٕہِن عَش تہٕ اَڈٕہِن کھش**۔ ہیٚتھوٗے نہٕ پَکِن تہٕ
اَڈٕہِن سیٚتھنٕ سَخ بےٚ اِنصٲفی کَرٕنۍ۔

**اَڈٕ اَڈٕ** ۱. اَڈۍ۔ بَرابَر بَرابَر۔ ۲. باگی ۳. حِصہٕ
باگے ۴. چھلہٕ ٹُکرٕ (کَرٕنۍ)۔ یہِ چھُ وڈٕ ہَو۔
م: زِنٛد ترٲوِس نہٕ اَڈٕ اَڈ کرِ یس۔ ۵. اَڈٕ اَڈٕ
اوڈٕ نہٕ اوڈ کرِتھ۔ م: اَڈٕ اَڈٕ پاوا دِتھ تو کھ حالس۔

**اَڈٕ دِگر**۔ پوٚت شیٖنہٕ ہلِن۔ مَنٛدِیُن ڈٕلتھ۔

**اَڈٕ دوٗنٛژھر**۔ اَڈٕ لیٚوکٕے دوٗنمُت۔ پوٚرٕ پاٹھی
نہٕ دوٗنمُت۔ ووٗسر گوٗسر۔ اَڈا دوٗنٛژھ دِتھ۔
رَژھا چھلہٕ چھانگرِ گوٚرمُت۔ واٹہٕ نہٕ بیٚون
بیٚون کوٚڈمُت۔

**اَڈرٲتس**۔ اَچھ راژ کیٚنٛت۔ اَڈ راتھ گژھنہٕ وِزِ۔

**اَڈرٲتس باگے** (باگن) اَچھ راژ ہیوٚہ۔ لگ بگ
اَچھ راژ۔

**اَڈرٲتَن**۔ اَچھ راژ کیٚنٛت۔ اَڈ راتھ گژھنہٕ وِزِ۔

**اَڈرٲتَن باگی** (باگن)۔ اَچھ راژ ہیوٚہ۔ لگ بگ
اَچھ راژ۔

**اَڈراتھ**۔ نِصف راتھ۔

**اَڈٕ ژار**۔ اَڈٕ پوک۔ یہِ پوٚرٕ پاٹھی رَنہٕ آمہٕ نہٕ
آمُت۔ پوٚرٕ پاکہٕ بنٕے ژار پیٹھ وولمُت۔

**اَڈسار مُڈسار**۔ ہُتہٕ تھپہٕ دِتھ بیٚتہٕ تھپھ
دِتھ۔ نِکہٕ بَڈٕ۔ م: اَڈسار مُڈسار اوٚن گاڈٕ سیرا۔

**اَڈسور**۔ اوٚڈٕے سورمُت۔ لاکہٕ نہٕ پوٚرٕ اوٚنمُت۔

**اَڈٕ شہٕل**۔ ۱. (گرویٹمس منز) بُٹہٕ مَنٛدٕ نیٚک
کم کاسہٕ شیٖنہٕ ہار۔ ۲. اوڈٕے شیٖنہٕ لیوٗمُت۔

**اَڈٕ شیٖنہٕ ہلِن**۔ پوٚت مَنٛدٕ ہلِن یَنٛدٕ یاہِن
بڑوٗنٛہہ۔ دِگرِس باگ۔

**اَڈٕ شیٖنہٕ ہلِن باگی** (باگن)۔ پوٚت مَنٛدٕ ہِن
ہیوٚہ۔ یَنٛدٕ یاہِن بڑوٗنٛہہ یَہِن۔

**اَڈٕ کوچ**۔ گاش پھوٚلنس تہٕ کاجس درمیان۔

**اَڈٕ کھشہٕ**۔ ۱. یُس پوٚرٕ کھش آسہٕ نہٕ ووٗٹھمُت یا
کوٚرمُت۔ ۲. سُہ مُجرِم بیتر یُس پھہٕ ہنٛدٕ اَتہٕ
مرٕ مرٕ آسہٕ لوگمُت یا اَڈٕ موٗر آسہٕ گومُت (گرٕیرِین)۔

**اَڈٕ کھوٚر**۔ کھوٚر ژیومُت ہیوٚہ۔ کھوٚژمُت ہیوٚہ۔

**اَڈٕ کھوٚر[1]**۔ اَچھ کھار ہنٛدٕ وزنہٕ۔ آڈ کھارِ ژین۔
اَڈٕ ژھتر ژوک۔

**اَڈٕ کھوٚر[2]**۔ اَڈٕ لیٚوک۔ کمزور۔ اَوک کانہل۔

**اَڈٕ کھپو**۔ کھیپتی کھپومُت۔ گولہٕ مُت کھوٹھ زٕ

گومُت ۔ اَنٛگہٕ ہیُوٗن گومُت۔

اَڈگرٕ مامنٛز ڈوٗ ڈگرٕ پوٗش ۔ (۱) پنٛنہٕ قدٕ یا مقدارٕ کھوتہٕ زٕرٕس دٔرٕسہٕ دِنہٕ وول ۔ (۲) لوٗک اُستہٕ بجہٕ بجہٕ کیتھٕ کرٕ وٕن۔

اَڈلابُر ۔ پوٗرٕ نہٕ سوٗترٕ ۔ یتھ کم زیادٕ کھسہٕ وٕس آسہٕ (زٔمین بیترٕ)۔

اَڈمولٕ ۔ نِصف قیمتس۔

اَڈموٗنٛجہٕ ۔ کمٕ مولہٕ ۔ کمٕ قیمتہٕ ۔ شروٗ کرٕ۔

اَڈنٕکُر ۔ (۱) نب ، زٕڈن یا تارٕ کھ بیترٕ اوڑٕڈے نوٗن آسُن ۔ سوٗرے نہٕ اَڈ برٕس وو برٕس) تل آسُن ۔ کتھ نہٕ لوٗکن پیٹھ پوٗرٕ پٔنیمٕ آسنی ۔ کنتھ نہٕ پوٗرٕ واشگاف آسُن گوُمُت۔ اَڈٕے کتھ نُنٛنی نیرٕنی۔

اَڈوٕرٕ ۔ [ دس: اَردھ + ورٕدھ ۔] یس جوٗانی گامٕتٕ آسہٕ ۔ واُنٛسہٕ کمٕ ژٕ تیجہٕن تہٕ پنٛشراہن منٛزٕ باگ ہیوٗہ۔

اَڈوانہٕ ۔ (۱) اَڈٕ ڈٕنٛجہٕ ۔ تتھ جاے بیترٕ نس وٕسی پھٕنک خوف آسہٕ ۔ پوٗرٕ پاٹھی نہٕ ڈکھ رٕنٛدٕ۔ (۲) ناٹھٕ پیٹاو ، اَڈیٕ بیوٗٹ۔

اَڈووٗن ۔ سیٚوٗدٕے وٕسہٕ وُن نرم پہن پوٗٹھ۔

اَڈمٔنی ۔ ترٕنٛ پاو (پروٗن اَکھ وٕزٕن)۔

اَڈہار ۔ ہارٕ ہنٛد نِصف ۔ یہ کینٛشرٕ ھا اَڈہار لو۔

اَجہٕ اَچھ گاش آسُن ۔ کٔنٛے نیٚچھو آسُن۔

اَجہٕ راٗژ ۔ اَڈ راتھ ۔ نِصف راژٕ باگ۔

اَجہٕ راٗژ باگ ۔ اَڈ راتھ ہیٚوٗہ ۔ یہوے نِصف راتھ گژھنہٕ وِزٕ۔

اَجہٕ مینٛگہٕ دستار ۔ اوٚک طرف دستار۔ ورگہٕ: اوٚرِی ژھوکھس سیٚتی آسُن ۔ ناحقک دٕزٕ بُزٕ۔

اَجہٕ وتہٕ پیٹھ ۔ اَڈٕ ہے منٛزلس واتھ منٛزلس واتنے۔

اَجہٕ ہارٕ ہنٛد ۔ یُس نہٕ کُنہٕ گگہٕ ۔ یُس نہٕ کینٛہہ صِفتھ آسہٕ ۔ کُنہٕ لایق نہٕ ۔ ڈوڈ باہ کُنہٕ ہنٛد۔

اَڈم زٕڈ ۔ [ن ۔ مول : اَڈم زٕڈ دس: اَردھم + ک : زٕ+ س : اَردھ] سیٹھا کم موزٕن ۔ تمہٕ وِزٕ وٕنہٕ پوان ییٚلہٕ سیٹھا سوٗمبراوتھ بٕھوٗمتہٕ منٛزٕ کُنے اُٹھی لگہٕ نہٕ باقی حِصہٕ یا نہٕ خراب گژھ یا کُنہٕ باکانٛسہٕ ہنٛدٕ جُزی سپدٕ۔

اَڈاوعٕ ۱ ۔ [ن ۔ مول : اَڈاو + دف : عدوٗ ، عداوت] اَڈاو ۔ عداوتھ ۔ ضِد ۔ حسد۔

اَڈاوعٕ ۲ ۔ [ن ۔ مول : اَڈاودم ؛ کنٛگٕ : اَڈڈ ۔ م : ۵ : اَڈ

اَڑِش کاڑ - سہ ژوک تہٕ تَمہٕ چہٕ تھَمی جِہ پِمِن مَنز کوٹ بیتر بَند تھوِتھ چھیران چھ۔

**اَڈٕ۱** [م - مۄل : اَڈ ‹ س : ہَڑ] اَڈی جہٕ (خاصکر ہتھ نرِین ہنز تہٕ نلہ چھ) بجہ بجہ اَڈی جہ۔

**اَڈٕ پکپر** (۱) اَڈی جہ تہٕ ماز وتن۔ (۲) اَنگ اَشناو اَشناو رۄش ناو۔

**اَڈٕ ترکرُ** - سہ لیس اَڈی جہ درآسن (خاصکر ہتھ نرِین زنگن ہنز)

**اَڈٕ سۄر** - اَڈی جہ ژرن۔ اَڈی جن چۄر گومت۔ (لاہنہٕ سیتی یا سخ تھکنہٕ سیتی)۔

**اَڈٕ۲** [ن - مۄل : اَڈ ‹ س : اَٹہ]۔

(۱) سمنٕچ جاے۔ (۲) سۄ جاے یتہِ ٹانگہٕ، لاری بیہ نہٕ موٹر بیتر سوارِین ہنزِ باپتھ آسان آسن۔ (۳) بیکارن ہنز بہٕ لاگچ جاے۔ بیکار موۄنڈ جِہ ہنز جاے۔ (۴) ڈکھ۔ (۵) بِھٹھاکی، بیٹھک - ماٹھ شاے، سۄ جاے بیتہٕ نس لوکن ہنز بِہٕ آسہ لگان۔ (۶) چو کاٹھ یا فریم بیتر ژٕتھہ باپتھ بناونہٕ آمت ٹُکر ہُنْد سامانہٕ۔

**اَڈٕ ژانُن** - ڈکھ تھاوُن۔

**اَڈٕ۳** - چھانہٕ سُنْد واپہٕ موۄنڈ یتھ پیٹھ سہ ٹکر چھ دلان۔

اَڈٕ کوٹ - اَڈاو - کاڑ - ڈہلی۔

**اَڈُن۱** [ن - مۄل : اَڈُن ‹ س : اَردھ + ک : اَن] ہوکھن تہٕ لیوژ سپدُن (داد دَگہٕ یا بجر بیتر کِنی)

**اَڈُن۲** [ن - مۄل : اَڈُن ‹ م : کنڑ : اَڈڈ ؛ م : ۵ : اَڑنا] (۱) کُنہٕ جایہِ ٹھیکُن - قدم تھاوُن - وونہٕ رۄزِتھ پزارُن - (۲) ہٹ کرُن۔ ڈیٹھ رۄزُن۔ کُنہٕ کامہٕ پتہٕ رۄزُن۔

**اَڈیل** [ن - مۄل : اَڈیل ‹ س : ہٹہ + ک، پوٹ لوگ : یل] ہٹ - ہٹہٕ وِیٹھ اُوچ - اَڈی جہٕ گوگل۔

**اَڈوانس** [مۄل : اَڈوانس ‹ انگ : ایڈوانس ADVANCE] (۱) سے، پیشگی (۲) کُنہٕ کامہٕ کارس یا فائنس بیتر منز اَکس بیِس برونٹھہٕ۔

**اَذان** [م - مۄل : اَذان ‹ ع : اَذان] بانگ (نماز پرنہٕ باپتھ)۔

**اَذکار** [ ‹ ع : اَذکار ] "ذکر" لفظُک جمع - بیان - کُنہٕ چیزِچ یا کانسہٕ اِنسانہٕ سنز کتھ۔

**اَر۱** [مۄل : اَر ‹ پراکرت : اَریٔ ‹ س : اَرتہٕ] بتنگ - عاجز۔

**اَر اَنُن** - بتنگ اَنُن - تنہٕ اَنُن، عاجز اَنُن۔

**اَرِیُن** - تنگ یُن - بیزار یُن۔

**اَرٕ دِچھٕ** (والِنہٕ)۔ ترٕتھہٕ کڈنہٕ - پننہٕ غرضہٕ کانسہٕ پتہٕ لگُن، مطلب کڈنہٕ خاطر کانسہٕ اَدر ژٹ ہیُوہ

اگادِ گژھن۔

**ار۲** [ن۔ مؤل: ار <س: ہر ؟] دژ، سیر، لمہٕ (کینہٕ مولے لڈتھ آنہٕ باپتھ)۔

**ار۳** [ن۔ مؤل: ار <ف: ارہ] ٹُھڈ لیتر۔

**ارکش، اری کش** ۔[ <ف: ارہ کش]
لیتر وایِن وول۔ ہٹ چیرن وول۔

**ار۴**۔ اکھ پوٚت لوٚگ یمہٕ سیتی کُنہِ کانہہ حالتھ ہاونہٕ چھِ یوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھ "ار" "آر" تہٕ بنان۔ مثلن ۱) وہٕ زُل = وہٕ زجار، گژھن = گژھنہار۔ ٹانٹیک = نیچر، بوڈ = بجر یا بجر۔

**ارب**۔ [ن۔ مؤل: ارب <س: اربُد] ہتھ کروڑ۔

**ارسطو**۔ [یونانی: ارسٹوٹیلیس]
اکھ مشہور یونانی فلاسفر۔ ورگہ پاٹھی: سیٹھا بوڈ عالم۔ ہزار ہا سال تس تہٕ ونان یُس بلی عالم آسنگ دم دِوان آسہ۔

**ارم**۔ [م۔ مؤل: ارم] بژکنک تہٕ ژاپنک وند۔

**ارمہٕ ھچل**۔ ارمہٕ ہنز گھنٹہ۔

**ارمہٕ موٚل**۔ ارمہٕ ہنذ سہ حصہ یُس مازہ بیمرِ اندر چھ آسان۔

**ارمہٕ ژاپنہٕ**۔ دندچارنی۔ ورگہٕ: لڑایہ ہند سنز کرن۔

**ارم تاج**۔ بجر۔ تھزر۔ زچھر (رُتبہ کنی یا دیارو سبپہ) (گژھہ پرسن)۔

**ارنی**۔ [ن۔ مؤل: ارنی <س: ارنیہ] وُن جنگل۔

**ارنی روہتھ** [ن۔ مؤل۔ ارنی روت۔ <س۔ ارنیہ ورتہ۔] بٹن ہنز اکھ رسم، یوسہ ژھنتھ شُرگوس نش وُن سوزنک رسم۔ اصلی لفظ چھ "ارنی ورتھ"۔

**ارنی کاٹھ** [ن۔ مؤل۔ ارنہٕ کاٹھ <س۔ ارنیہ کاشٹھ] زمہ ترشہ یمن اکھ اکس سیتی گکھر دِتھ اسی ہونہٕ باپتھ ونس منز نار بناوان۔

**ارابہٕ**۔ [ن۔ مؤل: اراب <ف: عرابہ]
۱) کول گنڈنہٕ باپتھ کنہ ڈیر لڈن ۲) کنہ ووٹ یا گولہ ووٹ۔

**ارابہٕ ملناوُن**۔ سیٹھاہ ماز یُن۔ ستیجہٕ اُن۔

**اراضی**۔ [ن۔ مؤل: اراضی <ع: اراضی] (بوہ بہ لبتی لفظ) ۱) زمین ۲) زمینک روقبہ۔

**ارِش**۔ [م۔ مؤل: ارش <س: ارشہٕ]۔ اکھ دوٚد بواسیر (گژھہ پرسن)۔

**ارنی**۔ کھار سنز سیرن۔

**ارژر**۔ [ن۔ مؤل: اری ژر <ک: اٗر + ژاٗر] آرِ ژاٗر، آوژاٗر۔ داں ڈورلو منز کچھ لڈن۔

ہ گوڈ نیچ نیٖشد۔

**آرٕ ۱** ۔ [ن۔ مۆل : آر (ف : آرہ ، س : آر یا آرا]
رٕلتٕر وایٕنی ، رٕلتٕر ہُند وایُن۔

**آرٕ آڈاو**۔ آرکِش کاٹ۔

**آرٕ چیپر**۔ رٕلتٕر وایٕنی۔ رٕلتٕر ہیور تہٕ بون وٲلنی اکنہٕ)۔

**آرٕ کوٗش**۔ اُکھ رٕلتٕر وایٕنہٕ سٟتی یُس کوٗش نیران چھُ۔

**آرٕ رٕلتٕر**۔ آرٕ کش رٕلتٕر یا زیٹھ رٕلتٕر۔ (ییٚمہٕ سٟتی بٕڑی موٗنڈی چیران چھ)۔

**آرٕ وٲلنی**۔ رٕلتٕر سٟتی کوٗلِس پچھ کرنہٕ یا ٹُکرٕ کرنی۔

**آرٕ ۲** ۔ (۱) کانٛہہ گوب تہٕ بوڈ چیز پٕننہٕ جایہ ڈالنہٕ باپتھ ہلہٕ ، م : ہٲلِس آرٕ کرُن ۔ (۲) آرٕ کرُن اک اوزار ہٕسٲبل بیتر ہیوٗ ، کانٛہہ گوب چیز ڈلناونہٕ باپتھ لٲٹھ۔ (۳) اکھ قسمک ہیوٗند یُس ٹُکِس تراونہٕ چھُ یوان۔

**آرٕ ۳** ۔ [م۔ مۆل : آر۔۔ (س : آلک]۔
(۱) ڈیکس پیٚٹھ کنٛنگ مس۔ بُرونٛہہ کنٛنگ مس۔
(۲) نرٕ کاسنہٕ یُس مس پیٚیہ۔

**آرٕکاسنہٕ** ۔ (۱) (گوڈنچہ لٹہٕ) بُرونہہ کنٛنگ مس ہیوٗن۔ (۲) نرٕ وینہٕ یُس مس پیٚیہ سہٕ کاسُن۔

**آرٕ داہ** ۔ [مۆل : آرداہ (س : اَشٹا دشہٕ] اُٹھ پیٚٹھی داہ۔ دۄہیہ کم ڈٕہہ۔

**آرٕڈٔہی**۔ اَرداہہ پھر۔ ضرب دنہٕ یا گوننہٕ وِزِ وَنان۔ م : زٕ آرڈٔہی شبیہہ تٕھہ۔

**آرٕداہیُم** ۔ [مۆل : آرداہم (س : اَشٹادشہٕ تمہٕ] ییٚمیچ وٲری آرداہس پیٚٹھ ییہ۔ اُٹھ پیٚٹھی ڈٕہیُم۔ سُہ داہہ پتہٕ آسہٕ وُن۔

**آرٕداہیُم لگُن** ۔ ہٕرٕنہٕ ہیٚٹھی وُہٕنس زٕہٹنی۔

**آرتاجِھہ** ۔ [مۆل : آرتاجھ (س : اَشٹ چتوارِم شت] ۔ اُٹھ پیٚٹھی ژتجہہ۔ ژور ڈٔہی تہٕ اُٹھ۔ ژتجہہ تہٕ اُٹھ۔ دۄہیہ کم پنٛزاہ۔

**آرتاجِہیُم** ۔ مۆل : آرتاجہم (س : اَشٹاچتوارِم شتتمہٕ] ییٚمیچ وٲری آرتاجہس پیٚٹھ ییہ۔ اُٹھ پیٚٹھی ژتجہیُم۔ سنٛہ تاجہہ پتہٕ آسہٕ وُن۔

**آرترٕہ** ۔ [مۆل : آرترہ (س : اَشٹاترِم شت] اُٹھ پیٚٹھی ترٕہ۔ ترٕے ڈٔہی تہٕ اُٹھ۔ دۄہیہ کم ژتجہہ۔

**آرترٕہیُم** ۔ [مۆل : آرترہم (س : اَشٹاترِم شت تمہٕ] ییٚمیچ وٲری آرترٕہس پیٚٹھ ییہ اُٹھ پیٚٹھی ترٕہیُم۔ سنٛہ ترٕہہ پتہٕ آسہٕ وُن۔

**آرٕستھ** ۔ مۆل : آرستھ (س : اَشٹاسپتتِ۔ اُٹھ پیٚٹھی ستتھ۔ ستھ ڈٔہی تہٕ اُٹھ ستتھ تہٕ اُٹھ۔ دۄہیہ کم شیتھ۔

**اَرِستیٖم** ۔[مؤل : اَرِستٟم < س : اَشٹاسپتتہ تمہ] ہیٚپھِچ واُری اَرِسَتہ تھس پیٹھ آسہ ۔ اَٹھ پیٚپھٹِ ستہ تھک ۔ ستہ ستھس پتے آسہ وُن ۔

**اَرِسَر** ۔[ن ۔ مؤل : اَرِسَر] کوشجہ ۔ ژھژٹھ ۔ کامہ سیٚتی نہ دِل لگُن تہ فضول حرکژ کرنہ ۔ بہ نہ ترُن فِکرِ ژکر کیا تہ ئلی کیٚنہہ نتہ کیٚنہہ کرُن ۔

**اَرِسَر دِنہٕنی، اَرِسَر کَرٕنی** ۔ ژھژٹھ دِنہٕنی، کوشجہ کرنہ ۔

**اَرِسیتھ** ۔ (م ۔ مؤل : اَرِسیتھ] ۔ تھوس ۔ ئلی زوژُن ۔ تی کرُن یِتھ نہ کیٚنہہ نیرِ ۔ اَرِسیتھ لَد ۔ یُس اَرِسیتھ آسہ، یُس ئلی آسہ نامُمکن کامہ مَنٛزِ ہیوان، ئلی پانس تھوس اَنَن وول ۔

**اَرِشیٖتھ** [مؤل : اَرِشپت < س : اَشٹاشپتہ ۔ اَٹھ پیٚپھٹِ شیٖتھ ۔ اَٹھ دٔہی تہ اَٹھ ۔ شیٖتھ تہ اَٹھ ۔ دوہہ کم نمتھ ۔

**اَرِشیٖتیٖم** [مؤل : اَرِشپتم < س : اَشٹاشپتہ تمہ] ہیٚپھِچ واُری اَرِشیٖتس پیٹھ یِیہ ۔ اَٹھ پیٚپھٹِ شیٖتھ ستہ شیٖتھ پتے آسہ وُن ۔

**اَرِگ** ۔[ن ۔ مؤل : اَرِگ < س : اَرگھ] پوٗزا یہ کیٛت توٗمُل تہ وُشکہ بیتر ۔ اہوتھ دِنہ با پتھ یا ہوٗنس ترٛاونک توٗمُل تہ وُشکہ بیتر ۔ توٗمُل تہ وُشکہ بیتر یُس کرنہ با پتھ اَرپَن کرُن ۔

**اَرِگ پوش** ۔ اَرِگ تہ پوش بیتر ۔ تہ دیُتھ گوٗ پوٗزا یہ لاگنک سامانہ ۔

**اَرِگ تولُن** ۔ دہزِ لہ پاٹھی) موٗزوٗری دِنی ۔

**اَرِگ لَدُن** ۔ ئلی دِنہ یا قوربان کرنہ خاطرٕ تیار کرُن ۔ ورگہ ۔ ہیٚنی کینی موکلیوٗمُت زانُن ۔ م ؛ تَس چھ گرکیو اَرِگ تھوٗومُت لَدِتھ ۔

**اَرِگ لَدِتھ تھوٗن** ۔ زانُن زن تہ موٗدمتے چھ ۔ ہیٚنی کینی موٗمُت زانُن ۔ خیالہ کینی مارِتھ تھوٗن ۔

**اَرگہِ پھوٗل** ۔ ۔ اَرگہِ موٗٹھ ۔ اَتھ پھوٗل ۔ مثل سہ سوٗرے اَرِگ یُس ہوٗنس یا پوٗزا یہ کیٛت آسہ تھوٗومُت ۔

**اَرگہِ ژال** ۔ اَتھ پھوٗل ۔ اَتھس کیٚتھ اَرگہِ موٗٹھ (اَگنس ترٛاونہ با پتھ) ۔

**اَرِلانٛز** ۔ ن ۔ مؤل : اَرِلانٛز < س : ہلہ + لٛنجہ ۔ اَلِہ بانہ ہُندلانٛز ۔ اَلِہ بانہ ہنٛز لانٛگ ۔ اَلِہ بانہ اَدٕ یا بنٛر جواب تک نوٗمرتھ نژدار

زلوٗٹھ ڈٗنڑ۔

**اَرِنمتھ** ۔[مؤل : اَرِنمتھ < س : اَشٹانوَتہِ] اُٹھ ییٹھ نمتھ ۔ نوٗ ڈٖہہ تہٕ اُٹھ ۔ نمتھ تہٕ اُٹھ ۔ دوٕ یہِ کم ہتھ۔

**اَرِنمتیُم** ۔[ن ۔ مؤل : اَرِنمیتم < س : اَشٹانوَتہ تَمہٕ] ییٚمِچ وأری اَرِنمتس پیٹھ آسہِ۔ اُٹھ ییٹھ نمتک ستنمتھ پتہٕ آسہِ وُن۔

**اَرِناو کرِناو** ۔[ن۔ مؤل : اَرِناو کرِناو < اَرِناو (کرِناوُک پوٗت صدا) + کرِناو < کرناہ جایہ ہُنڈ ناو] ییلہٕ تہٕ ۔ پرٛتھ جایہِ ۔ پرٛتھ شایہِ ۔
("کرناو" چھےٚ کٔشیر اکہ اَنہ اکھ جاے تہٕ "اَرناو" (دٔنتہ) چھُ بیٚیہ اَنہ) مُ: کھنہٕ عٔلکہ کھادنی یار

**اَرِوار** ۔[مؤل : اَرِوار < س: اوار + پار] اَندہ وَنڈ پرٛتھ طرفہٕ ۔ پرٛتھ اَنہ ۔ اکہ اَنہ پیٹھ بیٚیس اندس تام۔

**اَرِوٗنزاہ** ۔[مؤل : اَرِوٗنزاہ < س : اَشٹاپنچاشَت] اُٹھ ییٹھ پَنزاہ ۔ پانژہ ڈٖہہ تہٕ اُٹھ ۔ پنزاہ تہٕ اُٹھ ۔ دوٕ یہِ کم شیٹھ۔

**اَرِوٗنزاہیُم** ۔[مؤل : اَرِوٗنزاہم < س : اَشٹاپنچاشَت تَمہٕ] ییٚمِچ وأری اَرِوٗنزاہس پیٹھ بیہہ ۔ اُٹھ ییٹھ پَنزہک ستہٕ وٗنزاہس پتہٕ آسہِ وُن۔

**اَرِوٗنزہَن نہٕ خبر روزنی** ۔ کانٛہہ ۔ اُترتھ کُنی کُرن زکانٛسہ لگہِ نہٕ پے ۔

**اَرِہَٹھ** ۔[ن ۔ مؤل : اَرِہٹ < س : ار + گھٹ] کرٛیر منٛنر ، پونی کھارنک یٚنترہ ، اکھ چھ واریاہ ژٔڈی گنڈتھ آسان ۔ یمو کِنی اکی لٹہِ واریاہ پونی کھارنہٕ چھُ یوان۔

**اَرِہاکھ ۔ اَرِہاکھ** ۔[ن ۔ مؤل : اَرِہک ہک ۔ (اَڈہک) ؟ ۔ تم ہیچِہ پیٹھی یم جنگلہٕ پیٹھ ییٚر آسن وۄتھی متی۔

**اَرِہاٹھ** ۔[مؤل : اَرِہاٹھ < س : اَشٹاشَشٹہِ] اُٹھ ییٹھ شیٹھ ۔ شیٹھ ڈٖہہ تہٕ اُٹھ ۔ شیٹھ تہٕ اُٹھ ۔ دوٕ یہِ کم ستتھ۔

**اَرِہاٹھیُم** ۔[مؤل : اَرِہاٹھم < س : اَشٹاشَشٹِہ تَمہٕ] ییٚمِچ وأری بیترِ اَرِہاٹھس پیٹھ بیہہ ۔ اُٹھ ییٹھ شیٹھک ۔ ستہٕ ہاٹھِ پتہٕ آسہِ وُن۔

**اَرُن ڈٔتی** ۔[ام ۔ مؤل : اَرُن ڈٔتی < س : اَرُن دھتی]
۱) اکہ تارُک ناو ۔ گاشہ تارُک ۔
۲) وسشٹھ رِشِنز زنانہٕ ہُنْد ناو۔

**اَرہ‌یر** ۔[ن ۔ مؤل : اَرہپر < س : اَوٕر پراکرت :

اَرُیَہ <س : اَ + رُجہ] (۱) ٹوٹوٹھ آسُن،
سڑوٗنٹھ آسُن۔ پھُٹھ پھرٛاٹھ نہٕ آسُن۔
(۲) وارٕ آسُن۔ زوٗ اوٗر آسُن۔ بیمار نہٕ آسُن۔
صحتس مَنٛز آسُن۔

اَرپر دَرپر۔ وارٕکارٕ آسُن، زوردار آسُن۔ داوِ
واوِ روٗس۔ تہٕ طاقتس مَنٛز آسُن۔

اَرپرکاشُن۔ شیرٕ نہٕ بدلہٕ کھوٹھ کرُن، شیران
شیران خراب کرُن۔

اَرباب۔[ن۔ مؤل : ارباب <ع : ارباب < رَبّ]
زِٹھ۔ سَردار۔ مالِکھ۔ رٔچھن وول۔ بٔڈ۔ تھدِ پایکہٕ۔

اَربُتھ۔[ن۔ مؤل : اَربُتھ] ــــ ۔بومہٕ لدٕ بُتھ۔
دیہہ وُن بُتھ۔

اَربُتھ آسُن۔ بوم آسُن۔ بُتھ لدِتھ آسُن۔
ہوٗپ نہٕ دوٗپ آسُن۔ بُتھس وڑہٕ آسنی۔

اَربوٗد۔[ن۔مؤل : اربود <س : اَرُبُدٕ]
اَکھ دود یتھ مَنٛز لنٛگن ٹٔجہٕ ہشہٕ نیران
چھِے۔ دپان چھ یہ دود چھ نہٕ بلان۔

اَرپن۔[مؤل : اَرپن <س : اَرپنٕ]۔ آیِتن۔
کانٛسہِ ہندی ناوی کینٛہہ تھوٗن۔ کانٛسہٕ یزتھ
کرنہٕ با پتھ کینٛہہ دِیُن۔ نذر۔ نیاز۔

اَرباوُن۔[مؤل : اَرپاو <س : ہر + پاتنم]

(۱) پتھر تراوُن۔ لوٗن داٗرِتھ دِیُن۔ ہلپاوُن۔
(۲) پتھر پیوٗن (دادِ وادِ سیتی)۔

اَرتَل۔[م۔مؤل : اَرتَل] سوٗنہٕ وَرُق، روپہٕ
وَرُق یا کلایہ وَرُق بیتر۔

اَرتھ۔[ن۔مؤل : اَرتھ <س : اَرتھ]
(۱) مانے۔ مطلب (۲) مُلہ (۳) دٕنہٕ دیار۔

اَرتھاتھ۔[ن۔مؤل : اَرتھات <س : اَرتھات]
یانے کہِ، تہٕ ڈیپتھ گو، اَمیُک مانے چھُ۔ ورگہٕ

اَرتھی۔[م۔مؤل : اَرتھی <س : رَتھِکا]
جنازٕ، اَپٹ، توبُوٗدِ (کٕڈُن یا نیرُن)۔

اَرجنٹ۔[مؤل : اَرجنٹ۔ < انگ : ارجنٹ URGENT]
سٔخ ضروٗری۔ تاکیدی۔ فوری۔
یتھ سٔخ چار آسہ۔

اَرچکھ۔[ن۔مؤل : اَرچک]۔ قیدن ہٕنز ہٹی
ہانکل۔ سوٗ ہانکل یوس قیدِ یس گردنہٕ چھِے
یوان تراونہٕ۔

اَرچوب۔[ن۔مؤل : ارچاب]۔ اَکھ قسمچ کٹھ
یمہ سیتی کھٹان چھ۔

اَرچوک۔[ن۔مؤل : ارچاک] اَرنبی۔ وُنہٹھ
مُجہ ووٗنٹھ۔

اَردل ۔۱۔[م۔مؤل : اَردل <انگ : آرڈرلی]

(مۆہنوی سُند) آغس گرُس بڑوٗنہہ بڑوٗنہہ دورُن۔

اُردابہ۔[ن۔مۆل: اُرداب ف: آرد+آبہ] (گرُس گپنس کڑ) دُکھا نٹھ مکاۓ۔

اُرڈلی۔[ن۔مۆل: اُرڈلی انگ: آرڈرلی ORDERLY] سُہ پیادہ یا چپراسی ییتریُس پَنِہ نِس ماکِس یا افسرس سیتی روز یا بڑوٗنہہ بڑوٗنہہ نیبران آسہ۔

اُردِشِرہ۔[ن۔مۆل: اُردِشِرہ س: اُردھ+شِرہ] اوڈ شِرہ۔ شِرِک اوڈ باگ۔ یِنہ صف پان تہ گو یِنُن باڈ۔ رؤن یا کوہ لے۔

اُردِ ناریشور۔[ن۔مۆل: اُردِ ناریشور س: اُردھ ناریشور] دیہ سُند سُہ رۄپھ یتھ منز سُہ پانے نرتہ چھ نہ ناری تہ چھ، مرد تہ چھ تہ زنانہ تہ چھ۔

اُردوٗپھ۔[ن۔مۆل۔اُردوٗپھ اُر+دوٗپھ: پیچ آواز] یِنہ سیتی دوٗپھ گژھن۔ گوہ چیز کِہ یِنہ پیچ آواز

اُرزتھ۔[م۔مۆل۔اُرزتھ س: اُرجتہ یا س: اُرج+تو] گمٔے۔ یہ اَتھ آسہ آمُت۔ وٹھتھ۔ زٕے۔

اُرزان۔[مۆل: اُرزان ف: اُرزان] سۄگ۔

کم مولہ۔

اُرزٲنی یلتھ۔[مۆل: اُرزٲنی یلتھ ف: اُرزان+ع: علت] کُنہ لایق نہ۔ کُنہ نہ لگہ ہار۔ کُنہ کارُک نہ۔

اُرزُن۱۔[ن۔مۆل: اُرزُن س: اُرجُنہ] (۱) زیٖنُن۔ کماوُن (۲) پراوُن۔ لبُن۔

اُرزُن۲۔[ن۔مۆل: اُرزن س: اُرجُنہ] اکھ ناو۔ اکس پانڈوٕ سُند ناو۔

اُرژن۔[م۔مۆل: اُرژن س: اُرچنا] پوٗزا۔ گوٗن گیوٗنی۔ آرادنا۔

اُرژِکال۔اُرس کال۔[ن۔مۆل: اُرژِکال، اُرس کال انگ: ایکس کال] انگریزی لفظ ایکس کال (EXCALL) یہ اوس آسان سرکارٕکہ طرفہ گلگتس منز اکھ خاص افسر، امی سُنز کام آس گلگتس تہ سرحدٕ نیبر نگرانی تھوٗنی۔

اُرژُن۔[ن۔مۆل، اُرژ س: اُرچنا] پوٗزا کرٕنی۔ آرادنا کرٕنی۔ توٚے گارُن۔ دیہہ سٕندی گوٗن گیوٗنی۔

اُرساتھ۱۔ واو۔ مُفلسی۔ (گوٗبرسن)۔

اُرساتھ۲۔ (عرصات) [ن۔مۆل: اُرسات ع: عرصات] بہیہ۔ جسیہ۔

**اَرسٔریٹھ** ۔ [ن ۔ مۄل ؛ اَرسٔریٹھ < ک ؛ اَر + سٔریٹھ ۔
< ع : اَل + س ؛ شٔریشٹھ ۔] بۄز روٗس
وۄہٹھ ۔ چرٕ بہٕ دانٛد ۔ تہٕ ڈ پیٹھ گو سٔنگ
ولیوٗٹھ ۔ اَلہٕ بال ۔

**اَرسٔریٹھ ہیوٗہ** ۔ اَلہٕ بال ہیوٗہ ۔ چرٕ بہٕ دانٛد ہیوٗہ ۔

**اَرغوان** ۔ اَکھ کُل یتھ وۄزُلی پوشہٕ چھ نیران
(وَرگہٕ) وۄزُل رنٛگ ۔

**اَرغوانی** ۔ وۄز ... رنٛگ ۔

**اَرکھہٕ** ۔ شاردا اَچھرن ہنٛز ... علامتھ ۔

**اَرکھور** ۔ [ن ۔ مۄل ، اَرکھور] کھوکھس ، سیتھ ، اُپھری ۔

**اَرکھور آسُن** ۔ کھوکھس آسُن ۔ سیتھ
آسُن ۔ ژھرٕ ٹھ آسُن ۔ اُپھری آسُن ۔

**اَرکھورلد** ۔ کھوکھسی لد ۔ سیتھ لد ۔ اُپھری لد ۔

**اَرکھول** ۔ اَرکھوٗر ۔ اَرکھوٗر ۔ اَکھ کُلیک ناو ، یہ چھ بانٛن
پیٹھ کھسان تہٕ اَتھ اَتھ لاگان ... چھے
بَتہٕ کھسان ۔

**اَرکھوٗرِس سٕتھ دیُن** ۔ تٔمِس کُلس سٕتھ
دیُن ییمہٕ سیٹھاہ زکھ واتہٕ ۔ وَرگہٕ ، کانٛہہ
یتھ اِنسان رٔچھِن یُس پوٗرٕ تس اورے بچھ ۔
م ؛ سرپٔس دوٗد دیُن ۔

**اَرگج** ۔ [ن ۔ مۄل ؛ اَرگج < ف ، اَرگج ] اَکھ
خوشبو یہٕ ہُند ناو ۔ یہ چھ ژٕنڈُن ، کوفور ،
کوکنٛگ ، ووُد تہٕ نافہٕ یکوٹہٕ زلاوتہٕ سیٹھی بٔناوان ۔

**اَرگہٕ اَشُر** ۔ سیٹھاہ مۄلُل ، ناياب ، سیٹھاہ کم ۔

**اَرگون** ۔ [مۄل ؛ اَرگن < س : آردھ + گُنہٕ] سُہ یُنٛد
مول کاشرِ تہٕ موج پاَرِم آسہٕ ۔ دوگلہٕ ۔

**اَرمان** ۔ [ن ۔ مۄل : اَرمان < ف : اَرمان] شرکھرٕوو ،
تمنا ، کانٛہہ مقصد پوٗرٕ کرنہٕ ہیوکھہٕ کٕرِیشُن ۔

**اَرمان تھاوُن** ۔ شر تھاوُن ۔ تمنا پوٗرٕ نہٕ پیدٕ ینٛہٕ ویٖن ۔

**اَرمان روزُن** ۔ کانٛہہ شوق پوٗرٕ نہٕ گژھنہٕ کِنی تمیُک شر
روزُن ۔ یہ چھُ اَکھ ووٛہو ۔ یہ چھ تمہٕ ساتہٕ وَنان ییلہٕ
کانٛسہٕ بڈ آسہٕ یژھُن تہٕ وَنُن آسہس گژھ ژٕ
اَرمان روزُن ۔ **اَرمان نیرُن** ۔ طماہ نیرُن ۔ پوٗز ہمت
کوتھچھمت باکل ییٖن ۔ شر نیرُن ۔ تمنا پوٗرٕ گژھن ۔

**اَرمانہٕ** ۔ شاردا اَچھرن منٛزرٕ ٹ ، اَچھرس وَنان ۔

**اَرملے وَرملے** ۔ [مۄل : اَرملے وَرملے < ک ۔ اَرملے
+ س دھرمایہ ،] اَرملے چھُ وَزنہٕ باپتھ
ذیرٕ ہٕشُندی ناوٕ (وان ۔ خاراتھ) ، یہ چھ ہرنہٕ
پانٹھی وَنان تمہٕ ساتہٕ تس یُس تلِ کینٛہہ لگہٕ تہٕ
پتہٕ تٔسی تراوی زیا کانٛسہٕ وِز کینٛہہ
یہ نہٕ تس کھسہٕ ۔

**اَرمشتھر** ۔ شاردا اَچھرن منٛز "ی" اَچھر ۔

**اَرنہٕ کال** ۔ [ن ۔ مۄل : اَرنہٕ کال < س ؛ اَرنہٕ + کالہٕ]
گُڈری دوٗہ ، دوکھلی دوٗہ ۔ آیتھ کال ۔

**اَرنہٕ** ع۱ ۔ [ن ۔ مۄل : اَرن < س : آرنیک < اَرنیہٕ
۔ م : اُ : اَرنا ۔] اَرچوک ۔

ۄنہٕٹھ ۔ ٹلی بٔجن کاہِن منز ورٕشہ دِنہٕ وول ۔
جنگلی ہسٕرٕ نٹھ

ارور ۔ [مؤل : ارور > س : آوار + پار]
(۱) ہُمہِ تہٕ یِیمہِ اَنٛدٕ ۔ ہُمہِ یِیمہِ طرفہٕ ۔ ہورٕ یورٕ
اَپارٕ یَپارٕ (۲) لگ بگ روٗ قبہٕ ۔

ارہر ۔ [ن ۔ مؤل : ارہر > س : آڈھکی] اکہٕ
قسمچ دال ۔ اُتھ چھ ہرہر تہٕ وونان ۔

از¹ ۔ [مؤل : از > پراکرت ، اَجّ > س : اَدیہ]
(۱) یہٕ دوہ ، یُتھ دۄہس (۲) یُتھ وَقتس پیٹھ ۔
م : از چھنہٕ پرٛاُنی کتھ (۲) ووُنی ۔
م : تُنہٕ پُرٕ ژھتمٕ تہٕ از آم ژٕ خبر کُس ۔

ازبجر ۔ نازٕ اَمیری ۔ لوٗمہٕ نے دۄہن ہُند بجر ۔
(پتہٕ وَتہٕ پیٹھ نہٕ) ۔

ازبوڈٕ ۔ تازٕ بوڈ ۔ تازٕ دولتھ ۔ یُس
ووُنی آسہٕ بوڈ بنیوٗمُت ، سُہ بوڈ موٗہنیوٗ
یُس نہٕ کأنی آسہٕ ۔

ازووت ، ازٕ وود ۔ یُس ازی آمُت آسہٕ
(۱) بیٖمہِ ازی پوٚرٕ گاٹھ یا زان بیٚترٕ آسہٕ
پرٛا ومرٕ (۲) یتھ ازی واری یا وَق آسہٕ
ووتمُت ۔ م : وَہرٕ ووت یا وَہرٕ وود ۔
(۲) یُس نہٕ بسکین آسہٕ ۔ یُس نوٚوے آسہٕ
روز تہٕ آمُت ۔ یُس تہٕ پٔدٕ پٔرن آسہٕ ۔

از از ۔ یِمَن دوہن ۔ از کل ۔

از پیٹھٕ ، از پیٹھن ۔ یِیمہِ دوٚہہ پیٹھٕ ۔ یِیمہِ
دۄہہ بڑوٚنٹھہ کُن ۔ یِیتہِ یور ۔ ازی کہ پیٹھ ۔

ازتام ، از تامت ، از تانیتھ ۔ یُتھ
دۄہستام ۔ وۄنہٕ ، وۄنیکھ تام ۔ وۄنِ تام ۔
نوٚمَن دۄہن تام ۔

از تہٕ لگاہ کرُن ۔ ٹالُن ۔ وادٕ تہٕ پوٚرٕ کرُن ۔

از راتس ۔ (۱) یوٗہس راتھ گیہ ، گأمژٕ
راتٕ (۲) یوٗس راتھ ییہ ۔ یوٗون ماژ ۔
صُبحس چھُ اَتھ مانے "یوٗسہٕ راتھ گیہ" تہٕ
شامَن دۄہم مانے "یوٗسہٕ راتھ ییہ"

از شامس ۔ ییٖمی دۄہہ شامس ہأگی ۔ از
شام ویلس ۔

از صُبحن ۔ یِیٖمی دۄہہ صُبحس بأگی ۔ از
صُبحکہِ ویلہٕ ۔

از کل ۔ یِمَن دۄہن ۔ ازی کین دۄہن ۔
از از ۔

ازکنہٕ ، ازکنین ۔ لگ بگ ییٖمی دۄہہ
پہوے از ہیوٗہ ۔

ازکال ۔ نیٚم دۄہ ، یِم دۄہ ۔ یہ زمانہٕ ۔

ازکالہ۔ اَزی کس زمانس منز۔ اَزی کس موسمس اَندر۔ از کل۔

ازگو بہگاہ وو وونی وولہ پگاہ۔ یہ چھ یوان تمہ وزِ وننہ ییلہ کانہہ از تہ پگاہ کرِتھ روزگشی آسہ کران۔

ازمووُمت گوَ (پہتھ) پو وُمت، زونُمت گوٚ زیوٗنُمت۔ (یہ کہاوتھ چھے پہلوانن دیہہ کانسہِ ہنز کمزوری ہنذ پیٹھ لگتھ تمیک ناجائز فائدٕ تُلن۔

ازنتہ اُدکر۔ تہ گو زیو ہے چھ وق یتہ بوزی زہ لس۔

اَزی۔ ییتھ دوٚہس پیٹھ۔ نومِ دوٚہہ۔

اَزی اَزی۔ کُہ کالہ پیٹھ۔ حال حالے۔ کینژ وقتہ پیٹھ۔ یمنے دوٚہن ہیوٚہ۔

اَزی پیٹھ۔ نومِ دوٚہہ پیٹھ۔ اَزی کی دوٚہہ بڑوٚہہ کُن۔ وُنی کی پیٹھ۔

اَزی تام، اَزی تامتھ۔ اَزی تانی۔ اَزی تانیتھ۔

ا۔ ییتھ دوٚہس تام، م: اَزی تام چھُس گرھنس وار۔ ۲۔ ییتھ دوٚہس تام تہ۔

اَزی کالہ۔ اَزی کالی۔ نومنے دوٚہن۔ یمنے دوٚہن منز۔ ییتھ وقتس منز۔

اَزی کہ پیٹھ۔ از پیٹھ۔ از بڑوٚہہ کُن۔ نومِہ دوٚہہ بڑوٚہہ کُن۔

اَزیک۔ ییتھ دُہک۔ نومِہ دُہک۔ وُنی کینہ دُہک۔

اَز عٕ۔ نشہ۔ پیٹھ، (فارسی پاٹھ)۔

اَزپا۔ اَکہ منتزک زبہ یُس اَندری چھ یوان کرنہ۔ اَکہ قسمچ ذکرِ یوسہ اَندری چھے یوان کرنہ۔ تیتھ زپن ییتھ نہ کینہہ زیر نے آسہ۔

اَزر۔ [ن۔ مٔول: اَزر دس: ا+ جرا] زانہہ نہ ٹُٹو وُن۔ زانہہ نہ سورِوُن، شو سُند اکھ ناو۔

اَزرُوُن۔ [ن۔ مٔول: اَزرُون] ۱۔ اَچھیٹھ۔ یُس نہ بیِٔے سُند زروِیُس نہ بیِٔے سُند خوش ییہ، م: سہ چھ اَزرُون۔ ۲۔ دوٚہمہ سُند نہ زرِوتھ ہیکُن۔ بیِٔے سُند نہ خوش یُن۔ م: تس چھ اَزرُون۔

اَزروُنہر۔ اَزرُون آسُن۔ اَزرُون آسنچ حالتھ۔ اَچھیٹھ آسنچ حالتھ۔ بیِٔے سُند رُت نہ زرِتھ ہیکُن۔

اَزل عٕ۔ [ن۔ مٔول: اَزل دع: اَزل] دوٚہے۔ ہر ہمیشہ۔

اَزلے۔ گوڈِ پیٹھے۔

**اَزلی۔** ۱؍ گوڈٕ پیٹھٕک۔ اَولٕ پیٹھٕ۔ آدنٕے۔
۲؍ بنٛیادی۔ اصلی۔ موٗلٕ تلٕے۔ یِیتھ نہٕ اِبتِدا آسہِ۔ پیٹھمیک نہٕ گوڈٕ آنٛد موٗلوٗم آسہِ۔

**اَزَل۲۔** [ن۔ موٗل: اَزل (ع: اَزل]۔ لوٗن، نصیٖب۔ قسمتھ۔

**اَزَل پیٖٹھہ۔** یُس گوڈٕ پیٹھٕ پتھراوُن پیٚیہِ۔ یُس بیٚیٚن لور آسہِ۔ نابٕکار۔

**اَزلٕ لوٗن۔** قسمتھ۔ ڈیکہٕ لوٗن۔ تقدیر۔

**اَزار۔** [ن۔ موٗل: اَزار (ف: اَزار] ۱؍ دود۔ دٕگ۔ تکلیف۔ اِذا ۲؍ پٕرسنٛگ دود یُس زنانہٕ شُرٕ زینہٕ برٛونٛہہ کران چھہِ۔

**اَزٲنی۔** [موٗل: اَزانی (س: اَ+جنیانی] یُس نہٕ زٲنی کار آسہِ۔ غار زٲنی۔ بے زٲنی ووپر۔ وُچھو 'اَزون' تہٕ۔

**اَزان پانٛٹھہِ۔** بے خبر پانٛٹھہِ زَن نہٕ خبر آسہِ۔

**اَزِبُن تٕراگ۔** [ن۔ موٗل: اَزِبُن ترٛاگ (ک: اَزِب+س: تڑاگہ]۔
سِری نگرس منٛز مہاراج گنٛجک برٛونٛٹھمیم ناو۔ اَتھ لفظس چھہ مانے اَزِبنٕی پوکھر یا اَزِبُن ناگ۔

**اَزوگے۔** [ن۔ موٗل۔ اَزوگے (س: اَ+جاگرِ] زاگنہٕ روٗستٕے۔ حِس تھونہٕ روٗستٕے۔ دِیان دِنٕے۔

**اَزوو۔** [ن۔ موٗل، اَزاو (س: اَ+جا(جن] یِہ نہٕ وُنہٕ زامُت آسہِ۔ زیٚوراونٕے (دود بیسترِ)۔

**اَزخُدٕ۔** [موٗل: اَزخُد (ف: از+ع: خُد] گَنٛڈٕ روٗس، بٕنے گَنٛڈٕ، خُدٕ روٗستٕے، یِیتھ نہٕ خُدٕ آسہِ۔ واریاہ سیٹھا۔

**اَزکار گٕژھُن۔** کھوٚتھ زٕد گٕژھُن۔ کامہِ کارس لایق نہٕ روزُن۔ نہٕ ڈٕیتھ گو لوٚتنگ لیوٚژ یا اوٚن کوٚن گٕژھُن۔

**اَزماوُن۔** [ن۔ موٗل: اَزماو (ف: آزما (آزموٗدن] پرکھاوُن۔ اَزمٲیِش کرٕنی۔ سٔر کرُن۔ وُچھُن کیٛتھ نیرِ۔

**اَزموومُت۔** ۱؍ پرکھوومُت۔ سٔر کوٚرمُت۔ وُچھمُت زِ کیٛتھ نیرِ۔ ۲؍ شہ یُس وارٕ وارٕ زروہ آسہ لوٗدمُت۔ یُس گرٛ آسہ کرٕمُت۔

**اَزمٲیِش۔** [م۔ اَزمٲیِش (ف: آزمایِش] پرکھاہ۔ پرکھاو۔ سٔرگی۔

**اَژر۔** [ن۔ موٗل، اَژر (س: اَ+جرٕ] نہٕ ڈٕلوُن ڈٕٹھ۔ بُٹے زُو۔

**ثرٕ اَثر**۔ [ن مۄل : ثرٕ اَثر < س : چرٕ اچر ]
زَعِلہٕ تہٕ بَے زُو ( ساری)۔ دُنی یا۔ سوٗرے زَگتھ۔

**اَثُن** ۔[ مول : اَثن < س : اَچ] اَندر بُن ۔
اَندر گژھُن۔

**اَثِنیر**۔ پہ تہٕ گژھ۔ اَثُن تہٕ نیرُن ۔
م : ربچارِس لوٗگُس اَثِ نیر۔

**اَثوپ**۔[ن ۔ مۄل : اَثاپ < اَ + پراکرت : چواو < س :
چرو + آپہ یتی ] یَتھ نہٕ ژاپھ آسہٕ وٕژھِتھ۔
یہ نہٕ ژوپھٕت آسہٕ۔ ژاپنے۔ ژاپنہٕ ورأے ۔
بجرکِہ نے ۔ دَندِ نے۔

**اَثہتن** ۔[ مۄل : اَثہتن < س : اَچیتنَر ]۔ یَتھ
نہٕ ژہتن (زُوجان) آسہٕ ۔ تہٕ گوبے جان۔
یہ نہٕ جاندار آسہٕ، (لَل وید)۔

**اَثیوٚت** ۔[ن ۔ مۄل : اَثیت < س : اَ + چیت ]
۱۔ مٹہٕ ۔ بوٚز روٚس ۔ ۲۔ بوٚز نہ بَر، بوٚز نھوٚدیا دَرے۔

**اَثھر**۔[ن ۔ مۄل : اَثھر < ک : اوٚژھ < س : اَچ چھ ]
۱۔ اُوی جار، زاُوی جار۔ اوٚژھ آسُن (پلوٚ بیتر)،
تَنبر ۲۔ لیوٚژ آسُن ، زُوِ کِنی کمزور آسُن۔

**اَثھِ رژھ**۔[م ۔ مۄل : اَثھِ رژھ < س : اَپسَرسا ]
سوٚ رگہٕ ژری یہ۔ اَپھسرایہٕ۔ م :۔۔۔

سوٚ رگَس چھ وسِرتھ دارِتہٕ بَر
اَژھِ رَژھِ نژِنہٕ تُھفی اَندر ( دیاَنند)

**اَژُھن** ۔[ن ۔ مۄل : اَژھن < ک : اوٚژھ < س :
اَچ چھ ] ۱۔ اوٚژھ گژُھن ۔ تتُن ۔ کمزور
گژُھن ( پلوٚ بیتر ) ۲۔ لیوٚژ گژھن ۔ زُوِ
کِنی ڈہلُن ۔

**اَژھوٚل** ۔[ن ۔ مۄل : اَژھل < س : اَ + چھلَ ]
ژھلو ورأے ۔ ژھلو روٚستے ۔ سیوٚد۔ شوٚد۔

**اَژھینٛی دار**۔[م ۔ مۄل : اَژھینی دار < س : اَ + چھنہٕ
+ دھارا ] سوٚ دِگنی یَتھ نہٕ ژھینے آسہٕ
روٚدِ ج یا آزٕچ سوٚ دار یوٚسہٕ لگاتار چلِہ وِنی روز۔

**اَژھیوٚن** ۔[ن ۔ مۄل : اَژھیوٚن < س : اَ + چھنہٕ]
۱۔ اوٚر۔ یہ نہٕ ژھیوٚنمُت آسہٕ۔ یہ ژھینہٕ
نے آسہٕ۔ یَتھ نہٕ تر آسہٕ وُژھِمُت۔ ۲۔ ژھینہٕ
روٚس۔ تھکہٕ گژھنہٕ روٚس۔ م : اَژھیوٚن روٚد۔

**اَژھ کھچہٕ منٛز ُس**۔ تمہٕ ساتہٕ کانٛسہٕ وَنان یلِہ سہ بنٛیہ
کانٛسہٕ ہندِین معاملن منٛز دخل دِیہ۔

**اَس** ؑ۱۔ اَکھ پوٚت لوٚگ ، ییٚمیُک مانے چھُ " مے "
یا " بہٕ " م : مارِ کرٕ لوٚنُس۔

**اَس** ؑ۲۔ اَکھ پوٚت لوٚگ ، ییٚمیُک مانے چھُ
" تَس " م ، کرِس ۔ کرِتَس یا بہٕ کرِ تَس۔

**اَس ۳** - [ن - مۆل : اَس <س : ہَس] ژٕ اَس - خۄش آسنچ آواز گَدٕ.

**اَستھ** - [ن - مۆل : اَست <س : اَست] اُپٕز - یہ نہٕ پۄز آسہِ - یتھ منٛز نہٕ کینٛہہ پزر آسہِ - یہ نہٕ آسہِ - یہ نہٕ چھُ -

**اَسمبلی** - م - مۆل : اَسمبلی <انگ : اہ سمبلی - ] (ASSEMBLY)
جمہوٗری طرزِ حکومتس منٛز اَکھ اَہم اَدارٕ - نُمایندَن ہنٛز سۄ مجلس یُتھ منٛز قوٗنوٗن بَناونٕ یِن - یژھ مُجلسِ منٛز چھُ مُلکی تہٕ حکوٗمتی مامَلاتَن پیٹھ غور فکر کرِتھ تجویزٕ ریوان پاس کَرنہٕ تہٕ سرکارِ کِہ خاطر بجٹ منظوٗر ریوان کرنہٕ.

**اَسار** - [ن - مۆل : اَسار <س : اَ + سار] ۱ نہٕ پوشِ وُن ، نہٕ روزِ وُن . ۲ یہ نہٕ تلٕ کُنہ کینٛہہ آسہِ ، یُس نہٕ دوٗر آسہِ - یتھ منٛز نہٕ گوٗجی آسہِ - بے مایہ -

**اَسادِ وٕتھ** - [م - مۆل : اَسادِ وِیت <س : اَ + سادھنیہ + یُت] گرٕ بیٚنہٕ زنانہٕ - بُڈر - گۄبہٕ کھوٗر -

**اَساوِدان** - [ن - مۆل : اَساوِدان <س : اَ + سادھانہٕ] دیانہٕ رُوس - ییٚمی نہٕ حِس آسہِ تھوٗومت - بے پروا -

**اُساوری** - (آساوٗری) [م - مۆل : اَساوری <ہ : آساوری]

اَکہ راگ ، ہنٛد ناو - گیوٗنس منٛز صُبحُک اَکھ مقام -

**اَسامی ؏۱** - [م - مۆل : اَسام <ع : اَسامی <اَسما] ۱ یَنٛدِ ناوٕ زمین آسہِ ۲ یَس سِتی کینٛہہ کام آسہِ ، یَس سِتی ہیوٚن دیُن آسہِ -

**اَسامی ؏۲** - چھو ہین مۄنٛڈِس برٛوٚنٛہہ کِنہ چھو ہیتھ سمیٚتھ مُت دانہٕ وانہٕ ـــــ (گرٕیرسن)

**اُسُر** - [ن - مۆل : اُسر <س : اَ + سُر] - دیو ، جن - ورگہٕ پاٹھی - کوٚ ذاتھ ماہار ، ہتی یور -

**اُسُن** - [ن - مۆل : اَسُن <س : ہَسنہٕ ]
۱ اسُس مُتھرِتھ خُشی ہنٛز آوازٕ کڈنہٕ - کھِکھِر مارنہٕ - وُٹھ کُملاونی ۲ ہیڈُن - ہیڈٕ نہٕ گیلنہٕ کِنی اَسُن تراوُن - ٹھٹھی کرُن -

اَسَن ترٲے - اَسُنک اَنداز - اَسُنک طریقہٕ - اَسہِ وُن بُنھ -

اَسَن کھَنڈ گالِہ - بُڈٕ بُڈٕ اَسُن - ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اَسُن - زابہِ چالِہ اَسُن ، ہنزلِہ پاٹھی اَسُن -

اَسَن وِلِہ اَسَن لِلِہ - اَسُن تہٕ اَسُن یُن - اَسنٕس کُنٕے یوت گرٕ ٹھُن - بِچھہ لان اَسُن ، ٹھاکھ پیٚٹھی -

اَسان اَسان - اَسَن وِزِ - ۲ خوشحال پاٹھی - گِنٛدان گِنٛدان - مزس منٛز -

وَرگہٕ : جَل جَل ، ڈُلی ڈُلی -

اَسہِ نے لَسہِ گیتھ ۔ زِندہ روزِ نہ باپتھ چھُ فکرِ
مَنٛز تہٕ ہیوان خوش روزُن۔

اَسہِ ناوُن ۔ (١) یُس اَساوِ، مَخولی۔
(٢) یَس پیٹھ اَسُن ییہِ۔

اَسہِ ناوُن ۔ (١) تیتھ کیٚنہ کرُن یا وَنُن یُتھ
بُتھاکھ اَسہِ (٢) بیٚیِس اَسُن اَنُن۔

اَسہِ وِنہ ہوٚنٛجہ ۔ اَسان اَسان ۔ اَسہِ وِنہ
بُتھہٕ۔ دٔرِ کھار نہ روٚستے۔

اَسہِ وُن ۔ یُس اَسان آسہِ ۔ سو ہو کُھ ۔ کھولہ
وُن۔ خوش طَبی بَتھ ۔ یُس نہ دِیہ وُن آسہِ۔
یَس نہ بُتھِس پیٹھ دٔرِ آسہِ۔

اَسُن گیلُن پانَس میلُن ۔ بیٚیِس ہیڈُنہ
چھُ پانَس تہٕ ثَبتھ یِوان ۔ یہ چھُ مِثالہ پأٹھی
وَننہ یِوان۔

أسی أسی ۔ (١) سیٹھا أسِتھ ۔ أسِتھ تہٕ أسِتھ،
م : أسی أسی وٕ دٕ لگھ کُٹھ ۔ (٢) اَسان اَسان ۔
خوشحال پأٹھی ۔ اَسان تہٕ گِنٛدان ۔ وَرگہ:
جَل جَل، ڈٕلہ ڈٕلی۔

اوٚسُم ۔ مےٚ اوٚس ۔ مےٚ تٔرٕ ووٚ اَسُن۔
مےٚ کوٚر اَسُنا۔

اوٚسُنٔ ۔ تِمۍ اوٚس ۔ تِمۍ تٔرٕ وو اَسُن ۔ تِمۍ کوٚر اَسُنا۔

اَسنہٕ ہنا ۔ اَسُن پیٚوٚنتا ۔ اَسُن رِژھا۔

اَسنہٕ ہنا کرُنی ۔ (١) رِژ کھنٛڈرِ اَسُن۔
(٢) پرواے نہ کرُن ، کِچھ کِچھ نہ گٔژھُن۔

اَسوٚم بٔلے سوٚم ۔ [ن ۔ مۆل : اَسم بےٚ سَم
< س : اَ + سَمہ + ف بےٚ + س : سَمہ < س :
وِشَمہ ] نا برابر ۔ نا ہموار ، بیٚتھ کھِہ وَس آسہِ

اَسور ۔ [ن ۔ مۆل : اَسار < س : اَ + سار ] یہ یا
یُس نہ سورِ ۔ پوشِہ وُن ۔ وَرگہ : وِدہ فادار۔

اَسورِ وُن ۔ [ن ۔ مۆل : اَسورِوُن < س : اَ + سار
+ وان ۔] نہ سورِ وُن ۔ یہ نہ سورِ ۔ یہ نہ
مو کلِہ ۔ أنتہٕ روٚس ۔ یَتھ نہ اَنٛدے آسہِ۔

اَسور گٔژھُن ۔ نہ سارُن ۔ یہ نہ سارِ ۔ یہ نہ لگہ۔
کھیتھ نہ گٔژھُن۔

اَسوسیشَن ۔ [م ۔ مۆل : اَسوسیشَن < انگ :
اسوسی ایشن (ASSOCIATION)] اَنجُمَن۔

اَسورہنی ۔ [م ۔ مۆل : اَسُرہنی < س : اَسُر + ان]
راکھیٚنی ۔ دیٚوِنی۔

اَسوٚندَر ۔ [مۆل : اَسوٚندر < س : اَ + سُندَر]
نہ سوٚندَر ۔ کوٚکور ۔ بےٚ شوٚب ۔ کوٚ بُتھ ۔
بَدصوٗرَتھ ۔ اونٹہ کھونٹہ ۔

اَسِہد ۔ [مۆل : اَسِہد < س : اَ + سِد دھ]

(۱) یہ نہٕ سپد آسہِ ، یہ نہٕ ثابتھ آسہِ۔

(۲) یتھ نہٕ ییٚدی آسہِ گگڈمٕنز۔ یہ نہٕ پوٗرٕ آسہِ گومُت۔

یہ نہٕ باکل آسہِ آمُت۔ ناکام (۳) یہ نہٕ

سپٕد یوٗمُت آسہِ۔ یہ نہٕ اَنفس منٛز آمُت

آسہِ۔

**اَسبرگ**۔ [ن۔ مۄل : اَسبرگ۔] اَکھ پوشہٕ ذات۔

**اَسباب، اَسابہٕ**۔ [ن۔ مۄل، اَسباب ﴿ع : اَسباب]

(۱) سامانہٕ۔ ڈیرٕ ڈگرٕ (۲) ہتھی بار نہٕ اوزار بیترِ۔

**اَسبہٕ**۔ سفید رنگہٕ ٹلہٕ۔

**اَستَر**[۱]۔ [ن۔ مۄل : اَستَر ﴿ف : اَستر، آستر]

پلوس اَنٛدری یا ٹلی کِنی لوگمُت کپُر۔ اَستَر۔

**اَستَرٕ لَیُن**۔ (لوٗن) کانٛسہِ مقابلہٕ کَم

پایہِ آسُن، وٕسِتھ موٗلہِ آسُن۔

**اَستَر**[۲]۔ [ن۔ مۄل : اَستَر ﴿ف : اَستر ﴿س : اَشوتَر]

کاٹُر، خچُر۔

**اَستان**۔ [ن۔ مۄل : اَستان ﴿ف : آستان، آ +

پہلوی : ستان، س : استھانہ۔]

زیارتھ۔ کانٛسہِ بزرگہٕ سنٛز جاے۔

**اَستانَن دَشہٕ گنٛڈنہٕ**۔ اَستانَن گژھتھ

مُراد منگُن۔ کانٛہہ خاہش پوٗرٕ کرنہٕ موکھ

جتنہٕ کرنی۔

**اَستانَن دَشہٕ مُژراونے آسنہٕ**۔ یہ

چھ تیٚلہِ وَنان یێلہِ یوٗژھمُت کو شچھمُت

کُھر آنہ، خلافِ توقع کرِ۔

**اَستانَن دَشہٕ مُژراونہٕ**۔ مُراد پوٗرٕ گژھتھ نذر

نیاز کرُن۔

**اَستان لَدُن**۔ زیارتَس نذر پیش کرُن۔

ہرزِ یاٹھی گو گنٛج مجبوٗری آسنہٕ۔ م : ہر

کیٚاز دِمَس آستان چھُمہٕ لدُن۔

**اَستہٕ**[۱]۔ [ن۔ مۄل : اَست ﴿س ہتہ/وِتہ]

زٔمین ہینٛنگ اَکھ پرٛون ہیش۔

**اَستہٕ**[۲]۔ [﴿ف : آہستہ] لوتہٕ۔ لوتہٕ پاٹھی

**اَستہٕ اَستہٕ**۔ وارٕ وارٕ۔ لوٗت لوٗت، لوتہٕ

لوتہٕ۔ ہنٛہ ہنٛہ۔

**اَستہٕ وٕہستھ**۔ [﴿س : اَستہٕ دٕہستہٕ]

ٹھکرِتھ آسُن۔ بے ترتیب آسُن۔ چھلہٕ

چھانٛگرِ آسُن۔

**اَستوتھ**۔ [ن۔ مۄل : اَستوت ﴿س : اَستُتہٕ]

شُکُر۔ حمد۔

**اَستوتھ کرُن**۔ حمد پرُن۔ شُکُر کرُن

(دیہ سُندہ یم، تمی کوٚر اَستوتھ نہٕ

کہی تام کہی تام بچھوو۔

**اَستھ** ۔ [ن ۔ مؤل : اَست (س : اَستہ]
(۱) لوٗسُن (زوٗن، آفتاب، تارکہ بیترِ)
(۲) کُنہِ تارکگ بیا کہ تارکہ ہُنتھ آسنہٕ یا اَکرِ سِے
رٲشہ یا بُرجس منٛز آسنہٕ کِنی نظرِ تلہٕ غاب
گومُت آسُن ۔ (۳) گرٛہیٚھد ہُن ہندِ اَستُس
گرٛھنگ کال یا لوسنگ کال، اَتھ اَندرَ
کانٛہہ نوٚکام کرُنی چھُنہٕ پھیرُزبوان مانِنہٕ ۔
م : اَز کل چھُ بوم اَستُس گومُت تُو کینہہ بنہٕ
نہٕ کھانٛدر کرُن ۔

**اَستھ کرُن** ۔ (۱) لوٗسُن (زوٗن، آفتاب یا تارکہ بیترِ) (۲) دوٚن تارکن ہُند اَکہ سِے بُرجس
منٛز آسنہٕ کِنی اَکِس نظرِ تلہٕ غاب گرٛھن ۔
(۳) تَل گرٛھن ۔ تَل پیُن (کمزورِ سُند طاقتہٕ
وٲلِس تَل) ۔ پتھ گرُن ۔

**اَستُس کرُن** ۔ تَل کرُن ۔ پتھ کرُن ۔ ہارناوُن
(واد وادس یا ہُر اَندرَ) ۔

**اَستُس گرٛھن** ۔ (۱) تَل پیُن ۔ ہارُن ۔ ہار سپدٕنی ۔
(۲) کینٛہہ نہٕ کرُن تگُن ۔ (۳) شکس پیُن ۔ واو پیوٚن ۔

**اَستھاپَن** ۔ [ن ۔ مؤل : اَستھاپَن (س : اِستھاپَنہٕ]
دیوی دار ۔ دیوالے ۔ سو جاے یُس
دیوی دیوتاہن ہندِ ناوٕ آسہ ۔

**اَسرِ وہسَر** ۔ [م ۔ مؤل : اَسرِ وہسَر (س : اَ +
سمَر + وِسمَر] بیہوش ۔ مونیار ۔ نرِ
زنگہٕ لوسنہٕ ۔ جس ہوش نہٕ روزنی ۔ وُسی
وُسی پیوٚن ۔

**اَسلاف** ۔ [ مؤل : اَسلاف (ع : اَسلاف] پرٛانی
بُزرگ ۔ پرٛانی زِٹھو ۔

**اَسلام عَلیکُم** ۔ [ن ۔ مؤل : اسلام عَلیکُم (ع : اَلسلامُ عَلیکُم]
مُسلمانن ہنٛز سَلام ۔ توہہ پیٹھ اَسِن
سَلامتی ۔ توٚہی اَسو ٹھپکہ پاٹھو ۔ والِہ
اَسو ۔ وارِ روٗزو ۔

**اَسمان** ۔ [ن ۔ مؤل : اَسمان (ف : آسمان]
نَب ۔ آکاش ۔

**اَسمانَس سیٖتی بُزی بُزی گاڈ کھیٚنہٕ** ۔
تھدِ ہن گرہن کھسُن ۔ زوٗن کھیٚنہٕ کھسُن ۔
کانٛہہ یا کینٛہہ نہٕ فِکرِ کھسُن ۔ اَسمانی
دُپھُن ۔ پنُن پان کیاتام زانُن ۔ اَچھن کھسُن ۔

**اَسمانُن کھالُن (کھارُن)** (۱) سیٹھا زیادٕ
تاریف کرٕنی ۔ (۲) ستھر کھارنی ۔ (۳) عالم ٹَلُن ۔

**اَسمانہٕ پیوٚن** ۔ (۱) اَسمانہٕ پیٹھ لوٚن لابنہٕ
پیُن ۔ ہیٚرِ پیٹھ پتھرس پیٹھ دٕستھ پیوٚن ۔
(۲) سیٹھا یا پرجا آسنہٕ پتہ پتھرس لارتھ

گژھن۔ ﴿۲﴾ حٲران گژھن۔ آشٕر گژھن۔
م: بہٕ بُوزِتھ ہیوٗس بہٕ اَسمانہٕ۔ ﴿۲﴾ کُنہِ
میٛلحنتہٕ وَرٲے واتُن۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ وٲتِھ
پیوٗن۔ م: بہٕ مال چھا اَسمانہٕ پیوٗمُت۔

**اَسمانہٕ وُسِتھ بُترٲژ دٔب۔** اَکہٕ بَلایہٕ ٹلِہ
مو کلِتھ بیٚیِس تَل لگُن۔

**اَسمان زٔمین فَرَق۔** پھیٚرے پھیٚرٕ۔ دارِیاہ
فرق۔ کتہٕ کور فرق۔

**اَسمان نِکھس ژٕلُن۔** کرٛکہٕ ناد لاگُن۔ سخ شور
لاگُن۔ دٔمالہٕ کرٕنہٕ۔

**اَسمٲنؠ۔** ﴿۱﴾ اَسمانُک ﴿۲﴾ ہیٛری ہیٛری۔ ہیٚتھ کیٚنہہ
﴿۳﴾ یُتھ اَسمانُک ہیوٗہ رنگ آسہِ۔

**اَسمٲنؠ اٲنٕر۔** ﴿۱﴾ اَکھ وُڈوٗن جانا وار۔ ﴿۲﴾ وَرگہٕ؛
اورٕ کیٛنہہ واتُن۔ مُفنُک کیٛنہہ بَنُن۔

**اَسمٲنؠ بلاے۔** ہنگہٕ تہٕ منگہٕ آفتھ۔ اَلغاہٕنی
تٔرکھ۔ غیبی بلاے۔

**اَسمٲنؠ بوٗٹی۔** اَکہٕ راٹھ ہُندناو۔ اَسمان بیل۔

**اَسمٲنؠ جہاز۔** ہوٲیی جہاز۔

**اَسمٲنؠ رَنگ۔** ہیرُوزی رنگ۔ نیٖلِتھ رنگ [ہیٚنٛتھی؟]
یُتھ اَسمانس آسان چھُ۔

**اَسمٲنؠ رَنگہٕ۔** ہیرُوزی رنگہٕ۔ اَسمانکہٕ رنگہٕ۔ اَسمٲنؠ
رٔنگس پیٹھ۔ نیٖلتھی رنگہٕ یُتھ اَسمانس آسان چھُ۔

**اَسمٲنؠ گولہٕ۔** ﴿۱﴾ اَکہٕ آتش بازِ ہُندناو۔
﴿۲﴾ وَرگہٕ پاٹھی ٹٔر۔ راد۔ اَپُز۔

**اَسوٗد۔** [ مول : اَسوٗد ﴿ع : اَسود]
گژھُن۔ سیاہ۔ کوٗل۔

**اَسیُوٗ¹۔** [ن۔ مول : اَسو ﴿س : اَ+سود ]
سوٗنے۔ ہیوٗمُت نہٕ آسُن۔ سوٗنے
تھوٗومُت۔ آبس منز گژھناونے۔

**اَسیُوٗ²۔** [ن۔ مول : اَسو ﴿س : اَ+ سیو]
سوی نہٕ کوٗرمُت۔ سوی نہٕ گومُت۔ نہٕ
ہلر دوومُت۔

**اَسیوٗن۔** [ن۔ مول : اَسِبن ﴿س : اَ+سِونہٕ]
یہٕ زٔنتھ دوٗرے آسہِ روٗدمُت۔ یُتھ نہٕ
پوٗرٕ پاکھ آسہِ لوٗگمُت۔ یہٕ نہٕ سیٚنیوٗمُت آسہِ۔

**اَشم۔** [م۔ مول : اَشم ﴿س : اَشمن ]
پتہٕ کٔنج۔ اَرَم۔

**اَشُد۔** [ن۔ مول : اَشُد ﴿س : اَوشَدھ]
﴿۱﴾ دوا۔ اَچھ وادیگ اَکھ دوا۔ تاچھ (بہٕ
چھےٚ پھیکھ آسان) ﴿۲﴾ سو جنگلی گاسہٕ ذاتھ
یُمہِ سیٚتی نشہٕ کھمان تہٕ بےٚہوش
گژھان چھُ۔

**اَشدٕہٹ** ۔ دَوائیٹ ۔ لَنٛہ (دوٚہچہٕ
ژٕنٛدٕ نٕچہٕ بیتر) ۔

**اَشدٕ تَج** ۔ **اَشدٕ تَل** ۔ اَشد لاگیٚنٛ تَج ۔
اَچھن دَوا لاگنک تَل ۔ تاچھ لاگنٛ تَج ۔

**اَشد گرٕی وان** ۔ (۱) اَشد کنَن وٲلۍ سٕنٛد
وان ۔ (۲) وَرگہٕ پاٹھی سوٗ جاے یِیتہٕ نَس شرٕ ہو
آسہٕ وَدن وان لوگمُت ۔ یِہ چھ اِنٛہٕ کنۍ وَنان
نہٕ کیاز اَشد گرٕی سٕنٛد گرٲسی اَچھ دٲدی لَد
شری تٕتر وتھٕنہٕ کنۍ وٗدی وٗدی ہُیہٕ تُلان ۔

**اَشد گوٗر** ۔ اَچھ دَوا بناون وول ۔ اَچھ دَوا دِنہٕ وول ۔

**اَشد گولِکھ** ۔ اَچھن لاگنک اَشدی پھوٗل ۔

**اَشد وان** ۔ دَوا وان ۔ بُہری وان (ییٚتھ
اَشد کِنٛہٕ آسہٕ یِوان) ۔ اَشد گرٕی سٕنٛد وان ۔

**اَشد کھیوٗن** ۔ افسوس کرُن ۔ ہمہ سوس
آسُن ۔ پھسکھ کھیٚنۍ ۔ وِیہہ کھیوٗن ۔

**اَشد لگُن** ۔ (۱) اَشدیگ اَثر گرٕھن جنگلس
منٛز پھیرنہٕ کنۍ کینٛژ جنگلی بوٗٹو سیٚتی نَشہٕ
لگُن ۔ بِے ہوش گرٕھن یا گیرِی تہٕ گتہٕ ہِنی ۔
(۲) اَشد لوٗگ گرٕھن ، براہ یُن ۔

**اَشد لاگُن** ۔ اَچھ دٲدی لدس اَچھن نٕیبری
کنۍ اَشد مَتھُن ۔

**اَشوٗژھ** ۔ [ن ۔ موٗل : اَشوٗژ (س : اَ + شوچ] ۔
ہونٛژھ (ہونٛژھ گوٗ کاٹُسہٕ ہنٛد مرنہٕ یا زہٕنہٕ
ہتہٕ کاہن دوٚہن تتھ گرس منٛز ژھیٚچر مانہٕ
یِن یِیتہٕ یُتھ کیٚنٛہہ سپُدمُت آسہٕ ۔ یِہ چھ اکہٕ
قٕسمُک کواَرنٛٹیٖن لاگہٕ نَشہٕ بچنہٕ باپتھ) ۔

**اَشوک** ۔ [ن ۔ موٗل : اَشوک (س : اَشوکہٕ] ۔
ہِنٛدوستانُک اکھ مَشہوٗر بادشاہ یُسٕنٛد وَقتہٕ
کٲشیرِ اَنٛدر بودمَت پھٲلیو ، ڈپان چھ
سِری نگر بسوو گوٚڈنیتھ تمی ۔ ہِنٛدوستانُک قومی
نشانہٕ چھ تہٕنٛدی کالچہٕ سنگترٲشی ہنٛدِ اکہٕ
نموٗنک یادگار ۔

**اَشوک چَکر** ۔ [ن ۔ موٗل : اَشوک چکر (س : اَشوکہٕ + چکر]
(۱) مہاراجہ اَشوک سُنٛد اکھ خاص نِشانہٕ یِیتھ پیٹھ
اکھ ژٕکھر تہٕ تٕژ ے سپہہ کلہٕ چھ بناوِتھ ۔
(۲) ہنٛدوستانُک قومی نشانہٕ ۔ (۳) ہنٛدوستانس
منٛز کانٛہہ بڈ یا تھکہ وٕنی کام کرن والین دِنہٕ
یِنہٕ وول اکھ قومی اعزاز ۔

**اَشوب** ۔ [ن ۔ موٗل : اَشوب (س : اَ + شُبھ]
شوب نہٕ آسُن ۔ آپدا ۔ مُصیبتھ ۔ بناوِتھ ۔
خار نہٕ آسُن ۔ رٕژر نہٕ آسُن ۔

**اَشوٗد** ۔ [ن ۔ موٗل : اَشوٗد (س : اَ + شُدھ]

(۱) یہ نہ شوٗد آسہ ۔ یہ نہ صحی آسہ ۔ یہ غلط آسہ
(خاص کرتھ غلط لیوٗکھمت) (۲) تیلیتھ لیوٗکھمت
یہ نہ ووتھ ۔ (۳) ناصاف ۔ ژھیوٗٹھ ۔
(۴) ناشائستہ کلام ۔

**اَشوٗدی** ۔ (۱) غلطی بیتر (لیکھنس کرنس منز) ۔
(۲) ژھینچر ۔

**اَشوٗدی کڈٕنۍ** ۔ غلطی ہاوِتھ دِنۍ ۔ غلطی دوٗر کرٕنۍ

**اَشوٗزر** ۔ (۱) شوٗد نہ آسُن ۔ شوٗد نہ آسنچ
حالتھ ۔ ٹکریر (۲) مزاژ کنی یا شرٕ کنی اڈرے
نہ پوٗرہٕ آسُن ۔ (۳) کھوٗٹھ کھٹائی ۔ منٛگ کھوٗچر ۔

**اَشوٗن** ۔ [م ۔ موٗل : اَشوٗن (س : اَشونی]
ستوٗ ہو نیچھترٕ و منٛز گوڈنیک نیچھتر ۔
اکھ خاص نیچھتر ۔ اکھ ساتھ ۔

**اَشوٗوار ، اَشوٗدار** ۔ [ن ۔ موٗل : اَشوٗوار (س :
اَشو + وار] گُرِ سوار ۔ چوٗبک سوار ۔
گُرِس خطہ کڈن وول ۔

**اَشٹمی** ۔ [م ۔ موٗل : اَشٹمی (س : اَشٹمی]
اٹھم ۔ پچھک اٹھم دوٗہ ۔

**اَشٹاوکُر** ۔ [ن ۔ موٗل : اَشٹاوکر (س : اَشٹاوکر]
اَکس زٕنۍ مُنڈ ناویس اٹھوے اَنگ ہوٗ
اَشو ۔ وَرگہ : وٗکر اِنسان ۔ (۱) کھیٹیس ہیُوٗ
اِنسان ، کوٗکور تہ ہٕنڈکور اِنسان ، یُس نہ کانہہ
اَنگ سیوٗد آسہ ۔

**اَشٹاوکر** ۔ کوٗمکار تہ بیکار زنانہ ۔ (۱) اٹُس
ہش زنانہ ۔

**اَشٹہٕ** ۔ [اَشٹہٕ = اٹھ ، اکھ بڈوٗ لوٗگ]
اٹھ ۔ اکھ گوڈٕ لوٗگ یُس ہمین سیتی تہ لگان چھُ ۔
م : (۱) اَشٹہٕ ڈلہ ہٕردے (اٹھ وُتھر ہمپوش
ہیُوٗ دِل) (۲) اَشٹہٕ موٗرتی (سُہ یُس اٹھ رنگ
چھِ ، تہ دٕرپتھ گوشو] ۔

**اَشٹہٕ دِشہ** ۔ [موٗل : اَشٹہٕ دِش (س : اَشٹادشہ]
اَردَاہ ۔ اٹھ بیٹھی گاہ ۔ دہ یہ کم دُہہ (اشوٗرہ)

**اَشرف مخلوٗقات** ۔ زُو دٲرُو اندر تھوٗد ۔ بوٗڈ
تہ شرفہٕ وول ۔ یہ چھُ بنی آدم سُند اکھ صفت ۔

**اَشراف** ۔ شریف موٗہنیوٗ ۔ شریف موٗہنوی ۔ بوٗڈ موٗہنیوٗ ۔
بڈی موٗہنوی ۔ رٔیس ۔

**اَشرافی** ۔ شرافتھ ۔ شریف آسُن ۔

**اَشرفی** ۔ [م ۔ موٗل : اَشرفی (ف ، اَشرفی (ع : اشرف]
سونہ سنٛز موہر

**اَشکہٕ** ۔ [م ۔ موٗل : اَشک ] (۱) اڈدجن ہندی
گنٛڈ ، جوڑ ۔ (۲) نار ۔ زگہ ۔
اَشکہٕ ژٹُن ۔ زگہ تہ نار ژٹُن ۔ تہ دٕپتھ گو لاین ۔

ماردیُن۔

**اَشکہٕ۲**۔ گپُنن ہُنزن پراٹن اَنٛدری ماژوِ کر کٔنڈی ہوی۔

**اَشکہٕ پھٕنہ**۔ اَشکہٕ پھولہ نہٕ، اہنہٕ نہٕ۔ اَشکن دود کُرن۔ (اَتھ دادِس مَنٛز چھٕنہٕ چادوٲیس گاہہ، دانہٕ بیتر کھیوٗن بنان)۔

**اَشکھاش**۔ [ن۔ مؤل: اَشکھاش (ع: اَشخاص] پۆر لفظ چھُ "غدرِ اَشخاص"، سَم سوٗتر۔ لۆہ پار۔ ڈٕبہٕ ڈاس۔ ڈاکہ۔ ستیاناس۔ ناش۔ بیرچھُ اَکھ وۆہو۔ م: تِمَن گرٛژھن اَشکھاش یمَن سوان تیٚتوٗل چھُ۔

**اَشکھاشُس گرٛژھُن**۔ سَم سوٗترُ گرٛژھن۔ ڈُبہٕ ڈاس بیتر گرٛژھُن۔

**اَشوٗل، اَشوٗل**۔ [م۔ مؤل: اَشوٗل] سہ یوسہٕ نہٕ نٔنی پاٹھی یا نِتھینی یاگاٲنی آسہ مگر یارِ عمر آسہ۔ یوسہٕ ژورِ ژورِ بدکاری آسہ کران۔ عائشہ عمر۔

**اَصل**۔ [ن۔ مؤل: اَصل (ع: اَصل] (۱) پۆزٕ۔ بیر یا یُس نہٕ کیٚنہہ آسہ۔ (۲) مولہ تنگ۔ (۳) اہم۔ (۴) یتھ کانٛہہ وجود آسہ۔ (۵) جان نسلُک۔ شوٗزِ ذاتُہ ہُنٛد۔ (۶) شوٗد۔ یتھ نہٕ مِلاوٹ آسہ۔

**اَصلسے صاف یُن**۔ لاب نہٕ گژھنہٕ تہٕ مولہ سے چھوُن فایدٕ ج نہٕ کیتھے دِپھ پننہِ سے گاٹھ۔

**اَصالتھ**۔ [م۔ مؤل: اَصالت (ع: اصالت] شرافتھ۔ خاندٲنی آسُن۔

**اَصالتن**۔ پانٛی پانے۔ پننہ مرضیہ۔ وَکیل یا موختاری ورٲے۔

**اَصل اَصل ہوٗدی باقے پھراٹ رودی**۔ یہ چھُ لوان تیٚلہ ہرُنہٕ یا ٹھی وننہٕ ییلہ کانٛہہ کم ذاتھ یا کمینہٕ بارسس پیہ تہٕ یمن تیتھہ رُتبہٕ پَرِہے تم گرٛژھن ہیتھ یا پھکو۔

**اَصل گو اَصلے تہٕ نقل گو نقلے،**
**اصل گو اَصلے تہٕ فرہ گو فرماہے**۔ تمہ ساتہ وَنان ییلہ اَصل چیزٕ کی تارٕیف آسُن کرٕنی یا نقلی (فرہ) چیزٕچ خرٲبی نٔنی آسہ کڈٕنی۔

**اَصحاب**۔ [ن۔ مؤل: اَصحاب (ع: اصحاب] "صاحب" لفظُک جمع۔ ژنی۔ لوکھ، حضرتِ محمد صلعم سٕنٛدی یار۔ صحابی۔

**اَصحابہٕ کہفن ہُنٛد ہوٗن**۔ شہ ہوٗن یُس تِمَن ستن ویندارن گوپھ نیٚبر گژھنہٕ تہٕ ژن ہتن تہٕ لوٗن وٕرین رودیم بادشاہ دقیانوسہ سٕنٛدِ خوفہٕ ژورِ رودی۔ قطمیر۔

اَصلا ۔[ مؤل : اَصلا < ع : اَصلا ] ہرگز ۔
مُلیٖہہ ، پَزٕ کہنہٕ ۔

اَصلِیَت ، اَصلِیٖتھ [ م ۔ مؤل : اَصلیت < ع : اَصلِیَۃ ]
پَزر ۔ حقیقتھ ۔

اَصلی ۔[ مؤل : اَصلی < ع : اَصلی ] ــــ مولہٕ تُلہٕ ۔
پوٗز ، کھٔٹہٕ نہٕ ۔ نَقلہٕ نہٕ ۔

اَطراف ۔[ ن ۔ مؤل : اَطراف < ع : اَطراف < طرف ]
مُختلِف طرف ۔ اَنٛد ۔ اَنٛد پوٚکھ ۔ دوٗر دوٗر چہ
جایہٕ ۔ م : سُہ چھُ اَطرافن پھیرتھ آمُت ۔

اَطوار ۔[ ن ۔ مؤل ، اَطوار < ع : اَطوار < طور ]
طور طَرز ۔ کرتوٗتھ ۔ کِردار ۔ پھیٚچھ ۔ کوٚڈر
یہ لفظ چھ زیٛادٕ پاٹھی کأنسہ ہُنٛز بدی ہاوٕنہٕ
روزٕ وَننہٕ یوان ۔ م : تسنٛدی اَطوار وُچھتھ
چھُ اِنسان ترٛہران ۔

اَغأفل ۔ اَصل لفظ چھُ غافل تہٕ اَغافل چھُ غلط لفظ ۔
موصُم ۔ بےخبر ۔

اَغراض ۔[ مؤل : اغراض < ع : اغراض ۔ غرض لفظک
جمع ] مُدا ، مطلب ۔

اَغلب ۔[ ن ۔ مؤل : اَغلب < ع : اغلب ]
سیٹھا ممکن ۔

اَغوا ۔[ مؤل : اَغوا < ع : اغوا ] ( کانٛہہ اِنسان
وٕرغلاوِتھ یا جبرٕن نیٚن ۔

اَغیار ۔[ مؤل : اَغیار ۔ 'غیر' لفظک جمع ۔]
غأر ۔ پرٛدی ۔ ووپر ۔ پرٛزٕنی ۔

اَفٲئی ۔[ مؤل : اَفاے ۔ < ع : اَفواہی < افواہ ]
شاوٕے یا شووٕ پاٹھی ۔ لوٗکن نِش بوزنہٕ
پاٹھو ( بگر سر کرٕنے ] ۔

اَفراتفری ۔ [ م ۔ مؤل : اَفراتفری < ع : اِفراط و تفریط ]
شور شَر ۔ کھلبلی ۔ گڑبڑ ۔ بدامنی ۔

اَفراسیاب ۔[ ن ۔ مؤل : اَفراسیاب < ف : اَفراسیاب ]
(۱) ایرانک اکھ مشہوٗر بادشاہ یُس وُری ہہ
بدین جنٛگ روٗد کران تہٕ یُسنٛد تذکرٕ
کأشرین مثنوین منٛز چھُ ۔ (۲) ہزلہٕ پاٹھی
سیٹھا گاٹُل ، کأگ ۔ (۳) یُس بوہتان
آسہِ وَنان ، بوہدری آسہِ تھکاوان ۔

اَفراسیأبی ۔ تھوکُن ۔ پیٹنی بوہدری تھکنہٕ ۔
بوہتان وَننی ۔ گاٹہٕ جار تھوکُن ۔

اَفسر ۔[ ن ۔ مؤل : اَفسر < انگ : اوفسر (OFFICER) ]
دفترک زیٹھ ۔ سُہ یُس تل کانٛہہ
آسہِ کام کران ۔

اَفسری ۔[ م ۔ مؤل : اَفسری < انگ : اوفسر ]
(۱) حاکمی ۔ اَفسر سُنٛد عہد ۔ (۲) وَرگرٕ پاٹھی :

پٕہ ٹھوٗلی ۔ م : اَفسٕری چھُپھم ہاوان۔

**اَفسانہٕ** ۔ [ن ۔ مؤل ۔ افسان < ف : اَفسانہ، ژَنْد : اپیہٕ + سانہٕ < اَشا = س : اَبھشا] بَناوٹَن ہُنٛز کتھ ۔ دِل لگہٕ ؤنٛج تہٕ دِل پھُٹرٕ ؤنٛج کتھ ۔ داستان۔

**اَفسوٗس** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اَفسوٗس < ف : اَفسوٗس]
(۱) دوٗکھ ۔ غم ۔ فِکِر ۔ ماتَم (۲) ہے ہے، ہاے ، ہے کیا گوٗس ۔ م : اَفسوٗس بہٕ اوسُس نہٕ تتہِ۔

**اَفسوٗس کھیوٗن** ۔ (کُنہِ باپتھ) بھیُرن ، پَشتاوُن ۔

**اَفسوٗس گڈ۪ھن** ۔ تبٲہی گڈ۪ھنی ۔ وَدُن لایق گڈ۪ھن ، (وۄہۄ پاٹھی وَنہٕ یوان م۔

**اَفسوٗس لارُن** ۔ کوٚر مُت کوٚرُ گڈ۪ھن ۔ کرٕتہٕ راوُن ۔ وُنتھ نہٕ کھسُن ۔ کینٛہہ نہٕ اَتھہ ییُن ۔ کتی کتی اکوٗنٹ گڈ۪ھن ۔

**اَفسوٗس ناک** ۔ پَشتاوُنس لایق ، اَفسوٗسس لایق ۔

**اَفشان** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اَفشان < ف : اَفشان ۔ ژَند : اپیو + شُہ] مکوٗشِہ ۔ سونہٕ ؤتھرک ژرن ۔

**اَفضَل** ۔ [ مؤل ، اَفضَل < ع : اَفضَل ] یُس فَضیلتہٕ آسہِ ۔ سارِوٕے کھوتہٕ جان، کھسِتھ ، تھد پایک ۔

**اَفضَلَن چلِیہِ بٔٹھگہِ تہٕ چلِمہِ کھٔژ کاف**
(یا کانٛگرِ کھٔژ کاف) ۔ کمی نام کوٚر اَتھ تہٕ کُستام لوٗگ ٲلی ۔ کمِس نام راہ تہٕ کُستام لٲجِکھ ہانٛژھ ۔ م : اُتہٕ بلایہ ژٔٹ ۔

**اَفغان** ۔ [ن ۔ مؤل : اَفغان < ف : اَفغان]
اَفغانِستانٕک روزَن وول ۔ پٹھان ۔

**اَفغانِستان** ۔ [ن ۔ مؤل : اَفغانِستان < ف ؛ اَفغانِستان] اَفغانَن ہُنٛد مُلک ۔

**اَفغٲنی** ۔ [ن ۔ مؤل : اَفغٲنی < ف : افغانی]
(۱) اَفغانِستانٕک ۔ پٹھان ۔ (۲) اَفغانَن ہُنٛز زبان ۔

**اَفلاطوٗن** ۔ [ن ۔ مؤل : اَفلاطوٗن < ع : افلاطون < یوٗنٲنی : پلیٹوٗنکاس] اَکھ مَشہوٗر یوٗنٲنی فلسفی سُنٛد ناو ۔ ہَرِ پاٹھی تُسو نان یُس گاٹہٕ جارس دٔرِس دِیہ ۔

**اَفواہ** ۔ [م ۔ مؤل : اَفواہ ۔ < ع : افواہ < فوہ] شاوٕے ۔ شوٗوٕے ۔ ہوگ ۔

**اَفواہ باز** ۔ ڈَنڈ گوٚر ۔ شوٗو بہٕ ترٲوُن وول ۔ اور یور اَپُز کتھ پھالاوَن وول ۔

**اَفواہ بازی۔** ٹُڈِ ترٛاوُنک شوٗغُل۔ ٹُٹہٕ
گٔری۔ شوشہِ ترٛاوُنک کار۔

**اَقصا، (اَقصیٰ)** [ع: اقصیٰ] فلسطینس
مَنٛز اَکھ مشہوٗر مسجد یٚیمیٚنگ تذکرٕ
قرآنس مَنٛز تہٕ چھُ۔

**اَقلیتھ۔** [م۔ موٗل: اَقلیتھ < ع: اَقل]
گرٛۄنٛز مَنٛز لوٚکُٹ جماعتھ۔ مُ: اَکثرِیَتھ

**اَک:** [موٗل: اَک < س: ایکہ، ف: یک]
یہ چھُ کیٚنٛژن رلِمِش لفظن سیٚتی گوڈٕ لگان
اَکھ یا کُنہ ہاوَنہٕ باپتھ۔ م: اَکہِ وُہرٕ
اَکہِ نٔشِرُن۔

**اَکہِ بالہٕ کھالُن بیٚییہِ بالہٕ والُن۔** (۱) کانٛسہِ
کیٚنٛہہ وٗنۍ وٗنۍ سبٹھا وَلگتن دِنۍ۔ (۲) ہتولہ
وٕنٛنی۔ شٔبرٔنگ وٕنٛنی۔

**اَکہِ رنٛگہٕ بیٚیاکھ رنٛگ (گرٛزُھن)** (۱) شرمنٛدٕ
(گرٛزُھن)۔ خجل (گرٛزُھن)۔ اَکلہٕ بکل
(گرٛزُھن) (۲) (کھوژہٕ کِنۍ) بُتھِس زرٛدی
پھیرٕنۍ۔

**اَکہِ کنہٕ بوٗزُن تہٕ بیٚییہِ کنہٕ ترٛاوُن۔** کتھ بوٗزِتھ
نہٕ تتھ پیٚٹھ عمل کرٕنۍ۔ مسأوی زانٛہتھ ترٛاوُن۔
توجہ نہٕ دِیُن۔

**اَکہِ نانٛی۔** [ک اَکھ < اَک < س: ایکہ + نابھنالہٕ
(= ک۔ نان)] ــــ سہ زنانہٕ یٔس اَکھ
اَکس پتہٕ کورِ بے کورِ یا نیٚچوی نیٚچوی زیٚوان

**اَکے نالہٕ پھیرٕنۍ کڈُن۔** اَکھ اَکس لارِتھ
آسُن جانٛی یار آسُن۔ پانہٕ وٕنۍ گیہ آسُن۔
بیِن نہٕ آسُن۔

**اَکے وانہٕ نوٗن تیٚل۔** اَکے ڈٔسپلہٕ آسُن۔
اَکسے نشِ پژتھ حاجتھ لگُن۔

**اَکی زیٚوٕ وَنُن۔** (۱) کُنی کتھِ پیٚٹھ روزُن۔ لفظ
نہٕ بدلُن۔ قیمتھ نہٕ بدلاوُن۔ (۲) سارِنے
ہُنٛد شیمتھ اَکاے کتھ وٕننی۔ کُنی زیٚوٕ وَنُن۔
(۳) توانٛتی لٔمبکھ وَنُن۔ واکہِ تندل کرٕنۍ۔ ٹھکھ
کڈٕتھ روٗس وَنان گرٛزُھن۔

**اَکہِ بی۔** اَکھ دوٗہ ترٛاوِتھ بیٚییہِ دوٗہہ۔

**اَکہِ بی دُبی۔** کُنہ کُنہٕ دوٗہہ۔ مُنٛزی مُنٛزی۔

**اَکہِ تاجہہ۔** [موٗل: اَکہِ تاجہہ < س: ایکہ چتوارِ
[illegible]] اَکہِ پیٚیٹھی زٔتجہہ۔ زور دٔہی تہٕ اَکھ۔
زٔتجہہ تہٕ اَکھ۔

**اَکہِ تاجہہیٚم۔** بیٚیچ واری یا وزِ بیترِ اَکہِ تاجہس
پیٚٹھ پیہ۔ اَکہِ پیٚیٹھی زٔتجہیٚم۔ زور دٔہی
تہٕ اَکیٚم۔ زٔتجہہ پتے آسہ وُن۔

**اَکہِ ترٛہ** ۔ [مٔول : اَکہِ ترٛہ > س : ایکہ ترِمشت]
اَکہِ ہیٛنٛٹھی ترٛہ ۔ ترٛے ڈٕہی تہٕ اَکھ ۔
ترٛہ تہٕ اَکھ ۔

**اَکہِ ترٛہٕیُٛم** ۔ ہیٛنٛچ وٲری یا وِز بیٛترِ اَکہِ ترٛہس
پیٛٹھ ہیہِ ۔ اَکہِ ہیٛنٛٹھی ترٛہٕیُٛم ۔ ترٛہس
پَتے آسہ وُن ۔

**اَکہِ سَتتھ** ۔ [مٔول : اَکہِ ستتھ > س : ایکہ
سپتتہِ] اَکہِ ہیٛنٛٹھی سَتتھ ۔ ستہٕ ڈٕہی تہٕ اَکھ ۔
سَتتھ تہٕ اَکھ ۔

**اَکہِ سَتتھیُٛم** ۔ ہیٛنٛچ وٲری با وِز بیٛترِ
اَکہِ سَتتس پیٛٹھ ہیہِ ۔ اَکہِ ہیٛنٛٹھ سَتتھک
سَتتھ پَتے آسہ وُن ۔

**اَکہِ شیٛتھ** ۔ [مٔول : اَکہِ شیٛتھ > س : ایکا
شیتہِ] اَکہِ ہیٛنٛٹھ شیٛتھ ۔ اَٹھ ڈٕہی تہٕ
اَکھ ۔ شیٛتھ تہٕ اَکھ ۔

**اَکہِ شیٛتھیُٛم** ۔ ہیٛنٛچ وٲری یا وِز اَکہِ شیٛتس
پیٛٹھ ہیہِ ۔ اَکہِ ہیٛنٛٹھی شیٛتھک ۔ شیٛتہِ
پَتے آسہ وُن ۔

**اَکہِ نَمتھ** ۔ [مٔول : اَکہِ نَمتھ > س : ایکہ نوتہِ]
اَکہِ ہیٛنٛٹھی نَمتھ ۔ نَو ڈٕہی تہٕ اَکھ ۔ نَمتھ
تہٕ اَکھ ۔

**اَکہِ نَمتیُٛم** ۔ ہیٛنٛچ وٲری یا وِز اَکہِ نَمتس پیٛٹھ
ہیہِ ۔ اَکہِ ہیٛنٛٹھ نَمتک ۔ نَمتہ پَتے آسہ وُن ۔

**اَکہِ نَندُن** ۔ [ن ۔ مٔول : اَکہِ نَندَن > س : ایکہ +
نَندنہ] کُنُے ٹوٹھ گوٚبُر ۔

**اَکہِ وَنٛژاہ** ۔ [مٔول : اَکہِ وَنٛژاہ > س : ایکہ پنچاشت]
اَکہِ ہیٛنٛٹھی پَنٛژاہ ۔ پانٛژہ ڈٕہی تہٕ اَکھ ۔ پَنٛژاہ
تہٕ اَکھ ۔

**اَکہِ وَنٛژاہیُٛم** ۔ ہیٛنٛچ وٲری یا وِز اَکہِ وَنٛژہس پیٛٹھ
ہیہِ ۔ اَکہِ ہیٛنٛٹھی پَنٛژاہیُٛم ۔ پَنٛژاہس پَتے
آسہ وُن ۔

**اَکہِ وُہ** ۔ [مٔول : اَکہِ وُہ > س : ایکہ وِمشتہِ]
اَکہِ ہیٛنٛٹھی وُہ ۔ زٕ ڈٕہی تہٕ اَکھ ۔ وُہ تہٕ اَکھ ۔

**اَکہِ وُہیُٛم** ۔ ہیٛنٛچ وٲری یا وِز اَکہِ وُہس پیٛٹھ
ہیہِ ۔ اَکہِ ہیٛنٛٹھی وُہیُٛم ۔ وُہس پَتے
آسہ وُن ۔

**اَکہِ ہاٹھ** ۔ [مٔول : اَکہِ ہاٹھ > س : ایکہ ششٹہِ]
اَکہِ ہیٛنٛٹھی شیٛٹھ ۔ شیٛٹھ تہٕ اَکھ ۔ شےٚ ڈٕہی
تہٕ اَکھ ۔

**اَکہِ ہاٹھیُٛم** ۔ ہیٛنٛچ وٲری یا وِز اَکہِ ہاٹھس
پیٛٹھ ہیہِ ۔ اَکہِ ہیٛنٛٹھی شیٛٹھک ۔ شیٛٹھ
پَتے آسہ وُن ۔

**اَکرپھو** ۔ [ن ۔ مؤل : اَکرپھوٚ (ہ/ ژ : اَکرپھوٚن]
ژھوکھ ۔ دَزبٕز ۔ دٕہ ترٛاوُن ۔

**اَکڑ** ۔ [م ۔ مؤل : اَکڑ (س : اَنگ] ترٛکجار ۔
وُٹھنہٕ یُن ۔ تکبُر ۔

**اَکڑی** ۔ ہٹھ دَرم ۔ ہٹھ دَرمی (اِنسان) ۔
ترٛکُر ۔ ترٛوٚشں ، کبری ۔

**اَکادمی ، اَکاڈمی** ۔ [م ۔ مؤل : اکادمی (یوٗنانی
اکاڈمیہ] عٔلِم تہٕ ادبک اِدارٕ ۔

**اَکار بکار گَژھُن** ۔ [ف : بکار + پوٚت صَدا ۔ اَکار]
کامہٕ لَگُن ۔ ساڈُن ۔ پَلزُن ۔

**اَکار بکار یُن** ۔ مَدتھ کرُن ۔ کُنہٕ کامہٕ مَنز اَتھ
روٚرٹ کرُن ۔ کامہٕ پَلزُن ۔

**اَکال** ۔ [ن ۔ مؤل : اَکال (س : اَکالہ] ۔ کالہٕ
روٚس ۔ کالہٕ ہِبر ۔ لازماں ۔ زانٛہہ نہٕ
مرُون ۔ لافانی ۔ دوٚہے پوشہٕ وُن ۔
دیپہ شُند اکھ ناو ۔

**اَکالہٕ پوٚش** ۔ [ن ۔ مؤل : اَکالہٕ پوٚش (س : اَ +
کالہ + پُشپہ] بےٚ موقہٕ پھوٚلمُت پوٚش ۔
وُرگہٕ : سیٹھا بَدٕس زامُت شُر ۔ جوٗانی
ڈٔلِتھ زامُت شُر ۔

**اَکال سوٗکال** ۔ [ن ۔ مؤل : اَکال سوٗکال (س :
اَکالہ + سُکالہ] ۔ یِنچھ وَق رُت وَق ۔
وَقتہٕ بےٚ وَقتہٕ ۔ م : (کانٛہہ چیز یا
شَخص) اَکالہٕ سوٗکالہٕ بکار یُن ۔

**اَکٕری ، اَکٕریٖیے** ۔ [ن ۔ مؤل : اَکٕڑی/ اَکٕریٖیے (س :
اَ + کرٕیہ] بےٚ کار ۔ کارٕ روٚس ۔ یُس نہٕ
کارس لَگہٕ ہار آسہٕ ۔ بے عمل ۔ کرٕے نہٕ کرُون ۔
م : کیٛنٛہہ چھے سَنان کرٕتھ اَپٕتی
کیٛنٛہہ چھے گرٕہہ بِزتھ اَکٕریٖیے
(لل دید)

**اَکابِر** ۔ (اَکاٗبر) [ع : اکابر] زٕٹھی ۔
بُزرگ ۔ بٔڈی ۔

**اَکاٰلی مرُن** ۔ وَقتہٕ برٛونٛٹھے مرُن ۔ سیٚزے واتنہٕ
برٛونٛٹھے مرُن ۔ بے موقہٕ مرتھ گژھُن ۔
اَ پیہٕ مرِتھ گژھُن ۔

**اَکاٰلی وَرشُن** ۔ بےٚ موقہٕ روٗد پیوٚن ۔ ییٚمہٕ وِزِ
گوٗژھ تَمہٕ وِزِ نہٕ تہٕ ییٚمہٕ ساتہٕ نہٕ پزِ ہے
تَمہٕ موقہٕ روٗد پیوٚن ۔ وَقتہٕ برٛوٚنہہ یا
وَقتہٕ پَتہٕ روٗد پیوٚن (ییٚمہٕ سٟتی فصلس
نقصان واتہٕ) ورگہٕ پاگڈٕ موقہٕ ڈٔلِتھ
گیٛنٛہ بُنِن ، ییٚلہٕ نہٕ پزِ تیلہٕ
رٕبِن ۔

**اَکہِ ہار** ۔[ن ۔ مؤل : اَکہِ ہار <س : اَکشہ واٹہٕ ] اَکھاڑٕ ۔ پہلوانَن ہِنٛد دَبہٕ دَب کرٕنۍ جاے ۔

**اَکہِ ہۆت** ۔[ن ۔ مؤل : اَکہِ ہَت <س : اُتنگ + ک : ہۆت <س : ہَتہٕ یا <س : اَکہٕ + ہَتہٕ ] سخ تھٲوِکھی ۔ پریشان ۔ دِل مُلول ، کھیِن ۔ لتہٕ تل گومُت ۔

**اَکُن** ۔ ۱۔ (زیادٕ کامہٕ بینز سیتی) ژھۄکُن ۔ تھکُن ۔ ہیکتھ نہٕ روزٕنۍ ۔ ۲۔ تنگ یُن ۔

**اَکوٗنٹنٹ** ۔[ن ۔ مؤل : اَکوٗنٹنٹ <انگ ؛ اکاوٗنٹنٹ (ACCOUNTANT)] کُنہِ را دارکہِ خرچک تہٕ آمدنی ہُنٛد حساب بوزن تہٕ تھاون وول ۔ گُماشتہٕ ۔

**اَکۆت** ۔[ن ۔ مؤل : اَکَت <س : اُ + کرٕت > پراکرت : کَت ] یِہ کتھ نہٕ آسہِ نہٕ آمُت ۔ یہ نہٕ کۄتمُت آسہِ ۔ کتہٕ نے ۔

**اَکور** ۔[ن ۔ مؤل : اَکار <پراکرت : اَ + کڈھ <س : اَ + کرشتہٕ یا <س : اَ + کوتھ ] یہ نہٕ کورمُت آسہِ ۔ یِہ کینٛژھا گژھ کہٕ ناوٕنے آسہِ ۔ اوسہِ ۔

**اَکول** ۔[ن ۔ مؤل ؛ اَکول <س : اَکُلہٕ ] یُس کولہٕ (یانے کٲبٕنٲتی ظہور) آپورچھ ۔

م : واکھ مانَس کھول اَکول نا اُتے ۔ (للہ دید)

**اَکبر** ۔[ن ۔ مؤل : اَکبر <ع : اَکبرٕ ] سارِوٕے کھوتہٕ بوڈ ۔ ہِنٛدُستانُک مشہور مغل بادشاہ ، یٔمی ۱۵۸۶ء منٛز کشیر فتح کُر ۔

**اَکتوٗبر / اوکتوٗبر** ۔[ن ۔ مؤل : اکتوبر <انگ ؛ اوکٹوبر (OCTOBER)] عیسوی ورییُک دٔہیُم رٮ۪تھ ، امہِ پتہٕ یچھ تہٕ کارتِکُک گوڈٕ پچھ ۔

**اَکثر** ۔[مؤل : اَکثر <ع : اَکثر] زیٛٹھ ۔ زیٛٹھ پاٹھی ۔ ژری پاٹھی ۔ گرِ گرِ ۔ عموماً ۔

**اَکثریت** ۔[م ۔ مؤل : اَکثریت <ع : اَکثریتہ] گۆڈنٕ منٛز زیادٕ جماعتھ ۔ م : اَقلیتھ ۔

**اَکڈابہٕ ماصم** ۔[مؤل : اَکڈاپہٕ ماصم <س : ایک + پراکرت : اُڈڈھایا] ہرنہٕ پاٹھی تَس جوان وَننہٕ یُس بوڈ ناسِتھ لوکُٹ آسہِ ۔

**اَکسیر** ۔[ن ۔ مؤل : اَکسیر <ع : اَکسیر] کارگر دوا ۔ سُہ دوا یٕمہِ سیتی کانٛہہ دود بلہِ ۔

**اَکلہِ بکل** ۔[م ۔ مؤل : اَکلہِ بکل <پراکرت : ہکہٕ

م : ۵/ اُ ہکا بکا ۔ کماوُنی : اَکہ بکنو ]
پریشانی ۔ ہوش رٲوُن ۔ حلیہ وِسرُن ۔

**اَکھ** ۔ [ ژول : اَک دِس : ایکہ ۔ ف : یک ،
یوٗنانی : اے کوس ۔ لاطینی : اے کوٗس ]
۱) گڑنُک ہِندسہ ۔ ۲) کُن
م : سُہ چھُ ستَن بیٚنیَن مَنٛز اَکھ بوے ۔
۳) کانٛہہ ۴) (دہرنہ پاٹھی) ییٚس نہٕ جوٗر آسہِ ۔
م : ۱) سُہ چھُ اَکھ اَڈٕ ژوٚٹا ، ۲) سُے یوت
چھُ اَکھ زوٗن یُس اَمیُک علاج زانان چھُ ۔

**اَکھا اَکھ** ۔ ۱) ساری ۔ پٔرتھ کانٛہہ ۔
۲) اَکھ اَکھ کٔرِتھ ۔ اَکِس پتہٕ اَکھ ۔

**اَکھ اَکی کیٛا نام اَکھ** ۔ اَکھ اَکو اَکھ ۔ اَکہ
گوٗن اَکھ ۔ اوٚگُن اَکھ ۔ (پہاڑ پٔرنہٕ
وِزِ وَنان) ۔

**اَکھ بیا کھ** ۔ ۱) کانٛہہ کانٛہہ ۔ وۄپَر ژٕ وۄپَر ۔
۲) واریاہ کم ۔

**اَکھ تہٕ اَکھ گوٚ کاہ** ۔ ۱) کاہ لیکھنہٕ باپتھ
چھُ دۄ پہ پھر اَکھ یوان لیکھنہٕ ۔ وَرگہٕ پاٹھی ؛
اَکھ اَکھ شُمتھ چھُنہٕ جماتھ بنان ۔ یہ
چھُ تمِہ ساتہٕ وَنان ییٚلہِ شمِراوِس بلیٹھ
نصیحتھ کرنی آسہِ ۔

**اَکھ تہٕ پٔننی** ۔ پانیُو پانیُو کرُن ۔ پٔننہٕ
نیٚ یوت پان گٔنٛزرُن ۔ اَکھ کتھ
پٔننہٕ وزارِ ڈوکھ دِیُن ۔ صرف پٔنُن
خیال آسُن ۔

**اَکھ تہٕ زٕ کران** ۔ جَل جَل ۔ وُچھان وُچھان
ٹار تھوٗنے (کانٛہہ کیٛہہ کرناوُن یا وَنہٕ
ناوُن) م : ۱۔ اَکھ تہٕ زٕ کران ہیوٚتنس
سوٗرے مال واپس ۔ ۲) اَکھ تہٕ زٕ کران
وَنہٕ نووُن ماجِ ہِندٕ دۄد نام ۔

**اَکھ جوٗر** ۔ ۱) زٕ ۔ ۲) وُج ۔ ہوٗر ۔
۳) پکو جوٗر یا پوٗشہ تہٕ پھیرُن ۔

**اَکھ خوٚہ جَس سٕتی بتہٕ کھیوٚن بیٚیر ہا
سِنس کُن اَتھ نیُن** ۔ یہ چھُ ہرِ
پاٹھی وَنان ییٚلہِ کانٛسہ پٔننہٕ بجرُک
کمام آسہِ ۔

**اَکھ ڈُڈ بیٚیہ ماجہِ کیٛت ٹوک** ۔ اَکھ
بِنیٚ سالی بیٚیہ ماجہ کیٛت حصہ ۔ وَرگہٕ پاٹھی :
اَکھ آسِس نہٕ حق زٕکانٛہہ چھِنہٕ نٔنگ
بیٚیہ لَدِ زٕرو ۔

**اَکھ کھوٗت گرٛس بیا کھ کھوٗت دوٚیہ** ۔
اَکِس شٔنِد آرزو نہٕ چھُ بیا کھ تہٕ گران

یہِ نہٕ شوٗبہِ۔
اَکھ نَتہٕ اَکھ۔ کانٛہہ نَتہٕ کانٛہہ۔ کانٛہہ اَکھا۔
بیٛیِس منٛز کانٛہہ۔
اَکھ وُکھرٕ بیٛنیِہ تژ کُر۔ (۱) اَکھ نہٕ وارُل
بیٛنیِہ اورٕ ٹھکران۔ اَکھ آسہِ اورٕ لوٗنٛگ
لیوٗزہ تہٕ بیٛنیِہ ہاومیٛنگ دِتہٕ پیٛرِنس
گابس کُن گژھہ نہٕ) (۲) اَکھ چھُس راہ
تہٕ بیٛنیِہ چھُ ٹِکرِ دوٗر۔

اَکھا۔ [س: ایکہ+ک: آہ] ۱۔ اَکھ۔ اَکھ یُو۔
(۲) کانٛہہ اَکھ۔ م: اَکھا سوٗزی توٗن یوٗر۔
(۳) چالبازا، چالاکھا، کھوڑ پھیٛچلا۔ م:
ژٕ ذانہٕ نأنہٕ شہ چھُہ اَکھا۔

اَکہ اَکہ۔ اَکھ أکس پتہٕ۔ أکس پتہٕ اَکھ۔
اَکھ اَکھ کرِتھ۔ اَکہِ پھرِ اَکھ۔ وارِ وارِ۔

اَکہِ پارِ۔ اَکہِ پاسہ۔ اَکہِ أتھرِ۔ اَکہ طَرفہٕ۔

اَکہِ پأرِی۔ اَکہ پاسہ کنی۔ اَکہ أتھرِ کنی۔ اَکہِ لَرِ۔

اَکہِ چالہِ۔ کُنہِ اَکہ طریقہٕ۔ کُنہِ اَکہ وَتہٕ۔

اَکہِ چالہِ اَکہِ۔ کُنہِ نَتہٕ کُنہِ طریقہٕ۔ کُنہٕ نتہٕ
کُنہِ وَتہٕ۔ کُنہِ نَتہٕ کُنہِ کنی۔

اَکہِ دۄہہِ۔ گَنڈِتھ کُنہِ دۄہہ۔ کُنہِ دۄہہ۔

اَکہِ دۄہہِ اَکہِ۔ کُنہِ نَتہٕ کُنہِ دۄہہ۔ اَکہ نَتہٕ
اَکہِ دۄہہِ۔ م: اَکہِ دۄہہ اَکہ بیٛیہ شہ
پانے وَتہٕ۔

اَکہِ رَنگہِ۔ اَکہِ چالہِ۔ اَکہِ حسابہٕ۔ اَکہِ طریقہٕ، وَتہٕ۔

اَکہِ ریٖتہٕ اَکہِ۔ کُنہِ نَتہٕ کُنہِ ریٖتہٕ۔ أکس نَتہٕ أکس
رٕتس منٛز۔ اَکہ نَتہٕ اَکہِ ریٖتہٕ۔

اَکہِ سَمیہٕ اَکہِ۔ (۱) اَکہِ زمانہٕ۔ کانٛہہ وَقتا
اوس بیٛلہِ (یتھ کالہِ) (۲) کُنہٕ نَتہٕ کُنہِ وَقتہٕ
(بَڑوشہ کُن)۔

اَکہِ لَٹہِ۔ (۱) اَکہِ وِزِ۔ اَکہِ پھِرِ۔ کُنہِ ساتہٕ۔
(۲) اَکہِ پھیٛرِ۔ اَکھ لَٹ کرِتھ۔

اَکہِ لَٹہِ اَکہِ۔ (۱) اَکہِ وِزِ۔ اَکہِ سَمیہٕ اَکہِ۔
اَکہِ وَقتہٕ۔ (۲) اَکھ لَٹ کرِنہٕ وِزِ۔ أکس
پھیٛرس منٛز۔ اَکہِ پھیٛرِ۔

اَکی پأرِی۔ اَکی یوت پاسہٕ۔ اَکی یوت
طَرفہٕ۔ اَکی لَرِ۔

اَکی پھِرِ۔ اَکی وِزِ یوت۔ م: شہ بلبو
اَکی پھِرِ دَوا چیٛنتھ۔ کُنی لَٹہِ، م: اَکی
پھِرِ سور تُمی سورِے ساماہٕ۔

اَکی لَرِ۔ (۱) اَکی پاسہ۔ ڈیچھنی یا کھوورِی
اَکی سے طَرفس پیٛٹھ۔ (۲) اَکہِ لَبہِ۔
م: ناو پھٹے اَکی لَرِ۔

(۳) لَرِ پھِرُن، دِنہٕ لَگار۔ م: اَتھٕ راٹُن
اوٚسُن، ہیٚر اَکی لَرِ شوٗنگُتھ۔

**اَکی لَرِ نٕہ اَکی شانٛدِ پیوٚن۔** تیٚشتھ پیوٚن یُتھنہٕ
پتہٕ تھوٗدُے وۄتھُن۔ یِرٕ چھُ اَکھ وۄہو۔ م:
گژھہِ پییٚن اَکی لَرِ نٕہ اَکی شانٛدٕ۔

**اَکُے۔** صِرف اَکھ۔ کُنُے۔ نہ اَکہِ زیادٕ نٕہ نٕہ
اَکہِ کَم۔

**اَکِس اُچھ سۄرمہٕ اَکِس اُچھ نَلہٕ تھوٗتھ۔**
دۄن مَنٛز فرق گَنٛزرٕنی۔ زِ نظر کَرُنہٕ۔ (زِ
اُچھ وَرُنہٕ)۔

**اَکِس دزان دار تہٕ بیاکھ وۄشاوان اَتھ۔**
اَکِس گژھان نوقصان تہٕ بیاکھ وۄزان مساوی۔
کانٛسہِ وانان زَکھ تہٕ کانٛہہ چھُس تژاوان اُسنا۔
ہیرِ چھُ تیٚلہِ وَنان ییٚلہِ کانٛہہ کانٛسہِ ہنٛد
مُصیبتھ مساوی زانہٕ یا تتھ پیٹھ خوش گژھہ

**اَکِس موٚٹھ نہٕ لَچھِ دۄد بیٚیِس موٚٹھ نہٕ بچہٕ**
**دۄد۔** ییٚرتھ کانٛسہِ چھُ پَننے پَننے دۄد
تھاوُن۔ ییٚرتھ کانٛہہ چھُ پَنٕنِس پَنٕنِس
دادِس وَدان۔

**اَکی ژٕٹ شَم تہٕ ساس گوٗکولہٕ۔** اَکی سِندٕ
کَمہٕ اوٚنہٕ چھُ ہتہٕ بَدی کولہٕ گژھان۔

وَنگہِ: اَکی سِندٕ اَتر کَرُنہٕ چھُ ساس وٕلنہٕ یوان۔

**اَکی ہِنٛز دِزوکھ تہٕ بییہٕ سُنٛد غذا۔** یہِ
اَکھ تژاوِتھ ژھینہٕ تہٕ چھُ بیاکھ زٕنتہٕ لبان۔
یہِ چھُ تیٚلہِ وَنان ییٚلہِ کانٛہہ روشنہٕ
یا پھوشنہٕ کِنی کینٛہہ تژاوِتہٕ بیٚیِس مِیر
تِمی مَنٛز مطلب۔

**اَکھ سُنٛد نہٕ دزان تیٚل بییہِ سُنٛد وزان**
**آب (پونی)۔** کانٛسہِ چھِنہٕ سیٹھا
خرچ کَرِتھ یا رَنٛگہٕ رَنٛگ کَرِتھ تہٕ کینٛہہ اَتھہ
یوان تہٕ کانٛسہِ چھِیہٕ پَنُن مطلب نیران۔
اَکِس کَرِتھ کژاوِتھ کولہٕ گژھان بییِس
نہٕ کَرنے مُعجزاہی میلان۔

**اَکھیٖم۔** گوڈنیُک۔

**اَکھا گومُت ہیرِ تہٕ وِہرِ مَنگان کانگ۔**
مولہٕسی تہٕ موٚتاجی مَنٛز چھِنہٕ عواس
ڈٕنجہٕ روزان۔ تہٕ ڈیچھتھ گوزٕ اَکھاہِ مَنٛز
چھِنہٕ انسانس یہٕ تَنگان بوزُن زِنُس کَراش
پَزِ کیا مَنگُن۔ یہِ نہٕ مولے بَنہٕ وُن آسہٕ
تمہٕ بایتھ آش گَنڈنی۔

**اَکھاڑ۔** [ان۔ مول: اَکھاڑ دس: اَکشہ واٹہ]
اَکھہٕ ہار پہلوانَن ہنٛد دبہٕ دب کَرُنٕچ جاے۔

**اَکھیر** ۔[ مؤل : اَکھیر ﴿س : اَکْشَر ] اوم ہیٚوٗ اَچھُر ۔

**اَکھنٹے** ۔[﴿س : ایکَہ + تہٕ ] یِہ اَمِستہ ہِہ ۔ اَمہِ پَتہٕ ترٕ ۔ تو ترٕ ۔ بیٚنٛیہ ترٕ ۔

**اَکھیوٚن** ۔[ن ۔مؤل : اَکھین ﴿س : اَ + کھادنَہ ]
(۱) نہٕ کھیوٚن ۔ کھین نہٕ وُسُن ۔ کھیتھ نہٕ ہیکُن ۔ یہِ چھےٚ اَکھ بیمارٕ ی یَتھ اَنٛدر مال رٹان چھُ (۲) یَس نہٕ پَنٛنی زٕ ی بینٛترِ چھاوٕ نی یٹٛیرِ ہ ۔ یَس اُنٛتھ زہٕ ہنتھ نہٕ آسُن گژھہ ۔ بیٚرِ چھ اَکھ وۄٚ ہوترِ ۔ م : تَس گژھِن اَکھیوٚن یٹٛیمی اَپُز وۄٚن ۔

**اَگ** ۔[ن ۔مؤل : اَگ ﴿ پراکرت ، اَگہٕ ﴿س : اَگرَ ] اُلکرِ ہنٛز دَتھ با وَٹہٕ آمُت دوگُل ہیٚوٗ ۔ اُلکرِ اَنٛدرِ کِنی وَٹہٕ آمٕت سِپس ہِش ۔
اَگس مَکٕش لاگٕنی ۔ اَکی کَتھ ہُنٛد تذکرٕ بے شُمار لَٹہٕ کَرُن یُتھ کھَرِ ۔ بُتھِ لَگُن ۔ واد کَرُن ، تَھپہ نہٕ تُلنی ۔ اَگادِ گژھُن ۔

**اَگل** ۔ اَگہٕ دار ۔ یَتھ اَگ آسِن ۔

اَگہٕ ٹھٕ گُر ۔ (اُلکرِ کامہِ مَنٛز) اوگُرتھو گُر ۔

اَگہٕ راٹھ ۔ اَگہٕ تنٛدُل ۔ سیٚٹھا اَگ ۔

**اَگہٕ زول** ۔ ۱۔ واریاہ اَگ یِم نہٕ تنٛدلِ آسَن

اَگہٕ جو ٹھُر ۔ ۲۔ سیٚٹھا کھُرٕ ی دار ۔

**اَگہٕ زیُن** ۔ اَگو بُرِتھ زیُن ۔ زیُن یَتھ واریاہ اَگ آسَن ۔

**اَگہٕ گنٛڈ** ۔ بچہ یا کَرٕ ہنٛز کَبٕنٛہ اَگ نیٚبرِ تھ زُھرحاے ۔

**اَگہٕ ملاے** ۔ ژٕ مۄٚٹ تیٚل ہیٚوٗ یُس اَگس پَشپان چھُ ۔

**اَگَر** ۔ [ن ۔مؤل : اَگر ﴿ف : اَگر ] ہَر گاہ یوٚد ۔ یوٚدوَے ۔

**اَگرچہ** ۔ یوٚدوَے زَن ۔ حالانٛکہِ ۔ یہِ اَمِستہ ترٕ ۔ ترٕ کرِتھ ترٕ ۔

**اَگرخائن ہوٚس** ۔ ( اَکھ تلمیح ) بلاے اَگادِ گژھنی ۔

**اَگَست** ۔[ن ۔مؤل : اَگَست ﴿ انٛگ : اوٕ اَگسٹ ( AUGUST ] عیسوی وَرِ ی یُک اِٹھیُم رِیتھ یَتھ اَکثر ہہ دۄہ چھِ آسان ، اوٚڈا شراوٕنُن تہٕ اوٚڈا بادرٕ ی ہیٚتِک رِیتھ ۔

**اَگَستہٕ پوش** ۔[ن ۔مؤل : اَگَستہٕ پوش ﴿س : اَگستیہَ + پُشپَہ ] ہَرد ِ پھولونہٕ اَکہٕ خوشبوٗ دار کُلُک پوش ، اَتھ کُلِس چھ کَم کاہ پَرِتھ کُنہِ رَنٛگہٕ پوش پھولان ۔ یہ چھُ دوٚیس ترٕ لگان ۔ وَرگہٕ باٹھی : کانٛہہ موٗل چیٚنٛز بیترِ

لُس خالے بنہٕ ۔ م : ئبُڑتھ شُر زیوٗن
گوٗ اَگَتہٕ پوشِس ۔

اَگَن ۔ [ن ۔ مؤل : اَگَن دس : ایکہٕ گُنہٕ ] اَکہٕ گوٗن ۔ یِتھ اَکے ناہ آسہِ، دوٗگُن تریٚگُن آسہِ نہٕ کوٗرمُت ۔ یہ لفظ چھُ " اَکہٕ گوٗن " لفظُک ژھوٚٹ ۔

اَگنس دوٗگَن : ۔ اَصلُک دوٗگنہٕ ۔ یہ شوٗیہٕ نَمہٕ دوٗگَن ۔ یہ چھُ نَمہٕ وِزِ وَنان ییلہِ ناداَنی کِنی پَزِ کھوٗتہٕ زیوٗر گاٹہِ ہیٚنہٕ ییلہِ بُزن ۔

اَگَن بوٹ ۔ [ن ۔ مؤل : اَگَن بوٹ دس اَگنہٕ + انگ بوٹ (BOAT) ] موٹربوٹ ۔ سہٕ ناو یُس مشینہِ سیٚتی باہر کہ زورِ چلان چھےٚ ۔

اَگاد ۔ [مؤل : اَگاد دس : اَگادھ ] (۱) اَنتہٕ روٗس (۲) یِتھ نہٕ وونُنہٕ آسہِ، ستھاہ شروٗن (۳) سوٗن تہٕ گوٗب موٗہنیُو ۔

اَگادِ گنڑھن ۔ (۱) تمہٕ وِزِ وَننہٕ یوان ییلہِ کانہہ کانسہِ برابر تیٚتس کانسہِ پتہٕ لگہِ یِلہِ تام سُہ پیٚنُنی کام کٔڑتھ نہٕ ۔ ہتہٕ لگُن ۔ تھپہٕ نہٕ تُلنی (۲) ئلی پڑُن ۔ م : بوزِ گیوٗ تس سلامہٕ نوٗد گوٗم اَگادِ ۔

اَگال مَگال : [ن ۔ مؤل : اَگال مگال دس : اُد + گار

تُم : ہ/ڈ : اُگال + وَدنہٕ یا یِتھ، مگال ] (۱) بلاے ئلی ہتھ ۔ (۲) ییٚتھ لیکھیٚت ییٚتھ بڑائی آسن وُٹھی ہتی ۔ اَشو دلیکھیٚت ۔ فلطیو بُرتھ لیکھیٚت ۔

اَگہٕ ۔ [دس : اَگر / اَگرے ] ہرُوٹھوکنہٕ ۔ ہیٚتھ ۔ اَگہٕ لگُن ۔ ہُنہٕ لگن (بلایہ یا زُنجیر ہیٚنہٕ) ۔

اَگُر ۔ [ن ۔ مؤل ، اَگُر دس : اَگُر ] اَکہٕ قسمُک خوشبوٗدار کُل ۔ اَتھ چھُ (صبر) دوائی بنان ۔

اَگر کاٹھ ۔ [دس : اَگُر + کاشٹھ ] اَگرُک کاٹھ ۔ اَگرُک لکڑ ۔

اَگیان ۔ [ن ۔ مؤل ، اَگیان دس : اَ + جنیان ] گیان نہٕ آسُن ۔ زان نہٕ آسُنی ۔ ناواقفیت ۔ مُرکھت ۔

اَل ۔ [م ۔ مؤل : اَل دس : اَلابہٕ ] لاَرہ ژ اَٹھ ہُند اَکھ میوٗ یُس ترکاری لگان چھُ ۔ اَتھ چھ زٕ قسم یِتھ کانتُر اَل وَنان چھِ تہٕ بیاکھ ہینار وہند ہیوٗہ گول یِتھ یارِم اَل وَنان چھِ ۔

اَلَن ہُندِ خارٕ اَتہٕ وانگنَن سٔگ ۔ اَکی سَندِ فایدُک ہر ترٕ چھُ بیٚیس نقصان ۔

اَلہٕ ہُنٛد پھل ۔ ڈاٹھ ہُندی یا ژ ہوی ۔

اَلہٕ ۔ 'اَل' لفظُک جمع ۔

اَلہٕ بُرگ ۔ اَلہٕ وُتھر ۔ اَلہٕ کُلُک پن ۔

اَلہٕ بیوٗل ۔ اَلہٕ ہُند بیوٗل (یہ چھُ اَلہٕ اَنڈری کِنی آسان)

اَلہٕ پوش ۔ سُہ پوش یُس اَلہٕ کُلس پھوٚلان چھُ،

یہِ چھِ موٗنڈ کرِتھ کھیوان۔

الہٕ پوشہٕ موٗنڈ۔ اَتھ سیتی بنٕناوتھ الہٕ
پوشن ہنٛز موٗمت وۄر۔ الہٕ پوشہٕ وۄر۔

الہٕ پھلہار۔ رَنٛتھ وِگرٕ ہِش بناونہٕ آمِت
ال۔ یہِ چھ کیٚنہہ لوٗکھ تمہٕ دۄہہ کھیوان
ییٚلہِ فاقہٕ آسہٕ دۄرمت۔

الہٕ تیل۔ سُہ تیل یُس الہٕ بیالہٕ منٛز کڈنہٕ
چھُ یوان۔ الہٕ بیالس کوڈمُت تیل۔

الہٕ تھپھ۔ الہٕ پھلہار چ تھپھ۔ ہیوٗنٛت
الہٕ پھلہار لوٗت اَتھس منٛز کھینہٕ باپتھ
تُلی نہٕ۔ ورگہٕ، واریاہ پٔنہٕ ڈٕنھرِ تہٕ کاکز پرزٕ
ہیتھ پمن واٹھ ہیوٗہ پانہٕ وِنی لوٗگمُت
آسہٕ۔ پمن ژرٕ ژوٹ آسہٕ گومُت۔

الہٕ دِل۔ الہٕ ہُند دِل۔ الَن ہنٛز پیٚٹھم
گُنٛڈ۔ الہٕ کِکر۔

الہٕ زُلُن۔ الہٕ ہُندس حِصہٕ یُس نہٕ رَنٛنہٕ ییہِ
(مثلن: دِل، ہوٗتمت نہٕ خراب گومُت ۔
حِصہٕ تہٕ بیالی بینٛتر)۔ الہٕ ژھوٗٹھ۔

الہٕ ژوٗر۔ ۲۔ الہٕ کُلس ژوٗر دِنۍ۔ ژوٗر دِنٛن
گیہٕ کُلس اَنٛدی اَنٛدی کُھ بیتر گڈتھ نیٚن
تہٕ مینٛز وہ پھر اوتھ ٹھونی۔ ۲۔ سہٕ

یُس الہٕ ژوٗرٕ نیرِ۔

الہٕ کِکر۔ الہٕ گُنٛڈ۔ الہٕ دِل۔

الہٕ کانٛج۔ الہٕ ترٛیج، یوسہٕ رَنٛتھ کھیوان چھِ۔

الہٕ کانُل۔ الہٕ کُلی چہ لنٛجہٕ۔

الہٕ کرٕ ٹنٛگس یا وانٛگن۔ (کانٛسہٕ لاپروا
یا اَن ہیٚچھرس مُتلق وَنان) ٹھپکھ
کرِتن یا ناکارٕ د آسہٕ کیا)۔

الہٕ گُنٛڈ۔ الہٕ کِکر۔ الہٕ دِل۔

الہٕ کُل۔ الہٕ ژانٛٹھ۔ سہٕ کُل یتھ الہٕ ییٚرِن۔

الہٕ کُلس تُلہٕ کُل کھارُن۔ ورگہٕ پاٹھی:
لوکچہ کتھ بڑٕ ہنٛ کرنی۔ تِلہٕ کنہٕ نہٕ کھنی کتھ
نہٕ تتھ تلی ہتر کھارنی۔ بُزس اُپزٕ تہٕ اپُزس
پوز کرِتھ لوکچہ کتھ زیٚچھر دِیُن۔

الہٕ کھنٛڈ۔ اکھ الہٕ زُکُل۔ لوکُٹ الہٕ ٹُکرٕ۔

الہٕ کُلس چوب تُلہٕ کُلس تنٛبہٕ۔ اَکِس ہاونہٕ
باپتھ بیٚیِس کانٛسہٕ پِرٕدُن یا لایُن۔

الہٕ گڈُر۔ کوٗرِتھ کھوکھر کرٕ مژ ال، اَتھ چھ
پانہٕ بدل تہٕ کیٚنہہ لوٗکھ ورناوان۔ (اخاص
کرِتھ گوسانٛی)

الہٕ گڈ۔ ہوٗ چھِ ژ کھوکھر ال ییتھ منٛز چیز رِ ین
تھاونہٕ۔ چیز تھاونہٕ خاطر کھوکھر اوٗژ ال۔

**اَلہٕ گژھی تنٛس یا وانگن۔** (کانٛہہ چیز خراب گژھی تن یا ٹھپکھ، ورگہٕ پاٹھو: بہٕ بنٛہس نہٕ مٕلّے تہٕ وٕ آج پننہٕ نبو نکھو پیٹھ بلاے۔

**اَلہٕ نوٗو۔** گوڈنیک اَلہٕ سیٛن کھیٛنک دوٗہ۔ ؤری ٹیکس دوٗہ ہیٚلہٕ گوڈ رنٛچہ لٹہٕ اَلہٕ کھیٛنہٕ

**اَلہٕ وانگن۔** اَلن نہٕ وانگنن ہُنٛد یکجا رووٗمُت سیٛن۔ ناکہٕ وِڈہٕ رٔنی ہٕتی اَلہٕ تہٕ وانگن۔

**اَلہٕ وانگن کرٕنی۔** نہٕ تگنہ کُنی کانٛہہ چیز خراب کرُن، تباہ کرُن۔

**اَلہٕ ڈٕتھر۔** اَلہٕ کُلیک پنہٕ ٹُرگ۔

**اَلہٕ وٲر۔** اَلہٕ باغ۔ سو جاے یتہٕ اَلے باژٕ ووپداوار بن۔ سُہ زمیٖنہٕ ژکُل ہتھ اَلے باژٕ وٗد نہٕ آسن آمٕژ۔

**اَلہٕ ہچہ نالنہٕ۔** ورگہٕ پاٹھو نالی پلوس تہٕ کرنہٕ۔ تہٕ ہچہ والنہٕ۔

**اَلہٕ ہٹ۔** (۱) ہو کھناوِتھ اَلہٕ کھنٛڈ بہٕ ڈابہٕ شکلہٕ اَل۔ بہٕ چھٕ ہُردِ پپان تہٕ چھٕ دیٛل تُلتھ وٗند یا پتھ ہو کھناوِنہٕ لوان۔

**اَلوٗ اَلو گھسُن۔** اَلہٕ کُلکی پاٹھی۔ (۲) بُرہ گھسن نہٕ ڈیٛچھ گوو ہٹھن تہٕ جسوار بنُن۔ ماز لدُن۔

**اَل[۱] یا اَلہٕ[۲]۔** [ع : اَل۔] اکھ بُرہٕ ونٛہہ لوٗگ۔ م : اَل باٗل۔

**اَل[۳]۔** اکھ پوٗت لوٗگ یمہٕ منٛزر "دوٗن" مانے چھُ نیران۔ م: دارِل (دار ووِل) ٹھکِل (ٹھکن وول)۔ کھچنِل (کھچنہٕ وول)

**اَلبد۔** [ع : الابد] بنٛدِ (بنٛدہٕ)۔ بہٕ لفظ چھ تکتیس لیکھان یتیتھ تَرہٕ کنہ دستخط آسہٕ کرٕن۔

**اَلبد کرٕن** دستخط کرٕن۔ کُنہ عبارژ تَل کنہٕ پنُن ناو لیکھُن۔

**اَلکھ۔** [مول: اَلکھ (ہ: اَلکھ (س: الکشیہ] ادرشٹ۔ یُس نہٕ بوزنہٕ ییہ۔ یُس زانُنی نہٕ مہہ چھُ۔ دے۔

**اَلگ۔** [مول: اَلگ (س: ا + لگنہ] (۱) بیٛون۔ علاحدہ۔ م: سُہ چھُ مالِس نِشہٕ اَلگ روزان (۲) جدا۔ مُچھہٕ۔ م: تمہٕ چھُ اکھ اکس نِشہٕ اَلگ گامُتی۔ (۳) واٹہٕ نِشہٕ دوٗر ٹوٗرُت۔ (۴) لوٗب۔ لوٗب کُن۔ اَنٛد۔ اَنٛدکُن۔

**اَلمرتِل۔** وُچھو اَلہٕ گکوس۔

**اَلم کلم۔** [ن۔ مول: اَلم گلم (ہ/ا: اَلم غلم۔ ف: اَلم غلم] آٹگ پاٹگ۔ آٹگ پاٹگ ڈنٛہہ یب کرُن۔

اَلَے۔ آلاٗے۔ [س: اَرے، آوازٕپیٹھ] کُہ
کٔنہہ پیٹھ پٔرٕھ نہٕ ہیٚنہٕ وِزِ، زیادٕ خوش گژھنہٕ
وِزِ یا زیادٕ حٲران سپدنس پیٹھ وَننہٕ یِوان۔
تٲجب کَرٕ نیٚچ آواز۔

اَلَے نوٗ ڈَلے نوٗ ہٕیٚنہٕ ہٕیٚنہٕ ژَلے نوٗ۔ تِمہ وِزِ وَنان
ییٚلہٕ کانٛہہ ہٕیٚنہٕ ہٕیٚنہٕ ڈَلہٕ نہٕ کیا تیٚلے کَرٕی
زٕبس۔ مُ: شیٖنگرنی مَکرٕ۔

اَلاپہٕ (موٗسیقی مَنٛز) آوازٕ ہٕنٛز کھَسٕ وَس،
تان۔ سوٗرٕ مُثُل۔

اَلاٹوٗسٕ دوٗہ کَرٕ لوسہٕ۔ ژھۄرٕٹھ دِنہٕ دوٗہ گسٲوُن۔
کیٚنہہ کَرٕ نَے پٔرارُن زِ دوٗہ کَرٕ لوسہٕ۔

اَلارم [ن۔ مۆل؛ اَلارم ﴿انگ: اَلارم (ALARM)]
گانٛٹی یوسہٕ ٹیٚم پیٖس یا دیوارٕ جِہ گَرٕ وَقتہٕ
وَقتہٕ چھیٚلے وَزان۔

اَلال خان۔ بوٗڈ موٗہنیٖو۔ رازٕ کوٗٹ۔ رازٕ شُر۔
(اَلال خان چھُ اَکھ فَرضی بوٗڈ موٗہنیٖو)۔

اَلال خانَن نہٕ کوج تہٕ پَر زَنَن رَحمُ۔ یمَن
پٔزِ تِمَن نہٕ کانٛہہ بَتہٕ گَرٕ دوٗہ پٔرن تِژٕ پِیم نیٚشہٕ
تہٕ۔ (ہَرزٕ پاٹھی) یمَن شوٗبہٕ ہے تِمَن نہٕ دۄنیا
نِمَن یمَن نہٕ پٔزِ۔

اَلاو۔ [ن۔ مۆل، اَلاوٕ﴿س: آلات، آلاتَ۔ف: الاو]

گَنٛگ۔ نَنہٕ رَس زۆلمُت نار (تماشہٕ یا
وُشنیرٕ باپتھ)۔

اَلاو تہٕ چَلاو۔ (۱) تیٚتھ سَنٛخ نار یَتھ یَہہ
ہیٚوٗر آسہٕ کھَسان۔ (۲) زَبَردَس تیٚتھ۔
سیٹھا تھوٗد تیٚتھ۔

اَلاے بَلاے۔ [م۔ مۆل، اَلاے بَلاے۔﴿ف:
بَلا+ پوٗت صَدا۔ آلا، مُ ۃ/اُ: اَلا بَلا]۔
(۱) بَلاے بٕلی یَتھ (۲) ژٕنٛڈ مُصیبَتھ۔

اَلایہٕ بَلایہٕ کَڈُن۔ گَیہٕ مَترٕ، دادِ دَگِہ مَنٛزٕ
شُرُ کوٗٹ کَڈُن۔ آپدا یوٗ نِشہٕ شُرُ کوٗٹ
بَچاوُن۔ کانٛسہٕ ہُنٛد مُصیبَتھ پانَس پیٹھ
ہیٚنتھ شُرٕ رَچھُن۔

اَلایہٕ بَلایہٕ نِشہٕ رَچھُن۔ ماگہانی بَلایوٗ نِشہٕ
بَچاوُن۔ بَلایہٕ بٕلی ہیٚتہٕ نِشہٕ رٔژھرُن۔
تَکلیفو تہٕ مُصیبَتو نِشہٕ دوٗر تھَوُن۔

آلِہ تہٕ شاپھ بَلِہ تہٕ شاپھ۔ نہٕ ہُنٛد وار تہٕ نہٕ یَتھ
وار۔ گرُ گھوٗنٹ تہٕ پازار گرٕ دوٗنٛہ نہٕ پازار۔
مُ: ہَلہٕ تہٕ شژاکھ بَلہٕ تہٕ شژاکھ۔

اَلی پَلی۔ اَکِہ سبزی ہُنٛد ناو۔ ح بُم ح یا بُمبہٕ

اَلِرٕع۲ [ن۔ مۆل: اَلِہ﴿س: ہَلہٕ]۔ اَکھ آلِہ یٔیمہٕ
سیٚتی زمین وایان چھِہ (اَتھ زمین وایِنہٕ کِس

ساری سے اَلَس چھ اَلہٕ بانی تہٕ وَنان۔)

اَلَس چھُ پھَل، اَلَن چھُ پھَل۔ میٹھکَنس چھِنہٕ موزوٗری۔ یہٕ میٹھنتھ کری زِ تیتھۍ پھَل تُلہن۔ (یہٕ چھنہٕ گژیستھن ہنز کتھ، تہٕ گوٗ یُس زمین وایہ سُے تُلہِ پھَل)۔

اَلہٕ بانگ۔ "وُچھو" اَلہٕ بانی"۔

اَلہٕ بان، اَلہٕ بانی۔ اَلچ پیٹ۔ زمین وایِنہٕ کہ آلچ سوٗ پٹ یوس دانڈن ہنز گرد نہٕ پیٹھ چھنہٕ یوان نھَوَنہٕ۔ (اَتھ زمین وایِنہ کِس ساری سے آلَس تہٕ چھ وَنان "اَلہٕ بانی"۔

اَلہٕ پھال۔ [ن۔ موٗل: اَلہٕ پھال (س: ہَلہٕ+ پھالہٕ] (۱) اَلہٕ بانہٕ ہُند تیغ۔ اَلہٕ بانہٕ ہُند سُہ حِصہٕ یتھ شستر لاگنہٕ آسان چھُ تہٕ یَتھ سیتی کھنّنہٕ چھُ یوان۔ (۲) سُہ سورُے اَسباب یَتھ سیتی زمین چھنہٕ یوان وایِنہٕ۔ تہٕ ڈیٹھ گوٗ اَلہٕ بانی تہٕ دانڈ ہوٗر بیتر۔

اَلہٕ وارئن۔ وُچھو "اَلہٕ بانی"۔

اَلہٕ دیٖن۔ آلہٕ پھیرُ دیٖن۔ وٲے مَتس زمینس بیٛیہٕ پھیرُ دیٖن۔ وٲے ہُر زمین بیٛیہٕ تلٕنۍ۔

اَلہٕ ساز۔ وُچھو "اَلہٕ بانی"۔

اَلہٕ سود۔ اَلہٕ بانہٕ باپتھ دانڈس اَکھ اَکس پلزُن۔ زمین وایِنہٕ باپتھ اَکھ اَکِس سیتی دانڈ بارٕج بُٹھ۔

اَلہٕ سرٕوٗد = اَلہٕ سود۔ اَلہٕ بانہٕ باپتھ دانڈن ہُند سرٕہ دیُک اِستیمال۔ اَکھ اَکِس زمین وایِنہٕ باپتھ دانڈ دِتھ پلزُن۔

اَلہٕ کچ۔ [س: ہَلہٕ+ کپلہٕ]۔ آہ کچ۔ پیٹ نہٕ لانز جورونہٕ باپتھ کچ۔

اَلہٕ وَتھ۔ [س: ہَلہٕ+ پَتھ / س: ہَلہٕ + ورتمہٕ] سو پھڑاتھ یۄس اَلہٕ دِنہٕ سیتی زمینس گژھان چھے۔

اَلہٕ ہیٹ۔ وُچھو "اَلہٕ بانی"

اَلہٕ ۳۔ [ن۔ موٗل: اَلہٕ (س: ہول] (۱) ہلہٕ، حرکتھ (۲) نٹھ۔ ورگہٕ پاٹھی کانپھ۔ م: یہٕ بوزِتھ ژاو تس اَلہٕ۔

اَلرٕوٗن۔ (۱) اَلراوٗن۔ اَلہٕ ڈلہٕ کرُن۔ ہلاوُن (ژگٕوس منٛزل بیترِ) (۲) یتھ اَلہٕ ڈلہٕ آسہٕ گژھان۔

اَلرووَن۔ یتھ اَلہٕ ڈلہٕ آسہٕ گژھان۔ یہٕ یا یُس نہٕ پَننہٕ جایہ ڈیٹھ آسہٕ۔ یُس زیر ہُند آسہٕ۔ یُس یا یتھ نہٕ وسا آسہٕ۔

**اَلرِوٕنِپن کنیِپن** - کُنہٕ جایہِ اَپنُے آسُن - ڈٕلہٕ وُن آسُن - دُورتہٕ ڈٕرِتھٕ آسُن، تیٚتُھ آسُن زِ اَز چُھ نہٕ پگاہ آسیا۔

**اَلہٕ اَلہٕ** - تھٕر تھٕر - نٹھ نٹھ - سخ اَلہٕ ڈٕلہٕ۔

**اَلہٕ اَلہٕ اَڑُن** - (۱) تھٕر تھٕر کرٕنی - تھٕر تھٕر اَڑنی - نٹھ نٹھ وو تھٕنی - نٹھ اَڑنی - اَلہٕ ڈٕلہٕ گژھُن (۲) ورگہٕ پاٹھی: بیہ اَڑُن، کانٛہہ اَڑُن، تھٕر وو تھٕنی، تیٚمبر کھسٕنی۔

**اَلہٕ اَلہٕ ژانُن** - (۱) تھٕر تھٕر ژانٕنی - نٹھ نٹھ ژانٕنی - (۲) ورگہٕ پاٹھی: کھوژٕ ناوُن - ترٛہراوُن، کانٛہہ ژانُن۔

**اَلہٕ ڈٕلہٕ** - اَلہٕ اَلہٕ - پننہٕ جایہِ نہٕ ڈرُن - ہلُن - گڑاے لگنی - گوٗرٕ گوٗر۔

**اَلہٕ ژانُن** - اَلراوُن - اَلہٕ اَلہٕ کرُن - ہلاوُن - ورگہٕ پاٹھی: کانٛہہ ژانُن - بیہ ژانُن - خوف بیٛہناوُن۔

**اَلگزار** - کیچہٕ کیچہٕ - رژھا تہٕ اَتر۔

**اَلگزارِنہٕ گژھُن** - کیچہٕ کیچہٕ نہٕ گژھُن - رژھ نہٕ اَتر گژھُن - کہینٛہہ نہٕ فکرٕ گژھُن - کانٛہہ کتھ نہٕ ترٕنی۔

**اَلہٕ ناوُن** - اَلہٕ ڈٕلہٕ کرُن - گوٗرٕ گوٗر کرُن - اَلراوُن۔

**اَلہٕ وُن** - بیہٕ ڈٕنجہٕ آسِہ نہٕ - بیہٕ اُلان آسِہ - یٚتھ اَلہٕ ڈٕلہٕ آسہِ گژھان - ڈٕلہٕ وُن یٚس نٹھ آسہِ، یٚس تھٕر تھٕر آسہِ - نٹھٕ نیل۔

**اَلُن** - [س: ہلنَہ - م: کنٛڈ: اَلے] (۱) ڈٕلُن - ہلُن - حرکتھ گژھنی - گڑاے لگنی - (۲) کھوژُن - نٹھ اَڑنی۔

**اَلرٕن** - (۱) اَلہٕ ڈٕلہٕ - گوٗرٕ گوٗر - (۲) نٹھ نٹھ، تیٚمبر۔

**اَلراوُن** - (۱) گوٗرٕ گوٗر کرُن - ہلہٕ ڈٕلہٕ کرُن - (۲) کھوژٕ ناوُن - کانٛہہ ناوُن - کانٛسہِ بے ترٛاوُن - وُچھو 'اَلرُن' تہٕ۔

**اَلرُن** - (۱) اَلہٕ ڈٕلہٕ کرُن - ہلاوُن - (۲) تھٕر تھٕر ژانٕنی - ڈٕن کرٕنی۔

**اَلہٕ بال** - [ن - مٹول: اَلہٕ بال < پراکرت: ہلہ+بیلہ] (۱) سُہ اِنسان یٚیمی پانے لوت آسہِ وٕیٹھرُ وو مُت - مازٕ سٕٹر نٹھ - (۲) ممٹہٕ - داند ہیٚتھ اِنسان - مُنجہِ وُونٹھ۔

**اَلہٕ پلہٕ** - [< س: پلہ+ک: اَلہٕ وزنہٕ با پچھ / < س: ع لا + پلہ] لگ بگ - اَڈٕ سٕٹھ - سوٗرے کیٛنٛہہ لوٗزِتھ - کُل ملاوِتھ - لگ بگ سارُے۔

اَلِہ ترٛانگرٕ ۔ [ن ۔ مؤل : اَلِہ ترٛانگرٕ ] سبٹھاہ جنجال ۔

اَلِتریٔو وجہ ۔ بہانہٕ ۔ آچھ ۔ کُنہِ چیزِ بابتھ اَلوند گژھُن ۔ کُنہِ چیزِ خاطرٕ پریشان سپدُن ۔

اَلِہ دلو ۔ [ن ۔ مؤل : اَلِہ دلو (ف : دیو] (۱) اَلِہ بال ۔ ہیمہٕ مازس گنٛڈِ یوت آسہٕ کوٚرمت ۔
مازسٕ نٹٕ ۔ مُشران ہیو وہ اِنسان ۔ رہائیس نہٕ کُنہِ لگہٕ ہار آسہٕ ۔ مُرکھہِ موٚنٹ ۔

اَلِہ شہرٕ ۔ سوچاے ییتہِ تے بوٚج تہٕ ناپُرسان آسہٕ ۔

اَلِہ گڈی تہٕ مَلہٕ گڈی تلنہٕ ۔ ذبہٕ دب ملناوٕنی ۔ دُتہِ ہنٛتِل ملناوُن ۔ طوفان تُلُن ۔

اَلِہ گگوس ۔ سوٲری کھیٖنہٕ بابتھ اَلاٲنٛز ترٛاؤ ہر رز بیتر ۔ گگوسی تُل ۔ اَلَم تُل ۔

اَلِہ وان ۔ [ن ۔ مؤل : اَلِہ وان (ع : اَلوان (لون] پشمینہٕ کپُر ۔ کیٖلی پھمبس ووٚنمُت کپُر ۔

اَلوٗنت ۔ [ن ۔ مؤل : الاثنت (س : آو + لمب ]
(۱) آویزان ۔ اَلِہ ہُند ۔ اَلوند (۲) ورگہٕ پاٹھی : طے گژھنے ۔ مُشکس سپدنے ۔

اَلوند ۔ [ن ۔ مؤل : الانڈ (س : آو + لمب ]
(۱) آویزان ۔ اَلِہ ہُند ۔ اَلوٗنت (۲) ورگہٕ پاٹھی : طے گژھنے ۔ مُشکس سپدنے ۔

الاٲنٛزِ تھیپہٕ گژھنہٕ ۔ آوسیمتس ژالنس ہیٚتر تھپھ

کرٕنی ۔ تتھ کھٕچھ دنی پہ نہٕ پانہٕ ڈرتھ آسہٕ ۔ گاسہٕ کرٕنیچن تھپہٕ دنہٕ ۔ ورگہٕ پاٹھی : ترٛہ حالتھ پادٕ گژھنی ییتھ کمزور ن نشی مدتھ ژھارٕن پیہ ۔ بےپاین نشہِ وو پاے ژھانٛڈن ۔

اَلوند ژھانٛڈُن ۔ تتھ واتنچ کوشش کرٕنی یوٚت نہٕ ہلی نہٕ ۔ بر نہٕ اُتھس مَنٛز ہیکہٕ ییتھ تہٕ ژھانٛڈن ۔

اَلے بَلے ۔ [(م ف : آرے + بلے ، م : ۵ : اَلے بَلے ] ۔ ہنگہٕ منگہٕ ۔ آتے تاتے ۔ کُنہٕ کار نہٕ روٗستے ۔ بےوجہ ۔ ٹَلی ۔

اَلے پٔرلے کھولےٹاس ۔ فوٗضول پاٹھی ۔ تِتھہٕ پاٹھی ییمہٕ مَنٛز نہٕ کینہٕ نیر ۔ کینہٕ چیز کولہٕ بُزی کرٕن ۔ یہِ چھ شُری تَمہٕ وزِ ونان ییلہٕ تم کانہہ چیز گنڈتس مَنٛز آلوان آلوان کولہٕ چھ دوان اُبرتھ ۔

اَلیکشَن ۔ [ن ۔ مؤل : اَلیکشن (انگ : الیکشن (ELECTION)] ژارٕ ۔ ووٹن ہنٛد ذریعہ کانٛسہٕ ژھٹی سُند چناو ۔

اَلبتہٕ ۔ [ مؤل : البتہٕ (ع : اَلبتہ ] اَما پوز ۔ ییلہِ ہنہٕ نہٕ ۔

**اَل باُنی۔** وُچھِو اَلہٕ' ۔اَل باُنی = اَلہٕ باُنی۔

**اَل پَل۔** [ن ۔ مۆل : اَل پَل < س : ہالا + پَل]

شراب تہٕ ناٹہٕ بیتر۔

**اَل پَل تہٕ مَل۔** ناٹھ لد تہٕ ناکارٕ کھین ہیٚنہٕ سیتی بیمارٕ ووتہٕ ۔گنٛدٕ کھین۔

**اَلپاکھ۔** [ن ۔ مۆل : اَلپاک < ہسپاُنی : اَلپاکہ] اَکھ کٔپرِک ناوُیس "اَلپاکا" جانورٕ سٕنٛز مۆنہٕ بَناوان چھ۔

**اَلتَچھ۔** [م ۔ مۆل : اَلتچھ < ع : اَل عطش]

پھِہنٛزار (دٕہنی) ۔ بےتابی ۔ کٕنہٕ چیٖنٛز باپتھ سخ ووتہٕ ووتھ۔

**اَل تچھ کرُن۔** پھِہنٛزارٕ دٕہنی۔

**اَلتھان۔** [ن ۔ مۆل : اَلتھان < س : ہَلہٕ + اِستھانہٕ] مےخانہٕ ۔ شراب وان ۔ مس وان۔

**اَلجبرا۔** [م ۔ مۆل :۔ اَلجبرا < انگ : ایلجبرا (ALGEBRA) < ع : اَلجَبر] حسابُک اَکھ مضموٗن۔

**اَلحق مُرن۔** [< ع : اَلحق مُرن] پوٗز چھُہ ٹوٗٹھ۔

**اَلحمدُللہ۔** [ن ۔ < ع : اَلحمد] شُکُر خوداَیس کُن۔

**اَلخناس اژُن۔** وَسواس اژُن ۔ وَہمہٕ پادٕ سپدُن۔

**اَلخناس ژھٕنُن۔** بدلاے گژھِ راوُن ۔ وَہمہٕ پادٕ سپدُن۔

**اَلخالِق۔** [ن ۔ مۆل ؛ اَلخالِق < ترٕکی : اَلخالِق]

اَکھ قسمُک کھُلہٕ ڈلہٕ ٹوپی ٹھلی دار چوغہٕ۔

**اَلدوٗبرٕ۔** بے شونکی پاٹھی ۔ لوتہٕ پاٹھی ۔ تِتھہٕ پاٹھی یُتھنہٕ بیٚنس خبر لگہٕ ۔ تِتھہٕ کٕنی یُتھنہٕ وُچھ گژھہٕ۔

**اَلسیٖٹھ ، اَلسرٛیٖٹھ۔** [ن ۔ مۆل : اَل سیٖٹھ < ع : اَل + س : شرٛیشٹھ] سخ ووتھ۔ ووتھ ۔ یُس سیٹھا ماز آسہٕ کھوتمُت ۔ ناٹہٕ دانٛد ۔ ورگہٕ : مُجہٕ ووٗنٛٹھ ۔ مٹہٕ ۔ کٕنہٕ کامہٕ ہیٚنٛدٕ نہٕ۔

**اَلشرٛیٖٹھ ہیوٗرٕ۔** اَل باُل ہیوٗرٕ ۔ ناٹہٕ دانٛد ہیوٗرٕ ۔ تیُتھ یُتھنہٕ زٕن کٕنہٕ لگی۔

**اَلغائبہٕ (اَلگاُبہٕ)۔** بےخبر پاٹھی ۔ اَچانکھ ۔ بے شونکی پاٹھی۔

**اَلہٕ غٔلیوٗزہٕ ہل۔** ہٕنٛگہٕ تہٕ مٕنٛگہٕ بلاے ۔ ناگہاُنی بلاے۔

**اَلہٕ غائبنی زھرکھ۔** سیتھ ۔ کوٚنژہٕ ۔ اَپزٕ۔

**اَلفاظ۔** [ن ۔ مۆل : اَلفاظ < ع : اَلفاظ] وارِیاہ لفظ ۔ وارِیاہ شبد ۔ کتھہٕ ۔ کلامہٕ۔

**اَلقاب۔** [ن ۔ مۆل : اَلقاب < ع : اَلقاب < لقب] ۱، لقب ۔ خطاب ۲، چِٹھہٕ ہٕنٛد سرنامہٕ۔

**اَللہ۔** [ن۔ مٔول: آلٔلہ (ع: اَللہ] خۄدایہ سُنٛد ذاتی ناو۔ خۄدا۔ پرٕوردِگار۔ بگوان۔ پرمیشور۔ دَے۔

**اَللہُ اَکبَر۔** خۄداچھ بوڑٕ تہٕ تھوٚد۔ وٲلِس ہیوٚر چھُنہٕ کانٛہہ۔

**اَللہ اَللہ خٲرٕصلا۔** مامِلہٕ گو ختم۔ نیٛاے اَنٛدلو۔ یہ چھ کانٛہہ نیٛلے یا کتھ بیٛترِ اَنٛد واتنہٕ وِزِ وَنان۔

**اَللہ اَللہ کرٕن۔** (۱) خۄدایہ چھُ دایہ کرٕن۔ دَیہ دَیہ کرٕن۔ (۲) شُر بیٛترِ کو چھ ڈٕٹھ کلہٕ ناوٕن۔ ہو ہو کرٕن۔

**اَللہ دِپُن۔** مرٕن وِزِ خۄدایہ سُنٛد ناو ژٕھٹس پاوُن۔

**اَللہ دِیُن۔** وُچھو "اَللہ دِپُن"

**اَللہ ہو۔** سُے چھُ خۄدا۔ یہ چھ ذِکر کرٕن وِزِ پران۔

**اَلمَدَتھ۔** [مٔول: اَلمدت (ع: اَلمدد] شاباش کرنٕک اَکھ لفظ۔ ہلہٕ شاباش۔ دکنٕہ کامہٕ منٛز سیٛتی باجن وُژھہ کرنٕس منٛز یا ہیمتھ بینٛنر تُلِتھ راونہٕ وِزِ وَننہٕ یِوان)

**اَلماس م۔** [ن۔ مٔول: اَلماس (ف: اَلماس] اَکِہ جوٗاہرُک ناو۔ اَکِہ موٗلیہ کنہٕ ہُنٛد ناو۔

**اَلنَفسی اَلنَفسی کرٕن۔** پانٕیو پانٕیو کرٕن۔ پننہٕ نی فِکرِ آسٕنۍ۔

**اَلوِداع۔** [ن (ع: اَلوِداع] نیرنُک اِجازَتھ۔ یہ چھ نیرنہٕ وِزِ اَکھ اَکِس وَنان۔

**اَلیوٚو۔** [ن۔ مٔول: اَلیوٚ (س: اَ + لیٖپہ (لیپہ] یتھ نہٕ لیٖٹوٚومُت آسہ۔ یتھنہٕ زیوٚر سیٛتی آسہ پھیش دیٖتُمُت۔

**اَم ٹ۔** [(اَٹس وَٹنچہٕ آوازِ پیٹھ] گرٕوپھ۔ اَسس اَنٛدر میٛوٚنٛڈ رٹُن۔ یہ چھ اَکھ شُری لفظ۔

**اَم کرٕن۔** گرٕوپھ لٔدٕن۔ اَسس منٛز میٛوٚنٛڈ رٹُن۔ وَرگہٕ: کاٚنٛسہٕ ہنٛدرس مالس بِزِرکھ واٚلُن۔

**اَمسٹھور۔** [ن۔ مٔول: اَسٹھار (س: اَ + مرٕشٹھ۔ مُ ہ: مسٹھارنا] یہ نہٕ مسٹھوٚرمُت آسہ۔ یہ نہٕ سوم آسہ کوٚڈمُت۔ سوٚتُر نہٕ بُنوومُت۔ ہٹھ بیٛتر نہٕ کوٚڈمُت۔ (ٹھانٹھُرن دوکرہ بیٛترٕ سیٛتی بانس بیٛتر)

**اَمرٕبوٗتھ، اوٗمبرٕبوٗتھ۔** [ن۔ مٔول: اَمرٕبوٗتھ، (س: اَمر + بھوٗتہٕ] اَمر ناٹھک

گِژھ کَنِین ہُنٛد لَسِم یُس یاترِی پانٛس مَنٛھان چھہِ۔

**اَمرناتھ**۔ [ن۔ مؤل؛ اَمرناتھ <س: اَمر ناتھ] (۱) شِو مَروٗنِین دِوتاہَن ہُنٛد زٕیٹھ۔ شِو سُنٛد اَکھ ناو۔ (۲) کشیٖرِ ہُنٛد اَکھ مشہوٗر تیٖرتھ یُت پرٛتھ جایہِ پیٹھٕ یاترِی واتان چھہِ۔

**اَملائی**۔ [م۔ مؤل: اَملاتہ <س: اَ + ملانا] (۱) نہٕ زَرَرٕونی۔ سَدابہار۔ یُس نہٕ کُنہِ قسمُک اَثَر ہیٚیہِ (لَل دید) (۲) مَلہٕ رٔس۔ پاکھ (اَژٕنی)۔

**اَما**۔ [اَما <ع: اَمّا] (۱) دٕلیٖلہٕ۔ کیٛاسَنا۔ (۲) مگر، اَمہٕ عَلاوٕ۔ یہِ اَم اَستھ نہٕ۔

**اَماپوٗز**۔ مگر۔ پنٕہ تَلہٕ۔

**اَماس**۔ [ن۔ مؤل؛ اَماس <س: اَ + مانٛسہٕ] پھچکہٕ ماز۔ مازس کھوٗتمُت پھوکہٕ۔ ہُنہٕ اَپُز ماز۔ مازُک سُہ وَنٛچھر یُس نہٕ اِنسانس کیٛتُت جان آسہِ۔

**اَمان**۔ [ن۔ مؤل؛ اَمان <ع: اَمان] بَچاتھ۔ پَناہ۔

**اَمانتھ**۔ [ن۔ مؤل، اَمانت <ف، اَمانت <ع: اَمانۃ] پرٛژھ پیٹھ کانٛسہِ نِش تھوٗومُت (کانٛہہ چیٖز بیتر یِم حوالہِ تھوٗومُت چیٖز۔ اَمانتس خیانتھ۔ اَمانتس پھٕ۔ اَمانتُر نَلَم کرُن۔ حوالہِ تھٔوی متس چیٖزس بیترِ اَلَم گلَم کرُن۔ اَمانتھ تھوٗومُت چیٖز کھیوٗن۔ اَمانتھ چیٖز۔ تِم کاگز بیترِ یِمَن پیٹھ اَمانتھ تھٔوی متی چیٖز بیتر دَرج آسن۔

**اَمانتھ دار** (اَمانت دار) (۱) سُہ یُس نِش کیٛنٛہہ اَمانتھ تھٔوی زٕ آسِن۔ تھوٗپلدار۔ (۲) سُہ یُس نہٕ اَمانتس خیانتھ کرِ۔

**اَمانتھ دیُن**۔ (۱) اَمانتھ واپس کرُن۔ حوالہِ تھوٗومُت چیٖز واپس دیُن۔ (۲) دوٗرِ گہِ پاٹھی مرُن۔ دٕیہ سُنٛد اَمانتھ دَیس واپس کرُن۔

**اَمانتھ گُذار**۔ یَس نِش کیٛنٛہہ حوالہِ تھٔوی زِ۔

**اَماوس**۔ [م۔ مؤل، اَماوس <س: اَماوسیا] ماوس۔ گٹہٕ پَچھُک یٕنٛتِم دوہ۔

**اَمانی**۔ [مؤل: اَمانی <ف، اَمانی <ع: اَمانۃ] (۱) اَکہِ قسمُک بوٚنٛدبست یَتھ مُطابق سرکار فَصلُک اَکھ حِصہٕ نِوان چھُہ (دگر برسَن)۔ (۲) سُہ کام یوس نہٕ ٹھیکس پیٹھ آسہِ۔ سُہ موٗزوٗر یُس نہٕ ٹھیکس پیٹھ آسہِ۔

**اَمہٕ**۔ [م۔ مؤل: اَمہٕ <س، اَمُتا]۔

(۱) یوٗسہِ وُچھنٕ آسہِ تَمہِ ۔ یوٗسہِ خبَرِ نٮ۪لے
آسہِ تَمہِ ۔ یوٗسہِ نَظرِ تَل آسہِ تَمہِ ۔ (۲) یوٗسہِ
پیٚ چھےٚ ۔ یوٗسہِ یِہ وَننہٕ آیہِ ۔ تَمہِ کٕنٛتھ یا
چیٖزٕ کُنہِ ۔ م : آمہِ معٕ کھہِ ۔ اَمہِ کٕنٛتھ ۔ اَمہِ جایہِ
(نوٗٹ) 'اَمہِ' لَفظِ بَدل چھُ آ —— تہٕ
وَننہٕ یِوان ، مَثلَن —— اَمیٚ سٕنٛد بَدلہٕ اَسنٛد
'اَمہِ پَتہٕ' = "اَتھ پَتہٕ" پَتہٕ پَتہٕ ۔

اَمہِ اَپارِ ۔ اَتھ اوٚرۍ ۔ اَتھ بَرٛونٛٹھہٕ کُن ۔ اَمہِ
پَتھ کُن ۔ یِہ تہٕ اَوتھ ہٮ۪یس طَرفَس ۔

اَمہِ اَپارِ کُنہِ ۔ اَپارۍ ہور کُن ۔ (۲) اَتَس بَرٛونٛٹھہٕ
کُن بَرابَر ۔ اَپارۍ پَتھ کُن مُقابلہٕ ۔

اَمہِ اَپارۍ کُنۍ ۔ اَمہِ کہ ہیٚیہِ طَرفہٕ ۔ اَتہٕ پیٚٹھہٕ
بَرٛونٛٹھہٕ کُن ۔ اَتہٕ پیٚٹھہٕ بَرٛونٛٹھہٕ ۔ اَتہٕ اوٚرۍ ۔
اَتھ اوٚرۍ ۔

اَمہِ اَپارٕ نٕم ۔ اَتھ ہور کُنٛنٛگ ۔ اَتھ اَپارِ کُنٛنٛگ ۔
اَتھ اَپارٕ نٕم ۔

اَمہِ اَپور ۔ (۱) اَمہِ بَرٛونٛٹھہٕ کُن ۔ اَمہِ پَتھ کُن ۔ اَتھ
اوٚرۍ کُن ۔ ہو جاے تہٕ اَوتھ بَرٛونٛٹھہٕ کُن
ہٮ۪یس جایہِ ۔ (۲) اَمہِ عَلاوٕ ۔ م ۔ اَمہِ
اَپور زانہٕ خُدا ۔

اَمہِ اَپور کُن ۔ (۱) اَمہِ کَس ہورٕ کُنہِ کَس طَرفَس

وُچھو 'اَمہِ اَپور' تہٕ (۲) اَمہِ عَلاوٕ ۔

اَمہِ اَنٛدرۍ ۔ اَمہِ مَنٛزۍ ۔

اَمہِ اَنٛدرٕ ۔ (۱) اَمہِ مَنٛزٕ ۔ یُس چیٖز نَظرِ
تَل یا خبَرِ مَنٛز چھُ تَمہِ مَنٛزٕ ۔ م : اَمہِ
اَنٛدرٕ دٕراو کیوٗم ۔ (۲) اَمیٚنٛگ کاتھہٕ بوگ ،
اَمیٚنٛگ کاتھہٕ چھِہ اَلگ کَڈِتھ یا لوٗزِتھ ۔
م : اَمہِ اَنٛدرٕ گَرٛہ مٮ۪ٹے تہٕ زَرٛھا اَمہِ
اَنٛدر کیٛا زونتھ ووفی ۔ (۳) اَمہِ تَلہٕ
اَوکُنۍ ، م : اَمہِ اَنٛدرٕ دٕراو زُسہ چھُ
بوٗڈٕ بَدذ اَتھ ۔

اَمہِ باپَتھ ۔ اَمہِ معٕ کھہِ ۔ اَوکُنۍ ۔ اَمہِ سَببہِ
اَمہِ غَرضہِ ۔ اَتھ کُن نَظر تھَوِتھ ۔

اَمہِ پَتہٕ ۔ یِہ سپدِتھ ۔ یِہ گٔرتھ ۔ یِہ گٔرنہٕ پَتہٕ ۔
یِہ مو کلاوِتھ ۔

اَمہِ پَتھ کُن ۔ (۱) اَمہِ کہ پَتہٕ مہِ طَرفہٕ ۔ (۲) اَمہِ
اَپور ۔ اَمہِ عَلاوٕ ۔ م : اَمہِ پَتھ کُن زانہٕ
خُدا ہے ۔

اَمہِ پارٕنٛگ ۔ اَمہِ طَرفُک ۔ اَمہِ جایہِ ہُنٛد ۔

اَمہِ پَتیمؚ ۔ (۱) سُہ یُس اَمہِ پَتہٕ زامُت ——
دٕرامُت یا آمُت ییتہٕ آسہِ ۔ (۲) یُس اَتھ پَتہٕ
کُنہِ آسہِ ۔ (۳) یُس اَتھ پَتہٕ داری آسہِ ۔

**اَمہِ پاٚرٕی**۔ اَمہِ طرفہٕ، اَمہِ اَنٛدٕ۔ اَپاٚرٕی۔
**اَمہِ پٔرٛٹھی**، اَمہِ موکھہٕ۔ اَمہِ سَببہٕ۔ اَوٕ کِنہٕ۔
**اَمہِ پٔرکارٕ**، اَمہِ پٔرکاٚرٕی۔ یتھٕ پاٚٹھی، یٕہِ طٔریقہٕ۔
**اَمہِ خاطرٕ**۔ اَمہِ موکھہٕ، اَمہِ باپتھ۔ اَمہِ سَببہٕ۔ اَوٕ کِنہٕ۔
**اَمہِ رٔنگہٕ** (۱) اَمہِ رٔنگک۔ اَتھ رٔنگس پیٹھ۔ (۲) اَمہِ طٔریقہٕ۔ اَمہِ حسابہٕ۔ اَمہِ وٕنہٕ۔
**اَمہِ سُمہٕ** (۱) اَمہِ طٔریقہٕ۔ اَمہِ وَترٕ۔ اَمہِ حسابہٕ۔ اَمہِ پٔرکاٚرٕی۔ اَمہِ چالہٕ۔ (۲) اَمہِ رٔسمہٕ۔ اَمہِ رٔسمہٕ موٗجوٗب۔
**اَمہِ سٕتی** (۱) اَمہِ کِہ زٔرٕی یہٕ۔ (۲) اَوٕ کِنہٕ۔ م: اَمہِ سٕتی گوٚژھہ نہٕ ژٕوٚرٕے نٕکھس کھسُن۔
**اَمہِ طرفہٕ** (۱) اَمہِ اَنٛدٕ، م: اَمہِ طرفہٕ ہیٚس پھُٹھ۔
(۲) اَمہِ وَترٕ، م: اَمہِ طرفہٕ ہکوٕ نہٕ اَدر اَژِتھ۔
(۳) اَپاٚرٕی۔ م: اَمہِ طرفہٕ چھُ ہُہر لگیتھ۔
**اَمہِ طرفک**۔ اَپاٚرٕیُم۔ اَپاٚرٕی کُنیک۔ اَمہِ اَنٛدُک۔
**اَمہِ کتھہِ پٕہ کتھ**۔ مُلہٕ تلہٕ یہٕ کتھ، ژھوٚٹ پاٚٹھی چھےٚ یہٕ کتھ مُختصر۔
**اَمہِ کِنہٕ** (۱) اَوٕ کِنہٕ۔ اَوٕ سَببہٕ۔ اَوٕ موکھہٕ۔ م: اَمہِ کِنہٕ دٔزاو سُہ بیوقوٗف۔ (۲) اَتھ بدلہٕ۔ م: اَمہِ کِنہٕ گوٚژھہ نقدٕ دِتُن۔ (۳) اَمہِ کھوتہٕ۔ م: اَمہِ کِنہٕ اوسُس مرُنے جان۔
**اَمہِ کارنہٕ**۔ اَمہِ وَجہ کِنہٕ۔ اَوٕ کِنہٕ۔ اَوٕ موکھہٕ۔ اَوٕ سَببہٕ۔
**اَمہِ کِنہٕ**۔ اَوٕ کِنہٕ۔ اَوٕ موکھہٕ۔ اَوٕ موٗجوٗب۔
**اَمہِ موٗجوٗب**۔ اَمہِ وَجہ کِنہٕ۔ اَوٕ موکھہٕ۔ اَوٕ سَببہٕ۔ اَوٕ کِنہٕ۔
**اَمہِ موکھہٕ**۔ یہٕ وَجہ آسنہٕ کِنہٕ۔ یہٕ کارن آسنہٕ سَببہٕ۔ اَوٕ خاطرٕ۔
**اَمےٚ** (۱)۔ یِوسہٕ بہٕ چھےٚ تمےٚ۔ (نوٹ) 'اَمہِ' تہٕ 'اَمےٚ' لفظس چھےٚ یہے فرق زِ 'اَمےٚ' گو بدٕ کٔڈِتھ 'یہے'۔
**اَمےٚ** (۲)۔ اَوَے۔ اَوَے کِنہٕ۔ اَمےٚ سَببہٕ۔ اَوَے موکھہٕ۔ م: اَمےٚ اوسُس نہٕ بہٕ پٔرٛٹھہٕ کتھہِ مانان۔ یہِ لفظ چھُ 'اَمہِ' لفظس پیٹھ زور دِنہٕ باپتھ ورتاونہٕ یِوان۔ مثلاً: اَمےٚ موکھہٕ گو خاص اَمہِ وَجہہ کِنہٕ۔
**اَمی زٕہٕ کلیمہ تہٕ اَمی زٕہٕ رام رام**۔ گرا ہور تہٕ گرا یور۔ اَکِس کتھہِ پیٹھ نہٕ (آسُن)۔
**اَوَے**۔ اَمےٚ۔ اَمےٚ موکھہٕ۔ اَمےٚ کِنہٕ۔ اَمےٚ سَببہٕ۔ (نوٹ) 'اَوٕ' بدٕل چھُ 'اَوَے' زور دِتھ با خاص پاٚٹھی کانٛہہ کتھ بدٕ کٔڈِتھ وَننہٕ یِوان۔ م: اَوَے باپتھ، اَوَے خاطرٕ۔ اَوَے کِنہٕ تہٕ اَوَے کِنہٕ بیترٕ۔
**اَمہِ**۔ [م۔ مؤل، اَم ‹ع: اُمّ / س: اَمبا]
(۱) دٕیہ۔ مأج۔ ماجہِ برابر گرٕچ کانٛہہ زنانہ۔

(۲) گانن ہنز زیور گو اَمہٕ پھاپھا گٹِنی یا
مٕڈٕ گانی۔

**اٲمن۔** [ن۔ مؤل: اَمن < ع: اَمن] گڈبڈ
نہٕ آسُن۔ جنگ بیتر نہٕ آسُن۔ شانٛتی،
سۄکون۔

**اٲمن مَنگُن۔** آن مانٛنی۔ ہار مانٛنی۔ ڈال
کرُن۔

**اَمنُ اَمان۔** مُلکچ سۄ حالتھ یتھ منٛز لُکھ
خوشِس تہٕ خوشحال آسن تہٕ کانٛہہ
جھگڑٕ یا فساد آسہِ نہٕ۔ جھگڑٕ یا فساد بیترِ
نہٕ آسُن۔ شانٛتی۔

**اَمہٕ نے۔** [ک، اَمہٕ نے < آوازِ پیٹھ، کھینس
چھ وَنان اَم]۔ تَمہِ ساتہٕ یوان وننہٕ ییلہِ
شُرِس کینٛہہ آپران چھ۔ اکھ شُری لفظ۔
وُچھو 'اَم ۱' تہٕ۔

**اَمہٕ نے تہٕ گٕرٕ شوٚٹھ۔** شُرِس کینٛہہ آپرنہٕ وِزِ
وننہٕ یوان، تہٕ ڈیتھ گو 'اُس دار تہٕ
ہروال'۔ اکھ شُری لفظ۔

**اَمہٕ ہور۔** حہایہٕ نے۔ استوال۔ شُرو نٹےٚ دتھ۔
بہوُن بیوٚن یا دانہٕ دانہٕ گرٕ ہتہٕ وَرأیِ (بیتہٕ
مؤد ریر بیترِ) [گرٕیرسن]۔

**اَموٗنٛتر۔** [ن۔ مؤل: اَمانٛتر < س: اَ + منٛتر + تہٕ]
مانٛترٕ نے۔ یہ یایُس مانٛتراونہٕ آسہٕ
نہٕ آمُت۔ مانٛتراوِ نے تھووُمت۔ مانٛتھر
یا منٛتھر پرنہٕ وَرأے۔

**اَموٗل۔** [< س: اَموٗلیہ] (۱) یتھ نہٕ موٗل
آسہِ۔ سیٹھا موٗلُل (۲) یتھ نہٕ مُل آسہِ۔ مُلو
رۄس۔ شۄد۔ پاکھ۔ (لل دید)

**اَموٗنٛڈ۔** [ن۔ مؤل: اَمنٛڈ < س: اَ + منٛڈ]
(۱) یہ مُنڈٕ نے آسہِ، یہ چھو کناونے آسہِ۔
یتھ نہٕ چھوٚنپ آسہِ دیُمُت یا دیانہٕ سِلتی
آسہِ موٗنڈمُت۔ (۲) یتھ پلیٹھ نہٕ وار آسہِ
سۄچھمُت۔ یتھ نہٕ وار دِل آسن آہتی دِنہٕ۔
یتھ نہٕ پھٹھ آسہِ گڈٕ ہُر۔ یہ وِشہناونے آسہِ۔

**اَموٗنٛگ۔** [ن۔ مؤل: اَمنگ < پراکرت: اَ + منگ
< س: اَ + مارگہٕ] منگہٕ نے۔ یہ نہٕ موٗنگمُت
آسہِ۔ یہ منگہٕ نے میلہِ۔

**اَموب۔** ژۄری پاٹھی۔ ٹیٹر پاٹھی۔ م: اَموب ڈاٹھس
سوے لادن۔

**اَمب ۱۔** [م۔ مؤل: اَمب < پراکرت: اَمب
< س: آمر] اکِہ میوک ناو۔ اکِہ
پھلک ناو۔

اَمب٢. اَکہِ قسمکو کنڈی دہ ٹھک یا زنڈگ ناو۔

اَمبَر١. [ن۔ مۆل: اَمبر (ف: اَنبار] (١) بوڈ ڈیر۔ لود۔ بنار۔ (٢) قسمتھ، تقدیر۔ وأنس۔

اَمبَر کرُن۔ ڈیر کھارُن۔ ڈیر بناوُن۔ لود لدُن۔

اَمبرس آسُن۔ قسمتس ڈیرس منز موجود آسُن (آے۔ وأنس بیتر)۔

اَمبرس ژھوٹُن۔ وأنس اَند واتنی۔ آے موکلُن۔ مرُن۔

اَمبرس کرُن۔ کنہ چیزک ڈیر بناوُن۔ لود کھارُن۔

اَمبَر٢. [س: اَمبَر] پلو، پوشاکھ، م: اَمبرگیہِ ورزن (پر مانند)۔

اَمبار۔ [ن۔ مۆل: اَمبار (ف: اَنبار] بوڈ ڈیر۔ لود۔ بنار۔ وُچھو "اَمبر١" تر۔

اَمبُر۔ [ن۔ مۆل: اَمبر (س: اَمر] اَکھ خاص خوشبو دار میوہ۔

اَمبرِ۔ اَکھ خاص مُشک دار میوہ ذاتھ۔ یہ چھ کینژن رلیہ مش لفظن سیتی گوڈ لفظ تہ بوان۔ م: اَمبرِ ترِیل۔ اَمبرِ ژۆنٹھ بیتر۔

اَمبرِ ترِیل۔ اَکہِ قسمک لوکٹ ژۆنٹھ یتھ اَکھ خاص خوشبو آسان چھے۔

اَمبرِ ژۆنٹھ۔ تھدِ قسمچ اَکھ ژۆنٹھ ذاتھ یُس باڈرن پیٹس منز پیان چھے۔ اَمبر چھ واریاہس کالس روزِتھ ہیکان۔

اَمبۆر۔ [ن۔ مۆل: اَمبۆر (ع۔ ف: زمبۆر] (١) زۆمبور۔ دَند کڈنک شرتُر۔ (٢) سُہ لوکٹ شرتر ییمہ سیتی سونر تار چھِ لمتھ زٹھراوان۔

اَم دَم۔ [ع: عمداً] زانتھ مانتھ۔

اَمرۆد۔ [ن۔ مۆل: اَمرۆد (ف: اَمرۆد] اَکہِ پاری ہِہ میوک ناو۔

اَمرِتھ۔ [ن۔ مۆل: اَمرت (س: اَمرِتہ] لُکن وونی۔ آبِ حیات۔ سُہ آب یُس چیتھ وننہ پاٹھی مران چھنہ۔

اَمرِتہ زَل۔ اَمرِتھ۔ اَمرِتہ دونی۔

اَن١. [ن۔ مۆل: اَن (س: اَنّہ] اَناج۔ کھین۔ کھینہ باو (بتہ، اَژوٹ بیتر)۔

اَنہ پان۔ [س: اَنّہ + پانیہ] کھین چن۔

اَنہ پراشن۔ [س: اَنّہ + پراشنہ] شرس گوڈنکہ پھِر اَن دِنک رسم۔ اوپ ژوپ۔

اَنہٕ کَن ۔ کھٮ۪ن ۔ اَنہٕ ماہِر ۔

اَنہٕ کَن گرُن ۔ کیٚنہہ کھیٚون ۔

اَنہٕ ماہِر ۔ سُہ کمیٚ کھٮ۪ن یُس بیرا مُس بوچھہِ ژٔلراونہٕ باپتھ دِوان چھُہ ۔

اَنہٕ مٔور ۔ [دس : اَنّہٕ + مٔوشہٕ ] اَکہِ قسمُک دال گگرٕ ۔

اَنہٕ مٔوری شٔر ژٔر ۔ لوکُٹ شٔر ژٔریُس اَنہٕ مٔوری ہِنٛزِ شکلہِ چھُہ آسان ۔

اَنہٕ موٚٹھ ۔ توٚملہِ موٚٹھ ، اَٹہِ موٚٹھ ، توٚملہِ پھوٚل ، اَناجہٕ رژھا ۔

اَنہٕ میٚٹ ۔ [م ۔ موٗل : اَنہٕ میٚنچ دس : اَنّہٕ + مٔرِد ] اَنہٕ ہیوٚنتا ۔ بتہٕ موٚیا ۔ میٚٹرس سوٚمب بتہٕ رژھا ۔

اَن پَن ۔ اَناج بیتَر ۔ کھٮ۪ن بیتَرِ ۔

اَن کرُن ۔ بتہٕ کھیٚون ۔ خاصکرِتھ تمہٕ ساتہٕ یُوان وَننہٕ ییٚلہِ کانٛسہٕ بُزرگَس وَنُن آسہِ زِ توہی کھیٚیو کیٚنٛہہ ۔

اَن کاٹھ ۔ اَناجکی دٔستہٕ قسم ہم غریب لوٚکھ کھیوان چھِہ ۔ (دال ، ہُشکہٕ بیتَرِ) ۔

اَن کترہٕ ۔ اَکھ دال گگرٕ ذاتھ ۔

اَن گوٚٹھ ۔ [دس : اَنّہٕ + گوشٹھ ]

سُہ خانٛداتھ ییتھ مَنٛز اَناج باگرِنہٕ چھِہ یِوان ۔ سُہ خاص بوٚڑ دۄہ ییٚلہِ توٚمل ہیٹھاے تہٕ باقی کھٮ۪نہٕ چیز مُفت باگرنہٕ چھِہ یِوان ۔

اَن عٹ ۔ [موٗل : اَن دس : آنیہٕ ] بیٚیِر جایہِ پیٚتُھ واتناو ۔

اَنہٕ مٔرِ ہُند ژونمت ۔ تَس زنانہٕ ہُند شُرِ یُس سہٕ نہٕ کیٚنٛہہ واتہٕ مگر گرُس مَنٛز آسہِ کامٕ کوٚٹہٕ کران ۔ تہٕ گوزِ سُہ یُس نہٕ کُنہِ اختیار یا رُتبہٕ آسہِ ۔

اَنہٕ ناوُن ۔ کانٛسہِ اَتھ کیٚنٛہہ پانس نِش واتناوُن ۔ مَنٛگناوُن ۔

اَنہٕ وُن ۔ (۱) اَنُن وول ، سُہ یُس اَنان آسہِ ۔ (۲) کماوُن وول ، زیٚنَن وول ، زی کُل ۔ (۳) اَنُن وٕزِ ۔

اَنُن عٹ۱ ۔ [موٗل : اَن دس : آنیہٕ نہٕ ] سُہ اَنُن ژٕ ۔ ژٕ واتناوُن سُہ یور ۔ ژٕ اَن یہِ یا تہٕ ۔ وُچھو (اَنُن عٹ۲) تہٕ ۔

اَنُن عٹ۲ ۔ (۱) کانٛہہ با کیٚنٛہہ واتناوُن ۔ (۲) کانٛسہٕ پَنُن گرُ ہتہٕ خاطرِ بِہٕ ژھن ۔ م : سالہٕ اَنُن ۔ (۳) کانٛہہ کتھ یا خیال بیتَرِ کنہٕ آنٛدرٕ وَرناوُن ۔

م: یہ خیال پیٖیہٕ نُوس بٲتَس مَنٛز اَنُن۔

**اَنتَن تہٕ ہاوُنے** ۔ یہ چھ تیلہِ وَنان ییٚلہِ کانٛہہ کٲنسہِ مُنٛد پۓ پتا پرٛٲثِ صحت تنگ کرِتھ اِنسانَس آسہِ نہٕ پانَس تہٕ مولوم۔ اَنم سوٗے ووٗم سوٗے لُگم سوٗے پانہٕ سۓ۔ پانے پانَس کیُٹ دُشمَن لوٚو راوُن۔ یُس ہنٛہٕ نبو اَتھو روٚچھمُت آسہِ سُے پوٚتُس پٔلزُن تہٕ دُشمنی وَرتاوُن۔

**اوٚنس**۔ اوٚنَس سٮ۪تھ اوٚن نَس (کیٚتُت)۔ تمی واتنوٗس یہ (یوٚت)۔

**اوٚنکھ**۔ تموٚ اوٚن سُہ۔ تموٚ اوٚن تہٕ۔ آسہِ اوٚن تمَن۔

**اوٚنمت** ۱ اَنہِتھ تھوٚوُمُت۔ واتنوٗمُت۔ ۲ نیٚبر ٹُیم۔ اورے اوٚنرمُت، گرٛٲیک بٲژ نہٕ۔ (نوکر بیترِ)۔

**اوٚنلَم** تموٚ اوٚن مےٚ سُہ یا تہٕ۔

**اوٚنہٕس**۔ تموٚ اوٚنُس یہ۔ تموٚ اوٚن تَس۔ تموٚ اوٚن تَس کیٚتُت۔

**اَن**۔ [د س: اَن ــــــ] نکارُک بروٚنٛہہ لوٚگ۔ نہٕ، بے۔ م: اَن ہُر۔ اَنزان۔

**اَنٛتھ**۔ [ن۔ مۆل: اَنت د س: اَننتہ] ہنٛہٕ داوٕ ہُنٛد یا سوٗنہٕ تارِ ہُنٛد جوٚومُت سرِ پھ

شکلہِ شیٚش ناگُک نِشانہٕ۔ یہ چھ پٔتہٕ اَنٛتہٕ ژودَش دوٚہہ کَنٛگَس تراوان۔

**اَنٛتہٕ ژودَاہ**۔ [م۔ مۆل: اَنٛتہ ژوداہ د س: اَننتہ چَترُدشی] بادٕرِ پیٚٹھہ زوٚنہٕ پچھِچ ژوداہ یہ چھ بٹَن ہُنٛد سُہ بوٚڈ دوٚہہ بیٚیمہِ دوٚہہ اَنٛتھ لاگان چھہٕ۔ اَمہِ دوٚہہ چھے شیٚشہٕ ناگَس پوان پوٗزا کرنہٕ۔

**اَنٛتھ ناگ**۔ [د س: اَننتہ ناگ] (اٮ۪ژ یرِ مَنٛز) مرازَس مَنٛز اَکھ قصبُک ناو۔ اَتھ کسبَس بُڈس ناگَس تہٕ چھُ اَنٛتھ ناگ ناو۔ اَتھ قصبَس چھہٕ اِسلام آباد تہٕ وَنان تہٕ اَتھ چھ واریاہ ناگ۔

**اَنل**۔ [ن۔ مۆل: اَنل د س: اَنلہ] نار، ریٚہہ، زوٚنٛگ۔ یتھ مَنٛز زالنُچ خاصیتھ آسہِ۔ (یہ چھ خاص کمرازُک لفظ) دلِ دبد)۔

**اَننتھ**۔ [ن۔ مۆل: اَننت د س: اَننتہ]۔ ۱ اَنٛتہٕ روٚس۔ حد روٚس۔ بےٚ گَنٛڈ۔ گَنٛڈ روٚس۔ ۲ دیہِ شُند اَکھ ناو۔

**اَناتھ**۔ [ن۔ مۆل: اَناتھ د س: اَناتھ] ۱ ٹیٚیم۔ بےٚ ماجہِ روٚس ۲ یُس نہٕ کٲنسہِ ہُنٛد آسہِ۔ یُس نہٕ کانٛہہ مالِک آسہِ۔ بےٚ خاوند۔

یُس نہٕ کانٛسہٕ ہُند ڈوکھ آسہٕ۔

اَناج ۔ [ن ۔ مؤل : اَناج < س : اَنّ + آدِ] اَن بیتر ۔ دانہٕ، کنکھ، مکٲے، وُشنکہٕ بیتر ۔

اَناد ۔ [مؤل : اَناد < س : اَنّ + آدِ] ۔ یُتھ نہٕ اَند گوڈ آسہٕ ۔ (لل دید)

اَنادر ۔ [ن ۔ مؤل : اَنادر < س : اَنادرہ] آدر نہٕ کرُن ۔ مان نہٕ کرُن ۔ بےٚ وٲری ۔ بےٚ مؤدی ۔

اَناردانٕ ۔ [ن ۔ مؤل : اَناردانٕ < ف ۔ ،، : اَنار + س : داڑِمہ] اَکھ دانٕن ذاتھ یُتھ کَنڈٕ ووہٕ زج تہٕ پھلی تُرٛکی تہٕ نکی آسان چھ۔

اَنار دانہٕ ۔ ہیو کھناوِ ہتی تُرٛکی دانٕن پھلی۔

اَناری ۔ [مؤل : اَناری (ف : اَنار] دانٕن پوشہٕ رنٛگ ۔ دانٕن پوشک رنٛگ ۔ دانٕن پوشکِس رنٛگس سیٚتھ میلہٕ وُن رنٛگ۔

اَناسِر ۔ [م ۔ مؤل : اناسر < ع : عناصر] تم توتھ یمو سیٚتی اِنسان بنیومُت چھُ ۔ (م : ہوا، پونی، نار، میٛژ) ژھۄ عناصر تہٕ

اَناسِر ژٕنجہٕ روزُنہٕ ۔ تم چیز یا توتھ ژٕنجہٕ روزنی یمن ہُند اِنسان بنیومُت چھ ۔ تہٕ ژٕہتھ گو ہِس ٹھیکہٕ روزُنی ۔ ہوشونہٕ ڈُن ۔ مَنس قرار رَوزُن۔

اَناشُن ۔ [ن ۔ مؤل : اَناش < س : اَن اَشَن] کھیناشُن، نہٕ کھیوٚن ۔ اَکھیوٚن ۔ ووپس ۔ کھیٚن رٹُن ۔

اَنامے ۔ [ن ۔ مؤل : اَنامے < س : اَن + آمیہ] یَتھ نہٕ کانٛہہ کَسر آسہٕ، کیٚنہہ تہٕ پیٖر آسہٕ۔ سُہ شُدِ تھوٚد یُس نہٕ وۄہرِ ناوِتھ ہیٚکہِ زٲنِتھ ۔ مُطلَق ۔ (لل دید) ۔

اَناہَد ۔ دَٹہٕ کھر) [س : اَناہتہ] اَناہت ۔ ہَتھ لوٚگہٕ موجوب شیٖیوٚ ژُکھر و مَنز اَکھ ژُکھر یُس دِلس نِکھہٕ مانہٕ چھُ یِوان ۔

اَناڑی ۔ [مؤل : اَناڑی < س : اَن + آریَہ/ < پراکرت : اَنانہٕ < س : اجنیانِن] آچھُر ۔ بیٖمہِ نہٕ وار، ہیوٚ چھُمُت آسہٕ ۔۔ نہٕ زٕنگہٕ بار ۔ نہٕ تگُن وول ۔ ناواقف ۔ ناتجربہ کار ۔ وُچاپہٕ ۔

اَنہٕ ۔ (۱) اَکھ لوکٹ کیٚمو ذاتھ ۔ (۲) سیٚٹھا مابینا زَنانہٕ ۔

اَنہٕ رُٹھ تہٕ کانہٕ پلو ۔ سُہ کار یتھ اَندر سارِی کوتاہی آسہٕ کرِمژ ۔ کھنڈِ پھٹ کار یتھ مَنز ساری وے نہٕ ڈ آسہٕ واٹجِمژ ۔

**اَنہِ ژھا، اَن یَژھا** ۔[<س: اَن + اِچّھا] ۱۔ نہ یَژھن ۔ یژھ نہٕ آسُن ۔ یژھایہٕ مژھر ۔ ۲۔ اورے کینہٕ واتُن (بے خبر پٲٹھی یا مرضی بر خلاف)۔

**اَنہِ کھلہِ، اُنی کھلہِ** ۔[<س: اَندھ + سکھل] یتھ برونہہ وُچھنہٕ ورائے، یُسے برونٹھ پیوسی ۔ بے وایہ ۔ ہُش مُش پٲٹھی ۔ بے حسابہٕ پٲٹھی۔

**اَنہٕ پرناوُن** (وَنناوُن) ۔ ہار مانناوُن، آن مانناوُن ۔ ڈان کرناوُن۔

**اَنہٕ پوٗر** ۔[ن ۔ موٗل : اَنہٕ پوٗر <س: اَنّہ + پوٗرنا] شرادکس موقس پیٹھ بتگ سُہ پینڈ یتھ اَنہ پوٗرنا دیوی ہنز شکل چھے بناونہٕ یوان تہٕ پتہٕ چھے پوٗزا یوان کرنہٕ۔

**اَنہٕ پوٗرنا** ۔[م ۔ موٗل : اَنہٕ پوٗرنا <س: اَن نہ پوٗرنا] بتہٕ سعچھ کرہٕ وٲنی دیوی ۔ پاروٗتی بھگوتی ہُند اکھ ناو۔

**اَنہٕ چوٗ، اَنہٕ چوٗ** ۔ اَنہٕ گگر ۔ اکھ گگر ذاتھ۔

**اَنہٕ ریہے** ۔[م ۔ موٗل : اَنہٕ ریہے <س: اَندھ + رکھ] ۔ رتہٕ گنڈس ہیٗوہ پھیبُر یتھ دَگ چھے آسان۔

**اَنہٕ کَن کرُن** ۔ رود نہٕ زون کرُن ۔ گذارہ چلاوُن۔

**اَنہٕ گگرُ** ۔[ن ۔ موٗل : اَنہٕ گگر <س: ج اَندھ + گانگٹہ] اکہِ قسمک گگرُیس پھکھ یوان چھُ۔

**اَنہٕ مان** ۔[ن ۔ موٗل : اَنہٕ مان <س: اَنہٕ مانہ] اُتھ وَتھ ۔ م : کانہہ کام کرنس چھنہٕ بیتہٕ اَنہٕ مان دِوان۔

**اَنہٕ محمدؐ** ۔[ن ۔ موٗل : اَنہٕ محمد <س: اَنّہ + ع : محمدؐ] رزق، بتہٕ، ژوٹ بیترٕ (یہ چھ یتھ پٲٹھی قسم ہاونہٕ ورِ وَنان)۔

**اَنہٕ موٗرگ** ۔[ن ۔ موٗل : اَنہٕ مُرگ <س: اَندھ + م ف مُرغ ۔ س : مرگہ) ۔ اَنہٕ چوٗ، سہ گگرُیس لوکٹین لوکٹین کھلین چھُ نقصان واتناوان۔

**اَنہٕ لوٗ** ۔[ن ۔ موٗل : اَنہٕ بَو <س: اَنُہ بھو]۔ زان ۔ تجربہٕ ۔ تجربس تل یُن۔

**اَنگرٕ یٖہر** ۔[ن ۔ موٗل : اَنگرٕ یہ <س: اَنُہ گرٕہہ] مہربانی ۔ دیا ۔ کرٕپا۔

**اَنوراد** ۔[ن ۔ موٗل : اَنوراد <س: اَنُہ رادھ] سُداہِم نیچھترٕ یا زونہٕ ہُند گرٕ۔

**اَنوو** ۔[ن ۔ موٗل : اَناو <س: اَنامہ]۔

یُس نہٕ ناوٕے آسہِ ۔ یُس ناوٕ ورائے آسہِ ۔ بِنٛے ناو ۔ تہٕ ڈیپھ گوٗ دٕے ۔

اَنوٕے ۔ [ ن ۔ مؤل : اَنوٕے > س : اَنوٕپر ۔ ( اَنْ + اَے ) ] (۱) یتھ پنٕزٕرس سیٖتی زاگٹھ آسہِ ۔ پنٕزر ۔ (۲) اَصلیتھ ۔ ( لل دید )

اَنبچھ وٲرۍ پٕلہ ہور ۔ بُلہار ژیک اَکھ قسم یُس اَنبچھ علاقس منٛز بنان اوس ۔

اَنٛہر ۔ [ ن ۔ مؤل : اَنٛہر > س : اَنٛدھ + ک : پوٗت لوگ ۔ یر ] (۱) اوٗن آسُن ۔ گاشہِ کامَن اُچھَن گاش نہٕ آسُن ۔ اُچھَن گاش نہٕ آسنٕچ حالتھ (۲) ( ورگہِ پاٹھۍ ) ناپُرسان ، بےٚ انصٲفی ۔ اَنیاے ۔ گٕنٛڈ کار ۔

اَنٛہر آسُن ۔ (۱) گاشہِ کامَن آسنہٕ ، بوزنہٕ نہٕ یُن ۔ (۲) بلیٚےٚ سٕندِس دادِس نہٕ واتُن ۔ ناپُرسان آسُن ۔ اَنیاے آسُن ۔

اَنٛہن منٛز کاَنی سوٗہ نٲرر ۔ مُٹٕن منٛز رٕژھا زانَن وول ۔ خاص نہٕ کینٛہہ ذٕچھ تونٕہ اُتی اَکِس بلیٚےٚ سٕندِ کھوتہٕ کینٛہہ ۔

اَنٛمہٕ ۔ [ ن ۔ مؤل ، اَنٛمہٕ > س ، اَنٛہ + مَنٛڈ ] شہ ماہرٕ یُس بتہٕ پھبارنہٕ سیٖتی نبران چھُ ۔

اَنٛمس پاوُن ۔ پٕتھرِ پاوُن ۔ سَنٛخ شَلگھ کرُن ۔ سَنٛخ چوب دِنٛی ۔ مار دیُن ، صوٗر تھےٚ نہٕ تھوٕنی ۔ نیٖشتھ دگہ مار کرُن ، یتھ کھین تہٕ وَسیس نہٕ ۔

اَنٛمس نٕنٛہِ مٲلِ تھاوُن ۔ سَنٛخ شَلگھ کرُن ، مار دیُن ، چوب دِنی ۔ لاٚےلاٚے اُڈِ جہ چھُٹراونہٕ ۔ پھہلرِ چھٕٹراونہٕ ۔ پٕتھرِ پاوُن ۔ تھوٚد وٕنہٕ تھنٛنٕچ صوٗرت نہٕ تھوٕنی ۔ تھوٚد وٕنہٕ تھنٛنٕچ ہکتھ نہٕ تھوٕنی ۔

اَنٛمہٕ لوٗبی ۔ اَنٛمہٕ پھیارنہٕ یا پھرنہٕ سیٖتی یم نبر ہوی پلیٹھ کُن کھسان چھہٕ ۔

اَنٛمہٕ پھیوٚر ۔ اَنٛمہٕ معیہا ۔ اَنٛمہٕ قطرٕ ۔ اَنٛمہٕ پیوٗنٛتا ۔ اَنٛمہٕ رٕژھا ۔

اَنٛمہٕ ٹٲرۍ ۔ ( اُچھَن ہنٛدۍ ) ٹٲرۍ یمن اَنٛمہٕ ہیوٚہ وَسان آسہِ ۔ منٛزرۍ دار ٹٲرۍ ۔

اَنٛمہٕ ٹیکھ ۔ اَنٛمہٕ پھیوٚر ۔ اَنٛمہٕ قطرٕ ۔

اَنٛمہٕ چاٹِس مَتھُن ۔ (۱) کم زیادٕ کینٛہہ کھیوٚن (۲) مُشکلہِ سان گُذارٕ کرُن ۔

اَنٛمہٕ دار ۔ (۱) اَنٛمہٕ ٹانٛٹھ (۲) یتھ اَنٛمہٕ نبر ۔

اَنٛمہٕ دام ۔ اَنٛمہٕ گوٗل ۔ اَنٛمہٕ معوبا ۔ کٕمےٚ

اَڈمہٕ ۔ اَڈمہٕ رَژھا ۔

اَڈمہٕ کھاو ۔ یُس اَڈمہٕ چھٕنٛج تٲل یا عادتھ آسہٕ ۔ یُس اَڈمہٕ ورٲے بیٚیہِ کیٛنٛہہ کھیٚن وَسہِ نہٕ ۔

اَڈمہٕ گوٗل ۔ تیٚوٗتُے اَڈمہٕ یُتھ اَکہِ لٹہِ اَسَس واتہِ ۔ اَڈمہٕ دام ۔

اَڈمہٕ موٗیا ۔ اَڈمہٕ رَژھا ۔ اَڈمہٕ قطرا ۔ اَڈمہٕ پھٹوٗرا ۔

اَڈمہٕ نوٗر ۔ چوکہِ اَنٛدرٕ ہٕنٛز سۄ وٚتھ یَپٲرٕ اَڈمہٕ نیٚبر نیٚرِ ۔

اَڈمہٕ نیٚوٗر ۔ (۱) ہیٚتہٕ پھیپھُر (گرٕیرسن) ۔ (۲) مُژُر ۔ مُژٕ ری لَد ۔

اَڈمہٕ ہِنا ۔ اَڈمہٕ رَژھا ۔ کیٚہ اَڈمہٕ ۔ اَڈمہٕ موٗیا ۔ اَڈمہٕ پھٹوٗرا ۔

اَنالحق (اَنَل حَق) ۔ [مۆل : انالحق ع : انالحق] بہٕ چھُس خۄدا ۔ بہٕ چھُس پوٚز ۔ بہٕ چھُس حَق ۔ (یہِ اوس مَنصوٗر وَنان یَتھ پیٹھ سہٕ دارَس کھوٗتُک) مُ : سۆہَم ۔

اَنٛبُن ۔ کُنہِ چیٖزِ یا یَتھ اَلتۄجہ گژھُن ، تَرُسُن ۔

اَنٛبرناوُن ۔ کانٛہہ چیٖز ہاوان روزُن مگر نہٕ دیُن ۔ ہتو ہتو کرناوُن ۔ اَلَنٛجہٕ کرناوُن ۔

پھیٚنٛژرٕ دِوناوُن ۔

اَنٛپٔر ۔ [مۆل : اَنٛپٔر س : اَن + پٔٹھ] ییٚمہِ نہٕ پوٗرمُت آسہٕ ۔ یُس نہٕ اَچھر زان آسہٕ ۔ ناخانٛدٕ ۔

اَنٛت ۔ [ن ۔ مۆل : اَنٛت س : اَنٛتہٕ]

اَنٛد ۔ اَنٛتھ ۔

اَنٛتہِ روٗس ۔ اَنٛتہِ روٗس ۔ حدِ روٗس ۔ ژھیٚنہٕ روٗس ۔

اَنٛتَر ۔ [ن ۔ مۆل : اَنٛتَر س : اَنٛتَر] اَصل ۔ (کھٹیٚتھ) مانے ۔

اَنٛتَرا ۔ [مۆل : اَنٛترا س : انترا] موسیقی ہنٛز اَکھ اِصطلاح ۔ گیوٚنُک مُنٛز یُم فِقرٕ یا مُنٛزِم راگ ۔ گیوٚنُس مُنٛز چھُ گۄڈٕ اَستھایی آسان تہٕ پَتہٕ انترا ۔

اَنٛتَریامی ۔ [مۆل : اَنٛتریامی س : اَنٛتریامی] (۱) روٗح ، سُہ یُس پَرتھ کُنہِ اَنٛدر چھُ ۔ (۲) لُکَن ہنٛدِس اَنٛدرِمِس حالَس وٲقِف ۔

اَنٛتھہٕ ۔ [مۆل : اَنٛتھہٕ س : اَنٛتہٕ] ۔ مَن ۔ بِہِ مَنَس اَنٛدر آسہٕ ۔ ضَمیر ۔ مُ : میوٚن اَنٛتھہٕ چھُ وَنان زِ یہِ کَتھ چھِنہٕ جان ۔

اَنٛتھہٕ کرٕن ۔ [مۆل : اَنٛتہٕ کرٕن س : اَنٛتہٕ کرن] مَن ، دِل ، ضَمیر ۔

**اَنتہٕ دان** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنتہٕ دان < س : اَنتیٚہ + دانہٕ] پیٚتیمُ دان، خارانہٕ ۔ ییٚس مرنہٕ سرآسہٕ تمۍ سُند خاراتھ ۔ یہ کینٛژھا کانٛہہ مرنہٕ سر دان دِیِو۔

**اَن تھکھ** ۔ [مۄل : اَن تھک < پراکرت : اَن + تھکہٕ] لگاتار، تھکھ دِنہٕ روٚس۔ تھکہٕ ورٲے، ٹھٲہرنے کرنے۔

**اَنبجر پنٛجر** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنبجر پنٛجر < س : پنٛجر + (پوٚت صدا)، اَنبجر] ۔ اَڈی جہٕ کرٕژ۔ اَڈی جہٕ ترٕ ژنگر : (نوٚر نامہٕ) ۔

**اَنجام** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنجام < ف : اَنجام < ژند : اَنتام ۔ س : اَنتیمہٕ] اَنڈ ۔ پتٕس یِہ بنہٕ ۔ آخری نتیجہٕ۔

**اَنجام یُن** ۔ اَنڈ واتُن ۔ اَنڈس واتُن ۔ تکمیل سپدُن، پوٗرٕ سپدُن ۔ برابر یُن۔

**اَنبجلی** ۔ [م ۔ مۄل : اَنجل < س : اَنجلہٕ ما] ۔ دوٗژھ ۔

**اَنجہٕ کوٗر** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنجہٕ کر < س : اَنتہٕ + کنکہٕ] ڈٲنڈرٕ تام بُرتھ آمُت لوٗڈ بانہٕ ۔

**اَنجمن** ۔ اوٚنجمن ۔ [م ۔ مۄل : اَنجمن < ف : اَنجمن : پہلوی : ہنجمن] مجلس ۔ سبھا۔

کانٛہہ کامہٕ کوٹ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ کینٛژن لوٗکن ہُند میٚل۔

**اَنجبار** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنجبار < ف : انجبار ۔ م : ع : انجبین] ۔ اَکہٕ بوٗٹہٕ ہُند ناو۔

**اَنڈ** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنڈ < س : اَنتہ] ۔

(۱) حد، بنہٕ ۔ کُنہٕ چیزٕچ ڈٲنڈرٕ یا دوٗنڈ ۔ اوٚنٹ ۔ تھکھ (۲) کُنہٕ کتھہٕ یا کامہٕ بیٚترٕ ہُند پھل یا نتیجہٕ، اَنجام۔

اَنڈا اَنڈ ۔ ڈٲنڈرٕ پیٚٹھ ۔ بیٚیرٕ پیٚٹھ ۔ (دگریٚرس)۔

(۲) ڈٲنڈرٕ تام بُرتھ ۔ نالہٕ تام بُرتھ۔

**اَنڈٕ پیٚٹھٕ** ۔ (۱) گوڈٕ پیٚٹھ ۔ شوٗروٗ ۔ پیٚٹھ۔ (۲) اَکہٕ طرفہٕ پیٚٹھ ۔ کانٛہہ اَنڈ ہیتھ ۔ اَکہٕ پاسہٕ پیٚٹھ۔

**اَنڈٕ پیٚٹھٕ اَنڈٕ تھس تام** ۔ اَکہٕ اَنڈٕ پیٚٹھ دوٚیمس اَنڈس تام ۔ ہیٚتہٕ پیٚٹھ اَنٛتس تام ۔ گوڈٕ پیٚٹھٕ تہرس تام ۔ پوٗرٕ پاٹھۍ ساری سے ۔ اَنڈٕ وَنڈ۔

**اَنڈٕ تھوٗن** ۔ نیبر تھوٗن ۔ اَلگ تھوٗن ۔ نلنہٕ تھوٗن ۔ کھٹِتھ تھوٗن، ترٛاوٕ تھوٗن ۔ لوٗب کُن تھوٗن ۔ نظرٕ تل نہٕ تھوٗن۔

**اَنڈٕ سیٚنۍ** ۔ سہٕ سیٚنۍ ییٚس خاص کانٛسہٕ ہُندٕ

باپتھ آسہٕ، ساری نے کیٛبت آسہٕ نہٕ۔ کانسہٕ ہنٛدِ
باپتھ ٹُلِتھ تھوٚومُت سیٚنٛ۔

اَنْدِ کنہٕ۔ اَنْدس پیٚٹھ۔ لوٚب، لوٚب کُن۔ لبہٕ۔
لبہٕ کُن۔ اَکِہ طَرفہٕ۔

اَنْدِ کنہٕ مَنٛزٕ باگ۔ لوٚب روٗزِتھ ساروٕے سے
مَنٛزٕ۔ ظاہر پاٹھی نہٕ مگر اَصلہٕ تہٕ ساریٕ سے
پیٚٹھ یکٔنتیار۔

اَنْدِ کنٛیکٕ۔ اَنْدِ ژُم۔ اَنْدِ پیٚٹھک۔ آخری۔
ساری نِشہٕ پتِیُم۔

اَنْدِ وَنْد۔ (۱) اَپُر ور۔ گوڈٕ پیٹھٕ آخرس تام۔
اَکِہ اَنْدِ پیٚٹھٕ بٔیٚس اَنْدس تام۔ (۲) زٕہ واپارہ۔
ژٕو شوٕے طرفو۔ (۳) دوہے۔ ہمیشہٕ۔

اَنْدُرک۔ بیرِ یایُس اَنْدس پیٹھ آسہٕ۔ اَنْدِ
پیٚٹھک۔ اَنْدِ ژُم۔ آخری۔ ساری نِشہٕ
پتِیُم۔

اَنْدُرک اَنْد۔ (۱) سارِکُے اَنْد۔ پتِیُم اَنْد۔
آخری اَنْد۔ (۲) سالِم اَنْد۔

اَنْد بوٚر۔ کمہٕ کاسہٕ اَنجام۔ (کمہٕ کاسہٕ مکمل
دِگُرُھن)۔

اَنْد بوٚر لگُن۔ اَنْدس واتُن ہیٚکُن۔ پورٕ
گُرُھن ہیٚکُن۔ موکلنس تیار آسُن۔

اَنْد پیٚٹھ۔ واہرٕ پیٚٹھ دِنۍ۔ خانہٕ نشین تہٕ آسنۍ۔
(زامتُر) گرٕ پیٚٹھ نہٕ آسُن۔

اَنْد گوڈٕ۔ وَرگہٕ پاٹھی ہوٚٹ لوٚٹ۔ کانٛہہ ترتیب۔
م، تہٕ اَنْدس تقریرس چھنہٕ کانٛہہ اَنْد گوڈٕ آسان۔

اَنْد واتُن۔ (۱) پورٕ گرُھن۔ مکمل گرُھن (۲) کامیاب گرُھن
(۳) دارٕ کارٕ واتُن کٔڈِنۍ۔ (۴) وانٛسہٕ پانہٕ وِنۍ ملٛزار
روزُن۔ (اَرِنس تہٕ کولیہ بیٚتر)۔ وانٛس پکہٕ وٕٹہٕ گڈِتھ
کولیہ ہنٛدِ رٕنس برٛونٛہہ مرُن۔

اَنْد واتناوُن۔ (۱) پورٕ کرُن۔ مکمل کرُن۔
(۲) کتھِ کتھ کانٛہہ ہر، فَسادٕ طیٚس واتناوُن
تہٕ پتہٕ نہٕ اَکھ اَکس بُتھ وُنس لایق تہٕ روزُن۔

اَنْدٕ ہیتھ۔ گوڈٕ ژٹھ۔ پیٚٹھے۔ گوڈٕ پیٚٹھے۔
آہنے۔

اَنْدی۔ ژوٚرِ پاٹھی۔ پرٛژھنے کرنے۔

اَنْدی۔ (۱) نیٚبرِ۔ ڈٔلِتھ، نِشانس پیٹھ
نہٕ۔ لٔبی۔

اَنْدی اَنْدی۔ (۱) نیٚبرِ نیٚبرِ۔ (۲) ژٕو واپارہ۔
ژٕو شوٕے طرفو۔

اَنْدی اَنْدی پکُن، اَنْدی اَنْدی پھیرُن۔
گنہٕ کرنۍ۔ ہتھرٕ کھیٚن دیُن۔ طواف
کرُن۔

اَنْدی پکھ۔ دٔچھنِ کھوٚورِ، وُرے پرٛے۔

ہمسایگی مَنز۔

أنڈی پۆکھ۔ (۱) نکھہٕ تلپچہٕ جایہ۔ أنڈ پۆکھ۔ ہمسایت۔ (۲) ماحول۔

أنڈی تھوٗن۔ أنڈٕ تھوٗن۔ نیبر تھوٗن۔ الگ تھوٗن۔ تلیتھ تھوٗن۔ ژھٹِتھ تھوٗن۔ ژوٗر تھوٗن۔ ڈیشہِ وُن نہٕ تھوٗن۔

أنڈی کرُن۔ ژھینہٕ کرُن۔ الگ کرُن۔ رد کرُن۔ منساوُن۔ ترٛاوُن۔ ٹھکی کرُن۔

أنڈی کنۍ۔ أنڈ مہٕ طرفہٕ۔ أنڈی۔ أنڈی مہٕ وَترٕ۔ بغلی۔ لوٚتہٕ پأٹھی۔ ژوٗرٕ پأٹھی۔

أنڈی گژھُن۔ نیٚبری پیوٚن۔ نیٚبری نیرُن۔ ڈٔلِتھ گژھن۔ نِشانس پیٹھہٕ نہٕ پہٕن سبٕے فأیدٕ پأٹھی کینٛہہ کرُن۔ تیتھ کنۍ کرُن ییتھ کنۍ نہٕ مطلب نیرِ۔

أنڈی وَترٕ۔ نیٚبری وَترٕ۔ تپأری یا پأری نہٕ کانٛہہ وُچھہِ۔ ٹمٕنزی وَترٕ یا عام وَترٕ نہٕ۔

أنڈی وَتھ ہیٚنۍ۔ ژوٗرٕ ژلُن۔ لٹہٕ ٹاوٕنۍ۔ تیتھہٕ کنۍ ژلُن زِ کأنسہِ روزِ نہٕ خبرٕ۔ لوٚت پأٹھی نیرُن۔

أنڈیٚم [س، انتیمہ] پٔتیٚم۔ یُس یا ییٚہ سارِی نِشہٕ پۆتس آسہِ۔ آخری۔

یُس أنڈرس پیٹھ آسہِ۔

أنڈر۔ [مذکر؛ أنڈر ف: أندر ۔س: أنتر]
(۱) مَنز ہاگ، مَنزس۔ م: ضوٗنڈقس أنڈر تھوٗپلوٗ۔ (۲) کُنہٕ وٕلِتھ یا وٹِتھ جایہِ مَنز۔ م: أنڈر أژھ۔ (۳) مَنزہٕ۔ م: أہِن أنڈر کاغذ سوٗ نڈر۔

أنڈر اژُن۔ (۱) (نیٚبرٕ پیٹھہٕ) کُنہٕ مَنز اژُن۔ م: (۱) برٛانڈس پیٹھ کیا چھکھ کران أنڈر أژھ، (۲) تیہِ چھےٚ سیٹھا لیفہِ أنڈر أژھ۔ (۲) مَنس وٚوٚن دِیُن۔ م:

گوٚرُن دوٚپنم کُنےٚ وَژُن
نیٚبرٕ دوٚپنم أنڈر اژُن
(لل دید)

أنڈر کُن۔ مَنزس۔ أنڈرٕ کُن طرفس کُن۔ م: (۱) کھوٚر تھو أنڈر کُن، (۲) سرِس وٚنڈٕ أنڈر کُن ہیٚچراوُن۔

أنڈر کوٗٹھ۔ سوٗہٕ وأرِس مَنز أکہِ گامُک ناو۔ ییتھ کالہِ آس اَتہٕ جیا پیٹھ سَنز راز دأنی۔

أنڈر گژھُن۔ (۱) أنڈر اژُن۔ داخل پیوٚن (۲) کُنہٕ کتھہِ بیٚتر سَنُن۔ (۳) وٚرگہٕ اجیل گژھُن۔

**أنڈر نیبر** - (١) مٔنزٕس تہٕ أنڈس۔ (٢) جایہ ہنٛدِس کُنہِ حِصَس مَنٛزٕ تہٕ تمہٕ أنڈی پکھہٕ۔ (٣) پیٹھہٕ تہٕ تَلہٕ دوٚشوٕے طرفو۔

**أنڈرٕ ین** - أنڈر اژن۔ (نیبرٕ پیٹھہٕ) کُنہِ مَنٛزٕ اژُن۔ داخل سپدُن۔

**أنڈری** - (١) أنڈرٕ پیٹھہٕ۔ م: أنڈری گیہ گژھہٕ۔ (٢) أنڈرکُن۔ م: أنڈری دِ نظر۔ (٣) مَنٛس مَنٛزٕ منہٕ پیٹھہٕ۔ نُنی پاٹھی نہٕ۔ نیٚبری کنی نہٕ۔

**أنڈری أنڈری** - (١) مٔنزی مٔنزی۔ م: تور چھےٚ أنڈری أنڈری وَتھ۔ (٢) لوٚکن خبر گژھنہٕ ورأیی۔ م: (١) أنڈری أنڈری سیٹھہٕ گژھنی، (٢) أنڈری أنڈری ژٔنڈرٕ گوم واتُن۔ (٣) منہٕ کنی، دِلہٕ مٔنزی۔ م: أنڈری أنڈری اوس سُہ لیکہٕ ژاران۔

**أنڈری أنڈری ژٔنڈرٕ گوم واتُن** - (١) أنڈری أنڈری پےٚ شوٚنکی پاٹھی ہٮ۪ش آسُن آمُت۔ (٢) کانٛسہٕ خبر تھوٚنےٚ کَم کَم کُہ کار آسنی کٔرِمتی۔ (٣) توٚ تمام نہٕ پٔیی روزُن یُتام أنڈری زٕہ زُر آسہٕ ژامُت۔ توٚ تمام شوٚنگی تھےٚ آسُن یُتام أنڈری أنڈری پاٹھی پٔنتی فان آسہٕ گومُت۔

**أنڈری ژم** - ژٕرہ شانٛش یوٚسہ نیزنہٕ پیٛو تیٚمیُک گیٚوُر تہٕ اَنہٕ گوٚٹ بیٚنیٚج نہٕ خبر گژھہٕ۔

**أنڈری دم** - (١) شانٛش۔ شاہ بنٛد گژھُن۔ شاہ نہٕ پھوٚرُن۔ سینہٕ ولنہٕ ینہٕ کنی شاہ ٹھیکہٕ پاٹھی نہٕ کھسُن وَسُن۔ (٢) ژھوٚپہٕ گژھنی۔ کیٚنٛہہ نہٕ پھوٚرُن (نہٕ لوٚشنہٕ کنی)۔

**أنڈری ژٔڈر** - (١) سُہ ژٔڈریُس نہٕ بوزنہٕ پیٛو وَرگہٕ پاٹھی سُہ دودیُس أنڈری پھٹرِ نہٕ خبرے روزنہٕ۔ بٔنےٚ پٔزُھ دود۔ (٢) کانٛسہٕ ہٮ۪شر ویرِ کرُ لیشُن۔

**أنڈری کنی** - (١) أنڈرٕ۔ أنڈرمہ طرفہٕ۔ نیٚبری نہٕ۔ نُنی پاٹھی نہٕ (٢) مَنٛس مَنٛزٕ دِلہٕ مٔنزی۔

**أنڈری وَر** - أنڈری کپنہٕ۔ أنڈری أنڈری کانٛسہٕ ہٮ۪نٛز یا کُنہِ پھوشان آسنی۔

**أنڈری ہٹھ** - کھوٚرس یا نٹبوٚل۔

**أنڈری گٔلی گٔلی گژھُن** - مَنٛد چھُن۔ ڈکھہ تہٕ غم ہیٛوٚن۔ شرمہٕ یا غمہٕ سیٚتی نہٕ کینٛہہ تہٕ وُنٛتھ ہیکُن تہٕ أنڈری ہیٛوٚن۔

**أنڈری ہیٹہ گژھُن** - ژھوٚپہٕ دم گٔرِتھ پھرٕٹہٕ تمی گژھُن۔ غموٚ نہٕ تفرقوٚ سیٚتی

اَنٛدری دَزُن تہٕ ہوکھُن۔

**اَنٛدری ہیوٗن۔** کانٛہہ غم دِلَس پیٹھ ہیٚیوٗن۔ غمَو تہٕ تفرِیقَو سیٖتی شُرہٕ س سَخ اَثَر واتُن۔ فِکرہ با غم بیٚتر اَنٛدری شرٛوٗپراوُن تہٕ کانٛسہِ تہٕ کیٚنٛہہ وَنُن۔

**اَنٛدرِ۔** (۱) اَنٛدرِ کنِہ۔ اَنٛدرٕ مرٕ طرفہٕ۔ م: اَنٛدرٕ آیہٕ آواز۔ (۲) (کیٚنٛشُرو) مَنٛزٕ۔ م: ییٚتِیوٗ اَنٛدرٕ چھہٕ یِہوے ٹھیکھ۔ (۳) مَنٛزٕ کنِہ۔ لیا قَت کنِہ۔ م: اَنٛدرٕ چھُس تُھوٗرے۔

**اَنٛدرٕ دَزُن پانہٕ تہٕ نیٚبرٕ زالُنی لَگُھ۔** یہِ چھِ تَتھ موقَس پیٹھ وَنان یِیٚلہِ کانٛسہِ خاص صوٗرتہٕ آسِتھ، اَما پوٚز دُنیا دٲری پَکناوِ۔ پانہٕ کوٗ تمام دو تمُت تہٕ لوٗکَن بٕلی اَزرُون۔

**اَنٛدرٕ ژھنہِ ہَس تُھکو کِہ نیٚبرٕ وڈُن گُمہ آم۔** م: مَنٛدِ چھنَس تنہٕ نِنہٕ۔ تمہٕ ساتہٕ وَنان یِیٚلہِ کانٛسہِ کُنہِ جایہِ بُہوٲری پیٚیہِ تہٕ لوٗکَن نِش تھوِ بٕلی تمُز۔

**اَنٛدرٕ ژھوٗژکون نیٚبرٕ نُنٛدٕ بون۔** یہِ چھِ تَس وَنان یُس اَنٛدری بچاتیو مُت آسہِ یا چھوٗنٛے آسہِ مگر نیٚبری کنِہ آسِس سیٚٹھا ہاو باو۔

**اَنٛدرٕ نیٚبرٕ** (۱) مَنٛزَس تہٕ نیٚبری کنِہ پٕرتھ طرفہٕ۔ م: اَنٛدرٕ نیٚبرٕ پانہٕ مانٛجنی۔ (۲) مَنٛزَس کِہو نیٚبری کنِہ۔ م: ناٰمی یانہٕ اوس اَنٛدرٕ نیٚبرٕ لوٗکو سیٖتی زُستھ آمُت۔ (۳) اَنٛدرِمہٕ طرفہٕ تہٕ پیٚیٹھِمہٕ طرفہٕ۔ م: کوٹھَس دِزٕ اَنٛدرٕ نیٚبرٕ بُرُش۔ (۴) (ورگہٕ پاٹھی) پَننہٕ جایہِ تہٕ نہٕ لوٗکَن ہنٛزِ تہٕ۔ م: سُہ چھُ اَنٛدرٕ نیٚبرٕ ہیوٗے۔

**اَنٛدرٕ نیٚبرٕ ہیوٗے۔** (ل د م) یَتھ نہٕ اَنٛدرٕ نیٚبرٕ کانٛہہ فرق آسہِ۔ (ورگہٕ) شوٗدِ دِلک یَس دِل تہٕ زبان کُنٛی آسہِ۔

**اَنٛدرٕ ہمَل۔** دَم بولُس۔ سوٗس مارہ سُہ یُس پٔننی کَنٛتھ اَنٛدرے تھکو تہٕ نیٚبرٕ باوِ نہٕ۔ یُس نہٕ کَنٛتھ ٹاس گَڑِ۔

**اَنٛدرُٹھ۔** (۱) اَنٛدرٕ نہٕ پاکہٕ یُن۔ ورگہٕ، کھِین شرٛیہٕ نے روزُن۔ بدہٕضمی (ڈگریرٕسن)۔ (۲) اَنٛدری دَم ہیوٗہ گژھُن تہٕ کَنٛہہ نیٚبرٕ باوِتھ ہکُن۔ مَنَس چھُٹھ آسِنی، مَنٛج چھُٹھ۔ مَنَس اَنٛدری گَنٛڈ۔

**اَنٛدرٕ ژُم۔** (۱) اَنٛدرٕ کَنٛگ۔ مَنٛزٕ باگ۔ (۲) دِلک۔ دِلی۔ م: اَنٛدرٕ ژُم پٕرکاش

نٛیبر ژھوٗٹُم۔ گٕنٛڑ رٕوٗٹُم تہٕ کرٕ مُس ھٕقیھ۔
(لل دٕ ید)

**أنٛدرِٕیُم حٕب**۔ دِریٖح ماے ۔ دِلُک موٗ حبٛتھ۔ دلی موٗ حبٛتھ۔

**أنٛدرِٕیُم سٕر بٕہہ**۔ پٛرماے ۔ سوٕ ماے یوسہٕ دِلہٕ پلیٛٹھ وونلان آسہٕ۔

**أنٛدرِٕیُم شاہ اَنٛدُر تہٕ نٛیٖبرٕ ئیُم شاہ نٛیبر گژھُن**۔ پھیرٕڑ بیٛتر سیٖتی شاہ کھسہٕ وَس زَن تہٕ بٛنٛد گژھنی۔ یِچھ خبر۔ لوٗزِتھ یا ژٕنٛڈ چار ہینہٕ سیٖتی دَم چھٹی ہیٛوٕہ گژھُن تہٕ رٕہِنی تہٕ ڈٕنہٕ ہکُن۔

**أنٛدرِٕیُم نٛیبر کرُن**۔ یِہ کھٕنٛتھ آسہٕ تہٕ نوٗن کڈُن ۔ اَنٛتِہ وانٛتھ کڈِتھ ماٗرتھ ژھنُن۔ تیٚن تیٖرا کرُن۔

**أنٛداز**۔ [ن۔ مٕوٗل : اَنٛداز < ف : اَنداز] طرٕز، طرٕیقہٕ۔ آے۔ چال۔

**أنٛدازٕ**۔ [ن ۔ مٕوٗل : اَنٛداز < ف : اَنداز، اندازہ] اَنٛکہٕ وَن ۔ اَٹھ سٕتھ پاٗٹھی۔ لوٗزُن۔ اَٹھکل۔

**أنٛدازٕن**۔ اَنٛکہٕ دٕنی ۔ اَنٛدازٕ موٗجوٗب، اَٹھ سٕتھ پاٗٹھی۔ اَٹھکلہٕ حسابہٕ۔

**اَن وِشہٕ**۔ اَنٛہ کٕنہٕ ۔ اَلگ پاٗٹھی۔ نوٗب پاٗٹھی۔ م : شُرٕ چھُ ازکل اَن دِشہٕ روٗزِتھ۔

**اَنٛٹھ کار**۔ [ن ۔ مٕوٗل : اَنٛٹھ کار < س : اَندھکار]
(۱) اَنہٕ گٕنٛٹ۔ اَنہٕ گوٗٹ ۔ گٕنٛڑ ۔ گاش نہٕ آسُن۔ (۲) موٕہ ۔ ژھوکُک اَنٛیُو۔ م : اَتھہٕ پٕرہلہٕ اَنٛدکار (۳) اَنیاے ۔ ظُلم ۔ ناپُرسان۔ نااِنصٲفی۔

**اَنٛدُن**۔ [مٕوٗل : اَنٛد < س : اَنتہ + ک ۔ سان]
موکلُن ۔ پوٗرٕ گژھُن ۔ م : گوٕ ڈٕ گژھیا کیٛنہٕ اَنٛدُن تہٕ کیٛہ نہٕ۔ فٲصلس واتُن۔ فٲصلہٕ سپدُن ۔ نٛتیجس واتُن۔ م : تسنٛد نیاے تہٕ ہیٛوتُن اَنٛدُن ووٕنی۔

**اَنٛدیٖشہٕ**۔ [ن ۔ مٕوٗل : اَنٛدیٖشہٕ < ف : اَندیشہ] بٕروٗنٛہہ کُنیٛک وٕہم، خوف یا فکرِ بیٛترٕ۔

**اَنٛدی ہیری ۔ اَنٛدٕ یری** ۔ [م ۔ مٕوٗل ۔ اَندی ہیری < پراکرِت : اندھیار < س : اَندھکار]
(۱) دوٗہلہٕ یوسہٕ اَنہٕ گٕنٛٹ ہش اُوٛبرٕ کِنی یا گرٕد طوٗفانہٕ سیٖتی گژھان چھِنٛے۔ (۲) گٕنٛڑ زٕوٗل ۔ تٕرٕٹہٕ بُرُن (دُرگہٕ) بےٚ بوٗج۔ ناپُرسان ۔ یتھ نہٕ پرٕژھہ گار آسہٕ۔

**اَنٛدیُت** ۔ [ن ۔ مٕوٗل : اَنٛدیُت < ک : اَنٛ + دیُن] (ل۔م) : اَنُن تہٕ دیُن تہٕ ڈٕیھ گور بدلہٕ کوٗر نیٖبرٕ ری دِنی۔

**اَنڈَرویَر** ۔ [م ۔ مۄل : اَنڈَرویَر ۔ > انگ : اَنڈَر وِیَر (UNDER WEAR) ] پاٹھ زٕھی ئنِ یان یوٚس پلوٚن تَلہٕ چھیٚنے لاگنہٕ یوان ۔

**اَنٛڈٕ** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنڈ > س : اَنڈہ ] (۱) ٹھول (۲) (ہِزلہٕ پاٹھۍ) صِفر ۔

**اَنٛزَل¹** ۔ [م ۔ مۄل : اَنٛزَل > س : اَنٛجلہٕ ] ۔ دوٚن اتھٕ ملوِتھ ۔ اَتھن ہٕنٛز دارِتھ آسُن (یتھٕ کٕنۍ کینٛہہ مَنٛگنہٕ وِزِ روزان چھ) ۔

**اَنٛزَل²** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنٛزَل > س : اَنہ + جلہ ] اَن تہٕ زَل ، آب دانہٕ (دورگہٕ پاٹھۍ) قسمتھ ، پرالبد ۔

**اَنٛزَن ۔ اَنٛزوٚن ۔ اَنٛزُن** ۔ [> س : آنجنہٕ ] اکھ توٗلہٕ داتھ یوٚس رَنٛنہٕ تَلہٕ نَرٕم تہٕ مُشک دار چھیٚنے آسان ۔

**اَنٛزان** ۔ [مۄل : انہمان > س : اَن + جِلنیان ] (۱) بے زانۍ ۔ وۄپرٕ ۔ یُس سِتۍ تہٕ زان آسہٕ ۔ (۲) یُس نہٕ زانان آسہٕ یُس نہٕ تِنگان آسہٕ ۔ اَناڑی ۔

**اَنٛزُل** ۔ [ن ۔ مۄل : اَنٛزُل > س : اَنٛچلہ ] (۱) کنارٕ ڈۍ بناوٕنہٕ باپتھ کپرس اکہٕ طرفہٕ کڈٕتھ تار ۔ (۲) مَنٛزلس پیٚٹھہٕ کنہٕ جاے ۔

**اَنٛزُل کڈُن** ۔ کَنارٕ ڈۍ بَناوِنہٕ باپتھ کپرس اکہٕ طرفہٕ تار کڈِتھ رَنٛنۍ ۔

**اَنٛزِ مَنٛزٕ** ۔ [> س : اَنتہ + مدھیہ > پراکرت : مجھ ] (ل ۔ م) ، اَنٛدس تہٕ مَنٛزس ، تہٕ دٕپتھ گو پرٛتھ کانٛسہٕ تہٕ پرٛتھ کُنہِ سِتۍ ۔ میلتھ گیلتھ ۔

**اَنٛزس مَنٛزس گَرٛٹھُن** ۔ [س : اَنتہ + مدھیہ + گچھ ] واقف گَرٛٹھُن ۔ میلتھ گیلتھ روزُن ۔

**اَنٛزس تہٕ مَنٛزس** ۔ کُنہِ حسابس تہٕ ۔ نہٕ ہور تہٕ نہٕ یور ۔ کُنہِ ڈَنٛجہٕ نہٕ ۔ نہٕ ڈیٚنٛشجہٕ تَلۍ تہٕ نہٕ ڈیٚنٛشجہٕ پیٚٹھۍ ۔

**اَنٛزِ مَنٛزٕ** ۔ اُکس بیٚیس تراوِتھ ۔ سارِوے مَنٛزٕ تراوِتھ ۔ م : سارِوے کرٕ گرٕکھ نہٕ اَنٛزِ مَنٛزٕ روٗٹھتھ ہیے ۔ یوان تَمہٕ سا تہٕ وَنُنہٕ یِیلہٕ مَنٛزباگ کانٛسہٕ اُکس ہاژٕرٕ ییہٕ لاگنہٕ ۔

**اَنٛزِ مَنٛزٕ اَٹُن** ۔ (۱) ییٚتہٕ یُس آسُن گرٕزٕ نہٕ سہٕ توت زور یا چالاکی سان اَٹُن ۔ کُنہٕ کامہٕ کارس بیٚتر مَنٛزٕ کانٛسہٕ ہُنٛد زورٕ دٔخل دِیُن ۔ (۲) واقف گَرٛٹھُن ۔

**اَنٛزِ مَنٛزی گَرٛٹھُن** ۔ واقف گَرٛٹھُن ۔

اَنٹرٛ زیٹھ ۔ [م ۔ مۄل : اَن ٹرٛ زیٹھ < س : اَنتیشٹھ]
موٗر دِس داہ دِنہٕ برٛوٗنٛہہ اَکھ رسم۔

اَنکُھ ۔ [< س : اَنہٕ کنتھا] کنتھ کنتھِ ۔ گرٛ گرٛ۔
وِز وِز۔

اَنٛکُر ۔ [ن ۔ مۄل : اَنٛکُر < س : اَنٛکُر]
بامُن ۔ کوٚٹ۔

اَنٛگ ۱ ۔ [ن ۔ مۄل ، اَنٛگ < س : اَنٛگ] بَنٛد۔
حصہٕ ۔ جُز ۔ ۲ باندو ۔ سُہ یُس ہینٛزِ رٕشتہٕ
رٕشتہٕ آسہِ۔

اَنٛگ اَشناو ۔ بَنٛد باندو ۔ اَشناو روٗشناو۔
رٕشتہٕ دار تہٕ زانٛی کار ۔ پنٛنہٕ کرٛانٛکی لوٗکھ۔
پنٛنی ، پنٛنہٕ رٕشتکی۔

اَنٛگہٕ دوٗش ۔ [مۄل ، اَنٛگہٕ دوٗش < س : اَنٛگہ
+ دوشہ] اَنٛگہٕ اَپنٛنہٕ ۔ کُنہٕ بَنٛدُک نوقص۔
لوٚنٛگ ، لیوٚز ، کون بیٚتر آسُن۔

اَنٛگہٕ دوٗر ۔ [مۄل ، اَنٛگہٕ دوٗر < س : اَنٛگہ + دڑڈھ]
یُس ڈٕری اَنٛگ آسَن ۔ یُس جِسمکی
بَنٛد ڈٕری آسَن ۔ اوٗر تہٕ دوٗر۔

اَنٛگہٕ ڈٕلنہٕ ۔ اَسرِ وہ لسر گژھنی ، جلس نہٕ ہوش
راوُن۔

اَنٛگہٕ وول ۔ [مۄل : اَنٛگہٕ وال < س : اَنٛگہ + ولیہ]
کُنٛگ سُہ دا اَیرِ یتہ کُنٛگی دوٗیمہٕ یُس
اَلاَنٛدی چھہٕ تراونہٕ یوان ۔ ترشٕھ۔

اَنٛگہٕ ہیٚوٗن ۔ [مۄل ، اَنٛگہٕ ہین < س : اَنٛگہ
+ ہینہ] سُہ یُس جِسمکی ساری اَنٛگ
برابر آسن نہٕ ۔ یُس جِسمس کُنہٕ حصس
کانٛہہ کسر آسہِ ۔ زُوِ رکنی کسر لد ۔ اوٗن ،
کون ، لوٚنٛگ ۔ لیوٚز ، ژوِ روٚنگ بیٚترِ۔

اَنٛگ ۲ ۔ [مۄل : اَنٛگ < س : اَنٛگہ] زخم تہٕ
چھوکھ بیٚترِ بلنٛچ حالتھ ۔ زخمس کرٛور
بیٚہنٛچ حالتھ۔

اَنٛگ دیُن ۔ [مۄل ، اَنٛگ دِ < س ، اَنٛگ + دا]
کانٛہہ نوٚو پلو تہٕ وَس بیٚترِ گوڈنٛچہٕ لٹہٕ
ساتہٕ نالی تراوُن۔

اَنٛگ کھسُن ۔ [مۄل : اَنٛگ کھسن] چھوکھ
بیٚترِ بلُن ہیٚوٗن۔

اَنٛگ ہیٚوٗن ۔ [مۄل : اَنٛگ ہے < س :
اَنٛگہ + ہَرنہ] کانٛسہِ ہُنٛد نوٚو پلو یا
وَس بیٚتر ساتہٕ گوڈنٛچہٕ لٹہٕ پانٛس
نالی تراوُن تہٕ تمیُک نوٚہر چھاوُن
(یُتھ زِ اَمہِ چیٖزٕکِس اَصل مالکس لگہٕ
نہٕ اَچھ)۔

**اَنگ یُن** ۔ [ مۆل ، اَنگ ییٖ < س : آنگہ + اِکہ ]
پھپھُر یا چھوکہ بیتر بلُن ۔ زخمس کرُور
ہیُن ۔ زخم بلُن ۔

**اَنگ[3]** ۔ (۱) ناٹکک اَکھ ایکٹ ۔ (۲) گرٚنڈ ۔ نِشانہٕ
مۆس رٕیس پلوس یا [illegible] یا کوٹس
بیتر پیٹھ پرنہٕ ناونہٕ باپتھ ترٛاوان چھہٕ ۔

**اَسنگہٕ ترٛنگہٕ وَسنہٕ (پَشپنہٕ)** ۔ (ل ۔ م)
پانسے ئل سپنہٕ پشپُن ۔ پیٹھے کانٛہ
ہنٛز ناقابلیتھ فِکرِ ترٛاوٕ ۔ بُتھہِ پیٹھے نُنُن ۔
بُتھہِ تلے شوٗب نیٚنُن ۔

**اَنگوچہ** ۔ [ن ۔ مۆل : اَنگوچ < س : اَنگونچہ ] تولیا ۔
پان ووتھراونک پلو ۔

**اَنگریز** ۔ [ن ۔ مۆل : انگریز < انگ : انگل ۔ لاطینی :
اَنگلس ] (۱) انگلستانک روزن وول ۔
انگلستانی (۲) فرنگی ۔

**اَنگریزی** ۔ [ن ۔ مۆل : انگریزی < انگ : اَنگل
اَنگریزن ہنٛز بوٗلی ۔ انگریزی زبو (۲) انگریزی
زبان ۔

**اَنمان** ۔ [م ۔ مۆل : اَنمان < س : اَنہ مانہ ]

(۱) اَتھ وتھ ۔ (۲) ۔ لونہٕ شونٛر ۔

**اَنوار** ۔ [م ۔ مۆل : اَنوار < س : اَنہ + وارہ ]
واٲرۍ ۔ پانٛنی واٲرۍ ۔

**اَنوار پنوار** ۔ سہ واٲرۍ بیتر یوسہ گنٛڈتھ
وَقتہٕ روٗس ترٛمُنٛزری ہیہ ۔ م : اَنوار
پنوارے ٲسہ ترٛ ہیہ ہے دہ بہ پیٹھ واٲنی خرچا نیر ہے ۔

**اَنوار وَنوار** ۔ اَنوار بیتر ، واٲرۍ بیتر ۔ واٲرۍ شاری ۔

**اَن ہار** ۔ [ن ۔ مۆل : اَن ہار < س : اَنہ ہارہ ] شکل ،
نِشانہٕ ۔ ترٛاے گژاے ۔ ژھانٛپھ ۔

**اَن ہار ڈلُن** ۔ (۱) رَنگ ڈلُن ۔ شکل بگڑنی ۔
(۲) نِشانہٕ ڈلُن ۔

**اَن ہُہر** ۔ [< س ، اَن + ہرشہ ] سُہ یُس نیتھر
کرنے آسہٕ ۔ سُہ یُس نیتھر روستے آسہٕ ۔
م : اَن ہُہرش ۔

**اَن ہُہرہ یر** ۔ اَن ہُہر آسنچ حالتھ ۔ نیتھر
روٗس آسُن ۔

**اَن ہُہرہ مَن ارمان ہُہری متی پشیمان** ۔
(ل ۔ م) یُس نہ نیتھر سہ کرِ پیشان تہ یُس چھُ
سُہ بارادِوان ۔ (وَرگہ پاٹھی) یتھ تانی نہ
کانٛہہ چیز آسہٕ تو تمام کوشش تہ ہیلہ
بنٛہ نیلہ بیزار گژھن ۔

اَن ہیوٚت۔ یُس نہٕ ہیوٚت آسہِ۔

اَنیلے۔ [ن۔ موٗل: اَنیا ے < س: اَ + نیایہٕ] بےٚ اِنصٲفی۔ اَنٛدٕ کار۔ ناپُرسان۔ ظُلُم۔ بےٚ بوج۔

اَنیٚشٹ۔ [ن۔ موٗل: اَنِشٹ < س: اَنہٕ + ویشٹ] اَنٛٹ اَکھ کَنٛترٕ یُک بانہٕ۔ کَنٛترٕ ٹھوٗ ڈکنہٕ۔ ٹھان دِنیچ تَلیچ لوکٕٹ اَنیٚشٹ۔

اَنٛٹی پھِرٕنۍ۔ اُلٕی دَخل دِیُن۔

اَنٛٹی تُلنۍ۔ ہَنٛگامہٕ لاگُن۔ بانہٕ ٹھاءسنۍ۔ گرٕٹہٕ تُلُن۔

اَنٛٹی چھاوٕنۍ۔ ژُونی۔ لڑٲے جھگڑٕ کَرُن۔ سَخ ہَرہَر کَرٕنۍ۔ بانہٕ ٹھاءسنۍ۔

اَنٛٹی وٕنیٚنۍ۔ آن مانٕنۍ۔ ہار مانٕنۍ، تہٕ ڈیٚشِتھ گوٗماجِر ہُنٛد دود تام وَنُن۔ لُٹی ہیٚنۍ۔

(بےٚ نالبس) اَنٛٹی ڈَس کیٚتھ۔ (ل۔ م) ٹھانٛس مَنٛز یا ٹھانٛس کیٚتھ۔ پوٗرٕ پاٹھٕی چھہٕ وَنان "بےٚ نالبس اَنٛٹی ڈَس کیٚتھ" یٖلہٕ شینٛگ مانے چھہٕ زِ بےٚ تاب چھُنہٕ پڑاران کران، تُس یِی اَتھ یِیہٕ تی چھہٕ غنیٖمتھ زانان۔ (وَرگہٕ) یُس نہٕ بَرٕ پیٲرُن آسہِ سُہ چھُ نوقصانٛس مَنٛز روزان۔ وُچھو "بےٚ تاب" تہٕ۔

اَنٛٹھوٗ۔ [ن۔ موٗل: اَنٛٹھوٗ < س: اَنٛدھ] (۱) اَنہٕ۔ اَڈان آسُن۔ اُچھن گاش نہٕ آسُن (۲) اَنیلے ناانصٲفی۔ ظُلُم۔

اَنوٕ لَد۔ [< س: اَنٛدھ + لَبدھ۔ مُ: پڑاکرِت: لَدھوٗ] یُس اَنٛٹھوٗ آسہِ۔ یُس اُچھن گاش آسہِ نہٕ۔ یُس اوٚن آسہِ۔ یُس نہٕ بوزنہٕ یِیہِ۔ (وَرگہٕ پاٹھٕی): یُس نہٕ چھیٚنیٚنہٕ کِہٕ ہیٚنۍ ژارِنۍ تَگَن۔ یُس نہٕ بَرٕ اَپزٕ ٹیٚک تمیٖز آسہِ۔ بےٚ اِنصاف۔

اَنیوٗرٕ (۱) [م۔ موٗل: اَنہٕر < س: اَنٛدھ + ک: اَپر] اَکہٕ قسمچ لوکٕٹ گاڈ یوسہٕ کرٕہیٚنۍ تہٕ کلہٕ وٕیٹھ چھےٚ آسان۔

اَنیوٗرٕ (۲) [ن۔ موٗل: اَنہٕر < س: اَنٛدھ + ک۔ اَپر] (۱) یَس چیٖز اُچھ آسن۔ گاش اَرٕستھ اوٚن ہیٚوٗہ۔ (وَرگہٕ پاٹھٕی): یُس گاش اَرٕستھ تہٕ لَبنہٕ یِیہِ نہٕ۔ یُس نہٕ ہیٚکہِ بَرٕ ڈُنٛہہٕ وُچھان آسہِ۔ یُس نہٕ حِس تھَوِ۔

اَود۔ [م۔ موٗل: اَود < س: اَودھ] کانٛہہ کام کوٚٹ اَنٛد واتناونہٕ باپتھ مُقرر کوٚرمُت وَقت، عرصہٕ، کال، عہد بیتر۔

اَوستھا۔ [م۔ موٗل: اَوستھا < س: اَوستھا]

١ حالتھ ـ وٲنسہٕ ہنٛز حالتھ ـ م : باگھ
اوستھایہ لگیو پٲری ـ ٢ منٛز حالتھ ـ م : وٕزِ
آسُن ، خابس منٛز آسُن ، بےٚ خبر نینٛدرِ
آسُن نہٕ ہیٚمن ترٛٲن کھوتہٕ تہٕ ہُتھر حالتھ ۔
٣ وٲنس ـ م : سُہ چھُ اوستھایہ تھوٚدِ ۔

**اوش** ـ [ مۆل : اَوش > س : اَوشیہٕ ] ١ ضۆرۆر ـ
لازِم ـ بے شکھ ۔

**اوش پاٹھی** ـ ضۆرۆری پاٹھی ـ چارٕ ناچار
پاٹھی ـ لازم پاٹھی ـ

**اوَل** ـ [ مۆل : اَوَل > ع : اَوَّل ] ١ گوڈٕ ،
گوڈنیُک ـ ساری نِشہٕ برٛونٛٹھیُم ۔
٢ تھدِ تھوٚد ـ بڑٕ بوڑ ـ ساری نِشہٕ کھسِتھ ۔

**اوِزٲری** ـ [ ن ـ مۆل : اوِزار > س : ا + وِچاری (وِچارِن) ]
١ یُس نہٕ وِزار آسہِ ـ یُس نہٕ سوچ سمجھ
آسہِ ٢ بےٚ انصاف ، ہےٚ پرواے ـ
م : بگوان چھُ اوِزٲری ۔

**اوِناشی** ـ [ مۆل : اوِناشی > س : اوِناشی ] ١ یُس
نہٕ ناش گژھہِ ـ یُس نہٕ ہیٚکہِ ـ پوشِہ ؤن ـ روزِ
ؤن ٢ دیرٕ سُشند اکھ ناو ۔

**اوِ** ١ ـ [ مۆل : اوِ > ویدِک : اَوٕ ] ـ آمرِ (کرُنی) ـ
اَمہِ (ہۆکھہٕ) ـ

**اوِ** ٢ ـ [ مۆل : اوِ > س : اَوَ ] آنی ـ
آنٛگکارُک لفظ ـ اَچھا ـ

**اوِسر** ـ [ ن ـ مۆل : اوِسر > س : اوِسرٕ ] موقہٕ ـ
وِز ـ ساتھ ـ

**اوِشکھ ، آوِشکھ** ـ [ مۆل : اوِشکھ > س : آوشیک ]
ضۆرۆری ـ لازِم ـ یتھ نہٕ چارٕ آسہِ ـ

**اوِگون ، آوگون** ـ [ ن ـ مۆل : اوِگون > س : اوٕ +
گُنہٕ ] نقص ـ خراب صِفتھ ـ کو صِفتھ ـ
دوش ـ

**اوِمان** ـ [ ن ـ مۆل : اوِمان > س : اوَ + مانہٕ ]
بےٚ قدری ـ بیزتی ـ انادر ـ

**اوُل سوُل** ـ اڈٕ سیٚوٚن مڈٕ سیٚوٚن ـ یُتھ تیُتھ ،
یتھ نہٕ خاص کانٛہہ مزا آسہِ ـ

**اوُل سوُل کھیوٚن ، اولہٕ سولہٕ کھیوٚن** ـ
سیٚوٚن کیوٚن کھیوٚن ـ

**اوِدیا** ـ [ م ـ مۆل : اوِدیا > س : ا + وِدیا ]
وِدیا نہٕ آسنی ـ عِلم نہٕ آسُن ـ جہالتھ ـ مۆہ ـ

**آویزان** ـ [ مۆل : آویزان > ف : آویزان ] ١ الونٛد
الہٕ ووٚند ـ ٹنٛگِتھ ٢ درگہٕ پاٹھی (کانٛہہ ماملہٕ)
اَندٕ نہٕ ـ ہیتھے پاٹھی ، پیتھ ـ

**اوپد** ـ [ م ـ مۆل : اوپد > س : اوِدھ ]

وِیژ رۄس۔ بےٚ طریقہٕ۔ بےٚ حساب۔
قائدس، قوٗنوٗنس خلاف پکُن یا کرُن۔
غلط طریقہٕ کینہہ کرُن۔

**اوئزکنی۔** غلط طریقہٕ۔ تمہِ طریقہٕ نہٕ یُس پَکان ہے۔

**اوِچار، اوِزار۔** [ن۔ مۄل: اوِچار < س: آ + وِچارٕ] وِچار نہٕ کرُن۔ سوچ نہٕ کرُن۔ لاپروٲہی۔

**اوِکتھ۔** [ن۔ مۄل: اوِکت < س: آ + وِکتہ] (۱) یہ نہٕ نوٗن آسہِ۔ یہ نہٕ پرٛوکھٹ آسہِ۔ پرٛگھٹاوٕنے۔ ظٲہر کرُنے (۲) ساکھو تہٕ شیوٕ دررشنک اکھ اِصطلاح۔

**اوتار۔** [ن۔ مۄل: اوتار < س: اوتارہ] نُوٕ زاز ہشر گنہٕ شکلہِ منز دیہ سُند ظہوُر۔ اِنسان زِنمس منز کانہہ دِوتا آمُت

**اوتار دارُن۔** دِوتا سُند اِنسان رۄپس منز یُن۔

**اوتار ہیوٗن۔** اوتار دارُن۔

**اوتاری۔** اوتار دارِتھ۔ اوتار شکلہِ۔ اوتار رۄپس منز۔

**اوتاری یُن۔** (۱) شرہ دارِتھ یُن۔ جِسمس منز یُن۔ (۲) (دگانہِ پنٕدِ باپتھ) اوتار دارِتھ یُن۔ فرشتہٕ بنِتھ یُن۔

**اوذات، اوذاتھ۔** [مۄل: اوذات < س: اَو + جاتہٕ] وُستھ زاتہٕ ہُند۔ نیوٗز۔ کم پایہٕ۔ م: پُش دیوٗل اوذوتے

نہ کھیِیس گرگُن نہ گاو
سُہ پیلہٕ شاہس شیروتے
اوذوتے ذوم پتھٕ کس آو
(نُند ریوٗش)

**اوراد۔** [ن۔ مۄل: اوراد < ع: اوراد۔ وِرد لفظک جمع] وظیفہٕ، وِرد۔ اورادِ فتحس تہٕ چھ کینہہ لوکھ ژھوٹی پاٹھی "اوراد" وَنان۔

**اورادِ فتح۔** کینژن وظیفن ہُند مجموٗعہٕ یُس حضرتِ امیرِ کبیر سیّد علی ہمدانی ین ترتیب دِتمُت چھُ۔ اتھ چھ "اورادِ فتحیہ" تہٕ وَنان۔

**اوزار۔** [ن۔ ۔ اوزار۔ مۄل: اوزار < ع: اوزار < وزر] ہتھیار۔ آلہٕ۔

**اوزان۔** [ن۔ مۄل: اوزان < ع: اوزان۔ وَزن لفظک جمع] میننکی تولنکی وزن۔ پرمانہٕ، وٹہ بیتر۔

**اَوسَط۔** [ن۔ مؤل، اَوسَط > ع: اوسَط] یِہ کینٛژھا (کُنہِ منٛزٕ) پٔرتھ اَکِس بھاگس واتہٕ۔ اوٚہرٕ۔ مَنٛزِم (کُلُتھ) بلگے۔ رٕے۔ بھاگہِ وٕٹھ (پھلاوٕٹھ)۔

**اَوسطَن۔** اوٚہرٕ گٕڈِتھ۔ اَوسط پاٹھۍ تقریبَن۔ گگ بگ۔

**اَوشکتا۔** [م۔ مؤل: اَوشکتا > س: آوَشیکتا] ضوٗرورتھ۔ حاجتھ۔

**اَوقات۔** [ن۔ مؤل: اَوقات > ع: اَوقات۔ 'وَقت' لفظُک جمع۔] اعتِبار۔ قدٕر۔ حٔثیَتھ۔ شوٗب۔

**اَوقات راوٕراوُن۔** (پننیٛ) اعتِبار راوٕراوُن، حٔثیَتھ خراب کرٕنۍ۔ قدٕر راوٕراوٕنۍ۔

**اَوقات نہٕ روزُن۔** کانٛہہ اعتِبار نہٕ روزُن، قدٕر نہٕ روزٕنۍ۔ قدٕر راوُن یا راوٕنۍ۔ کانٛہہ حٔسرٕ نہٕ روزُن (کانٛسہِ)۔

**اَوقاف۔** [ن۔ مؤل، اَوقاف > ع: اَوقاف۔ 'وَقف' لفظُک جمع۔] خوٗدایہٕ سٕندٕ ناوٕ یا کُنہِ اَستانہٕ بیتر کرٕ ناوٕ تھوٗومُت (جاداد)۔ یِہ کینٛژھا ثوابہٕ پٔژھہِ لوکَن

ھِشدِ خاطرٕ تھوٗومُت آسہِ۔

**اَولاد۔** [ن۔ مؤل: اَولاد > ع: اَولاد > وَلد] شُر کوٚٹ۔ سَنتان۔

**اَولِیا۔** [ن۔ مؤل: اَولِیا > ع: اَولِیا > وَلی] 'وَلی' لفظُک جمع۔ تِم اِنسان یِم واتٕمٕتۍ آسَن۔ ریٚشی مُنی۔

**اَومان۔** [ن۔ مؤل: اَومان > س: اَومان] بٔے عِزتی۔ بٔے قدری۔ وُچھو "اَومان" تہٕ۔

**اَویٚوٗد۔** [ن۔ مؤل: اَوید > س: اَ + وِد] یِہ یا یُس نہٕ ویٚوٗد آسہِ۔ یِہ یا یُس نہٕ واقِف آسہِ۔ یِیٚمہِ سِفٔرٕ نہٕ زان آسہِ۔

**اَہرمَن۔** [ن۔ مؤل: اَہرمَن > ف: اَہرمَن] شیطان۔ (آتش پرستَن ہٕندِ کِنی) شَر پھٔہلاوَن وول۔

**اَہَک۔** [ن۔ مؤل: اَہک > ف: آہک] چوٗنہٕ زٔہن۔ چوٗنہٕ کنگارٕ۔

**اَہل۔** [> ع: اَہل]
قابِل، لایِق۔ واقِف۔

**اَہل گرٔدھُن۔** کُنہِ کامہِ واقِف گرٔدھُن۔ ہیٚچھُن، قابِل بَنُن۔

**اَہل گومُت۔** (کُنہِ) لایِق بَنیومُت۔

(کُنہٕ) قابِل بَنیوُٹت یا سَسپِنڈ مُت۔

**اَہل ۲۔** [مۆل : اَہل < ع : اَہل] ۱۔ لۆکھ۔ زوٗن۔ فَرد۔

**اَہلِ بیت، اَہلِ بات۔** (ل۔م) گرٕکی بآژ۔ اَہلِ باتھ۔ پیغمبرِ اِسلام سٕندی آل اولاد۔

**اَہلِ تشیّع۔** [< ع : اہلِ تشیع] شیٖعہ فرقٕکی لۆکھ۔ حضرتِ علیؑ یَس اِمام مانَن وٲلی۔

**اَہلِ دِل۔** ۱۔ دِلہٕ بُڈی۔ جِگرٕ وٲلی۔ جُرتہٕ وٲلی۔ فیاض ۲۔ خوٗدادوست، ووٚندٕ شۆدی۔

**اَہلِ زبان۔** (تِم لۆکھ) یِمن (پَننہٕ مادری) زبٲنۍ پیٹھ پوٗرٕ عبوٗر آسہِ۔

**اَہلِ قلم۔** یُہُند پیشہٕ لیکھُن پُرُن آسہِ۔ لِکھٲرۍ۔ اَدیب، شاعِر بیتر۔ قلم زَن۔

**اَہلِ کار۔** [ن۔ مۆل : اَہلِ کار < ع : اَہل + ف : کار = س : کار] دَفترُک مُنشی، کلرک۔

**اَہلِ کِتاب۔** تِم یُہُند دیٖن کُنہٕ اِلہامی کتابہِ موجوٗب آسہِ۔ مثلن یہوٗدی، عیسایے تہٕ زرتُشت۔

**اَہلِ مَد۔** ۱۔ عدالتُک کلرک یُس مِثلہِ مِثلہٕ آسان چھِنے۔ ۲۔ محکمہٕ مالُک مُحاسِب ۳؟ ناظِر۔

**اَہلِ نظر۔** زانَن وٲلی۔ گاشدار۔ (تصوّف منٛز) بصیرتہٕ وٲلی (تہٕ شاعِرَن منٛز) وِجدانہٕ وٲلی۔

**اَہلُ اللہ۔** خُدا دوس اِنسان۔

**اَہل وعیال۔** گرٕکی بآژ۔ شُری بآژ۔ کُٹُمبہٕ پریوار۔

**اَہَم ۱۔** [مۆل : اَہَم < ع : اَہَم] سیٹھا ضروٗری۔ یہِ کرُن یا اَثر راوُن نہٕ چارٕ آسہِ۔ ریٛیٖمیٹیک سخ حاجتھ آسہِ۔ یتھ نہٕ گوٗش ہیکو دِتھ۔

**اَہَم ۲۔** [ن۔ مۆل : اَہَم < س : اَہم] اَنا۔ "بہٕ" آسُنک گُمان۔ (اَلٰی دیکھ)

**اَہنٛکار۔** [ن۔ مۆل : اَہنکار < س : اَہنکار] ۱۔ اَہم باو۔ پَننہِ پان گنٛزرُن۔ پانیوٗ پانیوٗ۔ بُتا۔ ۲۔ میٛنگہٕ دۆد آسُن۔ کیمیر ژھوکھ۔ مَد۔

**اَہنٛکاری۔** [< س : اَہنکاری] ۱۔ اَہم باوِ وول۔ یُس پَننہٕ نۍ یوت پان گنٛزران آسہِ ۲۔ میٛنگہٕ دۆد ژھوٗکی۔

یُس زُھوکھ آسہِ۔ یُس مَدآسہِ۔

**آہا۔** [ ن ۔ <س : آہہ ] اَلاَے۔
کُنہِ چیٖزُس پیٹھ خوش گژھتھ وَنان۔

**آہ کچ، آہ۔** [م۔ مؤل : آہ کچ <ک : آہ + س : کپلہَ ] سوہ ہیچھر کچ یوس آہہ لانژن
مَنز تراونہ خاطرٕ آسان چھےٚ۔ ییٚر چھےٚ
شیےٚ سَتھ آنچہٕ زیٚ ہیٹھ آسان آمہٕ سیٚتی
چھہ لانژ ہیچھہٕ مَنز بَند روزان۔

**آہ لانژ۔** لانژک بڑ وٚنٹھِ ہیٚشُم حصہٕ۔ یَتھ آہ تھاونہٕ
خاطرٕ زدی چھہٕ آسان۔

**آہلُن۔** [ مؤل : آہل <ع : آہل ] مانُن۔
مانہٕ نَس پیٹھ واتُن۔ کُنہِ کَتھہِ پیٹھ موٚنُن۔

**آہلو۔** اکِہ قسمُچ بیل یا نفر یوسہٕ ڈونی کُلس
یا زوٚنٹھِ کُلِس وَلنہٕ چھےٚ یوان۔

**آہمیت۔ آہمیتھ۔** [ م ۔ مؤل : آہمیت
<ع : اہمیت ] اَہم آسُن۔ !
ضرورٕ وری آسُن۔ بجر۔ گوبہر۔

**آہیوٚت۔** [ن۔ مؤل : آہیت <س : آ + ہتہَ ]
یُس نہٕ ہیوٚت آسہِ۔ یُس نہٕ فائدٕ آسہِ۔
نامہربان۔ لاخائر۔

**آیَن۔** [ ن ۔ مؤل : آیَن <س : آیَن ]

(۱) بیٚیلہِ راتھ تہٕ دوٚہ برابر گژھن تمہٕ دوٚہہ
پیٹھ بییہٕ نوٚت نام ییٚلہِ دوٚہ تہٕ راتھ
بییہٕ برابر گژھن۔ ؤری یُس مَنز
چھہٕ ییٚتھی زٕ آیَن یوان۔ ووترایَن تہٕ
دکھنایَن۔ (۲) دَور، وَق، کال۔

**آیاز۔** سُلطان محمود غزنوی سُند ٹوٹھ تُرکی غولام۔

**آیوٗب۔** [ن۔ مؤل : آیوٗب <ع : آیوٗب ]
اَکس پیغمبر سُند ناو، یَیمی دوکھن تہٕ
دوٗلابن مَنز سیٹھا اَژ ڈکرٕ، صبرس کام
ہیٚژ۔ حضرت آیوٗب سُند صبر چھہ مِثالی
مانہٕ یوان۔

**آیودیا۔** [م۔ مؤل : آیودیا <س : آیودھیا ]
شری رامہٕ ژندرنی زینہٕ جاے تہٕ راز داٚنی۔

**آیوگیہٕ۔** [ <س : آیوگیہ ] ییٚگر نہٕ
آسُن۔ نالایق۔ ناقابل۔

**آیوان۔** [ن۔ مؤل : ایوان <ف : ایوان ]
(۱) رَوق۔ دیوان خانہٕ (۲) سوجاے
ییٚتہٕ سَبا لگہِ تہٕ قونوٗن بناونہٕ ین۔
(۳) سوٗ مجلس یوسہٕ قونوٗن بناوِ (۳) کچھ
اَژنگ رہرو۔

آ ۔ (۱) زیٖوٹھ 'ا'۔ (۲) شُرٕ زیٖوٕ اَندر گوٚ "آ"،
کانٛہہ گَنٛدٕ چیز۔ (۳) اَوٕ لَفظُک ژھوٚٹ
آنکار باپتھ پوان وَننہٕ۔ م: آترٕ چھ پوٗز۔
(۴) (موٗسیٖقی مَنٛز) اَلاپ۔ گیوٗن والین
ہُنٛد (اکھ) اَلاپ۔ گیوٗنہٕ بروٗنٛہہ سوٗر
مِلناوِنہٕ خاطرٕ آواز کھاینی۔

آب ۔ [ن۔ مذٕل؛ آب (ف: آب۔ پہلوی؛
آپ؛ س: اَپ، آپہٕ] (۱) پوٗنی۔ سُہ
اوٗدُر مادٕ یُس کوٚلَن، سَرَن تہٕ سَمنٛدرَن
بیٚترِ مَنٛز آسان چھُ، یُس ترٛیشہِ چھُ
لگان۔ م: آب گرٕ ھ پھیاگرِنہٕ چھِ ن۔
(۲) چمکھ۔ م: نیلمس چھُ اَلماسہٕ کھوتہٕ
زیٛوٗد آب (۳) لحاظٕ۔ حیا۔ م: اَچھن مَنٛز
آب آسُن۔

آبس مَنٛز کَڈ نَاٹ۔ گٕذاہ پکہٕ وُن آسُن۔
پانٛسہٕ ٹونٛگ بَنان آسُن۔ آمدنی ہنٛز
وٕہبہ آسنی۔

آبس مُشتہٕ دِنہٕ۔ تیٚتھ کار کرُن یمہٕ تلہٕ
نہٕ کینٛہہ نیرِ۔ تھَقس سیٚتی اتھ کرُن لیس
نہٕ پوٗشہِ نہٕ۔ بے کار حملہٕ کرُن۔

آبِ آتش۔ شرٛوش، مزانہٕ دول۔

آبِ باران۔ سَرٕخ روٗدٕ۔

آبِ حیات (۱) اَمرِتھ۔ لَسُن دوونی۔
(۲) (ورگہٕ) سیٚٹھا جان۔ پھیکرِ پھیکہٕ دوا۔

آبِ روان۔ پکہٕ وُن آب، پکہٕ وُن آب۔

آبِ زمزم۔ "زم زم" کرٛیر ٹیک آب، یُس
خانئے کعبس نکھہٕ چھُ۔ اَمیُک آب
چھُ سیٚٹھا مُتبرَک مانِنہٕ پوان تہٕ تِتہٕ
پیٚٹھٕ چھُ تُو برُکہٕ پانٕھی حاجی بیٚترٕ بنٛڈ ڈبن
مَنٛز پَتُن پَتُن وَطن اَنان۔

آبِ زُلال۔ صاف تہٕ شوٗد آب۔ صاف
تہٕ شفاف آب۔ میٚوٹھ آب۔

آبِ کوثر۔ جنٔتُچ اکھ مشہوٗر کولہٕ ہُند آب۔

آبہٕ اَنٛدِ لُس مَنٛز پھلُٹ۔ بیٚترٕ نہٕ پھٹُن
گوٗرٕ ھ تتی پھٹُن۔ م: ہو چھُ کولہٕ پھٹُن
طَشتہٕ تلاو گرٕڈھن۔

آبہٕ بلگے۔ سو جاے یتیتھ آب آسہٕ دَرِ ن مَنٛز
باگراونہٕ پوان۔ یتیتھ آب آسہٕ اکھ
اَنٛدٕ ژٕتھ ہیٚبس اَنٛدَس کُن تراونہٕ
پوان۔

آبہٕ بُزی گرٕڈھن۔ کانٛہہ یا کینٛہہ یہیر گرٕڈھن۔
پھٹُن۔ کولہٕ گرٕڈھن (ورگہٕ) ضایہٕ گرٕڈھن۔

**آبہٕ پیٹھٕ پکھُن** ۔ سیٹھا احتیاط کرُن ۔
حسبہٕ سان پکھُن ۔

**آبہٕ ٹلی شُراکھ** ۔ بے خبر پاٹھی کانہہ بکلاے ۔
بڑے شوٗتنگ خطر ۔ مُ : کیٚسر ٹلی پوٗنی ۔

**آبہٕ ٹھومب** ۔ تیوٗتے آب یوٗت اَتھس منز
واتہِ ۔

**آبہٕ چھوٗل** ۔ سوٗ آبہٕ دِگنی یُس بہ تھزرِ پیٹھ یا
چھمبہٕ پیٹھہٕ بوٗن آسہِ پیوان ۔

**آبہٕ ذرٕ دیُن** ۔ ہوٗ کھراونہٕ باپتھ داں زمینس
آب کڈُن ۔

**آبہٕ دڑنی** ۔ سُہ آبہٕ کھوٗڈُس پرنہٕ ننگہٕ آسان
چھُ تہٕ یتھ منز کھار تٕنتی چیز شیہلاونہٕ
باپتھ تھاوان چھِ ۔

**آبہٕ ڈل** ۔ آبہٕ زاڈ ۔ آبے آب ۔ سیٹھ مُت
سیٹھا آب ۔

**آبہٕ ڈل گژھنی** ۔ آبہٕ زاڈ گژھنی ۔ کُنہِ جایہِ سیٹھا
آب پیوٗن ۔ آبے آب گژھُن ۔ زاڈی ناوٕ
گژھنہٕ ۔

**آبہٕ ڈانپہٕ** ۔ کولہِ بلنہِ منز شُرنی جاے ییتہٕ
آوٗلن آسہِ ۔ آبہٕ گرٕی ۔

**آبہٕ ڈُل** ۔ خانہ دُرک اکھ رسم یتھ منز کانہہ
ناوِ دنار سیتی ڈُلس منز چھُ آب ترٛاوان ۔

**آبہٕ سوٗچھ** ۔ سیٹھا آب آسُن ۔ آب وٕ ڈور
آسُن ۔ آیہ بیچ گئی نہٕ آسنی ۔

**آبہٕ شُرنی** ۔ کمے آب ۔ پٔشپن دوٗنی یوتا ۔

**آبہٕ کامن** ۔ آب نہٕ آسن ۔ پاں کال ۔ آبہٕ
قحط ۔ آیہ بیچ گئی ۔ آبہٕ وِرژھے ۔

**آبہٕ کھوڈ** ۔ پاں دوب ۔ پانہٕ سیتی برتہ دوب ۔

**آبہٕ گرٕی** ۔ وُچھو آبہٕ ڈانپہٕ ۔

**آبہٕ ٹار** ۔ (۱) آبہٕ بَرِتھ ٹار (۲) ہی دار
(نے لاگتھ) ترٛیش چنگ اکھ بانہٕ ۔

**آبہٕ ہوا** ۔ (ل . م) : آب تہٕ ہوا ، آب تہٕ واو ۔
موٗسم ۔ کُنہِ مُلکہٕ ہوٗ ہیچ ، گرمی سردی
ہُنز تہٕ سیزٕ تنہیچ کیفیتھ ۔

**آبے آب** ۔ سیٹھا آب ۔ واریاہ آب ۔

**آبک آبس دوٗ دُک دوٗ دس ۔**
(۱) (ورگہٕ) یہ خلاٹک چھُ وَنہٕ لُگان تہٕ حرامک
چھُ ضایہٕ گژھان ۔ (۲) چھوٗت تہٕ کژٕ ہن
بیوٗن بیوٗن کرُن ۔ پوٗز اپزٕ الگ الگ
ہاوِتھ دیُن ۔

**آب اٹھُن** ۔ (۱) آب سیدُن (۲) نوقص نٔمُن ۔
نوقص نیرُن ۔ (۳) نوقص گژھُن ۔

**آب پاشی۔** سگ دیُن۔ سگہٕ وُن۔ زمینس زرانس آب واتناوُن، سگ واتناوُن۔

**آب پھِرُن۔** (۱) اکُنہٕ کُن، کُنہِ منٛز) آب ترٛاوُن۔ (۲) آبس روٗخ بدلاوُن۔ (۳) بنٛد کوٗرمت آب یلہٕ ترٛاوُن۔ آبس وَتھ دِنی (کُنہِ طرفس کُن)۔

**آب ترُن۔** (۱) اَتھٕ گژھن۔ آٹنہٕ واتنہٕ یُن۔ (۲) پوٗرُن۔

**آب تاب۔** [ن۔ مؤل: آب تاب < ف: آب و تاپ۔ پہلوی: آپ تاپ۔ س: آپہٕ تاپہٕ] عبس ہوش۔ قرار۔ ڈنجہِ روز نہٕ حالتھ۔ پتھ بروٗنٛہہ بوزنہٕ یُن۔

**آب تاب نہٕ روزُن۔** پانس تام نہٕ روزُن۔ پتھ بروٗنٛٹھ نہٕ بوزنہٕ یُن۔ (اَتھ کُھتوٗجوٗب یا محبتہٕ سیتی)۔

**آب تہٕ کول گژھن۔** تی بنُن ییر نہٕ بنہٕ وُن آسہِ۔ م: کُرہن شین پیوٗن۔

**آب خور۔** گلہٕ کھوٗل اَکھ ترٛیشہٕ بانہٕ۔

**آب دَس کرُن۔** طہارتھ کرُن۔ ٹِچہٕ نبرٕتھ صفائی کرٕنی۔ اَتھٕ پٔھٹرٕنی۔ چھل چھوکھ شرٕوٗژ۔

**آب دانہٕ۔** اَن ژل۔ بر نصیبس منٛز آسُن۔ رزق۔ پرالب۔

**آبدوز۔** [م۔ مؤل: آب دوز < ف: آب + دوز] آبہٕ تلی پکن وول اَکھ سمندری جنگی جہاز۔ ڈُنٛگل جہاز۔

**آب دیُن۔** (۱) سگ دیُن۔ (۲) حوصلہٕ بڑاوُن۔ ہیمتھ دِنی۔ (ورگہٕ) آباد کرُن۔ بجا کرُن۔ پایہٕ جا کرُن (۳) دَسپاکھ دیُن۔ اَتھٕ پٔھٹراونہٕ باپتھ آب برٛوٗنٛہہ کُن انُن۔

**آبریز۔** زٕل۔ متھر۔ پیشاب۔

**آب ژٹُن۔** کھاہس یا زمینس بیتر پکہٕ وُن آب بنٛد کرُن۔ اوزنہٕ ژٹُن۔

**آب ژانُن۔** (۱) آب سیٹھر راوُن (۲) اَتھٕ ژھنُن۔ دخل دیُن۔ (۳) نوقص پاد کرُن۔

**آبشار۔** (۱) پاں ژادر (۲) اَکہٕ قسمک نقشہٕ یُس پاں ژادر ہیوٗ آسان چھُ۔

**آب شیرٕن ما آب لدُن۔** (زنانہٕ کتھ) گلس آب ترٛاوُن۔ گلہٕ چھلُن۔

**آب کاری۔** شہرس یُس نشہٕ آور چیزن دشرابس بیترِ) ہلنہٕ یوان چھُ۔

**آب گینہٕ۔** بوتل۔ شیشہٕ۔

**آب گوش** ۔ (۱) ژھٹہٕ رٕس (۲) اَمیس دوہ دٕس
پیٹھ روٗزمُت ماز ۔ دوہ دٕرٕس ۔

**آب مَنڈُن** ۔ کنھَن نوٗضوٗل دَل دیُن ۔ ٹلی
کنھَن گٕس دیُن ۔

**آب نہٕ ترُن** ۔ تِتھی حالتس مَنٛز روزُن
یتھ مَنٛز آسہٕ ۔

**آب نہٕ وَیُن** ۔ (بیمار کِنی) کانٛہہ تہٕ چیز
نہٕ وَیُن ۔ وارٕ نہٕ یُن ۔

**آب یُن** ۔ (۱) (کنہٕ) آب پاڈٕ گژھُن ۔ کنہٕ جایہٕ
آب نیرُن ۔ (۲) کانٛہہ چیز پلٹُن ۔ کانٛہہ
خوشک چیز سیرٕ ہُل گژھُن (۳) دکنہٕ جایہٕ
نام) آب واتُن ۔ آبک جاری سپدُن
(نلہٕ وَلہٕ مَنٛز) (۴) دکانٛہہ کھینہٕ باوہٕ چھتھ
یا تمہٕ کرٕ مُشکہٕ سیتی) م سٕلس آب یُن ۔۔۔
پان گلِو ینی ۔

**آباد** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ آباد (ف : آباد] (۱) بجا،
پاپرجا ۔ (۲) سوہ جاے ییٚتہٕ لوٗکھ لسان
بسان آسن ۔

**آباد آسُن** ۔ بجا آسُن ۔ لَسِتھ بَسِتھ آسُن ۔
پاپرجا آسُن ۔

**آباد روزُن** ۔ بجا روزُن ۔ پاپرجا روزُن ۔

**آباد کَرُن** ۔ بَساوُن ۔ (کانٛہہ یا کانٛسہٕ ہُنٛد گرٕ)
کھارُن ۔

**آباد گژھُن** ۔ (۱) بجا گژھُن ۔ پاپرجا گژھُن ۔
لَسُن بَسُن ۔ (۲) بیوٗٹھ زٕمین لاگنہٕ یُن ۔
(۳) لوٗکَن ہُنٛد بَسُن سٕد کنہٕ جایہٕ) لوٗکَن ہُنٛد
بَسُن ہیوٗن ۔

**آباو اَجداد** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ آباو اَجداد (
ع : آبا + ف : و + ع : اَجداد ] بَب
بُڈی بَب ۔ زِٹھی ۔ پرٛانٛی ۔ اسلاف ۔ جد اجداد ۔
پرٛانہٕ پیپر ۔ پرٛانٛی زِٹھی ۔

**آبادی** ۔ [م ۔ مؤل ؛ آبادی (ف : آبادی]
(۱) بجایی ۔ پاپرجایی ۔ لَسُن بَسُن ۔
(۲) (لوٗکھ) کنہٕ جایہٕ ہنٛدی ۔ لوٗکہٕ گرٕ شُمار ۔
(۳) سوہ جاے ییتھ فصل آسہٕ وۄوِتھ یوان ۔
(۴) سوہ جاے ییٚتہٕ لوٗکھ بَسان آسن ۔

**آبائی** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ آبائی (ع : آبا] پیٚتہٕ وۄتھ
بُڈَن اَجدادَن ہُنٛد ۔ پیٚتہٕ وتھ آمُت ۔
زِٹھین ہنٛدِ پیٹھٕ آمُت ۔ موروثی ۔

**آب نوٗس** ۔ اکھ سخ تہٕ کرٕہنی کُٹہٕ کال ہِش ہٹہٕ ۔

**آپتھ** ۔ [م ۔ مؤل ؛ آپت (س : آپتّر]
آفتھ ۔ مصیبتھ ۔ آپدا ۔

**آپتھ کال۔** [ن۔ مؤل: آپتھ کال < س: آپد + کالہ] مُصیبتکی دۄہ۔ دۄہ کھکو دۄہ۔ ارنہِ کال۔ وُلٹہِ دۄہ۔ کو دۄہ۔ سُہ وَقت ییلہِ وِز ظُلم یا وبا آسہِ۔

**آپَر کوٹ۔** سُہ چیز ییمِچ شرس ٹاپ ژامژ آسہِ۔

آپَر کوٹ گرٛژھن۔ کھبہ تہٕ کھیٚتے لگُن۔

**آپے کال۔** [ن۔ مؤل: آپے کال < س، ج آپنہٕ + کالہ / آپت کالہ۔] ڈریٚک سُہ وَقت ییلہِ ٹیتیٚم پھل پھوٚل موہ کلان چھُ تہٕ نوٚو فصل لونہٕ نِس کیُت تیار آسان چھُ۔ بڑوٚ تھہ ہُرد۔ ہرِ دٕنی گوڈنکو دۄہ۔

**آپے مان۔** اکہِ تھزِ زأژ ہنٛز دِچھ۔

**آپیر۔** [م۔ مؤل: آپیرِ ہ: آپا] (۱) مٲج (۲) پرانہِ پوٗژِ ہنٛز زنانہٕ۔

**آپہ گوٚبُر۔** (۱) یُس نہٕ گرِ نبر نیران آسہِ۔ یُس کُنٹس نہٕ نیٚبر دۄہ تھن بہن آسہِ۔ (۲) یُس زیری (کأنسہِ ہنٛزِ) شکایتھ گرِ گرِ ژھنتھ کران آسہِ۔ (۳) کھوژ بڈ۔ بُزدِل۔

**آپنی گنگنی کرٕنی۔** ٹلی ٹیٚنٹھ ہاوٕنی۔ چھنہو اکھو بجر ہاوُن۔

**آپیرٕ دا۔** [م۔ مؤل، آپدا < س: آپدا]۔ مُصیبتھ۔ آفتھ۔ بلاے۔ تباہی۔

**آپرُن۔** [< س: آپرُناتہِ (رِگ وید)] (۱) پکنہِ اتھہ سیتی بیاکھ کھیاوُن۔ بیٚیس ندس یا یُس نہٕ پانہٕ تگِ کھیوُن تٔندس أسس اندر میوٚنڈ دیٚن۔ (۲) زورٕ کأنسِہ کینٛہہ پُشراوُن۔

**آپرَن۔** [م۔ مؤل: آپرَن] (۱) آپراوُن۔ مینٛاڑٕ ٲسس منٛز برٕنی۔ (۲) کأنسہِ کانٛہہ کام زبردستی پُشراوٕنی۔

**آپراوُن۔** (۱) آپرُن۔ کأنسِ بیٚیس میوٚنڈ ٲسس منٛز تھَوُن۔ (۲) کأنسِ کینٛہہ زورٕ پُشراوُن۔

**آپرِ تھاپرِ۔** باثبرِ باثبرِ۔ جَل جَل۔ جَلدی منٛز۔ یِرچھ جَل جَل کھیٚنس یا کھیاونس وَنان۔

**آپیٛا۔** [ن۔ مؤل: آپیٛا < س: آپیا..... اکہِ منٛترک گوڈنیک لفظ] موٚر دس تزیش یا کھین بیتر دیٚن۔

**آتش۔** [ن۔ مؤل < ف: آتش] (۱) نار۔ (۲) دورگہ پأنٹھی سیٹھا زوٚک۔ م: یِہ آنچار

چھُ آتش گوٗمت۔

**آتش بازی۔** [م - مۆل : آتش بازی (ف : آتش + بازی ] -۱ دِل بہلاوِنہٕ بابتھ تِمَن چیزَن گنڈُن یِمَن تیمبہٕ تہٕ ٹاسہ رازٕ نیرِ۔ مثلَن - بوٗسی، ستہ ٹاس، بَنگہٕ گولہٕ بیتر۔ ۲۔ ژھوٗ ژکون اُسُن - گُنہٕ کارِک نہٕ آسُن - لگہار نہٕ آسُن۔

**آتش پرست۔** (ل۔م) : نارس پوٗزن وول۔ پارسی - اَکھ فرقہٕ یِم نارس پوٗزا کران چھِ۔ زرتُشتس مانَن والی۔

**آتش پرستی۔** نار پوٗزُن "زرتُشت" سُنٛد مذہب۔

**آتش گیر۔** چھمٹہٕ۔ (اَبٹ) ہٮ۪نٛڈِش۔

**آتش گیر مادٕ۔** سُہ چیز یتھ کم حرارتس پیٹھ نہٕ نار ہیٚیہ یا نار لگہِ خاصکر تہٕ شور بیتر۔

**آتشی شیشہٕ۔** اَکھ خاص قسمُک شیشہٕ یُس آفتابس کُن ہاوِتھ کاکدس، پتھرس بیتر رٕیُس اَتھ ستی ہُکھنہٕ یِیہ) چھیٚے رٕبہٕ ہیوان۔

**آتہٕ نٲنے - آتہٕ توے۔** [مۆل : آتہٕ تاے (س : آتہٕ تاپی ] - مہا پاپی۔ بڈی بڈی اترِی کرن وول۔ بد ذاتھ - ہتھیلور۔

**آتیہ نانیہ۔** [(آتیے (س: ۳ تمے وٕ، نانے ..... وزنہٕ بابتھ ] ۱۔ پانی پانے۔ منگنہٕ یا یژھنہٕ ورانے (کینژھ نٕن بیتر) ۲۔ گُنہٕ وجہ رٕوٚستے۔ ہنگہٕ منگہٕ۔

**آتشک۔** [ن - مۆل : آتشک (ف : آتشک] چھیبر - اَکھ بیمارِ ہُنٛد ناو۔ یہ دود چھُ ژُری پاہٕ ٹھی شرمہٕ ہنٛز جایی کران۔

**آتشین۔** [(ف : آتشین ] ۱ تُند مزاج، نارٕ باد ۲ بُزِتھ سیٚٹھ۔

**آتمہٕ - آتما۔** [ن - مۆل : آتم یا آتما (س : آتما] رٕوح - پان۔

**آتمس پارٕوی کرٕنی۔** پنٕنس پانس واتُن۔ یہ چھُ لوان ہزلہٕ پاٹھی تہٕ وننہٕ۔

**آتمہٕ بوٗد۔** پنٕنی زان - پنٕن پان زانُن۔

**آتمہٕ ہتیا۔** خود کُشی - پانہٕ مور۔

**آتھر۔** [م - مۆل : آتھر ] - اَکھ قسمُک بانہٕ یتھ کیتھ کرال بانہٕ چھِ ہیو کھناوان۔

**آٹھوار۔** [م - مۆل : آٹھوار (س : آدتیہ وارہ] ہفتکہ گوڈنکہ دُہُک ناو۔ بٹہٕ وارِ پتہٕ تہٕ ژٔندر وارِ برونٛہہ یم دوہ۔

**آٹاس تہٕ پاٹاس تُلُن** ۔ [ <س: اَٹہٕ ہاس، پاٹاس گوٗ دٕزنہٕ باپتھ ] ووسہٕ یُن۔ کرٕ کہٕ ناد، چکہٕ چکھ۔ ہُرُدُس تہٕ بُرُدُس۔

**آٹنی واٹنی** ۔ ینتھ تنتھ مانہٕ نِس پیٹھ واتُن۔ ینتھ تنتھ کُنہٕ کتھہٕ بیترٕ پیٹھ تیار گژھُن۔

**آٹنی واٹنی انُن** ۔ ینتھ تنتھ مٲنٛز راوُن۔ ییتھ تنتھ تیار کرُن۔

**آٹکھ واٹکھ** ۔ (آٹکھ پاٹکھ) ۔ اَوٗل سوٗل ۔ اَڈ ییلوٗن نَڈ سیٹھوٗن ۔ یَتھ نہٕ خاص کانٛہہ مزا آسہٕ۔

**آٹیٖتُھ** ۔ [ن ۔ مؤل: آٹُو <پراکرت: اَٹہٕ <س: آردرٕہ <ف: آرد ] ۱۔ آٹِس بنووٕمت ۔ آٹیک ۔ ۲۔ بیرٕ نہٕ دوٗر آسہٕ ۔ یَتھ نہٕ دَرہِہٕ آسہٕ ۔ بیرٕ زیرٕ سیتی پھُٹہٕ۔

**آثار** ۔ [ ن ۔ مؤل: آثار <ع: آثار ۔ اَثر لفظک جمع ] ۔ ۱۔ نِشانہٕ ۔ عَلامَژ ۔ ۲۔ کھنڈراتھ ۔ پرانین جاین ہِندی نِشانہٕ ۔ ۳۔ طور، طَریقہٕ ۔ ترٛاے گرٛاے ۴۔ کیٛرٕن لکھین۔

**آثارِ شریف** ۔ ۱۔ وٗلی بَن ہِندی نِشانہٕ ۔ حضرت بَلیچ زِیارتھ یٖتہٕ آنحضرتن ص ہُنٛد موےِ شریف چھُ۔

**آثارِ قیامتھ** ۔ ۱۔ قیامتکی نِشانہٕ ۔ قیامتکی کیٛرٕن ۔ ۲۔ آخرٕ زمانکی نِشانہٕ ۔ عَلاماتھ ۔ بَلایَن، مُصیبتَن ہِندی نِشانہٕ۔

**آثارِ قدیمہٕ** ۔ ۱۔ پرانین ناماوارَن ہِندی تٲمیر، مکانہٕ بیترٕ یم بطورِ یادگار موحفوظ آسَن ۲۔ کھنڈراتھ ۔ پرانین جایَن ہِندی نِشانہٕ بیترٕ۔

**آثارلبنہٕ ینی** ۔ آثار نٛنی نیرٕنی یا بوزنہٕ ینی ۔ نِشانہٕ یا عَلامژ بوزنہٕ ینہٕ ۔ کیٛرٕن آسنی ۔ لکھین آسنی۔

**آچھر** ۔ [ن ۔ مؤل: آچھر <س: آشچریہٕ ] عجیب کتھ یا چیز بیترٕ ۔ م:

آچھرٕ شہٕ ٹاچھر ونتھ نہٕ ہیکانہٕ
ژیتھ ووہرٕ شہٕ دیترٕ مانہٕ بگوانو
(پرمانند)

**آچھرٕ = آچھر** ۔ [ م ۔ مؤل: آچھر ] ۲؎ اچھر ۔ ییرٕ ڈینچہٕ ہنٛز لوکٹ اٹہٕ ۔ کتہٕ نے ییرٕ کون۔

**آچھہٕ** ۔ [ <س: آش یا آشرتہٕ ] ۱۔ اٛندی ۔ بیرٕ نہٕ آیہٕ آسہٕ ۔ نِشانہٕ ڈلِتھ ۔ ۲۔ نارِ ۔ چھرنہٕ ۔ روٹہٕ۔

**آچھ گژھُن** ۔ (۱) نار گژھُن ۔ روٹھ گژھُن ۔ چھوٗرنہٕ گژھُن ۔ (۲) (مۆزوٗر ۔ ڈسل بیتر) کامہِ نہٕ لگُن ۔ (۳) اَندی گژھُن ۔ آیہٕ نہٕ پیٚون ۔

**آچھر**[۲] ۔ [م ۔ مۆل : آچھر (س : اَشکشت ]۔ خطِ کڈنے ۔ اَب کھتکھ ۔ گرٛنڈ ونے ۔

**آچھُر، آچھوٗر** ۔ خطِ کڈنے ۔ وانہٕ کڈنے ہُکھُر ۔ ہیٚچھناونے شُر بیتر ۔

**آخ** ۔ (گبگہٕ پیٹھہٕ) نھوکھ کھارنچ آواز ۔

**آخ نھو** ۔ (۱) نھوکھ گبگہٕ پیٹھہ کھارنس سیتی نھوکھ ترٛاونچ آواز ۔ یہ چھہ کانٛسہِ کفرتھ باونہٕ یا لانتھ مَلامتھ کرنہٕ وِزِ وَنان ۔

**آختہٕ** ۔ [ن ۔ مۆل : آخت (ف : آختہ ۔ س : آکرٛشٹہ ]۔ خصی ۔ شوٗنتر روومت ۔

**آدر** ۔ [ ن ۔ مۆل : آدر (س : آدَر ]۔ یزتھ ۔ مان ۔

**آدر باو** ۔ شہ یزتھ تہٕ مان یُس کانٛسہِ یا کانٛہہ ڈُسی پابیر زِ ٹھس کرِ ۔

**آدر سنکار** ۔ [ (س : آدر + سنکار ] یزتھ ۔ مان ۔

**آدرش** ۔ [ن ۔ مۆل : آدرش (س : آدرش ]

(۱) اُصوٗل ۔ نصبُل عأن ۔ (۲) سو پوٚتھ یتھ وُچھی وُچھی کانٛہہ ہیٚنڈرن ہُندرسم پوٗرٕ کرٕ نہٕ باپتھ پران چھہٕ ۔

**آدم** ۔ [ن ۔ مۆل : آدم (ع : آدم ، عبرانی : آدام ]۔ (۱) حضرتِ آدمؑ ، گوڈنیُک اِنسان ۔ اِنسان ۔ موٗنُش ۔ (۲) بنی آدم ۔ اِنسانی صِفتھ تھاون وول ۔

**آدم خور ، آدم کھاو** ۔ اِنسانس کھینہٕ وول ۔ (ورگہٕ پاٹھی) ظالم ، ستمگر ۔

**آدم زاد** ۔ اِنسانہٕ سُند نَسل ۔ اِنسانس زامُت ۔ اِنسان ۔ زَن ۔ زانیُت — اِنسان تُسکلہٕ ۔

**آدم نہٕ آدم زاد** ۔ (ل ۔ م) نہٕ اِنسان نہٕ اِنسانُک بچہٕ ۔ زَن نہٕ زانیُن ۔ اِنسان سیٚتۍ نُرٕی پاتھ نہٕ ۔

**آدمی لوے** ۔ اِنسان مُشکھ ۔ مانٛژ لوے ۔

**آدمی لوے نہٕ آسنی** ۔ اِنسانیتھ نہٕ آسنی ۔

**آدمی قحط** ۔ رتی یا کامہِ کارس لایق اِنسان نہٕ بٕنٕنی ۔

**آدمی قحط آسُن** ۔ کانٛہہ قابل اِنسان نہٕ موٗیسر آسُن ۔ کُنہِ کامہِ خاطرٕ تتھ لایق اِنسان نہٕ آسُن ۔

انسان کامن آسن۔

**آدمی قہر۔** اَچھ لگنی۔ آدمی نظر، کانٛسہِ ہنٛز وٕلِٹہ با ووکھ نظر۔ نظرِ بد۔

**آدن۔** [ن۔ مٲل: آدن < س: آدِم ]۔ گوڈ۔ آغاز۔ کانٛہہ خاص گنٛڈِتھ وَق۔ موقہٕ۔ لوکچار۔

**آدن آسُن۔** موقہٕ آسُن، (کیٛنٛہہ کرُنس) وَقت آسُن۔ (کیٛنٛہہ کرُنس) وار، وپستار آسُن۔ وَقت نہٕ ہیٛرتھ گومُت آسُن۔

**آدن بوج۔** لوکچارِ پیٛٹھک یار۔ یُس لوکچارِ پیٛٹھے سیٛتی سیٛتی آسہِ روٗدمُت۔ بالہٕ یار۔

**آدن یار۔** آدن بوج۔ لوکہِ پانہٕ پیٛٹھک یار۔ بالہٕ یار۔

**آدنگ۔** ۱۔ لوٗنگ۔ گوڈنکہِ پیٛٹھک۔ ۲۔ لوکچارک۔ لوکچارِ پیٛٹھک۔

**آدوٗم۔** شاردا تہٕ ناگری اَچھرن مَنٛز۔ 'ل' حرفُک ناو۔

**آداب۔** [ن۔ مٲل: آداب < ع: آداب ]۔ ۱۔ زِچھرک پاس۔ عزتھ۔ لحاظہٕ۔ ۲۔ اَدبہٕ تَمیٖز۔ ۳۔ سلام۔ بنٛدگی۔

**آدابِ عرض۔** سلام۔ نمسکار۔ بنٛدگی۔

**آدار۔** [ن۔ مٲل: آدار < س: آدھار ]۔ بنٛیہہ۔ تَلہٕ ڈکھ۔ ٹیک۔ ہنی یاد۔ کُن۔

**آدایی نہٕ روزٕنی۔** وفاداری نہٕ کرٕنی۔ بے وفا لاگُن۔ اَچھ بدلِنہٕ۔ تمہٕ اَچھ نہٕ روزنہٕ۔ کانٛسہِ ہنٛد کوٚرمُت کانٛہہ ایٛحسان نہٕ یاد روزُن۔

**آدِ درشُن۔ آدِ درشُن۔** [ن۔ مٲل، آدِ درشُن/ آدِ درشُن < س: آدیہ + درشنہٕ ]۔ کانٛسہِ گھرس منٛز بتھ وُچھنک اَکھ ہیٛنٛدی رسم۔

**آدِ دیو۔** [س: آدِ دیو ]۔ گوڈنیک دیوتا۔

**آدکار۔** [ن۔ مٲل: آدِکار < س: آدھکار ]۔ ۱۔ یخیتیار ۔ ۲۔ کنہٕ قابل۔ کنہٕ ٹیکہِ آسُن۔

**آڈر۔** [ن۔ مٲل: آڈر < انگ: آرڈر (ORDER) ]۔ ۱۔ حکم۔ فرمان۔ ارشاد۔ ۲۔ اجازتھ۔ اگنیا۔

**آڈمبر۔** [ن۔ مٲل: آڈمبر < س: آڈمبر ]۔ لوٚڈ گرٕزیول۔ خیالِ کُنٛثر۔ زیٛادٕ پھرِ وار۔ لوٚہ لگر۔

**آڈُر۔** [م۔ مٲل: آڈُر ]۔ رٕنیوٗمُت تہٕ ژھیوٗنمُت دستار۔ اوٗگرٕ تھوٗگرٕ گونٛڈمُت دستار۔

**آذر۔** [ن۔ مٲل: آذر < ع: آذر ] ۱۔ حضرت ابراہیمؑ سٕنٛدِس مٲلی سٕنٛد ناو ۲۔ یونٲنی گوٗر۔

**آذری۔** ۱۔ "آذر ہوشنگ" سُنٛد چیلہٕ، پارو۔ "آذر ہوشنگ" اوس ایرانک گوڈنیک پاغمبر۔ ۲۔ آذر سُنٛد بنوومُت۔ آذرِ ہنٛدِ

اُتھک (بنووُمت)۔ آذر ہوشنگ اوس
اپرانگ دوٗیُم بادشاہ۔

**آر** ۔ [ن، مؤل، آر < ع : عار ]۔ (۱) رحم۔ دیا۔
اِنصاف ۔ ذرٕ ذرٕ۔ (۲) گال، شرم۔
م: ہیٚتے چھا مۆزوٗری کرنس آر۔

**آرِ کوٚت**۔ لاچارٕ۔ پٔشِن لایق (مُتھ)۔

**آرمبھ**۔ [ن ۔ مؤل: آرمب < س: آرمبھ]۔
گوڈٕ۔ شوٗرُو۔ آغاز۔

**آرمب کرُن**، شوٗرُو کرُن۔

**آرام** ۔ [ن، مؤل، آرام < ف : آرام]۔ قرار۔
راحت، مَنیچ شانتی۔

**آرام پسند**۔ (ل. م)، آرامس سیٚتی لوٚے
گوٚے تھوَن وول۔ یُس نہٕ کٲم کار کرُن
یژھان آسہِ۔

**آرام طلب**۔ کایُر۔ آرام پسند۔

**آرام کُرسی**۔ اکھ قسمچ کُرسی یتھ پیٹھ اِنسان
پان تراوِتھ ہیٚکہِ، شوٗنگِتھ ہیٚکہِ۔

**آرٔج**۔ [م ۔ مؤل: آرج < س: آرٔ]۔ گاسہٕ آر۔

**آرایش**۔ [م ۔ مؤل: آرایش < ف : آرایش]۔
پٲراو۔ سجاوٹ۔ بناو سنگار۔ ساز (کرُن)۔

**آرایشی**۔ پٲراوُک ۔ پٲراوس لایق ۔
سجاوٹس لایق۔ سازُک۔ بناوٹہِ کارُک۔

**آرِگور روزُن** ۔ ٹکھ روزُن۔ کانٛہہ روزُن۔

**آرِ۱**۔ [ن ۔ مؤل: آر < س: ہار ]۔ (۱) گیرٕ۔
منڈٕل۔ لوٚکُن ہُند دٲیرٕ بناوِتھ وٕٹہِ دِنی
روزُن۔ گول بناوِتھ وٕٹہِ دِنہِ روزُن۔
(۲) ہار۔ ہارِکی پانٛژھی پٔنس وُرمُت
کانٛہہ چِھنہ۔ م: گوٚگجہِ آرِ بیتر۔

**آرِ کرُن**۔ (۱) (مزٕ واتُن) یا گوگجن بیترِ
مال کرٕنی۔ واتنک گرٕ۔ (۲) لوکن بیترِ
ہُند گول آرِ گرِتھ بہُن۔ آرِ کرِتھ بہُن۔
گول دٲیرس منٛز بہُن۔

**آرِ۲**۔ [ن ۔ مؤل، آر < م: تامل: آر= کول]
بالہِ پیٹھہٕ وسوٕنی یا پکوتہٕ وٕتُو پیٹھہٕ
پکوٕنی کول۔

**آرِ بل**۔ آرس اَندی پکھ جاے۔ آرس نکھ زمین۔

**آرِ پتھ**۔ سہٕ جاے یپارٕ یپارٕ آرِ
پکان آسہِ۔

**آرِ پتھر**۔ سُہ گام یتھ اَندی اَندی آرِ آسَن پکان۔

**آرِ پل**۔ سیٹھا گوب تہٕ بڈٕ کٔنی یوس آرس
منٛز آسان چھے۔

**آرِ پلِن پان چھاوُن**۔ پھنٛژرٕ دِنی۔

کٔنِہن کٔلہٕ چھاوُن۔

**آرٕچ کٔنۍ آسُن۔** دوٗر آسُن۔ صحت مَند آسُن۔ تکرٕ آسُن۔

**آرٕ کٔنۍ۔** سۄ گوٗل کٔنۍ یا وَٹہٕ یتھ رِ یُس آرَس مَنٛز آسان چھُ۔ لاَرِم۔

**آرٕ گاڈ۔** اَکھ گاڈٕ ذاتھ یوس تیز پکوٕنس آرَس مَنٛز آسان چھےٚ۔ آرٕ گاڈ۔

**آرٕ گٔرزُن۔** سُہ شور یُس تیز پکوٕنہٕ آرٕ کہٕ پانہٕ سٟتۍ گٔرزان چھُ۔ تٟیتھ شور یتھ تیز پکوٕنہٕ آرٕ سٟتۍ گٔرزہٕ۔

**آرٕ وٗرٕ۔** [< س: آوَر + پارَ ]۔ آرٕکۍ پاٹھۍ ہوٗل ہوٗل تہٕ سوٗرے کٔینہٕ ڈٔہنہٕ نوٗعرن۔ ۲، اَپارٕ یَپور۔ ہُمہٕ اَنٛدٕ یٔہُنٛد یَتھ اَنٛدَس تام۔

**آرٕ وٗل۔** اَکہٕ قٕسمُک شُس لیوٗ دُر گوٗلاب (یُس پانے کھسان چھُ)۔

**آرٕ وٗلہٕ پوش گٔرزُن۔** لیٛدرُن، لیٛڈ ریر پھیرُن۔ (دٕبہٕ سٟتۍ، فِکرِ سٟتۍ)۔

**آرٕ وٗل گٔرزھنۍ۔** خوفہٕ یا صحت خراب گٔرزھنہٕ کٔنۍ زردی پھیرٕنۍ۔

**آرٕ ووٗنۍ۔** آرُک آب۔ یُس پوٗنۍ آرٕ پیٹھ اَنۍ زٕ۔

**آرٕ ہۍ۔** اَکھ ہی ذاتھ یوس آرَن نٔکھہٕ کھسان

چھےٚ۔ اَکہٕ قٕسمُک پوش۔

**آرٕ۳۔** نہ یٹھ رلیتہٕ۔

**آرٕ پور۔** [ < س: آوارَہ + پارَہ ]۔ اَکہٕ اَنٛدٕ یٔہُنٛد بیٛیس اَنٛدَس تام۔ آرٕ وٗر۔ اَپارٕ یَپور۔ سوٗرے۔ ژھینہٕ وٗرلے۔

**آرٕ تھۍ۔** [ ن۔ موٗل: آرٕتھۍ < ہ: آرتھنی ]۔ وٟزال۔ یُس با پارٕ ہن رٕنٛشس مال تُلرِ تہٕ باقییَن کِنہٕ کرِ۔

**آرٕچ۔** مِہراب دار ڈاٹھ۔

**آرٕچھ۔** [م۔ موٗل: آرچھ < س: آرکشن ]۔ پیٛجرٕ نہ نٔبرٕ یا ٹیبہٕ نٔبرٕ لوٕسہٕ چھٔتہٕ پکوٕس روزِ۔ پھرٕ۔

**آرٕ دُن۔** [ن۔ موٗل، آردَن < س: آرادھن ]۔ ۱، پوٗزا کرٕنۍ۔ توٗتا کرٕنۍ۔ گوٗن گیوٕنۍ۔ ۲، رٕنٛزٕ وُن۔ ۳، لولہٕ، بییٛرٕ ژھنٛڈٕ بٕٹہٕ کڈُن۔

**آرٕ گب = اَڈگب۔** [ ن۔ موٗل: آرٕگب ]۔ بیٛنہٕ ہٟنٛز کسَر۔ بیٛنہٕ پنٛنس یا وونہٕ لَس اَنٛدرٕ رکھرٕ۔

**آرٕم، آرٕم۔** [ن۔ موٗل: آرم < س: آرامکِ ]۔ سَبزی بیتر ووپداوَن ووٗل۔ ہاکہٕ واٗر بیتر کٔماوَن ووٗل۔ م۔ آرٕ میٛنۍ۔

**آرٕم گوٗگج۔** اَکہٕ قٕسمچ ووٗزٕج گوٗجرِ ذاتھ یوس

عام گو گجو کھوٚنہٕ سیٹھ چھےٚ آسان ۔

**آرِم وأر** ۔ آرِم باغ ۔ سوٚ زمین یتھ آرِم سبزی آسن وۄپداوان ۔

**آرِم ہٕنٛد** ۔ آرم وارِ ہٕنز ہٕنٛد ۔ یہ ہٕنٛد چھےٚ ہٕنٛدِ ذاتٕژ و منٛزٕ خاص تہٕ مزٕدار ماننہٕ یوان ۔ اَمہِ علاوہ چھےٚ اَکھ بیٚییر نٕوۄ ذاتٕژ ۔

م : مأدان ہٕنٛد تہٕ کوٚہٕ ہٕنٛد ۔

**آرِم ہاکھ** ۔ آرِم وارِ ہٕنٛد ہاکھ ۔ ہاکہٕ ذاتٕژ و منٛزٕ چھ بیہ خاص ہاکھ ماننہٕ یوان ۔ اَمہِ علاوہ چھےٚ ہاکس بیٚییر ذاتٕژ تہٕ ۔ م، ہانٛز ہاکھ، وارِ ہاکہٕ بیترِ ۔

**آرمینیہ کٕڑنج قصیپرن دوٚرس یانہٕ** ۔ یہ چھ نمہ وِزِ وَنان ییٚلہِ کانٛہہ کأم کرِتہٕ بتیاکھ روزٕلس پتےٚ زِ ہیٚتےٚ تہٕ دِتہٕ اَمہِ منٛزٕ کینٛژھا ۔ (خاص کٔرتھ ییٚلہِ تس پانس برابری آسہِ) ۔

**آرِوَن** ۔ [م ۔ مؤل : آروَن <س : آرہ + ک ۔ وٕن] کُنہ پشیجہِ کنہٕ (دگَدٕٹہ کنہٕ، پھۄرِ کنہٕ، یأٹرِ بیترِ) پھۄرہ بر دِنیچ کأم ۔ پھۄر ناوُن پھۄری شاوُن ۔

**آرِوُن ۔ آرُن** ۔ [ مؤل : آرد <س : آرحتہٕ] ۔ گژٕٹہِ تہٕ کھۄرِ تہٕ کٔنی بیترِ پھۄر بناوُنی ۔ پھۄری شاوُن ۔

**آرُن** ۔ [ ن ۔ مؤل ۔ آرن ] ۔ ستہ دوب بٕھ منٛزٕ ٹھانٛژ قلاے کٔرِتہٕ وِزِ تٕرِتہٕ چھ تھوان ۔

۲، ناوِ نمکٕک گوٚدیتھ منٛز نمہٕ تٕنج چھ تھوان ۔

**آروگی** ۔ [ ن ۔ مؤل : آروگی <س : آروگیہ ] ۔

آریر ۔ اوٚر آسُن ۔ داوِ دٔگرِ روٗس آسُن ۔

**آرے موٗنجے تارے موٗنجے** ۔ گٕنٛڈن باتھ ۔ اَکھ شُری گٕنٛڈُن ییتھ منٛز شُری "آرے موٗنجے تارے موٗنجے" وَنان چھ ۔

**آرتی = آرتھی** ۔ [م ۔ مؤل : آرتی <س : آرا تریکہٕ] ۔ آرادنا ۔ دیوپٕنٛڈی گوٗن گیوٕنی ۔

**آرٹ** ۔ [ ن ۔ مؤل : آرٹ <انگ : آرٹ (ART)] ۔ فَن ، ہونرٕ ۔ کلا ۔

**آرٹِسٹ** ۔ [ن ۔ مؤل : آرٹِسٹ <انگ : آرٹِسٹ (ARTIST)] ۔ فن کار ۔ ہونرٕمنٛد ۔ کلاکار ۔ مُرژٕ گر ۔ مُصوِّر ۔ گیوٕن وول بیترِ ۔

**آردن** ۔ [ م ۔ مؤل : آردن <س : آرادھنا ] ۔ پوٗزا ۔ دیوپٕنٛڈی گوٗن گیوٕنی ۔

**آردن کرٕنی** ۔ پوٗزا کرٕنی ۔ گوٗن گیوٕنی ۔

**آرسن پٔٹ** ۔ [م ۔ مؤل : آرسن پٔٹ ] ۔ کابہٕ تأنٛن سوٚنزٕ شُنٛد اَکھ سامانہٕ ۔

**آریہ** ۔ [ن ۔ مؤل : آریہ <س : آریہ ] ۔

۱، اَکھ قوم یُس ہِنٛدوستانس منٛز آباد سپُد ۔

(۲) اصیل ۔ تھدِ پایک ۔ ودتم ۔

**آریہ سماج** ۔ ہیندِ پن ہندا کھ فرقہ ییمیُک بانی سوامی دیانند سرسوتی اوس ۔

**آزاد** ۔ [ مۄل : آزاد > ف : آزاد > ژند : آ + زانہ = س : جاتہ ] ۔ سُہ یُس پننِس نہ بلیٖتے سُند دباو آسہِ ۔ یُس نہ بییٚن سِنٛدِس اَتھس منٛز آسہِ ۔ یلہٕ ۔ کانسہِ تل نہ ۔

**آزادی** ۔ [ م ۔ مۄل : آزادی > ف : آزادی ] ۔ (۱) غولامی نِشہِ موکجار ۔ نجات ۔ خود موختاری ۔ (۲) یلہٕ آسُن ۔ موکجار ۔ موکلی ۔

**آزار** ۔ [ ن ۔ مۄل : آزار > ف : آزار ] ۔ (۱) پژسنگ دود ۔ (۲) تکلیف ۔ ییذا ۔ دوکھ دود ۔ روگ ۔

**آزِ دارشُن** (آدِ درشُن) کانہہ ہتِس گیوس منٛز بتھ وُچھن ، ہیندِ پن ہندا کھ رسم ۔ آزدتھ ، مازرتھ کرنی ۔ ہیُژِ ہس مازرتھ کرنی ۔

**آژار** ۔ [ ن ۔ مۄل : آژار > س : آچار ] ضابطہ پالُن ۔ نیمہٕ موجوب پکُن ۔

**آژاری** [ ن ۔ مۄل : آژاری > س : آچاریہ ] ۔ (۱) آژارِ وول ۔ یُس رژھ رژھ آژارس پیٹھ پکان آسہِ ۔ (۲) گور (۳) گنہ بڑ ہمن یُس ہورد سُنٛد دان رٹہِ ۔

**آژمن** ۔ [ ن ۔ مۄل : آژمن > س : آچمنہ ] ۔ منٛز اَتھس آبہٕ پیوٚنا در مہ پڑھی رٹُن تہ چوٚن ۔

**آژھنُن ، آژھوُن** ۔ [ ن ۔ مۄل : آژھ > س : آشریہ ؟ ؟ ] ۔ کاٹھہ چھیپر بیتر اَنہاونہ خاطرِ گوڈ نچہ کٹہِ اِستیمال کرُن ۔ گتروِس بانس پانہٕ بیتر سِیتی کورِ ژُلراوُن ۔ بانہٕ لاگُن ، وَرتاوُن ، اڈراوُن ۔ م : آژھنی ۔

**آژھناوُن** ۔ گوڈ نچہ کٹہِ وَرتاوُن ۔ گوڈ نچہِ پھرِ اِستیمالس منٛز آنُن ۔ (بانہٕ بیتر) ۔

**آس** ۔ [ مۄل : آس > س : اَس ] ژِ آس تہ ژِ سیدِ تہ ۔ ژِ بن تہ ۔ م : سوٚکھی آس ۔

**آسن** ۔ [ ن ۔ مۄل : آس > س : اَس ھک : اَن ] ۔ (۱) تم روزن بڑو ٹھہ کُن ۔ (۲) دلیرتم چھ ۔

**آسن وول** ۔ دیارہٕ وول ۔ بارِ وول ۔ مالدار ۔ یُس آسُن بُسن آسہِ ۔ بجا ۔

**آسہِ** ۔ (بڑو ٹھہ کُن ) روزِ ۔ (بڑو ٹھہ کُن) بنہِ ۔

**آسوُن** ۔ سُہ یُس روزِ یا آسہِ ۔ سُہ یُس لگاتار

گُنہٕ خاص اُکِس حالتس منٛز روزُن۔ شہ بس
باخدا ئی بطِ ووٚجوُد آسہٕ۔

**آسُن**۔ [ ﹤س آس، (ویدِک) ]۔
بنُن۔ روزُن۔

**آسُن کیٚسُن**۔ مال دولتھ۔

**آسُن باسُن**۔ ٹلہ باسُن زِ کینہہ چھُ۔

**آسُن چھُ ہیٚچھناوان** = آسُن چھُ منٛز چھاوان۔
دُنیاہ آسنہٕ عہ سیتی چھیٚنے اُٹھ وٚتھ یِوان، نِمبدور
آسُن پھیٚنے نچالتھ۔

**آسُن گو عارِق**۔ ہر دیار چھینہٕ ژوٚر روزان
تمٕنگ اُتُر چھُ پیٚٹھے نشان۔

**آسم کولیا موصُم چھم**۔ بر چھ پٔننہٕ زنانہٕ ہنٛز
سادگی مُتلق ہنزلہ سان وَنان۔

**آسن**[1]۔ [ ن۔ مۄل: آسن ﹤س آسَنہٕ ]۔
(۱) بیٚہنہٕ جاے۔ پتھر بیٚہنچ جاے۔
پیٹھ۔ سوٚپنٛج یا ستر نٛجہ فرد بیتر بتھ
پیٹھ بہنہٕ۔ (۲) منڈل۔ پاجامک سُہ
حصہ یُس منڈکس نشہٕ آسان چھُ۔ (۳) بیٚہنہٕ
ژکھ۔

(یوگ) **آسن**[2]۔ (۱) یوگ سادنہٕ وِز بیٚہنک طریقہٕ (۲) ہٹھ
یوگچہ ورزِشہٕ۔

**آسن پٹ**۔ پُوزا یہ بیتر وِز بیٚہنک پلو۔

**آسنہٕ دار**۔ ٹھوکردار۔ بیٚہتہ پیٚٹھ آسہٕ۔

**آسان**[1]۔ [ مۄل: آسان ﹤ف: آسان ]۔
سُہل۔ یہ نہٕ سخ آسہٕ۔ یہ نہٕ مُشکل آسہٕ۔

**آسان پاٹھی**۔ سُہل پاٹھی اکہٕ مُشکلہٕ ورأے۔

**آسائِش**۔ سوکھ۔ آرام۔ راحتھ۔

**آسُر**۔ [ ن۔ مۄل: آسر ﹤س: آسُر، آسری ]۔
اُکہٕ کُلیٚک ناو بیٚمیک بیوٗل مصالُس
لگان چھُ۔ سُرشپھ گُل۔

**آہیرِ بیوٗل**۔ آہیرِ کُلیٚک بیوٗل۔ یہ چھُ
آنٛچارس بیتر لگان۔ سُرشپھ۔

**آہیرِ موٗنٛڈ**۔ آہیرِ کُلیٚک مۄل (اتھ چھ
مہلامہٕ بناوان)۔

**آسیب**۔ بوٗتھ پرٛیتھ، ژھاے، جن، تصرُف۔

**آسیب زد**۔ پرٛاہہٕ لد۔

**آس پاس**[1]۔ [ ﹤ف: پاس + آس۔
وزنہٕ پرٛژھ ]۔ لحاظ۔ طرف۔

**آس پاس**[2]۔ [ ﹤س: پارشوہ + آس۔
وزنہٕ باپتھ ]۔ اُتی اور یور۔ اندی پکھ۔

**آستان/آستانہٕ**۔ [ ن۔ مۄل: آستان ﹤ف: آستان
﹤تہٕ ند: آ + سِتان ﹤س: سِتھان ]۔

(۱) بڑانڈ ، وُزِ ۔ (۲) دَرویش ہِشِنز روزنہٕ جاے ۔ زِیارتھ ۔

**آسہٕر** ۔ [ ن ۔ مٔوُل : آسَر < س : آشرَیہٕ > ۵ : آسرا ] ۔ ڈوٗکھ ۔ شہ یُنڈ ڈوٗکھ آسہٕ ۔ ٹارتھ ۔ شہ یُنڈ اتھ کُلس پیٹھ آسہٕ ۔ چھُپِن جاے ۔

**آسمان** ۔ [ ن ۔ مٔوُل : آسمان < ف : آسمان < ژند : اَشمَن = س : اَشمَن ] نَب ۔ آکاش ۔

**آسمان ہاوُن** ۔ پتھر پاوُن ۔ تَل کرُن ۔ ہار مانہٕ ناوُن ۔ (خاص کٔرِتھ دٔبرِ دٔبرِ اَنٛدرٕ) ۔

**آسمانہٕ وٕژھ بلاے خانہٕ غریب کُجا است** ۔ اوِرٕ یورٕ چھُ مُصیبتھ نِنہٕ کٔنِس پِوان ۔ بوسہٕ بلاے سو بلاے چھےٚ اَنہٕ ہٕنٛزِ غریبہٕ سِے پِوان ۔

**آش ، آشا** ۔ [ م ۔ مٔوُل : آش < س : آشا ] ۔ وومید ۔ سَتھ ۔

**آشاوٕنٛد (آشاوَنت)** ۔ [س : آشاوَنتہٕ] ۔ یُمو آشادٔرِتھ آسہٕ ۔ یمَن وومید آسہٕ ۔

**آشاوان** ۔ یُس آشا دٔرِتھ آسہٕ ۔ یُس آشا آسہٕ یُس وومید آسہٕ ۔

**آشہٕ رٕژھر** ۔ آش نہٕ آسنٕچ حالتھ ۔ آشہٕ روٗس آسُن ۔ وومید نہٕ آسنہٕ ۔ ناوومیدی ۔ کانٛسہٕ ہُنٛد ڈوٗکھ نہٕ آسُن ۔

**آشہٕ روٗس** ۔ یُس نہٕ کانٛہہ وومید آسہٕ ۔ یُس نہٕ کُنِہ آش آسہٕ ۔

**آشہٕ کُل** ۔ شہ ییٚمی سٕنٛد ڈوٗکھ آسہٕ ۔ یٚہنٛز سَتھ آسہٕ ۔ م ؛ آشہٕ کُج ۔

**آشہٕ وول** ۔ یُس آش آسہٕ ۔ یُس وومید آسہٕ ۔ یُس سَتھ آسہٕ ۔

**آش بَرٕنۍ** ۔ وومید تھوٕنۍ ۔ سَتھ روزٕنۍ ۔

**آش تھوٕنۍ** ۔ وومید روزٕنۍ ۔ وومید آسٕنۍ ۔ آنٛچھ تھوٕنۍ ۔ کانٛسہٕ پیٹھ ۔ بوٚرُسہٕ کرُن ۔ کانٛسہٕ ہٕنٛز سَتھ آسٕنۍ ۔

**آش دارٕنۍ** ۔ کانٛسہٕ ہٕنٛز وومید تھوٕنۍ ۔ کانٛسہٕ پیٹھ بوٚرُسہٕ کرُن ۔

**آش روزٕنۍ موجود** ۔ وومید پیٹھےٚ چھےٚ زِنٛدگی دٔرِتھ ۔ یِنام آش چھےٚ توٚتام چھُ دَم ۔ (۱) تِرٕ ڈیٖشِتھ گو ، کُنہِ نتہٕ کُنہِ دۄہہ سپدِ (کٲم سپد) نے دوٗرِ گیہ) شہ روٗزن موجود ۔ شہ روٗزن زِنٛدٕ یُس آشہٕ کُل چھُ ۔

**آش روزٕنۍ** ۔ وومید آسٕنۍ ۔ بڑانٛتھ روزٕنۍ ۔ آنٛچھ روزٕنۍ

**آشنٕز، آشینٕز** ۔ [ م ۔ مؤل : آشنز < س : آشریہ ] ۔
کوٚلے ۔ زنانہٕ ۔ خاندارِنیٖ ۔ گرٕ واجنیٖ ۔

**آشہِ جوٗ** ۔ [ ن ۔ مؤل : آشہِ جو < ف : آش جو ] ۔
وُش کشابہٕ ۔

**آشرم** ۔ [ ن ۔ مؤل : آشرم < س : آشرمہ ] ۔
سادن، گوساہن ہُند ماٹھ، ٹھکانہٕ چھپن
جاے بلیتر ۔

**آشٕچر** ۔ [ ن ۔ مؤل : آشٕچر < س : آشچریہ ] ۔
تاجب ۔ حیرانی ۔

**آشٕچر گژھُن** ۔ حیران سپدُن ۔ حیران گژھُن ۔

**آشٕچری** ۔ عجیب ۔

**آغاز** ۔ [ ن ۔ مؤل : آغاز < ف : آغاز
< س : آ + گاہ ] ۔ گوڈٕ ۔ شوٗرُو ۔

**آغہٕ** ۔ [ ن ۔ مؤل : آغ < ترکی : آغا ] ۔ مالکہٕ ۔
زمیٖنٹھ ۔ م : آغہٕ باے ۔

**آغہٕ بوڈ ٹہرس ، نوکر بوڈ ٹوٕرس** ۔ آغہٕ
چھُ تپتہٕ ہیے کالس مالکہ ییتس کالس
گرٕ آسہِ تہٕ باقے ساری ہیے وقتس چھُ نوکرے
مالکہ ۔

**آغہٕ کران نیٖتھٕر تہٕ پرزُن نہٕ مانان** ۔ آغس
چھُ خانٕدرنہٕ دوٗیہ چھس ٹھاکہ کران ۔ بوڈ
موہنیٖو چھُ خرچ کران تہٕ کاٹھہ ژونژا دایا
چھس ٹھاکہ کران، تہٕ ڈیٖٹھ گوییس نہٕ کانٛہہ
یختیار آسہٕ سے چھُ یختیارٕ وٲلس ٹھاکہ کران ۔

**آفتھ** ۔ [ م ۔ مؤل : آفت < ف : آفت ] ۔
بلاے ۔ تپاکھ ۔ ژٕنڈ ۔ مصیبتھ ۔

**آفس** ۔ [ ن ۔ مؤل : آفس < انگ : آفس (OFFICE) ] ۔
دفتر ۔

**آفتاب، آفتابہٕ** ۔ [ ن ۔ مؤل : آفتاب < ف :
آفتاب ۔ آف + تاب ۔ پہلوی : تاپ ۔ ژند :
تاپہٕ ۔ س : تاپہ ] ۔ (۱) سرییہٕ ۔ رو ۔
(۲) تاپھ ۔ گاش (۳) اکہِ قسمچ ترامونار (ہاتھ
مازیس منٛز چھُ یہ لفظ ماد ) ۔

**آفتابس (سرییس) ترونگ ہاوُن** ۔ زانن
والیس ہیچھناوُنہٕ بہن ۔ تس کینہٕ ہیچھناونہٕ
بہن یُس سورُے زانان آسہِ ۔

**آفتابک اڈ** ۔ شکل ۔ سیٹھا حسین ۔
خوبصورت ۔ عٲری موٗنڈ ۔

**آفتاب بالس پیٹھ واتُن** ۔ بُڈنہٕ کینہٕ مرُنس
نزدیکھ آسُن ۔ بُڈُن ۔ م :
آفتاب ووت یو بالس پیٹھ
دوٚہ دٕرلوگ یو وہالو لو!
(وہاب حاجنی)

آفتاب پرست ۔ آفتابچ پوزا کرن وول ۔

آفتابس خوداً زانن وول ۔ سریس پوزن وول

آفتابی۔ آفتابی ۔ اکھ قسمچ آتش بازی ۔

آفرین ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آفرین > ف : آفرین ۔ آ + فرین ۔ ژنڈ : فریشتہ : پرپیہ ] شاباش ۔ مرحبا ۔

آکار ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آکار > س : آکارہ ] پرپھہ بناوٹھ ۔ گرزی ۔ شکل ۔

آکاش ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آکاش > س : آکاشہ ] نب ۔ اسمان ۔ اکھ توتھ ۔ پانژروتہ تھو منز اکھ توتھ (عناصر) یتھ شنی ونان چھ ۔ ۱ یس کتہ تُلتھ نیرِ سیٹھا گاٹل ۔ ذہین ۔

آکاشہ گنتھ ۔ وڈتھ ہیکن ۔ وڈو کرنک طاقتھ ۔ سوُرگس گژھن ۔ وُچتھ گژھن ۔

آکاشہ گنگ ۔ اکھ تارکہ تس رلہ ہند ناو ۔

آکاشہ وانی ۔ ۱ آکاش آواز ۔ آواز یوس ہیری یکہ ۔ ہیرم آواز ۔ غیبی آواز ۔ ۲ آل انڈیا ریڈیو ہس چھ آکاش وانی تہ ونان

آکاش آسن ۔ تیز بوز وول آسن ۔ سیٹھا چالاکھ تہ گاٹل ۔ یُس کتہ تُلتھ نیر ۔

آکر کرنی ۔ اڈگرے تھوگھ کام کرنی ۔ لاپرواہی کرنی ۔ بیٔ دلی سان کام کرنی ۔

آگرن ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آکر > س : آکارہ + ک : اُن ] کام کرنک انمان ساوُن ۔ میٹھنتھ کرِ تھ ہال مشنی ۔ سوِ دلہ کام کرنک عادتھ نہ روزُن ۔

آکسی جن ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آکسی جن > انگ : آکسی جن (OXYGEN) ] ہوٗہس اندر اکھ گیسک ناو ۔ ہوٗہک اکھ جزیُس حیوانن ہند زندِ روزنہ باپتھ ضرورٗی چھ ۔

آکھ ۱ ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آکھ > س : آکار ] چھوکھ بلنہ پتہ یُس نشانہ روزان چھ ۔ کُنہ چیزک پتھ کُن رُود مُت نشانہ ۔

آکھل ۔ آکھ وول ۔ یُس یا بنہ آکھ آسہ ۔ سُہ یُس کُنہ چھوکک نشانہ آسہ ۔

آکھ ۲ ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آکھ > س : آ + ک : کھ ] ۱ تہ وُونکھ ۲ ترمن آدُسہ ۔

آکھرچوڑ ۔ [ ن ۔ مؤل ؛ آکھرچوڑ ] تلہ وانی وانگ اکھ حصہ ۔

آگرچھن ۔ یا گرچھن ۔ اکھ خیالی ڈبھ وُن جاناوار ۔ (لوکہ ادب) ۔

آگم ، (شاستر) [ ن ۔ مؤل ؛ آگم > س : آگمہ ] تنتر (شاستر) چھ مولہ کتاب ۔

**آگہی۔** [م۔ مؤل: آگہی > ف: آگہی] خبرداری۔ نیب۔ ڈینہ ڈُنی زان۔ وامِ قفیسة۔

**آگے۔** [م۔ مؤل: آگے > ف: آگاہی۔ آگاہ +ی] پے پتہ۔ اطلاع۔ خبر۔ زان۔

**آگاہ۔** [مؤل: آگاہ > ف: آگاہ۔ پہلوی، ژند: آکاش = س: آکاشہ] غائب زان۔ وامِ قفیسة۔

**آگاہ موکل آئسن۔** نظر مو کیج آہسی۔ غائب خبر آہسی۔ کانہہ غائب کنھ بُردہ ڈٹھے ڈینہ مُنگ حِس آئسن۔

**آگہ راٹھ۔** [م۔ مؤل: آگہ راٹھ] اکھ راٹھ یوسے گلہن نال چھٹے ولان تہ چاروائے چھوہان

**آگر۔** [ن۔ مؤل: آگر > پراکرت: آگر > س: آگر = سوجائے پیتہ پیٹھ کینہ نیبر۔ م: کولہ ہُند آگر۔ تہ پیٹھ پیٹھ کانہہ کنھ بیتر دُرامتر آسہِ۔ کنھ ہُند مؤل۔

**آگرے گژزن۔** گوڈ پیٹھے بوڈ آئسن۔ گوڈ پیٹھے شوہر دار آئسن۔ م: وینہ چھِلے آگرے گژزان۔

**آگ باگ۔** [ن۔ مؤل: آگ باگ > س: بھاگہ + وزنہ باپتھ): آگ] تار تم۔ اوگ بوگ۔ اَندازٕ۔ وارہ وہستار۔

**آگیا۔** [م۔ مؤل: آگیا > ہ: آگیا > س: آجنیا = ک: آگنیا] اجازتھ۔ حُکم۔ آگنیا۔

**آگیا دِنی۔** اجازتھ دِیُن۔ حُکم دِیُن۔ ٹھاکُن۔

**آگیا کرٕنی۔** حُکم کرُن۔

**آلتھ۔** [م۔ مؤل: آلتہ > پراکرت: آرتیہ۔ س: آراتِر + کا] رُتنہ ژانگی جِہ کلہ پیٹھ آونہ۔ کانہہ چیز بیتر کلس آوُن۔ (یزتھ کرُن وِزِ، پوترایر وِزِ)۔

**آلتھ کڈٕنی۔** رُتنہ ژانگی جہ کلہ پیٹھ آلونہ۔ کانہہ چیز دکانسہ ہندِس) کلس آلوُن۔

**آلو۔** [ن۔ مؤل: آلو > س: آ + لپ] ناد۔

**آلو دِیُن۔** ناد لایُن۔ بُلاوُن۔ کژکھ دِتھ پانس کُن پھرُن۔

**آلو ہلو۔** بڈ نہ صاف آواز۔ نِشہِ ہٹہ کژکھ۔

**آلو پلو۔** ۔ کنھِ بانہِ ہُند وہستار۔ دون ہمسایَن پانہ وانی کنھ باتھ آسنی۔

**آلو نہ پلو۔** پانہ وِنی نہ کانہہ واٹھ یا توٗلق آسُن۔

**آلے زال پیوُن۔** لوکٹ اِستہ گرہ پیٹھ پیوُن۔ لوکٹہ سپہ گرہ منزِ کھسُن۔

**آلے کار۔** سُہ لیکھند ڈسی کینہہ ناکارہ کام کرناونہ یہِ

یَہِنْد ڈسی ہیٚتے سٕنٛز کانٛگرِ وو کھُریپہ کرناوُنہٕ۔

۲۔ پوٗت پچھاڑ۔ واپَن وول۔

**آلائِش**۔ بلاوٹھ۔ رٕل۔

**آلِ رسُوٗل**۔ رسوٗلٕ سٕنٛدی اولاد۔ پیغمبرِ اسلامؐ سٕنٛدی اولاد۔

**آلہ** ۱۔ [ن۔ مؤل: آل < ف: آلہ < ع: آلۃ] اوزار۔

**آلہ** ۲۔ [ن۔ مؤل: آل < س: ہلَ] آلہٕ بٲنۍ۔

**آلہٕ پھیشُر**۔ ہیٚوٗل ڈوٗتھ یا ہیوٚ ہنٕ دوشہ پھیر نٕہین واپٕنۍ۔

**آلہٕ کونٛڈل، آرِ کونٛڈل**۔ [ن۔ مؤل: آلہٕ کونٛڈل < س: آوَر + کُنڈلہ]۔ گول رِکھ یا گول نشانہٕ۔ کانٛہہ ڈوٗلم چیٖز بیتر۔

**آلوٗن** ۱۔ [ن۔ مؤل: آلو < ک: آلو < س: آلہ + یا س: آلولہ + ک: اُن / آ + لوٗ] کانٛہہ چیٖز بیتر کلہٕ پیٹھی نٕژناوُن، پھرناوُن۔ نٕر واپنہٕ (اٙنٛدی اٙنٛدی)۔

**آلوٗن** ۲۔ [پراکرت: آلاوَن < س: آلی نہ]۔ ناو بال لاگنہٕ۔ ژوی کرٕی کرٕی کھوورِ سیٚتی ناو بٕٹھس کُن نِنۍ۔

**آلِوتھ**۔ کانٛہہ چیٖز اکھُو سیٚتی کلس اٙنٛدی اٙنٛدی پھِروِتھ وٚنٛدِتھ تھاوُن۔

**آلوِتھ پالوِتھ**۔ آلوِتھ۔ آلوِتھ والوِتھ۔ کانٛہہ چیٖز کلہٕ پیٹھی پھِرناوِتھ وٚنٛدِتھ تروٗمُت۔

**گلوٗ آلوٗنۍ**۔ مالہٕ ہاوِنہٕ باپتھ کلہٕ پیٹھی نٕر آلوِنہٕ۔ اکھ قسمُک بلایہِ لگُن ہیٚوٗہ۔

**نٕرِ آلوِنہٕ**۔ کانٛسہِ اٙنٛدی اٙنٛدی نٕر پھِرناوُنہٕ۔ وٚنٛدِتھ لگہٕ نُک اِشارٕ۔ لول ہاوُن۔ جان پان پٕرٛاوُن۔

**آلُڑھ، آلوٗڑھ** ۱۔ کام کوٗٹ کرنس نہٕ وونٛدُن۔ کاہِلِک عادتھ۔

**آلٕڑی**۔ [مؤل: آلُڑھ < س: آلسی] یُس آلُڑ آسہِ۔ یُس نہٕ وُدیوگ آسہِ۔ لُمتھ رُستھ کام کرَن وول۔ کاٚیَن کشَن ووٚل بلکہِ تُر۔

**آلٕڑی بوٗنۍ**۔ کھرٕ وگژھوُن وتہٕ اکھ بوٗنۍ۔

**آلٕڑی لَد**۔ آلٕڑی ~~آشہ~~ آلُڑِ بُرِتھ۔ یُس سیٚٹھا آلُڑ آسہِ۔ یُس کایہ کُشہٕ آلٕڑی کھیوٗمُت۔

**آلٕڑی مَر**۔ کھرٕوُس نکہٕ اکہِ جایہِ ہُنٛد ناو، یوس آلٕژن تہٕ کامہِ ژوٗرن باپتھ اُس۔

**آلُڑھ** ۲۔ یہِ چھُ اکھ کرٕسم یتھ منٛزٕ گنٛدن گژھِ بیتر لوٗزن والیٚن لٕشہٕ ہارٕ سوٗمبران چھ۔

**آلُژھ تُلُن** ۔ گیوٗن وا‌لۍ شِند یا گنٛدن گرِ ہُنٛد بوزُن وا‌لِین نش گژھِتھ بانہٕ اُتھس کیٚتھ ہیتھ ہارٕسوٗ مبر نیُو۔

**آلوٗژھ**[2] ۔ آلژمی ۔ [ن ۔ مؤل : آلژھ < س : آلسی] کمزور ۔ کمزوٗری ۔ کاینٛک اَثر سکانہٕ لگِی۔

**آم** ۔ [ن ۔ مؤل : آم] بمہٕ سیٚنہٕ ہیوٗہ اَکھ کیٛوم یُس اٚندرِمَن منٛز آسان چھُ۔

**آمہٕ بٲٹھ** ۔ اٚندرمَن ہُنٛد سُہ حِصہٕ یَتِنہٕ آموحلے کرٕمتر آسہٕ۔

**آمہٕ پھوکھ** ۔ سُہ پھوکھ یُس آم آسنہٕ سٟتی یڈ کھسان یا آسان چھُ، یِہ چھُ ژری پاٹھی شُرٕہن آسان۔

**آمہٕ تَپ** ۔ آمہٕ بُخار ۔ آموسٟتی کھوتمُت تَپھ۔

**آمہٕ ڈٲنٛج** ۔ وُٹھِتھ مٕتِھ آمَن ہٕنٛز پھٕٹٕج۔

**آمہٕ شاش** ۔ سُہ بُھچھ یُس آم آسنہٕ کِنی کھسان چھُ۔

**آمہٕ کرٕل** ۔ (وَرگہٕ) : زاوُیُل اِنسان یا شُر ۔ کِہہ وال ہیوٗہ شُر۔

**آمہٕ کیٛوم** ۔ آم ۔ بمہٕ سیٚنہٕ ہیوٗہ اَکھ کیٛوم یُس اٚندرِمَن منٛز آسان چھُ۔

**آمہٕ لوٗژھ** ۔ آمہٕ گیوٗڈ ۔ اَکھ اَکِس سٟتی الہٕ دٕوٕلنہٕ

آمتی آم۔

**آم**[2] ۔ [ن ۔ مؤل : آم < س : آ + ک : م] مئے نِش آو، سُہ آو مئے نِش۔

**آمَد** ۔ [ن ۔ مؤل : آمد < ف : آمد] یِہ اوَرے یِیہ ۔ یِہ اوَرے وُزِ۔

**آمَد رَفت** ۔ [ن ۔ مؤل : آمد رفت < ف : آمد و رفت] یُن گژھُن۔

**آمَن** ۔ [م ۔ مؤل : آمَن < س : آمہ + ک : اَن] پھکھ ۔ گانٛد، ہوژن پھکھ ۔ ادم آسنٕچ مُشک۔

**آمَن اَنٕنی** ۔ رگانٛد تُلنی ۔ پھکھ اَنُن رٕ سَخ لبکِہ نِھوکِہ ژارنہٕ۔

**آمَن نہٕ اَنُن** ۔ عامَس اَنٛدرٕ نہٕ اَنُن ۔ کھٹٕتھ تھوَن۔

**آمادٕہ** ۔ [مؤل : آمادہ < ف : آمادہ] راضی ۔ تیار (کِہینہٕ کرنَس پیٹھ)۔

**آمادٕہ گژھُن** ۔ مانُن ۔ (کُنہٕ کتھہ، کامہِ بیتر پیٹھ) راضی گژھُن ۔ تیار گژھُن۔

**آمہٕ تاو** ۔ [ن ۔ مؤل : آمہٕ تاو < س : آمہ + تاپہ] دَزَن داغ۔

**آمہٕ دۄنٛد** ۔ [ن ۔ مؤل : آمہٕ دُنٛد < س : آمہ + دَنتہٕ] ژِھپہٕ کَٹھ ۔ لوو کٹھ۔

**آمٕژ کوٚکرٕ پٮ۪تی گژھنہٕ۔** اَندرٕ اٹھ تَھ کام بِگرٕنی یٮ۪نہٕ وُمت
چھیٚنہٕ اَکھ گژھُن۔

**آمہٕ نُے۔** [م۔ مؤل: آمہٕ نے < ک: آمُن + اُے]
بِگرُن۔ خراب گژھُن۔ کھیوُن لایق نہٕ روزُن۔
ہموٗژن ووٚتھُن (کھیٚنہٕ چیٚنہٕ سٕ) کھیٚنہٕ چیٚنہٕ سٕ
مُشک وُژھ ہٕش۔

**آمہٕ نُن۔** [ن۔ مؤل: آمُن < ک: آمُن + اُن]
۱۔ ژھیٚنہٕ تھ پیٚنہٕ سِتی بُتھس رنگ ڈلُن۔
لوسنہٕ سِتی بُتھ سوٗسنُن ۲۔ ہموٗژن، ہموٗژن
پھکھ ووٚتھُن۔

**آمنیاک ٹوٗرٹ۔** یُس ہوٗڈ آسہٕ گران۔ یرِکھ پیٚٹھ لاگن وول۔

**آمہٕ ہل۔ آمہٕ ہال = آمہٕ ہوٗل۔** موٗ منیار (ستہٕ
تہٕ بیٚتر لگنہٕ سِتی) تہٕ سِتی دگ ووٚتھنہٕ
سہٕ دگ بیٚتر یوٗس شیٚن یا سیٹھا ژُرن
پوٗنی چینہٕ سِتی دٮ۪نہٕ گران چھے۔

**آمہٕ ہل ہیٚنہٕ سُتی تہٕ رٕ سِتی دگ ووٚتھنہٕ۔**

**آمُت۔** [ن۔ مؤل: آمت < س: آ + ک: مُت]
۱۔ کُنہٕ جایہ پیٚٹھ ووٚتمُت ۲۔ ژٕ ردٕ رامُت۔
بیٚتھ تازٕ تاوے کلہٕ یا ژٕ آسہٕ درامُت (بیٚول
بیٚتر) پاکہٕ درامُت۔ تیار گومُت۔

**آمُن۔** [ن۔ مؤل: آمُن < س: آمہٕ + گنُد]
بیٚر سیٹھا پاکپُر دٕزنک مُشک۔

**آمُن اُنُن۔** ۱۔ سیٹھا لکہٕ ژارنہٕ یُتھ نہٕ نار ووٚتھہٕ۔
(دُچھو آمُن اُنٕنہٕ) ۲۔ گاسہٕ کھیٚنہٕ کھیٚنہٕ
زیٚہن کھوٚر کرُن۔

**آمہٕ بیٚر۔** [ن۔ مؤل: آمہٕ بیٚر < س: آمہ + ک: یر]
اوٗم آسنہٕ حالتھ۔ یپ نہٕ آسنہٕ حالتھ۔
نیٚتھُلے آسنہٕ حالتھ۔

**آمہٕ بن پَنٕن گَنڈٕ گنڈٕ۔** اپُرے واٹھ تہٕ تیٚتھ واٹھ یتھ
پیٚٹھ نہٕ پوٗر وسہٕ آسہٕ۔ مُشکلی سان کُنہٕ کیٚتھ اَدٕ ژٕ
بزُای۔ کھاندرکیٚن سِلسلس مَنز کیتہٕ کیتھے
یاژٕ تہٕ ٹے نہٕ وٕنہٕ کیہٕ گومُت۔

**آمدٔنی۔** [م۔ مؤل: آمدنی < ف: آمدنی < آمدن]
کمائے۔ زی۔

**آم ڈام۔ آمب ڈامب۔** (آنب ٹانب) [ن۔ مؤل:
آم ڈام < ک: ڈامب < س: ڈمب + ک:
آم (وزنہٕ باپتھ)] ناپرہیز۔ شکرے نہٕ
کرُن۔ م: شکرے نے کرُکھ آم ڈام کرِکھ
بڑی دود تہٕ بکھ نہٕ زانہٕ ہر
(لل دید)

**آم ڈام کرُن** [مؤل: آم ڈام کرُن] ناپرہیزی کرٕنی۔
پرہیزس پیٹھ نہٕ روزُن۔

ٹُکرٕ نہٕ کرٕن ۔ ۲، حیلہٕ بہانہٕ کرٕن ۔ ٹال مٹول کرٕن ۔

**آم کوٗٹھ** ۔ [ن ۔ مول : آم کوٗٹھ < س : آمہٕ + گھَرٹہٕ ] ٹھیکہ پاٹھی پکٕن یا قدم بنیٛر کڑُن نہٕ تگُن ۔ کوٗٹھی نہٕ پکٕنُس دِینی ۔ کوٗٹھی کمزور آسنی (مجٕبریس) (دگٕبریس)

**آملُن** ۔ [ن ۔ مول : آمل < س : آمہٕ + ۔لُن ] لاوٕ پھکھ ۔ ہوٗن پھکھ ۔ اوم آسنٕچ مُشک ووٚتھنی آمیر گژھن ۔

**آن** ۔ [م ۔ مول : آن < س : آجنیا یا آگنیا ] نُجر، ٹھُرٕر ۔ حکم ۔ بخیتیار ۔

**آن ماٗننی** ۔ کانٛسہٕ ہُند بختیار مانُن ۔ بیٚیہ ہنٛدِس بجرِس بڑو نہٕ کنہٕ پھنی ہار ماٗننی، کلہٕ نومرٕوُن ۔

**آن مانٛنی** ۔ اکھ اکس یزت کرٕن ۔ اکھ اکیٚ سٕنٛز کتھ ماٗننی ۔

**آننٛد** ۔ [ن ۔ مول : آننٛد < س : آننٛد ] سیٚٹھا سوکھ ۔ سوٚرُور ۔

**آننٛد سان** ۔ مزٕسان ۔ فراغت سان ۔

**آننٛدٕ گٕژھن** ۔ سوکھے سوکھ ۔ سوکھ لوٗبُن ۔ م : آننٛد گژھنہٕ تاٹھ مبٔانے ۔

**آننٛد بوٗگُن** ۔ سوکھ بوٗگُن ۔ مزٕ تُلُن ۔ مزٕ ژہُن ۔

**آنٛن فانٛن** ۔ [ع : آناً فاناً ] ۔ یکدم ۔ وُچھان وُچھان ۔ بڑٕ تُرٕس منٛز ۔

**آنٛسی** ۔ [م ۔ مول : آنٛسی < آنیسنم ] ۔ پٔیاوٕ سوزٕ نٕچ ریتھ ۔ نوشہٕ کورِ ہنٛدِس پٔرسٕنٛس پیٹھ ہوٗکھ، اوٗدُر ۔ نقد تہٕ جِنس تِمٕنٛد مالیُن یا واریُو سوزُن ۔

**آنہٕ مانہٕ** ۔ چھلہٕ چھانٛگرٕ ۔

**آنہٕ مانہٕ کرٕن** ۔ چھلہٕ چھانٛگرٕ کرٕن ۔ وُتہ نہٕ لاگُن ۔ م : بتہٕ گژھ نہٕ آنہٕ مانہٕ کرٕن ۔

**آنہٕ راسے بانہٕ راسے** ۔ لیلہٕ وانٛی ۔ وُچھ ژیٹے وُدن وان لاگُن ۔

**آنہٕ** ۱ ۔ [ن ۔ مول : آن < ہ : آنہٕ ] ۔ اکھ سکہٕ یمیُک قیمتھ بڑانٛی زور پانٛسہٕ اوس ۔ روپیہٕ ہُند شرا ہیٚشِم حصہٕ ۔ پونٛڈ ۔

**آنہٕ** ۲ ۔ [ن ۔ مول : آن < ع : آن ] وِز ۔ ویلہٕ گرٕ ۔ م : تمہٕ آنہٕ ۔

**آنٛی** ۔ [ < س : آم ] اوٕ ۔ اوٕکیٛا ۔ پوز ۔ آنٛکار کرٕن ۔

**آنٛی آنٛی کرٕن** ۔ اوٕ اوٕ کرٕن ۔ آنٛکار آنٛکار کرٕن (ہزلہٕ سان) ۔

**آنٛب ڈانٛب** ۔ وُچھو "آم ڈام"

آشبر باشبر - [ < وَزنہٕ پُرٛٹھو - آشب + س : بھرم ]
جَل جَل - ٹنٹی ٹنٹی - چارٕ سان -
آشبر باشبر چھا شبر پیٹھ - چھاٚرِ پیٹھ - چار اُرن -
آشبر باشبر کھیوٚن - تھپہٕ تھوٚس کھیوٚن -
آشپہ - [ ن - مؤل ، آشپ < س : آپ ] پھل
پھلی بیتر یم جانہ وار پنہٕ نین بچن آپران چھ -
آشپہٕ وُین - لوکٹس پلالہ کرُن - پرورش کرٕنی -
آشپہٕ منگن - آشپہٕ منگنہٕ - (۱) جانہ وار بچہٕ شند
توٚنتھ وا ٹھرِ تھ کھین منگن - (۲) آن
ماینی - ہار ماینی -
آشپہٕ مَنگناوُن - (کھینہٕ چنہٕ باپتھ) چھوپہٕ
چھوپہٕ کرناوُن - (ورگہ پاٹھی) آن ماٚنی راوُن -
آشپہٕ گرٛژھن - بھالس تہٕ بھالہٕ مرٕہ منٛز باگ میٚژر
ٹمنٛز تہٕ الہ باگو وا ہٕنس قابل نہٕ روزٕنی -
آشپھرِ تھاشپھر - آشبر باشبر، تھاٚرسان - چھاٚرٕ سان -
چارٕ سان -
آنتم روز - [ م - مؤل : آنتم روز < س : آنترم +
روگم < رُج - ] کھینہٕ روگ ، سوٕ بیماری
یتھ اندر بوچھہ تہٕ بوچھ لگہٕ - (روز گیٕہ بیماری -
دَ انتم اگیٕہ اندرِ من ہٕنزٕ توکنی گو انتم
روز ، اندرِ من ہٕنز بیماری نہٕ) -
آنتہٕ (اُنتہٕ) - [ مؤل ، آنتہٕ / اُنتہٕ < س : آنتہٕ ] -
توٚہ تمبلی - بے صبر ، بے تاب -
آنتہٕ گرٛژھن - (بے تابی کِنی) تہٕ ژھانڈن
یرنہٕ اتھس منٛز یتھے ہیکہٕ -
آنٹہٕ وانٹھ - [ ن - مؤل : آنٹہٕ وانٹ ] اُندرم ،
بوس بیتر -
آنٹھ - [ م - مؤل : آنٹ ] کاہ ڈٹ ، یر چھ
ژری پاٹھی بیین لفظن سیتی میلتھ بوان
وَننہٕ - م : آنٹہٕ کھسُن - آنٹہٕ یُن بیتر -
آنٹہٕ کھسُن - اچھ تلیٕ یُن - کاہ وچھ تل ٹھیکہ
نیرُن - منس ہٕہن فکرٕ کھسُن -
آنٹہٕ یُن - فکرٕ کھسُن ، منس ہٕہُن - اچھ تلیٕ یُن -
کاہ وچھ تل ٹھیکہ نیرُن -
آنچ ، آنچھ - [ ن - مؤل : آنچ < ہ / ا : آنچ <
س : ارچس ] بدلہٕ - انتقام - قصاص -
آنچ ہورُن - بدلہٕ ہیوٚن - انتقام ہیوٚن -
قصاص ہیوٚن -
آنچار - [ ن - مؤل : آنچار < ف : آچار ] سُہ
چیز بیتر یتھ کھینہٕ باپتھ ژو کہٕ آسہٕ کھورمُت -
آنچار بُرن - (۱) خمب کھارُن (۲) کھینہٕ باپتھ

کُنہ چیزس (مُجبہ، گوگجہ، گنگٹِس گاز ربیترا ژھوکہ کھارُن ۳) (ھرنیہ یا ٹھی) ییترپھس پلیہ ٹکھیوٗن۔ کھے تہ کھیٔ کرُن ۔ ۲) اُتھ تھوُن ۔ ییژ کانس تُلیتھ تھوُن۔

**آنچار کھائُن۔** اَکھ اَکِس پیٹھ شُتتھ برُن۔ ژُلیتھ برُن۔ ژُمبہ کھارُن۔

**آنچار نوٗٹ۔** سُہ نوٗٹ یتھ منز آنچار برنہ ییہ ۔ آنچار ٔبرِتھ نوٗٹ۔

**آنچار نوٗٹ اَکِس کھوٗت تہ بیٚیِس ہوٗت۔** ہرچھ تھتھ پیٹھ وناں ییلیچ سپدتھ پانس تام آسیہ۔

**آنچہِ مار۔** [ن۔ مٔول؛ آنچہِ مار ‹ک: انتھ ‹س: آشٹ + س: مار] لوکٹ شُر۔ کمزور شُر۔ بیمار شُر۔

**آنحضرتؐ۔** [ن۔ مٔول؛ آنحضرتؐ ‹ف: آں + ع: حضرۃ۔] حضرتِ محمدؐ۔ پیغمبرِ اسلامؐ۔

**آں دفتر گاو خورد۔** سو کتھ ہوکلیہ۔ سُہ مالہ گو ختم ۔ مٗ: تم گورِ گیہ دودھ کنتھ۔

**آنکار۔** [ن۔ مٔول؛ آنکار ‹س: آم + کار] مانُن۔ اوٚ کرُن۔ اوٚ دِیاوُن۔ یقرار۔

**آنکار کرُن۔** مانُن۔ یقرار کرُن۔

**آنگن۔** [ن۔ مٔول؛ آنگن ‹س: آنگنہ] لرِ برٛونٛہ کنیچ یا پتہ کنیچ زمین۔

**آو ۱۔** [ن۔ مٔول؛ آو ‹س: آ + ک: و] سُہ ووت یوٗت۔ ییہ جایہ پیٹھ ووت۔

**آو تہ پاو تھ۔** ییُن گژھُن۔ آمد رفت۔

**آوُن جاوُن۔** ییُن گژھُنک خرچہ۔ ییہ ییِنس گژھنس لگہِ۔

**آو آو۔** کانسہِ ہنٛدِ ییِنک توُن توُن یا شوٗوے۔ ییِنک بہ توٗ۔

**آو بیٹھ۔** ییُن تہ بِہُن۔ ییتھ بِہُن۔ ییُن گژھُن (آسُن)۔

**آو جاو برابر ے۔** نفع نوقصان برابر ے۔ نفع نوقصانک نہ کانٛہہ پرواے۔ سوٗن دوگُن نہ وُچھُن۔

**آو جاو نہ بوزُن۔** ییتھ برونٹھ نہ وُچھُن۔ کانٛہہ وابرنہ کرُن۔

**آو گو۔** بیٚیِن ہنٛدِ ییُن گژھُن۔ پرٛھین وَرٛھین ہنٛدِ ییُن گژھُن۔

**آو نہ اوٚر گو نہ ڈوٚڈ۔** وُنہ سپدُنہ کہنی۔ وُنہ چھنہ کینٛہہ۔

**آو ۲۔** [ن۔ مٔول؛ آو] اَکِہ قسمُک

کچھ یُس داپِس وو تلنٕے چھِنہٕ دِوان تہٕ
نہٕ چھہ چار ڈیٖن گاسہٕ بدلے لگان ۔ اُو۔

**آوُٹھ ۔** [م ۔ مؤل : آوُرٹ < س : آوِشٹہ]۔
آوُرن ، تھپچہ گنڈھنی ، رٹُن ، تصرف ۔

**آورد ۔** [ن ۔ مؤل : آورد < ف : آوردہ] ۔
(۱) یوسہٕ کتھ نہٕ آندرٕ وُز (۲) (تنقید س منز)
زورٕ زارٕ ہنٛز ومت شار بیترٕ ۔ مُ : آمد ۔

**آوَن ۔** (۱) ناوِہنٛدِ نمہٕ ڈکھ ہنٛد زوٗد یتھ رز
بیتر چھہِ گنڈان (۲) ریڈٕ یا ٹانگہٕ ہنٛزِ ک منٛزٕ یُم
گوگُریتھ منٛز دٕرچھہ چھسٕتھ آسان ۔

**آوارٕ ۔** [مؤل : آوار < ف : آوارہ] دربدری
لد ۔ وَنہٕ راوُل ۔ پریشان حال ۔ یُس
بلِہ وَنہٕ وَنہٕ پھیران آسہٕ ۔

**آوارٕ گرٕد ۔** [مؤل : آوارٕ گرٕد < ف : آوارہ + گرد] ۔
دربدری ۔ دربدری لد ۔ وَنہٕ راوُل ۔
وَنہٕ وَنہٕ (بیکار) پھیرن وول ۔

**آوارٕ گردی ۔** دربدری ۔

**آواز ۔** [م ۔ مؤل : آواز < ف : آواز < س :
آوادیہ یا آواچ] (۱) صدا ۔ کڑکھ چکھ ۔
(۲) ناد ۔ آلو

**آواگوَن (آواگمن) ۔** [ن ۔ مؤل : آواگوَن < س :
آگمن + گمن یا آواگمنہٕ] (۱) زین گنڈھن ۔ اتہٕ گتھ ۔
پتہٕ گژھ ۔ زیوٗن مرُن (۲) اکہٕ زنمہٕ پتہٕ بیٚیس
زنمس ییٚن ۔ زنمہٕ زنمہٕ ییٚن ۔ پونرٕ زنم ۔

**آواہن ۔** [ن ۔ مؤل : آواہن < س : آواہن] ناد
لایُن ۔ بُلاوُن ۔ پانٛس نِش انُن (تمہٕ ساتہٕ
یِوان وَننہٕ ییٚلہٕ غایبہٕ پیٹھہٕ کانٛہہ پانٛس
نِش انُن آسہٕ ۔

**آوِڑار ۔** [م ۔ مؤل : آوِڑار] اُو کڈٕ تھ نہٕ ہنٛد ۔
گوڈٕ نیچ نہٕ ہنٛد ۔ لتہٕ نہٕ ہنٛد ۔

**آوٕر** [م ۔ مؤل : آور < س : آورٕ] (۱) ہینہٕ
یُن ۔ گیہر گژھن ۔ م : تَس گیہٕ آوٕر ۔
(۲) سو یوسہٕ گیہر آسہٕ گامٕژ ، وَلنہٕ آسہٕ آمٕژ ،
ہینہٕ آسہٕ آمٕژ (۳) کُنہِ کامہٕ لٛج مٕژ ہو یوٚج نہٕ ۔

**آوٕر پاوٕر ۔** گتہٕ گیٚوٕر ۔ کُنہِ منٛز ہینہٕ یُن ۔ کلہٕ
پھرُنس نہٕ وار آسُن ۔ ژُلہٕ نُس نہٕ وَتھ روزٕنی ۔
م : تَس چھےٚ آوٕر پاوٕر گامٕژ کلہٕ پھرُنس
تہٕ چھُس نہٕ وار ۔

**آوٕر تہٕ واوٕر گَرٕنی ۔** الُنہٕ تہٕ وَلنہٕ یُن ۔

**آوٕرن ۔** [م ۔ مؤل : آوٕرن < س : آوٕرن]
(۱) گیہر ۔ گیہر تراوُن ۔ وَلُن ۔ (۲) آڈرُن ۔
کُنہِ کامہٕ لاگُن ۔

**آوُرُن** ۔ [ن ۔ مؤل : آوُر < پڑاکرت : آوَر < س : آ + وٕڑ √ ] ۱۔ سورُے پانس تَل تھوُن ۔ موکُل نہٕ تھوُن ۔ گبرس مَنز رٹُن ۔ پَنہٕ نِس یِختیارس یا پَنہٕ نِس اَتھس تَل رَٹُن ۔ ۲۔ اَڈرُن ۔ کُنہٕ کامہٕ لاگُن ۔

**آوَریر** ۔ [ < س : آوَر + ک : ۔ یر ] ھصروفیتھ ۔ کُنہٕ کامہٕ مَنز لگِتھ آسُن ۔ پڑتھ اَتھ وَلنہٕ یُن ۔

**آوِرینی** ۔ [م ۔ مؤل : آورِن < س : آوَر + ک : اِنی ] ژھنتا ۔

**آورینہٕ بَل** ۔ شُمشان ۔ سو جاے یَتہٕ موردن زالان چھہِ ۔

**آورینہٕ موٚنڈ** ۔ تم زِنی موٚنڈی یم ژھینتایہٕ لاگان چھہِ ۔

**آوُسَن** ۔ [م ۔ مؤل : آوُسن < س : اوسان ] ڈُسی پینہٕ چرحالہٕ منز آسُن ۔ تیُتھ آسُن زِ کُنہٕ نہٕ سانہٕ ہیکہٕ پتھر لاینہٕ پتھ ۔ گُذر نیومُت آسُن ۔

**آوُسُن** ۔ [ن ۔ مؤل : آوس < س : اوسان ] ڈُسی پینُس تیار آسُن ۔ وِیسرُن ۔ ترٛتھ حالتھ منز آسُن زِ کُنہٕ تہٕ وِزہ ہیکہٕ ڈُسی پیتھ ۔

**آوُلُن** ۔ آوُلُن ۔ [ن ۔ مؤل : آولن < پڑاکرت : آوَلنہٕ < س : آ + وَلنہٕ ] ۱۔ آبہٕ چکر ۔ وَسہٕ وِلنُس آبُس منز کُنہٕ جاے گراے کھینہٕ سیتی آب چکرس منز آسُن ۔ ۲۔ ہل نہٕ تیل پھیرُن ۔

**آوُلنِس منز ہینہٕ یُن** ۔ (غمن نہٕ فکرن منز) گبہر گژھُن ۔ وَلنہٕ یُن ۔ دوولابُس پھسُن ۔ یینتہٕ نیرُن کژوٚٹھ باسہٕ ۔

**آوُر** ۔ [ن ۔ مؤل : آوُر < پڑاکرت : آوَر < س : آوَر ] ۱۔ کامہٕ منز لوٚگمُت ۔ موکُل نہٕ ۔ ۲۔ وَلنہٕ آمُت ۔ گبۆرمُت ۔ ہلنہٕ آمُت ۔

**آوُر گژھُن** ۔ موکُل نہٕ روزٕنی ۔ کامہٕ منز لگُن ۔ کُنہٕ منز ہینہٕ یُن ۔ گبہر گژھُن ۔

**آویزٕ** ۔ [مؤل : آویز < ف : آویزہ ] کانسہٕ تَل ۔ کانسہٕ ہیٹھ پیومُت ۔ کانسہٕ الونڈ گومُت ۔
م : سو چھا کانسہٕ آویزٕ ۔

**آورِ سوٚس تہٕ پاوِر سوٚس** ۔ تباہی ۔ وٲرٲنی ۔ ناش ۔ (یہ چھُ اَکھ وَوہو) ۔

**آہ ۱** ۔ اَکھا ۔ کینژھا ، کانٛہہ (یہ چھُ اَکھ پوت لوٚگ)
م : گراہ ، شُراہ ، ہیوٚنتاہ ، رَژھاہ بیترٕ

**آہ ۲** ۔ [م ۔ مؤل : آہ < س : اہہ = ف : آہ ] دوش ۔ اِنہراے ۔

**آہ سَر** ۔ [ن ۔ مؤل : آہ سَر < ف : آہ + سَر =

س : شرہ ] دوٗکھہٕ لدُ سنہ وۄش۔
بددُعا۔ وۄہو۔

آہ کڈُن۔ وۄش ترٛاوُن۔

آہ وزاری۔ [م۔ مۆل : آہ وزاری
<ف : آہ وزاری ] ۔ نالہٕ تہٕ فریاد۔
وُدن باکہٕ۔

آہت۔ لوٗنہٕ۔ وارٕ وارٕ۔ سوٚت۔ سوٚپ۔

آہم ۔ [ مۆل : آہم دک : آ + کھم < س :
آ + ک : ہم < کھم۔ ] ژہٕ آکھ مۂ نش۔
ژہٕ آکھ میانہٕ باپتھ۔

آہم تہٕ اوٚنتھم کیٛا یمہٕ یئے تہٕ کھیٛاوٕ ہم کیٛا۔
یہ چھہٕ ژمس ژنس مُتلق وُنان یُس
رٔتنس پہ ہلو آسہٕ تہٕ دِنچ آسپس نہٕ
شینکھا کیٛنہٕ۔

آیہ ہم۔ ژہٕ آکھ مۂ نش۔ ژہٕ آکھ میانہٕ
باپتھ۔

آہن ۔ [ <س : آم ] اکھ کیٛا، اوٕ۔
یہ چھُ بڑوٚشہ لوگ۔ م : آہن با آہن
ساءِ بیٛنہٕ۔

آہن با۔ اکھ با۔ بوے زاعنتھ کانسہ مردس
آنکار وزِ وُنہٕ لوان۔ کُنہٕ کُنہٕ چھ بنس
برابر مردس تہٕ آنکار پاگٹھی وُنان۔ یہ چھہٕ
کُنہٕ کُنہٕ مُسلمان آنکار پاگٹھی زنانن تہٕ وُنان۔

آہن بنی۔ اکھ بنی۔ بینہٕ برابر زاعنتھ
لوان کانسہٕ آنکار وزِ وُنہٕ۔

آہن حض۔ حض چھُ حضرت لفظک ژھوٚٹ۔
اکھ جناب۔ اکھ حضرتھ۔ (یزتہٕ سان آنکار
وزِ مُسلمانس وُنان) ۔

آہن دیٛدی۔ آہن موج۔ پننہٕ کھوتہٕ سیٹھا
زِچھ زنانہٕ کُنہٕ کُنہٕ بیترٕ پیٹھ آنکار کرنہٕ وزِ وُنان۔

آہن سا۔ اکھ سا۔ پانس برابر تہٕ پننہٕ کھوتہٕ
زِٹھس یزتہٕ سان کُنہٕ پیٹھ آنکار پاگٹھی وُنان۔

آہن مہرا۔ مہرا چھُ مہاراج لفظک
ژھوٚٹ۔ اکھ کیٛا مہرا (یزتہٕ سان آنکار
وزِ بٹس وُنان) ۔

آہن ماج۔ آہن دیٛدی۔ پننہٕ کھوتہٕ سیٹھا
زِچھ زنانہٕ کُنہٕ کُنہٕ بیترٕ پیٹھ آنکار کرن وزِ
وُنان۔

آہنی۔ اکھ۔ اکھ کھے۔ پانس وۄسنہٕ،
پانس برابر تہٕ نس زنانہٕ سٹی تہٕ کُنہٕ کتہٕ پیٹھ
آنکار کرنہٕ وزِ وُنان یُس سٹی سیٹھا پانیار
آسہٕ مثلن ماجہٕ سٹی تہٕ۔

**آہنوٗ/اَہنوٗ۔** اَدا۔ اَدکھو۔ پانس برابر
تہٕ پَننہِ کھوتہٕ ژٕ سٕنتھ مَردس یِقرار کرنہٕ
وِزِ وَنان۔ یِمہٕ سان گاٹٕسہِ زنانہٕ کُنہِ
پیٹھ آنکار کرنہٕ وِزِ وَنان۔

**آہن داغ۔** [ف: آہن = س: اَیَہ + ف: داغ = پرٛاکرت: داگھ] آبُس شٮ۪یستر
زِھنی کرٕنہٕ یُنہٕ بیمارس وَیرٕوُن گژھہٕ۔

**آہار۔** [ن۔ مۆل: آہار < س: آہار] کھٮ۪ن۔
کھٮ۪ن چٮ۪ن۔

**آہار کرُن۔** کھیٚوُن۔

**آہُو۔** [م۔ مۆل: آہُو < ف: آہُو] رٕوسی
کٹ۔ ہرُن۔

**آے ¹۔** [مۆل: آے < س: آ + ک: ے]
(نَم) واتی۔

**آے ²۔** [م۔ مۆل: آے < س: آیُ] وانٕس
زِندگی۔ عُمر۔ زہٕٹھ عُمر۔

**آیہِ پیوٗن۔** زانکھ وانکھ وُچھتھ شُری سٕنزِ
وانٕسہِ ہُنٛد اَنداز لگاوُن۔

**آیہِ دوٗر۔** لُٹن لایق۔ یُس سٮ۪ٹھا وانٕس
آسہِ۔ پوشہِ وُن۔

**آیہِ زیٚوٗٹھ۔** یُس زہٕٹھ وانٕس آسہِ۔ یُس
زہٕٹھ عُمر آسہِ۔ یُس واریاہ وانٕسہِ آسہِ۔

**آیہِ سوٗست۔** یُس زیٚوٗٹھ آے آسہِ۔ یُس زہٕٹھ
عُمر آسہِ۔ یُس واریاہ وانٕسہِ آسہِ۔ (یِہ چھُ
یوان اَتھی کرنہٕ وِزِ وَننہٕ۔ )

**آیہِ سوٗر۔** (۱) یُس واریاہ وانٕسہِ آسہِ۔ یُس
واریاہس کالَس زِندٕ آسہِ روزُن۔ یُس
زہٕٹھ وُمر آسہِ۔ یُس زیٚوٗٹھ آے آسہِ۔
(۲) نیپر روٗگ، روگِ روٗس۔ افلاتہٕ دوٗر۔

**آیہِ گیو۔** ہوٗن کرِتھ پٕھٹکن روٗدمُت گیو۔
دپان چھِ یِہ گیو کَس مَنتھنہٕ چھٕنے زہٕٹھ عُمر آسان۔

**آیُربَل، آیُربَل۔** آے تہٕ بَل۔ وانٕس
تہٕ اَر پر دَرپر۔ (یِہ چھُ اَتھی بیتر کرنہٕ
وِزِ وَنان، م: گژھہٕ نٕمے آیُربَل)۔

**آیُردا۔** [ن۔ مۆل: آیُردا < س: آیُردا]
وانٕس دِیُوٗن لہ۔ گنڈِتھ وانٕس۔ عُمر
(ذاتکہ واتکہ مُوجِب)۔

**آے کانچھُن۔** زہٕٹھ عُمر مَنگنی۔ سٮ۪ٹھا
وانٕس پژھنی۔

**آے لَبُن۔** وانٕس پراونی۔

**آے ہُرُن۔** وانٕس ہُرنی۔ وانٕس زیٚٹھنی۔
(یِہ چھِے اَتھی تہٕ)۔

رُمہ ریٚشُن، آے ۔ سپٹھا زبٹھ واٹُنس ۔

آبکس ۔ [س : آ + ک : ۔ یکس ]

۱ بہ واٹُس ۲ تُس آیہ سو ۔ داٹُس

(بڑوٗشہ کُنُ) ــــ

آیس تان ۔ [ن ۔ مؤل : آیس تان < س : آیہ+استھان]

کلیچ تال ۔

آیکھ ۔ [ < س : آ+ک : ۔ یکھ ] ۔ سو

آیہ تمن نش ۔ ژہ واٹژکھ مےٚ نش ۔

آینٛدٕ ۔ [ن ۔ مؤل : آینٛد < ف : آئندہ ] بڑوٗشہ

کالُ ۔ بڑوٗشہ کُن ۔ پتہٕ واٹُس وَقتس مُنٛز

آیا ۔ [ مؤل : آیا < ف : آیا ] دلیٖل ۔ خبر ۔

ٹلی کرِ ۔ سُنا ۔

آیتھ۱ ۔ (آیت) [ن ۔ مؤل : آیہ < ع : آیۃ ] ۔

قرآنِ شریفُک پوٚر جملہ ۔ وَقفہٕ ہاوُنک

نِشانہٕ ۔

آیہِ کریٖم ۔ قرآنِ شریفُک پوٚر جملہ ۔

آیہ۲ ۔ [س : آیہ ] ۔ (پانس) سپدہٕ ۔

پننہٕ حسابہٕ تھوٚوُمت ۔ پننہٕ وارہٕ وہستارہٕ

تھوٚوُمت ۔ نِشانہٕ موجوب نِشانہٕ ۔

آیہ آیہ باگرُن ۔ فرق کرنی ۔ راے کرنی ۔

نۆصُب ورناوُن ۔ پننہٕ ، وَنہٕ ہنٛدِ ہِن باگرُن ۔

آیہ دار ۔ وارُل ہُتھی یار ۔ نیٖتھ ہُتھی یارُس

اَتھس انٛدر ہیکہِ یتھ ۔

آیہ کرُن ۔ ۱ نشانہٕ کرُن ۔ پانس سپدٕ تھوُن ۔

۲ پانس کیُٹ تھوُن ۔

آیہ گرایہ ۔ آمادگی ۔ کیٛنہہ کرنہٕ باپتھ تیاری

تژھ حرکژ ، یموسیٚتی کیٛنہہ کرنہٕ باپتھ کانٛسہِ

ہُنٛز آمادگی باسہِ ۔

آیہ ناوُن ۔ سپہِ راوُن ۔ سیٚنز راوُن ۔

آیہ وَن ۔ آیہ کرنٛچ کام ۔

آیہ وُچھُن ۔ نشانہٕ وُچھُن ۔ وُچھن زپانس

سیٚود چھا ۔ یہ وُچھُن زِ کہِ حسابہٕ چھُ ۔

آیہ وُن ۔ سیٚدٕ سیٚود نشانہٕ کرُن ۔ آیہ کرُن ۔

پانس کُن سیٚنز راوُن ۔

آیہ تَن ۔ [ن ۔ مؤل : آیہ تَن < س : آیہ تَن ] ۔

بیٚش کَش ۔ پُشرتھ (تھوُن) کانٛسہِ

کیٛنہہ کرنس کیُٹ یختیار دیُن ۔

آیہ تھر ، اَتھرُن ۔ سو رزیو سہٕ پینژہِ سیٚتی داٹُس

گرٛدنہِ تلۍ چھیٚے گنڈنہٕ یوان ۔ مِتہٕ رٹہٕ

جوتر ۔ مِتلر ۔

آیِٛڑار ۔ [ن ۔ مؤل : آیِٛڑار < ف : آویز+ک : دار] ۔

آویزٕ آسُن ۔ ماتحت آسُن ۔ بییٚن ہنٛدس

اُکھس تَل لوٚگمُت آسُن ۔

**آیرٕوٚم** ۔ [ <س : آ+ک : یہ+ وٚم ]۔
توٚہی آو مےٚ نِش۔

**آیُر** ۔ [ن ۔ مؤل : آیر <ک ، آیر+ اُر/ <س : آبھیِر ] شِکأری ۔ نِشانہٕ باز۔

**آیِر ہأنٛز** ۔ سُہ ہأنٛزُیس شِکار نٕہ آسہِ کران ۔ یُس گاڈٕ تہٕ جاناوار بیترِ رٹِتھ گُذارٕ آسہِ کران ۔ وُسی پایہٕ شِکأری ذاتھ ۔

**آیوٚت** ۔ [ ن ۔ مؤل : آیت <س : آیُت ]۔
بٕہِیس تَل آسُن ۔ بٕہِیس تَل روزُن۔
بٕہِیس تام آسُن ۔ بیٚیہِ سٕندِس یَنختیارس تَل آسُن ۔ پرأدین ، پانہٕ آیوٚت ۔ سُہ یُس پانسے تام آسہِ یُس کیٚنہہ کرنُس مَنٛز آزاد آسہِ ۔ پانہٕ نیختیأری۔

**آیوو** ۔ [ <س : آ+ک : یوو ]۔ سُہ واژوو یور۔

**آیوٗد** ۔ [ ن ۔ مؤل : آیوٗد <س : آیُدھ ]۔
ہُتھی یار ۔ مارٕنک سامانہٕ ۔

**آیلیے ، آیبیہ** ۔ [ < س : آ+ بیے ]۔ تم واتۍ ـــــ

# أ

**أبید۱** ۔ [ن ۔ مؤل : أبید <س : أ+ بھیدہ ]۔
بیٚنہِ پرِرُدھر ، ہیٚنہِ نہٕ آسُن ۔ پانہٕ نیار ۔ دوہپرأژی نہٕ بوزُنی۔

**أبید۲** ۔ [م ۔ مؤل : أبید <س : أ+ بھیدہ ]۔
رٕتمہٕ روپیہ ، یمہٕ میکھلہِ مہرانہِ سٕندِس بیکھیاہِ تھالس مَنٛز تراوَنہٕ چھےٚ یوان۔

**أبید تھال** ۔ [ <س : اُبھید+ ستھالہ]۔
میکھلہِ مہرازٕ سٕند بیکھیاہِ تھال یتھ مَنٛز سُہ أبید رٹان چھُ۔

**أبیدٕ ویلہٕ** ۔ [ <س : أبھید+ ویلا]۔
أبید تراونٕچ وِز۔

**أبید تراونی** ۔ میکھلہِ مہرازٕ سٕندِس تھالس مَنٛز روپیہ بیترِ تراوُنہٕ۔

**أبی یار ، أبی یار** ۔ [م ۔ مؤل : أبی یار <ف + آب +ک ، یار ] سَرخ رُوٗدرٕ رُوٗد یہٕ ہُند وَق ۔ سُہ وَق ییٚلہِ سرخ رُوٗدٕ رُوٗدے آسہِ۔

**أبلگھ** ۔ [ مؤل : أ بگ ]۔ ہوی نہٕ گوزٕمُت ، ہوی نہٕ گومُت (چاردوے نہٕ جاناوار بیترِ)۔
غأر مؤدب ۔ یُس نہٕ تہذیب آسہِ (انسان)۔

**اُپیل** ۔ [م ۔ مؤل : اُپیل (انگ : اپیل appeal] (۱) کُنہِ فاصلس برخلاف عرضی ۔ (یوسہ فاصلہ کرن والیس کھوتہ تھدِس حاکمس دِنہٕ یوان چھےٚ) (۲) سہ کاکد ییتھ پیٹھ یہ عرضی لیکھتھ آسہِ ۔ (۳) درخاس م : چندہٕ خاطرٕ اُپیل کرٕنی ۔

**اُتی** ۔ [ (س : اَتر ] اُتھی جایہ (یوس نظرِ تلے آسہِ) ۔ اُتی نس ۔ اُتہِ تھےٚ ۔

**اُتی واری بچھ نے میانہٕ اچھ مہ وچھنے** ۔ یہ چھ تبلہٕ وِنان ییلہِ کانہہ کانسہ مدد کرنہٕ بدل سختی اندر تراوِ ۔ یہ چھ مرا امنس زنانہٕ کتھس اندر شُرپھ تراونس پیٹھ وَننہٕ آمُت ۔

**اُتی نس ، اُتی نے** ۔ اُتہِ تھےٚ ۔ اُتھی ۔

**اُتی نس** ۔ اُتھی جایہ ۔ تتھی جایہ یوسہ خبرے چھےٚ ۔

**اُتھر** ۔ [م ۔ مؤل ۔ اُتھر) (۱) اَکھ کیوٚم یُس مُثلی پلو کھیوان چھُ ۔ (۲) سُہ یُس کتھہٕ رٕژ رٕژِ وأتتھ آسہِ ۔ پیوٚد ۔ م : سُہ چھُ اُتھر ۔

**اُتھر لگنی** ۔ (اُمنلس ، پاٹس بیتر) اُتھرِ کیوٚم لگُن ۔ ورگہٕ : دوہ تہٕ دوہ گژھُن ۔

(دزوس) ، پرٕ ژن گژھُن ۔

**اُتھر بٔرٕ ری** ۔ اُتھر کھیوٚمُت ۔ ییتھ اُتھر لجمٕژ آسہِ ۔

**اُتھر کیوٚم** ۔ اُتھر ۔ اَکھ کیوٚم یُس پلوَن دوہ تہٕ دوہ چھُ کران ۔

**اُتھر ٹکھ** ۔ کُنہِ پلوس اُتھرٕ سیتی گومُت گوٚد ہیترٕ ۔

**اُتھر لَد** ۔ (۱) ییتھ اُتھر لجمٕژ آمہِ ۔ یہٕ اُتھر کھیوٚمُت آسہِ ۔ (۲) (ورگہٕ پأٹھی) : یُس دوٚرٕ ژھ دِوان آسہِ ۔ اُتھری لَد ۔

**اُتھی** ۔ یُس یہ چھُ تتھی ۔ وُچھو (اتہ ، تہٕ ۔

**اُٹ** ۔ [م ۔ مؤل : اَٹ] (۱) گیٚڈ (۲) سٹروک یا ییرٕ ک بیترٕ بوٚڈ گبوٚڈ ۔ (۳) ژوپے ۔

**اُٹ کرٕنی** ۔ ژوپے کرٕنی ۔ یکہٕ وٹہٕ شمتھ کانسہِ خلاف روزُن ۔

**اُٹل کرٕنی** ۔ اَٹہٕ وازٕ شُنڈ کار کرُن ، مۆز وٚرِ وازنیُن ۔

**اُٹۍ اُٹۍ** ۔ [مؤل : اَٹ (س : ہَٹ ] ۔ کھر کھاو ۔ جایہٕ جایہٕ تہٕ دلشہٕ دلشہٕ ، پھرناوی پھرناوی (امنڈٕ چھاونہٕ باپتھ) ۔

**اُٹۍ اُٹۍ کڈٕن** ۔ (امنڈ چھاونہٕ باپتھ کانہہ) جایہٕ جایہٕ تہٕ دلشہٕ دلشہٕ پھرناوُن ۔ کھر کھاو کرُن ۔

**اُڈٕ اُڈٕ نیرُن** ۔ وٕتہٕ وٕتہٕ مَنٛد چھاونہٕ یُن ۔
بُتھ ہاوُن لایق نہٕ روزُن ۔

**اُجی ٹَن** ۔ [ن ۔ مؤل ، اُجی ٹَن < انگ : ایڈجوٹنٹ
(ADJUTANT)] (۱) نایب ۔ مددگار ۔
(۲) فوجک اکھ افسر یُس کرنالس تہٕ
جرنالس بیتر مدد چھُ کران ۔

**اُجدر (اُچھدر)** [ن ۔ مؤل : اُجدر / اُچھدر < ف :
اژدہا] ۔ اکہ قسمک بوٚڈ سرپھ یُس
بڈ بڈ جانورن نال ولان چھُ تہٕ
نیٚتھ گلان چھُ ۔ اجداہ ۔

**اُچھ** ۔ [م ۔ مؤل ، اُچھ < س : اکشہ ۔ پراکرت :
اَچ چھ] ۔ وُچھنک ایندرے ۔
لویر ، (م : وُچھان وُچھان لوسم لوے) ۔
(دُنٛد ریوٗش)
چشمہٕ ۔ چمک سٕ انگ ییٚمہِ سیٚتی وُچھان چھ ۔

**اُچھن انہٕ گوٚٹ گژھُن** ۔ کہینی نہٕ
بوزنہٕ یُن ۔

**اُچھن اوٚنگجہٕ ٹھینہٕ** ۔ ٹلی زوٗنی ۔ یورے
زیر زیر دِتھ کانٛہہ ہیر پیٹھ واتناوُن ۔

**اُچھن بوچھ** ۔ اُپزٕ بوچھ ۔ مال آسنے کینٛہہ
کھینٛنک ہوٚس گژھُن ۔ ٹلی ہوس گژھُن ۔

**اُچھن پٔژوٕ نہٕ کُنہٕ نہٕ زٕروُن** ۔ پانس
نِش نہٕ ژالُن ۔ پانس نِش نہٕ روزنہٕ
دِیُن ۔ پانس نِشہِ دوٗر کرُن ۔

**اُچھن پیچھ** ۔ سوٚن وۄہُن نہٕ بوزنہٕ یُن ، ژھوکھ
کاڈِن کھسُن ۔ بیٚیس ہنٛد ینٛٹک نہٕ
خیال کرُن ۔ اُچھ پھیرنہِ گژھنہٕ ۔

**اُچھن پیچھ پھیٚر** ۔ اُچھن بُنٛز نہٕ آب
روزُن ۔ بالکل بدلُن ۔

**اُچھن پیچھ پھیٚر گژھُن** ۔ لحاظ نہٕ روزُن ۔

**اُچھن پان کھارُن** ۔ پان شگہٕ ناوُن ۔ ٹلی
لوٗکن اَدروُن اَنُن ۔

**اُچھن پٔٹ دِنی** ۔ اُچھن تھوٚپ دِیُن ۔
کُنہِ کتھہِ اُچھ ٹوٗنہٕ ۔

**اُچھن پیٹھ کھسُن** ۔ ٹکن ہٕنزن نظرن
منٛز شکُن ۔ تیتھ کینٛہہ کرُن زِ لوٗکن
ییہ اَدروُن ۔

**اُچھن پیٹھ کھالُن** ۔ تیتھ نوٚن نیرُن یا
نوٚن گنڈُن ییٚمہِ سیٚتی پھٹتھ نیرِ دِشہٕ
راوُن ۔ شگہٕ ناوُن ۔

**اُچھن ترٛیش** ۔ ہوٚس ۔ لالچ ۔

**اُچھن زوٚن لگنی** ۔ اُچھ لوسمژ ہشہٕ باسنہٕ ۔

(کاٹنسہٕ پٮ۪اران پٮ۪اران) أچھن ہُند گاش
سوٗژن - أچھ دٔرِس لگنہٕ - لیہہِ لوسنہٕ -

أچھن سکھہٕ ژھٮ۪نہٕ ژھو " أچھن کچھ ژھٮ۪نُن " -
۲، وُچھان وُچھان کانہہ چیز نٮ۪ژن ۲۔۱ مٔنز نٮ۪ن
ژٕھارِ سپدنی -

أچھن کچھ ژھٮ۪نُن - بڑ وٕنہہ کٔنہہ دوکھ دیُن -
بٹیس اَنٹوژ ژھنتھ کینٛہہ کرُن -

أچھن کرُد ڈُن - أچھن آب وَسان روزُن
یا لیگ پوان روزٕنی - ہر ہمیشہٕ أچھ دود
روزُن - أچھن اوٗش وَسان روزُن -

أچھن کھٔسُن - ژھوکھ آسُن - نشہٕ کھسُن -

أچھن منٛتھُن - (کانہہ چیز) کم اَسنہٕ موٗلُل
زانُن - غنیمتھ زانُن -

أچھن مٔنز نہٕ آب روزُن - أچھن بٕچر
پھٮ۪ٹر گژھُن - لحاظ نہٕ روزُن -

أچھن میٹر چیٛنی - دٔفناونہٕ یُن - دوٗبراونہٕ
یُن - ڈٔلراونہٕ یُن -

أچھن ہُند گاش آسُن - سِٹھا ٹوٹھ آسُن -

أچھو کڈُن - أچھن پیٹھ کھسُن -

أچھو کھور پو ہاوُن - (پڑتھ رنگہٕ) اِشارہٕ
دیُن - ژھینٛونی دِنی -

أچھو کھوتہٕ گوٗٹھی دوٗرہٕ - یُس یوت پٔرِ شِکس
مٔنز نکھہٕ آسہٕ سُہ چھُ تیوت پٔنُن -

أچھو مٔنز پان کڈُن - لیکن پٔنٮ۪نی کھٔر کرٕنی -
دُشمنُن موٗلی ہیٛون -

أچھو مٔنز سورمہٕ کڈتھ نیُن - بڑ وٕنہہ
کٔنہہ تنتھ پأٹھی کینٛہہ ہیتھ ژلُن زِ خبرے
تھوٚی زِنہٕ -

أچھ پٔرِ ژھلاٹر - أچھ ہُند ٹھوٚر -
۲، أچھن ہیوٚ ٹھٔنت زال -

أچھ ۂنٛنی گژھنی - (پرٛاوان پرٛاوان) أچھ
دٔرِ لگنہٕ - مٔرے گنڈتھ روزُن - أچھن لأری مہٕ
گژھنہٕ -

أچھ پوٗر - (ا.م) أچھ بٔرنہٕ ہنہٕ - أچھ گاش -
(وٕرگہٕ) شُرین گٔنٛہن ہندی کینی شیٛہجار -
یِرچھ اُہی پأٹھی وَنان - م : أچھ پوٗر روزٕنی،
گژھ ژٕ ٹے أچھ پوٗر -

أچھ پوٗرتہٕ بلاے دوٗر - (یِرچھ اُہی
پأٹھی وَنان) ریٛزٕنی بُنہٕ نے سیٹھا تہٕ
ژُو روٗزی نے اوٗر -

أچھ پیٹھ أچھ گژھنی - نٮ۪ندر ژچھ
گژھنی - زٕدل یِنی -

اُچھ بیٹھ نہ ٹچھ زِ روٗنی۔ گیٹنٹر نہ ہینہ دِنی
کانٛسہِ بیٹھ نہ حرف ہینہ دیُن۔ کانٛسہِ
ہُند سیٹھا خیال تھوٗن۔

اُچھ پڑا نِتھ۔ اُچھ ہُند نیٚبر یُم کوٚن۔

اُچھ پھٹہ ٹر نہ۔ (۱) حادِ ثہتی ٹوٗلی نیٚبر پھٹتھ
نیرِنی۔ اُچھن لاے نیرِنی۔ اُچھ نیرنہِ۔
(۲) پڑاران پڑاران اُچھ لوسنہِ۔

اُچھ پھاٹوٗنہِ۔ (۱) اُچھ گنڈ نہِ۔ (۲) پڑاری
پڑاری اُچھ لوسناونہِ۔

اُچھ پھپری پھپری وُچھُن۔ (۱) بلیٚہ تہ بلیٚہ
وُچھُن۔ (۲) آبر برزو چشمو وِچھن۔
(۳) حیٲرانی سان وُچھُن۔ حیٲران گژھتھ
وِچھن۔ (۴) (ورگہِ پاٹھی) ڈرینتھ سبزی
ڈرے روزِنی۔

اُچھ پھورِنی۔ (۱) ٹارِ ہن ہُند پھورُن۔
ٹارِ ہن ہنٛز ووٹہ ووٹھ۔ ٹارِ ہن ہُنٛد
ووٹہ کٔرُن۔ (۲) قبل کَہ نچ نیتھ آسنی۔
پھیٹیٹ سو چینی۔

اُچھ پھوکھ۔ اُچھ سٕتی ہاوُن، اُچھ سٕتی
زِ ہینہ وَن دِنی۔ تھا کھ کرنہ بانچھ اُچھ ماٹھ ہاوِنی۔

اُچھ پھیر نہِ۔ لحاظِ راوُن۔ لحاظِ نہ روزُن،
پڑانہِ اُچھ نہ روزنہِ۔ اُچھن منٛز نہ آب
روزُن۔ (ورگہِ) مرُن۔ مرن وِزِ اُچھ
ژھیونہِ۔

اُچھ پھیٹر۔ اُچھ پھیرنہ۔ پڑانہِ اُچھ نہ روزنہِ۔
لحاظ ژھینُن (تھوٚد رُتبہ یا پانٛسہ ٹوٚنگ
بنہ کنی)۔

اُچھ پھیر گژھُن۔ لحاظِ راوُن۔ اُچھن منٛز
نہ آب روزُن۔

اُچھ پھیور۔ (زینہ بیٹھ یا ہینہ گوٗمت)
ٹارِس بیٹھ داغ۔

اُچھ ٹلی نہ ییُن۔ آنٹہِ نہ گژھن۔ ٹور نہ
ووتلن۔ فکرِ نہ گژھن۔

اُچھ ٹلی یوٚوُن۔ سہ چینہ بیتریس آنٹہ
گژھنہِ یا بیٚیمہِ سٕتی ٹور ووتلہ سیٹھا۔

اُچھ ٹلی یُن۔ آنٹہ گژھن۔ ٹور ووتلن۔ ٹارِ
گژھن سیٹھا باسُن۔

اُچھ تۆور نہِ۔ وٕیکھتی پاٹھی وُچھُن۔ تیتھ
کنی ٹوٗلی نیٚبر گڈی گڈی وُچھُن ہنٛز بیثا کھ
کھوزِ۔ اُچھو سٕتی ہیم ہاوُن۔ اُچھ ترکراونہِ۔

أچھ ترٕو پرٕنہٕ۔ أچھ وٹنہٕ۔ أچھ بنٛد روزنہٕ۔
(خاص کٔرِتھ شُتلیو سیتنی)۔

أچھ تیمبرٕ۔ أچھن گاش کامنی گژھن۔ کاژ تیمبرٕ۔

أچھ تیمبوٚرٕ۔ سُہ یُس تیمبر آسن۔ یُس نہٕ بوزنہٕ آسہِ۔ لوان۔ یُس نہٕ أچھن گاش آسہِ۔

أچھ تیمبنہٕ۔ (۱) کانٛہہ چیز وُچھنہٕ سٟتۍ لاچار گژھن۔ ہوٚس بُڈن۔ بڑمن۔ تیمبلن۔
(۲) اَنٛدرُون ژُن۔

أچھ ٹارۍ۔ أچھن ہنٛدی نیٛبرِمی پرٕدٕ۔

أچھ ٹیٖرٕ وار (وہار) [م]۔ مٕول: أچھ ٹیٖرٕ وار۔ ‹پراکرت: اَچ چھ ‹ اکشہٕ + پراکرت، ٹینٛٹا + س: وِسار] پوٚنٛس پیٹھ أچھ ٹینٛٹھ گژھنہٕ۔

أچھ ٹیٖرٕ وارس مَنٛز۔ (ل.م) أچھ ٹینٛٹھ مَنٛز۔ أکس لحظس مَنٛز۔ أکس زٕہس مَنٛز بلکل کَم وَقتس مَنٛز۔ أکس برٕنٛزِس مَنٛز۔ وُچھان وُچھان۔

أچھ ٹینٛٹھ۔ (۱) زیٖچھ + زول (۲) أچھ سٟتۍ ہاوُن۔ أچھ ناٹھ۔ (۳) سیٹھا کَم کال۔

أچھ ٹُوٗرٕنی۔ (۱) أچھ وٹنی۔ گوٚش دِتِھ نیٖتھ باس دِتِھ زَن نہٕ وُچھتے۔ نظر أنٛداز کرُن۔
(۲) مرُن۔

أچھ ٹھیٖرٕ۔ أچھ دراموت پھٹُل۔ أچھ پھیٹُر لاے۔

أچھ ورٕس لگنہٕ۔ (۱) أچھ روٗزِتھ گژھنہٕ (خاص کٔرِتھ مرنہٕ وِزِ)۔ أکی سے طرفس کُن وُچھان روزُن۔ مرے گنٛڈِتھ روزُن۔ أچھن نہٕ ٹیٖرٕ وہار گژھن۔ ترٛٹھہِ حالتس منٛز آسُن۔ یتھ منٛز أچھ وُہرۍ پھٹے روزَن۔
(۲) کأنٛسہِ پرٛاران پرٛاران وَتہِ وُچھان روزُن۔

أچھ دَرٕ۔ أچھن ہنٛز ترٛٹھہ حالتھ یتھ منٛز نہٕ تمن ٹیٖرٕ وہار نہٕ سپدِ یا کُنہِ طرفس پھیر (یتھ کنٛہ مرنہٕ وِزِ یا وُٹار بیترِ ینہٕ وِزِ گژھان چھُ)

أچھ دَرٕ لگنہٕ۔ أچھ روٗزِتھ گژھنہٕ (خاص کٔرِتھ مرن وِزِ) مرے گنٛڈِتھ روزُن۔ ترٛٹھہ حالژ منٛز آسُن۔ یتھ منٛز أچھ وُہرۍ پھٹے روزن۔

أچھ داٗدِ ٹیٖٹ۔ دوائِٹ یا کپُر لاٹھیُس أچھ داٗدِس منٛز أچھن گنٛڈنہٕ ییہ۔

أچھ داٗدِ لَد۔ یُس أچھ دود آسہِ۔

أچھ داٗدِ لَد سنٛدی پاٹھۍ (ژھانٛڈُن) (ل.م) تمی سنٛدی پاٹھۍ یُس أچھ دود آسہِ۔ وَرگِہ، سخ حاجتھ منٛز سنٛدی پاٹھۍ (ژھانٛڈُن) تھیٖپہِ تھیٖپہِ (کانٛہہ یا کینٛہہ) ژھانٛڈن۔

أچھ دِنی۔ چشمہِ بد۔ ییٚس بد بینٛز ہیٚتھ

وُچھُن۔ بێیِس وُچھنہٕ اَزرُون یُن تہٕ تَس پیٹھ ناکارٕ اَثر تراوُن۔

**اَچھ دود۔** سُہ دود یُس اَچھ کرِ۔ اَچھ ہُند دود۔ اَچھَن ہنز بیمآری۔

**اَچھ راوٕنہٕ۔** تیٚتھ کینٛہہ کَرُن ییٚمہِ سیٚتہٕ دوٚن مَنٛز دُشمَنٛت گژھِہ۔ کانٛہہ اَنٛز بیٚتر کرُن ییٚمہِ سیٚتہٕ بیٚنہٕ اَچھ ہیکَن میٛلنہٕ۔

**اَچھ راونہٕ۔** تیٚتھ کینٛہہ سَپُدُن ییٚمہِ سیٚتہٕ دوٚن مَنٛز دُشمَنٛت گژھِہ نہٕ لحاظٕ ژھیٚنہٕ۔ اَکھ اَکِس نہٕ سَمکھُن لایَق روزُن۔ تیٚتھ ژھیٚن گژھُن یتھ مَنٛز نہٕ اَچھ ہیکَن میٛلتھ۔

**اَچھ راوٕنہٕ۔** تیٚتھ کینٛہہ کَرُن ییٚمہِ سیٚتہٕ دوٚن مَنٛز دُشمَنٛت گژھِہ۔ کانٛہہ اَنٛز بیٚتر کرُن ییٚمہِ سیٚتہٕ نہٕ بیٚنہٕ اَچھ ہیکَن میٛلنہٕ۔

**اَچھ ژٹنہٕ۔** لحاظٕ ژٹُن۔ کانٛسہِ سیٚتہٕ راوٕرُن۔

**اَچھ ژارِن گژھنہٕ۔** اَچھ ڈارِن گژھنہٕ۔ اَچھ کھوٚدن گژھنہٕ۔ اَچھ وسنہٕ (بُتھ کِنی) شُس گژھُن۔ کمزور گژھُن۔

**اَچھ ژارٕی۔** اَڈی جَن ہنٛدی گرٕ یمن مَنٛز ٹۄلی آسان چھِہ۔ اَچھ کھانٛکھر۔

**اَچھ ژہ ہمبوٚر۔** چِیرٕ اَچھ کرِتھ۔ یَس کُنہٕ کارِ پیٹھ نظر اَچھ آسن۔

**اَچھ کَڈٕ اَچھ کَڈٕ۔** ژُونہٕ وز تھِتھ کَنہِ تۄورٕ تۄورِ وُچھُن زَنتہٕ اَکھ اَکِس ٹۄلی کَڈِتھ رَن سَگہٕ سان اَکھ اَکِس بُتھ یُن۔

**اَچھ کَڈٕنی۔** اَچھ کورِنی۔ کون کرُن۔ اَچھ لُنہٕ کرُن۔

**اَچھ کانٛی جان وَنھ کانٛی نہٕ۔** نہٕ دِیتھ گَو باپارَس مَنٛز گژھنہٕ کھوٚتھ کھوٚتاے آسنی۔ لین دین گژھِہ ٹھیکھ آسُن یتھ اِنسان بیٚیہِ نہٕ بڑوٚنہہ کُن بڑِ تہٕ بیٚیارِتھ ہیکِہ۔

**اَچھ کانٛی کَرنی۔** بَد ماملہٕ لاگُن۔ لین دینَس مَنٛز نہٕ سیوٚد پکُن۔

**اَچھ کَھٹٕر۔** تَکلیف دِوُن اَچھ اَنٛدرٕ ژامُت کانٛہہ چیز۔ سُہ چیز ییٚمہِ سیٚتہٕ اَچھَن ڈَل بیہہ۔ (٢) بیٚلیٚچ یا اَیٚنٛزٕ رٕش آسہٕ۔ بہٕ کینٛزٕ ھاکھَر۔

**اَچھ گوٚرنہٕ۔** اَچھ گوٚلی کَڈِتھ نٕنی۔ اَچھ کھانٛکھرو مَنٛز اَچھ موٚکلہٕ کڈنہٕ۔

**اَچھ کون۔** دُبی بوزٕنی۔ ہیٚیوے نہٕ پکُن۔ اَکِس ژوٚرنہٕ بێیِس کَم دیُن۔

**اُچھ کوٗن ہیٚچھ کوٗن** ۔ اَچھ کوٗن ۔ ڈیٖی بوڈٕنی،
ہُشیوٗے نہٕ پَکُن ۔ اَکس ژوٗر نہٕ ہیٚیس
کم ڈیٖن ۔

**اُچھ کوٗن کرُن** ۔ اُچھ کوٗن ہیٚچھ کوٗن کرُن ۔
تیٚتھ پَکُن یتھ اَکُسُند خیال تھوٕی زِ تہٕ
بیٚیہِ سُند پروالے کرِٕ زِ نہٕ ۔ (زنانہٕ اکھِ
اُچھ چھیٚے یا آکی طرفہٕ چھ بوزنہٕ یوان)

**اُچھ کھوٗنکھُر** ۔ اَچھ ژور ۔ سوٗ جاے یتہٕ منٛز
اُچھ گول آسان چھُ ۔

**اُچھ کیٚشوٗن** ۔ یُس اَنمہٕ اَچھ آسن یُس
ہرِزی اُچھ آسن ۔

**اُچھ گاش** ۔ (۱) اَچھن ہنٛز روشنی ۔ اَچھن
ہُنٛد وُچھنک طاقت (۲) ٹوٹھ نیٚچو ۔
ٹوٹھ شُر ۔

**اُچھ گاش ڈیُن** ۔ بارِ زان دِنی ۔ تعلیم
دِنی ۔ لیکھہٕ پرٕ ہیٚچھناوُن ۔

**اُچھ گول** ۔ ٹول ۔

**اُچھ لگنی** ۔ (۱) اُچھ وَٹہٕ ہنی ۔ (۲) نیٚندرِ
زِچھ گژھنی ۔ زوٗل گژھنی ۔ (۳) نظر لگنی ۔

**اُچھ لاگنے** ۔ اَچھو سیٚتی اکھ اَکس ڈاٹھ مُن ۔
سوہر یتہٕ منٛز زِیادٕ اَچھو سیٚتی ژوٗنہٕ
رہُن ۔ دُشمنی ۔ شترُت ۔

**اُچھ لال** ۔ موٗتہٕ پھوٗل ۔

**اُچھ لوسنہٕ** ۔ (پزاری پزاری) اَچھ ٹھکنہٕ ۔ یلیہٕ
لوسنہٕ ۔

**اُچھ منٛگنہٕ** ۔ (۱) گاش منٛگُن ۔ (۲) اَچھن بوچھہٕ ۔

**اُچھ پچھ لُوٗٹھ** ۔ سَرکرنے ۔ رُت کرُت وُچھنے ۔
عمٲنی ۔

**اُچھ میلنہٕ** ۔ اَچھ ہیٚل گژھن ۔ سَمکھُن (کانسہِ) ۔
وورگہ : کانٛہہ ڈیشتھ تَسُند لحاظ کرُن ۔

**اُچھ ہیٚل گژھن** ۔ پانہٕ ہیٚار گژھن) ماے
محبتھ (اسپدُن) ۔ اُچھ میلنہٕ ۔

**اُچھ ناٹھ** ۔ اَچھ سیٚتی اِشارٕ ۔ اَچھ سیٚتی زینہٕ دِن ۔

**اُچھ ناٹہٕ کرنہٕ** ۔ (۱) اَچھ سیٚتی اِشارٕ کرُن ۔ (۲) اَچھہٕ ہری
ہاوُن ۔ اَچھ سیٚتی زینہٕ وَن دِنی ۔ (۲) اَچھو
سیٚتی ہاوُن زِ میٚیہ چھُ تہٕ ژٕے چھیٚے نہٕ ۔

**اُچھ نیٚٹک** ۔ یُس نچہٕ اَچھ آسن ۔ یُس نہٕ اَچھ
وِنیچھہٕ اسن ۔

**اُچھ وٹنہٕ** ۔ اَچھ بنٛد کرنہٕ ۔ اَچھ ٹونہٕ ۔
(وورگہ : مرُن ۔

**اُچھ وَژھ** ۔ اَچھ وَژھ آسنہٕ ۔ اَچھ نہٕ بنٛد آسنہٕ ۔

**اُچھ وَژھ تہٕ گاشہٕ رَژھ** ۔ یہ چھُ اکھ وۄہو،

تہٕ گوٗ أچھن نہٕ وَزِھ اُسھٕ نہٕ کیٛنہ دژ بینٛھٹِیُن۔

کاژ تیمبرٕ۔

**أچھ ووٕتلٕنی۔** سیر گژھُن۔ ڈور ووٕتلُن۔

**أچھ ویوٗٹھ۔** یَس ویٛچھِ أچھ آسن۔ بجرٕ ٹھوجر گیرِتھ۔

**أچھ ہَر۔** أچھ لَڑٕ ئے۔ أچھو سٕتہ ژوٕنی۔ اَکھ أکِس أچھ تووٕرِنہٕ۔

**أچھ ہُنٛد مَنہٕ پھوٗل آسُن۔** سیٹھا ٹوٹھ آسُن۔

**أچھ پیٛنے آسنہٕ۔** (اَہزلہٕ سان) لوٕ کٕٹے آسُن۔ (کوٗٹھِن) أچھ پینہٕ آنزٕ بَنُن۔ کاھِٹھ گژھُن۔

**أچھ یوٗوٗن۔** کاأنی۔ "نیبوٗت نِ یُتھ ڈور ووٕنلِ تَلا گژھِ۔"

**أچھ یُن۔** تَلا گژھُن۔ سیر گژھُن۔ ٹارٕ کھَسُن۔

**أچھر وال۔** [ن۔ مؤل : أچھر وال <س : اَکشرٕ + ک : اَر + س نوالہٕ] (۱) ٹارِن ہُنٛدی وال۔ (۲) أچھر والَس سوٗمب۔ سیٹھا کَم۔ زرھا۔ موٗ یا۔

**أچھر وال ٹوٗسی۔** أچھر وال ٹِسناوٕنی۔ بیٛر ژانُن۔ کھوٗژِ ناوُن۔

**أچھر والو سٕتہ تُلُن۔** سیٹھا قدر کرٕنی۔ ضایہٕ نہٕ گژھنہٕ دیُن۔

**أچھر والو سٕتہ گنٛڈی کَٹِنی۔** کانٛسِ سٕتہ یژھ کرُن۔ سیٹھا لول بَرُن۔ سیٹھا پٕچھالِہ بَرداری کرٕنی۔ کانٛسِ بٕنٛی نہٕ بٔرو نٕٹھی وُچھُن۔

**أچھر وال وٕسنی۔** دادِ بیتٕر سٕتہ أچھر والَن پیٛٹھ ژٕلنی۔

**أچھُل۔** وُچھِو "أچھیسٹھ"۔

**أچھوٗت۔** (اَوچھوٗت) (ل۔م) : یُس نہٕ چھُونہٕ ییہٕ۔ یَس سٕتہ نہٕ ووٕ تھٕنہٕ بیٛہنہٕ ییہٕ۔ تِمہٕ ژأر ہُنٛد یتھ چھُہ آسہٕ آمُت دِنہٕ ہِیٛکھن۔

**أدیب۔** [مؤل : أدیب <ع : اَدیب۔] اَدب تخلیق کرن وول۔ لِکھأری، شأیر بیتر۔

**أدی ہیٛبۆل۔** [ن۔ مؤل : أدی ہیل <ہ : اَدھیلا <س : اَردھ ہرنہٕ] ڈمبری۔ دیلہٕ۔

**أڈٕج۔** [م۔ مؤل : أڈِج <س : اَٹّہ + ک۔ اِج] کٔژ نِژ لوکُٹ چھَل۔ مازٕ وٕرأے جِسمُک اَکھ سٕتہ حصہٕ۔ تمیُک کانٛہہ ٹُکرٕ۔

**أڈی جَن سوٗر کرُن۔** سٕتہ چوب دِنی۔ سٕتہ لایُن۔

**أڈی جَن سوٗر گژھُن۔** سٕتہ تھکُن۔ ژھینٛتھ پیُٛن۔

**أڈی جہٕ۔** (۱) کٔژ نِژ چھَلہٕ (۲) جِسمُک نِشال۔ (۳) یِہ کانٛسہٕ مَرِتھ پتہٕ کُن آسہٕ ژوٗدومُت۔ م : تِمو کینہٕ مأکِس ماجہٕ ہِنٛزٕ أڈی جہٕ تام۔

**أڈی جہٕ پٔنٛزٕل۔** کٔژ نِژ (۱) یُس جِسمَس پیٛٹھ

سیٹھہے کم ماز آسہٕ ۔ زاٹھ ئیل تہٕ زوٚرکنی لیٚوٗز۔
یُس اُڈجہِ کرٕ ژنزِ ےیوت موٚزٕ بوٚمُت آسہٕ
ہوٚکھمُت ۔ م : تس چھُنہٕ رتھ یا ماۓ
کُنہ یہوے بوٚزی تون اُڈی جر پیٚنٛزرٕل۔

اُڈی جرِ پھٹراونہٕ ۔ اُڈی جرِ ژٹنہٕ ۔ سنخ لاین ۔
سنخ مار دیُن ۔ اُری ماری پھیشنی کرٕنی ۔

اُڈی جر ترٕ ژنگر ۔ (۱) اُڈی جن ہنٛز رز ۔ (۲) اُڈجہٕ
یاہٕژ موٚزٕ بوٚمُت ، اُڈی جرِ کرٕ ژنزِ ےیوت
روٗدمُت ۔ ہوٚکھمُت تہٕ لیٚوٗز ۔

اُڈی جرِ کونوٗ پچے ، ہیٚنُن آم نہٕ کانٛہہ ۔ یِر
کہاوَتھ چھِ تمہِ وِزِ وَنان ییلہِ کانٛہہ پُنُن ماتھ
کانٛسہٕ تارِ ۔ نہٕ ڈیچھ گوٚ یاڑی چھےٚ نِنۍ
تران ۔

اُڈی جر کرٕ ژنہٕ ۔ اُڈی جن ہُنٛد پنٛجر ۔ وَرگہٕ :
سیٹھا کمزور ، لاغر ۔ یُس کونٛٹے یوت
موٚزٕ بوٚمُت آسہٕ ۔

اُڈی جر کھونٛکھُر ۔ اُڈی جن ہُنٛد کرٕ ژنزٕ ۔ پوٗرٕ
کرٕ ژنزٕ ژ اکھ ئٹہ اُڈج ۔

اُڈٕنی گڈٕنی ۔ [م ۔ موٗل ، اُڈٕنی گڈٕنی < س : گھٹنی +
بوٚنت صداک : اُڈٕنی ] گرٕک سامانہٕ ۔
لوکٹ کھوبوڈ ۔ گرٕ وِیٹھ ۔

اُڈی ۔ ہوڈ (گرٕ ی سنٛز) ۔

اُڈیٹر ۔ [موٗل : اُڈیٹر < انگ : ایڈیٹر] شیٖر
ژاٹم کرن وول ۔ ترتیب دِنہٕ وول (رِسالس
اَخبارس بیتر) ایڈِٹ کرن وول ۔

اُڈیٹوریل ۔ [ن ۔ موٗل : اُڈیٹوریل < انگ :
ایڈیٹوریل] سُہ مضموٗن یُس اُڈیٹرٕ سنٛدِ
طرفہٕ (رِسالس ، اَخبارس بیتر) چھپہٕ ۔

اَذِیت : (اَذِیتھ) م : موٗل ، اَذِیت < ع : اَذِیت]
تکلیف ۔ دوٚکھ ۔ پِدا ۔ عذاب ۔

اُر[1] ۔ ہر وز نہٕ زیر کرنچ یا رٕ ژرٕ تلنچ آواز ۔

اُر[2] ۔ [م ۔ موٗل : ار < س : آرہ] اکھ قسمچ
زٕ ہٹ لٹِر بیٚیمبر سِتی کوٹھن ہیٚچھ بناوان ۔

اُر[3] ۔ [م ۔ موٗل : ار] (۱) ژوبوٚتھ ، ییتھ نہٕ رُم
یا چھل آسہٕ ، وُژھمُت ۔ (۲) داد دگہٕ ژٕتھ ،
وُچھو 'اوٚر' تہٕ ۔

اُرٕنی ۔ [ < س : اُرٕنہٕ (پُشپہٕ)] اکھ
پوشہٕ کُل ییتھ لیٚدرٕ رنٛگہٕ پوش نیران چھِ ۔

اُرٕنہٕ پوش ۔ [ < س : اَرٕنیہ پُشپہٕ]
اکھ لیٚدر پوشہٕ ، ذاتھ یوس اُرٕنہٕ پوشہٕ
کُلہِ پھولان چھےٚ ۔

اُرٕنہٕ رٕنگ ۔ اُرٕنہٕ پوشک رٕنگ ۔

(ییُس لیشوُ دُر آسان چھ) لیشوُ دُر رَنگ۔
بُسہ۔ رخاصکرِتھ بیمار تہٕ ٹھیکہ صحتس منٛز
نہ آسنہٕ کنی یُس لیڈر یرِ پانس پھیران چھُ۔

**اَری اَچھر۔** بولنچہِ تمہٕ آواز یمہٕ اَسہٕ منٛز روٗٹ
گژھنہٕ روٗس زیوٗ ہٕ شنٛز ٹٲلہٕ تژاو سٹھنٛ
کلڈ ہن۔ سور۔ یمن وَراے چھنہٕ
"اَری اَچھر" وزان یا برٛونٹھہٕ پکان۔
م، ا، ہ، ی۔

**اَری نہٕ مال۔** کشیرِ ہنٛز اکھ مشہوٗر شاعر۔ یُس
پٹھان وقتس منٛز اوس۔

**اَژدھا۔** [ن۔ مۄل: اَژدہا (ف: اَژدہا]
اَچھ دَر۔

**اَسسٹنٹ۔** (اَسِسٹنٹ) [مۄل: اَسسٹنٹ
< انگ۔ اَسِسٹنٹ (ASSISTANT)]
نایب۔ افسرس سٟتی بیٚیہٕ کانٛہہ ڈُسٹھ
افسر یا مدد گار۔

**اَسیر۔** [مۄل: اَسیر < ع: اَسیر] قیدی۔
بانٛدی۔ بنٛد تھوٗ مُت۔ رٹنہٕ آمُت۔

**اَسیسر۔** [مۄل: اَسیسر < انگ: ایسیسر
(ASSESSOR)] (جِمس مدد کرنہٕ باپتھ
فوجداری عدالتس منٛز لوکن ہنٛد طرفہٕ
ژٲری ہنی کیٚنہہ زٕٹھی۔

**اَسی¹۔** [< س: اَسمہ] بہٕ تہٕ ہم مے
سٟتی چھِ۔ سأنی۔ مےٚ سان ہم پیٚتھتھ چھ۔
"بہٕ" لفظک جمع۔

**اَسی²۔** [ک: اَس < س: ہَس + ک۔ ی]
اَرستھ۔ اَسُن زِہنتھ۔

**اَسی اَسی²۔** ۱) اسان تہٕ اسان ۲) خوشی
سان۔ گنٛدان گنٛدان۔
اَسی اَسی گرُس گژھن۔ اَسی اَسی ییلہٕ گژھنہٕ
اَسی اَسی ہٕلی کانہہ پھٹنہٕ۔ واریاہس
کالس اَسُن۔ سَخ اَسُن۔

**اَستٕرکہٕ۔** [م۔ مۄل: اَستٕرک < س: اَستھا
اَڈی جہٕ نہٕ سور بیٚنتریُس سور زالنہٕ
پتہٕ پتھ کُن روزان چھُ۔

**اَشپیر** [ن۔ مۄل: اَشپیر] اکھ ون پوشک ناو۔

**اَش لیٖش۔** [م۔ مۄل: اَش لیش < س:
اَشلیشہ] اکھ نیٚچھتر۔ (جوتشک
اکھ لفظ)۔

**اَشمج۔** کشیرِ ہنٛد اکھ گامک ناو۔

**اَصیل۔** [مۄل: اَصیل < ع: اَصیل۔]
خاندانی۔ ڈاژل۔ بڈِ گرِ زامت شریف۔

أصیلن لار۔ شریفن چھ مُصیبتہ پتے
آسان۔

أطلاس۔ [ن۔ مؤل: أطلاس < ع: أطلس]۔
اکھ موٗلُل کپہِر۔

أکھ کُن۔ أکس طرفس کُن۔ أکس اَندس کُن۔
اَندکُن۔ دُچھود اکھ لفظس تل تر۔

أکس أچھ سورمہ أکس أچھ نلہٕ تھوٗتھ۔ (۱) دوٚن
مَنز فرق گٔنزرٕنی۔ (۲) زٕ نظر کرٕنہٕ۔
(۳) زٕ أچھ (دکرنہٕ) وچھِ اکھا لفظس تل تر۔

أکھہ ژاپنہٕ۔ زٕسمہٕ ژاپنہٕ۔ ژکہ ژاپنی۔ أنڈری
أنڈری پھوٚشنی۔

أگن۔ [ن۔ مؤل: أگن < س: اگنہٕ] ہوٚن
(یا پوٗزا) کرنہٕ باپتھ زالنہٕ آمت نار۔

ألش۔ [م۔ مؤل: ألش < س: آتسی]
اکھ گُل تہٕ تمیُک بیوٗل۔ امہِ کس
بیاٗلس چھ تیل یوان کڈنہٕ۔

ألشہٕ پراج۔ چھوٚمبہٕ ألشہٕ کانڈ۔
ألشہٕ کژرٹ۔

ألشہٕ پھل۔ چھوٚمبہٕ چھاٗنتہٕ ژرامُت
ألشہٕ بیوٗل۔

ألشہٕ تیل۔ ألشہٕ منزٕ کوٗڈمُت تیل۔

ألشہٕ ہنٛد تیل۔ سُہ تیل یُس ألشہٕ
آسہٕ کوٗڈمُت۔

ألشہٕ کاٹھ۔ ألشہٕ کانڈ۔

ألشہٕ کانڈ۔ ألشہٕ کُلیُک کاٹھ۔

ألشہٕ گوٗش۔ ألشہٕ بوٚس۔

ألشہٕ کژرٹ۔ ییٚک نییٚک کٔرِتھ ألشہٕ
کانڈ یُس چارواین تہٕ کھیتون چھ دِوان
تہٕ بوٚرس تہٕ چھ پراجہ بدل ژٕراوان۔

ألشہٕ کھل۔ تیل کڈِتھ ألشہٕ کٔشک وۄر۔
ألشہٕ کھۄج۔

ألشہٕ کھۄج۔ تیل کڈِتھ ألشہٕ کٔشک وۄر
یُس پتہٕ گُپن کھیوٚن چھ دِوان۔

ألش لاگنی۔ ژرٹ لاگنی۔ اگا دِگرٕ ڈھنٛ
تھپھہٕ تہٕ تلنی۔ پتے روزٕن۔

ألِف۔ [ن۔ مؤل: ألِف < ع: الِف] (۱) عربی
تہٕ فارسیُک گوٚڈنیُک اچھر 'ا'۔ (۲) تمہِ
ٹیمبہٕ یمہِ کاشُرٕ لوٚبہٕ کڈنہٕ چھے یوان۔

ألِف والنی۔ ألیف والنی۔ سُرٕ وٗدن۔

ألِف بے۔ [< ع: ا، ب]۔ فارسی
اچھر۔ اچھر۔

ألِف لاٗل۔ [م۔ مؤل: ألِف لاٗل < ع: الف + لیلہ]
(۱) عربی زبانی ہنٛز اکھ مشہور ڈلیلہٕ کتابہٕ

ہُنٛد ناو۔ ۱۰۰۱ ورٕگہٕ ۲ زٕ پٔٹھ داستان۔
دٔلیل۔ زاہٹھ زاپٔٹھ۔

**اَلِف لأَل وٕنِنی / بوزناوٕنی۔** پٔننی داُدی کانٛگر بوزناوٕنی۔

**اَلِفہٕ قَد۔** تھوٗد تہٕ زیبا قد۔

**اَلی یا اَلہِ۔** اَکھ پوٚت لوٗگ یُس وَق ہاوان چھُ۔
م: تیٚلی۔ کیٚلی۔ بیٚلی یا تیٚلہٕ، بیٚلہٕ بیتر۔

**اَلی اَلی پان کھاُرُن۔** وٕہٹنس کُن کٔرِتھ سیٹھا مازلٔدُن۔

**اَلی اَلی مازلٔدُن۔** سَخ وٕہٹُن۔ اَلی اَلی پان کھاُرُن۔

**اَلی تہٕ تہٕ ٹلی تہٕ۔** پَنٕز تہٕ اَپٕز تہٕ۔

**اَلی تہٕ گلی اَنٕنی۔** تنٛگ اَنُن۔ عاجز اَنُن۔ اَتھ وَتھ تہٕ دِنی۔ تنہٕ اَنُن۔

**اَلی ٹٔنٛگ۔** ٹنٛگن ہُنٛد لوکُٹ قسم۔

**اَلی عالم شلی عالم۔** ییٚتہٕ لوٗکُٹ تہٕ بٔڑ لوٗکُٹ ویٚتر۔ یہ دُنِیا یا تہٕ شہ دُنِیا۔ یوٗرِ چ تہٕ تورِ چ آش۔ دوٕ شونی زٔگتن ہنٛز وہمید۔

**اَلی یا ٹلی۔** ریتہٕ تتھ۔ اَکٕر ٹنگی تہٕ بیٚیہٕ ٹنگی۔

**اَلکہٕ۔** [ن۔ مۆل: اَلک <س: اَلکہٕ م]۔ شُربہٕ ہنٛز شکلِ کُنی لاگنک اَکھ وَس۔

**اَلکٕن۔** اَکھ اَلکہٕ۔ دوٕ یوٗ اَلگو منٛز اَکھ۔ (اُچھوٗد اَلکہٕ تہٕ)۔

**اَلکہٕ ہٕتُر۔** اَلکہٕ جوٗری۔

**اَمیر۔** [مۆل: اَمیر <ع: اَمیر] ۱، دٕیارٕ وول۔ دُنیادار۔ راز۔ ۲ سردار۔ حاکم۔

**اَمیرِ کبیر** (ل۔م): بوٚڈ اَمیر۔ حضرتِ سید علی ہمٕدانی سُنٛد لقب، ۱ہمٕن شاہ ہمٕدان تہٕ وَنان چھُ۔

**اَمیر المومنین۔** مُسلمانن ہُنٛد خلیفہٕ، بادشاہ، سردار۔ یہ خطاب چھُ گوٚڈٕ حضرتِ عُمر فاروقس دِنہٕ آمُت: (ف ۔ آصفیہ)۔

**اَمین۔** [ن۔ مۆل: اَمین <ع: اَمین]۔ ۱، اَمانتھ دار۔ اَمانتس راچھ کرن وول۔

**اَمی۔** یُس وَنہٕ چھُ تمی۔ یِہنز کنتھ چھیٚہ تمی۔

**اَمی راکدل۔** سرینگرٕ کٕر اَکھ مشہوٗر کدٕلک ناو یُس گوٚڈٕ اَمیر خان جوان شیرنس زمانس منٛز بناونہٕ آو۔

**اَنیکھ۔** [مۆل: اَنیک <س: اَنیکہٕ]۔ سیٹھا، حدٕ زیادٕ۔ اَنتھ روس۔

**اَنٛبیا۔** "نَبی" لفظُک جمع۔ واریاہ نَبی۔ واریاہ پیغمبر۔

أنجیر ۔ [ ن ۔ مؤل : أنجیر (س : اَنجیر = ف : انجیر ]
اَکھ میوٗک ناو یتھ دوٗد ہیٖوٗ بیران چھُ ۔

أنڈر ۔ [ ن ۔ مؤل : أنڈر (س : اَنترہ ]
أنڈرم ۔

أنڈرِ چھل ۔ أندرمَن ہُنٛد چھوکہ ۔ أندرم
پھٹنہٕ وِژامُت ۔

أنڈرِ وانٹھ ۔ أنٛٹہٕ وانٹھ ۔ أندرم
تہٕ ڈوٗمب بیتر ۔

أنڈرم ۔ [ ن ۔ مؤل : أندرم (س : اَنترم ]
أنڈر

أندرم گٹُن ۔ أندرم ٹُھمہٕ ۔ أندرمُک
کانہہ اَکھ حِصہٕ ۔

أندرم لوٗژھہ ۔ أندرم گیوٗڈ ۔ تِمَن أندرمَن
ہُنٛد گیوٗڈ یِم ہیٖبہٕ آسن ژراتی یا
تِم أندرم یِم ہنٛجہ یِڈ أندر وُڈھی متی
آسن ۔

أندرم لوٗژھر ۔ أندرم گیڈ ۔ وُچھو
( أندرم لوٗژھہ ، تہٕ ۔

أندرم نور ۔ أندرم گُٹُن ۔

أندرمَن گرٛنڈ کرٕنۍ ۔ کانٛسہٕ ہُنٛد س
مَنس سام ہیٚنۍ ۔ أندرمَن شُمار گٔنٛزرٲوُن ۔

ٹَنٛنی گوہ گل نٹنی کڈٕنۍ ۔

أنڈ ۔ [ م ۔ مؤل : اَنڈ ] کانٛہلِن ہُنٛد
اَکھ اوزار ۔

أنز ۔ [ ن ۔ مؤل : أنز (س : ہنسہ ]
ٹھز گرٛدن کرِتھ اَکھ بطخ ذاتھ ۔ م : أنزِنۍ ۔
( دارِکنی ) أنزاژُن ۔ ترٛیسپُرن ییٚنۍ
یہٕ وونی میدِرے آسہٕ ۔ اوٚرے گیٚبہٕ تیار
واتُن ۔

أنزباو ۔ أنزنگہٕ ہُنٛد پنٛژھیٖم حِصہٕ ۔ أنزراد

أنز لوٗر ، أنز برن ۔ أنزِ ہنٛدِ اژنچ
وَکھ ۔ لیٚبہٕ یا دوسہٕ مٕنز تیز جلے بیمٲری
إنسان ہیٚکہٕ أنزِ ہندی پاٹھی کاژنوٗ مرِتھ
أژتھ ۔ باغس یا وارِ لوکُٹ لوٗر بیمٲری
چاروائے ہیکُن نہٕ أژتھ ۔

أنزِ گرٛدن ۔ أنزِ ہنٛزِ ہِش ووٚنۍ تہٕ
لوٚزُگ گرٛدن ۔ زیٹھ نہٕ ژُ اوٚوج گرٛدن ۔

أنز نیٚرُن ۔ ترٛسیٚدن بیٚرنہٕ بڑانٛتھ آسہٕ ۔
غیبی برکتہٕ سیٚدٕنۍ ۔ کمیٚسے ژُور نیٚرُن ۔

أنزِوار ۔ رُنیتھ رس دار أنزماز ۔ أنز
زھستہٕ رس ۔

أنزم ۔ أنزم ۔ [ م ۔ مؤل : أنزم (س : اَنتمہ ]

نِہوٚٹھَس پیٚٹھ اَٹھِس اوٚنگج۔ (نِہوٚٹھَس پیٚٹھ
اَٹھِس سۄ اوٚنگج یُس مِہ سِتی کیٚنہہ ہاوان چھِہ۔

**أنزرن۔** [م۔ مۂل: اُنمزر (س: اُنتہ
+ک۔ ار] آندواتاوٕنچ کام۔ نیٚبرے
کاسٕنچ کام۔

**أنزراوُن۔** أنزرُن۔ آند واتناوُن۔ نیٚبرے
بیتر مو کلاوُن (فاصلہِ دِتھ)۔

**أنزرُن۔** أنزراوُن۔ آندواتناوُن۔
نیٚبرے بیتر مو کلاوُن (فاصلہ کٔرِتھ)۔

**أنزروٚن۔** ننہ بِہ أنزراوُن آسہٕ۔ ننہ کیٚنہہ
یتھ پیٹھ فاصلہِ کرُن آسہٕ۔

**أنزیٚم مُنزیُم۔** [ن۔ مۂل۔ اُننز مُنز (س:
اُنتہٕ + مَدھیہٕ۔]۔ ١ مُنزیُم بور۔
یُس اور یور شیٚچھ خبر انہِ۔ ٢ مُنزی مہ
درجک۔

**أنگیٹھی۔** [م۔ مۂل: أنگیٹھو (س: اَگنہ + سٹھ]۔
اَکھ خاص طریقک نہ گرتک شیٹھ ستر
چولہِ یتھ پیٹھ رنان چھِہ۔ دم چولہ، سِگری۔

**أہر تھہی۔** اَتھ وُتھ نہ دِنی۔ سیٚتھ۔ تھوٚس۔ رُکاوٹھ
پادٕ کرنی۔ وِہ سَر اَتھ وتھ نہ کانہہ کام
کرُنہ دِنی۔

**أہر تھَہر کرنی۔** سیٹھ اُزنی۔ تھوٚس اُزنی۔
اَتھ وتھ نہ دِنی۔

**أہلمز۔** [ن۔ مۂل، اُہلمز (س: آہلاد + مٹھ]۔
(راج ترنگنی)، سِری نگرکہِ اکہ محلک ناو۔
کینژن ہنٛدی کنہ چھ یہ اُہلیا بیر ہنٛدس
ناوس پیٹھ اوسمت۔ مگر راج ترنگنی مطابق
چھُ یہ پزُن لفظ "آہلادمٹھ"۔

**أہر تہ کھر کرنی۔** ڈاڈ کرنی۔ ثابت قدم روزُن۔

**أہوٚر، اوٚہوٚر۔** [ن۔ مۂل: اوٚہر] پھل موچھِہ وُچھُن
زِکوتاہ ووہتھ۔ فصلک اَنداز کرُن۔ اوسط۔

**أہوٚر گنڈُن۔** دۄ کڈُن۔ اوسط وُچھُن۔

**اہوٚک، اوٚہوٚک۔** [ن۔ مۂل: آہک (س: اُوش
ٹھمبک]۔ لوٚتی مہ گٔرٹہ ژُکجہِ ہنز مُنزِم
کج یتھ آندی آندی پیٹھِم گرٹہ ژٕرکج پھیرِن
چھنے۔

**أہی رٔنٹھ۔** [م۔ مۂل: اُہی رٔنٹھ]۔ ہٹس بوہ نرکنہ
سپنٛچ گوڈ شیٛچ اُڈج۔

**أہربل۔** کٔشیرِ ہنز اکھ جاے ہند ناو، ییٚتہِ ستھا
تھزِ پیٹھ پانٛژا درُوسان چھنے۔

**أہر۔** ہا بتھ۔ تھر۔ بیم۔ بیِہ۔ خوف۔
پار۔

**اَہر بیٚہناوُن** ۔ ١، بِہنہٕ تھوُن ۔ نہیب تھوُن ۔ ہیم تھوُن ۔

**اَہرٕ ئُن** ۔ [ مۆل ، اَہر ] ١، تٕرٕہُرن ۔ گابُرن ۔ کھوژُرن ۔ پھرٕ بیٹی گرٛژھُن — ٢، تٕنٛدُن (دادٕ یا خوفہٕ بیتر سِینہٕ) ۔

**اَہرُن** ۔ [ ن ۔ مۆل ، اَہر < ک : اَہر + اُن ] ١، تُرٛہرُن ۔ کھوژُرن ۔ نٕژاس کھیٚوُن ۔ ٢، گرٛرٕ نہٕ یُن ، وُٹھنہٕ یُن ، کھہرٕ نہٕ کھسُن ۔

**اَہرٕ کرٕنی** ۔ کھوژٕ ناوُن ۔ مُنی بیٚہناوُن ۔ بےٚ ژھنُن ۔

**اُے** ۔ [ < ف : اے ] ہے ۔ ہی ۔
اُے زُوٕ یہٕ خوش کری تو کر ۔ اَر زُوے ژھُ پرٕنہٕ کیٛاہ ٹُینہٕ ہیکان ۔ سوُرے ژھُ اَرِس زُوس تام ۔

# آ

**آبی** ۔ [ مۆل : آبی < ف : آبی ] ١، بِتھ آب آسہٕ ۔ آب دار ۔ تٕر ۔ سو زمین ییتھ دانہٕ آسہٕ بوٕوان ۔ ٢، آبس مَنٛز روزن وول ۔ آبکٕ ۔

**آبی زمین** ۔ ١، دان زمین ۔ ییتھ زمینس دانہٕ ووٕنہٕ یِیہ ۔ ٢، سگو مٕژ زمین ۔

**آبی گاٹھ** ۔ [ < ف : آبی + س : گھاٹہٕ ] ۔ (ل۔م) کوٚلہٕ مَنٛزی گاٹھس پیٚٹھ ہاتیٛناوُن ۔ سہل پاٹھی ۔ ہٕو دِہرِ ورٕٲے ۔ طوالٕژ رٔوٚ سٕنٛنے ۔

**آبی ہتھ** ۔ [ م ۔ مۆل : آبی ہت < ف : آب + ع ۔ یت (م : ولدیت) ] آسس پونٕی تہٕ پونٕی یُن ۔ پاں آس یُن ۔ زٕلُن ۔

**آبیانہٕ** ۔ [ ن ۔ مۆل ، آبیانہٕ < ف : آبیانہ ] سُہ رقم یُس زمیٖندار آبپاشی باپتھ سرکارس کُن ناران چھُ ۔

**آپی ژوٚٹ** ۔ کانٛدر ژوٚٹ ۔

**آتہٕ گُج** ۔ [ م ۔ مۆل : آتہٕ گُج < س : آدتیہ + گلریا آدتیہ + گہا ؟ ] ۔ سری نگرس پورٕ ننٛدٕ اَکہٕ جایہٕ ہُنٛد ناو ، اَتھ اَمسی بُروٚنٛہ آدتیہ گہا ، ونان ۔

**آتی ، یا اُتی** ۔ [ < س : یتتہ ] چھرا ۔ حرف (زمِ یا ٹم) ۔

**آت گاڈ** ۔ [ م ۔ مۆل : آت گاڈ ۔ ] ۔ اکھ سفید تہٕ لۄکٕٹ گاڈٕ ذاتھ ، یہ چھےٚ لۄکچن ، لۄکچن کوٚلن مَنٛز آسان ۔

**آتھی کمر** : پٕن یُس کانٛی شال کارخانس مَنٛز فلمر

نہٕ ڈوٗلس چھُ رُلاوان۔

**اَٹج۔** [م۔ مۄل : اَٹج (پرٛاکرِت، اَٹہٕ + ک۔ ۔ راج] آٹیک، ماہر۔ (یِتھٕ سینی واٹھ بیتر دِوان چھُ)۔

**اَڈٕ پَن۔** [ن۔ مۄل : اَڈٕ پَن (س : اَردھ + پرنہٕ] شُراںہٕ پٮ۪ٹھ بٔنٛد تھوٗنہٕ خاطرٕ کمبرس گنٛڈنٕک پَن یا زٔٹ وِج رزٕ۔ کمبرس گنٛڈنٕک یونہٕ پَن۔

**اَڈٕ رَز۔** [م۔ مۄل : اَڈٕ رَز (پرٛاکرِت : اَٹہٕ + س : رُجہٕ]۔ گارِ وگرہ (اَلمزی)۔

**اَٹھ۔** [مۄل : اَٹھ (س : اَشٹہٕ]۔ دہیر کَم داہ۔ اَکِہ پٮ۪ٹھی سَتھ۔

اَٹھَن وٕرِیَن پٮ۪ٹھ وہٕتھ نہٕ شیٹھَن وٕرِیَن پوٗک سٕر پیٚہہ۔ کانٛسہٕ ہٕنٛزِ خوش قیمتی مُتعلق وَنان۔

**اَٹھ شیٖٹھ۔** [(س : اَشٹہٕ + شَشٹِ] زانہہ کالی، اَزٕ پگاہ۔ کُنہٕ دۄہہ۔ عُمر ہنٛز کُنہٕ لٔٹہٕ۔

**اَٹھ بوگ۔** (کُنیٖک) اَٹھیمِ حِصہٕ۔ اَٹھیُم بوگ۔ یِتھ اَٹھ حِصہٕ گژھن۔ اَٹھَن حِصَن سوٗنٛب۔

**اَٹھ پوٗل۔** اَٹھن پلیَن ہٕنٛد وزنہٕ گوٗب یِتھ اَٹھ پلہٕ نیٚرن۔ اَٹھن پلیَن ہُنٛد پادوار۔ (اکھ پل = سیرُک پٔنٛژیُم حِصہٕ)۔

**اَٹھ ترٕٹوٗک۔** اَٹھن ترٕکن ہٕنٛد وزنہٕ۔ اَٹھن ترٕکن ہٕنٛد وزنٕک رُسہ بانہٕ بیتر یِتھ اَنا جکی اَٹھ ترٕکھ واتَن۔

**اَٹھ روٗنگ۔** یِتھ اَٹھ رنٛگ آسن۔ اَٹھ قسمہٕ۔

**اَٹھ زیٚوٗت۔** (۱) اَٹھ موس (۲) اَٹھی ریٚتی زامُت۔

**اَٹھ زوٗنگ۔** (۱) یِتھ یا یَس اَٹھ زنٛگہٕ آسن۔ (۲) زوٗتُر، تیز۔

**اَٹھ شوٗت۔** (۱) سُہ پلو بیتر یِتھ یِنہٕ جِر اَٹھ شٔتھ لٔر آسن۔ (۲) یِتھ اَٹھ شٔتھ دۄہیر مۄل آسہٕ۔

**اَٹھ شیٖٹھکھ۔** [(س : شَشٹھ + اَشٹکہٕ] راش ٹھول۔ راش نہٕ میلنی۔

**اَٹھ کوٗن۔** یِتھ اَٹھ کوٗن آسن۔

**اَٹھ کوٗنجل۔** اَٹھ کوٗن۔ یِتھ اَٹھ کوٗن آسن۔ یِتھ اَٹھ طرفہٕ آسن۔

**اَٹھ کھوٗر پٮ۪ٹھ۔** تیٚنٛز زمین یِتھ دانگ اَٹھ کھوٗری نیٚرن۔

**اٹھکھور۔** (١) شہ یا نہ بیترِ یتھ منز اٹھ کھار
اناج بیترِ واتہِ۔ (٢) اٹھن کھارن ہندِ
وزنہِ۔

**اٹھگُن۔** اٹھ لٹہِ، اٹھ پھرِ۔ اٹھن سوتۍ۔

**اٹھ لَبل۔** اٹھ لوٚب۔ یتھ اٹھ لبہٕ آسن۔
یتھ اٹھ طرف آسن۔

**اٹھ لوٚب۔** یتھ اٹھ لبہٕ آسن۔ اٹھ لبل۔
یتھ اٹھ طرف آسن۔

**اٹھ لوٚر۔** یتھ اٹھ لرٕ آسن۔ یتھ اٹھ وار
آسن (رزِ بیترِ)۔

**اٹھ نا۔** شاردا یا اٹھن ہنزِ گنزِ وَنا۔

**اٹھ وُہر۔** (واشرِ کنہِ) اٹھن وُری ین
ہند۔ (چیز بیترِ) یتھ اٹھ وُری
گاشتی آسن۔

**اٹھونی پہرن۔** راتس کھو دوٚہس۔

**اٹھم۔** [م۔ موٚل: اشٹم (س: اشٹمی]۔
پچھک اٹھیم دوٚہ۔

**اٹھل۔** [م۔ موٚل: اٹھل (س: اشٹ+
ک۔ل] کینہہ دگرٕ ژنج گنی۔ کاچہ
وٹھ۔ یئٹرِ مو ہلیچ گنی۔

**اٹھ تھموٚب۔** [ن۔ موٚل: اٹھ تھمب (س: اشٹ

+ستمبھ] ژٹ۔ ڈیشوٚمت،
ژھیشوٚمت تہٕ دجہِ لاگی لاگی پلو بیترِ۔

**اچھر۔** [ن۔ موٚل: اچھر (س: اشکشر+ک۔
۔ا۔ر] (١) خط کڈنے گر۔ (٢) تیار کرنے
ییرٕ۔ کنتہ نے تہٕ ابیسئے ییر۔

**آخر۔** [موٚل: آخر (ع: آخر] پتُس۔
پتہ۔ پتو لاکن۔

**آخر زمانہ۔** قیامتس نزدیکہ وَق۔ یتھ زمانس
منز قیامتکی کیہرن آسن۔

**آخر شاند۔** مرنہٕ وِز شمالس کُن شاند (کرُن)۔

**آخر شانٛد۔** مرنہ سر۔ مرنس تیار۔

**آخر شاند پھرُن۔** بیمار (ییس مرنہٕ سر
آسہ) شمالس کُن کلہٕ کرتھ ساوُن۔

(ورگہ): کاتسہ ہندِ بچنیچ وہ سید تزاوی۔
کاتھہ مرنہ سر آسُن۔

**آخرت (آخرتھ)۔** [ن۔ موٚل: آخرت (ع:
آخرت]۔ عقبا۔ پرلوکھ۔ مرتھ بیاکھ
دُنیا۔ توٚرک عالَم۔

**آخرت سرن (سوٚرُن)** عقبا سوٚرُن۔
پرلوکھ سوٚرُن۔ دوٚیِم دُنیا پراونہٕ خاطر
رٕژ کامہٕ کرنہٕ۔

**اٚخری** ۔ [ مۆل : اٚخری > ع : آخری ] ۔ پٔتیٚمُم ۔ اٚنٛدیُم ۔

**اٚدِین** ۔ [ > س : اَدھین ] ۔ کاٚنٛسہِ تَل ۔ آوینٛ ۔ اَہیا گٔتھ ۔

**اٚدٕر ۱** ۔ [ م ۔ مۆل : اٚدر > س : آردرٛکہٕ ] ۔ ٹیٚمول اٚ درٛکھ ۔

**اٚدٕر ۲** ۔ [ م ۔ مۆل : اٚدٕر > س : آردرٛ ] ۔ ۱ اَکہِ نکھٕیٛنٛرک ناو ۲ وآہراتھ ۔

**اٚدی ۔ اٚدِتھ** ۔ [ مۆل : اٚدی > س : آدِ : آدِتہٕ ] یتہٕ یا یتھ کینٛہہ کال آسہِ گومُت ۔ م : سُہ چھُ اٚدی گومُت ۔

**اٚدی پیٚٹھٕ ۔ اٚدِ پیٚٹھٕ** ۔ اٚزی کینٛژ کالہٕ پیٚٹھٕ ۔

**اٚدی شُرُن** ۔ اٚدِ پیٚٹھٕ ۔ اٚزی کینٛژ کالہٕ پیٚٹھٕ ۔

**اٚدی نَن ، اٚدی نَس** ۔ اٚدی باگ ۔

**اٚدٕیک** ۔ یتھ اٚزی کینٛہہ کال آسہِ گومُت یتھ کمے کال آسہِ گومُت ۔

**اٚدُرُن** ۔ ژالُن ۔ برداشت کرُن ۔ وہتُرُن ۔

**اٚدرِتھ ہیکُن** ۔ (یار) ژالِتھ ہیکُن ، ٹٔلِتھ ہیکُن ، وہتٔرِتھ ہیکُن ۔

**اٚڈ** ۔ [ م ۔ مۆل ۔ آڈ ] ۔ لار ، اَتھ ۔ اَلبانہٕ ہنٛز تھٔپھ ۔ اَلبانہٕ ہنٛدِ سہ حصہٕ یتھ دانٛد واین وول تھٔپھ چھُ کران ۔

**اٚڈر باڈر** ۔ [ م ۔ مۆل : اٚڈر باڈر > س : آردرٛہ + وزنہٕ پُرٛھی باڈر ] ۔ اورک یور ملناوُن ۔ واہ پاٹھی نہٕ ملناوُن ۔

**اٚڈرَن** ۔ [ م ۔ مۆل : اٚڈر > س : آردرٛنم > ک : اٚڈر + اَن ] ۔ ۱ اَدرِن چیٖزن ہنٛز ملہٕ مش ۔ رَل کرُن ۔ ۲ گوڈ ۔ آغاز (دُکنہٕ کامہِ ہنٛد) ۳ تم چیٖز یاسہ ماہِ بینٛگ کانٛہہ چیٖز بنیومُت آسہِ ۔ مولہٕ تلٕج بنا وٕتھ ، خصلتھ ، خمیر ۔

**اٚڈراوُن** ۔ [ ن ۔ مۆل : اٚڈراو > س : آردرٛ + ک ۔ اُن ] ۔ ۱ اَدرِن چیٖزن ہنٛز ملہٕ مش ۔ رَل کرُن ۔ ۲ گوڈ ، آغاز ۔

**اٚڈرُن** ۔ ۱ اَدر اٚوتھ مانٛڈ دِنی ۔ م : اوتے اوس تس گوڈٕ اٚڈرُن ۔ ۲ کینٛہہ کامہِ ہیوٚن ۔ م : بیپٕر کام چھا اَکی وِز اٚڈران ۔

**اٚڈز اٚڈ ...** ۔ [ م ۔ مۆل : اٚڈز اٚڈ ] ۔ ہوٚ آری ۔ وۆ ہوٚو ۔ لیکہٕ تھوکہٕ ۔

**اٚڈیک** ۔ [ ن ۔ مۆل : اٚڈِک > س : آردھ + کہٕ ] ۔

نیصف فائدٕس پیٹھ چار ووے بٔیِس
رٕچھنہٕ خاطرٕ دِتھمُت ۔

اُڈکِہ دَر ۔ اُڈکِس پیٹھ دِنہٕ وول ۔

اُڈکِس پیٹھ دیُن ۔ کٕھکرٕ، گاو، تبۆر، گُر یا بٔیِہ کانٛہہ چار ووے نیصف پُپہٕ باگِہ پیٹھ بٔیِس رٕچھن دیُن ۔

اَر ۱ ۔ [ ن ۔ مۆل : اَر < س : آر + کہٕ ] اَکہٕ ہیوٗک ناو ۔

اَرکُج ۔ سُہ لوکُٹ کُل یَتھ اَرنیران چھہٕ ۔

اَر ۲ ۔ [ م ۔ مۆل : اَر < س : آر + کہٕ ] اَکہٕ قسمُک اوزار یَمہٕ سیٖتی جِلدٕ گَر تہٕ ژٔمرٕ گَنٛڈَن تہٕ والس بیٖتر ژرُپ چھہٕ دِوان ۔ ژٔمرٕ سُندٕ سۆر ۔ دَن کرنہٕ سۆر ۔

اَر ۳ ۔ [ م ۔ مۆل : اَر < س : آور ] رٕلہٕ وٕلنہٕ ٹٔلنہٕ آسُن (رٕزِ یا سَرپہٕ سُندٕ پاکھ) ۔
آر رٕلہٕ گاسُک یا بٔیِہ کُنٛہہ کُنیک وول (رٕنٛتِس بیٖترِ تلہٕ تھونہٕ خاطرٕ) ۔

اَرپار ۔ تیٖشہٕ وٕلنہٕ یُن یا گیٖرُن بُچھنہٕ بتا کھ سہل پاٹھی ہیکہٕ کیٚنہہ کرِتھ ۔ گیراو ۔

اَر کرِتھ بُہُن ۔ الِنہٕ وٕلنہٕ یُن ۔

اَر ۴ ۔ [ م ۔ مۆل ۔ آر ] ۔ گمہٕ ڈٕج ، گرس پَلنس تلہٕ کنہٕ ڈٕج آسان ۔

اَر ۵ ۔ سو ٹھٕدٕر دود ۔ راتھک دود یُس ژرُو کیٛوٗمُت یا خراب گومُت آسہٕ ۔

اَرِژھ ۔ [ م : مۆل : اَرِژ < س : اَرچہٕ ] موردٕ پٕسندی ناوی دۆ ہرِش اَکس وُری یُس یَتہٕ تھُوُن ۔

اَری ژٕ بٔرِ ہیٛمُن ۔ سُہ بٔرِ ہیٛمُن یُس موردٕ پٕسندٕ ناوی یتہٕ کھیاوی زیٚن ۔

اَری ژٕ ٹور ۔ اَری ژٕ یَتہٕ رُنگ بانہٕ ۔

اَری کَش [ ن ۔ مۆل : اَری کَش < س : آر + کَرشنہٕ = ف : کَش ] ۔ آرکش ۔ لکر چیرَن وول ۔

اَرِزَر ۔ [ ن ۔ مۆل : اَرِزَر < س : آرتہٕ تا + ک : ۔ آر ] عاجزی ۔ ہیوٗمُت آسُن ۔ دُکھی آسُن ۔

اَری زوے ۔ [ م ۔ مۆل : اَری زو < ف : آرزو ] کُنہٕ بابتہٕ کٔریشُن ۔

اَری شَنی ۔ [ م ۔ مۆل : اَری شَن < س : آرش + ٹہٕ ] کاری شنی ۔ واوہ پیوٗن ۔ مُصیبتہٕ یُن ۔ ستا ہمنہٕ ۔

اَرِ کٹھنہٕ تاری کٹھ ۔ فتُرتھ ۔ پھٹھنڈ پھیٹر ۔

اَرِجُم پارٔژِم ۔ [ ن ۔ مۆل : اَرِم پارِم < س : آوارہ

+ پارہ + ک - یُم] (۱) وۄل شوٗل -
آنٛگھ پانٛگھ - اۄرٕ کاںٛشُر تہٕ اۄڈ پارٕ یُم۔
(۲) چھلِہ چھانگرِ، (دگرِ یرسن) -

**اَرِیُوٗ** - [ن - مؤل : اَرِو] لبہٕ پیٹھ کُن لگِنَس تل تانٛ کھۄچ۔

**اَزَرن** - [م - مؤل : اَزَر] اَزَرِ وِنہٕ سیتی کاںٛسہِ ہُند بَجَر گَنٛزراوُن۔ اَزَرِ وِنہٕ سیتی مَنَس مَنٛز کاںٛسہِ ہُنٛز بجأیی پھرِنٛچ کام - دَزِنہٕ سیتی کاںٛسہِ ہُندِ بَجرٕچ کَتھ تلنٛچ کام۔

**اَزَرن گاَزَرن** - (۱) نہٕ زرٕ وِنہٕ کنی تُلی کاںٛسہِ ہُند بَجَر تہٕ بجأیی گَنٛزرٕنٛچ کام (۲) تُلی کاںٛسہِ ہُنٛزِ کَتھن مَنٛز مُنٛزی وۄتھُن۔

**اَزُرن** - [ن - مؤل : اَزَر] اَزَرِ دِنہٕ سیتی کاںٛسہ ہُند رُت گۄڈ پھرُن -

**اَزُرن گاَزُرن** - (۱) تُلی کاںٛسہِ ہُندِ آسنٛچ لبہٕ نٛچ کَتھ پھرنہٕ - کاںٛسہِ ہُند اَزَروُن یُن۔ (۲) کاںٛسہِ ہُنزِ کَتھن مَنٛز تُلی دَخل دِیُن، (دگرِ یرسن) -

**اَزُرن تہٕ بازُرن** - شرِ کتیک لانٛچ تہٕ تانٛز۔

**اَس** (۱) - [ن - مؤل : اَس دس : آسِبہٕ] چۄنٛٹھ، ہُتھٕیک شہ چھہ بیٚمأری کھینہٕ
چَنہٕ یوان چھُ - موکھ -

**اَسِس آب یُن** - اَسِس پونی یُن کُنہٕ چیزَس پیٹھ لوٗبُن - کانٛہہ چیز وُچھِتھ دِل تنٛبلُن (خاصکرِ تھ کھینہٕ باو) -

**اَسِس پوٗس کھارُن** - پھینہٕ کھارنہٕ، خوش کینٛہہ تُلنی۔

**اَسِس پیٹھ درِنی** - زھوپہٕ کرناوُن - کنھہ کرلس کامن کرِنی۔

**اَسِس ترٛوپ دِیُن** - (۱) کنھہ نہٕ کرنے دِنہٕ - (۲) زھوپہٕ کرِتھ بہُن -

**اَسِس دزٔمُن کھسُن** - سوٚل کھیٚنے کھیٚنے ہُتھی کنی یِنی۔ سبزی کھیٚنے کھیٚنے تِہنٛج کھٔر گرِ زھنی -

**اَسِس کوٚٹا ژۄ بو اَہی پاٹھا دژوو** - یِٹلِہ کاںٛسہ کینٛہہ وانہٕ نوو تیٚلہِ چھ شہ پانے کام کڈان - ژھرہ لوا اَکھو چھُنہٕ کینٛہہ اَنٛدان -

**اَسِس مَزِ تہٕ یٔڈ دَزِ دَزِ** - تتھ کھینہٕ چیزَس مُتلق ونان یُس مَزِ کِنی جان آسہِ تہٕ سیتی مَم آسہِ یا ہینٛتس کیٚت مُفٕر آسہِ۔

اٚسس مَنٛزٕ اَتھٕ تھوٗن۔ کھیوان تہٕ کھیوان روزُن۔ کھیتہٕ کھیٚے کرُن۔

اٚسس مَنٛز کێنہہ شِٹھِنہِ۔ خوفہٕ سیتی نہٕ کێنہہ ہێکُن وٚنِتھ۔

اٚسہٕ بَب، اٚسس بَب۔ (۱) (شُرِس) ژھوپہٕ کرناوَنہٕ باپتھ اٚسس مَنٛز موہہٕ۔
(۲) اٚسس مَنٛز کانٛسہِ نابَد پھول۔ اَڑٕے نسلا۔

اٚسہٕ بَب نیٚرٕنۍ۔ (۱) شُری سَنٛدِ اٚسہٕ مَنٛزٕ موہہٕ نیبر نیرُن۔ (۲) کانٛہہ چیز اٚسس مَنٛز نیٚتھ اَتھٕ تَلہٕ گژھُن۔

اٚسہٕ بوٚڈ۔ (۱) یُس بوٚڈ تہٕ کھوٚل اٚس آسہِ۔
(۲) گَلہٕ کرَن وول۔ گَلہٕ بوٚڈ۔ زیادٕ تہٕ بَڈٕ بَڈٕ کَتھٕ کرَن وول۔

اٚسہٕ بیٚہہ۔ ژھوپہٕ کرِتھ روزُن۔ کَتھٕ تہٕ کَتھٕ نہٕ کرنہٕ۔ م: اٚسہٕ بیٚہہ چھُے نا!

اٚسہٕ پوٚ۔ کھینک لالچ۔ کھینہٕ سیٚتۍ کُن یوت آسُن۔ کھیٚے تہٕ کھیٚے۔ پانٛس کُنے یوت پوٚ۔

اٚسہٕ پھَکھ۔ اٚس پھَکھ۔ اٚسیچ لوٚے۔ اٚسیچ بَدبوٗ۔

اٚسہٕ زلوٕ۔ اٚس زلوٕ۔ اٚسہٕ مَنٛزٕ چ زلوٕ۔ بَکھہ بَکھہ کرٕونۍ زلوٕ۔ بَکوٚاسی سٕنٛز زلوٕ۔

اٚسہٕ ژوٚٹ۔ (۱) سُہ یُس وٚٹھ، زلوٕ یا اٚسک بێنہِ کانٛہہ حِصہٕ ژھێوٚمُت آسہِ۔ سُہ یُس بدصوٗرتھ اٚس آسہِ۔ (۲) یُس نہٕ جان پاٹھۍ کَتھ آسہِ ہۄوراں

اٚسہٕ ژھیوٚن، اٚس ژھیوٚن۔ وٚٹھٕ ژوٚٹ۔ یُس وٚٹھ ژھێنۍ مِنۍ آسَن۔ اٚسہٕ ژوٚٹ۔

اٚسہٕ کَتھ۔ سۄہ کانٛہہ تہٕ کَتھ یوس زیٚوٕ پیٚٹھ آسہِ تہٕ کُنہِ تہٕ وِزِ ضرورتھ موجوب وَننہٕ پیہِ۔ (گرٕیرَن)

اٚسہٕ گَڈُن۔ زیٚوِ سیتی وَنُن۔ اَنٛدری نہٕ تھوٗن۔

اٚسہٕ کَنہٕ آم کھارٕنۍ۔ پریشان کرُن۔ تھوس اٚنہِنہِ پھینٛڈ بیٚیشر لارٕونۍ۔

اٚسہٕ مَنٛزٕ نار نیرُن۔ تیز کَتھ کرٕنۍ یێمہِ سیتۍ ژٕہ بُزٕن وود ہیٚہ۔ تیٚتھ کێنٛہہ وَنُن یێمہِ سیتۍ نار لگہِ۔

اٚسہٕ نیچر۔ اٚس نیچر۔ نیٚنگ یا لوکُٹ اٚس آسُن۔ لوکُٹ اٚس آسیچ حالتھ۔ کَتھ نہٕ آسُن۔ ژھوٚپ آسُن۔

اٚسہٕ نیٚنگ، اٚس نیٚنگ۔ یُس نیٚنگ یا لوکُٹ اٚس آسہِ۔ یُس کمے کَتھ بیٚتر کراہہِ۔

بُس نہٕ زَر کٔنِتھ کَر۔ زھوٗپ۔ لُس نہٕ ہکوٗ ٹھی
آسہِ۔

**آسہٕ نیوٗر۔** (گِپنَن) اَمسَس لَبتہٕ ہیتر
نیرنہٕ۔(گُپنَن ہٕنز) اَکھ اَسہٕ بیمٲری یَتھ
مَنٛز نہٕ یَم اَمسَس لَبتہٕ آسنہٕ کِنی گاسہٕ
بیترِ کھیتھ کَرِتھ ہیکان چھ۔

**اَسہٕ یَتھ۔** اُکس ہٕنٛس لۄکَن ہٕنز زِلۄ ہٕنٛس
لۄکَن ہٕنز کَتھ۔

**اَس پراٹُھ۔** اَسہٕ مَنٛز تھپھ نیُن۔

**اَس تھوٗپ دِیُن۔** ۱ (مامَس اَندر) اُکس
زنانہٕ ہُنٛد بییس زنانہٕ اَسَس ہُنٛز ڈج
بیترِ ٹھوٗنِتھ سۄ ژھوٗپہٕ کَرناوِنی۔
۲ لالِچ بیترِ دِنھ کانٛہہ کُھتے کھیوٗناوُن۔
یا پانَس کُن کانٛہہ پھِرُن۔

**اَس چھیلِتھ (سُروِتھ) کَتھ کَرنی۔** سیٹھا
تاٰظیمہٕ سان کَتھ کَرنی۔ ناجاٰیز یا ناشایان
باتھ نہٕ بۄلُن۔

**اَس ژٹُھ۔** زیوٗ ہیٹھ ژٲنگِج ژھنِنی۔ کَتھ
بیترِ کَروٗنے کانٛہہ ژھوٗپہٕ کَرناوُن۔
کانٛہہ کُنٛزِ کھیوٗنے پَتھ رٹُن۔ کھیوان
کھیوانے کانٛسہِ کھیٖن بَنٛد کَرمُن۔

**اَس ژھیٹُن۔** فاقہٕ پھُٹراوُن یا کانٛسہِ ہٕنٛدِس
مَرنَس پیٹھ اوٗک وَق فاقہٕ پھُٹراوُن نہٕ
دُوَق ہیوٗن کھیوٗن۔

**اَس سُرُو۔** اَس کَر صاف۔ تمیز سان کَر
کَتھ (لَس پُوان وَننہٕ لُس تہٕ آسہٕ وَنان یِہِنہٕ
وَنُن یِہٕ)۔

**اَس سُروُن۔** اَس صاف کَرُن۔ حیسہٕ سان
تہٕ تمیز سان کَتھ کَرنہٕ۔ ناشایان کَتھ نہٕ کَرنہٕ۔

**اَس وَہرٲوِتھ آسُن۔** ۱ کُنہِ چیزِ چ ترٛٹھ
حالتھ آسنی زِ یَتھ پیٹھ پَیِیہ بییہِ تہٕ خَرٛچ
کَرُن۔ م : کانٛہہ چھُس اَس وَہراوِتھ۔
۲ کانٛہہ بَلاے ہُنٛدِ آسنی۔ م : یم چھُس
اَس وَہرٲوِتھ۔
۳ رَننہٕ خاطرِ تَیار آسُن۔ م : دُشمَن چھِم
جابہٕ پاوٕرِس اَس واہراوِتھ۔

**اَس یِن۔** اَسیچ اَکھ بیمٲری یَتھ مَنٛز اَسَس لَبتہٕ
ہِشہٕ کھسان چھِنے۔ ۲ کانٛہہ کھیٚنہٕ چیز
ہُنٛدِ یِن۔ اَکے سیٹھُن پیا پے کھیٚنہٕ سِلتی
تھِج نَکہٕ ہٕتھ گَژھنی۔

**اَس ۲** ۔ [ س : اَس ] 'اوس' لفظُک مادٕ۔

**اَشُد** ۔ [ن۔ مؤل : اَشُد س : اَشوٕنہٕ] اَگر

رِٹنگ ناو۔ سُہ رہتھ یُس باۓدری پئیتھ پیٚتہ
تہٕ کارِ نکہٕ برونٛہہ چھُ یوان۔

**اَشرواد۔** [ن۔ مۆل، اَشرواد < س: آشِروادَ]
اَہی۔ رُت یژھن یا کانچھُن۔

**اَشُرپتُر۔** [ن۔ < ک: اَشُر+س: پیٚتر کہٕ]
پیٚتھٕ اَمِ سِتہ پیٚندی کڑن وول۔ پیٚتھٕ اَسنہٕ
دُشمنُت ورناون وول۔

**اَشرُن۔** [م۔ مۆل، اَشرُن < س: آشرَیہ+ک:
۔ اَن] بتہٕ یا پئتھ آویزٕ گی۔ دۄیِن جاے،
چھپن جاے۔

**اَشرُن۔** کانٛسہِ نش یا کُنہِ جاے چھپُن۔ رۄزی
کماونہٕ خاطرٕ کُنہِ مُلکس مَنز یا کُنہ جاے رُٹن۔
کانٛسہِ ہندِس سایس تَل یا کانٛسہِ ہنزِ سر
پرستی تَل روزُن۔

**اَشرمُت۔** ۱، سُہ یُس نش پناہ آسہِ ہیوٚتمُت۔
۲، سُہ مُلک یا جاے بیترِ یتہِ کانہہ رۄزی
کماونہٕ خاطرٕ بوسمُت آسہِ۔ ۳، اَتھ پیٹھ
تھوون وول۔

**اَشناو۔** [مۆل، اَشناو < ف: آشنا]
رِشتہٕ دار۔ بنٛد باندو۔ پیٚتن۔ زانٛی کار۔

**اَشناو رَشناو۔** اَنگ اَشناو۔ اَو اَشناو،
بنٛد باندو۔ اَشناو۔ بیترِ۔

**اَشناو گوٚ اَسناو۔** (دیہہ چھِ ہنٛزِ لیہ پاٹھۍ ونان)
کھیٚنہٕ چیٚنہٕ سِتی چھُ کانہہ اَشناو بنان۔

**اَشناو گوٚ پاشناو۔** ہنٛزِ لِہ کُنی اَشناوس مُتعلق
ونان یُس صرف پننہٕ غرضہٕ خاطرٕ اَشناوی
لاگان چھُ۔

**اَشناو گوٚ پوشناو۔** اَشناوِ سِندِ سِتی چھُ
ناو پوشان یا زِندِ روزان۔

**اَشناوی۔** رِشتہٕ۔ بنٛدُت۔

**اَفیلن۔** [م۔ مۆل، اَفین < ع، اَفیوُن۔ ف:
اَفیم، اَہیوُن < س: اَہِ+فینہٕ]
ترِی یاق۔

**اَکِھتھ۔** [ < س: آکھیانہٕ] زانہتھ دوکھہٕ۔
زانہتھ مانہتھ ڈامب۔

**اَکھتھ ماکھتھ۔** اَپزی پاٹھۍ۔ ٹھٹھہٕ پاٹھۍ۔
پَزِ نہٕ۔

**اَکھی اَکھی کرُن۔** زانہتھ مانہتھ زِیر دِنی، کانہہ تلُن۔
زانہتھ مانہتھ مُزراوُن۔ کانٛسہِ گیٚنڈ
گیٚنڈ کرُن۔

**اَگرٕ نگرٕ۔** ژھوہ پارٕی۔ ژھوہ واپاری۔ اَناپ وَند۔
پژھہٕ طرفہٕ۔ گامہٕ شہرٕ۔

اَگرُن یا اَگرُن ۔ ۱، اَنٛزرُن گنٛزرُن ۔ اَنٛز راوُن ۔
۲، داے مالِہ ۔ طے کرُن ۔

**اَل** ۔ [م ۔ مۆل : اَل <س : ایلا] گوژشکلِہ
اکھ مُشِک دار بیٚل یُس مصالس لگان چھُ ۔

**اَلہٕ اَدرکھ ہیٚوٗہ** ۔ نفیس ، اصل
جان ، زبر ، رُت ، سیٚٹھا رُت ۔
م : شونٛٹھ ہیٚوٗہ ۔

**اَلہٕ شُپارٕ ۔** اَلہٕ تہٕ سُپارٕ یوسہٕ
ہانہٕ وُٹھرس سیٚتۍ چھِ کھیوان ۔

**اَلہٕ سُپارٕ ۔** اکھ گاسہٕ ذاتھ ۔

**اَلُچ** ۔ [م ۔ مۆل ، اَلُچ <ف ، آلوچہ] ژوٗک
رگلاسہٕ (اکھ میوٗک ناو) ۔

**اَلچہٕ رَنٛگ ، اَلچہٕ رٕنٛگ** ۔ مٕتھ رنٛگ
اَلچہٕ آسان چھُ ۔ گوٚٹ قِرمزی رنٛگ ۔

**اَلچہٕ کُج ۔ اَلچہٕ کُج** ۔ سہ کُج یا لوکُٹ
کُل یتھ اَلچہٕ نیران چھِنے ۔

**اَلی حافِظ ، عالی حافِظ** ۔ [ <ک : اَلی + ع :
حافِظ ] اوٚن ۔ گاشہٕ رۆس ایس نہٕ
بوزنہٕ آسہٕ یوان ۔

**اَلی کدَل ، عالی کدَل** ۔ [ن ۔ مۆل : عالی کدَل ]
سرینگرس منٛز ویٚتھ پیٹھ اکھ کدٕلک ناو ۔
اَلی کدٕلک اوٚر تہٕ یوٚر ۔

**اَلی کانٛٹھی داناے ہوٚر** اکھ نہٕ نیران بَرَہ بیٚا کھنہٕ
اَژان گرٕ ۔ مائُن زانٛنہٕ آسُن ۔ بیمُونی ناو
آسُن ۔ دٕہن داہ وٕنہٕ آسنہٕ ۔ م اکاہن
گاو راونۍ ۔

**اَلی گاڈ** ۔ [م ۔ مۆل : اَلی گاڈ ] وُچھنہٕ تلہٕ جان تہٕ
کھینہٕ تلہٕ بیٚے مزٕ اکھ گاڈٕ ذاتھ ۔

**اَلی مَشید (عالی مَشید)** [م ۔ مۆل ، عالی مَشید
<ف : عالی <ع : عال + مسجد] سرینگرس
منٛز اکھ مشہوٗر مَشید ۔

**اَلی واکھ** ۔ [ن ۔ مۆل : اَلی واک <س ، آشی + واکیہ]
اَہی پاٹھ ۔ رٕژٕ پاٹھٕ ، خار پاٹھ ۔

**اَلی ہانٛز** ۔ [ن ۔ مۆل : اَلی ہانٛز ] رزٕ سیٚتۍ لمنہٕ
باپتھ کوٗٹس کوٚرمُت گوٚد ۔

**اَمیزی** ۔ [ مۆل : اَمیزی <ف : آمیز]
لیکھنُک اکھ طریقہٕ ۔ شِکستہٕ خط ۔ ملوٗتھ
لیکھُن ۔

**اَمین** ۔ [ ن ۔ مۆل ، اَمین <ع ، عبرانی : آمین]
(دوہہٕ خاترس پتہٕ وَننہٕ یوان) خُدا تھاوِن
یہٕ دُعا قبوٗل ، قبوٗل آسِن ۔

**اَمُلہٕ** ۔ [ن ۔ مۆل : اَمُلہٕ <س : آملہ ]

ادلہٕ۔ اَکہٕ قسمک میوٕ یُس دٕرہس لگان چھُ۔

**اٰمی یام** ۔[م۔ مؤل، اٰمہٕ یام <س: آم + ک: ۔ یام ] بُرتھ زنانہٕ ہُند گوڈُ گوڈُمُن پھیرُن تہٕ گرٲنہٕ گرٛھنہٕ۔

**اٰنکھ، عاٰنکھ** ۔[ن۔ مؤل، اٰنک <ع: عین + ف: ک، ۔] اَچھ ستۍ صاف وُچھنک شیشہٕ۔ اَچھَن ہُند شیشہٕ۔

**اٰنکھ گرٕ، (عاٰنکھ) گرٕ** ۔ سُہ ڈبہٕ بیترِ یتھ منز عاٰنکھ تھوان چھہٕ۔

**اٰنی مانی** ۔[<س: اَنہٕ مان + ک: ۔ ی] سوچنے کرنے۔ کتھِ واتنے۔ اٰنکہٕ ؤنی کنی یوت۔

**اٰنہٕ** ۔ [ن۔ مؤل: اٰن <ف: آئینہ] شیشہٕ۔ یتھ وُچھنک شیشہٕ۔ مُکر۔

**اٰنہٕ اٰنڈری** ۔ اَپزٕے۔ اَپُز واد کرِتھ۔ اَپزُے ہاوِتھ۔ برٕچھہِ تیلہٕ وَنان ییلہٕ کینٛہہ دِنک یا کرُنک اَپزُے وادٕ ییہِ کرنہٕ۔

**اٰنہٕ پوٗٹ** ۔ شیشہٕ پوٗٹ۔

**اٰنہٕ پھُٹ** ۔ اٰنہٕ کھنڈ۔

**اٰنہٕ خانہٕ** ۔[ن۔ مؤل: اٰنہٕ خان <ف: آئینہ + خانہ] شیشہٕ خانہٕ۔

**اٰنہٕ دار** ۔ سۄ دار یتھ شیشہٕ آسن جرِتھ۔ شیشہٕ جرِتھ یا شیشہٕ دار دار۔

**اٰنہٕ زاٰنپانہٕ** ۔ سُہ زاٰنپانہٕ یتھ شیشہٕ پٕٹی لاگنہٕ آسن۔ سۄ ڈوٗلی یتھ شیشہٕ جرِتھ آسن۔

**اٰنہٕ کھپٕٹ** ۔ سُہ لوکٕٹ شیشہٕ یُس نہٕ وۄنی کنہٕ کامہِ ہُند آسہِ۔

**اٰنہٕ کھنڈ** ۔ شیشہٕ ٹُکرٕ۔

**اٰنہٕ کھونٹ** ۔ سُہ ڈبہٕ بیترِ یتھ منز شیشہٕ تھوان چھہِ۔ شیشہٕ تھونک ڈبہٕ۔ (ڈگریزس)

**اٰنہٕ گوٗر** ۔ شیشہٕ گرن وول یا شیشہٕ بناوَن وول۔ شیشہٕ کنَن وول۔ یُس شیشہٕ کنان آسہِ۔

**اٰنہٕ منزٕ وُٛن** ۔ اٰنہٕ اٰنڈری وُٛن۔ اَپزٕے واد کرُن۔

**اٰنہٕ واٰج** ۔ سۄ واٰج یتھ کٕنکہٕ بدل اٰنہٕ آسہِ جرِتھ۔

**اٰنہٕ ہاوُن** ۔ ر، لگنس بپتھ خانہٕ تہٕ کھرازس اٰنہٕ منزٕ یا اٰنہٕ اٰنڈری اَکھ اَکی سُند بُتھ وُچھنچ رٕیتھ۔ ر۲ اَصلیتھ تُنی کڈنی۔ کانسہِ ہاوُن زِ تَس کَتہِ کیتھ چھُ سُہ۔

**اَنٛی (آنی)** [ ‹س: آم ] اُو۔ اُدکیا۔

**اَنٛپھ، آنٛپھ۔** [م۔ موٗل: آنپ] بڑا اَنٛتھ۔ آش۔

**اَنٛپھ تھوٗنی۔** بڑا اَنتھ تھوٗنی۔ آش تھوٗنی۔ وومید دِنی۔

**اَنٛتھ۔** [ن۔ موٗل: اَنٛت ‹س: اَنتہٕ ] اَند۔ اَندِم جاے۔ حد۔

**اَنٛتھ رَژھر۔** بٔڈ اِنتہا۔ حدٕ ہے نہٕ آسُن۔ اَنٛیکھ۔

**اَنٛتھ روٗس۔** حدٕ روٗس۔ اَندٕ روٗس۔ یَتھ نہٕ اَند آسہِ۔ سُہ چیٖز بییتر ییٚتھ ٹیک اَند لَبنہٕ یِیہِ نہٕ۔

**اَنٛٹ، اَنٛٹھ۔** [م۔ موٗل: آنٹ ‹س: اَشٹِیہِ] (۱) میوٕس اَندر بٹالی گوٗلہٕ (۲) اَکھ اِنٛچ۔

**آنٛچہٕ۔** میوٕس یا میوٕن اَندر بٹالی گوٗلہٕ۔

**آنٛچہٕ تیل۔** سُہ تیل یُس کھالیٚن چھ کڈان۔

**آنٛچہٕ مار۔** (ل۔م) یِر وُنہٕ آنٛچہٕ مَنٛزٕ آسہِ نہٕ تہٕ تَمِتھ زٕھٕنٕن۔ (۱) ورگہٕ: لوکٕٹ مارُن۔ سُہ مارُن یُس نہٕ کُنہٕ گرٕژ مَنٛزٕ آسہِ۔
م: یہِ گوٗ آنٛچہٕ مار گرٛژھُن۔ (۲) نیٛاگ، بیر وُنہٕ آنٛچہٕ مَنٛزٕ آسہِ۔

**اَنٛٹ (اَنٛٹھ) گِلٕنی۔** ژھٕسُن۔ پیٚشلُن ہوچُن۔
م: کُہنہ تام گُملییس اَنٛٹھ، تہٕ کُہنہ تام موٗ ٹھہو۔

**اَنٛٹ (اَنٛٹھ) مرٕنی۔** پَنُن مطلب نیرِتھ تَسلا گژھُن۔ پَنٕنی برابری رٔنی۔

**اَنٛٹھ وَٹٕنی۔** (۱) ہار مانٕنی۔ نہٕ پوشنہٕ موکھہٕ لٹاوٕنی۔ (۲) (ورگہٕ پاٹھی) مرُن۔

**اَنٛٹرُن۔** [م۔ موٗل: اَنٛٹر] ہیٚبیس لایِنہٕ یا یَتھ یا ٹاڈنا بییتر کرنہٕ خاطرٕ آیہٕ گژھاے۔

**اَنٛٹرُن۔** کانٛسہِ لایِنہٕ یا یَتھ آیہٕ گژھاے کرٕنی۔ ٹاڈنا بییتر کرنہٕ خاطرٕ کانٛسہِ زاگُن۔ کانٛسہِ سیٚتنہِر کرنہٕ یا یَتھ موقس پرارُن۔

**اَنٛجاری، آنٛجاری۔** م [موٗل: آنٛجار]۔ کمٕ ذاتھ نیٛتری۔ کمینہٕ۔

**آنٛجاری مانٛجاری۔** کمینہٕ۔ کم پایہٕ۔

**اَنٛچی وال۔** یُتھ اَکھ اَنٛٹھ زِیٛچھر یا کھجر آسہِ۔
م: اَنٛچی وال کیٚنٛل، اَنٛچی وال ٹٕٹ۔

**اَنٛچ کار۔** [ن۔ موٗل: اَنٛچ کار ‹س: آم کار] آنکار۔ یقرار۔ وادٕ۔ مانُن۔

**اَنٛچھ، آنٛچھ۔** [ن۔ موٗل: آنٛچ ‹س: ارچِر] پھل۔ پاداش۔ اِنتقام۔ قِصاص۔

**اَنٛچھ ہیوٚن، آنٛچھ ہاوُن۔** زٕکھ واتناوُنہٕ سیٚتھ

کنِتھ فکِر تارٕنؠ۔ بدلہٕ ہیوٚن۔ قصاص ہیوٚن۔

آنٛدرٕ۔ [م۔ مۄل: آنٛدرٕ<س: آنٛدھکا]۔
(۱) گرد طوفان۔ سخ واو۔ واوِ طوفان۔
(۲) پھش پھیرُن۔

آٖنٛکرشاہی۔ سُہ سِکہٕ یتھ نہٕ کُنہٕ کنہِ تہٕ کھوٚٹ ییہِ وَنٕنہٕ۔ صاف سِکہٕ۔

آٖنٛکوَن۔ [م۔ مۄل: آٖنٛکوَن<س: اَنٛکنیم]۔
اَٹھکل۔ اَنداز۔

آٖنٛکھ۔ [م۔ مۄل: آٖنٛک<س: اَنٛکہٕ] گژھٕتھ ہُنٛد نشانہٕ یُس کانٛہہ چیز پرٕ زٕ ناونہٕ یا ییتھ کُنہٕ ییٹھ تژاوان چھہِ۔ اَنٛگ یُس کُنہٕ چیزس نشانہٕ ہٕکھونہٕ یا ییتھ تژاونہٕ چھُ یِوان۔ مۄس۔

آٖو۔ [م۔ مۄل: آٖو<س: آ + وے √]۔
اَکھ کِچھ ذاتھ یوسہٕ داں کاہین سیتی سیتی چھٹے وۄپدان تہٕ نہٕ نشدو ونِ چھٹے کڈنہٕ یوان۔

آوِش۔ [م۔ مۄل: آٖوِش<س: آوِش] تصرف۔ پژاہ۔ پژ گرٕ ژ اَژُن۔

آٖوی شرِ لد۔ [م۔ مۄل: آٖوی شرِ لد]۔ سُہ یُس تصرف آسہِ گومُت۔ پژاہ لد۔ یُس کانٛہہ پژکرٕتھ آسہِ ترامُت۔ م: آٖوی شہِ لدٕرٕ۔

آٖوٕیل۔ آٖیل۔ [ن۔ مۄل: آٖوِل<س: آم + ک ــ

ال (م: ٹُل بیتر)]۔ اوٚزٕھ۔ زاوٕیل۔
م۔ آٖوِج۔

آٖوی جار۔ اَزٕھر۔ زاوی جار۔

آٖہی ۱۔ [م۔ مۄل: آٖہی<س: آشی]۔ دٕیس رٕژر مٕنگُن۔ رٕژر بڑھن۔ رُت کانٛچھُن ــــ دُعا بہٕ خاٗر۔

آٖہی پاٹھ۔ آلی واکھ۔ رٕژر پاٹھ۔ خاٗر پاٹھ۔ آٖہی واد۔

آٖہی کرٕنؠ۔ رُت کانٛچھُن۔

آٖہی واد۔ آٖہی پاٹھ۔ رٕژر پاٹھ۔ خاٗر پاٹھ۔ آلی واکھ۔

آٖہی ۲۔ اَکھ کِچھ یُس داں ڈوٗرین یوان چھُ۔ دُچھو "آٖو"

آٖے ۱۔ [<س: آ + ک ۔ ے]
تم آے تٕرے نش۔ وٲتی۔

آٖے ۲۔ [< آوازٕ ییٹھ یا آواز بُزٕھی 'واے' لفظس سیتی] واٗے (داد ذِکرٕ ونِ ینہِ تھٕ ژلان)۔

آٖہیٖن۔ [ن۔ مۄل: آٖہیٖن<ف: آئین]۔ دوٚستور۔ ضابطہٕ۔ قایدٕ۔ قونوٗن (کُنہٕ ادارُک)۔

# ا

اِبتِدا ۔ [ن ۔ مؤل : اِبتِدا < ع : اِبتِدا]۔ گوڈ، آغاز ۔ آدَن ۔

اِبراہیٖم ۔ [ن ۔ مؤل : اِبراہیٖم < ع : اِبراہیٖم] اَکِس پیٖغمبرُن سُنٛد ناو یُس خلیٖلُ اللہ، (بانیِ خودا سُنٛد دوس) ترچھ وَنان ۔

اِبلیٖس ۔ [ن ۔ مؤل : اِبلیٖس < ع : اِبلیٖس]۔ شیطان ۔

اِبنُل وَقت ۔ [ن ۔ مؤل : اِبنُل وقت < ع : اِبنُ الوقت]۔ (ل۔م) وَقتُک پوٚتھر نۂ ڈیٖٹھ گوٚو وقتک بَنٛدٕ یا غولام ۔ یُس وَقتَس سیٚتۍ سیٚتۍ بَدلِہ ۔ واو وُچھتھ ناو تراوَن وول ۔ موقعہ پرست ۔ نتھ نال ۔

اِبہام ۔ (۱) ڈلیتھ وَنُن ۔ نتی پأٹھۍ نہٕ وَنُن ۔ ویرٛھنتھ نہٕ وَنُن ۔ مانے کِس عِلمَس مَنٛز اَکھ صِفَت ۔

اِتحاد ۔ [ن ۔ مؤل : اِتحاد < ع : اِتحاد] (۱) سُمٕت، یکٕتُت ۔ سمہٕ ژار ۔ ہمہ ژار ۔ (۲) ہِشر

اِتفاق ۔ [ن ۔ مؤل : اِتفاق < ع : اِتفاق]۔

(۱) ملٕہٕ ژار ۔ سمہٕ ژار ۔ ہِشر (۲) ہنگہٕ نہٕ منگہٕ ۔ آتے ناتے ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ (کیٚنٛہہ سپدُن یا آسُن]۔

اِثبات ۔ [ن ۔ مؤل : اِثبات < ع : اِثبات]۔ (۱) ثابِتھ کرُن (۲) ثوبوٗتھ (۳) دوٗر بناوُن ۔ (۴) آسُن ۔ موجوٗدگی (۵) آنکار (۶) عِلمِ تصوٗفس مَنٛز اَکھ اِصطِلاح ۔ مُ : نفی ۔

اِثباتَن ۔ وجوٗد پرٛاوِتھ ۔ ثابِتھ کٔرِتھ ۔ صحی پأٹھۍ ۔ پُزۍ پأٹھۍ ۔

اِثباتِ وجوٗد ۔ وجوٗدُک ثوبوٗتھ (خودا آسنُک ثوبوٗتھ نہٕ خودا سُنٛد) پُزۍ پأٹھۍ آسُن ۔

اِجابَت، (اِجابتھ) [م ۔ مؤل : اِجابت < ع : اِجابت]۔ (۱) آنکار ۔ مانُن ۔ آنکار کرُن ۔ قوبوٗلیت، (۲) (حکیٖم کنٛتھ) ماداں نیرُن ۔ (۳) مانُن ۔ منظوٗر کرُن ۔

اِجارٕ ۔ [ن ۔ مؤل : اِجارٕ < ع : اِجارہ < ع : اَجر]۔ (۱) اَلمُس ۔ ٹھیکہٕ ۔ (۲) ساری سیٚے پیٹھ بخیتیار ۔ شرکتہٕ روٚس بخیتیار ۔

اِجارٕدار ۔ یُس سارِ کُے ٹھیکہٕ آسہِ ۔ یُس ساری سیٚے پیٹھ بخیتیار آسہِ ۔ پُزٕ بخیتیار وول ۔

اِجارٕداری ۔ [م ۔ مؤل : اِجارٕداری < ع :

اِجارہ + ف ؛ داری ]- (۱) تجارتس
بپتھ منظٔر کٔرنہٕ آمُت لیز یا اُدارس
کُنہِ مُدتہٕ خاطرٕ حق آسُن (۲) دسگاہ
آسُن ۔ (۳) ہیتھوٗلی ۔

اِجازَتھ ۔ [ن ۔ مؤل : اِجازَت < ع : اِجازَت
< ع : جوز ]- مَنظوٗری ۔ رُخصَتھ ۔
اَگنیا ۔

اِجازَتَن ۔ [ < ع : اِجازَتاً ] اِجازَتھ
ہیتھ ۔ رُخصَتھ ہیتھ ۔ کٲنسہِ پرٛژھِتھ ۔

اِجازَتھ نامہٕ ۔ مَنظوٗرۍ ہُنٛد کاگَد ۔ پَروانہٕ ۔

اِجتِماع ۔ [ن ۔ مؤل : اِجتماع < ع : اِجتماع
< ع : جمع ] لُکہٕ جَمع ۔ سیٹھاہ
لُکَن ہُنٛد اَکھیے جایہِ سۭمِتھ آسُن ۔

اِجتِماعی ۔ [ < ع : اِجتماع ] جماعتُک ۔
بِکہٕ وٹہٕ سارِنے ہُنٛد ۔ یُس سۭمِتھ بنوومُت
یا کَرنہٕ آمُت ۔

اِجرا ۔ [ن ۔ مؤل : اِجرا < ع : اِجراء ]۔
جٲری کَرُن ۔ حُکم (دِنُن) ۔ عَمَل دَرآمَد
چَلاوُن ۔

اِجراے ڈِگری ۔ [م ۔ مؤل : اِجراے
ڈِگری < ع : اِجراء + اِنگ : ڈِگری ]۔
ڈِگری پیٹھ عَمَل کَرنُک حُکُم ۔

اِجلاس ۔ [ن ۔ مؤل : اِجلاس < ع : اِجلاس ]۔
(۱) جلسہٕ (۲) کچہری لَگُن ۔ پیشی لَگٕنۍ ۔
(۳) عدالتُک کَمرٕ ۔ جاے یتِہ جَج آسہِ عدالتھ کران ۔

اِحاطہٕ ۔ [ن ۔ مؤل : اِحاطہ < ع : اِحاطہ ] گَنڈِتھ
جاے ۔ گَنڈِتھ زمین ۔

اِحاطہٕ کَرُن ۔ طے کَرُن ۔ حد کَرُن ۔

اِختِلاف ۔ [ن ۔ مؤل : اِختِلاف < ع : خلف ]۔ بیوٚن
راے ۔ ہِشی راے نہٕ آسٕنۍ ۔

اِختیار، (یَختیار) [ن ۔ مؤل : اِختیار < ع : اِختیار ]۔
(۱) یَختیار ۔ پانس تام کینہہ آسُن ۔ اَتھس تَل ۔
اَتھس اَندر آسُن (۲) مَنظوٗر تھوٗن ۔ مانُن (۳) حقوٗمَتُک
یَختیار ۔ (۴) یِہ ہیٚکہٕ ہیٚکہِ ۔ یہِ مُمکِن آسہِ ۔ کینہہ کَرنُک طاقتھ ۔

اِخلاص (یَخلاص) [ن ۔ مؤل ۔ اِخلاص < ع : اِخلاص ] مِلہٕ
مُحبتھ ۔ میٚتُرت ۔ یَخلاص (۲) قُرآن شریفُک اَکھ
سوٗرہ ۔ سوٗرتہٕ اِخلاص ۔

اِخلاق ۔ [ن ۔ مؤل : اخلاق < ع : اَخلاق < ع : خُلق ] جا
ؤطیر ۔ رِدِ کَر تۆتھ ، شایستگی ۔

اِدارٕ ۔ [ن ۔ مؤل : اِدار < ع : اِدارہ ]۔
وُچھو ' اَدارٕ '

اِدرار ۔ [ن ۔ مؤل : اِدرار < ع : اِدلال ] میتھ
زَل ۔ زَل کَل ۔

اِدراک ۔ [ن ۔ مؤل : اِدراک < ع : اِدراک

۱) تھدی تہٕ ناٲولی مالہٕ ذٕبٕہنس منٛز
رٔٹنی ۲) گاٹہٕ۔ عَقل۔ بوزٕ شوژ۔ زان۔
۳) أندرٕ ژُم گاش۔ بوٗد۔

اِذا (ایذا) [م۔ مۆل: اِذا ‹ ع: اذی] دوکھ۔
تَکلیف۔ ضَرَر۔ نۄقصان۔

اِرَن، ایرَن۔ [م۔ مۆل: ارَن ‹ ف: ایرَن]۔
شٔستروُ سُہ چیز یَتھ پیٹھ کھار شٔسترس
دَب چھ دِوان۔

ارادٕ (ایرادٕ)۔ [ن۔ مۆل: اراد ‹ ع: ارادہ]
خٲہش۔ کَل۔ رأے۔ کینٛہہ کرنٕچ کَل
یا نیتھ۔ مُدا۔

اِرادی (طور)۔ قٔصدٕ کٔرِتھ۔ یِرادٕ کٔرِتھ۔
کَل کٔرِتھ۔

ارتِقا ۔ [ن۔ مۆل: ارتِقا ‹ ع: ارتِقاع]۔
تَرقی کرٕنۍ۔ ووٚتھ ژار۔ تھوٚرٕ رس واتُن۔
ڈارِوِن سٕنٛد سُہ نظریہ یمہٕ موجوب
تھٔزرٕ ذاتٕ بنی میو منٛزٕ وارٕ وارٕ تَرقی
کٔران واتٕ ہٕتھ چھ۔

اِرتِقٲیی۔ تَرقی ہُنٛد۔ تھدنُک مٔدنُک۔

ارشاد ۔ [ن۔ مۆل: ارشاد ‹ ع: ارشاد]
حُکُم۔ فَرماوُن۔ وَتھ ہاوٕنۍ (معرفتس منٛز)

اِسبَراٹٕچ۔ [م۔ مۆل: اسبَراٹٕچ ‹ ع: اِستِنجا +
ک: ٹٕچ] مینٛژ پھوٚل یُس حاجتس
پہَن وِزِ لگان چھ۔

اِسبَنٛد۔ یِسبَنٛد۔ [ن۔ مۆل: اسبَنٛد ‹ ف: سِپَنٛد
اسپَنٛد] اَکھ قِسمُک بیوٚل یتھ زالنہٕ سیٖتۍ
جان مُشک چھ نیران۔

اِسبَنٛد سوز۔ ترٛامی بانہٕ یُس مُجمہٕ چالہٕ آسان چھ۔
تہٕ یتھ منٛز باگہ کینٛژہٕ ہش آسان پھٹے۔
اَتھ منٛز چھ اِسبَنٛد زالان۔ اِسبَنٛد زالنک
کینٛژرٕ بانہٕ۔

اِسبَدی ہار۔ [ن۔ مۆل: اِسبَدی ہار]
مِتھنُک اَکھ دَوا۔

اسپینٛگٕ۔ اَکھ کِچھ ذاتھ یتھ میتھہٕ ہوی وٕنٛہر چھ آسان
تہٕ لاجوردی ہش پھلے چھ نیران۔

اِسنادٕ/یِسنادٕ۔ [‹ ف: اِسنادہ]۔ ووٚدنہٕ
ووٚدتھ دنہٕ۔

اِسٹری۔ [م۔ مۆل: اِستری ‹ س: ستر]۔
گٔنڈی۔ لوٚہہ۔ پڑٕبس۔ شٔسترُو اَکھ
آلہٕ یُس گرماوِتھ پلوٚن پیٹھ پھھٹھ کڈنہٕ باپتھ
پھرناوٕنہٕ چھ یِوان۔

اِستدعا۔ [ن۔ مۆل: اِستِدعا ‹ ع: اِستدعا ‹ دعو] عرض

اِستِعار، (اِستیار) [ن۔ مؤل: اِستعار (ع: اِستعارہ]۔ شاعری منز سو صَنعت یتھ منز ووجوب کانہہ چیز کُنہ کِہ ہشر کہنی یتھ کانہہ چیز وَننہ ییہ۔ م: اَڈٲپر کیُت گوشہ شیر (شیر لفظ چھُ اِستیار)۔

اِستِغاثہٕ۔ [ن مؤل: اِستغاث (ع: اِستغاثہ]۔ فوجداری مُقدمہ۔

اِستِغفار۔ [ن مؤل: اِستغفار (ع: اِستغفار] خوداییس گونہن مٲفی مَنگنی۔ توبہ، پڑا یسچتھ۔

اِستِقلال۔ [ن مؤل: اِستقلال (ع: اِستقلال] (۱) زیٹھ۔ صبر۔ ضبط (۲) پایداری۔ دارہٕ۔

اِستِنجا۔ [ن۔ مؤل: اِستنجا (ع: اِستنجا] طہرتھ۔ آب دس۔ چھلہِ چھوکہِ شروٚژ۔ مادان ینہ پتہٕ صفٲیی۔

اِستِمال، اِستعمال، اِستیمال۔ [ن۔ مؤل: اِستمال (ع: استعمال (عمل]۔ کُنہِ چیزُک ورتُن۔ کُنہِ چیزُک پرزر۔

اِستِقبال، اِستیقبال۔ [ن۔ مؤل: اِستقبال (ع: اِستقبال (قبل۔]

کانسہِ برونٹھ نیرُن۔ پیشوٲیی۔ سوٲگتھ۔

اِستیفہٕ۔ [ن۔ مؤل: اِستیفہ (ع: اِستعفا] نوکری تراوٕنۍ۔ دستبرداری۔

اِسرار۔ [ن۔ مؤل: اِسرار (ع: اِسرار] ہیر کتھ، ژوٗر کتھ، تِمہِ کتھہِ یِمہ نہٕ ساری نے وَننہٕ ین۔

اِسرٲفیل۔ [ن۔ مؤل: اِسرافیل (ع: اِسرافیل] ژوٚر وبڑو ملٲیکو منز اکھ ملکھ یُس قیامژ دوہہ پوگ وایہ۔

اِسرٲییل۔ [ن۔ مؤل: اِسراییل (ع: اِسرائیل] (۱) حضرتِ یعقوبؑ پیغمبرُ سُند بیاکھ ناو۔ (۲) یہوٗدی سلطنت۔

اِسلام۔ [ن۔ مؤل: اِسلام (ع: اِسلام (سلم] مُسلمانن ہُنٛد مذہب۔ مُسلمٲنی۔ اِسلام آباد کھیٚیہ ووٚنٹن کیٚس ورملہِ ژٹکہٕ دوٚنس لس۔ اَکِ یِسنٛدِ بدلہ بیاکھ لَگُن۔ اُتہ نہٕ بلایہ ژُت۔

اِسم۔ [ن۔ مؤل: اِسم (ع: اِسم] ناو۔

اِسمِ اعظم۔ [ن۔ مؤل: اِسم اعظم (ع: اِسم + اعظم]۔ (۱) دیہ سُنٛد سارِوے کھوتہٕ تھوٚد نہٕ بوٚڑ ناو۔ (۲) (تصوٗفس منز)

اَکھ وُظیفک ناو۔

**اِسمِ شریف۔** [ن۔ مؤل: اسمِ شریف > ع: اسم + شریف] ناو۔ (ل۔م۔ شرف دار ناو)۔ تاعظیمہ سان ناوس وَنان۔

**اسم دار۔** ناودار۔ خاندانی۔

**اِسموغُل۔** [ن۔ مؤل: اسموغُل > ف: اسپغول > ف: اسپ + غول]۔ اَکھ بوٗٹہ یُس دَوہس لگان چھُ۔

**اِشارٕ۔** [ن۔ مؤل: اشار > ع: اشارة] (۱) ژینہ وَن۔ ژینہ وِنی۔ باس۔ (۲) تصرُف، ژھاے۔ تھیپھ۔

**اشارٕ دِیُن۔** ژینہ وَن دِنی۔ باس دِیُن۔ اَچھو تہٕ کھورو یا اوٚنگجہ بیتر سیتی ہاوُن۔ کھوٚنی کل دِنہٕ سیتی یا زیر دِتھ ژینہٕ ناوُن۔

**اِشارٕ کرُن۔** ژینہ وَن دِنی۔

**اشارٕ گژھُن۔** پژاہ گژھُن۔ ژھاے گژھنی۔

**اشارٕ ہاوُن۔** ژینہ وَن دِنی۔ اِشارٕ کرُن۔

**اِشاریت۔** [م۔ مؤل: اشاریت > ع: اشارة] (اشاری بیتر مَنٛز) اشارو تہٕ کِنایو سیتی ہاوُن یا باوُن۔

**اِشتِعال۔** [ن۔ مؤل: اِشتِعال > ع: اِشتِعال]۔ ژکھ۔ بھوٗشُن۔ کرٛوٗد۔ شرارتھ۔

**اِشتہار۔** [ن۔ مؤل: اشتہار > ع: اِشتِہار] لیکھِتھ اعلان۔ عامس ناوم کا ژہ کتھ وَاتناونہ باپتھ لیکھِتھ کاکَد۔

**اِشٹابر۔** [م۔ مؤل: اشٹابر > انگ: سٹرابیری (STRAWBERRY)] اَکھ میوٕ ذاتھ۔

**اِشٹام۔** [ن۔ مؤل: اشٹام > انگ: سٹامپ (STAMP)] سرکاری موہر کرٕتھ کاکدٕ یُس دستاویزن سیتی تھونہٕ یوان چھُ تہٕ نوٕتی مالہٕ بَرنہٕ باپتھ۔

**اِشٹام فروش۔** اشٹام کاکد تہٕ ٹکٹہٕ بیتر کِنن وول۔

**اِشکال۔** [ن۔ مؤل: اشکال > ع: اشکال] (۱) فی، شکھ (۲) مُشکِل۔ کرٛوٗٹھ۔

**اِصرار۔** [ن۔ مؤل: اصرار > ع: اصرار] بانڈیانڈ کُنہٕ کتھہ بیتر پیٹھ ہٹھ۔ کُنہٕ پیٹھ زور۔

**اِصراف۔** [ن۔ مؤل: اصراف > ع: اصراف > ع: صرف]۔ فضول خرچ، بےحساب خرچ۔

**اِصطِلاح۔** [م۔ مؤل: اصطلاح > ع: اِصطِلاح] کُنہٕ عِلمُک خاص مانے دار لفظ بیتر ——

تگنیاژُک لفظ ۔ تکنیکی لفظ ۔

**اِصطلاحی** ۔ تکنیکی ۔

**اِصلاح** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اِصلاح > ع : اِصلاح ]
(۱) ووستادٕ سُنٛد پیٹھ کنہِ لیکھتھ دِیُتمُت
یتھ ترٲوٕ نقل کران چھ ۔ (۲) شیرُن ۔
کرُنی کرٕنی ۔ ٹھیکھ کرُن ۔ صحیح کرُن ۔ (۳) وَنہٕ
اُنُن ۔ سیٚزرٲوُن ۔ ہموار کرُن ۔

**اِصلاح کرُن** ۔ (۱) شیرُن ۔ کرُنی کرٕنی ۔
ٹھیکھ کرُن ۔ صحیح کرُن ۔ (۲) داڑ کاسنٕی
ریش کاسُن ۔ ریش شیرُن سومبراوُن ۔

**اِصلاح ہیوٚن** ۔ (۱) پیٹھ کنہِ لیکھتھ ہیوٚن یتھ
پتہٕ نقل کرٕنی ۔ (۲) شیرناوُن ۔ ٹھیکھ
کرناوُن ۔ صحیح کرناوُن ۔ (مضموٗن بیترِ) ۔

**اِضافت (اِضافتھ)** ۔ [م ۔ مؤل : اِضافت > ع :
اِضافت ] (۱) توٗلُن ۔ واڈھ ۔ (۲) (گرٲمر)
اکس ناوس بیٚیس سیتی واڈھ یا لگاوُن
م : (۱) کتابہٕ ہُنٛد صفحہٕ ۔ (۲) صحتُک بارٕن
(ہُنٛد، ہٕنٛز زیر (ـِ) چھِ اِضافت)۔

**اِضافہٕ** ۔ [ن؛ مؤل : اِضافہٕ > ف : اِضافہٕ > ع :
اِضافۃ ۔ ہُریر ۔ ہُر ۔ ہُریمانہٕ ۔

**اِضافی** ۔ بیرنہٕ مُطلق آمہٕ ۔ م : مطلق

**اِضطراب** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اضطراب > ع : اِضطراب ]
کُنہِ کُن سخ کَل ۔ کُنہِ چیزٕ باپتھ بےچینی ۔

**اِطلاع** ۔ [ن / م ۔ مؤل : اِطلاع > ع : اِطلاع ]
شیٚیچھ ۔ خَبَر ۔

**اِطمینان** ۔ [ن ۔ مؤل : اِطمینان > ع : اِطمینان ]
پَننہِ جاےٚ تسلا ۔ کانْہہ کتھ بینٛز دِلس بہتھ آسنی ۔

**اِظہار** ۔ [ن ۔ مؤل : اظہار > ع : اِظہار ] کانْہہ
کتھ باوٕنی ۔ نوٚن کڈُن ۔ وَنُن ۔ باوُت ۔

**اِفتتاح** ۔ [ن ۔ مؤل : اِفتتاح > ع : اِفتتاح ]
یَلہٕ ترٲوُن ۔ ووٚتھ ترٲوُن ۔ شوٗرٕ کرُن ۔

**اِفشا** ۔ [ن ۔ مؤل : اِفشا > ع : اِفشا ] وانشگاف
ننٛنہٕر ۔ فاش ۔

**اِفشا کرُن** ۔ کتھ ننٛنہٕر کرُن ۔ راز فاش کرُن ۔
کتھ ظاہر کرٕنی ۔ وانشگاف کرُن ۔

**اِفطار** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اِفطار > ع : اِفطار ]
روزٕ کھولُنی ۔

**اِفلاس** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اِفلاس > ع : اِفلاس ]
(۱) نادٲری ۔ مُفلسی ۔ غریبی ۔ واو وِژھے ۔
نہٕ آسُن ہتھ کس ۔ عقلِ ناش ۔ کدرٕ بدر ۔

**اِقبال** ۔ [ن ۔ مؤل : اِقبال > ع : اِقبال ]
(۱) بَجر ۔ ڈیکہٕ بجر ۔ کھسہٕ وُن نصیبہٕ ۔

(٢) آلکار - مانُن (جُرم بیتر) -

**اِقبالِ جُرم** - جُرمُس آنکار کرُن - خطا برسر ہیوُن - قوصوُر مانُن -

**اِقتدار** - [ن - مؤل: اِقتِدار (ع: اِقتِدار] دَس گہ - اِختیار - (حکومتہ کرنک) طاقتھ - مرتبہ - قدر -

**اِل** - اَکھ پوت لوگ - م: جھائل تہ گائل بیتر -

**الیاس** - [ن - مؤل: الیاس (ع: الیاس] اَکِس پیغمبر سُند ناو -

**اِلتماس** - [ن - مؤل: التماس (ع: التماس] عرض -

**اِلتوا** - [ن - مؤل: التوا (ع: التوا] ہنیس دوہس پتہ ٹھوُن - ٹلنہ تھوُن -

**اِلحاق** - [ن - مؤل: الحاق (ع: الحاق] کُنہ سِتہ میلُن - کُنے گرُھن - مدغم سپدُن -

**اِلزام** - [ن - مؤل: الزام (ع: الزام] ہاتھ - ہاتھ - توہمتھ -

**اِلہام** - [ن - مؤل: الہام (ع: الہام (لہم] منیچ ووزنی - منس اورے وُزُن - غائبہ منز منس اندر کانہہ کتھ ییُن -

**اِمام** - [ن - مؤل: اِمام (ع: اِمام] (١) مذہبی پیشوا - دینُک وتہ ہاوُک - بزرگ پکھن وول - یُس پتہ نیمازہ پیہ پرنہ - (٢) تسی بی ہندز ویکھ دانہ - یُس اتھس منز چھ روزان تہ پھرنہ چھنہ یوان -

**اِمامت** (اِمامتھ) [م - مؤل: اِمامت (ع: اِمامۃ] اِمامہ سُنز کام - نیمازہ ہنز پیشوائی -

**اِمام حسنؑ** - حضرت علیؓ سُندی زیٹھی فرزند -

**اِمام حُسینؑ** - حضرت علیؓ سُندی دوٚیمی فرزند یِم کربلاہس منز شہید سپدی -

**اِمام باڑہ** - ماتم سرائے - تازیہ گاہ - یُس اسنان پیٹہ مرثی کران تہ تازیہ تھوان چھ -

**اِمام زادہ** - (ل، م) اِمامہ سُندی شُری - حضرت اِمام حسنؑ تہ اِمام حُسینؑ تہ تِہندی شُری مُری -

**اِمتحان** - [ن - مؤل: اِمتحان (ع: اِمتحان] آزمائش - پرکھاوُن - سرکرُن - وُچھُن زِ کوتاہ زانہ - کانسہ ہندِس ہیچھنس سام ہیُن -

**اِمتیاز** - [ن - م - مؤل: اِمتیاز (ع: اِمتیاز] فرق - تمیز - فرق (اکھ اکِس نِشہ الگ پاٹھی پرزناوُن - ژارتھ کڈُن -

**اِمداد** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اِمداد > ع : اِمداد ]۔ اَتھ رٹۆٹ ۔ مَدَتھ ۔ پَلزُن ۔ جِنسہٕ یا نَقدی رُنگی اَتھ رٹۆٹ کرُن ۔

**اِمکان** ۔ [ن ۔ مؤل ، اِمکان > ع : اِمکان ] مُمکِن آسُن ۔ بَنہٕ نی ۔

**اِملا** ۔ [ن ۔ مؤل ، اِملا > ع : اِملا ] (۱) رسمہ خطہٕ مۆجوٗب لیکھُن ۔ اَچھر ملوٗن ۔ (۲) عبارتھ یوسہٕ اَتھ دُرراونہٕ باپتھ کانسہٕ لیکھناوان چھہٕ ۔

**اِنسپکٹر** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنسپکٹر > انگ : اِنسپکٹر (INSPECTOR) ] عاینہٕ کرَن وول ۔ مُلاحظہٕ کرَن وول ۔ سُہ اَفسر یُس کامہ آسہٕ وُچھان با سام آہلاحظہ ہیولان ۔

**اِنتخاب** ۔ [ن ۔ مؤل ، اِنتخاب > ع : اِنتخاب ] چُناو ۔ ژارُ ۔

**اِنتظار** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اِنتظار > ع : اِنتظار ] پرارُن ۔ وَتہٕ وُچھان روزُن ۔

**اِنتظام** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اِنتظام > ع : اِنتظام ] بۆنٛدوبست ۔ پرٛبَنٛد ۔

**اِنتقال** ۔ [ن ۔ مؤل ، اِنتقال > ع : اِنتقال ] (۱) اَکہِ سنزِ زمین بیٚیِس سندِس ناوس دَرج کرٕنۍ ۔ (۲) مَرُن ۔

**اِنتقام** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنتقام > ع : اِنتقام ] بَدلہٕ ۔ آرٕنٛج (ہوٗرُن) ۔ قِصاص (ہیوٗن) ۔ بوٗزِتھ (ہیوٗن) ۔

**اِنٹرویوٗ** ۔ [ن ۔ مؤل ؛ اِنٹرویوٗ > انگ : اِنٹرویو (INTERVIEW) ] مُلاقاتھ ۔ کُنہِ جاے دَرخاص دِنہٕ پتہٕ تَتہٕ کُس اَفسرس سیتی مُلاقاتھ یُس سُہ بیمہٕ غرضہِ چھہٕ ہیوان زِ دَرخاس دِنہٕ وٲلِس سیتی کتھ کٔرِتھ وُچھہٕ سُہ چھا عُہدَس لگہٕ ہار ۔ برٛونٛہہ کنہِ سوال جواب کٔرِتھ قٲبلیتھ سر کرٕنۍ یا کیبنہٕ ڈری یاف کرُن ۔

**اِنجکشن** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنجکشن > انگ : اِنجکشن (INJECTION) ] (۱) پِچکٲری کرٕنۍ ۔ (۲) دَوا ییٚمیُک پِچکٲری کرنہٕ ییہِ ۔

**اِنجن** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنجن > انگ : اینجن (ENGINE) ]۔ (باپہ ، ناپہٕ نتہٕ بجلی بیتر ہندِ زورٕ) گاڑی چلاوَنٕچ مشین ۔ کانٛہہ ہیٚنز چلاوَنٕچ کَل ۔

**اِنجیل** ۔ [م ۔ مؤل : اِنجیل > ع : اِنجیل

[ع ، انجیل < یونانی اِیوَنگیلیان]
عیسائین ہِنز مُقدس کِتاب ۔ بائبل ۔

**اِنجینئر، اِنجینیر** ۔ [< انگ : انجینیر (ENGINEER)] سڑکہٕ، کَلہٕ
کولہ پیتر بناوٕنچ زان کٲری تھوٗن وول ۔

**اِنچ** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنچ < انگ : اِنچ
(INCH)] اَکھ میٹر ۔ آنٹھ ۔ فُٹُک
بٲہیُم حِصہٕ ۔

**اِنچ ٹیپ** ۔ میٖنہٕ ٹُک پھیتہٕ یتھ اِنچ آسن ہٲوِتھ ۔

**اِنچارج** ۔ [< انگ : اِنچارج (INCHARGE)]
یُس اَتھہٕ کُنہِ کامہٕ چارج آسہِ ۔ یُس مُہٕٹ
کُنہِ کامہِ ہِنز نِگرانی بیترِ آسہِ ۔

**اِنسان** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنسان < ع : اِنسان]
موٗہنیُو ۔ مَنُش ۔

اِنسانس گَژھِہ آسنی خوے تہٕ
پوشِس بوے ۔ مَنُش گوٚ سُے
یُس جان تہٕ رٕتی گون آسن ۔ یِتھہٕ پٲٹھی
پوش وُنی زٕ تِتھی یتھ جان مُشک آسہِ ۔
اِنسان چھُ پوشہٕ کھوتہٕ اعوٗل تہٕ کُنہٕ کھوتہٕ
دوٗر ۔ مَنُش چھُ سیٹھا اَڈری تہٕ تہٕ سیٹھا شکدِل
تہٕ ۔ زیرِ ہُند تہٕ چھُ تہٕ دَکن ڈلن
نہٕ دَرِ ۔

**اِنسانی یتھ** ۔ [م ۔ مؤل : اِنسانی یتھ < ع :
اِنسانیتہٕ] اِنسان صِفتھ ۔

**اِنشا** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنشا < ع : اِنشاء] ۱۔ عبارتھ
لیکھنہٕ ۲۔ مضموٗن ، خط بیتر ۔ ۳۔ لیکھن
طٲرز ، تٔرز ۔

**اِنشاء اللّٰہ** ۔ [< ع : اِنشاء اللّٰہ] ۔ دَے
یِیٚتھ ہن ، خُدایِ یِیٚتھ ہن ۔ او سے
خُدایس منظوٗر ۔

**اِنشورنس** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنشورنس < انگ :
اِنشورنس (INSURANCE)] بیمہٕ ۔

**اِنصاف** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنصاف < ع : اِنصاف]
عَدل ۔ دادرس واتُن ۔ رحم ۔

**اِنصٲفی ، اِنصٲفی** ۔ یُس اِنصاف یا آر
ییہِ ۔ یُس بیٚیہِ سُند دَرد زانہِ گژھِہ ۔

**اِنعام** ۔ (اینامہٕ) ۔ [ن ۔ مؤل : اِنعام < ع : اِنعام]
کُنہِ کامہِ ہِنز قدر زانٕنہٕ بر کینژھا عطا
ییہِ کرنہٕ ۔ (اِمتحانس یا مقابلس بیترِ منز)
کامیابی پیٹھ اعزازُک نِشانہٕ ۔

**اِنفرادیت** ۔ [م ۔ مؤل : اِنفرادیت < ع : اِنفرادیتہٕ]
فرد سُند خاص تہٕ بیوٗن آسنچ خصوصیتھ ۔

**اِنفرادی** ۔ [< ع : اِنفراد] اَکِس زٕنی سند خصوصیتہٕ ۔

**ذاتی** ۔ بیوٚن بیوٚن ۔ اَلگ ۔

**اِنقلاب** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنقِلاب > ع : اِنقلاب] ٹلیشم پیٹھ ۔ ژکر پھیٚر ۔ نِظام بدلُن ۔

**اِنقلابی** ۔ اِنقِلاب کانٛچھنٕ وول ۔ تبدیلی یژھن وول ۔ بُتھی پھیٚر ۔ سرکش ۔ سُہ یُس سماجی نِظامس مَنٛز اِنقِلاب آسہِ یژھان ۔

**اِنکشاف** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنکشاف > ع : اِنکشاف] ننیر ۔ سرس فاش ۔ باوتھ ۔

**اِنکم ٹیکس** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنکم ٹیکس > انگ : اِنکم + ٹیکس ۔] سوزج یوہ سہ عَلاوٕ آمدنی پیٹھ ہیٚنہٕ ییہِ ۔

**اِنکار** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنکار > ع : اِنکار] نہٕ مانُن ۔ نٕکار ۔

**اِنکاری** ۔ نہٕ مانہٕ وُن (سُہ یُس) نکارس پیٹھ آسہِ ، ییٚب ہیٚنہٕ وول ۔

## ای

**ایثار** ۔ [ن ۔ مؤل : ایثار > ع : ایثار] بٔڈ کہُ ہُند رُت کانٛچھنہٕ باپتھ پانہٕ سختی ژالنی ۔

**ایجاب وقبول** ۔ [ن ۔ مؤل : ایجاب وقبول > ع : ایجاب و قبول] مہر نہٕ مہراز شُنٛد نیتھر منظور کرُن ۔ یہ چھُ کھانٛدرُک اکھ رَسم ۔

**ایجاد** ۔ [ن ۔ مؤل : ایجاد > ع : ایجاد] کانٛہہ نوٚو چیز بیترِ بناوُن ۔ تیتھ چیز بناوُن یُس نہٕ برٛونٛہہ آسہِ ۔

**ایرانی** ۔ وُچھو ایرانی ۱

**ایرانی** ۔ [ مؤل : ایرانی > ف : ایرانی] (۱) ایرانک ایرانس سیٚتی تعلُق تھوَن وول ۔ (۲) ایرانک روزن وول (۳) ایرانی زبان ۔ فارسی ۔

**ایرانی قلم** ۔ [ن] اکہِ قِسمُک نرکانی قلم ۔

**ایری پیٚری والنٕ** ۔ ٹینٹھ والنی ۔ نشہِ والُن ۔ تیٚتھ دالنی ۔ وُقر والنی ۔

**ایزاد** ۔ [ن ۔ مؤل : ایزاد > ف ، ایزاد > ع : زیادۃ] ہُر ۔ ہُریمانہٕ ۔ ہُریم ۔ بٔڈرُن ۔

**ایشان (صاحب)** ۔ (ن) شیخ یعقوب صرفی صاحبن مقبوٗل ناو ۔

**ایشور** ۔ [ن مؤل : ایشور > س : ایشور

بگوان ، خدا۔ دُے۔

**ایکانت** ۔ [ن ۔ مؤل : ایکانت < س : ایکانت]
خلوکھ ۔ لوٗب ، اَندکُن ۔

**ایکہ دَنت** ۔ [ن ۔ مؤل : ایکہ دَنت < س ، ایکہ دَنتہ] گنپت جیُن اکھ ناو ، گنیش ۔

**ایکُت** ۔ [ن ۔ مؤل : ایکُت < س : ایکتوٗ]
پانہ وٲنی کُنُے (آسُن) ۔

**ایمان** ۔ [ن ۔ مؤل : ایمان < ع : ایمان]
(۱) دٖیُس پیٹھ پَزر ۔ دینس پیٹھ پَزہ ۔
(۲) پَزر ۔ دوکھہ نہ کرُن ۔

**ایمان اَنُن** ۔ مُسلمان بنُن ۔ خوداۓس نہ رٔسوٗلس ؐ پیٹھ پَزہ کرٕنی ۔ مُسلمانی ہنٛدی اَحکام پانس پیٹھ مٔنٛزِ ہیٚنی ۔

**ایماندار** ۔ [< ع : ایمان + ف : دار]
دِیانتدار ۔ پَزِس پیٹھ پَکن وول ۔
دینٛدار ۔

**ایماندارانہٕ** ۔ ایماندار پاٹھی ۔

**ایمانداری** ۔ دِیانت ۔ پَزہ ۔ پَزنھ ۔

**ایمان ہِنُن** ۔ بے ایمٲنی کرٕنی ۔ اَپُز کرُن ۔ نہ کرُن یُنہ بۄز آسِہ ۔ کُنہ ناجایز فٲیدٕ باپتھ پَنُن دین دَرم ترٲوُن ۔

**ایہمٲنی** ۔ (۱) ایہمانک (۲) ایہمانس پتھ
بوز ۔ یتھ مَنٛز نہ زُژھ تہٕ اَپُز آسہِ ۔

**ایہنٹھ** ۔ [م ۔ مؤل : ایہنٹ < ہ/اُ ۔ اینٹ]
(۱) تاسہ کِہ اَکھ رنگک ناو یُس سیر ہیٚکہِ آسان چھُہ ۔ (۲) شُرن مَنٛز بانٛٹن گنٛدن وِزِ باتھٕ مارنس وَنان ۔

# اِ

**اِنٛہہ** ۔ [ن ۔ مؤل : اِنٛہہ < آواز پیٹھ]
وُے واے ۔ دادِچ دَگہ ہٕنز آواز ۔

**اِنٛہہ تہٕ اِنٛہہ** ۔ اِنٛہہ رارے ۔ اِنٛہس پیٹھ اِنٛہہ کرُن ۔

**اِنٛہہ ٹِنٛہہ** ۔ (۱) اَوِیانہ ، آ انکار نکار ۔
(۲) بیرام ہِنٛز اِنٛہارارے ۔

**اِنٛہہ رارے** ۔ اِنٛہہ تہٕ اِنٛہہ کرُن ۔

**اِنٛہہ ژٕنٛہہ** ۔ ہلہِ زلہِ حیلہ بہانہ رستہٕ پتھ ۔

**اِنٛہہ ژٕنٛہہ نہ بوزُن** ۔ ہیتھ تہ ہیتھ نہ مانُن ۔
حیلہ بہانہ نہ بوزُن ۔ پَننہٕ ہمنہٕ نہ ڈلُن ۔
رم : گُلو جوٗنہ بوزان اِنٛہہ ژٕنٛہہ ، سرحد مَنٛگان پینٛشر ۔

اِہدِی پَتہٕ آسُن۔ چھاٹ آسُن۔ باثبر آسُن۔

## اِٹھ

اِٹھ ۔ [ > س: اَشٹ + ک ۔ ی ] اُٹھ پھر ۔ اُٹھ کٹھِ (ضرب دِنس مَنٛز وَننہٕ یِوان، مثلن ژور اِٹھ دوہ بر ترٛہ گو ژورس اُٹھ سٟتۍ ضرب دِتھ چھ دوہ بر ترٛہ بنان ]۔

اِٹھیُم ۔ [ن ۔ مول : اِٹھم > س: اَشٹمہ ] یُس یا یِتھ ستہٕ پَتہٕ واری ییہِ ۔ سٔتیِم پٔتیُم ۔

اِنٛشرہ پَشرہ ۔ [ن ۔ مول : اِنٛشرہ پَشرہ ] ہِلہٕ زِلہٕ ۔ حیلہٕ بہانہٕ ۔ دُپُن زِ گراٗنہٕ گرا ۔

## اُ

اُپنِشد ۔ (ووہ پیر اُپنِشد) [ن ۔ مول : اُپنِشد > س: اُپنِشد ] وید اَنگ یِتھ مَنٛز گیان وَننہٕ چھُ آمُت ۔

اُت = اُتھ ۔ [ س ۔ تا ] اَکھ پوٚت لوٚگ ۔ م: بُنٛدُٹ ہا بُنٛدُتھ ۔ میٹھُرٹ ہا میٹھُرتھ ۔ شُٹھرٹ ہا شُٹھرتھ ۔

اُتنہٕ بَلا بیرٕ نُٹ ۔ اَکِس سٕنٛز بَلا بیٛہ بیٛاکھ ۔ اَکِس سٕنٛد بَدلہٕ بیٛاکھ (پھساوُن)۔

اُجرتھ ۔ [م ۔ مول : اُجرت > ع : اُجرة ] موٗزوٗری ۔ (کام) کرٕ ونی ۔ مزٕ ۔

اُر ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ ۔ م : کاشُر ۔ کاشُر بیٚنٛز ۔

اُردوٗ / اوٚردوٗ ۔ [ن ۔ مول : اُردوٗ / اوٚردوٗ > ترکی: اُردوٗ = (لشکر) ] اَکِ زبانۍ ہُنٛد ناو ۔

اُرؤشی ۔ اَکھ اَپسرا، حوٗر، اَژھرِ ہٕنٛز ۔

اُس [١] ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ یُس دُری یس کیٛت ہاوان چھُ ۔ م : یہہ + اُس = یہُس (یٔیمہِ وری یہ)۔ پَر + اُس = پَرُس (پٔتیمہ وری یہ)۔

اُس [٢] ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ یٔیمہِ سٟتۍ کُنٛہ حالتھ نَنان چھےٚ۔ م: موونٛڈ + اُس = موونٛڈُس ۔ بڑوک + اُس = بڑوکُس ۔

اُفتادٕ ۔ [ > ف : اُفتادہ ] (١) بیٛوٗمُت ۔ پیٛتھر پیوٗمُت ۔ پَرٕ ژھیوٗن ۔ یُس نہٕ کانٛہہ آسہِ (٢) بیوٗٹھ (زمین)۔ لاگنےٚ (زمین)۔

اُک ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ ۔ م : ہمیک، یٔیمیک، اَکیٚتھ، تنقیک ۔ یِہ چھُ ہاوان یِلہ کانٛہہ چیز کُنہٕ جایہِ بیٚتر رٕنٛدٕ آسہِ ۔

اُکہٕ ٹھر ۔ اَلہِ بانہٕ ہِنٛدی نِ داند ہیمو منٛز اَکھ تھوڈ

نَہ بیاکھ زٕھوٚٹ آسہٕ یا اَکھ زور دار تہٕ
بیاکھ کمزور آسہٕ۔

**اُک ہوٚنگ، اوٚک ہوٚنگ۔** [ن۔ مؤل : اُکھوٚنگ < س : ایکہ + اَنگہ] گلس اوٚک پاسے دور۔ اَڈٕ کلگ دود۔

**اُل** ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ۔ م : گانٹہٕ بیترِ۔

**اُلٹا پُلٹ**۔ پھِرِتھ۔ تلگ پیٹھ۔ چھلہٕ چھانگرِ۔

**اُلفتھ** ۔ [ن۔ مؤل : اُلفت < ع : اُلفَۃ] پائنٹیار۔ مارے موٚحبتھ۔ لول۔

**اُمَت** (ووٚمت) [م۔ مؤل : اُمت < ع : اُمّۃ] (۱) مانَن والی (۲) پیغمبر اسلامس سٕندی پارٕ وکار۔

**اُما**، (ووٚما) [م۔ مؤل : اُما < س : اُما] پاروٗتی (دیوی ہُنٛد) اَکھ ناو۔

**اُن** ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ۔ یِہ چھُ ہاوان (۱) کانٛسہِ ہُنٛد۔ م : مامُن، (۲) مامُن بیترِ (۳) کینٛہہ کرُن، م : بُرُن۔ گرٛھن بیترِ۔

**اُنگُرھ** ۔ [ن۔ مؤل : اُنگرُھ] شرا وزار یَیمہِ سیٚتی ٹین ہشیتر بیتر ژٹان چھہٕ۔

**اُو** ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ۔ سٕنٛد، کُنہِ چیزٕک بنیومُت م : ہاپچو۔ مبنزیُو۔ کنزیُو بیترِ۔

**اُہرٕ پوٚند، اُہرٕ پٕنٛد۔** [ < س : اوَرہ + ک : ہُنٛد] رٔژھا ہوَرکُن۔ اُہرٕ پوٚند یِہَن۔ رٔژھا ڈلیتھ اُکُن یِہَن، اوٚری کُن یِہَن۔

# او

**اوٚتر۔ اوتر۔** [ < س۔ اُتر] (۱) راتھ برٛونٛہہ اَکھ دوٚہ۔ یِہ برٛونٛہہ اَکھ دوٚہ۔ (۲) ینتھ کینٛہہ دوٚہ گیہ۔

**اوٚر** ۔ اَکھ پوٚت لوٚگ۔ م : نَست، پُستوٚر۔

**اوٚری نہٕ یوٚری۔** (۱) زوٚنہ ٹھیکھ (آسُن)۔ ناٹھیکھ۔ یتھے ہیوٚہ (۲) ڈوٗلمُت۔ جیسَن مَنٛزٕ نہٕ۔ (۳) ہیران گیران۔

**اوٚسر کھوٚسر۔** رشیرنے کرنے۔ کھُرِ لد پاٹھی ہُرمُر گژھتھ۔

**اوٚنی، (وٚونی)۔** [ < س : اوٚمنہ] ہیرو۔ پٹھیوٗ۔

# اوٚ

**اوٚبُج، اوٚبج، ایٚبج۔** [م۔ مؤل : اوٚبج/ ایٚبج < س : اَبجا۔] اَکہِ زٕہ کہِ سِنٛٹیگ ناو یُس پانٕ نے کھسان چھہٕ۔

**اوٗبُرٕ۱** ۔[ن ۔ مٔول : اوٗبر > ع : اَبرَق ہے۔ س : اَبھرک ] اَکھ قٕسِمُک مادٕ یُس زَن کانہِ مَنٛزٕ نیران چھُ ۔ اَمہِ چَن وَتَن یا تَختہِ پٕٹھن چھِ نیران شیٖشہٕ لاگھ ہوی وَرَق یِمَن اَپارِ یپور گاشس چھُ ترَان ۔

**اوٗبرِ تلمِ** ۔ اوٗبرٕ لاگُج چھَل ۔

**اوٗبرِ چھَل** ۔ اوٗبرِ ٹُکھ ۔

**اوٗبرِ داغ** ۔ سُہ داغ یَتھ شیٖشہٕ بَدل اوٗبُر لاگِتھ آسہِ ۔

**اوٗبرِ زول** ۔ اوٗبرِ رٕلن ہُنٛد بَنیوٗمُت اَکھ زاٗلی دار نَقشہٕ ۔

**اوٗبرِ کانٛگر** ۔ سُہ کانٛگر یَتھ اوٗبُر چھاوِتھ آسہِ ۔ اوٗبُر لاگِتھ کانٛگر ۔

**اوٗبرِ مابر** ۔ مایِس سٟتی ترٛووُمُت اوٗبُر (دَیلوٗن کرنہٕ باپتھ) ۔

**اوٗبرِ موٗنٛڈ** ۔ موٗٹ اَکھ اوٗبرِ دَتھ یَتھ نہٕ سٕہل سٕہل وَرَق ٹُلنہٕ یِن ۔

**اوٗبرِ موٗچُر** ۔ اوٗبرِ وَرَقُک ہیوٗہ موٗچُر ۔ وَرگہٕ : زاوٗیُ ۔

اوٗبرِ موٗ ے ۔ اوٗبرِ موٗیا ۔ اوٗبرِ رٕزھا

اوٗبرِ پیٖشٕرا ۔

**اوٗبرِ وٹُن** ۔ بٹہٕ اوٗبرِ رٕل ۔

**اوٗبرِ وَرُق** ۔ اوٗبرِ وَتنک اَکھ تَہہ ۔ اوٗبرِ موٗنٛڈیُک اَکھ وار ۔ اوٗبرِ وُتھر ۔

**اوٗبرِ ہَن** ۔ یٕتھوٕ نے اوٗبرٕ یوٗتا کانٛسہِ نش آسہِ ۔

**اوٗبرِ ہٕنا** ۔ اوٗبرِ پیٖشٕرا ۔ اوٗبرِ رٕزھا ۱

**اوٗبُرٕ۲** ۔[ن ۔ مٔول : اوٗبُر > ف : اَبَر/اَبھر ] آسمانَس پیٹھ وُنَل ہیوٗہ باہ یٕمہِ سٟتی رۄد نہٕ شین بینہٕ ہیوان چھُ ۔

**اوٗبرس تَل** ۔ اوٗبرَس دولہِ ۔ اوٗبرَس تھایہِ ۔ اوٗبرَس پَتہٕ کَنہِ ۔

**اوٗبرَس ڈینٛگو وٕٹھنی** ۔ ۱ ۔ اوٗبُر ہُتہٕ یٟتہٕ ٹُھمتھ یَتھ مَنٛزٕ مَنٛزٕ گوٗن گگُڑھن نہٕ تَتھ پُھٹلی گرٛزھنی ۔ ۲ ۔ نہٕ سُوچُن یِر نہٕ ٹکٕنی تھیکہِ ۔

**اوٗبراوُن** ۔ اوٗبُر کھارُن ۔ اوٗبُر گَھسُن ۔ نَب اوٗبرِ سٟتی وَلنہٕ یُن ۔ اوٗبُر واہرنہٕ یُن ۔

**اوٗبرِ اوٗبُر** ۔ ۱ ۔ ساری سے آکاشَس واہرتھ آسُت اوٗبُر ۔ زَبَردَس اوٗبُر [illegible] اوٗبُر ۔ اوٗبرِ زال ۔ ۲ ۔ اوٗبُر نہٕ کھیپے ٹلن ۔

دۆہے اۆبرٕ آسُن ۔ م : یرٕ پنٕھ
وۆت اۆبرٕ اۆبرٕ۔

**اۆبرٕ تلگ آفتاب** ۔ اۆبرٕ تلٕ دژامُت
سِری بر یا اۆبرس ژھایر سِری برٕ۔

**اۆبرٕ ڈیوٗ ٹنگ** ۔ گوٚن اۆبرٕ ژ ژوٚٹ ۔

**اۆبرٕ رٕنگ** ۔ اۆبرٕ بیشٕرا ۔ اۆبرٕ کرٕ ژھا۔
اۆبرٕ ہَن ۔ لوکُٹ اۆبرٕ لمبکھ ۔

**اۆبرٕ زال** ۔ ساری سے اسمانس اۆبرٕ
نال وٗلتھ آسُن ۔

**اۆبرٕ زانٹھ** ۔ توٚن تہٕ ساری سے واہراونہٕ
آمُت اۆبرٕ یتھہٕ سِتی گاشس دِہی
ژھینتے گژھہ ۔

**اۆبرٕ ژژوٚٹ** ۔ نٕنِس نَبس پیٹھ کُنے
گوٚن اۆبرٕ ژکُل ۔

**اۆبرٕ ژھاے** سو ژھاے یوس اۆبرٕ کرٕ
سِری یِس ژھایرٕ روزنہٕ سِتی ہُتھرِس پیٹھ
پیہ ۔

**اۆبرٕ گجر** ۔ سو گٔڈ یوس سیٹھا کرٕ ہُن یا
سَخ اۆبرٕ آسنہٕ کِنی آسان چھِے ۔

**اۆبرٕ گاش** ۔ چھوٚت اۆبرٕ آسنہٕ کِنی اسمانک
گاشُرٕن (راتھ کیُٹ) =

**اۆبرٕ گوٚٹ** ۔ سو گٔڈ یوسہٕ اۆبرٕ آسنہٕ کِنی
آسان چھِے ۔ (دوٚہلرٕ) ۔

**اۆبرٕ لمبکھ** ۔ زہیٹھ ، ہوٚٹ تہٕ دِکراٗل
اۆبرٕ چھل ۔

**اۆبرٕ مال** ۔ اۆبرٕ تنٕدٕل ۔

**اۆبرٕ موٚنڈ** ۔ سَخ رٕوٚدٕ اۆبرٕ ۔

**اۆبرٕ ہَن** ۔ اۆبرٕ ہوے ۔ کمے اۆبرٕ ۔

**اۆبرٕ ہَنا** ۔ اۆبرٕ ہویا ۔ اۆبرٕ بیشٕرا ۔

**اۆبرٕن** ۔ اۆبراوٗن ۔ اۆبرٕ سِتی وٗلنہٕ یُن ۔
اۆبرٕ واہراونہٕ یُن ۔ اۆبرٕ کھاُرن ۔ اۆبرٕ کھسُن ۔

**اۆبُل** ۔ [ن ۔ مۆل : اۆبُل > اۆبجہٕ ہُندٕ ئرٕ ] ۔
(۱) اکھ ژوٚچ سبزی یوسہٕ پانے کھسان
چھِے ۔ اۆرزج ۔ (۲) اکرٕ وٗن پوشک ناو ۔

**اۆپ** ۔ [ن ۔ مۆل : اَپ > س : اَلپہٕ ] ۔
لوٚت ۔ لوٚت آسُن ۔ یُس نہٕ سوٚن آسہٕ ۔
یُس نہٕ سینٕز آسہٕ ۔ ژھیچھر گُنزُر ۔ کم بانہٕ ۔
یُس نہٕ وہیُن بانہٕ آسہٕ ۔ م ۔ اَپ ۔

**اَپلین ہنرٕ ماجرٕ نے پرٕسن**
تُرکین ہندی گرٕ کتھ کھسن ۔ یہٕ چھہٕ کاتسہٕ
بیقلس مُتلق وَنان ژھتھنرٕ بیقلاٗزی ہُند
چھُ چالاک نہٕ دانا اِنسان فایدٕ تُلان ۔

اُپس ڈٲنۍ مُشکل پیٚنۍ ۔ وٕسی پایس ہے
کیٚنہہ بنہٕ سہ چھ پھٹنس لوان ۔ کانٛسہ تیوٚت
بَنن یُس نہٕ تُمُیک رٕٹن باہ یا وہپن بانہٕ
آسہٕ ۔ م : چھم چھیٚشنہ چھا کانٛسہٕ ۔

**اوٚت** ۔ [ مؤل : اَت دس : اَتَر ] ۔ اور ۔ اورکُن ۔
اَتھ طرفس ۔ اَپاری ۔

**اوٚتہٕ تھٕ** ۔ اُتے ۔ اُتھی جایہ ۔ اُتھی طرفس ۔
اوٚری ۔ اَپاری ۔

**اوٚتھ** ۔ اوٚت ۔ اَتھ جایہ ۔ اور ۔

**اوٚت کُن** ۔ اَتھ طرفس ۔ اَتھ اَندس ۔

**اوٚت کُنۍ** ۔ اُتھی (خاص) طرفس کُن ۔ اُتھی
(خاص) اَنٛدس کُن ۔ اوٚری کُن لوت ۔

**اوٚچھ** ۔ [ن ۔ مؤل : اَچھ ] ۔ گاگرِ بزِ نیچ زوٗل تاو ۔
اَچھ گور ۔ بُزِرٕت گور ۔ نوٗ و مُت گور ۔

**اوٚدُر** ۔ [ن ۔ مؤل : اُدر دس : آردٕر ] ۔ سَرٕ بہہ
دار سپال گَت ۔ آبہٕ گُت ۔ بیرہ کھمت
آسُنہٕ ۔ یُتھ اُدریہ آسہٕ ۔ م : اُدر ۔

**اُدرٕ زٕٹ** ۔ ر ۔ اوٚدُر زٕچہ پلو ۔ گمہ بستر
دوہتھراونہٕ باپتھ پژُدن دٕچہ پلو ۔ ۲۔ یُس
پٔتے روز ۔ یُس لاڑتہ گژھ ۔ یُس
تھٔپے تُلنہٕ ۔

**اُدرٕ زٕٹ ہیوٗہ اگاد گژھُن** ۔ تھٔپے نہٕ تُلنی ،
لاڑتھ گژھن ۔ پٔتے روزُن ۔

**اُدراوُن** ۔ کٔتہ ناوُن ۔ اوٚدُر کرُن ۔ بَرُن
(پانہٕ بیتر سیتی) ۔

**اُدرِ کنہٕ** ۔ بتہ سٕنہٕ کنہٕ نقد ہار ۔ ایمہ کور
ہُنٛد واڑ یوٗ کنہٕ پژُوگس یا ٹبڈس دوٗہس
پیٹھ سوزنہٕ چھےٚ لوان) ۔

**اُدرٕ کھل** ۔ نیوٗکے مُسلہ والن ۔ سستہ بے یزتی ،
سستھا بے قدری ۔ دور گنتہ ۔

**اُدرے موہر** (اُبدری [illegible]) یُتھ موہر موہ کھٔنے
آسہٕ ۔ نار حُکُم یُس لوٚت جَل دِنہٕ آو تیوٚت
جَل ہیکہ پھرنہٕ نہٕ یِتھ ۔ یُس حکم کنہٕ تہٕ
پھر بدلتھ ہیکہ ۔ سہ حُکُم یُتھ پلٹھ نہٕ کانہہ وسا
آسہٕ ۔ ورگہ بیہ نہٕ یکہ آسہٕ ۔

**اُدرُن** ۔ اوٚدُر گژھُن ۔ برنہٕ یُن ۔ آبہٕ گُت
گژھُن ۔

**اُدرِ یہ** ۔ اوٚدرٕ آسنچ حالتھ ۔ سرٕ بہہ ۔
اوٚدُر زمین ہیوٗہ ۔ سستھا اوٚدُر ۔ پُکر
پاٹھی آبہٕ سیتی بَرِتھ ۔ یُتھ تھوٚدُ نکلنہٕ آب
پُشِر ۔

**اوٚڈ** ۔ [ن ۔ مؤل : اَڈ دس : آردٕھ ] ۔

ہِصف ۔ دوٚیُم بوگ ۔ کُنہِ چیٖزکہ دۄہ یو
حِصو مَنٛز اَکھ حِصہٕ ۔ م : اَڈ ۔

**اَڈپارِ** ۔ نکھہٕ تَلے ۔ کَمے دوٗر ۔

**اَوڈے** ۔ (۱) حرف نِصف، نِصفے ۔

**اَڈبوٗنا** ۔ (۲) پوٗرہٕ نہٕ ۔ نامکمل ۔

**اوڈ اوڈ ڈکرُن** ۔ ٹیٚک ٹیٚک کرُن پھیٚنٛتیٚنی
کرِنی ۔ تکھ تُلنی ۔

**اوڈ اوڈ گرزھُن** ۔ پھیٚنٛتیٚنی گرزھنی ۔ ٹَکر
گرزھنی ۔ (بیرِ چھُ وَرتاو) م : گۄسہ اوڈاوڈ ۔

**اوٗر** ۔ [ن ۔ مٔول : اَرد ، جر اکرِت : اُرُس :
اُرُج ] ۔ (۱) تھوکھ ۔ شرٛوٚنٛتھ ۔ (۲) وارِکارِ ۔
ٹھیکہ ۔ دادِ وادِ روٗس ۔

**اَرنٛگہٕ مکرٛش** ۔ وارِ کارِ اَتھ یتھ پان
خراب کرُن ۔ تِتھِس کارَس وَخل دِیُن
بیٚیس ہنٛد کرُن آسہٕ

**اَروٗرِ** ۔ ٹھیکہ حالتَس منٛز ، جان حالتس
منٛز (۱) دِلہ ۔ وَزِ ہ واٗلنجہ ۔

**اوٗر دوٗر** ۔ وارِ کارِ ۔ یُس نہٕ کانٛہہ دود آسہٕ
یا یُس نہٕ ڈوکھ مَت آسہٕ ۔ اَرزو ۔ نکل
نکھہٕ ٹھیکہ ، مضبوط ۔

**اوٗرزوٗ** ۔ دادِ دَگہِ رُزھر ۔ زوٗکینی ٹھیکہ
آ ۔ ۔ ۔ الغفہ ۔ اَرپر ۔ بیرِ چھُ آہی کرنہٕ
وزِرتہٕ وَنان ۔ م : گَرزھ ژٔٹے اوٗرزوٗ ۔

**اوٗرزوٗ تہٕ دوٗر گوٗٹھ** ۔ وارِکارِ پنٕہ نبو کوٗٹھو
پکان آسُن ۔ بیرِ چھُ آہی کرنہٕ وزِرتہٕ وَنان ۔
م : گَرزھ ژٔٹے اوٗرزوٗ تہٕ دوٗر گوٗٹھ تہٕ
ڈیٚپھ گو ژٔٹے رُزنِ نے زوٗ داد دَگہِ روٗس
تہٕ پنُنہٕ نبو کوٗٹھو آس پکان ۔

**اوٗرفوٗر** ۔ (۱) ہزنٹ پوشٹ ۔ وارِکارِ نہٕ
موٗٹ دَروٗٹ ۔ (۲) کانٛہہ چیز یُس سالم
حالتس منٛز آسہٕ ۔ بیرِ نہٕ کھنٛڈری پھٹی آسہٕ
گومُت ۔

**اوٗز** ۔ [ن ۔ مٔول : اَز ] کشیرِ ہنٛدِس اَکِس
جانورُک ناو ۔

**اوٗزر (عُذر)** ۔ [ن ۔ مٔول : اوزُر ع : عذر] ۔
(۱) بہانہٕ یا حیلہٕ (بڑ ژھہ کنہٕ تھوٗن)
(۲) اعتراض (۳) کراہ نہٕ رنٛگ ۔ ماہوٗری ۔

**اوٗژھ** ۔ [ن ۔ مٔول : اَژھ س : اَچ چھ ] ۔
(۱) دکپُر بینٛر) اوٗدیٖل ۔ ناوٗدیٖل ۔ توٗن ۔
(۲) شہریس رَتھ ماز کم آسہٕ ۔ کم زوٗ نہٕ دول ۔
م : اَژھ ۔

**اوٗش** ۔ [ن ۔ مٔول : اَش س : اَشر ] ۔

سُہ پوٚنیُس اُچھوکنِہ وٚدنہٕ یا زیادٕ اَسنہٕ بلیتر سببہٕ وسان چھُ۔

**اَشہِ پھیری۔** کٲشرِ منز اَکہِ ترٛچھک ناو۔ ییٚنہِ اَکہ تُرن تہٕ بیاکھ وُشن کوٚناڑ چھُ۔

**اَشہِ چرِ دارِ۔** اُش جوٚیہٕ۔ اُش رَزٕ۔ تیٚہ اوٚش۔

**اَشہِ نہٕ دارِ۔** اُش جوٚیہٕ۔ اُش رَزٕ۔ تیٚہ اوٚش۔

**اُش۔** اَکھ بٕروٚنھہ لوٚگ ییٚمیُک مطلب اَلٔنک یا اَشیٚچ پُھٕ۔

**اُش بکہٕ۔** اُش گنڈ۔ اُچھن منز سیٚٹھا اوٚش اَشہِ یِنی بَرِتھ اُچھ۔

**اُش پھیٚوٗر۔** لوٚکُٹ اُش قطرٕ۔ لوٚکُٹ اُش پھیٚوٗر۔

**اُش پھیٚوٗرٕ۔** اُش قطرٕ۔

**اُش ٹارٕی۔** اَشہِ سیٚتی بَرنہٕ آمٕتی ٹارٕی۔

**اُش دٕدرارے۔** اُش دِگنی۔ اُش دار۔

**اُش دار۔** تیٚہ اوٚش۔ اُش جوٚے۔

**اُش دِگنہٕ۔** سُہ اُش دار یوٚسہٕ ہٕنگہٕ منگہٕ اُچھو نیرِتھ بُتھِ پیٹھی لوٚن وَسہِ۔

**اُش ژالہِ۔** تیٚتا اوٚش یوٚت دوٚہ ژھہ بَرنہٕ یِن یا دوٚہ ژھن وانہٕ۔ دوٚہ ژھو دوٚہ ژھو اوٚشس۔ اُش بکہٕ۔

اُش ژارِ اَشہِ بَرِتھ اُچھ۔ اُش گنڈ۔

**اُش گٹہٕ۔** دٕہہ دٕہہ کَنی اُچھن اوٚش یینہٕ سببہٕ یوٚسہٕ اَنہِ گٹہٕ ہِش گژھان چھےٚ۔

**اُش گٹہٕ کار۔** (دادِ، دٕہہ یا دَوا بیتر سیٚتی) اُچھن منز واریاہ اوٚش یُن۔

**اُش گنڈ۔** اُش بکہٕ۔ دٕییٹھ دٕییٹھ اوٚش اُچھن منز یُن۔

**اوٚش اَنُن۔** (۱) اوٚش والُن۔ اوٚشس ژراوِناوُن۔ وٕدِناوُن (۲) دوٚہ ٹہٕ اَنُن۔ کُنہِ چیٖزس پیٹھ تٕنبہٕ لاوُن۔ (۳) زولہٕ وٕدنس کُن گرُن۔

**اوٚش تہٕ بتہٕ کھیٚوٗن۔** کھین پٕنٛدی نیرن غمہٕ سیٚتی وٕدان وٕدان کھیٚوٗن۔

**اوٚش نہٕ ہیٚوٚتھ گنہٕ گژھن۔** نیٖتھ وٕدُن یتھ نَس تام لگِہ۔ باکہٕ وٕدُن۔ باکن اُزُن۔

**اوٚش ژراوُن۔** وٕدُن۔

**اوٚش ژالہِ ژراوُن۔** دَدرایہِ اوٚش ژراوُن۔

**اوٚش یِن۔** (۱) اُچھن منز اوٚش ظاہر گژھن۔ وٕدُن۔ دِلس سیٚٹھا لگُن۔ (۲) اَزرُن یُن۔

**اوٚصوٗل** ۔ [ا۔ مؤل : اوٚصوٗل > ع : اَصوٗل ]۔
قاعدٕ، قونوٗن ۔ سُہ طرٖیقہٕ یِتھ پیٹھ پکُن
پزِ ۔ کاشِہ اخلاقی قاعدٕ ۔

**اوٚک** ۔ [ا ۔ مؤل ؛ اَک > س : ایکہ ۔ ف : یک ]۔
یِتھ اَکھ آسہِ ۔ م : اوٚک پَشُل ۔ نہٕ ڈیٚتھ
گوٚ یِتھ اَکی طرفہٕ پَشس آسہِ ۔

**اوٚک اوٚک وارِ** ۔ اَکِہ اَکِہ ۔ اَکِہ پَتہٕ اَکِہ ۔
اَکھ اَکھ کٔرِتھ ۔

**اوٚک اوٚنگ** ۔ [ > س : ایکانکی ]۔
یِتھ اَکُے اَنگ آسہِ ۔ اَکِہ ایکٹُک ڈراما
بلیٚتر ۔

**اوٚک پوٚر** ۔ (۱) سُہ پور یا اَڑٕ سِنج جاے
بیٚیِمہ مُنٛزٕ اَکِہ پھِرِ اَکُے کھوٗر ژٔرِم تھٔوِتھ
ہیکو ۔ یا بیٚیِمہ مُنٛزٕ اَکِہ پھِرِ اَکی سے
زٔنِس سوٚنٛب اَڑٕ سِنج وَتھ آسہِ ۔ (۲) یِتھ
اَکُے دَروازٕ آسہِ ۔

**اوٚک پوٚر** ۔ تَرٛہ تَنٛگ وَتھ یِتھ اَکی سے
پہرِس یا اَکی سے پَدِس سوٚنٛب جاے
آسہِ ۔

**اوٚک پوٚش** ۔ اوٚک پاسے پَشس کٔرِتھ
ٹُر ۔ یا چھیٚپہر ۔

**اوٚک پور** ۔ اَکِہ کِرِ ۔ اوٚک پاسے ۔ اَکی طرفہٕ ۔
م : اوٚک پور وَرٕج ۔ اوٚک پور بیوٚٹھمُت ۔

**اوٚکتار** ۔ [مؤل : اوٚکتار > ہ/ا : اِکتارا ]۔
یِکتار ۔ سیتار یُتھ اَکُے تار چھیٚنہٕ آسان ۔

**اوٚک توپ** ۔ یِتھ اَکُے تاپھ دِنہٕ آسہِ آمُت ۔
یِتھ اَکُے تاپھ آسہِ لوٚگمُت ۔ یِہ کیٚنژھا اَکی
پھِرِ ناپس تھوٗنہٕ آسہِ آمُت ۔

**اوٚک توش** ۔ اوٚگُن ۔ یِتھ اَکُے تاہ آسہِ ۔
اوٚک پَچُل ۔ اوٚک توہہِ ۔

**اوٚک تَوو** ۔ یِتھ اَکی لٔڑِ ناو آسہِ دِنہٕ آمُت ۔
اَکی تاوِ تَوومُت ۔

**اوٚک توہہِ** ۔ یِتھ اَکُے تاہ آسہِ ۔ اوٚگُن ۔
اوٚک توش ۔

**اوٚک ٹاسُل** ۔ یِتھ گُنے ٹاس نیٚبر ۔

**اوٚک ڈُنڈُر** ۔ یِتھ اَکِے ڈُنڈر آسہِ ۔ یِتھ
اَکِے دار آسہِ ۔

**اوٚک ڈُنڈرِیل** ۔ یِتھ اَکی طرفہٕ ڈُنڈر
آسہِ ۔ اوٚک ڈُنڈر ۔

**اوٚک دوٚل** ۔ یِتھ اَکوے دَل آسہِ دیٚتِمُت ۔
یہ اَکی پھِر مُنٛزمُت آسہِ ۔

**اوٚک دوٚر** ۔ یِتھ اَکی طرفہٕ بَر آسہِ یا پوٚت

بَڑے وَت آسِہ۔

اۆک دۆہ ۔[ ص: ایکہ + دوا ]۔ گٕرٕ پَچھک یا زٕوٕنہِ پَچھک گوڈنیک دۆہ۔

اۆک رۆس۔ یُتھ کُنے مزا آسہِ۔ بیرٕ بٔنے بَگورٕ تہٕ مَسالو وراٰے آسِہ۔

اۆک زٕنگُل۔ اۆک زٕنگ۔ یُتھ یا یُس کُنی زٔنگ آسہِ۔

اۆک زٕونگ۔ یُتھ کُنی زٔنگ آسِہ۔ یُتھ اَکے زٔنگ آسہِ۔ اۆک زٕنگُل۔

اۆک ژور۔ وۄہوِ دان یُتھ اَکُے گَگ آسہِ۔

اۆک طرفہٕ۔[ ص: ایکہ + ع: طرف ]۔ اۆک باسہِ۔ اَکہِ طرفہٕ۔

اۆک کاہِل۔ یُس اَکے کاٰنی آسِہ سیٹھا لیوٚزٕ تہٕ کمزور۔ یُس نہٕ بارٕ ہیکہِ ژاٰلِتھ۔

اۆک کاشِ لَد۔ اَکہِ دُہک فاقہٕ لَدٕ یُس اَکہِ دُہک فاقہٕ آسہِ۔ یُس اَکھ دۆہ کینٛہہ کھینہٕ نَس آسِہ گومُت۔

اۆک کول۔ یُس وۄہِس منز اَکی لَٹہٕ کھین کھیٚیہِ۔ یُس اَکے کال آسِہ کھیوان۔

اۆک لَبُل۔ کُنی لَبہٕ وول۔ یُتھ صرف اَکے لَب آسہِ۔ یُتھ اَکُے طَرَف آسِہ۔

اۆک لۆب۔ یُتھ اَکے لَب آسِہ۔ کُنی لَبہٕ وول۔ یُتھ اَکُے طَرَف آسِہ۔

اۆک لۆر۔ یُتھ اَکے نَر آسِہ (رَز بیتر) یا یہٕ اَکی سے پٔنس یا اَکی سے داوِ پیٹھ آسہِ۔

م: اۆک لۆر ترۆٹ۔

اۆک نٕرِل۔ یُس اَکے نٕر آسِہ۔ یُتھ اَکُے نۆر آسِہ۔

اۆک نۆر۔ یُس اَکے نٕر آسِہ۔ یُتھ اَکے نۆر آسِہ (مثلن قمیض بیتر)۔

اۆک وارِ اۆک وارِ۔ اَکھ اَکس پَتہٕ۔ اَکہِ اَکہِ۔ اَکہِ پَتہٕ اَکہِ۔ اَکھ اَکھ کٔرِتھ۔

اۆک ؤرِش۔ وارٕ رٕشنہٕ (کینٛہہ چھِ اۆک وارٕ رٕشی تہٕ وَنان اَسی منتو: دُگرٕ یرس)۔

اۆک وور۔ یُتھ اَکُے وَر آسِہ ذٕیٛمت۔ یُتھ اَکے وُٹھنی آسِہ دٕژمُر (رَز بیتر)

اۆکرٕ دُکرٕ۔ اَکُے۔ کُنے۔ کُنے زٕون۔ (ثمہٕ ساتہٕ یون وِنہٕ پیٚلہِ وُنُن آسہِ تہٕ چھُ اَکُے۔ اَکُے ہیکہِ بیرٕ کٔرِتھ، صرف اَکھ بیہ یوٚر)

اۆکُس بۆکُس۔ اَکھ شُری گِنٛدُن۔ یہِ چھِ اَکہ شُری کھیل یُتھ اَندرٕ شُری چھِ پَھرس

پیپھٹھ پھرتھ اُتھ تھوان تہٕ کانٛسہِ شُرس ہُند پیپھٹھ شوٗر ہ کرتھ چھ اکھا " اڈکس بوکُس " بیتر اکھ اکھ لفظ وَنان گنڑھان تہٕ اکس اکس شُرس اتھس اڈنجہ لاگان یُس پتُس اونٛج لگہٕ سُہ چھُ لگان تہٕ پتھے پاٹھی بیین کرُن ہیوان۔

**اڈکہٕ ڈکر، ڈکرٕ ڈکر**۔ [م۔ مؤل: اڈکر ڈکر <س: وکر+ک: اکہٕ۔ وزنہٕ باپتھ ]۔ ڈکھ یا ڈوکھ ہنز تھ ژلنہٕ کنہِ وسعتھ پیوٚن۔

**اڈکھنگ**۔ [ن۔ مؤل: اڈکھنگ <س: ایکہٕ+ انگہٕ۔] اکی پاسہ کلہٕ دود۔ اکسے ہینگہٕ دود۔

**اڈگرٹھوگرُ، اڈگرٹھوگرُ**۔ [ن۔ مؤل: اگرتھگر <س: اگھٹ + وزنہٕ بڑھی "ٹھوگرُ"]۔ اونٹھر کھوٹھر، بےسوٗم، یتھ ہشر یا سمہٕ بلیتر آسہِ نہٕ۔

**اڈگنُ۱**۔ [ن۔ مؤل: اگن <س: ایکہٕ+ گنٕ ک: اکہٕ+ گوٗن ]۔ اکئے اکھ۔ یتھ اکہٕ زیادٕ تاہ بالہِ آسن نہٕ۔ (م، رز، پَن تہٕ کپرٕ بینز)۔

**اڈگنس دوگن**۔ ژرِ کھوتہٕ ترژور۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ۔ ہر کھوتہٕ ہر۔

**اڈگُن۲**۔ [ن۔ مؤل: اگن <س: اگنہٕ]۔ داننہٕ ریہہ۔

اُگنہٕ ہٹینڈ۔ ہُم گرنہٕ پینڈ۔

اُگنہٕ پٹراٹھن۔ ہونہٕ یہٕ نُوپُرک گورُ ہُند بوگ۔ ہیو دِشپتہٕ۔

اُگنہٕ ٹھوک۔ سُہ ٹھوک یُس ہونس پیپھٹھ اُگنکہٕ سوزُ ہستنی کرنہٕ چھُ یوان۔

اُگنہٕ گٹھ۔ سُہ ساتھ یتھ پیپھٹھ ہُوُن ییہ کرنہٕ (گرہنس)

اُگنہٕ گونٹھ۔ ہونہٕ گونٹھ۔ ہُم کمرٕ باپتھ سنزرس بناونہٕ نارٕ زالنہٕ جلے۔

اُگنہٕ منن۔ ہُمہٕ نگ بانہٕ۔ ہُون کرنہٕ منن یا منقل۔

اُگنہٕ ہوکھ۔ سُہ یُس آسہٕ اندرٕ اگن یا نار چھُ۔ وَرگہٕ شُو۔

اُگنہٕ ڈیٹر۔ ہونُک سامانہٕ۔ ہُم چینرٕ ییم ہونس پیپھٹھ نارس ہُمنہٕ ین۔

**اڈلُت**۔ [ن۔ مؤل: الت <ہ: النہٕ <س: الکتہٕ]۔ غازہٕ۔ یتھس وؤنہٕ جار کرنک اکھ سامانہٕ۔ روٗج۔ انگراگ۔

**اڈل گوٗل**۔ [ن۔ مؤل: آل گل ]۔ حیلہٕ۔ بہانہٕ۔

**اڈوم (کار)**۔ [ن۔ مؤل: ادم کار <س: اوم کار]۔ اومکار۔ اژھینی آواز۔ انا ہتھ۔ پرٕنو۔

ہینٛدِ تصوٗف کٔنۍ خۄدا یہِ سٕنٛد ناو۔
حق الحق۔

**اوٚمبٕر بیر** ۔ [ <س : اَمریشوٗر ] ۔ سِرینگرس شمالہٕ کنۍ بہوے ژور میل ہیُوٚر دوٗر اکہِ گامک ناو، یتھ کالہٕ آسہٕ اتھ "اَمریشوٗر" وَنان۔

**اوٚمبوٚرٕ** ۔ [ ن۔ک : اوٚمبوٚرٕ۔ مۄل : اوٚمبوٚر < ف : زمبوٗرہ ] ۔ رکلہٕ ہینتھ کڈنک اکھ اوزار، یُس چھانن تہٕ کھار اکثر اِستعمال کران چھہِ۔

**اوٚن** ۔ [ ن۔ مۄل : اَن < س ، اَندھ ۔ ] ۔ سُہ یَس نہٕ بوزنہٕ آسہٕ یوان۔ یَس نہٕ اَچھَن گاش آسہٕ۔ یَس نہٕ اَچھ آسَن۔

**اَنہٕ اَچھ گاش** ۔ تِیٚمِس نہٕ وۄمید آسہٕ تی بٔکٕن ٹوٚٹھ اولاد۔

**اَنہٕ چھیپٕر** ۔ ژھمپَن ژھار۔ اکھ شُری گِنٛدُن۔

**اَنہٕ خارانٛھ** ۔ ترییہٕ بُلہٕ بہیہٕ دِنہٕ، یِرہٕ نہٕ وانہٕ یِرِ چھہِ ہرزٕ پانٛژھ یوان وَننہٕ۔ م : پٔنٛزِم ناکیٛنہٕ چھمِنہٕ اَنہٕ خارانٛھ۔ پٔنٛنۍ چھم یُہ زوٗرۍ اَمِس چھنے خَبَر زِ اَنہٕ خارانٛھ دِتمِس۔

**اَنہٕ گٔٹ** ۔ اَنہٕ گٹُس مَنٛز۔ راتھ کیُٛت۔ گاش نہٕ

**اَنہٕ گٔٹ** ۔ ژٔرِہ گٔٹ یتھ مَنٛزٕ بوزنے یِیہ۔ گاش نہٕ آسُن۔ ژٔرِہ حالَتھ یتھ مَنٛز نہٕ بوزنے یِیہ۔

**اَنہٕ گانٛٹھ** ۔ وٹہٕ۔ ٹھَنگ۔ دارغ۔

**اَنہٕ گوٚٹ** ۔ گاش نہٕ آسُن۔ ژٔرِہ حالَتھ یتھ مَنٛز نہٕ بوزنے یِیہ۔

**اَنہٕ گوٚٹ ژلُن** ۔ دَم ژلُن۔ ہرٕدِس تہٕ بُرٕدِس ژلُن۔ ہنگامہٕ کھڑا کرُن۔ جگرہٕ فساد ژلُن۔

**اَنِس مُش ہاوُن نہٕ ثواب نہٕ گونہا۔** اَنِس مُکہٕ ہاوُن چھُ فضوٗل تہٕ کیازِ تِس چھنہٕ کانٛہہ یُس شوٚد بوٚد آسہٕ۔ تِس ژٔرِہ کنٛھا وَننۍ یوسہٕ نہٕ تِس نِکرۍ تہٕ چھنے اکھ بےٚ کار حرکتھ۔

**اَنۍ اَرانٛھ** ۔ سَنٛد یا وِزٕ سَنٛد یا موقہٕ۔ سۄ گرٕبہِمہٕ ساتہٕ شام چھہِ ہیوان گژھُن۔

**اَنۍ بِشتہٕ** ۔ یُس اوٚن ہیُوٚ آسہٕ۔ یُس اَنۍ پانٛژھ وۄتھہٕ بیٚہہِ۔ یُس نہٕ اَتھ وَتھ ہیہٕ۔ سُہ یُس نہٕ بوزنہٕ ییہٕ کیاہ گژھہِ کرُن۔

**اَنۍ بٔٹھ** ۔ اَچھ ٹھوٚپ۔

**اَنۍ ٹھیپہٕ** ۔ بُلہٕ ٹھیپہٕ دِنہٕ۔ وۄچھنے کرنے کنہٕ چیزَس ٹھیپھ دِنۍ۔ سوچنے کرنے کنہٕ پانٛژھ بِکٕن۔ خَبَر آسنے ہنٛدہٕ یتھ ٹھیپھ دِنۍ۔

**اَنۍ دانٛد** ۔ اَحمَق، ٹاٹہٕ، مُرکھ۔ سُہ یُس نہٕ اَتھ وَچھنہٕ ییہٕ۔

**أنٗزرٗز** ۔ اَنِہٕن ہٕنٛز تنٛدل ۔ اَنِہٕن ہُنٛد لانہٕ آسُن (بیٛچھُن وٕزُن) ۔

**أنٗزژھیپُن** ۔ ژھیپُن ژھاٚر راکھ کھیل یتھ مُنٛز کانٛہہ کھٕنٛتھ روزِ تہٕ باقے تَس ژھانٛڈنہٕ نیرٕن ) ۔ أنٗز چھپٕٹر ۔

**أنٗزساٚر** ۔ اَنہٕ گٹہٕ یا أنٗزہ شَنٛدٕر یا ٹھی اَتھو سیٛتی چیز ژھانٛڈُن ۔

**أنٗزسٕنٛز کوٚ لٗے خوٗ دالِس حوالہٕ** ۔ یتھ نہٕ کانٛہہ تہٕ پُرسان آسہٕ ۔

**أنٗزکُنٛتر** ۔ اَکھ شرٕو کھیل ییتھ أنٛدر اَکھ ژُر چھُ ژٕرٕنۍ متھٕنتھ کنٛتر کُنہِ طرفس داریتھ دِوان تہٕ باقیٚن شرٕیَن چھُ أچھن تھوٗپ دِتھ آسان ۔ یُس یہ کُنٛتر یتہٕ ژھانٛڈِتھ انہٕ سُہ چھُ زیٚنان ۔

**أنٗزکھلہٕ** ۔ (۱) میٚنٛنہٕ تولنہٕ ورا‌ے ۔ (۲) وُچھنہٕ کرنہٕ رٔسۍ ۔ (۳) أنٗز مانٛی پاٹھی ۔

**أنٗزگاشس** ۔ کمہِ گاش ۔ گاشہٕ رٔژھا ۔ گاشہٕ ہیوٗ نتا ۔ نہٕ آسنس برابر گاش ۔

**أنٗزلوٗٹھ** ۔ (۱) یتھ تھیکہ لگہٕ تہٕ ہیتھ ژٕلُن ۔ بےٚ حسابہ لوٗٹھ کرُن ۔ (۲) ظُلُم ۔ بےٚ اِنصافی ۔ اَنیاے ۔

**أنٗزلوٗر** ۔ (۱) موٗحتاج شُند سہارٕ یا ڈوکھ ۔ (۲) بےٚ وارہ لوٗر گلہٕ وٕنی ۔

**أنٗزلوٗر گلہٕ وٕنی** ۔ أنٗزکھاہ چوب دِنی ۔ مار دِنُن ۔

**أنٗزمُشتہٕ** ۔ وُچھنےٚ کرنےٚ یا بُلوٗ گانٛسہِ سیٛتی بد سۆلوٗکی کرٕنی ۔ بُلوٗ گانٛسہِ لایُن ۔

**اوٗن ہیوٗن** ۔ اوٗن گژھُن ۔ گاش سوٗرُن ۔ ہیر چھُ ووٗ ہوٗنہٕ ۔ م : تَس اوٗن پیوٗن ۔

**اوٗن دانٛدرا اورٕ ساسٕس دانٛدس وٕتھ ییٚن** وٕتہٕ ہاوٕکس پانٛس گٹہٕ آسہٕ سُہ کیا انہٕ بیٚپس گاش ۔ یُس نہٕ پانٛس کیٛنٛہہ خبر آسہٕ سُہ کیا اَتھہ روٹ کرِ بیٚپس ۔

**اوٗن سپُن** ۔ اوٗن گژھُن ۔ بوزنہٕ نہٕ یُن ۔ أچھن گاش نہٕ روزُن ۔ أچھن نہٕ لوزنہٕ یُن ۔

**اوٗن کیا زانہٕ زگ تےٚ پرٛوٗن** ۔ یُس أنٛدرِم گٹہٕ آسہٕ سُہ ہیکہٕ نہٕ رٕتس تہٕ کرٛتس (۱) شکیلس تہٕ وِیکہ رٕس تمیٖز کٔرِتھ ۔ گاشدارے ہیکہِ جان چیٖزٕرک فٔدر کٔرِتھ ۔

**اوٗن لاگُن** ۔ (ڈیلشتہٕ تہٕ) نہٕ انتھ أنٛزان لاگُن ۔ گوٗش دِنُن ۔

**اوٗنگج** ۔ [م ۔ موٗل : اوٗنگج <س : انگلی لفظک ماد] اَکھ کیٛاہ نہٕ کھوٗر کھوٗ برٕ ونٛتھہ یا نٕزٕ و حصوٗ مُنٛز اکھ حِصہ ۔ پنٛجک اکھ حِصہ ۔

**اوٗنگجہ پاٹٕرٕم** ۔ دوکھہٕ ۔ فریب ۔ ژھٕری اَتھہ ہاوٕنی ۔

(مثلن پيٺ کي ڏورسن دباءِ وِجهڻ جهڙي
اُٿي هاڙ) -

**اوڱج ٽيوٽ** - اوڱج هُند ٿيهر - اوڱج هُند
ٻڌو ٽيشم حصو -

(سيٽر) اوڱج ڇڇڻ ڳهو کسان - بيڊ بيڊ
ڇڇڻ ڪامُ ادان، تہ گويو تمام نہ انسان
هجر ڪري تون تمام ڇڇڻ ڪامُ سڌان -

**اوڱج گنڍ** - اوڱج هُند جوڙ -

**اوڱج نم** - اوڱج ٽينڊس ٽپي ڪني سہ
سيح حصو پئُس مازس سنتي لاڙِي ٺهه ڇه آسان -

**اوڱج ڪرڻي** - مذاق ڪرڻ - بيوقوف بڻائڻ
ڏغاڏيڻ - ڏهلرڻ - ٺڳڻ -

**اوڱج گهرڻي** - دو ڳهه لڳڻ - مذاق ڪرڻ
ٺڳيو ٿين - اپڻو هِيمٿ ٻاڙي -

**اوڱج نہ ڪرڻ ڏيڻي** - اوڱج نہ ٻڌڻ ڏيڻي -
اوڱج نہ ٽيس ڪاڙن - ڪنهن نہ اٿي تہ لاڳُن -

**اوڱلجن پيٺ تڙ ناڻن** - اوڱلجه ٽينڊن پيٺ
تڙ ناڻن - اوڱج ٽينڊ لو پيٺي ڦرناڻن -
(پنهنجين اشارن) پيٺ ڳڻاڻن - فڪري نہ
ڪشڻن - ڪنهن لاڳو نہ ٿيڻ -

اوڱج نہ ٽيس ڪاڙن - اوڱج نہ ڪرڻ ناڻي -
اوڱج نہ ٻڌڻ ناڻي - ڪنهن نہ اٿي تہ لاڳُن -

**اوڱوٺو** - [ن - مؤل : اوڱوٺ (س : انگشٺو]
نيو ٺو ڏيس دستخط بدلي ٽيپ ڪرڻ -

**اوڱور** - [ن ر م - مؤل : اوڱور (ف : انگور]
وڇ -

**اوڱوڙ** - اوڱڙهه، اوڱڙهه - [ن مؤل: اوڱڙ]
ڏڪار شڪلو سوٽس روليس ڪرڻ هينگ
اکا اوزار -

**اوڱل** - [ن - مؤل : اوڱل (س : اُنگل]
اُڪس اوڱج يوتا کهجر - اٺن وُنشڪو ڦهلين
هُند ڪهجر - اُنٺ -

**اوڱلس پيٺ بوڱلو** - جاءِ پنٿس
پيٺ ٻڌ عمار ٺه -

**اوڱلس شو ڱلو بازي آسني** - جاءِ
جاءِ ڏوڙ ڏوڙ آسني -

**اوڱلو** - اکو اوڱجه هند ڪهجر - تبو تي
مهول لون اکه اوڱج ڪجهه آسان ڇهي -
اکه اُنٺ -

**اوڱلو اوڱلي** - رڙ رڙ هينٿو پينٿو -

**اۄنگُل دیُٚن۔** اۄنگِج ہرِس تام واتناوِتھ دژہ کھ اِشنی۔

**اۄوَر کوٹھ۔** [ن۔ مؤل : اۄوَر کوٹھ < انگ ، اوور کوٹ ] شہ بوٚڈ تہٕ زیادٕ کالرٕ دار کوٹھ یُس تٕہرِ بیتھرٕ مَنٛز ہَلوٚن پیٹھٕ چھُ لاگنہٕ یوان۔

**اۄہ ۔** [ < ہوٗ الٕلفظ ] دادِ دَگہِ وِزِ وُہرِ دالے کرٕنٕچ آواز۔

**اۄہَر ۔** [ن۔ مؤل ، اۄہَر ] ۱۔ اَنٛدازٕ۔ تَخمینہٕ میٛنزان۔ اَوسط ۲۔ مُتر۔

**اۄہوک (وُہوک)** [ن۔ مؤل : اَہک < س : اُشمَن + کپلہٕ ] تٔلی مہٕ گرٛٹہِ ژکِجہٕ ہتہٕ مَنٛزِم کِجہ یِتھ اَنٛدی اَنٛدی پیٹھٕ سِم گرٛٹہِ ژٕ کِجہ پھیرٕن چھِنے۔

## او٘ ، او

**اوبروے۔ اوبروٚے۔** [ن۔ مؤل : اوبروے / اوبروے < ف : آبرو ] یِزَتھ۔ یہ چھِنے آہی۔ پنٛنِہ کانٛسہٕ بجرٕ تہٕ یِزَتھ بیٚتھرٕ مَنٛگنُن آسہٕ تَمہٕ وِزِ چھ وَنان۔ 'اوبروٚے'

**اوپ ژوپ۔** [ن۔ مؤل : آپ ژاپ < س : آپ + چرَو + آپ ] گوڈٕ بُچھٕ کٔٹہِ دودٕ ہُو شرٕس کانٛہہ کھیٚیٕ چیٚنٕ آپراوُن۔

**اوپ ژوپ کرُن۔** شرٕس دود ژٕتھ کھینٕس ہال کرُن۔

**اوت ، یوت۔** [ < س : یاوَت ] بنٛیہٕ نہٕ کینٛہہ۔ بنٛیہٕ نہٕ کانٛہہ۔ فقط۔

**اوترٕ ، اۄترٕ۔** [ < س : اُتَر ] راتھ بروٚنٛہہ اَکھ دوہ۔ یِوٚ بروٚنٛہہ اَکھ دوہ۔ یِوٚ بروٚنٛٹھی مہٕ دوٚہہ۔ کینٛہہ دوہ بروٚنٛٹھ۔

**اوترٕ اوترے۔** حال حالے، کہے کال گوٚ تَس۔

**اوترٕ کنہٕ۔ اۄترٕ کنہٕ۔** تقرٕیبَن اوترٕ یہوے اوترٕ ہیوٚہ۔ اوترٕ اوترے۔

**اوترٕ کنٛیک۔** تقرٕیبَن اوترٕک یہوے اوترٕک ہیوٚہ۔ اوترٕ اوترٕ کُے۔

**اوترٕک۔ اۄترٕک۔** اوترٕ بِنُٹھ مُت ، اوترٕ سپُد مُت۔ اوترٕ پادٕ گومُت بیتھرٕ کہے کالک۔

**اوتھ۔** [ن۔ مؤل : آکھ ] ۱۔ ووٚدٕری ہانگ

**بڑم گڑھن**۔ بڑونٹھہ گڑھن۔ بُل
گڑھن۔ غلطی سپدنی۔ دوکھ کھیوٗن۔

**بڑم لگُن**۔ بڑم گڑھن۔ دوکھ لگُن۔
بُل گڑھن۔ ژھلہ نیُن۔

**بڑم یُن**۔ چکر یُن۔ گیژوریُن۔

**بڑمراوُن**۔ (کاشہ) ونہ ڈالُن۔ تیٚاری
پکہ ناوُن۔ بیاری نہ یہنہ۔ غلط وکھ ہاونی۔
(کاشہ) غلطی کرناوُن۔ (کانسہ) دوکھ دیُن۔

**بڑمی نیُن**۔ ژھلراوُن۔ دوکھس منز انُن۔

**بڑمُن**۔ ۲۔ [ن۔ سوٗل: بڑم < س: بھرمنہ] تنبلُن۔

**بڑن** ۔[ن۔ سوٗل: بڑن] اکہ کُلیک ناو۔ اکھ کُلی ذاتھ۔

**بڑنہ پڑاہ**۔ بڑنہ کلہ ٹُلی پکنہ سنز گوشت سایہ
یا ژھاے۔ تصرف۔ یہ چھا اکھ وہم۔

**بڑنہ دیل**۔ بڑنہ کُلیک دیل۔ یہ چھ کینژن
لاگہ دار بیمارین دوا لگان۔

**بڑنہ دیوٗل**۔ بڑنہ سوٗرِ ہشد دیوٗل۔
اکھ چھ رزِ بناوان۔

**بڑنہ زیُن**۔ بڑنہ کُلچ لکر۔

**بڑنہ سوٗر**۔ روٗمتہ بڑنگ سوٗر (اتھ چھ سزِ بناوان)

**بڑنہ موٗنڈ (ہیوٗہ)** ونیوٗکھٹہ نہ دڑ وٹ
عقلہ روٚستے انسان۔

**بڑنیوٗ**۔ بڑنہ لکرِ ہشد بنوومت۔

**بڑنی بڑنی**۔ [آوازِ پیٹھ یاس: بھڑن۔۱]۔
دبہ رارے۔ ٹاسہ رارے۔ سوٗ آواز یوٗ سہ
کاشہ گوٚب تہ بورٛتھ چیز بیترِ اوِرِ یور ڈلونہ
یا پکہ ناونہ ییران چھے۔ سوٗ آواز یوٗ سہ کُنہ
بانس ٹاس ٹاس بیترِ دنہ ییران چھ۔

**بڑنگ** ۱۔ [ن۔ سوٗل: بڑنگ]۔ کُبہ۔

**بڑنگ تُلُن** (ل۔ م) کلس پیٹھ کُبہ تُلُن
(قسمہ باپتھ) قسمہِ قسم کرنی۔

**بڑنگ** ۲۔ گُشیرِ ہنز اکہ جایہ ہُند ناو۔

**بڑنگی**۔ بڑنگ علاقس منز اکھ کول۔

**بڑہس پنچھ** ۔[ن۔ سوٗل: بڑہس پیت < س:
بڑہس پیتر] اکھ گرِ ہِد۔ اکھ ناڑکھ۔

**بڑہس کتھ**۔ [م۔ سوٗل: بڑہس کتھ < س: بڑہت
کتھا] ۱۔ اپہ منزِ تیج مرُن۔ ہنگہ تہ منگہ
مرُن۔ ہنگہ تہ منگیچ بلاے بیترِ۔ ۲۔
گُناڑِ ہنز بڑہت کتھا۔

**بڑہنل**۔ [ن۔ سوٗل: بڑہنل < س:
بڑہت نلہ / بڑہت ندٛ] لانگہ۔ زنگہ
زیوٗ کھٹہ نہ بنے ڈال انسان۔

**بڑہم**۔ [ن۔ سوٗل: بڑہم < س: بڑہمہ]

بَرٛہما - ذاتِ کُل - قادرِ مطلق -

**بَرٛہمہٕ باو** - ۱ - بَرٛہمس سٕتی کُن گژھنچ حالتھ - بَرٛہمہٕ سٕنٛز گتھ - ۲ - شوٗد بَرٛہمہٕ سٕنٛدٕ ہیوٗہ ویوہار -

**بَرٛہمہٕ رَندرٕ** - بَرٛماںڈ - کٔلِجہٕ تالہٕ ہٕنٛز سوٗ جاے یَتہٕ آر کرِ دِوان چھ زٕ مرنہٕ وِزِ چھ بَرٛان نیران -

**بَرٛہمہٕ راکھسی - بَرٛہمہٕ راکھسگی**
بَرٛہمہٕ راکھسہٕ سٕنٛز حالتھ - سہٕ بَرٛہمن یُس راکھسہٕ سٕنٛدی ہوی کرتوٗ کَرِ -

**بَرٛہمہٕ راکھشس** - اَکھ خطرناک راکھس ذاتھ -

**بَرٛہمہٕ رٔچھ** - دٕیہٕ سٕنٛد رٔچھ - دٕیہٕ سٕنٛز شکل -

**بَرٛہمہٕ رِیوٗش** - بَرٛہمن ذاتھ ہنٛد اَکھ مہارِیوٗش -

**بَرٛہمہٕ زٔنٛم** - بَرٛہمن رٔچھ یِہ زنمس یِن - بَرٛہمنس رِشہٕ زٔنٛم ہیوٗن، بَرٛہمن گرِ ژٕگ -

**بَرٛہمہٕ زان** - بَرٛہمہٕ گیان - دٕیہٕ سٕنٛز زان -

**بَرٛہمہٕ زٔآری** - یُس عِلم حاصل کرنہٕ خاطرٕ بینٛتر روٗ ستِنے آسہٕ خاص کٔرِتھ رٕژ ہاتی زان -

**بَرٛہمہٕ سَر** - گنٛگہٕ بَل وَنہٕ اَکہِ سَرُک ناو (اکثر گٔنہٕ چھ "بَرٛہمہٕ سَر"، "بَرٛہمہٕ رَندرٕ" بدلہٕ تہٕ استعمال کران) -

**بَرٛہمہٕ گنٛڈ** - یوہنہٕ چِن تہٕٕزن لٔرن اُژھنمت گنٛڈ -

**بَرٛہمہٕ لوکھ** - سوٗرگ -

**بَرٛہمہٕ مُہوٗرنہٕ** - گاشِس پھولنہٕ برٛونٛہہ اَکھ خاص گرٕ - مُسلمان چھ اتھ سوٗتس "غزل" وَنان -

**بَرٛہمہٕ نِشٹھ** - بگوانہٕ سٕنٛدِس دِیانس مَنٛز لیٖن گومُت -

**بَرٛہمہٕ ہتیا** - بَرٛہمن مارُن - بَرٛہمنہٕ سٕنٛد قتل یا تیُٔتھے کانٛہہ بوٚڈ کوٚہ کار -

**بَرٛہمہٕ ہتی یارگی** - تٔمی سٕنٛد طور طریقہٕ یُس بَرٛہمن ماران آسہٕ یا آسہٕ بِیِتھی عیڈی عیڈی کوٚہ کار کران -

**بَرٛہمہٕ ہتی یور** - یٔمی بَرٛہمن آسہٕ مورمُت - بوٚڈ بارٕ قاتِل - بوٚڈ بارٕ قوٚ صوٗرِ وار - مہا پاپی - بدذاتھ

**بَرٛہمن** [مُؤل: بَرٛہمن ؎ س : بَرٛہمنہٕ] -
ہیٚنٛدیٚن ہٕنٛزٕ ژوٗرو ذاتژو مَنٛزٕ اَکھ ذاتھ - دُچھو 'بَرٛہمن' تہٕ -

بَرٛہمن زٔنٛم، بَرٛہمن زٔرم، بَرٛہمنہٕ زٔنٛم - بَرٛہمن گرِ زنمس یُن، بَرٛہمن گرِ زیوٗن - بَرٛہمنہٕ سٕنٛد داش تہٕ داش یُس تٔس بَرٛہمنگی کرنہٕ بابتھ ضروٗر رٔٹتھ آسہٕ -

**بَرٛہمن کرٕنی** - کُنہِ بُڈِس ڈوٚہس بیٹھہٕ کیٚنہہ بَرٛہمن ان کرنہٕ خاطرٕ گرٕ آنٕنی - بَرٛہمن مُبلاوٕنی -

برٕہمن ۔ ١۔ برٕہمن ذاتھ ہُند۔ ہیندِ بن ہنٛز
تھزٕ ذات ہُند۔ ۲۔ برٕہمناز کرن وول۔ م: برٕہمنی
برٕہمناز ۔ برٕہمنہٕ ہُند کار۔ برٕہمنگی۔

**برٕہما** ۔ [ن۔ سٕول: برٕہما < س: برٕہما]۔ خالق۔
بگوانہٕ ہُند اکھ ناو (ہیندِ بن ہندی کینٛژ چھ
بگوانس ترٛے رٕپھ۔ ١۔ برٕہما یا خالق۔ ۲۔
وِشنو یا رحمان۔ ۳۔ شِو یا جبار یا نے ساری
نےٚ آخر گالن وول)

**برٕہمانڈ** ۔ [ن۔ سٕول: برٕہمانڈ < س: برٕہمانڈ]۔
١۔ کاینات۔ ۲۔ برٕہمہٕ رٕنڈر۔ نالہِ ہُند ژُکھر۔

**برٕہمی خط** ۔ ہندوستانس منٛز اکھ رسم خطک ناو یتھ منٛز
اشوک راجہٕ سٕندی کُتبہٕ لیکھتھ چھ۔

**برٕے** ۔ [م۔ سٕول: برٕے]۔ کھیٚنہٕ چیزن ہنٛز ترٛٹھ
اڈرن تہٕ لرِمش یتھ مَن پھیٚرِ۔
برٕے اَنٛنی۔ بے ڈٕلیر پاٹھی کُنہِ چیزس ماندٕ دِنی۔
برٕے یِنی۔ ڈچاپہِ پاٹھی ملوتھ، مانڈ دِتھ
برٕس گژھُن (خاص کرِتھ کھیٚنہٕ یا دسس)

**براد** ۔ [م۔ سٕول: براد]۔ ماند۔ ناکارٕ حال۔
برادُن۔ زٕرولدُن۔ ناکارٕ حال گژھنی۔
نکھس کھسُن ۔ ا گا دگژھُن۔

**براد، برسر** [م۔ سٕول: براد، برسر]۔ ١۔ برٕنہٕ کلیٛک
اکھ قسم۔ ۲۔ اکھ لٹ کٹ کُجہ ہَن۔

**براوُن** [ن۔ سٕول: برار] پھیٚرُن ۔ پلٹُن
(کھیٚنہٕ چیزٕ بیتر)۔

**برارٕے** ۔ سٕربنہٕ عتی یا دمہٕ عتی
لاوٕ لگنُک مُشک وٕتھن۔
برارٕن اَنُن۔ کانٛہہ چیز بیترِ کُنہِ بند جایہِ
تھوٕتھ بگراوُن۔ کُنہِ چیزس یلہِ تھوٕنہٕ بدلہِ
بند تھوِتھ مُشک تُلُن۔
برارُن کرُن۔ کُنہِ چیزس بیتر بگرِتھ مُشک وٕتھن۔
برارُن یِن۔ ١۔ کُنہِ چیزکر بگرنہٕ عتی تیچ
بد بوے یِنی۔ ۲۔ پھیٚرنہٕ یا بگرنہٕ
عتی کُنہِ کھکھ وٕتھن۔

**براٹھ** [م۔ سٕول: براٹھ < س: بھراشٹر]
آتش۔ وٕہ سید۔ تو قع۔
براٹھ تراوٕنی۔ برٕٹھ سوزنی، وٕہ سید تراوٕنی۔
براٹھ تھوٕنی۔ آتش تھوٕنی۔ وٕہ سید تھوٕنی۔
براٹھ روزنی۔ آتش روزنی۔ وٕہ سید روزنی۔
براٹھر تھوُن۔ وٕہ سید دِنی، تسلادِین یتھ کرنی۔
براٹھر راوُن۔ ناوٕہ سید آسُن بِراش آسُن۔
براٹھر روزُن۔ وٕہ سید ہیتھ
آسُن۔ آسناوان روزُن۔

**براند** -[ن۔ مؤل: براند > ک: بر+ آند > س: دھار+آنند/ > ف: بر آمدہ]
کرِ ہندِس وُڈس ہیئر کیہٕ اَڈ یہٕ ہیرٕ خاطرٕ پاوکرِ کھ بیٹھ۔ (سکانس اَڈِ دُن) کھٕر۔
**براندٕ پود**۔ کرِ اندر اَڈٕ ٹھک اَکھ پود۔
**براندٕ کٕنی**۔ (ل۔م) براندٕ چ کٕنی۔ براندٕ چ سو کٕنی یُس یہ وُڈس عہتی آسہِ (ورِ گرٕ پاٹھی) گرِ واجنی۔
**براندٕ کٕنی ڈرا آسٕی**۔ گرٕ واجنی جگرٕ ڈرِ تہٕ وہزا ون واجنی آسٕی۔
**براندٕ کٕنی سیٚزا آسنی**۔ زنانہٕ خولقہٕ کٕنی جان آسنی۔ گرٕ واجنی شریف آسٕی۔
**براندٕ کھوٚت**۔ براندس عہتی لوکٕٹ کُٹھ (ییٚتھ منزرا اَچھ در روزان چھُ)۔
**براندٕ پھش**۔ براند پوٚن ڈوٚن۔
**براندٕ ۱**۔ ہیرِ کھ گوشت عقلرٕ وٚس بیتہٕ ڈٕس۔ براد۔
**براندٕ ۲**۔ [< ف: برآمدہ]۔ بر آمد۔
**برار ۱** [م۔ مؤل: برار > س: برالی] برآری عہتی ماد۔
**برار ۲** [م۔ مؤل: برار > س: بھٹّارِ کار / کھبر ترجمہ] دیوی، خاصکرٕ کھ کیٚنڈس ناوٕس ییٚتھ عام پاٹھی کاشرٕ جاے پوٕیتر مانہٕ آسہٕ یوان۔

**برٕتو برٕتو**۔ آسُن۔ چھوٚپرٕ چھوٚپرٕ کرُن (کُنہٕ چیزٕ یا پیٹھ)۔
**برٕژھن** -[ن۔ مؤل: برٕژھن۔ (شُرم شُند)]۔
بوچھہِ عہتی سومہٕ دادٕ وٚدُن۔ ماجہ ہشِد دادٕ ژھرٕ ہٹہٕ ژھرٕٹ کرٕنی۔
**برٕژھناوُن**۔ کُنہٕ چیزٕ یا پیٹھ اَمیہٕ ناوُن۔ وٚدٕ ناوُن، چھوٚپرٕ چھوٚپرٕ کرٕ ناوُن۔
**برٕژھوُن**۔ سومہٕ دادٕ وٚدٕ وُن شُر۔
**برٕکھ** -[م۔ مؤل: برٕکھ > س: بڈا لکہ]۔ اَچھن آمٕرانی مہٕ ہِش لیگ۔
**برٕکھ لگنی، برٕکھ وسٕنی، برٕکھ وونٕنی**۔ اِنتظام نہٕ آسنہٕ کنی خراب حالتھ گژھنی۔
اَچھ داَدی لدن ہیٚرٕ ہش باسُش گژھنی۔
**برٕکھ لد**۔ ییٚس اَچھن برٕکھ آسہِ۔ وُچھو برٕکھ، نٕیٚرٕ۔
**برٕمج** -[م۔ مؤل: برٕمج] اَکہِ کُلیٚک ناو یُس مزارن ییٚتھ آسان چھُ۔
**برٕمجہ چھانٹہٕ وٚلُو لُریا زُن**۔ ژھرہٕ یو اَکھو کُنہٕ بجہ کامہٕ اَکھ دِ ہیچ کوشش کرٕنی۔ ناکٕہ ہار ساماںہ ییٚتھ کُنہٕ بجہ کامہٕ دٕس ٹٕلُن تہٕ فُضول پریشانی ہیٚنی۔
**برٕمجہ چھونٹھ**۔ برٕمجہ کُلیٚک ہیٚو۔

**برِنٛج ۱** ـ [ن ـ سۆل: برِنٛج < ف: برِنٛج] ـ تۆمُل ـ

**برِنٛج آب** ـ آنزمہِ یتھ آب زیادٕ تہٕ مایہ کم آسہِ ـ تۆمن آنزمہِ ـ

برِنٛج آبَس واتُن ـ ۱ ـ دادِس فرق گژھُن ـ تلُن ہیوٚن ـ ۲ ـ تخ بہما ـ ہُن ـ

**برِنٛج ۲** ـ [ن ـ سۆل: برِنٛج < [illegible] ] ـ کوکہِ ـ لوکُٹ کٕٹُل ـ

**برٕس** ـ [م ـ سۆل: برٕس < س: برِسی یا وِسر] ـ رَسدار چیزَس گامِژ زُٹ یا زیادٕ پیپنہٕ سٟتی ڈیوٚل گومُت ـ

برٕس کرٕنی ـ رسدار چیزَس ژُٹ کرٕنی ـ

برٕس گژھٕنی ـ رسدار چیزَس ژُٹ گژھٕنی یا زیادٕ پیپنہٕ سٟتی رَس پیدٕ ٕ ٕن ـ

برٕس وٕسنی ـ برٕس گژھٕنی ـ زیادٕ پیپنہٕ سٟتی رَس پیدٕ ٕن ہیوٚن ـ

برٕس ووہٕنی ـ گڈ بڈ گژھُن ـ (گرٕس وٕرس مُنٛز اِنتظام نہٕ آسنہٕ کنی) ـ

**برٕر** ـ [م، سۆل: برٕر < س: برِالی] ـ برٲرِس ہیوٚ اَکھ جانوَر شُند ناو یُس پھیٚشِل چُھ ماننہٕ یوان، اَمِس آواز چھیٚ اِنسانٕ سٟنز باکھ ہِش آسان ـ

برٕر بٟنی ـ باکھ بٟنی ـ ماتم بیوٚن ـ مُصیبتُن ـ

**بُرٕک** ـ بارٕ سٟتی گامِژ ژُٹ ـ

بُرٕک کڈُن ـ پیٹھ بارٕ تھٲوِنہٕ سٟتی ژُٹ کرٕنی ـ

بُرٕک نیرُن ـ ژُٹ گژھٕنی ـ ڈوکھ اَژٕنی ـ کوٚب نیرُن ـ

**بُرٕند** ـ وُچھِو 'بُرٕنز'

**بُرٕنز** ـ [ن ـ سۆل: برٕنز] ـ ۱ ـ مُنٛزِم اوٚنگج تہٕ نوٚکھٕ دآیتھ ٹاس گڈ نیچ آواز ـ ۲ ـ ژُٹیہٕ ـ ساکھا ـ بُرٕنز مارُنک یوتا کال ـ

برٕنزِن ہُند ـ یُس مرنہٕ سرآسہِ ـ یُس مرٕ مرآسہِ ـ مرٕنُس تیار ـ

برٕنز کمارٕنی ـ مُنٛزِم اوٚنگج تہٕ نوٚکھٕ دآیتھ ٹیپچ ہِش آواز کڈان روزُن ـ

**بُرٕشہٕ ـ برٛوٛشہٕ** ـ ۱ ـ برٛونٹھ ـ بُتھِ ـ ۲ ـ پتھ کالہِ ـ

**بُرٕہُن** ـ کُنہِ پیٹھ مرِین وُلوُن ـ

**برٛوٛنٹھیُم** ـ ۱ ـ برٛونٹھِ کِنیک ـ بُتھِ مِہ طرفُک ـ برٛوٛنٹھی مہِ پاٹھُک ـ ۲ ـ برٛوٛشہٕ کالُک ـ پتھ کالُک ـ ۳ ـ پیٹھ والِ کالُک ـ مُ، ہٟنیُم ـ

**برٛوٛڈٕ ۱** ـ [ن، سۆل: برٛڈ < س: وردھ] ـ سوہ یُس ہُند دوٚدمُت اَند ـ

**برٛوٛڈٕ ۲** ـ [ن ـ سۆل: برٛڈ < س: وردھ] ـ نسنہِ ہُند کُڈل ـ

برٛیڈی گڈٕ نی۔ بُتھس تیٚتھ وِبکار گرٕ ٹھُن
یا شکل بگرٕ نی یتھ منٛز نسٕنہٕ پیوٚت برٛوٚ شہٕ
کٕن چھ نیران تہٕ ہوٚ نگسٕ تہٕ وُٹھن چھےٚ حر کتھ
گرٕ ھان (یتھٕ کٕنی مرنہٕ وِز گرٕ ھان چھُ) یا
اُتھ نتھٕ کٕنی ژٕ کھٹاوُن یتھٕ کٕنی گیتن آژ تہٕ
گرٕ ھان چھُ۔ برٛ ھہ حالتھ چھےٚ پھوٚ شنہٕ
وِز، گرٕ اہٕ گرٕ ھنہٕ وِز یا شُرِس بوٚ چھِ لگنہٕ
وِز گرٕ ھان۔

وُٹھن برٛیڈی گڈٕ نی۔ کُنہِ چیز کہ نکھتھ
گرٕ ھنہٕ یا گرٕ اہٕ سپدنہٕ وُٹھن ژاٚنگی تار کرُن۔

**برٛوٚک**۔ ۱۔ کھرٛوب (کھرٛوپ) ۲۔ ڈہ کھ۔

**برٛوٚکُس** [اَن۔ سٕوٗل: برٛوٚکُس < س: ورِ کنہٕ]۔
ژٕن۔ بوٚس۔ چوٚرٕ (یُس کُنہِ چیز نس
بُرکینہٕ ئہ ستی گرٕ ھہ) کرٕ یُس۔

**برٛوٹ**۔ [اَن۔ سٕوٗل: برٛاٹ] میلہِ ہُنٛد، لوٗنک یا
بیٹھے بیٹہِ کٕنیک رنگ داغ۔

**برٛاٹ لَد**۔ یتھ برٛاٹی آسن وُکھی ہتی۔ یتھ
داغ آسن گاہتی (میلہِ بینٛز ستی)
وُچھو "برٛوٹ" تہٕ۔

برٛاٹی وٕ ہنی۔ لیکھان لیکھان کاکدس
بینٛز سپھٹ وبٹھی وبٹھی میلہِ پھیری بنٛچی۔
میلہِ رنٛز وسنہٕ۔

برٛاٹی والِنی۔ کاکدس بینٛز میلہِ داغو ئہ ستی
کھش پھرُن۔

**برٛور، بیوٗر**۔ [اَن۔ سٕوٗل: برٛار < س: بِرالک]
سہہ ذاتھ ہُنٛد اکھ بوٚ کُٹ جانوَر۔

برٛار بوٚ کُت۔ برٛارِ بچہٕ۔

برٛارِ زٕ ون گرٕ ھنی۔ ئیتی مِہ بیرٕ نون زوٚ ئہ
گاش ڈٕ لِیتھ بیہ باٗسن زِ گاش (اَعجک)
چھُ آمت۔ روتلہِ ڈٕ ل باسُن۔

برٛارِ گاسہٕ۔ اکھ دوا گاسہٕ۔ اَکہِ قسمک
گاسہٕ یُس دوٚ ہس لگان چھُ۔

برٛارِ ہَل۔ ۱۔ سُہ چیز یُس برٛارِ بچس ماجرٕ ہِنٛز
ئِڈ منٛز ڈٕ لنھٕ آسان چھُ تہٕ یُس تَسُنٛد زیہٕ
برٛار نہٕ بَر چھےٚ ترٛاوان (دپان چھُ زِ برٛارِ
ہَل چھُنہٕ کانسِہ تہٕ وُچھمت)۔ ورگہٕ گوٚ برٛارِ
ہَل کانہہٕ نایاب چیز۔ ۲۔ کمزور۔ لیوٗژ۔

برٛارِ ہَل ہیوٚہ اگادِ گرٕ ھن۔ لاَرتھ گرٕ ھن۔
دَلنہٕ یُن۔

برٛارِ ہَل ہیوٚہ نیرِ کھ گرٕ ھن۔ (ستینٛچھ
وارِ بوزٕ نے) گرٕ ھن، ٹِکھ گڈٕ نی۔

برٛأری پکٕن۔ برٛأری سُنٛد یا اَٹھی لوٗنہٕ لوٗنہٕ

نہ ژھوپہ دم کرِتھ بِکن۔

**بڑاری کھپھ** ۔ زاگہِ روزِتھ جوٹھو دِنی۔
ژھپہ کھپھ دِنی نہ نِیِن۔

**بڑاری جنتھ** ۔ بڑاری سِندِ سُلکی وال
یِم سیٹھا نرم چھ آسان۔

**بڑاری زاگے** ۔ کینہہ نِنہ یا پتھ بڑاری
سِندی پاٹھی ماے لاگِتھ نظرِ روزن۔

**بڑاری کانی** ۔ بڑاری کانیز ۔ کانی یِتھکن
یوسہ پشس تلہ کنہِ جاے آسان چھےٚ۔

**بڑاری کھوت** ۔ پوکس بیترِ منز سوہ ولیتھ
ٹلِتھ جاے یوتھ بڑور دانتھ ہیکہ نہ۔

**بڑاری ماے** ۔ ۱۔ سُہ کانٛہہ کھینہِ چیز بیترِ
یُس بڑارس ٹوٹھ آسہِ۔ م: دود، کھٔنی
گھوِ نہ ماز بیترِ۔ ۲۔ سُہ کانٛہہ کھینہِ چیز بیترِ
یُس شرِس کل روزِ۔

**بڑاری ماے** ۔ بڑاری سِندی پاٹھی
ژھوپہ دم کرِتھ زاگہِ بِہن۔

**بڑور مارُن** ۔ کھوژِ ناوِتھ تھوُن۔ دبا
کرُن۔ یہ محاورہ چھُ یتھ کتھِ پیٹھ بنیومُت
زِ اکس ژُنس اوس کولیبہ رب تھوان تہ
بینہ کرِ کوہ ڈنکِ دوبہ ژھنن تسی نگی ٹلی بڑور
مارِتھ پتھ تس اَہر بیوٹھ۔

**بڑور مارِتھ تھوُن** ۔ تیُتھ دبا کرُن یتھ زَن
ہمیشہ یا پتھ تم اَکھس منز روزن یِم پانس تل
آسن ۔ وایہ بیہناوُن۔

**بڑور ۲** ۔ [ن، مؤل: بڑار > س: بِرالہ]
تولہ کوٹن دوہن پیٹھ کنہِ ہِلناونہ یا پتھ بڑاوِژ
سار، تولہ بڑور۔

**بڑاری ٹر** ۔ تولہ بڑاریک سُہ گرِتھ انٛد، یُس
کوٹن منز ٹھکنہ یوان چھُ۔

**بڑاری کج** ۔ سوہ کج ییمہ سٕتی تولہ بڑور
اوِرِ یور ژھینہِ ڈلان۔

**بڑور ۳** ۔ [ن۔ مؤل: بڑار > س: بھٹارکا > بھٹار یا
> بھربٹر] ۔ نگوان۔ دِونا

**بڑوک** ۔ ۱۔ اکھ قسمُک تُچھن ۔ ۲۔ چور انسان یُس
بیکہ آوانہ آسہ۔

**بڑوٹھ** ۔ [ن۔ مؤل: بڑاٹھ > س: بھڑا شٹر]
اکہ سِندِ بدلہ دوٚیمہ سِند ٹِل گژھن۔

**بڑوٹھ کرُن** ۔ اکہ بدل چیز ناوِتھ ٹل کرُن۔

**بڑوٹھ گژھن** ۔ اکہ سِندِ بدل بیا کھژن۔
پرزناونس منز دوکھ کھیوٚن یا ٹل گژھن۔

**بڑوٹھ، بوٹھ** ۔ گوڈ۔ جروٹھہ کنہ۔ پتھ کالہ۔

بنھ۔ سلہ۔ م۔ مے برونٹھ دوت سے۔

برونٹھی۔ برونٹھہ پاسہ۔

برونٹھی اتھن۔ کانٛسہ بجاکرنس منز اکھ روٹ کرُن۔ کانٛسہ ہیور ہیور کھارُن۔ وتہ اتھن۔

برونٹھی آتھت۔ ییمی سنٛبولتمت آسہ۔ ئس دوہنی ٹھیکۍ ووتھ آسہ۔ ئیس دوہہ کھوتہ دوہہ ہتھر رس گُن پکان آسہ۔

برونٹھی پاری۔ برونٹھہ طرفہ۔ بنھی پاسہ۔

برونٹھی کالہ۔ بنھ کالہ۔ ئیتی مہ زمانہ۔ ئیتی میس وقتس منز۔

برونٹھی کالُک۔ بنھ کالُک۔ ئیتی مہ زمانک۔ ئیتی مین دوہن ہُشد۔ پرانہ وقتُک۔

برونٹھی کالی۔ برونٹھی کالہ۔ بنھ کالہ۔ ئیتی مہ زمانہ۔

برونٹھی کنی۔ بنھ کہ طرفہ۔ برونٹھہ پاسہ۔ بُرنٛھی کنی۔ بنھی طرفہ۔

برونٹھی گراے۔ برونٹھم چال۔ برونٹھہ گنیج تراے۔

برونٹھی لاکہ۔ برونٹہ لاکہ۔ گوڈنیُک سورمت برونٹہ کالہ۔

برونٹھی ین۔ (ل۔م) بنہ بیٹھ برونٹہ گُن ین۔ بجایی تہ ہتھر پراون۔ ستنہ لن۔

وُکن نھی بنھ دِین۔

برونٹھہ۔ بنھہ۔ بنھس سیدہ۔

برونٹھہ بیٹھہ۔ گوڈ بیٹھہ۔ شورو بیٹھے۔ سیٹھا کالہ بیٹھہ۔

برونٹھہ کنہ۔ کُنہ یا کانٛسہ بنھہ سبود یا بنھہ کہ طرفہ۔ برونٛٹہ کنھ۔

برونٹھہ کنٛیک۔ یہ بنھہ آسہ۔ نظرِ تلک بنھہ بیٹھک۔

برونٹھہ نیرُن۔ پیشوائی یا بنھ نیرن۔ سواگتھ کرنہ نیرُن۔ استقبالس نیرُن۔ بنھہ نیرُن۔

برونٹھہ واو۔ بنھہ واو۔ ئیس ہوا بہ طرفہ بیہہ بنھ طرفس گُن پکان آسی زہ۔

برونٹھہ ین۔ بنھہ ین۔

برونٹھہ یہن۔ کینہ کال گژھتھ۔ بنھ کینہ کال آسہ گومت۔ رژھا برونٹھ۔

برونٹھہ دیُن۔ گوڈنیتھ بور سے دین۔ گوڈ بورے حوالہ کرن۔ پیشگی دیُن۔

برونٹھہ کالہ۔ بنھ کالہ۔ ئیتہ مین دوہن۔ اکہ دوہہ اکہ۔ بیتہ وأنس زمانس منز۔

برونٹھہ کالُک۔ ئیتی مہ زمانک بنھ کالُک۔

**بڑونٹھ کاکی۔** شوٗرۍ ہس منٛز۔ گوڑ گوڑ۔ پڑانہٕ وقتہٕ۔

**بڑونٹھ کُن۔** ۱۔ ییٚنہٕ وأنِس وقتس منٛز۔ یوٚدوہنن دوٚہن منٛز۔ ۲۔ پانس بُتھِ بٕتھِ سوٚد۔

**بڑونٹھ لاکہٕ۔** گوڑ پیٚٹھے۔ شوٗرۍ پیٚٹھے۔

**بڑونٹھ لاکہٕ ہُند۔** بڑونٹھ کالہٕ ہُند۔

**بڑونٹھ نَم۔** ناوِ یا سَمندری جہازَس ہِیترِ بُتھِ کَنیٚک حِصہٕ یُس مَنٛزری مِہ حِصہٕ کھوتہٕ کھوٚد آسان چھُ۔ یہِ چھُ پانٛیس منٛز آسان۔

**بڑونٹھ نیرُن۔** ۱۔ (جوٗلوٚسَس بیترِ) گوڑ روزُن۔ بُتھِ روزُن۔ بڑوٚنٹہ بڑوٚنٹہٕ کُن۔ ۲۔ باقی ہیٚتھ نیرانٕی۔

**بڑونٹھ یُن۔** گوڑ وأتِتھ ییوٚن۔ گوڈے وأتُن

**بڑونٹھُس** [ن۔ سۆل: بڑونٹھُس > ک: بڑونٹھ + اُس]۔ نوٚ دٕری یہِ ییٚنہٕ وأنِس وٕری کِس منٛز۔

**بڑونٹھُس کُس۔** نوٚ وٕری کہ۔

**بڑونٹھُس کَنہٕ۔** نوٚ وٕری یہِ ہیٚوہ۔ ہیوٚے ییٚنہٕ دأنِس وٕری کِس منٛز۔

**بڑوٚنٹہٕ کالہٕ ہُند۔** بُتہٕ مِہ زمانٕک۔ ہیٚتھ کالک۔ پڑان۔

**بڑیٚڈ کہ مر** [ن۔ سۆل: بڑیٚڈی مر > س:

بھٹّارَکہ سَتھ یا بھرتِہ سَتھ]۔ سرِی نگرٕ کِس منٛز زأنہٕ کدٕلَس ہوٚن ڈیٚھٕ ڈیٚھنی کینٛہہ اکہٕ جایہٕ ہُند ناو۔

**بڑیٚہ، بڑاہ** [م۔ سۆل: بڑیٚہ > س: بَرہہ یا بھراش —] نارٕ ریٚہ۔

**بڑیٚہ ٹُلنی۔** ریٚہ ہیوٚناونی۔

**بڑیٚہ وۄتھنی۔** ریٚہ ووتھنی۔ ریٚہ تیز ٕنی۔

**بڑیٚے** [م۔ سۆل: بڑیٚے > س: بَدرَ]۔ اکہٕ سۄک ناو یُس گوٚرد أنِس سوٗتٕی چھُ آسان۔

**بڑیٚہ پوٗس۔** توٚن بڑِ نجایہٕ۔

**بڑیٚہ گُج۔** اکہٕ لوٚکٹِ کُلِشیٚک ناو یتھ بڑیٚہ نیران چھیٚے۔

**بڑیٚٹھ** [سۆل: بڑیٚٹھ > س: بھرشٹہٕ]۔ بےٚ شوٗر۔ بیوٚقوٗف۔ مُڈٕ۔ بےٚ بوسُش۔ یُس نہٕ کُنہِ چیٚز تِلہٕ تہٕ وٕ فِکرٕ تھرِ۔

**بڑیٚٹھُل۔** بڑیٚٹھگی۔ بیوٚقوٗفی۔ چارٕ گی۔ بےٚ شوٗری۔

**بڑیٚٹھی لاٗزٕ۔** بڑیٚٹھگی۔ بڑیٚٹھُل۔ بیوٚقوٗفی۔ بےٚ شوٗری

**بڑیٚٹھ پوٚتل۔** ہیٚنٛزٕ لوٚپٕن ہیٚوہ۔ بیوٚقوٗف۔

**بڑیٚٹھگی۔** بڑیٚٹھُل۔ بےٚ شوٗری، چارٕ گی۔

**بڑیٚٹھ لوٚپن۔** بڑیٚٹھ پوٚتل۔ ہیٚنٛزٕ لوٚپٕن ہیٚوہ چور۔

**بریٹھن** ۔ بےعقلی ۔ عقلہٕ ڈلُن ۔ بیوقوفی کرٕنۍ ۔ اَعقہٕ آزی کرٕنۍ (خاصکرٕ بُتھ بُڑتھ) ۔

**بریٹھیوُمُت** ۔ بیعقلیوُمُت ۔ ڈوٗلمُت ۔

**بریٹھ گژھُن** ۔ بریٹھُن ۔ عقل راوٕنۍ ۔ بےشور بنُن ۔

(شیٹھ گوٗر) بریٹھ گو ۔ وانسہٕ ڈلِتھ ژھینہٕ انسانس حواس ۔ بچا ۔ وزان ۔

**بریڑ** ۔ وُچھو "بیڑ"

**برِیش** ۔ [م ۔ سُول : برِیش > دٕ س : ڈرِشہٕ] ژھوٗبر ۔ مادٕ چار واین ہنٛز جنسی خاہش ۔

**بریشہٕ اژُن** ۔ مادٕ چار دائے شُند گوڈنچ پھِرِ گرٕ مُن ۔ بریش شوٗرُ گژھنۍ ۔

**بریشن ژامٕژ** ۔ گرٕ مہنٛز ہیٚنٛزٕ مٕژ ۔ یُس بریش آسہٕ ہیٚنٛز مٕژ بنۍ ۔

**بریشہٕ آمٕژ** ۔ سَخ گرٕ میمٕژ ۔ بریشہٕ ستۍ میتیمٕژ ۔

**بریشہٕ لَد** ۔ یُس سَخ بریش آسہٕ ۔ یُس زبرٕدس گرٕ میوُمُت آسہٕ

**بریشہٕ مٕژ** ۔ سُہ مادٕ چار ووے یُس بریشہٕ ستۍ مَنٛزٕ ہیوٗہ آسہٕ آمُت ۔

**بریشہٕ رُن** ۔ مادٕ چار دائے شُند گرٕ مُن ۔

**بریش لگنۍ** ۔ بریش ییٚنۍ ۔

**بریش ییٚنۍ** ۔ بریش لگنۍ ۔ مادٕ چار وائے شُند گرٕ مُن ۔ نرٕ سٕند ابتھ ثنۍ ۔

**بریک** ۔ [م ۔ سُول : بریک > انگ : بریک BRAKE] ۔ سُہ پُرزٕ ییمہٕ ستۍ یکہٕ وِنۍ گاڈی بیترِ چھیٚے رُکاونہٕ یوان ۔ روک ۔

**برِیس** ۔ ۱ ۔ اَکِہ قسمُک زوٗرُ ۔ ۲ ۔ (بتہٕ بیترِ) آب ریتھ خراب گامٕتس حالتس مَنٛز ۔

**بزاز** ۔ [سُول : بزاز > ع : بزّاز] کپُر کنَن وول ۔ بزازی کنَن وول ۔

**بزازِ وان ۔ بزازی وان** ۔ کپرٕ وان ۔ کپُر دُکان ۔ سُہ وان یتھ کپُر کنُن آسہٕ ۔

**بزازی** ۔ کنہٕ باپتھ کپُر ۔ کپُر ۔

**بزم** ۔ [م ۔ سُول : بزم > ف : بزم] ۱ ۔ مجلِس ۔ لِکھارین ہنٛز تشکیل دِنہٕ آمٕژ ادبی تنظیم ۔ ۲ ۔ خوش گفہٕ کرنہٕ خاطرٕ دوستن ہنٛز مجلِس ۔

**بزم کرٕنۍ** ۔ ہزلہٕ کنۍ تس عیاش شخصس متعلق وَنان یُس یارن دوستن ہنٛزن مجلسن مَنٛز مالی شُند مال جاداد خرچ چاوِ ۔

**بزن** ۱ ۔ [ن ۔ سُول : بز > س : بھرج] تلُن ۔ ٹلِژُن ۔ دِیُن گسُن ۔

**بزان بانہٕ** ۔ تلن بانہٕ ۔ یتھ مَنٛز چیز ٹلِژُن ییہٕ دِنہٕ ۔

**بزٕ بتہٕ** ۔ تلِتھ مسالہٕ بتہٕ ۔

**بزٕ** ۔ وادٕ باہ چیز اکی دِنہٕ تلنۍ ۔ وادٕ باہن

چھنزَن بیوٗن بانَن مَنزٕ اکی دِزٕ تٔلِین دِیُن -

بُزٕ ثُن - تٔلِیُن - تَلنہٕ یا پیٹھ بگارٕ -

بُزِٕ ته دیُگ - بگاڑ کرنہٕ یا پیٹھ لیوٗل -

بُزِٕ ته لیِیچ - بگاڑ کرٕ ہنیچ لیِیچ -

بُزٕ ثُن دیُن - بگاڑ کرُن -

بُزٕ ثُن کھیوٗن - تیِلَس یا گوٗسَس پیٹھ روٗنمت کھیِ کھیوٗن - توٗلمُت کھیوٗن -

بُزٕ ثُن لگُن - تٔلِیُن لگُن -

**بُزُن ۲** [ن - مٔول : بُز > س : بھاجنہ -]

باگرِتھ تھوٗن - کُنہٕ چیزَس بیوٗن بیوٗن باگ کرِتھ تھوٗنی - زارَس پیٹھ شَرٕ طِیِچ ہار برٕنہٕ ییٚیچ دِنہٕ

ڈانڈٕ بُزُن - لگہٕ دِیُن -

بُزُن ثرُن - رِتِن دوٚہَن پیٹھ اَدرٕ پورٕ ہیوٗن دِیُن

**بُزُن ۳** - [ن - مٔول : بُز > س : بھجنہٕ -]

پوزاکرٕ نی - بُزٕ تھ کرُن - نوٚہ تاکرٕنی - سوٗن (سپو کرنی)

**بُزٕ ور** - [> ف : بہٕ + زور -] زورٕ ستی - طاقتہٕ ستی - زور بیتر تراوِتھ -

**بُزٕ ثُن ۱** - [ن - مٔول : بُزِن -] اکھ خوٗ درٕ سبزی -

**بُزٕ ثُن ۲** - [م - مٔول : بُزٕ ن > س : کھبر جنہٕ -] تٔلِیُن - بگاڑ -

**بُزٕ دٕ** - [م - مٔول : بُزٕ تھدٕ -] کھوٚنہٕ دٕ بٕ ہیوٗرنہٕ

پھٹکس نام نرٕ ہنٛد حصہٕ -

**بَس ۱** - [مٔول : بَس > ف : بَس -] - یوٗتے - تھکو -

بَس کرُن - تھوٗن - رُکُن - پتھ روزُن -

**بَس ۲، بُس** [م - مٔول : بَس > س : بھسمہٕ] چوٗرٕ - پھٹکھ - ژرٕن -

بَسرِ پھوٗل - پتھ کُن رُوزٕ مُتٕ بُس -

بَسرِ نار - ژرٕ نہٕ چوٗرُک نار -

بَسرِ نوٗن - ڈگھتھ نوٗن - نوٗ نہٕ چوٗرٕ - نوٗ نہٕ بوٗہرٕ بیترِ اوٕ بورِ تُلنہٕ ژراونہٕ یہ سہٕ پھٹکھ ہش پوٗتس روزان چھے -

**بَس ۳** - [م - مٔول : بَس > انگ : بَس (Bus) اومنی بس (Omni Bus) لفظُک ژھوٚٹ -]

سَوارٕ سارٕ ہنٛز لاری یا گاڑی - کرایہ پیٹھ عام سَوارٕ سارٕ ہنٛز لاری -

**بَسر، بُسیر** - [مٔول بَسر > ف : بَسر -] تنگ - ہٹُس پیٹھ - تالہِ کٕز -

بَسرانُن، بُسیرانُن - تنگ کرُن - پریشان کرُن - ہٹُس پیٹھ باہُن - تالہِ کٕنی انُن -

بَسر آمُت - بُتنگ - آمُت - تالہِ کٕنی آمُت - بُتی آمُت -

بَسرٕ ٹُن، بُسیرٕ ٹُن - تنگ - ٹُن - پریشان -

سپدن۔ نالہ کنز ین۔

**بستھ** [ن۔ مول: بشت > ہ: بست > س: وستنہ] ۱۔ ہند ین ہشد اکھ بوڈ دوہ۔ ۲۔ شندی جہ پوشن ہند ہبوہ رنگ۔ لیدریہ سان رنگ۔

**بسن** [ن۔ مول: بسن > س: وسنہ] روزن۔ گرہ کرن۔

**بسن جاے**۔ روزن جاے۔ روزنہ خاطرٕ بیترٕ۔

**بسن لسن**۔ آباد سپدن۔ آباد گژھن۔ زندگی گذارٕ سنز۔

**بسن ودل**۔ روزن ودل۔ بسکین۔

**بساون**۔ کنہ جایہ روزنہ باپتھ تھون۔ تصیتھ کرناون۔ پانس سستی تھون۔ بساے کرناونی (کوہ بیترٕ)۔

**بساے**۔ روزن۔ بسن۔

**بساے کرٕنی**۔ گرہ کرن۔ آوارٕ نہٕ روزن۔ تصیتھ دِنی۔

**بساے کرٕون**۔ بساے کرن ودل۔ یس سیٹھا ہس کانس ڈیرٕ بڈی کٕہ کتھ دِہ نی کنہٕ اکس جایہ ڈیرٕ دِیہ۔

**بسہٕ ناون**۔ کانسہٕ مستقل بایہ قیام کرناون۔ مستقل پاٹھی کانسہٕ اکسے جایہ ڈیرٕ دِناونا۔

گرس اندر تھون۔ گرٕ کرناونا۔

**بسہٕ ونی**۔ کرایہ روزٕ ونی۔

**بسہٕ ون**۔ روزن ودل۔ روزٕ ون۔ یس کنہٕ جایہ روزان آسہٕ۔

**بستہٕ** [ف: بستہ] ۱۔ دِتھ۔ بند۔ گنڈِتھ۔ وٹِتھ۔ ۲۔ سر۔ راز۔

**بستہٕ بھراو**۔ داں ڈور ین ہشد زور تم بھیٚر۔ زورِم نہ ہشد۔

**بستہٕ روزن**۔ پانے کنہٕ گرس بیترِ منز بند روزن۔ زورِ روزن۔ (آلشہٕ بیترِ کنی) کامہٕ ژھین دِین۔ کام نہٕ کرٕنی۔

**بستہٕ کرن**۔ بند تھون یا کرن۔ قاد تھون۔ ٹکی نہٕ ٹکی کرن۔ سامانہٕ بیترِ نہٕ دِنہٕ کانسہٕ ہنز کام بند کرٕنی۔ بر بیترِ دِین یا بند کرن۔ کبنہٕ گنڈِتھ تھون۔

**بستہٕ گژھن**۔ بند سپدن۔ قاد سپدن۔ حاران گژھن۔ رادن۔ پنجرس منز گژھن۔ نژن نہٕ نژِ ہن گژھن۔ سامانہٕ بیترِ مو کلنہٕ کام رکتھ گژھنی۔ دِنہٕ ین۔ بند گژھن (درواز بیترِ)۔ گنڈنہٕ ین۔

**دس بستہٕ** (دست بستہٕ)۔ گنڈِ گنڈِتھ

نمسکار کرٕ کھ۔

(دکس) بستہ۔ تیار آسُن۔ تیارٕی ہشرٕ حالتس منز آسُن۔

**بستہٕ** ع۳ [م۔ سۆل: بست < س: بھستر]۔ ۱۔ کھل۔ کتہٕ مُسلہٕ، ژھاوٕل مُسلہٕ یا رُوسی مُسلہٕ۔ کانسہٕ چارواے سُند مُسلہٕ (عام پاٹھی اِنسان مُسلہٕ تہٕ)۔ ۲۔ ہٹھ۔ ژیوٗل، ٹھکٹھ بینز۔ ۳۔ ٹھیلہٕ۔ جوٗلی (بیچھوٗنی منز)

بستہٕ منز سر۔ یہ چھ کتھ باونہٕ خاطرٕ ونان زِ اِنسانس اندر چھ راز تہٕ مُتھ بیٹھ اندر حم حال تنُن چھ مُشکل۔

بستہٕ منز کاجوٗ کھٹھ۔ (ورگہٕ پاٹھی) تکلیف دِژن تہٕ انداز مُتھ تہٕ بیٹن فکر تر۔

بستہٕ رنگر۔ بُسند کار چارواے بستن رنگ دِین آسہٕ۔ یس بستہٕ رنگان آسہٕ۔

بستہٕ رنگر۔ یوٗس چارواے بستہٕ رنگتھ بیٹن گذارٕ کران آسہٕ۔ سوٗ زنانہٕ یُسند کار بستن رنگ دِین آسہٕ۔

بستہٕ ژھننتھ کیاچھ کھکھ ابہٕ کھوژن۔ بے شرم یُنتھ کیاچھ پتہٕ کانسہٕ وُچھن۔ ناو نیرتھ کیاچھ دوہ زٕ بدنامی کھوژن۔ م: خرس کھیسنتھ کھکھ ابہٕ کھوژن۔

بستہٕ ژھننی۔ جوٗلی لاگنی۔ جوٗلی لاگتھ نیرُن۔ بیچھُن ہیوٗن۔

بستہٕ کٹر۔ مُسلیج اکھ پرٲنی تہٕ ہوٗ چھپُر چھل۔ بستہٕ کھلر۔

بستہٕ کھٕہنی۔ آبہٕ پھیچھ نیرُن۔ اکھ قسمک پھیچھ ہیُوہ یتہٕ منز پونی آسان چھُ، یہ چھ توٗت پونی بینہٕ یا گگھ لگتہٕ نیران ہٹھ۔

بستہٕ کھلر۔ پرانہٕ مُسلیج اکھ پرٲنی چھل۔ بستہٕ کٹر۔

بستہٕ گوٗر۔ یُس بستن ہُند کارٕ بار آسہٕ کران۔

بستہٕ واے۔ چارواین مُسلہٕ والنُک کار۔

بستہٕ والنی۔ مُسلہٕ تلُن۔ دالہٕ ڈالن۔

(دِتن) بستہٕ۔ سوٗ بستہٕ بیٚیہٕ عستی کھارِ وانس منز نار دِ ہہٕ ناوان چھُ۔

**بسم**۔ [ن۔ سۆل: بسم < س: بھسم]۔ سوٗر۔ پھیکھ (خاصکر تھ کٹہٕ پوٗتیٕز نارک سوٗر)

بسمہٕ پا شرم۔ ماگہٕ زدٕتہٕ پچھک پتہٕ شریم دِژہ۔

بسمہٕ گوٗل۔ ورُملہٕ یوٗن سٕہ گوٗل بپارٕی وہتھ نیران چھے۔

بسم گرٕ ھن۔ سوٗر گرٕ ھن۔ سوٗر بنُن۔ پھیکھ بنُن۔

بَسم گُلُن - بَسِم مَنٛدُن - سوٗر گلُن (گوسانِن ہِنٛدی پأٹھی) -

**بَسمادر** - [ن - مؤل: بَسمادر < س: بھسمادھر] یُس پانس بسم مَلِتھ آسہِ - شِوَس شُنٛد اکھ ناو -

**بَسماسوٗر** - [س: بھسمہ + اَسُر] اَکھ راکھشِس شُنٛد ناو یُس پانس سوٗر کوٚر -

**بَسمہٕ** - (وَسمہٕ) [ن - مؤل: بَسمہٕ < ع: وَسمۃ] اَکھ خاص کُرٛہن رنٛگ یُس ریٖشَس یا مَتٛس چھُ کرنہٕ یِوان - والَن ڈِنٛگ رنٛگ -

**بَشَر** - [ن - مؤل: بَشَر < ع: بَشَر] -
۱ - آدم - اِنسان - مَنُش - ۲ - اِنسان یَیمی سِنٛدِ اَتھہٕ پوٚکٕ خطا سَپدَن ہیٚ: بَنٛدٕ چھُ بَشَر - بَشَرُن یِیوٚن - (بَنٛدٕ آسنہٕ کِنی) بَشَرِ بُن (اِنسأنی) کمزوٗرِ یَن ہِنٛد شِکار بَنُن (شُنٛدِ ریٚوَش) - اَتھٕ سَپدُن -

**بَشارَت** - [م - مؤل: بَشارَت < ع: بَشارۃ] -
۱ - خوٚش خَبَر - رٕژ خَبَر - ۲ - کاشِہ غیبی خَبَر - وَحے -

**بَشاشَس** - [مؤل: بَشاشَس < ع: بَشاشَس] خوٚش آسہٕ دُن - آسہِ وٕنہٕ شُجھِ -

**بَشاشَت** - [مؤل: بَشاشَت < ع: بَشاشۃ] - خوٚشی - آسہِ وٕنہٕ ہو شُجھ -

**بَشرِیت** (بَشرِیَتھ) [م - مؤل: بَشرِیت < ع: بَشَریۃ] اِنسان سُنٛد بَنُن یُس بَنُن نہٕ ستوٗرو کھ - اِنسانہٕ سِنٛدی حاجَتھ - عاب دار آسنچ حالَتھ (اِنسان آسنہٕ سوکھ)

**بَطَخ** - [ن - مؤل: بَطَخ < ف: بَطَخ = س: وَرتِکا] -
اَکھ آبی جانوَر - م - بَطَچ -

**بَطَخ پوٗٹھ** - اَکھ کُل یَیمیک پَن گِھتھ نِشرِ کھاران چھُ -

**بَطَخ پوٗٹھ کھیٚنُن** - ۱ - (وَرگہٕ پأٹھی) پٕراتھ پٕراتھ لگُن - یَکھ یَکھ کرنہٕ مَرضہٕ لارُن - کَتھ تہٕ کَتھ تہٕ کرنہٕ - یَکوا سَس لاگُن -

**بَطَخ لیٖوٹ**، لیٖوٹھ - اَکھ دَوا کاسہٕ یُس نَیلَن وَیلَن سَنٛز کھسان چھُ -

**بَطور** - [< ف: بطور] - پأٹھی - رٕنٛگی -

**بَظاہِر** - [مؤل: بَظاہِر < ف: بہٕ + ع: ظاہِر] ۱ - شُجھِ تَلہٕ - ظاہِر پأٹھی - یہ گو ڈٕنٛگہٕ نظرِ یوٗزنہٕ یِیہ - ۲ - ظاہِرا - سُتاید -

**بَغَل** - [ن - مؤل: بَغَل < ف: بَغَل] - کَژھ
بَغَل بوے - سو بَد بوے یُس سہ گموٚ کِنی کَژھن یِوان چھےٚ -

**بَغاوَت** ۔ [م۔ سوٗل: بَغاوَت < ع: بَغاوَة]
۱۔ سَرکشی۔ بُچھِ لگُن۔ بُتھو لاگےٚ۔ ۲۔ لڑٲے
بیترِ یوسہٕ کُنہِ ظُلمَس خلاف حوٚکوٗمتَس سٟتۍ
بیہٕ کرَنہٕ۔ بُتھی بِھیٚشُر گژھٕ ہٕنٛز حالتھ۔

**بَغَیر** ۔ [< ف: بہٕ + ع: غیر] وَرٲے۔ رٕوَس۔

**بَغلی** ۔ [< ف: بَغلی] أنٛدرِ۔ بییِٚ طَرفہٕ۔
بَغلی گژھُن۔ ۱۔ أنٛدی سَمکھُن۔ ژُوٚرِ
پٲٹھۍ سَمکھُن۔ ۲۔ أنٛدی کِنۍ گژھُن۔ مُنٛزی
وَنہِ گژھُن۔
بَغلی یُن۔ ژُوٚرِ پٲٹھۍ سَمکھنہِ یُن۔ کوٚژھ
بیترِ دِنہٕ باپتھ بییَن خبَر نَفوٗ نے یُن۔

**بَغلہٕ** ۔ ۱۔ دوٚن ژھٕنٛن مَنٛز لَب۔ ۲۔ قَمیضہٕ یا
بُشاٹٕہ ہٕنٛد سینَس پیٹھ چیٚنٛدٕ۔ چیٚنٛدٕ۔

**بَقال** ۔ [ن۔ سوٗل: بَقال < ع: بَقال] ووٚنۍ۔

**بَقایا** ۔ [ن۔ سوٗل: < ع: بَقیہ] ۱۔ باقٕے۔
بیچھ کُن دَرٲشت رَقم بیترِ۔ ۲۔ کانٛسہِ پوٚنٛسہٕ
ٹوٗنٛک ہارنس مَنٛز اوٚڈ ہورنے روزُن۔

**بَقولِ (شخصے)** ۔ (کانٛسہٕ لوکہٕ کُنہٕ وَننہٕ وِزِ وَنان)

**بَکثرَت** ۔ [سوٗل: بَکثرَت < ف: بہٕ + ع: کَثرة]
ژوٗر۔ جادٕ۔ غلبہٕ پٲٹھۍ۔ بُژھ پٲٹھۍ سوٕلبہٕ پٲٹھۍ

**بَکار** ۔ [< ف: بَکار]۔ لگہِ ہار۔ کامہِ کارَس
لایَق۔ بہٕ کُنہِ لگہِ۔
بَکار یِوٕ وُن۔ لگہِ ہار آسہٕ وُن۔ کامہِ
کارَس لگہٕ وُن۔
بَکار یُن۔ کامہِ لگُن۔

**بَکام** ۔ [< ف: بہٕ + کام = س: کامہ]۔ پننہِ گوٚ۔
پننہِ مرضی مُطابِق۔
بَکام واتُن۔ مقصد پوٗرٕ گژھُن۔ بَرٕ ھُن
بامل یُن۔

**بَکس، بوٗکس** ۔ [ن۔ سوٗل: بوکس]۔ کوٚنٛگہِ
پوشکی بیٚڑ ی ڈٕبہ۔

**بکواس** ۔ [ن۔ سوٗل: بکواس < س: بکوادَ]
ٹٕلی کتھہٕ۔ بَکھ بَکھ۔ یِمَن کتھَن نہٕ سوٗد آسہِ
تِمنے کتھَن وَن وَن کرٕنی۔
بکواس کرُن۔ بکھ بکھ کرُن۔ نوٗضوٗل کتھہٕ
بیترِ کرَنہٕ۔ ٹٕلی کتھن وَن وَن کرٕنۍ۔ کتھہٕ
ہرکرٕنی۔ کتھہٕ لڑٲے کرٕنۍ۔
بکواس گژھُن۔ کتھہٕ لڑٲے گژھٕنۍ۔
بانہٕ وِزٕ اکھ اَکِس ناس تراس دُنُن۔
بکواس لاگُن۔ بکھ بکھ شوٗرٕ کرُن۔
فوٗضوٗل کتھہٕ تُلنہٕ۔ ہشکہِ تہٕ منٛگہٕ چہٕ کتھہٕ
لاگنہٕ۔

بکوآسی - بکواس کرَن وول - فضول تہ
ئلی کتھن وَن وَن کرَن وول - شہ لیسترن
کتھن کانہہ تہ سود آسہ نہ -

**بکھ** - [ن - سؤل: بک ح س: واک یا بُکؔ E]
بکواس - فضول تہ بے مانے کتھہ بیترِ -
ٹرٹر - بڑاتھ بڑاتھ -

بکھ بکھ - وَنہ وَن - ٹرٹر - بڑاتھ
بڑاتھ - بکواس -

بکھ دِنُن - حد بیرِ رتھ بکواس کرُن - بکواسے
یوت کران روزُن - ییتھ نہ ساڈے
آسہِ تِ ونان روزُن -

بکھ کرُن - گرَ تہ گرِ بکواس کران روزُن -
فضول تہ بے مانے کتھہ کرنس نہ تھکیے کرُن -

بکھ لاگُن - کتھہ کرئی کرئی خوشگیھ اِشنی -
وران گژھُن -

بکَل - ئیس ہوئی ہندی یا ٹھو ٹھو ٹھو
کران آسہِ - ئیس گرَ تہ گرِ چِھو چھو گرِ
بکھ بکھ کرَن وول - بکھر لد -

بکن لگُن - بھِس شان بھِس شان رد بد
ونان گژھُن -

بکہِ بکھ - ۱- حد بیرِ رتھ بکواس - حد بیرِ رتھ
فضول تہ بے مانے کتھہ بیترِ - ۲- گرِ بکرِ
ہُند شور -

بکہِ بکھ کرِنی - ۱- بکواس کرُن - فضول
تہ بے مانے کتھہ کرِنہ - ورُن - ۲- گژگرُی -

بکہِ بکھ کرِ وُن - ۱- ییتھ سخ گرَ کھ آسہِ
یوان - گرَ کِہ گرِ کھ کرِ وُن - ۲- بکوآسی -
ٹرٹر کرَن وول -

بکہِ دِنہ - ژُکھہِ ستی لو تہِ لو تہ ور ور کرُن -

بکہِ دِنہ - ژُکھہِ منز بکواس کرُن -
بھو شنہِ ستی فضول تہ مانے
روس کتھہ کرِنہ -

بکہِ دِنہِ وُن - ئیس ور ور کرِ رتھ
یا اڈ زاڈ بیترِ کرِ رتھ کانسہِ کھوژہِ ناوِ -

بکہِ لد - بکوآسی - ئیس بکھ بکھ آسہِ -
ئیس بڑاتھ بڑاتھ آسہِ -

بکہِ وُن - ۱- بکوآسی - بکَل - ۲- دژہ کھ
اَنَن وول - کھشوشت کھارِ رتھ اَنَن وول -

بکُن - ۱- بکواس کرُن - فضول کتھہ
بیترِ کرِنہ - بڑاتھ بڑاتھ کرُن - ورُن -
ژُکھہِ منز اوڈک یورک ونان گژھُن -

۲۔ دٕرٛوٕ کھکرِ زِ۔ کھوٗمُت چوٗمُت
آسہٕ کِنہٕ بیٚیہٕ نِبر ترٛاوُن۔

ٲکِھ ترٛاوُن۔ دٕرٛوٕ کھکرِ زِ۔ کھوٗمُت
کھاٲرِ نِھٲکُن۔

ٲکِھ زِٹھنٕن۔ (زٕکھِ منٛز) تی تی ؤنِھ
گَرٛژھن بینہٕ شوٗبِہ۔

**بکھِ بوٗز** ۔[ن۔ سۆل: بکھِ بوٗز < بھکشہ بھوجہٕ]
شِرٛادَس پیٹھ ہوٗر دِ پنٛدی ناوی
دیتمُت کھینہٕ باو بیتٕر۔

**بکھییرٕ** ۔[ن۔ سۆل: بکھیر < ہ: بکھیڑا < س: وِکِرٛیہٕ]
تیٚتھ کارٕ بارَس اُدرِیور داہرٲ دِتھ آسہٕ۔

بکھیرٕ کرُن۔ تیٚتھ کارٕ بار کرُن یتھ اَنٛدرٕ
کھٕرِی ناو آسہٕ۔

بکھیرٕ لَگُن۔ کھٕرِ پن منٛز پھٔسُن۔

بکھیرٕ واہرُن۔ کھٕرِی دار کار پھٲلاوُن۔

(بانٛڈٕ) بکھیرٕ۔ (بانٛڈَن ہُنٛد) لوٗہٕ لَنٛگرٕ
ٹھُکرِ یتھ سامانہٕ بیتٕر۔

**بکھٕت** ۔[ن۔ سۆل: بکھت < س: بھکتہٕ]
ٲکھتی۔ دٕیِس لول بَرَن وول۔ یُس
دٕیِہ ہُنٛد لول آسہٕ۔

بکتنہٕ باو۔ ٲکھتی آسنیچ باونا۔ ٲکھتی آسُن۔

بکتہٕ وٕتنٕسَل۔ بکتَن ہُنٛد ٹوٗٹھ دٕے۔

بکتنہٕ وٕتنٕسَل۔ یُس بکھتَن ٹوٗٹھان چھُ۔
یُس بکھتَن خوش روزِ۔

**بکھتَر** ۔[ن، سۆل: بکھتر < ف: بکتر]
زِرٛہِ بکتر۔ شستٕروٚی پکوٗیم جنٛگس منٛز بچاوٕ باپتھ
ناٲلی چھِ یوان ترٛاونہٕ۔

بکھتَر بَردار ۔[ف: بکتر + بردار]
بکھتٕری۔ یُس بکھتَر لاگِتھ آسہٕ۔ بکھتَر
لاگِتھ جُنٛگی۔

بکھتٕری۔ یُس بکھتَر لاگِتھ آسہٕ۔ بکھتَر
لاگِتھ لَڑَن وول۔

**بَگ** ۔[ن۔ سۆل: بَگ < س: بھگہٕ]
زنانہٕ ہنٛز ستٕرٕچ جاے۔

**بگھٕ** ۔[سۆل: بگت < س: بھکتہٕ]
۱۔ عابد۔ دٕیِس گارَن وول۔ ۲۔ اُکنی گاہکِن
بانٛڈَن ہنٛز کرام۔

**بگَنٛدرٕ** ۔[ن۔ سۆل: بگنٛدر < س: بھگنٛدرٕ]
مَنٛدل پھٕل۔

بگَنٛدرٕ پیوٚن۔ مَنٛدٕل پھٕل نیرُن۔
مَنٛدلہِ چھ جایہِ اکھ بوڈ پھیپھٕر نیرُن۔
(یہ چھُ اکھ وٕڈٕو)۔

بگَنٛدرٕ لَد۔ یُس بگنٛدرٕ آسہٕ۔

بِیس سَنٛدِ لَس پھیل آسِہٕ۔

**بگاڑ** - [ن۔ سۆل: بگار < س: ابھگھر۔]
ئزٕ ژُن۔ تیل یا گیو بیترِ ٹس رنہٕ نس تڑاوان چھ۔

بگاڑ دار۔ ئزٕ نھ۔ یتھ بگاڑ آسہِ گوٚرُشت۔
یتھ بگاڑ آسہِ تڑوو ُشت۔

بگاڑ رۄس۔ بزٕ نے۔ یتھ نہٕ بگاڑ آسہِ
گوٚرُشت۔ یتھ بگاڑ آسہِ نہٕ تڑوو ُشت۔

بگاڑ کرُن۔ بزٕن۔ رنہٕ نس پیٹھ بگاڑ
تڑاوُن۔

بگارُن۔ بگاڑ تڑاوُن۔ بگاڑ ژھنُن ئلنٛشُن دِیُن۔

**بگہٕ** - بھگوان۔

**بگدتن** - [< ع: بغتۃً] الغاۂ۔

**بگوتھ، بھگوت** - [سۆل: بگوت < س: بھگوت]
خوٗ دأیی۔ دٕ ے وی۔

بگوتھ، بھگوت گیتا - [م۔ سۆل:
بگوتھ گیتا < س: بھگوت گیتا]
ہیٛندین ہنز اکھ پوٚتٕھ کتابہ ہُنٛد ناو۔

بگوت مایا، بھگوت مایا۔ خوٗ دأیی
کرامتھ۔ دٕ ے دِ لیلا۔

**بگوان، بھگوان** - [ن۔ سۆل: بگوان < س: بھگوان]
دٕ ے ایشر۔ خوٗ دا۔

**بگوٗتی، بھگوٗتی** - [م۔ سۆل: بگوٗتی < س: بھگوٗتی]
دیوی، ورگہٕ یا کٹھی تس زنانہٕ تہٕ پوان ونٕنہٕ
یوٚسہ پوٗزا یہ لایق آسہِ یا ییٚس پٔتی صِفتھ آسن۔

**بل ع ۱** - [ن۔ سۆل: بل < س: بلہٕ] طاقتھ۔ زور۔

بلہٕ رژھر۔ طاقتھ نہٕ آسُن۔ کمزور آسُن۔
کم ہیٚمتھ آسُن۔ نہٕ لگہٕ ہار آسُن۔ ناقابلِ آسُن۔

بلہٕ رۄس۔ ییٚس نہٕ طاقتھ آسہِ۔ ییٚس نہٕ
زور آسن۔ کمزور۔ طاقتہٕ رۄس۔ کم
ہیٚمتھ۔ نہٕ لگہٕ ہار۔ ناقابِل۔

بلہٕ سوٚشت۔ ییٚس سیٹھا زور آسن۔
ئیٚس زورن منٛز آسہِ۔ بلہٕ دان۔

بلہٕ سوو۔ ۱۔ طاقتور۔ سیٹھا بلہٕ ودل۔
۲۔ کارگر۔ اثر دار (دوا بیتر)۔

بلہٕ ویر۔ سیٹھا بلہٕ ودل۔ سیٹھا طاقتی۔
سیٹھا زور دار یا زوردار۔ بوٚہدُر۔ جُرتی۔
ئیٚس کاشہ تہٕ مُشکِل کأم کرنس پیٹھ تیار آسہِ۔

بلہٕ ویری۔ بوٚہدُری۔ دِلیری۔

بل ہاوُن۔ زور ہاوُن۔ طاقتھ تھکناوُن۔
شان ہاوُن۔ بجر ہاوُن۔

**بل ع ۲** - [ن۔ سۆل: بل < س: بلِہ]
نیاز۔ نذر۔ قوربأنی۔

بَل پٔرٲ بِیٛن ۔ فقہ ربٲنی یا رِنیازٕ باپتھ پٔوزا (ہِیٛندِ ین ہُنٛد اکھ رَسم) ۔

بَل دِیُن ۔ رِنیاز کَرُن ۔ بلی دِنی ۔

**بَل ع۳** ۔ [ن ۔ سٕوٗل: بَل] اکھ پوٚت لوٗگ سٕیٚٹھاہ مانے چھُ کُنیج جاے ۔ م؛ حَضرَت بَل ۔ گَرٕ ٹہٕ بَل ۔ کونٛدٕ بَل ۔ وُرٕ بَل بیترِ ۔ آورِبٔنہٕ بَل، رازٕ بَل، شُمسانہٕ بَل ۔ سوٚ جاے یٚیتِہ نَس سوٚرِ شوٗ زالنہٕ چھُ یِوان ۔ سوٚرِ زالنٕچ جاے ۔

پوٚکھرٕ بَل ۔ پَرٕ بَتَس یَتھ کِنز اکھ مَشہوٗر جابہ ہُنٛد ناو ۔ اَتہٕ چھُ شارکایہ ہُنٛد ناگ تہٕ اٹھم دۄہ چھِ اَتہٕ خاص دِدے لگان ۔ پوٚکھرٕ = ناگ

تَبل = جاے م؛ سوٚختہٕ پوٚکھرٕ ۔

حَضرَت بَل ۔ کٔشیرِ ہنٛز اکھ مشہوٗر جایہ ہُنٛد ناو یٚیتِہ اَستانَس منٛز آنحضرَتن ﷺ ہُنٛد موے شریف چھُ ۔ دَرگاہ ۔

سَسٕ بَل ۔ سالرَن ہنٛدِ سَسٕ بٔنٛہنیٚج جاے ۔

**کونٛدٕ بَل** ۔ سوٚ جاے یٚیتِہ بانہٕ پَیرٕ باپتھ کونٛدٕ آسِ ۔

کٔرہ پٔرٕ بَل ۔ کٔرپرِس اَنٛدی یکی جاے ۔ سوٚ جاے یٚیتِہ نَس کٔرۄ وٕر آسِ ۔

گنیشٕ بَل ۔ اَمَرناتھ وَتہِ پہلگامَس نِشِ اکِہ پوٗٹیترٕ جابہ ہُنٛد ناو ۔

گنٛگہٕ بَل ۔ کٔشیرِ منٛز اکھ مَشہوٗر جاے یٚیتِہ سوٚرِ دَن ہٕنٛز اَستہٕ کرٕ بادٕنہٕ چھِیٚ یِوان ۔ یِہ جاے چھِیٚ سر موکھس بیٚٹھ ۔

گَرٕ ٹہٕ بَل ۔ سوٚ جاے یٚیتِہ پانہٕ عَستی یکَن وول گَرٕ ٹہٕ لگتھ آسِ ۔

**مار بَل** ۔ مار بٔٹِس بیٚٹھ سٔران بیترِ کَرٕ نیٚج جاے ۔

**وُرٕ بَل** ۔ ا۔ کھانٛدرَس بیترِ بیٚٹھ وُرٕ دِنیٚج جاے ۔ کھانٛدرٕچ سال کھبوٗ وٕنز ویٚتھہٕ بَل، ویٚتھہِ بَل ۔ ویٚتھہِ بٔٹِس بیٚٹھ سٔران کَرٕ نیٚج جاے ۔

یارٕ بَل ۔ دٔریاوَس بیٚٹھ سٔران کَرٕ نیٚج جاے ۔ گاٹھ ۔

**بَل ع۴** ۔ (دِگنِہ بَل) سوٚ جاے یَتھ کھفرٕ بیٚٹھ آبہٕ دِگنز وَسان آسِ ۔

**بَلَم** ۔ [ن ۔ سٕوٗل: بَلَم دہ، اُ، بَلَم دس: کھلَہ] زیٚٹھ لوٗر یَتھ بٔنہِ شٔسترو پوٚت یا پھال آسِ ۔

**بٕلٔنگ** ۔[ن۔ سۆل: بٕلٔنگ]۔ ڈاڑھ دِنہٕ باپتھ کھوٗر۔

**بلات کار**۔[ن، سۆل: بلات کار < س: بلات کار]۔ سختی ۔ زبرٕدستی ۔ جبر۔

**بلاغت** ۔[م۔ سۆل: بلاغت < ع: بلاغة] عِلمِ بیانُک اَکھ حِصہٕ ۔ نفیس تہٕ زاوِلی مانے بیان کرُن تہٕ خاطرٕ بێہتٕرین لفظٕ ژارٕ۔

**بلاے** ۔[م۔ سۆل: بلاے < ع: بلا < بلو۔] شامت ۔ مصیبت ۔ آفت۔

بلایہٕ دِیُن ۔ تعوٕ ربان کرُن ۔ چھیپہٕ دِیُن۔ بلدان دِیُن۔

بلایہٕ لگُن ۔ چھیپہٕ لگُن۔ تعوٕ ربان سیدُن ۔ ڈنڈٕ ہتھ لگُن ۔

بلاے ئلی ہتھ ۔ ۱۔ وٚٹھنک تہٕ وٚٹھنک خیال تھوٗ نے تم اور کر یوہ کی کھینہٕ چیز یم بنتہٕ علاوٕ کھیہٕ ین ۔ ۲۔ اَلاے بلاے۔ ۳۔ اورٕ کی یورٕ کی فضول چیز۔

بلاے دفا۔ تِلیرِ وَنان بیلِہ کانہہ اِنسان کھرِان آسہِ تہٕ سہ نیر یا ژلہِ۔

بلاے ژھٕننی ۔ ۱۔ کُنہِ بلایہٕ ہتھ دِیُن۔ وَندُن۔ ۲۔ منساوُن ۔ ترٛاوُن۔ ۳۔ کُنہِ مُجراہس تہٕ اَنُن۔ ترٛاوِتھ ژھٕننُن۔ ادٕر کر ژھٕننُن ۔ ۴۔ (کھنپھ تلناوُنہٕ باپتھ) کینژہہ مانُن ۔ ترٛاوُن۔

بلاے ییٚز ۔ مصیبتھ ییوٚن ۔ شامتھ ییٚز ۔ آفتھ ییٚز۔

**بلہٕ ع۱** ۔[م۔ سۆل: بلہٕ < س: بلہ]۔ ٹلی پیاز بلہٕ دان ۔ تعوٕ ربانی دِژ ۔ ٹلی دِژ۔

**بلہٕ ع۲، بلہٕ دانو** ۔[ن۔ سۆل: بلہٕ دانو < س: بلہٕ + دانو] ۔ اَکس دانوٚ سُند ناو، اَکس دیے تہٕ سُند ناو۔ بلہٕ دانو اوس وِروچنہٕ سُند نیچُو تہٕ اَمس اوس ترٛٚن ژگتن پیٹھ راج، اَمی سُند گمنڈ والنہٕ باپتھ ئمنگی وِشنو ہن اَمس پننہٕ راجِ مشرٕ وامن اوتار دٲرِتھ یانے ژھوٹھ ٹینگہٕ ئینتھ نرے ئیدی۔ بیلہٕ بلہٕ دانوَن یہ مون وامنن دِییت اَکھ پوٚد زمینس تہٕ بیٚاکھ سوٚرگس تہٕ اَمس ترٛوٚوُن ہتھ کُن پاتالس یوت ۔

**بلن** ۔[ن۔ سۆل: بل < س: بھلہٕ]۔ دود ژلُن ۔ شفا لبُن ۔ چھو کس آ نگ یُن۔

**بلبیلہٕ** ۔[ن۔ سۆل: بلبیل < ف: بلبلہ]۔ اکھ سوٚہ یتھ دوا بناوان چھ۔

بلغم ۔ [ن ۔ مؤل : بلغم > ع : بلغم ] کف ۔ سو چیز یتہٕ مایہ دار ٹھوکہٕ ۔

بلو ۔ [ن ۔ مؤل : بلو > ہ : بلوا ] ۔ بغاوتھ ۔ شورِش ۔ ہنگامہٕ ۔ فساد ۔

بلوآے ۔ [مؤل : بلوآے > ہ : بلوائی ] ۱۔ سرکش ۔ فسادی ۔ فساد تُلن وول ۔ یُس شورِش ہپالاوِ ۔ یُس ہنگامن تہٕ بغاوتن منٛز شامِل آسہِ ۔ ۲۔ فسادن ہنٛز جماعتھ ۔

بم ۱ ۔ [ن ۔ مؤل : بم > س : بھامر ] ۔ ہنگہٕ تہٕ منگچ ناگہانی بلاے ۔ خاصکرِ تھ سو کھس اندر ینیتھ کینہٕ گژھن یِیمہِ سیتی ماتم پییہِ ۔

بمل ۔ بم ژھنن وول ۔ ہنگہٕ زر کرن وول ۔

بمبر ۔ بمہٕ رنٛگی ۔ بم نژاون واجنی ۔

بمہٕ لد ۔ یُس بم آسہِ پیوٚمُت ۔ یُس تُتھ لدِتھ روزِ تہٕ ٹیشدی کڈِ ۔

بم پیوٚن ۔ سو کھس منٛز دو کھ پیوٚن ۔ کھاندرس ہیٚنز ماتمس لایق کینہٕ گژھن ۔

بم تُلن ۔ سیٹھا لاٹُن ۔ مسلہٕ تُلن ۔

م : اوبکرِ چوبکہٕ تُلی مسِ بم ۔

بم ژھنن ۔ تیٚتھ وٚگِن ژھنن یِیمہِ سیتی پریشانی سپدِ ۔ تیٚتھ کینٛہہ کرُن ییٚنز یِیمہِ سیتی سو کھس منٛز دو کھ پییہ ۔

بم ۲ ۔ [ن ۔ مؤل : بم > ف : بم ۔ م ، زیر و بم ] دوٚ سوٚلہٕ ولینٛج تھز آواز ۔

بم زیر ۔ زیر و بم ۔ ۱۔ طبلہٕ جوٚڑی ۔ دو سوٚلہٕ ۔ ۲۔ طبلہٕ جورِ ہپیٹھ تھدِ تہٕ لوٚنہ ٹاس ۔

بم ۳ ۔ [ن ۔ مؤل : بم > س : دم > ہ : بم / بمبا = پرتگالی : پمپا = انگ : پمپ (PUMP) ] ۔ نار ژھیتہٕ کرنٕچ مشین ، اکھ چھ آب چھکنہٕ باپتھ زیٹھ زیٹھی ناری لاگنہٕ یوان ۔

بم ۴ ۔ [ن ۔ مؤل : بم > انگ : بومب (BOMB) > لاطینی : بومبس = یونانی : بومبوس ] ۔ اکھ گولہٕ یا تمیک خول یتھ اندر دزن لایق مادٕ یا زہریلہٕ گیس آسان چھُ ، یہ چھُ یوان تباہی کرنہٕ باپتھ لاینہٕ یا تھوٚنہٕ ۔

بم ۵ ۔ [ن ۔ مؤل : بم > انگ : بیمبوٗ (BAMBOO) > کنڈ : بمبو ] ۔ ریٚڈکی یا ٹانگلی تم

زیٹھی باٹنسہ ڈنڈ یمن گرٕ چھ گنڈنہٕ آسان۔

**بمبے** ۔ [> ف: بہ + ع: سع] ۔ (کینہہ یا کانہہ) بہنتھ۔ (کانٹسہ) سیتی۔ (کانٹسہ) سان۔

**بمبے چاے** ۔ سوغلی چاے ۔ قہوٕ (چاے)

**بمبہٕ راش** ۔ گہی لبٕر ، گہی بود۔

**بمباری** ۔ [م ۔ مول: بمباری > انگ: بومب (BOMB) + ف: بار] ۔ بم ترٛاوٕنی۔ جنگہٕ وِزِ کٔرنہٕ آسی تی بیٹھ بم ترٛاوٕنی۔

**بم ژونٹھ** ۔ [ن ۔ مول: بم ژونٹھ] ۔ لیڈریرٕ سان ژونٹھ ہیوٕ اکھ میوٕ۔

بم ژونٹھی بٹول ۔ بم ژونٹھیک بٹول ۔ نم دانہٕ یم بم ژونٹھس منٛز باگ آسان چھ۔

بم ژونٹھی رنگ گرٛدھن ۔ بتھس لیڈریرٕ پھیرٕن۔

بم ژونٹھی کج ۔ شہ لوگٹ کٔل ییتھ بم ژونٹھی نیران چھ۔

بم ژونٹھی کٔل ۔ شہ کٔل ییتھ بم ژونٹھی نیران چھ۔

بم ژونٹھی ہٹ ۔ ۱۔ ہو کھناوٕ ییتھ بم ژونٹھی ژٕ کٔل یا قاشس ۔ ۲۔ بم ژونٹھی کلیج لکرٕ۔

بم ژونٹھ ہیوٕ ۔ ۱۔ بم ژونٹھی شکلہٕ ۔ بم ژونٹھی رنگہٕ۔

**بن ، بنہٕ ع۱ ، بوٚن** ۔ [م ۔ مول: بن > س: بنٛدھ] ۔ امبار یا امبر ۔ ڈیرٕ ۔ بنارٕ ۔ بیٛوٹھس بیٹھ ترتیب وارتھوٚکتھ کٔنڈیک ڈیر۔

بنہٕ زٔمن ۔ زٔمن ییتھ بنہٕ آسہٕ کرنہٕ یتٕر۔ بنہٕ کرنہٕ تھوٚوُسٕت زٔمن ۔ بنہٕ بیٹھہٕ تلمٕت زٔمن۔

بنہٕ گاسہٕ ۔ گاسہٕ ییتھ بوٚن بیہٕ بناونہٕ۔ بنہٕ کرنہٕ تھوٚوُسٕت گاسہٕ ۔ بنہٕ بیٹھہٕ تلمٕت گاسہٕ۔

**بنہٕ ع۲** ۔ [ن ۔ مول: > س: بنٛدھن] حد ۔ سرحد۔

**بنفشہٕ ، بُنفشہٕ** ۔ [ن ۔ مول: بنفش > ف: بنفشہ] ۔ گنٛگچہٕ ، اکہٕ دوا بوٹہٕ ہُند ناو۔

**بناتھ** ۔ [ن ۔ مول: بنات > ع: بنات] اکہٕ قسمُک گرٕم کپُڑ یُس نرٕم آسان چھُ۔

بنانٛک ۔ بناتی ۔ بناتی کپٕرٕ۔

بناتو ۔ بنانٛک ۔ بناتی ۔ بناتی کپرٕ۔

**بناتی** - بنات کپڑ‌ٕ -

**بنارس** - [ن - سۄل : بنارس < ہ : بنارس < س : وارانسی]
ہندوستانک اکھ شہرک ناو یتھ کاشی تہٕ وَنان
چھ، اَز کل چھس وارانسی تہٕ وَنان - ہیندین ہِنٛدی چھ
اَکھ شہرس متبرک گنزران -

**بنارسی (ساڑی)** بنارسہٕ بنیمٕژ دوتی یا وُڈنی -

**بناوتھ** [ن - سۄل : بناوٹ < س : وَن] -
شُبِتھ - ناوَن -

**بناوتھٕ یُن** - ہَنگہٕ مَنگہٕ کانہہ شُبِتھ یُن
(خاص کرِتھ کُنہہ نوٕ قصانہہ تہٕ وارِ داتہ بیترِ رنگی)

**بناوٹ** - [م - سۄل : بناوٹ < ہ : بناوٹ < س : وَن]
۱- اگرِ نہی - گرٕ کھ - ۲- اَپزِ ہاوِ باو - نقل -
۳- ساز - سنگار -

**بناوٹی** - نقلی - ہاوِ باوُک - ظاہری -

**بناوُن** - [ن - سۄل : بناو < س : وَن] - تیار کرُن -
تامیر بیترِ کرُن - ایجاد کرُن - پاد کرُن -

**بناوِناوُن** - دوٚیمس اَتھٕ کینہہ تیار کرناوُن -

**بنہٕ واز (بندٕ نوازٕ)** [سۄل : بنہٕ واز < ف : بندہ نواز]
بزرتہٕ بُرژھی کانسہِ پوان وَننہٕ - جناب - حضور -

**بُنُن** - [< س : وَن] - ۱- وۄہ پدُن - ۲- سپدُن -
۳- گدرُن - بُنتھٕ یُن - ۴- میانُن - سوٕ لیس ر
آسُن - دسیاب آسُن - لبُن -

**بنہٕ نی** - سپدٕنی - یتھ لازمی مَن بنُن آسہ -
بنہٕ وُن - باوی -

**بنہٕ وُن** - سپدٕ وُن - یہٕ کینژھا سپدتھ ہیکہٕ -
یہٕ کینژھا پانے بُنتھ ہیکہٕ -

**بُنتھٕ یُن** - ۱- شُبتھٕ یُن - گدرُن - بناوتھٕ یُن -
وارِ داتھ گژھُن - دوہ کھ بیوُن - م: تَس نے
بُنتھ بیہٕ ہے شہ کیا زِ پیبہٕ ہے لوکٕ ہنزرن
ژرہ چن پیٹھ - ۲- پزِ بٕہ بیٹھی پراوُن - بیچ ہٕ
پرانتھے آسہ تی بنُن تہٕ توے اُچھن کھسُن -

**بنہٕ راوُن، بنہٕ رُن** - کانسہِ تکلیف واتناوُن -
کانسہِ کانہہ وارِ داتھ کرُن - گدراوُن - کھش اُنُن -

**بنج** - [ن - سۄل : بنج < س : وانجیہ] تجارتھ - کاربار -
بابار - ادر یور مالک لین دین -

**بنج کرُن** - تجارتھ کرُن - کارِ بار کرُن - بیپار کرُن -

**بنجر** - [ن - سۄل : بنجر < ہ : بنجر < س : ونذھیا + دھرا]
بنُوٹھ زمین - واران زمین - سۄ زمین یۄسہ
نہٕ زانہہ واینہٕ آسہ آمژ - سۄ زمین یۄسہ
نہٕ واینہٕ لایق آسہ -

**بنجر پراٹن، بنجر پراٹنی** - ۱- بنُوٹھ زمین
ڈُٹُن (واپن) ۲- مشکل کام کرنی - مشکلن تن دنی -

بَنٛجر تھٔلُن، بَنٛجر ژھٔن۔ بۆڈھ زمین لاگُن۔

بَنٛجُن۔ یینٛز برٕ ژ۔

بَنٛد ۱۔ [ن۔ سۄل: بَنٛد > س: بَنٛدھُ]۔

اَنٛگ اَشناو۔ بانٛدو۔

بَنٛدٕ وول۔ ۱۔ یُس واریاہ اَشناو آسن۔ کُس کوبہٕ دار۔ ۲۔ بٔڈِ تہٕ ناو دار خاندانٕک۔ کٔتھ انہٕ ہۆڈ۔

بَنٛدُت، بَنٛدھُ۔ بَرادٔری۔ رِشتہٕ۔ رِشتہٕ دأری۔ توٗلُق۔ پانہٕ نیار۔

بَنٛدُت کرُن۔ پانہٕ نیار کرُن۔ رِشتہٕ کرُن۔

بَنٛدُھ گژھُن۔ رِشتہٕ سپدُن۔ پانہٕ نیار گژھُن۔

بَنٛد بانٛدو۔ اَشناو۔ رِشتہٕ دار۔ یِمن ستۍ اَشناوی آسہِ۔

بَنٛد ۲۔ [> ف: بَنٛد = س: بَنٛدھ]۔ ۱۔ گنٛڈِتھ۔ ۲۔ دِتھ (دأر دروازٕ بیترِ) ۳۔ ڈٔٹھ (کتاب بیتر) ۴۔ رُکوٗمت۔ اَکہِ ہیے جایہ روٗٹہٕ گوٗمت۔ بہٕ یا یُس نہٕ اور یور ژٕکِتھ ہیکہِ۔ ۵۔ قأد کوٗرمُت۔ یُس قأد آسہِ تھوٗومت۔

بَنٛد بوتل۔ بَنٛد کٔرانہٕ واجنہِ طاقتی مایہٕ دار دوابوتل۔ پیٹنٹ دوا بوتل۔

بَنٛد کرُن۔ رُکاوُن۔ ۲۔ (پیچ بیتر) کسُن۔ ۳۔ دِیُن (دروازٕ بیترِ) ۴۔ ڈٔٹھ تھوٗن۔ ۵۔ جیل لدُن۔ ۶۔ لاچار کرُن۔ آچھ کرُن۔ موٗحتاج کرُن۔

بَنٛد گژھُن۔ ۱۔ رُکُن۔ روٗٹہٕ گژھُن۔ اور یور نہٕ گژھِتھ ہیکُن۔ موکلن پایہِ نہٕ آسُن۔ ۲۔ دِنہٕ یُن (دروازٕ دأر بیترِ)۔ ۳۔ لاچار گژھُن۔ حاجتھ نہٕ نیرِتھ ہیکُن۔ آچھ گژھُن۔

بَنٛد گنٛڈٕنۍ۔ کلابوت چھاونٕس سٕتۍ پھبیتی کرٕنۍ۔

بَنٛد ۳۔ [ن۔ سۄل: بَنٛد > ف: ابنٛد] تان۔ اَنٛگ۔ جِسمٕک کانٛہہ حِصہٕ۔ جوڑ۔

بَنٛدٕ بَنٛدٕ پھٹ۔ یُس ساری بَنٛد پھٹمتۍ آسُن۔

بَنٛدٕ بَنٛدٕ دار۔ سُہ کانٛہہ چیز بیتر یتھ کُنہِ اَنٛگچ کٔمی آسہِ نہٕ یا یتھ ساری تان موٗجود آسن۔

بَنٛدٕ بَنٛدٕ کڈُن۔ کُنہِ چیزٕس ساری اَنٛگ اَلگ اَلگ کرٕنۍ۔ بَنٛد۔ بیوٗن بیوٗن کرٕنۍ۔ تانہٕ تانہٕ کرُن۔

بَنٛدٕ بَنٛدٕ کرُن۔ بَنٛدٕ بَنٛدٕ کڈُن۔ تانہٕ تانہٕ کرُن۔ تان کڈٕنۍ۔

بَنٛدٕ واٹھ۔ سۄ جاے یتھ نٕ بَنٛد واٹھ

آسن کھوان ۔ سو جاے ییتہِ نِس دوہ ن حصن
گنٔنے آسہٕ گژھان۔

**بَنْدٕ وول** ۔ سُہ کانٛہہ چیز ییتھ واریاہ جوڑ یا
داٹھ آسن ۔ واریاہ ٹکرٕ دأٹھتھ بنووُنت کانٛہہ
اکھ چیز۔

**بَنْدٕ ٤** ۔ [< ف: بند = س: بَنْدھ] ۔ رٕہن ۔ گرٕو

**بَنْدٕ پٔڑھ** ۔ تِژھ صورتھ آسنہٕ ییتھ کانٛہہ
دوہ زٕہس پٔتہٕ ۔ بازٕرچ پرٕتھبھ۔

**بَنْدٕ پیٹھ (اٰنُن)** (بندٕوس ییترٕ) سو کلاؤتھ اٰنُن۔

**بَنْدٕرٕ** ۔ [ن ۔ سٔول: بَنْدٕر < بَنْدٕ ٤ + ک = ؟]
بندٕس پیٹھ دوہ زُم دِنہٕ وول ۔ بَنْدٕرٕٹُن وول سٔودٕر

**بَنْدٕ کنتھ** ۔ پتنہٕ جایہٕ کنتھ ۔ سرٕکنتھ ۔ بوٗرٕ سس
پیٹھ کأنسہٕ بووُنت سِر۔

**بَنْدٕ وَس (وَسْت)** سُہ کانٛہہ چیز یُس
گرٕوِ تھووہٕ آسہٕ آمُت۔

**بَنْدُک** ۔ گرٕو تھوووُنت چیز ییترٕ۔

**بَنْد تھوٗن** ۔ گرٕو تھوٗن ۔ رٕہن تھوٗن۔

**بَنْد رٕنْد** ۔ بَنْد وٕنْد ۔ بَنْد ییترٕ۔

**بَنْد رٕنْد کرُن** ۔ قرضہٕ ییترٕ تُلنہٕ باپتھ گرٕو
سوٗن ۔ اورُک یور کرٕ کتھ دوہ زُم ہیوٗن۔

**بَنْدٕ ٥** ۔ (پوٗت لوٗگ) پلو بینز یا گاہے پئہٕ کُنہٕ بَنْدس
گنْڈنہٕ یا لاگنہٕ ییِہ ۔ م؛ گلو بَنْد، کمر بَنْد، حلقہٕ بَنْد۔

**بَنْدٕ ٦** [ن ۔ سٔول: بَنْد < انگ: بَن (ب ن د)]
(ڈٔل ژوہ چیہ ہنٛدٕکی یا اُٹھی بنووُنت) ژوہ چیہ وڈٕر۔

**بَنْدٕن ١** [ن ۔ سٔول: بَنْدٕن < س: بَنْدھنہ]
لحاظ ۔ پاس ۔ فرٕض ۔ لازم۔

**بَنْدٕن ہیوٗن** ۔ کأنسہٕ کانٛہہ فرٕض ادا کرُن پیوٗن۔
باوکرنہٕ باپتھ کأنسہٕ نِش گژھُن ہیوٗن ۔ م:
سے پیہو وَنہٕ بَنْدٕن تہٕ توٚے ووتُس ژِھرکٕ۔

**بَنْدٕن گژھُن** ۔ لحاظ گژھُن ۔ پاسس گژھُن۔
فرٕض زانُن۔

**بَنْدٕن ہیوٗن** ۔ ١۔ کأنسہٕ ہنٛدِ باپتھ کام سٔرٕ
ہینٛز۔ ٢۔ ہیٚز ہیوٗن ۔ رفاقت کرٕنی۔

**بَنْدٕنہٕ وول** ۔ ١۔ یُس بَنْدٕن ہوان آسہِ۔
٢۔ یُسند بَنْدٕن آسہِ۔

**بَنْدٕن ٢** ۔ [ن ۔ سٔول: بَنْدٕن < س: بَنْدھنہ]
گنْڈ ۔ آرٕ گژھنہٕ۔

**بَنْدٕ پیٹھ (اٰنٛنی)** نابالغ نوشہٕ (اٰنٛنی)۔
(یُس نرٕ گہ یا کساہ بدلہٕ بَنْدٕکہ آسہِ کُلس گنْڈان۔

**بَنْدٕ** ۔ [سٔول: بَنْدٕ < ف: بندہ] ۔ غولام۔
نوکر ۔ خدمت گار ۔ داس۔

**بَنْدٕ چھ بَشَر** ۔ انسانس چھےٚ غلطی گژھِ ہی۔

**بَنٛدٕگی** ـ ۱ ـ غولامی ـ فرمانبرداری ـ تابیدآری ـ
۲ ـ سلام ـ آداب بینٛزٕ ـ ۳ ـ (ہزٕ پاٹھی) تولُق
زٕٹُن ـ م: سائنٕ چھےٚ بَنٛدٕگی ـ

**بَنٛدٕگی کَرٕنۍ** ـ غولامی کَرٕنۍ ـ فرمانبرداری تہٕ
تابیدآری کَرٕنۍ ـ ۲ ـ سلام کَرٕنۍ ـ

**بَنٛدیٛنٛز** ـ [ن ـ ئول: بَندیٛز] ـ ۱ ـ مَرٕژِ وانگَن شوٗزناہ ـ
مسالہٕ تہٕ مَرٕژِ وانگَن ہیٛنٛزی ـ ۲ ـ سَخ بَنٛدِش
(کوٗٹھرِ، پنجرس یا قادخانس منٛز) زَدہٕ گنٛڈِتھ ـ

**بَنٛدیلہٕ** ـ [ن ـ ئول بَندیل < س: بَنٛدی]
ژٕ وَرَن وٕ وَرَن اُرٕٹھتھ رَنہٕ دول ـ جیل خانٕ
بَنٛد کَرُن دول ـ

**بَنٛدیلہٕ تھَوٕنۍ** ـ ژٕ وَرٕ ژٕ کَل بینٛزِ رٹہٕ باپتھ
مُلازِم تھَوٕنۍ ـ

**بَنٛد پاے** ـ لیٛنٛزِ دَنٛد سیٚو دِکرُنک سامانہٕ ـ

**بَنٛد گاسہٕ** ـ بَنٛد بَنٛدٕ اَلگ اکہٕ گاشک ناوُ یُس
سکابہٕ کلُس ستی سینٛنی چھُ وہ پدان ـ

**بَنٛد گوٗپی** ـ [م ـ ئول: بَنٛد گوٗپی < ف: بَنٛد + ۶/ا: گوبھی] ـ
اکھ ہاکہٕ ذائقہٕ بینکِ ڈٕ تھر یوٗٹس پیٚٹھ دٕ ٹھَد
آسان چھ ـ

**بَنٛد** ـ [ن ـ ئول: بَنٛد < انگ، بَنٛڈ (BUND)]
۱ ـ (گنہٕ کوٗلہِ بینٛزِ ہٕنٛد) سوٗ کھ ـ ۲ ـ سِرٕنگرٕ منٛز اَندر

ڈیٛبھِ ڈٕ چھنہٕ سوٗ نہٕ وارٕ پیٚٹھ اُٹھرٕ اکَدَل تام
بُٹھی بُٹھی سوٗ کھ ـ

**بَنٛڈارٕ** ـ [ن ـ ئول: بَنٛڈار < س: بھانڈار] ـ
۱ ـ گوسائنٕ سادتہٕ فقیر بینٛزِ کھیاوُنک
چاونک اِنتِظام ـ ۲ ـ چیزَن ہُنٛد امبار ـ

**بَنٛڈارٕ کَرُن** ـ گوسائنٕ تہٕ فقیر بینٛز سومبرِتھ
تِم کھیاوِنۍ چاوِنۍ ـ

**بَنٛڈآری** ـ ۱ ـ بَنٛڈارُک اِنتِظام کَرَن دول ـ
۲ ـ یُس بَنٛڈارٕ حوالہٕ آسہِ ـ ۳ ـ وازٕ ـ

**بَنٛڈیجہٕ** ـ [ن ـ ئول: بَنٛڈیج < انگ:
بینڈیج (BANDAGE)] ـ ٹیٹ ـ چھوکس
یا چھٕنجہِ جایہِ بچاوٕ باپتھ گنٛڈُنک کپرٕ لاٹھ یا پٹ ـ

**بَنٛسُری** ـ [م ـ ئول: بَنٛسُری < س: وَنٛشی]
سورلی ـ وازٕ پینچ نے ـ

**بَنٛک** ـ [ن ـ ئول: بَنٛک < انگ: بینک
(BANK)] ـ روپیہ بینٛزِ جمع کَرُنک خزانہٕ ـ
سُہ خزانہٕ ییٚتھ اَندر لوکُن ہٕنٛز یا سرکاری
روپیہ بینٛز سومبرٕ آوِتھ تھوٗنہٕ چھےٚ یوان ـ
سُہ اِدارٕ ییٚتھ دیارَن ہٕنٛد لین دین تہٕ وُہ زِم
وُہ رُد بینٛزِ چھُ سپدان بیٚیہ ییٚنہٕ سوٗ دس
پیٚٹھ دیار نیہٕ دِنہٕ یوان چھ ـ

**بنگ** ۔ [ن ۔ سٕول : بنگ < س : بھشکر] ۔
۱ ۔ خرابی گژھنی ۔ پھٹن ۔ م : رنگس بنگ گژھن ۔
۲ ۔ آواز پھٹنی ۔ آواز ژھوکنی ۔ کنھہ منز پھیر! کچر بیتر ۔ کنھ نہٕ صاف گژھنی ۔

**بنگال** ۔ [ن ۔ سٕول : بنگال] ۔ یہ چھُ اکھ علاقہٕ امیک اوڑ چھُ ہندوستانک اکھ پڑ دیش ۔

**بنگالُک** ۔ بنگالی ۔ بنگالک روزن وول ۔

**بنگالی** ۔ بنگالُک ۔ بنگالین ہنز بوٕلی ۔

**بنگالہٕ** ۔ [ن ۔ سٕول : بنگال < س : بھنگ + آلیہ] ۔ کر ییٹھ کتھیک لوکُٹ تہٕ ہوادار کمرٕ ۔ ڈالاہٕ ۔

**بنگہٕ** ۔ [م ۔ سٕول : بنگ < س : بھنگہٕ] اکھ کُل، تھیکہ پن، ژٕہن یا کاٹھ بیٹھکہ چیٖنہٕ سیتی نشہٕ چھُ کھسان ۔

**بنگہٕ بوٗس** ۔ ۱ ۔ آتش بازہِ ہُند اکھ قسم ۔ اکھ بنگولہٕ یُس ہوٗس منز ہیور لاینہ پھاٹنا وینہٕ چھُ یوان ۔ ۲ ۔ ہنہٕ سنن، یُس مُتھ لدنہ بییہٕ ۔

**بنگہٕ بود** ۔ یُس بنگہٕ چینہ دُ بنگہٕ آسہِ ۔

**بنگہٕ ترٹو** ۔ بنگہٕ ٹوٗر ۔ بنگہٕ پوش ۔

**بنگہٕ ٹوپ** ۔ پھُلی دار بنگہٕ پوش ۔

**بنگہٕ ٹھوٗل** ۔ ۱ ۔ بنگہٕ ٹوچک اکھ حصہٕ ۔ ۲ ۔ ۱ز ہُند اکھ قسم ۔ بنگولُک اکھ قسم ۔

**بنگہٕ ڈیلہٕ واٹھ** ۔ بفوہ کہٕ جود ۔ اڈ ییچ کام ۔

**بنگہٕ ڈیوٗ** ۔ یُس چینہٕ سندی یا ٹھی بنگہٕ آسہِ چوان ۔

**بنگہٕ دیوٗل** ۔ بنگہٕ دیچھ زیٹھ تہٕ تنگ ربل ۔

**بنگہٕ ڈار** ۔ سُہ زیٖن ییتھ بنگہٕ آسہِ بوہوان ۔

**بنگہٕ ڈٕس** ۔ ۱ ۔ بنگہٕ دگنگ ژھوٹہٕ ۔ ۲ ۔ میٹرِ بوپن ہیوہ انسان ۔

**بنگہٕ رزٕ** ۔ بنگہٕ دِل وُٹھتھ بناونہٕ رز ۔

**بنگہٕ رس** ۔ بنگہٕ شیٖر ۔ نشہٕ کھارُن اکھ عارق یُس بنگہٕ وُٹھر دِگنھ بناونہٕ چھُ یوان ۔

**بنگہٕ زرٕ گژھنی** ۔ رنگس منز بنگ گژھن ۔ بے مزٕ گی گژھنی ۔

**بنگہٕ شیٖر** ۔ بنگہٕ پوشن دِگنھ کوڈمت شیٖر ۔

**بنگہٕ شوٗدٕ** ۔ یُس بنگہٕ نشس لوٗر آسہِ ۔ یُس بنگہٕ چینک عادتھ آسہِ ۔

**بنگہٕ منزی نژُن، بنگہٕ اندری نژُن** ۔ ۱ ۔ ٹلی زور ژُن ۔ سُہ کام کرنی ییتھ نہٕ کانہٕ پھل نیرِ (دگرٕ بیرٕ سن) ۔ ۲ ۔ اتھ نہٕ گژھُن ۔ کیچہ کیچہ نہٕ گژھن ۔

**بنگہٕ ٹلنی** ۔ ۱ ۔ (ا ۔ م) بنگہٕ ژٹھہٕ ننی ۔ ۲ ۔ کُنہ چیٖز یُس نہٕ کوشش زٕ روٗن ۔ ییتھ کُن

نہٕ دِہ تہٕ کھوٗن ۔

**بنگہٕ چھتھ** ۔ ییمی بنگہٕ چیمٕژ آسہِ تہٕ ڈیچھ گو مغزٕ ڈوٗلِمت ۔ یُس نہٕ جس تہٕ ہوش برابر آسہِ ۔

**بنگہٕ دِنۍ** ۔ ۱۔ بنگہٕ چاوِتھ نشہِ کھارُن ۔ ۲۔ مُیٚژٕ خبر ہینۍ، مُیٚژٕ نوٗن دِیُن ۔ ئولہِ سو بنجہٕ گاٹُن ۔

**بنگہٕ گاٹنۍ** ۔ پھش پھش دِتھ یا وشنیرٕ ستی

**بنگہٕ کُملاوِنۍ** ۔ پوٗر پاٹھۍ تباہ کرُن ۔ کُنہِ لایق نہٕ تھوٗن ۔ ئولہِ سو بنجہٕ گاٹُن ۔

**بنگہٕ ڈُڈاوِنۍ** ۔ ساری سے فان کرُن ۔ سورے کبٕنہٕ ہیتھ ژلُن تہٕ دٲران کرُن ۔ پتھ کُن نہٕ رَژھ نہٕ تھوٚنۍ ۔

**بنگہٕ ووٚتھنۍ** ۔ سورے خرچ گژھُن ۔ سورے سوکھلُن ۔ پتھ کُن نہٕ کہنی روزُن ۔

**بنگہٕ یار** ۔ یُس ستی ژلتھ بنگہٕ ییہِ چینہٕ ۔

**بنگہٕ یارٕ** ۔ بنگین ہنٛد دوستی ۔ بنگہٕ چینہٕ والین ہنٛد اکھ اَکس ستی یارانہٕ ۔

**بنگُر ، بنٛگر** ۔ ۱۔ بنگہٕ کھَن دول ۔ ۲۔ یُس بنگہٕ بور آسہِ ۔ یُس بنگہٕ آسہِ چوان ۔ ۳۔ بنگرٕ ہیٚنۍ ۔

**بنگولہٕ** ۔ اکِہ آتشِ بازِ ہنٛد ناو ۔

**بوٗ ۱** ۔ [ن ۔ مئول : بو < س : بھو ۔] سمسار ۔ زٕنگنہٕ ۔

**بوٗسر ۔ بوٗساگر** ۔ سمسارٕ رٕپی سمنٛدر ۔ سمسار (ییمہِ اپور ترُن وانہٕ) ۔

**بوٗن ۱** ۔ [ن ۔ مئول : بوٗن < بھوٗنہٕ] ۔ لٕڑٕ منٛدور ۔

**بوٗن سوٗمبراوُن** ۔ گرٕکی سٹھا چیز سوٗمبراوِنۍ ۔ گرٕچ ساگرٕ سے سوٗمبراوِنۍ ۔

**بوٗن ۲** ۔ [ن ۔ مئول : بوٗن < س : بھوٗنہٕ] کٔشیرِ منٛز اکھ مشہور جایہِ ہنٛد ناو ییتھ منٛز تہٕ دٕنان چھہٕ ، اَتہِ چھہٕ ہیند پن ہنٛد اکھ مشہور تیرتھ ۔

**بواسیر** ۔ [م ۔ مئول : بواسیر < ع : بواسیر (ببسر)] اکِہ بیمارِ ہنٛد ناو ییتھ منٛز کینٛژن صورتن منٛز مادانس ستی رتھ چھہٕ پکان ۔

**بواسیر لد** ۔ ۱۔ یُس بواسیر آسہِ ۔ یُس بواسیر ہنٛد دود آسہِ ۔ ۲۔ نوٗ شکیژ لد ۔

**بوٗانۍ** ۔ [م ۔ مئول : بوٗانی < س : بھوانی] ۔ دیوی ۔ اکس دیوی ہنٛد ناو ۔

**بوٗروز** ۔ [ن ۔ مئول : بورُز < س : بھوٗ + رُج] ۔ ییٚتہِ تہٕ ییٚتہِ زٕنمس ہینک روگ ۔ آوا گمنک بدھتھ ۔

**بوٗسوٗدٕر** ۔ وُچھو "بوٗسر" ۔

**بہَل** ۔ [م ۔ مئول : بہل] ۔ کوٗ ہس کھسن والۍ منٛز ڈھر پیٚچ بلم یا ڈنٛڈٕ ۔

**بہا ، باہ** ۔ [ن ۔ مئول : بہا < س : واشپہ]

گرٛ کہٕ وٕنس نہٕ تٮ۪نس چیزس بیترِ تٮ۪س دہ ہیٚوہ
دوٚ نقصان چھُ -

**بہادٕیُن** - کانٛہہ چیز گرٛ کہٕ نادِھ پانٛس یا کُنہِ
بٔندس تمٮ۪ک بہا واتناوُن -

**بہاکھیوُن** - بہا سِتی کُنہِ چیزُک پلٹُن -

**بہالد** - یتھ بہا آسہِ لوٚگمُت - یہِ کیٚنژھا بہا
لگنہٕ پلٹھوٚمُت آسہِ -

**بہالگُن** - بہا سِتی خراب گژھُن، کھوٚ ٹھ
گژھُن یا پلٹُن -

**بہاوُن** - ۱- پانٛس بہادٕیُن - بہا شُران
کرُن - وُشناوُن - گرٛم کرُن (کھیٚنہٕ چیز بیترِ)

**بہاین** - پیٚن - بہس تھوٚنہٕ سِتی پیٚن -

**بہاٹھانہٕ** [ن - سوٗل : بہاٹھانہٕ < س : واشپہٕ +
سٔتمبھنہٕ] - (ا.م) - بہاس ٹھانہٕ -
لیوٚب تھوٚپ - آپز میٚز وُرن تژاوُن -

**بہاٹھانہٕ روزُن** - لیوٚب تھوٚپ روزُن -
وُرُن روزُن - سر پرٛ دِس مٔنتر روزُن -

**بہاٹھانہٕ گژھُن** - لیوٚب تھوٚپ ڈھٔتھ
گژھُن - ڈرُن ڈھِتھ گژھُن - ڈرُن نہٕ
روزُن - نِنہٕ گژھُن -

**بہار** [ن - سوٗل : بہار < ف : بہار - پہلوی : دہر]-
سوٗنتھ - سوٗنتہٕ کال -

**بہارس کیٚت** - سوٗنتہٕ کالہِ - سوٗنتس کیٚت -

**بہارُک** - سوٗنتُک -

**بہار چھاوُن** - ۱- بہارُک لُطف تُلُن -
۲- جوانی ہِنٛد لُطف تُلُن - ۳- (شُرٕ بن
ہِنٛدِ ڈٔسی) سوکھ پراوُن - راحتھ لبُن -

**بہارٕیُن** - سوٗنتھ یُن - سوٗنتہٕ کال واتُن -
(کُل کوٚٹ بیترِ) پھوٚلُن - زٕوا ژُن -
بجا گژھُن - نوٚن تہٕ پھوٚلُن -

**بُہارٕ کرٕ** - بہارُک - سوٗنتُک - سوٗنتہٕ چالہِ -

**بہاژ - بہژ** - [م - سوٗل : بہاژہ / بہژ < س : وٚتسرو؟]
ژھیٚپہٕ پٔتس کرِتھ مال سار ہٮ۪نج اکھ بٔڈ ہہٕ کھیٚچ ناو -

**بہاژِ ہاٚنز** - بہاژ چلاون وول - بہاژِ وول -

**بہاکھ ، بہکھ** [م - سوٗل : بہک] - کوٚہی پوٚت
وَن - پوٚت وَن یتہِ پٔہلی گۄنن تہٕ نیرن گاسہ
کھیاوُنہٕ نوان چھِ - نیوٚر - نے -

**بہاکھِ کھسُن** - پوٚت وَن کھسُن - چار واین
تہٕ تیرن بیترِ نظر دِنہٕ پوٚت وَن کھسُن -

**بہاگنی** [م - سوٗل : بہاگن < س : دٔداوشش + گنہٕ]
پژُون اکھ سِکہٕ یمیُک قیمت اٹھ ہار اوس -

**بہاگیٖنُن** - شہ پژُون سِکہٕ یُس بہاگنہٕ لوان اوس -

**بہاگوٗن** [ن ۔ ئوٗل : بہاگن < س : دٗوادشہ + گنہ ۔]
بٔہ لٹہٕ اکہٕ وٹہِ کرٕتھ ۔ بُہہ پھِر گوٗن کرٕتھ ۔
بٔہ لٹہٕ کانٛہہ مِقدار یا راد ۔

**بہانہٕ** ۔ [ن ۔ ئوٗل : بہان < ف : بہانہ] حیلہٕ ۔ ہیتھ ۔

**بہانہٕ باز** ۔ بہانہٕ ژھانڈن وول ۔ بہانہٕ گوٚر ۔ حیلہٕ گوٚر ۔

**بہانہٕ کرُن** ۔ حیلہٕ کرُن ۔ ہیتھ کرُن ۔

**بہانہ گوٚر** ۔ ہیتہٕ گوٚر ۔ حیلہٕ گوٚر ۔ یُس ہیتَن زاگرٕ یُس ہیتھ رٹنک عادتھ آسہِ ۔

**بٔہہ لگُن** ۔ دانہِ گوہین یا تھپسرہ ین مَنٛز کینہہ دوٚہ روزنس وَنان ۔

**بہلرٕ** ۔ [ن ۔ ئوٗل : بہلر < انگ : بوائلر (BOILER)]
(کُنہِ کارخانک یا شپنہ بیترٕ ہُند) بہاد (بہہ) یا دٕہنٛزاونک نور ۔ کُنہ کارخانس مَنٛز آب گژھ کہ ناونک بوٚڈ ڈرٗم ۔

**بہلہ پایہ** ۔ یُس اُکس بیٛنہ اِسنٛد کھوتہٕ تھزٕ رُس یا جان حالتس مَنٛز آسہِ ۔ تھدٕ پایہ ۔

**بہلوٗن جنڈہٕ** ۔ ۱ ۔ خرقہٕ ۔ درویشی ہُند نِشانہٕ ۔
۲ ۔ کینٛہہ نہٕ آسُن ۔

**بیانتھ** ۔ [م ۔ ئوٗل : بیات < ع : بیعت] ۔
بیٖرٕ سَنٛزٕ کنتھ بیترِ بیٛنھ پکنک واتھ ۔

**بیانتھ دِنۍ** ۔ ۱ ۔ سرپد بناوُن ۔ ۲ ۔ سبق پرُن ۔
عٔلمی نصیٖ حٔژ کرٕنہِ ۔ پرٕنہٕ بِہُن ۔

**بیانتھ وٕنی** ۔ تِہُنٛد سرپد ناتھِ کانٛسہِ ہیلہ ایتھ دِنۍ ۔

**بیاض** ۔ [م ۔ ئوٗل : بیاض < ع : بیاض ۔]
۱ ۔ سو لوکٹ کتاب یتھ مَنٛز یادٕ ڈترِ یا پتھ شار بیترٕ درٕج آسن ۔ نوٹ بُک ۔ ۲ ۔ عٔلم رٔلہ چوٗشرہوٚ شکلو مَنٛزٕ اکہِ شکلہِ ہُند ناو ۔

**بیال** ۔ وُچھو 'بیالہٕ'

**بیالہٕ** ۔ سیتی بوج ۔

**بیان** ۔ [ن ۔ ئوٗل : بیان < ع : بیان < بین] ۔
یہ کینٛژھا زٕبانۍ یا لیکھتھ وننہٕ ییٖہ ۔

**بیان کرُن** ۔ وَنُن ۔ حال بوزناوُن ۔

**بیانکھ** ۔ [ئوٗل : بیانک < س : بھیانکَ ۔]
خوفناکھ ۔ خطرناک ۔ ہٲبتھ ناکھ ۔ یہ وُچھنہٕ کھوژُن ییٖہ ۔

**بیٖرعا بے** ۔ [ن ۔ ئوٗل : بے < س : بھیَہ ۔]
خوف ۔ بیہم ۔ ڈر ۔ ترٛاس ۔

**بیٖس تل تھوُن** ۔ کھوژہٕ ناوِتھ کانٛہہ پننِس اَتھس مَنٛزٕ رٹُن ۔ بیٖمس تل تھوُن ۔

**بیٖس تل روزُن** ۔ کھوژِتھ روزُن ۔ خوفس تل روزُن ۔

**بیٖہ تھوُن** ۔ (کانٛسہِ) خوف تھوُن ۔ بیہم تھوُن ۔

**بیٖہ دِیُن** ۔ کھوژہٕ ناوُن ۔ ترٛہہٕ ناوُن ۔

